۱

# کأشُر نثر

(لیکھہٕ گوٚنڈ)

ترتیب کار:-

اوتار کرشن رہبر

غلام نبی خیال

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹس کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

# کاشُر نثر

(لیکھ گوٚنڈ)



ترتیب کار

اوتار کرشن رہبر

غلام نبی خیال

جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

سرینگر

ناو : کاشُر نثر (لیکھہٕ گۆنڈ)

مرتّب : اوتار کرشن رہبر، غلام نبی خیال

ناشر : سیکریٹری کلچرل اکاڈیمی سرینگر

تعداد : ۵۰۰

مول :

تاریخِ اشاعت : دسمبر ۱۹۶۷ء



مطبوعہ:- اعلیٰ پرنٹنگ پریس دہلی




# ترتیب



## گوڈنیک حصہ

(۱۸۲۱ء پیٹھہ ——— ۱۹۴۷ء یس تام)

# دوٚیُم حِصہٕ

## ( ۱۹۴۷ء پیٹھٕ از تام )

ہیچ تخمے نیست ضائع در زمینِ پاکِ عشق
خندہ ہائے گُل دمید از گریہ ہائے عندلیب

(غنیؔ)

# گوڈٕہ کتھ!

اَدب پارن ہندی لیکھہٕ گنڈنہٕ تیار کرنک مقصد چھُ واریاہ
کینٛہہ آسان۔ گوڈٕہ نیٚتھ چھہٕ یِم زبان تہٕ ادب رٚچھنس تہٕ للہٕ ورنس عام
تہٕ مقبول بناونس منٛز واریاہ مددگار ثابت سَپدان۔ دوٚیم یِتہٕ لۄبہٕ وٕنی گگُر
اَکِس گگل دانس منٛز یکجا سَپدان چھہٕ تتہٕ چھہٕ یِمو ماژی منٛدلو گلو سیٛتہٕ تمہٕ
ادبی گُلشنُک بحر تہٕ حُسن تہٕ نوٚن نیران، یَتھ منٛز یِم پھوٚلی ہتہٕ تہٕ پٔرتھِتھے ہتہٕ
آسَن۔ سوم چھہٕ یِمن ہُند فائیدہٕ یہِ تہٕ زِ اَکھ عام پَرن وول یِس تہٕ اَدبک
سوٚن سَلہٕ پارنس سوٚنب فرُصت آسہٕ چھُ یِتھو لیکھ گنڈلو سیٛتہٕ نہ صرف
پنُن پان رینزہٕ ناونس منٛز بلکہ مختلف فن کارَن سیٛتہٕ زان پہچان حاصل
کرنس منٛز تہٕ کامیاب سَپدان

یِتِمہٕ انتھالوجی ہُند واسطہٕ چھُ کأشرِ نثرِچہٕ جمہٕ یہِ سیٛتہٕ۔ یَتھ چھُنہٕ
شأیری سیٛتہٕ کانٛہہ واٹھ۔ یوٚدوَے یَتھ کالہٕ کین دورَن منٛز اَسہِ کُنہِ کُنہِ جایہِ
نثری ادبچہٕ زرٕژہٕ تہٕ آکار دریٛنٹھ یوان چھہٕ۔ سون نثری ادب چھُ صحی لفظَن
منٛز وُہمہِ صَدی عیسوی پیٛٹھے شوٗروع سَپدان۔ یَتھ موٗختصر وقتس منٛز یہِ

کینژھاہ ٹھَینہٕ پیٚہ نہٕ نظرِ تھاوِتھ ہرگاہ تِمَن ادیبن ہِندی ناو ہیمَو۔ یِمَو زَن صحی مطلبس منٛز کاشرِ زبٲنۍ تہٕ ادبس ہُرہر کوٚر۔ تِہندی ناوِ ین اوٚنگجہ ٹیٚنڈین پیٚپھ گنٛزراوِنہٕ۔ تِم چھہ صرف کُنہٕ تام ناوِ ے نہٕ بَس۔ تہٕ یِمَن ناوَن تہٕ یِیلہِ حسابہٕ سام ہیمَو یِمَن منٛز چھہٕ تِمَن ادیبن ہِنٛز اکثریت یِم افسانہٕ لیکھان چھہ۔ اَمیُک مطلب چھُ نہٕ یہِ ہرگز زِ سانیٚن ادیبن ہِنٛز ووٚتھ ژھانٛٹھ چھہٕ صرف اَتھی صِنفس تام محدوٗد۔ سٲنۍ ادیب چھہ وونۍ باقاعدِ باقیَن ادبی ذٲژن منٛز تہٕ جان پٲٹھۍ اظہار کران۔ سٲنِس ادبس منٛز چھہ ازکل افسانہٕ علاوہ ڈراما، فیچر، ناول، انشایے، خاکہ رپورتاج، تحقیقی تہٕ تنقیدی مضموٗن، غرض پرٛیتھ کینٛہہ لیکھنہٕ یِوان یہِ زَن نثرس منٛز ووتلِتھ ہیکہِ۔ سون نثر چھُ وونۍ بالغ سپدان۔ گمبیر علمی تہٕ ادبی موضوعن پیٚٹھ چھُ قلم تُلنہٕ یِوان ——— تہٕ یِیمہِ انتھالوجی ہُند مُدعا چھُ اَکِس خاص حدس منٛز یِمَن سارِنی صِنفن ہِندی کینٛہہ رَنٛگ نموٗنہٕ یکجا کرٕنۍ یُتھ زَن سٲنۍ پرَن واٲلۍ سانیٚن ادیبن تہٕ تِہندیٚن فن پارَن سیٚتھ واقف سپدَن۔

●

یہِ لیکھ گوٚنٛد تیار کرنَس منٛز یِم مُشکل اَسہِ بُتھہِ آیہِ تِمَو منٛزٕ ووٚز سارِوے کھوٚتہٕ بٔڈ دِقت بذاتِ خود یِمن فن پارَن ہِنٛز ترتیب۔ تِکیازِ سٲنۍ شعوری کوشش ووٚز یہِ زِ یہِ گُژھ پوٗرہ نثری ادبس احاطہٕ کرٕنۍ۔ یہِ گُژھ نہٕ کُنہ رٕکنہٕ افسانَن ہِنٛز انتھالوجی بنٛنۍ۔ یِیمہِ لیکھ گنٛدرِچ شیٚرِ ژ اَر ہیکہِ پرٲنۍ تہٕ نوی تنقیدی میزان نظرِ تھاوِتھ مختلف طریقن منٛز باوَل سپدِتھ مثلَن :۔

(الف) ادیبن تہٕ لِکھارِ ین ہِندی زاسنہٕ یا وُمرِ موجوٗب۔

(ب) اَچھر مالہِ (حروفِ تہجی) ہِندِس طریقس پیٚٹھ ادیبن ہِندی ناو

گنٛزرِتھ تِہندِ فن پارہ یکجا کرٕنۍ۔

(ج) ادب پارن ہندِ حُسنہٕ تہٕ معیارہ موجوب۔

(د) بیون بیون صِنفہٕ چہ ہیٚرِہ نظرِ تل تھاوِتھ۔

(ر) بیون بیون موضوٗع نظرِ تل تھاوِتھ۔

مگر یِمَن سارِنی طریقن منز چھ پَنٕنہٕ خٲمی تہٕ کمزوری، گوڈٕنکین دۆن اندر زیادٕے پَہَن۔ تِکیازِ اَکِس خاص ادبی دورس منز ہیکن کم وُمرِ ہندی لِکھاڑی زِٹھین ادیبن ہندِ کھۄتہٕ جان تہٕ بہتر فن کار آسِتھ۔ باقین ترٛین طریقن منز چھِ زمانک تہٕ تواریخک پَن راوان۔ تہٕ کُنہِ چیزُک ادبی ارتقاء زانٕنس منز چھُ دِل بِیوان نہٕ آسِہ کرُ لہٰذا سعہ وَتھ یختیار ییٚمہٕ مختلف گۄن تہٕ خٲمی نظرِ تھاوِتھ سارِوٕے کھۄتہٕ جان تہٕ شوٗبہٕ دار آسہ۔

اَسہِ کوٚر پنُن سورُے نثری ادب دۆن کالن منز تقسیم :-

(ا) راجن مہاراجن ہندِ وقتُک ادب۔

یا

۱۸۲۱ء پیٹھ ۱۹۴۷ء تس تامُک نثر

(ب) اصل ترقی ہُند وَق۔

یا

اَز کال — ۱۹۴۷ء پیٹھ یتھ وَقتس تام



مختلف فن کارن ہُند بحر، تِہنٛز اہمیت تہٕ تِہندی کارنامہٕ زانٕنہٕ خاطرٕ کوٚر اَسہِ موختصر قلمی سکیچ سارِنی فن پارن ہندین فنی نۆمونن ہُروٗنھہ بروٗنھہ پیش۔

ترتیب دِنہٕ واألی

اوتار کرشن رہبر

# سرنامہ

## (کأشرِ نثرُک ورتلُن تہٕ پوشُن)

## (۱) سون نثر — ۱۹۴۷ء برونٛٹھ

سنہ ۱۸۲۱ء اوس بائیبلہ ہُند اَکھ اہم حِصہ اَوٕ کأشرِس منز پھِرنہٕ یِہ کام آیہ عیسائی مشنری ہنٛدِ دٔسہ بامُل۔ تہٕ کأشرِ نثرِچ ہسٹری چھےٚ اَتی پیٹھٕ شوٗروع سپدان۔ تِکیازِ اَمہ برونٛٹھِمہ زمانُک چھُنہٕ تیٚتھ کانٛہہ نموٗنا موجوٗد یُتھ اندر کأشُر نثر ورتاونہٕ آمُت آسہ ہے۔

یِیتھِن چھےٚ یہ سوال رٕٹِنٛچ کأنی گنجأیش زِ کیاہ ۱۸۲۱ء برونٛٹھ چھےٚ نا کأشرِس منز نثر ورتاونٕچ کانٛہہ کوشِش سپدے مٕژ؟ کیاہ ۱۸۲۱ء برونٛٹھ چھےٚ نا کأشرِس منز زانٛہہ تہٕ نثر لیکھنہٕ آمُت؟ کینٛہہ کٔنہٕ نہٕ آسنہٕ سببہٕ تہٕ کینٛژَو حالاتو رِکنہٕ یوٚت اَمہ سوالُک جواب سہل تہٕ آسان چھُ تیوٗتے چھُ کینٛژَو پرانیو ہہانو روایژَو تہٕ افسانوٚ کِنہ اَکہِ پرٕژَہ ہنٛدہ پأٹھٕ دلچسپ بنان۔ تہٕ اَکس ادبس ستہ شوق تہٕ دلچسپی تھاوَن وألی ہنٛدِ خأطرٕ چھُ یِمن سارِنی چیزَن ستہ واقف آسُن سیٹھاہ ضروٗری۔ ادبُک تہٕ تحقیقُک مأدانٕ چھُ واریاہ کُشادٕ۔ نوٚر

نوکتہٕ نٔتھ نیرٕ نیچ سبیل چھ رتہِ یتھے پأٹھۍ سپدان۔

(۱) رِوایتھ، افسانہٕ تہٕ کینٛہہ ووہ کھنٕیہ

کأشرِ ادبُک باقاعدٕ تواریخ چھُ ۱۲۰۰ء پیٹھ شورُوع سپدان۔ اَتہٕ پیٹھ ۱۸۲۱ہس تام چھُ وارِیاہ وَکھ گُذران۔ اَتھ یتِیس وَقتس سام ہینہٕ برونٛہہ تہٕ تِم بیان ویتھرِ ناوتہٕ برونٛہہ ییم اَتھ وَقتس نسبت میلان چھ —— چھُ تِمن بیانن تہٕ دلیلن منٛز وہ کھنٕۍ ضروٗری ییم اَمہ تہٕ بُرونٛہہ کِس زمانس یعنی پراکرت کالس (۱۰۰۰ء پیٹھ ۵۰۰ ق.م) سیتھ واٹھ تھاوان چھ۔ اَتھ وَقتس منٛز یوسہٕ پشاچ زبان کأشرٕ رنگ تہٕ مزاج رٔٹتھ پزٕ بھٔے مژ تہٕ پوٚشٕمژ اُس سُہ اُس سنسکرتس سیتۍ سیتۍ جورِ ماران۔ بودن منٛزٕ سرگرمی سیتۍ یُس بوٚش مقأمی تہٕ عوأمی زبانن کھوٚتہٕ مٔت اوس تمہٕ سیتۍ آیہٕ کأشرِ زبان تہٕ بُرونٛہہ۔ اَکھ تے زیادٕ ے یہِن کیازِ کٔشیر اُس کینٛژن خاص جاین ہندی پأٹھۍ بود سرگرمین منٛز اَکھ خاص اَڈٕ بنے مژ۔ بود لکھارِ یتہٕ پالی (سہ زبان یتھ منٛز مہاتما بُدھن پرچار کوٚر) پراکرژ ہُند دامن نینہٕ خیالو سیتۍ مأرۍ موٚنۍ تہٕ کُشادٕ بنوو، تتہٕ ووتھ مقأمی زبانن تہٕ دس۔ مختلف عوأمی زبانو لوٚب فروٗغ تہٕ پوٚچھر۔ یمہٕ آیہٕ پرچارٕ تہٕ تبلیغہٕ خأطرٕ استعمال کرنہٕ۔ تکیازِ مُدعا اوس یہ زِ بود خیال گژھن زیادٕ کھسہٕ تہٕ زیادٕ لُکن تانۍ واتُن تہٕ ہمدردی ورأے واتن۔ اَتھ وَقتس منٛز اوس نثر زیادٕ تر سوالہٕ جوابہٕ کِس صوٗرتس منٛز لیکھنہٕ یوان۔ بیہ کانٛہہ خاص شکل اُس نہٕ دلیلو تہٕ کتھو رٔوس مروج۔ اَز چھ یمَن وَقتن منٛزٕ اَکہ کتابہٕ ہُند ناو اَسہٕ کنِن گژھان۔ یتھ متعلق یہ وَننہٕ چھُ یوان زِ سہ اُس کأشرِس نثرس منٛز۔ یہ کتاب چھُ "ملندہ پنہہ"۔

"ملندہ پنہہ" چھ ناگ سینٛ لیچھمژ، یُس اَکھ بود تہٕ موشُور

بوڈ لیکھاری اوسمت چھُ۔ اُمی سُند وَق چھُ ۱۵۰ ق.م مانند پیوان۔

مُورخ حسن چھُ لیکھان زِ ناگ سین چھُ ہارونس آس پاس بودمت پھالادنس منز بےپناہ کام کرمژ۔ 'ملندر پنہہ' چھ پننہ زمانچ اکھ موتبر تہ پژ تصنیف اَس رژ۔ اکھ کتابہ اندر اوس سہ سوال جواب دٚرج یُس ناگ سینس تہ مینن دٚرس درمیان گینژن پھیرِ بہہ وِزمین کتھن پیٹھ سپد یومت اوس۔

اَکھ کتابہ اوس مُلکی تہ غار مُلکی زبانن منز تہ ترجمہ سپد یومت۔ مگر اَز چھ صرف پالی تہ سنہالی ترجمہ میلان۔ باقی ساری ترجمہ چھ اصل نوسخن سیتی سیتی ضایہ تہ بورباد گامتہ۔

عام خیال چھُ یہ زِ یہ کتاب اَس مُلہ تلہ سنسکرتس منز لیکھنہ آمژ۔ وِنن والین ہُند وَنُن چھُ یہ تہ زِ ناگ سین اوس نہ بُنیادی کوشُر تہ سہ اوس دوِمین بودھ مبلغن تہ لکھارین ہندی پاٹھی کتہ نام پیٹھ یور کشیرِ آمُت۔ اما پوز حال حالکی کینہہ قلم کار چھ لیکھان:-

"از چھ یہ کتھ تہ وُژھمژ زہ بودن ہُند بوڈ ہیو عالم ناگ سین تہ اوس شاید کوشُرے، ییمی پننی کتاب "ملندہ پنہہ" تمہ زمانکِس کشتوارِ کاشرِس منز سوال جواب رکس صورتس منز وینی مژ اَس ییتھ پالی تہ سنہالی ترجمہ آو کرنہ۔ اصل روو تہ ترجمہ رُود باقی۔ یکیازہ امہ پتہ کینہہ کال گژھتھ آو بودن زوال۔۔۔۔"[1]

ییمن خیالن ہنز بُنیاد کوسہ شیچھ خبر چھ، تہ چھنہ مصنفن وونمت۔ باسان چھ

---

[1] 'کاشر شاعری' از پروفیسر حاجنی

یہ خبر چھہ شاید تمہ مضمونس پیٹھہ دَرمتہ۔ یُس پنڈت جیا لال لاٗڑن لیکھمُت چھُ
تہٕ اَتھ بُرونٛہہ ژُوداہ وُری گٔل ریزگس اَکس شمارس منٛز چھاپ سپہ یوٗت چھُ۔ ناظر
صاٲبن چھُ یہ ثابت کَرنٕچ کوٗشش کٔرمژ زِ ناگ سین اوس کاشُر۔ سیٹھہ چھِ تِم یِتھہ
وَنان:-

"بِلندٕ پانہہ —— چھُ نَشرُک اَکھ بہترین نۄمونہٕ
آسمُت۔ مگر ریسرچ کَرن والین چھُ کُنہِ وِزِ یہ پیٚہ نَہٕ گَمُت
زِ کِتابہِ ہُنٛد اصل تہٕ اوٗلین نُسخہ کَتھ زبانہِ منٛز اوس
اَمہِ کتابہِ ہِنٛدِ رۆژھ دٲرِ متہٕ نُسخہ چھِ یا تہٕ پالی زبانہِ
منٛز میلان نتہٕ سِنہالی زبانہِ منٛز۔ پالی اُس مگدھ دیشچ
زبان تہٕ سِنہالی چھ لنکایہ ہِنٛز۔ پالی زبانہِ منٛز یِم نُسخہ
لیکھنہٕ آمتۍ چھِ تِم چھِ اَتھ تلہٕ ترجمہ۔ وَننہٕ چھُ یِوان:
اصل نُسخہ اوس کتھ تام مُلکچ زبانہِ منٛز لیکھنہٕ آمُت
مُلکچ زبانہِ منٛز چھِ یونانی، پشتو تہٕ کاشُر زبان گنزراونہٕ
یِوان۔ اصل نُسخہ کتھ ہِشہِ زبانہِ منٛز اوس؟ یہ زیٛنیاے
اَتھ رَاونس منٛز چھُ پالی ترجمہ سیٹھاہ مَدد گار ثابت
سپدان۔ ترجمہ کارن چھِ اصل زبانہِ ہِنٛدۍ کینٛہہ لفظ زِتھے
پاٹھۍ ورتاوِمتۍ یِتھہ پاٹھۍ یِم اصل نُسخس منٛز آسۍ....
یِم لفظ چھِ کاشرۍ لفظ۔ لاطینی یا پشتو چھِ نہٕ۔ پانے چھُ
یِتھہ پاٹھۍ یہ نتیجہ نیران زِ ناگ سین اوس کاشُر تہٕ

"ملندٕ پانٛہہ" ناوٕچ کتاب اٮ۪س تمی کأشرِ زبانی منٛز لیچھمٕژ۔ 'ملندٕ پانہا' ناو چھُ کأشرِ زبأنی منٛز مُروجہ 'پانہا'، لفظُک مطلب چھُ پرٛژھُن یا سوال'، وَنہٕ آمُت مگر میانہٕ خیالہٕ چھُ اصلی لفظ 'پٔون'، یٔمُک معنہٕ 'پھالا' یعنی wedge چھُ۔ یٔمہٕ سٟتۍ زَن زیٚن پھالونس منٛز چھُ مدد میلان۔ یِتھٕے پأٹھۍ چھُ ملندٕنِس پھیرٕ بیٚیہ وِزِن نوٚقطن ہٕنٛد جواب آسأنی سان فِکرِ تران۔

کأشرِ زبأنی منٛز چھُ وُنہٕ تہٕ "ملدٕ پینٛز" محاورٕ استعمال سیٚدان۔ "بیٚنہ مہٕ کرۍ یہٕ تَس مَنہٕ ناوٕچ واریاہ کوٗشش مگر تمی بوٗز نہٕ اکھ تہٕ ـــ

"ہے کمہٕ کمہٕ ملدٕ پینٛز کٔرۍ مس، مگر تمہٕ نۍ موٗن نہٕ کینٛہہ[1]"

موٗل بوٗزو اکھ کتابہٕ پیٹھ چھُ وُنہٕ واریاہ تحقیقچ گُنجأیش۔ یہ کتاب چھِ خاص کر تمی پنٛدٕ خأطرٕ اکھ بہترین شوٗغل بنہِتھ، یُس زَن کأشرِ علاوہ سنسکرت تہٕ پالی زبأنی سٟتۍ سٟتۍ لسانیاتس سٟتۍ جان واقفیت تھاوان آسہٕ۔

پراکرت کارِیچ بیاکھ اکھ کتاب تہٕ چھُ یِتھٕے پأٹھۍ افسانن تہٕ قصن ہِندِس کھٔرۍ لعہٕ بھرِس منٛز تھٕتھ پأٹھۍ ہٕنہٕ آمژ زِ اصل پٔزرٕ حأصل کرنس منٛز چھُ واریاہ سیٹھا یِوان۔ یہ کتاب چھُ "برہت کتھا" یوس زَن پننہٕ زمانٕچ اکھ نندٕبأنی تہٕ مأرۍ منٛز تخلیق اسمژ چھُ۔ لیکھن وول اوس گُنأڈھ تہٕ لیکھنُک وَق چھُ گوڈٕنچہ صدی پیٹھٕ شٟیمہٕ صدی عیسوی یکٕ وَق مانہٕ یِوان۔ برہت کتھا اُس دلیلن

[1] گُل ریز۔ جلد ۱ نمبر ۹ جولائی ۱۹۵۳ء

ہِنٛز اکھ بٔڈ کتھ کتاب۔ یہِمہٕ آسہٕ گنادٚین تتھ لوٗبرونہٕ تہٕ دِلکش پٲٹھۍ زبٲنۍ
منٛز وَنہٕ مٔژہ یِتھ زَن ژینَن تہٕ ہیٚچ لوٗکَن ہِنٛز زبان وَنتھ یہِرٕ ہُرنۍ نادپسِنٛز۔ گنادٚیس
پیٚٹھ آیہٕ ظُلم ہا وَرتاونہٕ یِیمہٕ کِنۍ سُہ سُپُد یہٕ لاجواب کارنامہ زالنَس پیٚٹھ مجبوٗر۔ دیاَن
دَزان دَران بچیوو کِتھو تانی ہٲٹھ اکھ مختصر حِصہٕ، یُس زَن چھیکرس پینہٕ وٲلۍ بےرحم
زمانَن ہانس سیتو وَڈہ روو۔ اَمہٕ حِصکۍ سیٚدۍ تہٕ آزاد ترجمہ چھِہ وکھرٕ وکھرٕ زبانٕن
منٛز میلان۔ یِمَن منٛز بُدھ سوٚامی سوم دیو تہٕ کھشمندرنۍ کارنامہ "برہت کتھا لوک
سنگریہہ" "کتھا سرت ساگر" تہٕ "برہت کتھا منجری" سیٹھاہ خاص چھِہ۔

برہت کتھا اٲسا نثرس منٛز کِنہٕ شارَن منٛز؟ اَتھ مُتعلق تہٕ چھِہ وارِیاہ
خیال مارکس منٛز۔ مگر باسان چھُ یہٕ کتھ کتاب اُس مُلہٕ تلہٕ نثرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ ہٕکیازِ
اَمیُک تصدیق چھِہ سنسکرت زبٲنۍ ہِندۍ پرٲنۍ تہٕ موتبر شاعر ڈنڈی پننین شاہکارَن
منٛز کران۔[1]

بہر حال پراکرت دورچہ یِمہٕ کتابہ نہ چھِہ موجوٗد۔ نہ چھُ یِمو روٗس اَمہٕ کہٕ کُنھ
بنیہِ کینہہ رژھرِتھ۔ اَتھ سیتو سیتو پُرزہ یہٕ تہٕ یاد تھاوُن زِ یِمَن وقتَن ہِنٛز زبان آسہ ہے

---

[1] اے، بی، کیتھ چھُ اَتھ کتھ دل دِوان لیکھان:۔

Obscure also is the question of the form of the work. The Kushmiri version suggests that what Gunadhya produced was a work in Clokas, but may be quite misbading, and on the other hand we have the express statement of Dandian that a Katha to which he reffers the Braha-katha was written in prose."

لازمی اُزی چھ زبانہِ نِشہٕ واریاہ مختلف کیازِ پراکرت تہٕ اپ بھرنش۔ اپ بھرنشس
تہٕ جدید زبانہِ ہندِس رنگس منز چھ زمین آسمانُک فرق موجود۔ لہٰذا یوٗدوے یم گوڈہ
کالکہِ آکار نظر انداز کرِوکھ سون رُت تہٕ اصل مُطالعہ چھُ ۱۲۰۰ عیسوی پیٹھے واجب
باسان۔ تہٕ زَن گوٚو سُہ وقت ییٚتہِ پیٹھ زَن ساینہِ ادبُک تواریخ باقاعدہ پانٹھ شورُوع
سپدان چھُ۔

ژوداہمہِ صدی عیسوی منز وۄت کشیرِ منز اِسلام۔ دوہ پتہٕ دوہ
گوٚو یہِ ییٚتہِ پننہِ شعوٗرٕ وار مول دَرراوان۔ تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادہ لُکھن ہند دِل
مُنوّر کران۔ ژوداہمہِ صدی عیسوی پیٹھ ۱۸۰۰ ءکس زمانس تام یہِ کینژھاہ کشیرِ
منز سپد تہٕ سوٗرُے چھُ کاشرِس نثرِس مُتعلق واریاہ بوٗز شوٗز منگان۔ تکیازِ اسلامی
تبلیغہ سیتی یمہِ سرگرمیہِ کشیرِ منز شورُوع سپدیہ، اَتھ اندر چھِنہٕ کُنہِ تہِ مغالطہٕ
باسان زِ تبلیغ کرن والیو کیاہ آسہ سُہ مولوٚوٚن تہٕ شعوٗرٕ وار تبلیغُک ذٔریہ تُرُدوٗمُت
یُس زَن نثرِ کامیوٚ سیتی بامل یوان چھُ۔ بے شک آسن کینہہ اہم اسلامی شاہکار
اَتھ زمانس منز کاشرِس منز پھرنہٕ آمتی۔ اَتھ کتھہِ چھُ اوٚوٚ رکُھ تہٕ واریاہ وَزن ہران
ییلہِ زَن یقین پھرِن ہند تصدیق تِم مورخ تہٕ شاعر کران چھِ یم زَن تمہِ زمانکی
چشم دید واقعات پھران چھِ۔

بڈشاہی عہدس (۱۴۲۰ء —— ۱۴۷۰ء) منز اَس مادری زبانہِ بے حد ترقی
کرمژ۔ کاشرِ زبانہِ منز اَسی مولوٚوٚنی ڈراما لیکھنہٕ یوان، یم زَن باقاعدٕ سٹیج
اَسی سپدان۔ بقول شری ور " سُلطان اوس پانہٕ اَمہِ خیالُک زِ انسان ہیکہِ تِتھی زبانہِ
منز جان پانٹھ تربیت حاصل کرِتھ ییتھ سیتی سُہ زبر پانٹھ واقف آسہ۔ اَتھ
زمانس منز اوس علمی تہٕ ادبی مجلسن ہند زوال ییتھ حدس تام ژوٚپایہ ناپان زِ مولوی

موٗمولی پیٚشن سیتہٕ داخل ثقافن وٲلی انسان مٔشلن وازہٕ، موٗزوٗر بیترٕ تہٕ اُسہ شاعِر تہٕ ادیب بنٕنہٕ یِتہٕ۔ زنانہٕ اوس خوصوٗصی طور شاعِری تہٕ ادبس منز ناد پٲدٕ کوٗرمت۔"

موٗشوٗر موٗرِخ ابوٗالفضل چھُ پننِہ ناماوار کتابہ "آیٔن اکبری" منز یمن سرگرمیین پیٹھ پرٛکاش ترٛاوان لیکھان:-

"انسانیت اُس بادشاہس یتھ حدس تام سٔنِتھ گمٕژ زِ تمو ترٛوو شِکار کرُن تہٕ یہٕ کوٗرُن قونوٗنی طور بنٛد۔ تمو کھیوٗنہٕ پانہٕ تہٕ زانہہ ماس۔ تمو کٔرہ نادٕ دار یاہ کتابہٕ عربی، فارسی، سنسکرت تہٕ کأشرِ زبانٕنی منز ترجمہ۔ اُمی سندِس اجس منز وٲتی ایرانہٕ تہٕ توٗرانہ پیٹھہٕ موسیقی زانن وٲلی کشیرِ۔ یمن منز اُسہ خواجہ عبدالقادر خُراسانی یُس ہی ماعنہٕ یِتہٕ تہٕ زانہٕ رٕتہٕ عالِم تہٕ مُلا جمیل عوٗدی یُس ہی موسیقی تہٕ مُصوری پیٹھ قدرٕ ثقافن وٲلی فنکار تہٕ شامِل۔" [1]

شری ور چھُ بادشاہی عہدکہٕ چشم دید حالاتن ہُند ذکر کران اکِس جایہ وَنان:-

The King caused translation of the various shastras to be made by those who knew Sanskrit

[1] "آیٔن اکبری" ہُند انگریزی ترجمہ۔ مترجم فرانسس گلیڈوِن۔ صفحہ ۲۸۰

the vernaculers, and the Persian. Even the Yavanas can comprehend micrology, chemistry, and Kalpa if studied in their own language. The King caused Dashvatara and Raja Tarangni, the book of kings in the Sanskrit language to be rendered in Persian. In the same way the Mlechhas read the Voihatka nasara and Hatakeshvara samhita, the purans, and other books in their own language ........."[1]

مگر دُکھ سان چھُ وَنُن پیوان اَتھ ساری سے ادبی ذخیرس چھُ ناش سپدُمُت۔ فقط چھ شائیری منز اکھ زہ کتابہ اَیہ واتھ مژہ تہٕ بس! ترنھ چھینہ

[1] صفحہ ۱۲۵ "زینہ راج ترنگنی" مُصنف شری ور۔ مترجم جے، سی، دت۔ انگریزی ترجمک ناو چھُ "کنگس آف کشمیر"۔

چھنہٕ کانٛہہ کِتاب نظرِ گژھان یتھ اندر زٔنۍ کاشُر نثر ورتاونہٕ آمُت آسہِ ہے۔ نہ
چھُ کُنہٕ خاص کِتابہِ ہُند ناو بیترِ سبکہٕ پٲٹھۍ مولوٗم۔
مرحوم عبدالاحد آزادن چھُ "کشمیری زبان اور شاعری" منٛز "زینہ چرت"
اَکھ نثری کارنامہ آسنُک شک ظاہر کوٗرمُت۔ سُہ چھُ لیکھان:-

"بڈشاہ سندِس عہدَس منٛز چھ کٲشرِ زبانۍ ہندۍ
زٕ[۲] موشوٗر ادیب گُذرے متۍ۔ یودھ بٹ تہٕ سوم پنڈت
یودھ بٹ اوس کٲشرِ زبانۍ ہُند زبردس گوہنہ ماکھ۔ اُمی
اوس بڈشاہ سندِس واقس پیٹھ اَکھ ڈراما کٲشرِ زبانۍ
منٛز لیوٗکھمُت۔ اَمیُک ناو اوس "زینہ وِلاس"[۱] سوم پنڈت
اوس کٲشرِ زبانۍ ہُند فاضل۔ اُمی اوس زین العابدین
سُنٛز سوانح عمری کٲشرِ زبانۍ منٛز لیچھمٕژ۔ سوم پنڈت اوس
شاید کٲشُر نثر لیکھان۔ تکیازِ شری وَر چھُ اُمِس شاعری
سیتۍ فاضل لیکھان۔ ممکن چھُ اُمی آسہِ "زینہ چرت"
کٲشرِس نثرَس منٛز لیوٗکھمُت۔"[۲]

پروفیسر محی الدین حاجنی تہٕ چھ یُہے کتھ یتھ پٲٹھۍ ہران:-
"کٲشرین مُسلمانن ہندِس حکومتس خاص کر بڈشاہ
صابنہٕ وَقتہٕ گو کٲشرِ زبانۍ تہِمو ترجمو سیتۍ وُسہٕ جاریم اَمہِ
عہدہ سنٛسکرتہٕ پیٹھہ کرنہٕ آے۔ اَتھ سلسلس منٛز چھ یہ

---

[۱] یہ ناو چھُ غلط۔ اَتھ اوس ناو "زینہ پرکاش" [۲] صفحہ ۲۰ جلد ۱۔ "کشمیری زبان اور شاعری"

کتھ اَز تہٕ گنِنہٕ لگِہ مژ زٕ خبر سوم بٹن "زینہ چرت" تہٕ ما چھِ

کأشرِس نثرس اندر لیکھنہٕ آمژ۔۔۔۔۔۔"[1]

مگر یمَن دوشوٕنی بیانن منز چھِ غلطی۔ 'زینہ چرت' کتابہٕ ییٚچھ گٔنہ نثری کتابہٕ ہُند شک کرُن چھُ سہمطاہ دوٗر از کار باسان۔ تکیازِ شری ورٚن بیان چھُ صاف۔ سُہ چھُ پنڈت اُتھ سوم سِنز ذکر کران صرف یُہتے لیکھان زِ:۔

"پنڈت اُتھ سوم اوس سنسکرت ادبس تہٕ کأشرِ زبأنی
سیتر سہمطاہ زبر پأٹھی واقف۔ تمی اُسی بڈشاہ سنٛز زندگی
ہندی حالات کأشرِن شارن منز لیکھمِتی۔ یہ کتاب سیٚنز
بادشاہس پیش۔۔۔۔۔۔۔"[2]

اَکھ سہمطاہ کمزور روایت چھِ یہ تہٕ زِ بڈشاہی کالہٕ ییٚچھ یکِن ہندِس وَقتس تام چھِ بنیہ زٕ[2] کتابہٕ 'ست پر' تہٕ 'لنگ پرن' کأشرِس نثرس تہٕ شارن منز لیکھنہٕ آمژہ۔ 'ست پر' اُس منوچی ناوکی اَکی لِکھارَن لیچھمژ تہٕ یہ اُس حکمتس سیتی واٹھ تھاوان۔ 'لنگ پرن' اُس ہیندِن ہندِس حصہٕ رسہٕ بأگرٕ نرکس قونونس سیتی واٹھ تھوان۔ یہ اُس کمہٕ تانی پرتھی ناوکی ادبن لیچھمژ۔ مگر یمَن دوشونی کتابَن ہندِس وجودس ییٚچھ چھُ نہٕ واریاہ شکھ کرنچ گنجأیش۔ میہ چھُ ذأتی

---

[1] کأشر شأیری۔ پروفیسر حاجنی

[2] اصل لفظ چھِ یتھ پأٹھی:۔

"Pandit Uuthsoma versed in vernacular and Sanskrit literature, composed a life of Jaina in the vernacular, and approached the King."

طور پٹھ ہنٛد وۄجوٗد اَکھ فرضی افسانہٕ ہیٚو باسان۔ کتابن ہنٛد اَکھ ژین گیہ اَکھ کُنھ وُنہٕ چھُنہٕ یِمن لِکھارِن ہنٛدِس آسنس پیٹھ کانٛہہ خاطر خواہ تہٕ تسلی بخش ثبوت میلان۔ ڈاکٹر صوفی چھُ "کشیرِ" منٛز یِمن کتابن تہٕ مصنفن ہنٛز فِکر ضرور کرمٕژ، مگر اَمہِ بیانہٕ سیٖتۍ تہٕ چھُنہٕ یِمن لِکھارِن تہٕ گرنتھن پیٹھ کانٛہہ موتبر پرکاش پیوان۔

●

## (ب) کاشرِ نثرُک اصل تواریخ

(۱۸۲۱ء پیٹھ از تام)

کاشرِ نثرُک اصل تواریخ چھُ پرانیو دلیلو، وۄہ کھنیو تہٕ رِوایژو باوجود ۱۸۲۱ء پیٹھے شروع کرُن زیادٕ مناسب باسان یکیارہ اَز چھُنہٕ اَسہِ پرونٛم زمانُک اَسہِ زَنش کیٛنہہ تہٕ موجوٗد تہٕ یتھ پاٹھۍ بروٗنہہ وَنہٕ آو اَکھ کامہ چھُ انجیل کاشرِس منٛز پھیرنچہ کامہ سیٖتۍ دَس وۄتھان۔

### بایبل ترجمہ کرنٕچ کام

ایسٹ انڈیا کمپنی قایم کرنس سیٖتۍ سیٖتۍ یِمہٕ لنگ لنجہ انگریزو دُرٛتس ہندوستانس منٛز وَہراونہٕ ہیٚرِ۔ تتھے سیٖتۍ سیٖتۍ لوٗب عیسائی مشنریو ساری سے ملکس منٛز فروغ۔ پھٲشرِ سرگرمیہ گیہ دۄہہ کھۄتہٕ دۄہہ برٛان۔ عیسائی خیالن ہنٛد

لۄگ تِہنزِ سان پرچار سپدنہٕ۔ نتیجہ دْراو یہ زِ پادرین دیت ہندوستانچن مختلف
زبانٕین منز بائیبل پھیرنس کُن پننُن توجہ۔ قدرتی آیہ کاشُر زبان تہٕ اَکھ عملہٕ منز
کاشرِس منز گَیہ۔ یہ کام ۱۸۲۱ء کِس منز شورُوع یِیلہٕ بائیبلہٕ ہُند اَکھ اہم حِصہ
'نیو ٹیسٹیمنٹ' (New Testament) کاشرِس منز پھیرنہٕ آو۔ یہ کام
اُتھ 'سرام پور' مشنری بابل۔ ۱۸۲۱ عیسوی ہُک وق گو تہٕ وق یِیلہٕ کشیرِ پیٹھ سکھ
حکمران اُسہ راج کران۔ سکھ راجہ سے منز آیہ اَمہ حِصکو بییہ زٕ[2] اڈیشن ۱۸۲۷ء
تہٕ ۱۸۳۲ء ہس منز بُرونٹھ کُن۔ تہٕ یم سارِی اُسہ شاردا رسمُل خطس منز۔ ۱۸۸۴ء تس
منز آیہ برٹش بائیبل سوسائٹی بُرونٹھ کُن۔ اَمہ سوسائٹی چھوپ سرام پور مشنری ہندہ
دُسہ ترجمہ سپدیومت حِصہ شاردا بدلہٕ ایرانی رسمُل خطس منز۔ اُہندو دُسہ سپد
بائیبلہٕ ہندِس گوڈنکس اہم حِصس (یتھ اولڈ ٹیسٹیمنٹ[1] ونان چھ) کاشری پاٹھو
ترجمہ۔ اَکھتے آیہ گوڈنکس حِصس بییہ نظر گذر دنہٕ۔ یم دوشوے حِصہ سپدِتھ
آخرس یکہ وٹہٕ ۱۸۹۹ عیسوی یس منز لُدیانہٕ منز چھاپ۔ اَتی لُدیانہٕ منز اوس
۱۸۸۴ عیسوی ہُک اڈیشن تہٕ چھاپ سپدیومت۔ تہٕ اَمہ پتہٕ تہٕ رُوز یہ کام جاری
بییہ بییہ کینہہ مختصر حِصہ آیہ کاشرِس منز پھیرنہٕ۔ مگر یُہ تام معلوم چھُ وُنہ چھنہٕ ساری
بائبل کاشرِس منز پھیرنہٕ آمژ۔ اَمیک خاص وجہ چھُ شاید یہ زِ ناوِس سٕوٚنب کینژو
کاشرٕو لُکو تِیتھ عیسائی مذہب قبوٗل۔ کشیرِ ہِنز وادی چھ کُنہ حدس تام دُرِس
ہندوستانس منز تہمو کینژو جایو منزہ سہ جاے یتہٕ نہٕ لُکو عیسائی بننس کُن
کانہہ خاص رُجحان ہیوو۔

یُہ تام ترجمہ کرن والین ہُند سوال چھُ تہٕ چھُ نہٕ پُورہ پاٹھو معلوم زِ تم کم

---

[1] اولڈ ٹیسٹیمنٹ (Old Testament)

اُمسۍ۔ ووہنی گوٚ پیٚیژہٕن چھ بوزان زِ کاشُر ترجمہ بامل اَنہٕ نس منٛز چھُ ٹی، آر، وارٹے[1] ناوکۍ پادرکۍ پانہٕ ترجمہ کرٕن والین وارِیاہ اَتھ روٗٹ کوٗرمُت۔ دِپان دٔپہٕ یمہٕ حِسٕک ترجمہ چھُ اِہنٛزِ نِگرانی منٛز یار محمد خانن کوٗرمُت۔

# کاشُر جامٹری

تعلیمی مأہرن ترٚ پٔرپیٚھ اَکِس بوز شوژ کرٕن والۍ سٕند وَنُن چھُ زِ شُر ہیٚکہٕ مادری زبانی منٛزے اَصلی تہٕ رژ تألیم حأصِل کرِتھ۔ مگر یہ کتھ آیہٕ ووہے کٔشیرِ منٛز مَشراونہٕ یِتھ وارِیاہ کینٛہہ دٔہ جوٗہات چھ۔ ووہنی گوٚ کینٛژن انسانن چھُ وَقتہٕ وَقتہٕ اَمہٕ قسمٕک احساس گٔنیومُت یِمَن منٛز پنڈت رام جو درسٕند ناو تہٕ ہیٚکوٚ ہیٚتھ۔ رام جو در چھ ڈوگرہ مہراجن ہِندِس حکوٗمتس منٛز مدرسَن ہِندِ ڈائریکٹر تہٕ وزیر وزارت شہر خاص اُسمٕتۍ۔ یمو چھ جامٹری ہنٛزِ کینٛہہ بُنیأدی سچأیی کأشرِس منٛز پھیرِ مژہ کتابہٕ ہِنٛد ناو چھُ "تحریر اقلیدس بزبان کشمیری (Translation of the first book of Euclid) ترجمہ کرنک وَق چھُ ۱۸۷۶ ایسوی یہ کتاب چھ باقاعدہ چھاپ تہٕ سپٕز مژ۔ اَمہٕ ترجمکۍ کینٛہہ نموٗنہ چھ یِتھ پأٹھۍ۔

"لین وارکھ — گٔیہ زیٖچھر پناہ روٚست"

"برکھ ہِنٛد اَکھ اَنٛد چھُ آسان پھٔنوٗر"

"یینٛمہ ترکونجکو زٕہ کوٗنج آسَن پانہٕ وأنی سوٗمبرٕتھمَن دوٚن پانہٕ وأنی سوٗمی کونجَن منٛز سٕیدِ سیٖود زٕہ لٔنجہ تہٕ گژھَن پانہٕ وأنی سوٗمہٕ۔ مان اب ج چھُ ترکونجل د ب ج کوٗنج چھُ ا ج ب کونجِس سوٗمہٕ۔ اَدہ گژھن آسنہٕ ا ب تہٕ ا ج لٔنجہ

---

[1] Rev. T.R. Wade.

پانٛہ وٲنۍ سعومہٕ کیازِہ ......"

یۄدوَے در صاۓبنۍ کتاب ادبس سیٖتۍ وابستہ چھِنہٕ کٲشرِ زبٲنۍ ہُرِہرتہ پۄچھر زِنہٕ کِس جذبس وُتِش دِنَس منٛز چھُ اَتھ بنِنُ پایہِ حاصِل۔

۱۹۲۱ عیسوی یَس منٛز چھ پروفیسر توشیٚنۍ حسابس سیٖتۍ واٹھ تھاوَن واجینۍ اَکھ بنیٛادی کتاب ترتیب دِژمٕژ۔ اَتھ اوس ناو "گرٛینز وید"

# نولز، سٹیٖن تہٕ گریٖرسن

کینٛژَو انگریز عالموَ، گاٹلیو تہٕ گوٚنہٕ وانوٚ یوسہٕ کم زیادٕ کٲم کٲشرِ زبٲنۍ ہِنٛدِ وُژھ وارٕ خاطرٕ کرٕ سۄ چھ بے شک تٲریٖفِ لایق۔ یۄ تام زَن نشرٕ چھِن کامِن ہُند واٹھ چھُ۔ نولز، سٹیٖن تہٕ گریٖرسنُن ناو چھُ اَکھ خاص اہمیت تہٕ بجرٕ تھاوان۔

کٲشر زبان چھَ پنٕنہٕ لوک ادبہ کِنۍ واریاہ بختاوار۔ غوٚلٲمی تہٕ وُری یِہ بدِن ہِنٛدِ سماجی تہٕ سیٲسی پستی کِنۍ اوس یہِ سورُے خزانہ رٕتھِتھَے پاٹھۍ ہیوٚمُت رِتھ پاٹھۍ بوٚنَن منٛز یارٕ پے مَژہٕ آسان چھَ۔ نولز چھ تِم عیسٲے پادری یِہُند شوق سارِ بِنے بُرونٛہہ یِہ جمع کرنس کُن گوَ۔ چنانچہ یہِ پھیوٚر جایہ جایہ۔ اَمی کرٕ کہاوژٕ، محاورٕ تہٕ کٲشرِ دلیلہ جمع۔ ۱۸۸۵ عیسوی یَس منٛز آیہِ یِہُنز گوڈنیچ کتاب بُرونٛہہ کُن۔ یہِ کتاب چھِ کٲشرِن محاورَن تہٕ کہاوژَن سیٖتۍ واٹھ تھاوان۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ یِہُنز بیاکھ کتاب "کشیٖرِ ہِنٛزٕ لوکہٕ دلیلہٕ (Folk Tales of Kashmir) بُرونٛہہ کُن۔

۱۹۱۲ عیسوی کِس وقتَس منٛز گوٚ سٹیٖنس یِتھۍ شوق۔ تِہُنز کتاب "حاتمہ نٕز دلیلہٕ" آیہِ گریٖرسن تہٕ تِہِنٛدِ مشترکہ کوشِشہ سیٖتۍ ۱۹۲۳ عیسوی یَس منٛز مارکس

منز۔ حاتم اوس پننہٕ زمانک اکھ موشہور داستان گو۔ یہ اوس گٲلی بابر سپنِدۍ پیٹھ رکھ

تیلہ مودُی۔ اَمی اوس یہ حاتم تیلہ وانہ نادِہ موشہور۔

"حاتمہٕ نہٕ دلیلہٕ" (Hatim's Tales) کتاب سپدۍ یہ

لنڈنس منز چھاپ۔

نولز، گریرسن، سٹین بیترِ انگریز لکھاریو ییتہ پانہٕ کینژھہ موٗلوٗدی کام

کشیرِ منز باقی اُنی، تتہٕ اُنکھ ییتکو گاٹلی تہٕ فاضل تہٕ دولسنس۔ نتیجہ دراو تِمو تہٕ

ہنیشر اورکٕن تِن دِنی۔ ۱۹۳۲ہس منز چھ پنڈت آنند کول بامزئی نہ کٲشرین محاورن تہٕ

پرٕہژن سیتو وابستہ کینژھہ موٗختصر کتابہٕ چھاپ سپدۍ مژہ۔

## مذہبی تہٕ روحانی ادب

یتھ ادب گوژھ کشیرِ منز واریاہ کینژھہ بادِہ آسن سپُدمت۔ مگر نثرِ رنگی

چھُنہٕ کینژھہ تہٕ۔ تتہٕ گیہ وونی اکھ زِچہ وری' بوزنس منز آو زِہ مولوی محمد یوٗسف

شاہ صاحبن چھُ قرآن مجیدک کٲشر ترجمہ مکمل کورمُت۔ تہٕ یہ چھُ آزاد کشمیرس منز

چھاپ سپدِتھ ووتمُت۔ قرآن شریف کٲشرِس منز پھر زیچ کوشِشہٕ چھ امہ برونٹھہ

واریاہ سپدٕمژہ۔ مولوی احمد شاہ جامعی صاحبن چھُ امہ کہ اکہ حصک ترجمہ کورمُت

یہ چھُ غلام محمد نور محمدن چھپوومُت۔ نور محمد چھُ پانہٕ امہ کِس "سرنامس" منز لیکھان۔

"ییمہ برونٹھ اُس ییتھ رٕژہ کامہ اندر گوڈنی سبقت

کرمژ جناب میرواعظ مولوی یحییٰ صاحبن نوراللہ مرقدہ۔ تِمو

اوس صرف یتھ مہ سپارہ پارہ عمس کٲشرِ پاٹھو ترجمہ کورمُت

یعنہ سہ چھاپ اُس سپز مژ۔ تِمہ پتہ اوس اسلامیہ ہائی سکولکو

یِمن راس گنڈنہٕ چین جماعژن سِیٹھہٕ یوٚسہٕ متوٗرٕ تہٕ مییچھ ڈرامائی لےٚ وٗزِس شُمالی ہندوستانس منٛز پارسی تھیٹر، احسن لکھنوی، طالب بنارسی، آغا حشر کشمیری تہٕ بیتاب نِہو ڈراماہن سِیٹھہٕ وۄدپہ ییمژ اُس نتیجہٕ تہٕ کوٗر کأشرین فنکارن منٛز ڈراما لیکھنک تہٕ ٹیم سٹیج کرنک زبردس شوق پأدٕ۔ تِمن دوہن ہندک کینہہ وُچھن وألی چھِ وَنان زِ ییٚلہِ کأشرۍ فنکار سٹیجس پیٚٹھ آیہِ۔ تِم گیہِ واریاہ جلد سیٹھاہ مقبوٗل تہٕ موشوٗر۔ نتیجہ دراو یہِ زِ گأو کدلہِ اَپارٕ آیہِ بلکُل بنٛدٕس سِیٹھہٕ۔ اَکھ بیٚیہ ور ڈراما کمپنی کھولنہٕ اَمہ کمپنی ہندہِ دَسہ آیہِ کینہہ ڈراما بیٚیتہٕ سٹیج کرنہٕ۔ اَما پوٚز یِمن منٛز اوس نہٕ کانٛہہ کأشر ڈراما۔ یِم اُسہ سأری اُردو زبأنی منٛز تہٕ یِمن ڈراماہن ہندۍ مُسوٚدٕ تہٕ اُسہ تِہیٚے یِم ژَن حشر، احسن، بیتابن بیترِ لیکھمتۍ اُسہ۔ یِم اُسہ تِہیٚے ڈراما یِم ژَن پارسی تھیٹرن برونٛہہ تہٕ سٹیج کرِمتۍ اُسہ۔

کینژہاہ سماجی تہٕ سیٲسی وجوہات، کینژہاہ دھرمت کین کارکنن ہند ژیٚل تہٕ تضاد یِم اَتھ کمپنی محض دھارمک طریقس پیٚٹھ پکہ ناوُن یژھان اُسہ۔ نتیجہ نیٚر یہِ کمپنی زیادٕ کالس زندٕ روٗزتھ۔ اَما پوٚز اَمہ کمپنی یوٚسہ شوقچ زِتینژ شولہٕ نأو تیمچ تیہہ معٕیَہٕ ژُکسنہٕ پأٹھۍ۔ یہِ تیہہ روٗز برقرار۔ یہِ زِتینژ روٗز وِزٕ وِزٕ مختلف شکلن منٛز بیٚییہٕ بیٚییہٕ ییٚنۍ معہ کھ نوٚن کڈان۔ یُہ تام کأشرین ڈراماہن ہند واٚٹھ چھُ دَپان سرینگرٕ کِس اسلامیہ ہائی سکوٗلس منٛز ۱۹۲۳ ہَس منٛز گوٚڈنیچہ لٹہِ اَکھ کأشر ڈراما سٹیج سپُدمُت۔ ڈراما اوس بچن ہندِ خأطرٕ تہٕ موضوٗع اوس تفریح تہٕ صفأیی۔

عیسأیی سَنہ (۱۹۳۰-۳۱) ہَس منٛز لیوٚکھ پنڈت نند لال کولن (۱۸۷۷ - ۱۹۴۰ء) کأشرِس منٛز اَکھ دھارمک ڈراما "ستیچ کہوٹ"۔ یَتھ ڈراماہس چھِ سأنِس اَدبس منٛز سُہ حیثیت حأصل یوٚسہ ژَن اَمانتہٕ نِس "اِندر سبھا" ناوِ کِس

سابق ہیڈ ماسٹر جناب غلام محی الدین خان صاب نہال پورِ رِین
سارِی سے قرآن مجیدس بزبانِ کشمیری ترجمہ کورمُت یُس
اَز تام بلکل زیرِ پردہ رُود۔ تہٕ عُلماء کرامو نہٕ اوس یتہٕ تمہ کِس
طباعتس اندر اجازت دِیتمُت۔ تمہ پتہٕ کوٚر جناب مولانا
میرواعظ مولوی یوٗسف شاہ صابَن پارہٕ عم ——
دُبارہٕ مزید تفسیر، وضاحت کرِتھ، معانی و فوائد ہیٚرِ
رائوِتھ، معترضَن ہِندیَن اعتراضَن جواب دِتھ شایع
یوسہ وُنی کیس موجود چھےٚ۔ بہرحال باقے قرآن مجیدُک
ترجمہ رُود بنیہٕ پیٹھے کنُو۔......"

۱۹۴۷ء وارِیاہ وَری برونٛہہ چھےٚ "کأشُر مسلہٕ کتاب" تہٕ ترتیب دِنہٕ آمٕژ
یہ کتاب چھےٚ سوالہ جوابہٕ کِس صوٗرتس منٛز تہٕ نماز، زکات، حج بیٚترِ موضوعن پٮ۪ٹھ
جان پأٹھۍ واش کڈنہٕ آمٕژ۔
اَمہ پتہٕ آیہ شرعِ محمدی (کأشُر مُفتی) بروٚنٛہہ کُن۔ یہ کتاب چھےٚ وارِیاہ
معتبر دستاویز برونٛہہ کنہٕ تھأوِتھ کأشرِس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔

# کأشُر ڈراما

## (۱۹۲۳ء پیٹھہ ۱۹۴۷ء تام)

کأشرِ نثرِ چھےٚ اصل تہٕ رٕژ ادبی ہسٹری چھ ییمہٕ وِرے ڈراماہو سیتی
شوٗروٗع سپدان۔ سٹیج تہٕ ڈراما خأطرٕ سپُد یہ رُت ماحول تُلہ "لہٕ تمو" راس لیلا
پارٹیو سیتی تیار ییمہٕ زٕن نیبرٕ پیٹھٕ مہاراج پرتاپ سنگھنِس زمانس منٛز یوان روزہٕ۔

ڈراماہس اُردو اوبس منز چھُ۔ یہ ڈراما سٹیج ۱۹۲۹ء پیٹھ ۱۹۳۲ء کس وقتس منز
رودہ گناہ تھ منڈرہ سٹیج۔ اَمہ ڈراماہک مرکزی کردار چھُ راژہ ہریش چندر تہٕ یہ سورُے
ڈراما چھُ اَمی سے اَندی اَندی پنُن راد پوٗرہ کران۔

(ہریش چندر اوس کمالک پُرہیور۔ سُہ رُودُ ہمیشہ پننس ستس پیٹھ
قائم۔ دیوان یندرہ لوکس منز ییٚلہِ یندرازس اَمہ کتھہ ہندپے لوٗگ سُہ گودم پھٹو۔
تس باسیوو راژہ ہریش چندرُن اکھ حدس تام ستس پیٹھ قائم روزُن پننہ تہٕ
سارِنے دیوتاہن تہٕ ریشن ہندہ وجودہ خاطرہ اکھ بوڈ خطرہ۔ چنانچہ تمہ سُند وسواس
دوٗر کرنہ موکھ چھُ وشوامتر پننہ ساری زٕھل تہٕ حربہ ہیتھ یتھ بُتہ راتھ پیٹھ وسان
تہٕ ہریش چندرُن پزر پھٹراونچ کوشش کران۔ یمو زٕھلو تہٕ حربو سیتی چھُ راژہ ہریش
چندر پننہ راژہ گدہ نشہ گژھان۔ سُہ چھُ بیچھنس واتان۔ تمہ سُند عیال چھُ تس نشہ
جُدا سپدان۔ تہٕ ساری چھُ اکہ اکہ کمن کمن دکن تہٕ شاٹھن لگان۔ تہٕ یم دوکھ
چھُ یتھ حدس تاںہ بڈان زِ کینہہ واقات اَچھن برونہہ کنہ ییتھ چھُ دِلس برابر
شراکہ وسان۔ خاص کر ییٚلہِ راژہ ہریش چندرُن سُنتان روہیتھ مران چھُ تہٕ ہریش
چندرس نہٕ آشنہ تارا یہ چھیٚلہ تس داہ دِنہ خاطرہ کاوہ جس سوتھ پونسہ آسان
چھیکرس چھُ وشوامتر پننین سیاہ کارنامن پیٹھ پانے پشیمان سپدان تہٕ تس تہٕ
چھُ اَمہ کتھہِ ہند باس پوٗرہ پاٹھو لگان زِ دُنیاہ ڈالہِ پننہ محورہ نشہ مگر راژہ ہریش
چندرُن سُتھ پھٹراوُن چھُ ناممکن۔

ڈراماہس منز چھِ کردارن ہند اکھ بوڈ ہجوم ڈیشان۔ یمن منز چھِ کینہہ
مسخرہ تہٕ شامل۔ امّا پوز ڈراماہچ اصل ییٚنہ وول کردار چھُ ہریش چندر، وشوامتر
تارا، روہیتھ تہٕ وشوامترُن سیتی برج نکشتر)

یہ دھارِک ڈراما سپُد کشیرِ منز بے حد مقبوٗل، یوٚت بوٚزِو دۄہان گامو

پیٹھ وُچھو کینژھہ انسان محض یہ ڈراما وُچھنہٕ خاطرٕ شہر۔ کوچہ گلین منز اَمکۍ شرۍ

اَمکۍ مکالمہٕ پھِر پھِر کران بولان۔

نندلال کول منٛدلو سٕندِس نادٕ پتہٕ چھِ غلام نبی سوز (۱۹۱۶ء – ۱۹۸۱ء)

تاراچند بسمل (۱۹۰۴ء – ۱۹۴۸ء) تہٕ نیلہ کنٹھ شرما (زاسنہٕ ۱۸۸۸ء) سُند ناو

برونٛہہ کُن یوان۔ یِہندِ ڈراما لیکھنُک طریقہ تہٕ وطیرٕ چھُ سُے یُس نند لال

کول نِس ڈراماہس منز نظرِ یوان چھُ۔ کردار چھِ پینتہٕ پتہٕ پینتہٕ گیوان تہٕ شارِن

منز کتھ کران۔ تہٕ یہ شاعری چھےٚ زیادہ تہٕ تُک بندی۔ نہ چھُ اَتھ اندر کانٛہہ تہٕ تاب

یِمن سارِنے ہلکہٕ پھلکہٕ ڈراماہَن ہٕنز ٹیکنیک چھِ کُنہٕ حدس تام یِمہ سٕہ خشرٕ سٕندین

ڈراماہَن منز نایاب چھِ۔

باسان چھُ بسملن اوس پنڈت نندلالُن ڈراما وُچھمُت۔ چنانچہ تس سپُد

ڈراما لیکھنُک یوٚت شوق زِ تمہِ لیوٗکھ ہریش چندرنہٕ اَتھو کہانی پیٹھ پنُن اکھ

ڈراما۔ اَمہِ ڈراماہُک ناو چھُ 'سَتیچ وَتھ' (ہریش چندر ناٹک) یہ چھُ حبہ کدلکۍ علی

محمدؐ کتاب فروش دۄن جلدن منز چھوپمُت۔ چھاپ سپُد نُک سنہٕ چھُ ۱۹۳۸ء۔ اَمہِ

علاوٕ چھِ اَمۍ اکہ نندُن، رامہِ اوتار، پرتیچ کھوٹ بیترِ ہلکہ پھلکہٕ ڈراما لیکھمٕتۍ۔

غلام نبی دِلسوزَن لیکھی شوٗدٕرِ، لیلیٰ مجنون، شیرین خسرو ہی کینٛہہ ہلکہ

پھلکہٕ ڈراما کاشرِس منز۔ دِلسوزٕنۍ ییم ڈراما سپدۍ "راج پال کمپنی" طرفہٕ رِکارڈ۔ یوٚکھ

اَسہِ فونوگرافس پیٹھ ییم رِکارڈ بوٗزۍ بوٚزۍ بنیو ادبی ترٛیشہ ہومہ راوان۔

پنڈت نیلہ کنٹھ شرماہَن چھُ 'بلوا منگل' تہٕ "سوہِپنہ واسہ وادتا"

ڈراما لیکھمٕتۍ۔ 'سوہِپنہ واسہ وادتا' چھُ بھاسہ سٕندِ مشہوٗر سنسکرت ڈراماہُک

آزاد ترجمہ۔

یِمَو سارِوٕے ڈرامہٕ پَتہٕ چھَ سانہٕ نظرِ "گرٕیسہِ سُند گرٕ" ڈرامس کُن متوجہ سپدان۔ اَتھ متعلق چھِ اَمِکۍ مُصنف پروفیسر محی الدین حاجنی پانہٕ اَکِس جایہِ لیکھان :۔

"گرٕیسہِ سُند گرٕ" (شُہ عملی ڈرامہ) یِمِکۍ گوڈنِکۍ کینہہ حِصہ ۱۹۳۸ عیسوی یَس منز پرتاپ میگزینس اندر چھپے یہٕ۔ کینہہ وُرِی گژھتھ دراو یہٕ ڈرامہ قسط قسط رِسالہ "گُل ریزس" منز تہٕ اَمہِ پَتہٕ چھلے یہٕ اَمِکۍ زٕ اڈیشن وُنتام"۔

"گرٕیسہِ سُند گرٕ" چھُ بے شک سون گوڈنیُک جدید ڈرامہ۔ اَمہِ ڈرامُک ٹیکنیک چھُ تِمہِ ٹیکنیکہ نِشہِ بِلکُل مختلف یُس زَن نند لال کولن، بِسمِلن شرماہن یا دلسوزَن وَرتاوِمُت چھُ۔ مکالمہِ چھِ فطری تہٕ جان۔ موضوعِ لحاظ تہٕ چھُ یہٕ ڈرامہ پتِمیو ڈرامہٕو نِشہِ اَکھ خاص تبدیلی ہاوان۔ اَتھ ڈرامس اندر چھِ تِمہِ نظامُچ اَکھ بہترین تصویر موجود۔ یِیلہِ جاگیرداری کشیرِ منز زوٗرَن پیٹھ اَس۔ تہٕ گرٕیوٗس بچارٕ اوس پزٕ پتھ رنگہ خار۔

سانین ڈراما تحریک چھِ ۱۹۴۲ پیٹھ ۱۹۴۷ تَس تام پننہِ مُول زیادٕ کھتہ زیادہ وُستاوار کرنہٕ خاطرٕ زبردست کوشش کران۔ کأشرِ فن کارو ہیوت سیٹھاہ سنجیدگی سان ڈراما تہٕ سٹیجس متعلق سوچُن۔ کوشش آیہِ کرنہٕ زِ یِیتہِ گژھِ تِمہِ "انڈین پیوپلز تھیٹر آرگنائیزیشنچ شاخ قائم سپدٕنۍ یِیمہِ جماعژ ہندوستانکین مختلف حِصَن منز زبردست کأم انجام دِژٕمژ اَس۔ مگر کأشرین لوٗکَن ہنٛزِ

سیاسی جدوجہدِچ اہم تہٕ نازُک مرحلس پیٹھ آمہٕ وقتہٕ واتِھمژ اُس۔ تمہٕ اَنی یہٕ تنظیم قایم کرنس منز سیٹھاہ رُکاوٹ۔ تکیازِ یہٕ اوس شہ وُکھ ییلہٕ سرکار شعوٗری تہٕ غیر شعوٗری طور برابر اَتھ کوشِشہِ منز اوس زِ کانٛہہ جمانژ گژھہ نہٕ اِستادہ سپدٕنۍ۔ کیازِ حکمران اُسہ زانان کُنہٕ جمانژ ہُند مُستوار تہٕ مُنظم سپدُن چھُ تِہندِ سلامتی خاطرٕ اکھ بوٚڈ خطرٕ۔

بہرحال یتھ وقتس منز ییمہٕ کینٛہہ سرگرمی وُچھنس منز آیہٕ تِمہٕ بٲوِل انٛنس منز کوٚر کینٛژن شخصو تہٕ کینٛژو ڈراما کلبو پننہٕ پنٕنۍ رول ادا۔ یِمن کلبن منز چھہ سری پرتاپ ڈراما کلب، نیشنل ڈراما کلب تہٕ سُدھار سمتی ڈراما کلب بیترٕ ناو ہینس لایق۔ مگر یوٚتام زَن کاشرِ ڈرامہن ہُند سوال چھُ اَتھ وقتس منز چھہ اُسہ صرف دوٚن اہم ڈرامہن ہُند ناو بوزان۔ یِم چھہ "وِداو" (معنٛڈ) تہٕ "بٹہٕ ہر"۔ وِداو اوس اکھ سوشل ڈراما۔ یہٕ سپُد سُدھار سمتی ڈراما کلبہٕ طرفہٕ سٹیج۔

"بٹہٕ ہر" ڈراما چھُ تمہٕ تلہٕ تِمی جمانژہ ہُند خاب ییمہٕ زَن پتہٕ "انڈین پیوپلز تھیٹر آرگنایزیشنچ شاخ قایم کرنچ کوشش کرٕ۔ آمہٕ جمانژ ہِندِین کارکُنن ہُند خیال اوس یہٕ ڈراما سٹیج کرنہٕ پتہٕ دِن تِم تتھ خابس اہم شکل یُس تِہندِین ذہنن منز نقش سپُدمُت اوس۔ مگر یہٕ ڈراما ییلہٕ وقتہٕ کِس گورنر مہاراج کشن دَرس نِش سینسرٕ (Censor) ووت، تمہٕ دیُت نہٕ یہٕ ڈراما سٹیج کرنُک اجازت اَکھتے آو آمہٕ ڈرامُک مسودٕ ضبط کرنہٕ۔

"بٹہٕ ہر" اوس مرحوم پریم ناتھ پردیسی ین ۱۹۴۵ ٔس منز لیوٚکھمُت اَتھ ڈرامہس منز اُس تمہٕ وقتہٕ کِہ غذایی بحرانچ اکھ زِندٕ تصویر پیش کرنہٕ آمژ۔

# پرتاپ میگزین تہٕ "گاش" اخبار

کٲشرِ لِکھارِو تہٕ شاعِرو کرٕ وَقتہٕ وَقتہٕ رِسالَن تہٕ اخبارَن ہِنٛز کمی برابر موٚحسوٗس۔ اَمی ایحساسَن دِژ تِمَن جذبس زٕہر یِمہ رٔنٛگ کٲشرِو پروفیسرو ۱۹۳۶ عیسوی منٛز گوڈنچہ لٹہٕ پرتاپ میگزینس منٛز "کوٗشُر حِصہ" قایِم کوٗر۔ مگر کینٛژھاہ رسمُل خطہٕ کہ تنازعہ رٔنٛگ کینٛژھاہ دوٚیمہِ حالاتو رٔنٛگ یہ حِصہ آو پتہٕ جلدٕے وٕڈاونہٕ۔ مگر سٕتہٕ تاجی پتہٕ گو بیٚیہ باقاعدگی سان شوٗروع۔ اَکھتہٕ یِم میگزین دوٚیمہِ کالجَو تہٕ کٔڈِی تِمَن منٛز تہٕ رٕژ کٲشرٕ نثر برابر چھپان تہٕ لڑکن تہٕ پروفیسرَن ہِنٛز ترٟیش پوٗرٕ کران۔

۱۹۴۱ عیسوی یَس منٛز دڑاو گوڈنیُک کٲشُر اخبار "گاشس" یہ اخبار اوس ہفتہ وارِی نیران۔ اَمیُک گوڈنیُک پرچہ دڑاو ۳۱ ساون ۱۹۹۷ بکرمی بعد وارٕ دوہہٕ۔ یہ پَرچہ کڈنٕک مُدا ییٚتہٕ کٲشرِ زبٲنی ہِنٛز خدمت اُس تَتہٕ اوس پتہٕ مُدا زہ گامَن ہِندِ بسکین تہٕ گرٕ ژھو روزمرٕہ عوامی، سماجی تہٕ سیاسی مامُلن سِتھو واقف سپدَن۔ ییٚتھ زَن تِم تہٕ مختلف مسایلَن منٛز پنُن رول جان پاٹھو ادا کرِتھ ہیکَن۔

"گاشس" پتہٕ اوس کشیرِ ہِند موشوٗر شاعِر مہجوٗر پننہ سایہ آش، تمنا تہٕ وسیلہ ہیتھ کٲم کران۔ مہجوٗر صابنہٕ صاحبزادہ جناب محمد امین اُسی اَمہِ اخبارٕکی مالک تہٕ ایڈیٹر اوسُس تحصیل پُلوامہٕ کس نام حفیظ۔ امہ پتہٕ دوٚیم عالمگیر جنگ سُپد اَتھ پیٚٹھ کوہنہ پاٹھو سوار۔ اَتھ جنگس منٛز ییٚتہٕ واریاہ کینٛہ نایاب سُپد تَتہٕ گو اخبار کاغذ تہٕ کامنہٕ۔ نتیجہ دڑاو یہ زہ گاش گو جنگہ چہ گٹہٕ منٛز غایب۔

## (۲) کأشُر نثر — ۱۹۴۷ء پیٹھ وُنیکھ تام

۱۸۲۱ء پیٹھ ۱۹۴۷ تس تام چھ ۱۲۶ ؤری گذران۔ یِمَن
ییٹھن ؤرِہَن منز ہرگاہ واریاہ کینہہ سۄ پُت گۄژھ آسُن تہٕ سپُدیوٚ۔ وۄنۍ
گۄ بہٕ اُمسحقٕ تہٕ چھ اَمہٕ وُچھلہٕ ورِیہٕ دورِچ اہمیت واریاہ۔ مگر یِتھ کتھہٕ سیٚتۍ
تہٕ چھِنہٕ انکارٕچ گُنجایِش زٕ کأشرِ نثرٕچ اصل ترقی چھ ۱۹۴۷ پیٹھے شورُوع
سپدان۔ ۱۹۴۷ء پیٹھ اَز تام چھ وُہہ ورِی گُذران۔ یِتھ مختصر وقتس منز ہرگاہ
کینژَن تھٕ نثر لیکھن والۍ بأدٕ سپدۍ یِم زَن ہرہمیشہ ادبی تہٕ فنی تقاضَن
منز اکھ تھود پایہ تھاوَن۔ اصل پَزر چھُ یہِ تہٕ زِ یِتھ وقتس منز یِمہٕ یِمہٕ
قسمِچہ سرگرمیہٕ نثرٕ رنگہٕ بامُل آیہٕ تِمو سیٚتۍ سپُز سۄ زمین ہموار یمہٕ سیٚتۍ تھدین کارنامَن
ہِندِ زِنمہٕ خأطرٕ سیٹھاہ ضروٗرٕ ری چھَ۔ اَز یمہٕ بڈ دُشوأرۍ کأشرِس ادیبس
یا شأیرس محسوس کران چھ سۄ چھَ یہِ زِ کتاب ہِینہٕ وول چھُ نہٕ تس برونٹھ کُنہٕ
کانہہ۔ جانہٕ کھوتہٕ جان کتاب تہٕ کُونہٕ لیکھہٕ سۄ سۄ چھ تس تأکِچن پیٹھ گرٕ
ڈولان۔ یہِ چھَ اکھ تڑھ دُشوأری یمہٕ سیٚتۍ تس نوٚ وۄتھ ژھانٹھ کرنہٕ نِش
روکان چھ۔ غأر مُلکی ادیبن ہِنزن شاہکار کتابن یِتھ زبأنۍ منز پھِرنہٕ نِشہٕ روکان چھ
اَمہ بجہٕ تہٕ سنگین دُشوأری باوجود یہِ کینژَہ وُنیکھ تام برونہہ کُن آو بیا تہٕ روز تِتھ
منز کلچرل اکادمی برونہہ برونہہ۔ نتہٕ تھوو لیکھن والۍ پننِس سِینس پیٹھ اکھ پل،
یِمیُک بار گران تس وقتہٕ وقتہٕ محسوس تہٕ ناوومید کران چھُ۔ اَز تہٕ چھ اَسہٕ منز تِھ
واریاہ ادیب تہٕ شأیر یِمو یہِ کینژَہ لیوٚکھ تہٕ تھوٚو کھ اَمی کأنہہ پننی گرٕ۔ بہرحال

اُتھ کھتہٕ اندر چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ زمانن کھینیہ ۱۹۴۷ء پیٹھٕ اَکھ بُڈ گرٛاے۔ نثر لیکھنکُ شوق چھُ دوہَے کھوتہٕ دوہہ ہُرٛان۔

۱۹۴۷ء چھُ سائنس تہٕ تٲریخس منٛز اَکھ علامژ ہُنٛز ہِشی حیثیت تھاوان

یہٕ چھُ سانہِ تٲریخُک اَکھ اہم موڑ۔ اَتہٕ پیٹھٕ چھُ کٲشرین ہُنٛزِ مجموعی زندگی منٛز واریاہ تبدیلی نظرِ یِوان۔ راژہِ مہاراجن ہُند دور چھُ ختم سپدان۔ تنگ تہٕ محدود غُلامانہ طرزِ کِس ذہنس منٛز چھُ وسعت یِوان۔ اَکھ نوٚو دور چھُ شوٗروع سپدان یُس جاگیرداری ختم کرنس سۭتۍ سۭتۍ واریاہ تبدیلی ہیتھ آو۔ یِمو کٲشرین ہندس کسنس بسنس منٛز واریاہ تبدیلی اَنۍ۔ اَمہِ تبدیلی ہُند اثر یِتھنہٕ پرٛتھ کُنہِ چیزن روٗد تِتھنہٕ پیوٚ فن تہٕ اَدبس پیٹھ تہٕ اثر۔ نٔوۍ خیال تہٕ نٔوۍ میزان آیہ بارسس۔ بوزنہٕ شوٗژ ہندۍ نٔوۍ دروازہٕ سپدۍ یلہٕ۔ ادبی مزاجس منٛز آیہ فرق۔ خیالن منٛز شولے یہٕ نٔوۍ ہہ بیانن رٔٹ نٔو ہیئت۔

دوشونی وٲنۍ اُڈرنہٕ (مواد) تہٕ ہیئت (فارم) منٛز آیہ تبدیلی۔ اَدبس منٛز آیہ سوٚ ترٛیج بارسس یُتھ "ترقی پسندی" وَونٛکھ تہٕ یُس وراصل حقیقت پسندی ہُنٛز اَکھ اَدگر صوٗرت اوس۔ فن کار، اداکار، مصوّر، شاعر تہٕ ادیب سپدۍ یکجا۔ ترقی پسند تنظیم آیہ بارسس یِیمو کلچرل فرنٹ، کلچرل کانگرس تہٕ کلچرل کانفرنس ہی ناو پرٲوۍ۔ ادیبن تہٕ شاعرن ہُنٛزِ اَمہِ جماعژ یِتھہٕ اُزۍ کین موٚلہٕ وٕہن تہٕ بہلہٕ پایہ کین شاعرن ہُنٛز صلاحیت دٔبراو، تِتہٕ تٔروو اَمہِ تحریکہِ سائنس اَدبس پیٹھ سوٚن تہٕ گوٚن اثر۔ یِتہٕ یہٕ شاعری ہندس مادانس منٛز انقلاب اَننس منٛز کامیاب سپزٕ تِتہٕ آو نثرِ کِس مادانس منٛز تہٕ اَکھ انقلاب۔ تہٕ یہٕ چھُ اَمۍ جوشہ جذباتُک اثر زِ اَز چھ نثر نگارن ہُنٛز اَکھ موٚلہٕ وٲنۍ چھوکھ مارکس منٛز۔ اَز چھ کٲشرس منٛز افسانہ

خاکہٕ، اسٹیج ڈراما، ریڈیو ڈراما، تنقید، مضمون، ناول، غرض پرٛتھ کینٛہہ لیکھنۍ
وَتھ ڈرامژ۔ اَتھ اندر چھنہٕ کانٛہہ شک زِ وُنہِ چھہ اَسہِ یِمَن سارِنٕے صِنفَن منٛز
ہُرِ ہرِ تہٕ ہُرٕ ژُر کرنٕس منٛز وارِیاہ مَنٛزِل سطے کرٕنۍ۔ خاصکر ناولہ، اسٹیج ڈراما، اۍسے
تنقید ہیترِ چیز لیکھنس منٛز چھہ اَسہِ وُنہِ سیٹھاہ پَتھ۔ ادبی موضوعو علاوہ چھہ
عام تہٕ سائینسی علمہ چین موضوعن پیٹھ کتابہٕ لیکھنہٕ۔ وُنہِ چھُ وارِیاہ کینٛہہ کرُن
یِمہِ خاطرٕ چھاپ چھہ سہولیژ تہٕ پَرَن والۍ سیٹھاہ ضروٗری چھہ۔

۱۹۴۷ء پیٹھ از تام یُس نثر لیکھنہ آو اُمیُک ڈسلابہٕ سپُد مختصر مضمونو
افسانو تہٕ کینٛژو غأرِ مُلکی کہانیٚن ہندیو ترجمو سٟتۍ۔ یِمن چھپلے کونگ پوش
تہٕ گلریز، نادِرٕ کیٚن میگزینَن منٛز درینٛٹھۍ یوان چھہ۔ یِمَن دوشوٕنی میگزینن چھُ اکھ
تواریخی پایہٕ حأصِل۔ یِنتِھن یِنتِھن کأشرِ نثرِچ تہٕ کأشرِ ادبٕچ ذِکر یِیہ، تتھن
تتھن روزَن یِم ناو سیٹھاہ برونٛہہ برونٛہہ۔ یِمَن پتہٕ چھہ "تعمیر" (ماہنامہ) ہمپوش
(میگزین) "شیرازہ" میگزین۔ "کأشُر ادب" (ماہنامہ) 'وطن' (ہفتہ وأری اخبار)
'چمن' (ہفتہ وأری بُلٹن) اکھ جان رُتبہ تھاوان۔

کأشرِ نثرِچہ ترقی تہٕ پایہٕ جاۍ خأطرٕ سپُد ریڈیو سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ
وسیلہ ثابت۔ اُمی یِنتہِ مختلف لیکھن والین ہنٛز حوصلہ افزأیی کرٕ تتہٕ کوٚر نثر نگارَن
ہنٛزِ نوِ تہٕ تازٕ تخلیقہ بوزنہٕ باپتھ تہٕ اکھ بوٚڈ حلقہ پأدٕ۔ ریڈیو کشمیرک ناو یِیہِ
کأشرِ ادبٕچہ ہسٹری منٛز سیٹھاہ بجرٕ سان ہیننہٕ۔ یوٚتام زَن مختلف تنظیمن
ہُنٛد واٹھ چھُ یِموَ زَن کأشرِین شأیرَن تہٕ ادیبن ہنٛز کم زیادٕ یاوری کرٕ یا اکھ
اَکِس نِشہ فیض یاب سپدنُک موقہٕ دِیت تِمَن منٛز چھُ "کلچرل کانفرنسک" ناو سارِوٕے
کھوتہٕ مولہٕ وُن۔ یِمہ پأٹھۍ برونٛہہ وَنہٕ آو اُمی تنظیمن ترٛوو کأشرِس ادبس

پیٚٹھ سیٹھاہ سۆن اَثر۔ یِیمِہ وَکھنٕہ رۆس کأشرِ ادبُک ہِسٕٹری نامکمل زانٕہ یِیہ
رأیہِ ادبی انجمنہٕ ییتہٕ بنیہِ یہِ کٔشیرِ منز وارِیاہ انجمنہٕ مثلن 'کشمیری بزمِ ادب'، 'کأشُر
بزم'، 'حلقہ علم و ادب خانیار'، 'کأشُر مرکز'، 'انجمن ادب بڈگام'، 'انجمن ادب کاپرن'
'انجمن ادب شوپیان'۔ بیترِ یِمن سیتھ کأشرۍ شأیر تہٕ کأشرۍ ادیب تہٕ وابستہٕ رُودۍ
۔ہشہ فنی گۆہ ہرگاہ یہِ وَنو زِ کلچرل کانفرنسہ ییتہٕ چھ "کشمیری بزمِ ادب" "کأشُر بزم"
"کأشُر مرکز" تہٕ مختلف دیہأتی انجمنہٕ کأشرِ زبٲنی ہُنٛزِ سرگرمیو خاطرِ زیادہ نادٕ ہِنٛس
لایق کانہہ خلاف واقع کتھ سپدِ نہٕ۔

کأشرِس منز یہِ کینٛژھا نثر ۱۹۴۷ پیٚٹھ وُنیکھ تام لیکھنہٕ آو تتھ منز چھ
افسانوی ادبُک اہمیت بلہٕ تے ساروے کھوتہٕ سیٹھاہ زیادہ۔ کأشرِس منز چھِ
اَمہِ قسمُک دس مُلہ تِلہ سوم ناتھ زتشی، عبدالعزیز ہارون، دینا ناتھ نادم، نور محمد روشن
عبدالرحمٰن راہی تہٕ مرزا عارف سندۍ کینٛژاہ پننۍ کہانیو یا ترجمو سیتھ ووہ تھان۔
یِمن منز سوم ناتھ زتشی سُند افسانہٕ "یِیلہِ گاش پھۆل"، نادمہ سُند "جماعتی کارڈ"
تہٕ "شین پیتو پیتو" ہارونُن "زون" "برم" تہٕ "سوتہٕ ادِ یا"، روشنُن "نیٖہ
گیٹ" عارفُن "نَے" تہٕ راہیُن ترجمہ "یِیلہِ سُہ ٹھَکہٕ یِیہ" کینٛہہ گۆڈنچہ کوششہ
چھہٕ۔ یِم افسانہ چھ جان پأٹھۍ شۆروع سپدان۔ جان پأٹھۍ پھانٛپھلن ہیوان۔
مگر آخرس پیٚٹھ چھہٕ تتھ پأٹھۍ ہیوان زِ یہِ نہٕ چھہٕ کانہہ معقول اثر ذہنس پیٚٹھ
تراوان نہٕ چھہٕ رُت افسانہٕ بنِتھ ہیکان۔ یِم چھ تِمہ فنی روٗحہ نشہ ژھرۍ یُس زَن
اَدب پارن تاج محلکۍ پأٹھۍ لازوال تہٕ اجنتا کین جواہر خانن ہندۍ پأٹھۍ پوشہٕ وُن
تہٕ ابدی بناوان چھہٕ۔ بہرحال افسانہٕ لیکھنچیو یِمو کوششو دِژ نوین لیکھن والین زٕژی۔
نوۍ افسانہٕ نگار آیہ بروٗنہہ کُن۔ یِمو منزہ وارِیاہو نہٕ صرف کینٛژن افسانن ہندِس

یٖمہٕنٛس پیٹھ قناعت کوٚر ہُکہ افسانہٕ لیکھِتھ، تِہندۍ مجموعہ چھاپِتھ، تہٕ فنی
زٕوۍ جارٕو رکنہٕ سٕہ زٕھرِیر پُورٕ کوٚرُکھ یُس گٔمُت ڈٕہ نیچن کوٗشِشن منٛز لبنہٕ یِوان
چھُ۔ تہٕ وُچھوٚے تہٕ یِتھ پائٹھ چھ اخترمحی الدین کأشرِ افسانٕکہٕ بابہٕ آدم بنان۔
اخترصابنۍ "دندوزُن" "وٕرۍ یا پہٕ ہُہند ایزارٕہ" "داغ" "آدم چھُ عجب ذات"
چھِ تِہم مأرۍ مٔندۍ افسانہٕ یِم ہمیشہ زنٛدٕہ روزن۔ واقاتن ہِنٛز رٔژ ترتیب۔ کردارن
ہُند وۄتلُن، تہٕ مکالمن ہُند پانٕہٕ نیار تہٕ فطری آسُن ـــ پرٛیتھ کینٛہہ چھُ یِمن منٛز موجود۔
اخترصابنۍ زٕہ افسانوی مجموعہ چھ وُنیکھ تام بازرس منٛز آمتۍ۔ یِم چھ "ست سنٛگر"
تہٕ "سوٗنٛزل"۔ "ست سنٛگر" چھپنہٕ پتہٕ آیہ بییہ کینٛہہ افسانوی مجموعہ بازرس منٛز
یِمن منٛز تبرکٕ، بال مرایو، آدم چھُ یِتھے بدنام، لوٗسمتۍ تارکہٕ، شیشہٕ تہٕ سنگتان
زنتہٕ زوٗل، کتھ منٛز کتھ بیترِ چھ تہٕ بییہ یِم وارِیاہ افسانہٕ مختلف افسانہ نگارو
لیکھۍ تِہم چھ چھپنہٕ۔ اخترصابس سیتۍ سیتۍ یا اَمس پتہٕ یِم افسانہٕ لیکھن وٲلۍ
کأشرِ ادبہٕ کس اسمانس پیٹھ نیٚنۍ دٔرایہ تِہمن منٛز چھ اِہِن کامل،
صوفی غلام محمد، ہردے کول بھارتی، بنسی نردوش، ڈاکٹر شنکر رینہ تہٕ امیش کول
ناوہٕ ہینٛس لائق۔ امیش کولنۍ "اڈرے کتھ" چھ دِل کش۔ راجینٛدر تہٕ بھوشننہٕ مکالمہ
چھ دلچسپ۔ اَتھ اندر چھ زِنٛدٕہ گأشِ یِنش سادگی، صفائی تہٕ روانی۔ اَتھ منٛز
چھُ فلسفیانہٕ سوچ تہٕ نفسیاتی جذباتن ہِنٛز ہلٕروُن تہٕ حقیقت بیانی سیتۍ پیش
کرنہٕ آمٕژ۔ یوہ سپُد پرکشش تہٕ بااثر چھ۔ بنسی نردوش سنٛدین دۄن مجموعن "بال
مرایو" تہٕ "آدم چھُ یِتھے بدنامس" منٛز چھ ٹٕلر، یہ تہٕ چھُ اکھ ایحساس "کأنسہ
موٗرٲوِن شوٗرے پان" افسانہٕ سون دِل تمبہ لاوان۔ ٹٕلر چھ اکِس نرسہ ہِنٛز دلیل
یمہ سپُر پٔرتھ موپاسان سنٛزن کہانین ہِنٛز یاد یِوان چھُ۔ "ریتہٕ چھُ اکھ ایحساس"

چھِ اکھ جدید طرزِچ کہانی۔ چھرٕ دلیل چھِ ذہنس منز اکھ ابسٹریکٹ خیال ہیٚتھ
لٹکھ گژھان۔ یمو افسانوی مجموعہ پتہٕ یمہٕ کہانی نردوشن یہچھ تمن منز چھ "میون
مرٕن" اکھ شاہکار۔ صوفی غلام محمد چھ دون کتابن ہندی مصنف۔ یمہ چھ
نوٗ سمتھ تارکھ، تہٕ شیشہ تہٕ سنگستان۔ یمن منز چھ خاکہٕ، کیرکٹر سکیچ تہٕ افسانہٕ
موجود، تہٕ یمن سارنے منز چھ مالِ دیدٕ تہٕ ژہر ژور' افسانہ ناوہینس لایق۔ ژہرٕ
ژورس منز چھ ترٛین موزورن غنی، عبداللہ تہٕ محمدن سینز کہانی ویرژھ ناوہٕ آمژ۔ یم
ترٛیشوے زٕنی اکس کاندرس وانس منز چھ کام کران۔ "غنی یتھ کام اُسس
ادٕ مندٕن۔ خنبیر اُڈرٛاونی، تونٛدورس واو دیٚنی۔ بیرٕہ بناونی۔ تم ٹھرٕنی تہٕ
تمن پیپھ ٹینل یا خشخاش دیٚنی۔ عبداللہ یتھ کام اُس تونٛدرس زیٚنی لاگن۔ تیل یا چھلن
آب انُن، تختہ زلُن تہٕ صاف کرُن، بیٚیہ زیٚنی پھالہٕ ناوُن۔ محمد اوس یمن وونہٕ تیمو
سینز کام اُس ژھوچھ، ژھوچ وری بیٚیہ باقے چیز تونٛدورس لاگنی"۔ محمد چھ کارخانہ
دار سینزٕ زیادتی خلاف آواز تلان۔ یتھ اندر تس غنی یتھ تہٕ عبداللہ سینز ہمدردی
تہٕ اکھ واس سپدن آسان چھُ۔ مگر یتیمہ اندازہ کارخانہ دار تس کڈان چھُ، غنی تہٕ عبداللہ
پورٕہ ہمدردی تھاوِتھ تہٕ اوکن یکن توجہ ڈالتھ کن ڈول دِوان چھ، تتھ اندر چھُ افسانہ کنُک
زو۔ ہردے کول بھارتی سندی ترٛیہہ افسانہٕ "تیہہ" "شکست" "آہنوٗ شک رولر
جگرِچ مِش، مِلہٕ ہند دہہ" چھ بے نظیر۔ "شکست" افسانہٕ چھُ اکس "فرسٹریٹڈ"
نوجوانہٕ سند المیہ۔ ہرگاہ کہانی سیٚود اکس خط مستقیمس اندر پکان چھ: اَتھ اندر چھُ
اکہٕ زبردس ٹریجڈی ہند اثر۔ "آہنوٗ شک رولر، جگرِچ مِش، مِلہٕ ہند دہہ" چھُ اکھ
نوٚو کہانی۔ اتھ اندر چھ شوٗعورِچ مختلف گرایہٕ تہٕ ٹیکنیک باس دِوان یتھ "شوٗعورِچ
رو" (سٹریم آف کانشینس) وَنان چھ۔ شنکرن یم افسانہ "رتنہٕ زولہٕ" (مجموعہ

ناوِ چھاپٕی۔ یا اَمہ پَتہٕ وُنیکیُن تام لیٖکھہٕ تِمَن منٛز چھِ زٕہ افسانہٕ "زڈ" تہٕ "اکھ پٔزل
تہٕ کینٛہہ انسان" اَکِس نٔوِس، وہ بِتہٕ وٕنِس افسانہٕ نِگارٕ سٕنٛد رٕوِ بہٕ گریز کَنِن کران
یِتھَے پأٹھۍ چھُ دیپک کوٗلٕن "سفرِ تہٕ سیتٕہٕ اُلی" افسانہٕ، امین کامِلُن "پھاٹَک"
"نوٗوٕ تاوِن" تہٕ غلام نبی بابا سٕنٛد خاکہ "رنٛگو منٛزٕ بدرنٛگ" کینٛہہ جان چیٖز۔ یِمَن
سارِنٕے چیٖزَن ہُنٛد زُو چھُ تِتھ Irony منٛز یُس یِہ اَکِس خاص اندازس منٛز پہِنٛدِس
پس منظرس منٛز کأم چھِ کران۔ امین کأملہٕ سٕنٛدین افسانَن ہِنٛز بُڈ خوٗبی چھَ یِہَے "آیرَنی"

ناوِل لیٖکھنُک شوق گوٚو سارِنٕے برونٛہہ حبیب کامرانس۔ اَمہِ لیٖچھ "ذات
مُبترات" یِمیُک اکھ باب بُجلٕے ۱۹۵۵ءکِس کوٚنگ پوشس منٛز چھاپ سپُد۔ مگر کامران
صأبن ژھنہٕ یہِ ناوِل پٔنٛنیو اَتھو نیست و نابود کٔرِتھ۔ اَمہ پَتہٕ وُنیکیُن تام آیہٕ ترٛیشہ
کتابہٕ ناولہٕ رنٛگہٕ مارکس منٛز۔ یِمہ چھِ اختر محی الدینٕنۍ "دود دگ" امین کاملنۍ "گٹہٕ
منٛز گاش" تہٕ علی محمد لونٕنۍ "اَسہِ تہٕ چھِ انسان"۔ "دود دگ" چھُ اکھ زیوٕٹھ افسانہٕ یتھ
اندر عبدالغنی نٕہ راجُن جنسی عشق تہٕ شمہ صأبٕن زوال وِہرٕتھ ناونہٕ آمُت چھُ۔ "گٹہٕ منٛز
گاش" چھِ قبأیلی حملہٕ کِس پوٚت منظرس منٛز ہانٛگلان۔ "اَسہِ تہٕ چھِ انسان" ناوِل
چھِ امرناتھ باترایہِ ہِنٛدِس پس منظرس منٛز لیٖکھنہٕ آمُت۔ اَز تام یہِ تنقید اَتھہ ییٚتھ
سپُد نِمیُک تہٕ اوس یہِ نیران زِ یہِ چھُ رپورتاج۔ یہِ چھنہٕ ناوِل۔ مگر حقیقت چھِ یہِ
زِ ناوِل لیٖکھنچہِ ٹیکنیکہٕ نٕہ چھِ وارِیاہ۔ یِتھ اندر رپورتاج ٹیکنیک تہٕ اکھ چھِ۔ "اَسہِ تہٕ
چھِ انسان" چھَ نہٕ اَوہ کنہٕ ناوِل ہیٚنچہِ منٛز بنیتھ زِ یِتھ پأٹھۍ واقعاتَن ہِنٛدِس ترتیبَس
سیتۍ سیتۍ کردار چھِ ولیٖز پھانٛپھلیٖز تہٕ کاڈ کڈِتھ وٕتھنہٕ گژھی یِنہٕ تہٕ چھنہٕ ہیٚوکمت
سپدِتھ۔ یہِ اَستھ تہٕ چھِ اَسہِ لطیف تہٕ سام پچھ اَسہِ متأثر کران۔ یِمَن کردارن
منٛز چھِ نہٕ سعہ دیوی دیوتاہَن ہِنٛز ہش شان ہٹھونسہٕ آمِژ یِوسہٕ "گٹہٕ منٛز گاش"

ناولہ ہنٛز ہیروٗئن تھاوان چھ۔ یمَو ترٛیو ناولو علاوٕ چھُ وُنیکھ تام اکہ ناولہ ترجمہ تہٕ سپدیومُت۔ یہ ناول چھ ٹیگورٕ سٕنٛز "چوکھیر بالی" اَمیُک ترجمہ چھُ پروفیسر پرتھوی ناتھ پُشپن کوٚرمُت۔ اَتھ چھُ "اُچھو کٔرٕٹھ" ناو تھاونہٕ آمُت۔ بنٛسی نردوش چھُ "موہ کر جار" ناوٕچ ناول لیچھمٕژ۔ مگر یہ چھپنہٕ وُنہٕ چھپے مٕژ۔

ڈراما تہٕ سٹیج — یہ سہ حالت ۱۹۴۷ء برونٛہہ تھاوان اوس — تھُو آو برونٛھہ ڈٔل دنہٕ۔ سنہ ستہ تاجی پتہٕ یہ کینٛژھاہ سٹیجہ رنٛگی سپد تمیُک ڈسلا ہر کوٚر کلچرل فرنٹن۔ پریم ناتھ پردیسی ین لیوٚکھ "شہید شیروانی" ڈراما اَتھ ڈراماہس اندر آیہ مقبول شیروانی سٕنٛز زندگی وٕرٛشھناونہٕ۔ سیٚتی آو وطن دأرِی ہِندس جذبس وُتش دنہٕ۔ اَتھ ڈراماہس اندر اُسی فلمی ڈراماہکی پاٹھی بأتھ تہٕ تھاونہٕ آمتو۔ تہٕ یہ اوس یتھ پأٹھی پرانہٕ مُروجہ ٹیکنیکہ سیٚتی تہٕ رٔمیُٹ کھیوان۔ یہ سہ نندلال کولن، بسملن یا دلسوزن اپنأومٕژ اُس۔ وہنی گو اَمہ ڈراماہکی بأتھ اُسی جان۔ تمن منٛز اُس تہٕ سہ تگ بندی نظرٕ گژھان یوسہ پرانین ڈراماہن منٛز نظرٕ یوان چھ۔ یم بأتھ اُسی مہجورن پانہٕ لیکھی متی۔ کلچرل فرنٹ کہ ذریعہ آیہ بییہ کینٛہہ ہلکہ پھُلکہ ڈراما گامہ گامہ تہٕ جایہ جایہ ہاونہٕ یہند مقصد لوکن ہنٛزٕ بیدأری سیٚتی اوس مگر پزر چھُ یہ زِ کلچرل فرنٹ ڈسو آو تہٕ "شہید شیروانی" علاوہ بییہ کانٛہہ خاص کأشُر ڈراما ہاونہٕ۔ سنہ ۱۹۵۱ء ہس منٛز لیوٚکھ پنڈت جگن ناتھ ولی ین "حبہ خوتونہٕ" ہنٛزٕ زندگی مُتعلق "زوٗن" ناوٕک اَکھ ڈراما۔ یہ چھپنہٕ وُنیکھ تام سٹیج سپدمُت۔ نہ چھ اَتھ سہ سامرتھ۔ یہ چھ سٹیج کیو لوأزِمو ہتو کنہ واریاہ کمزور واقاتی طور تہٕ چھپنہٕ یہ ڈراما حبہ خوتونہٕ ہنٛزٕ اصل زندگی سیٚتی رٔمیُٹ کھیوان۔ کینٛہہ کتھ چھ پننہٕ بوزشوٗژٕ حسابہٕ افسانوی رنٛگس منٛز پیش کرنہٕ آمژٕ۔

کلچرل فرنٹ پھٹنہٕ پتہٕ آیہٕ کلچرل کانگریس تہٕ کلچرل کانفرنس بارسس
تہٕ اَمی تنظیمہٕ دیُت تھمن ڈراما لیکھن والین زَنمٕ ییم اَز مارکس منز چھ۔ علی محمد
لون، نور محمد روشن، اختر محی الدین، امین کامل، سوم ناتھ زتشی، پُشکر بھان چھ
اَمی جماعژ ہندی پاداوار۔ نادِمن "بومبر یمبرزل" اوپیرا آو اَمی تنظیمہٕ ہندِ دسی
سٹیج کرنہٕ۔ کینہہ تِتھی ڈراما آیہٕ یمن فن کارن ہندِ دسی سٹیج کرنہٕ ییم سَیلاب
پاپرجایی، نوس گامی فِقمہس، تہٕ کینژن سماجی بدتن خلاف آواز پھہڑ مبنی
اَسی۔ ووٚنی گوٚ ۱۹۴۷ء پیٹھ روزنہٕ سٹیج تحریک مُسلسل چَلان۔ تہٕ ہیٚچ یہیٚ تھک
دی دی تہٕ رُکی رُکی ہش۔

"وزِ چھہٕ سأنی" چھُ علی محمد لونُن گوڈنیک کأشُر ڈراما۔ اَمہ ڈراما بروٚنٹھ
چھہٕ روشنن "چور بازار" بیترِ کینہہ ڈراما لیکھی مِتی "وزِ چھہٕ سأنی" ڈراماہس سیتی
چھہٕ "پگاہ چھُ گاش دار" (امین کامل) "تن ترٹا کھ" (پُشکر بھان) ہندی ناو تہٕ
کنہَ گژھان۔ امین کاملُن "حبہ خوتوٗن" چھُ بیاکھ اہم ڈراما۔ اَمہ پتہٕ ییم ڈراما از تام
سٹیج سپدی تِم چھہٕ اختر محی الدینُن "نستہٕ ہند سوال" تہٕ "شیشہ تہٕ سنگستان" پُشکر
بھانُن "ہیرو مچامہ" نور محمد روشنُن "ووٚنی گلالہ" (ٹیگور نہٕ اَکہ ڈرامہک ترجمہ)
رادے کرشن برار وُنند "باپو" پُشکر بھانُن تہٕ سوم ناتھ سادھو سُند "گرینڈ ریہرسل" سُداما
جی سُند "مزار" تہٕ غلام نبی فراق سُند مویسر سُند ترجمہ "دی کٹ بکمز اے جنٹلمین"
ڈراماہن ہندی کینہہ ترجمہ ییم اَز تام چھاپ سپدی تِمن منز چھ ٹیگور سُندی ڈراما زیادہ
زور چھ نور محمد روشنن ترجمہ کرِی متی۔ ییم چھہٕ قربانی، مالنی، چنڈال، کٹ تہٕ
ووٚنی گلالہ۔ زٕ ۲ چھ امین کاملن کرِمتی۔ ییم چھ "رازہ تہٕ رأنی" تہٕ "ڈاک گر"
اَکھ چھُ علی محمد لونَن کورمُت۔ ٹیگور سُندیو ییمو ڈراماہو علاوہ چھ ابسن سُندی

زٕ[۲] ڈراما "وائیلڈ ڈک" تہٕ "گوسٹس" کاشرِس منز پھِرنہٕ آمتۍ۔ یِمَن چھُ ناو "ٹھِنج" تہٕ "ژھاے"۔ ترجمہ کار چھِ سوم ناتھ زتشی تہٕ اَختر محی الدین۔ علی محمد لونن چھُ حال علے "شُبا" ناوُک اَکھ معلہِ وٗن ڈراما لیوٗکھمُت۔ مگر تہِ سَپُد نہٕ وُنہِ سٹیج۔

یِمَو ڈراماہَو علاوہ چھِ بییہِ کینہہ ڈراما ترجمہ سَپدِتھ ریڈیو پیٹھ نشر سپدیمتۍ یا مختلف فن کارَن گرٕ یِمتۍ۔ مگر تِمَن ہنز اصل زِتنہٕ کَنہٕ تیلی ییلہِ زَن تِم چھپِتھ بُروٚنٛھ کُن یِن۔ یا اصلَن ہندۍ پأٹھۍ سٹیج سَپدَن۔ رٕوٗد ریڈیو ڈراماہُک سوال۔ اَز تام سپدۍ لگ بگ زٕ ہتھ ڈراما ریڈیو پیٹھ نشر تہٕ۔ یِہُند تفصیل چھُ واریاہ بوٚڈ۔ ریڈیو ڈراما چھُ اَز کالہِ کِس وَقتَس منز واریاہ مقبوٗل۔ اُمہ چھِ ڈراما نگأری ہِندِس وُنیکِس منز پننہٕ خأطرٕ اَکھ نوٚو جاے قأیم کٔرمٕژ۔

**تنقید تہٕ تحقیق** ——— رٕوٗد وارِیاہَس کالَس اَڈٕ ذاٗمِس حابَس منز پیٹھ۔ وُنی کیٚس تہٕ چھِنہٕ دہ یَو ترٛییَو کتابَو علاوہ کانٛہہ خاص کتاب چھپِتھ آمٕژ۔ ہلکہ پھُلکہ تنقید آو اُردو، انگریزی، ہندی بیترٕ زبانَن منز لیکھنہٕ۔ یِتھ منز پروفیسر جے۔ ایل۔ کول، پروفیسر پُشپ، آزاد بُروٚنٛہہ بُروٚنٛہہ رٕوٗدۍ۔ حأجنی صأبن ہیم کینٛہہ کأشرۍ پأٹھۍ اَمہِ قسمکۍ مضموٗن لیکھۍ تِم چھِ "نثرِ چہ کتابہ" منز چھپے متۍ۔ حأجنی صأب چھِ تِم کُنی شخص یِم ۱۹۴۷ء بُروٚنٛھ پیٹھ برابر لیکھان آیہ۔ تہٕ وُنہِ تہٕ رُتھے پأٹھۍ کأشرِ زبأنۍ تہٕ اَدبچہ بییرِ بُتھۍ شیرِ نَس منز مصروف۔ اَمہ پَتہٕ آیہ کینٛہہ خاص کتابہ بُروٚنٛھ کُن۔ یِمہ چھِ "کأشرِ ادبچ تأریخ" (جلد اَکھ) پوئٹکا، صوٗفی شأعر (ترٛییہ جلد) تہٕ "کأشرِ زبأنۍ ہُند علاقہ واد پھیرٕ"۔ پوئٹکا چھِ ارسطوٗ سٕنزِ تنقیدی کتابہ ہُند ترجمہ۔ یہ چھُ غلام نبی خیالَن بامل اَونمُت۔ "صوٗفی شأعر" چھُ کأشرِ صوٗفی شأعرَن ہُند نوٚو مونے کلام تہٕ تبصرٕ۔ یہ چھُ امین کأملَن ترتیب وِژمٕژ۔

"علاقہٕ واد چھیرٕ" چھُ ٹاک زینہ گیری ہِنٛز کتاب۔ یہِ چھےٚ لسانیاتس سٟتؠ واٹھ تھاوان لفظن ہُند علاقہ واد چھیرٕ چھُ اَتھ منٛز دٔرج۔ یِمَے پاٹھۍ چھپےٚ یٖتہِ بٔنیہِ کینٛہہ کتابہٕ اکادمی ہٕندِ طرفہٕ یِمَن منٛز محمد یوٗسف ٹینگنی ترتیب دِتھ مژٕ کتابہٕ "گُل ریز" تہٕ "ولی اللہ متو" کینٛہہ چھہٕ۔

باقی یِہ کینٛژھا نٔثر چھپیو یا لیکھنہٕ کرِنہٕ آو۔ تِمَن وَکھتَن چھُہ مُصنفن ہُنٛزٕ زان پہچانہٕ سٟتؠ شامِل۔ وُنہِ چھِہ سانہِ نٔثرُک، مادان وادِیاہ تنگ۔ اَتھ پوٚچھر تہٕ وُسعار دِنہٕ خاطرٕ چھہ وُنہِ وارِیاہ پرٛاو ژھٔنڈنی۔ ضوٗرورت چھےٚ یِمہ کتھ ہُنٛز زِ خاص خاص ماہرِین بُرونٛہہ کُن۔ یِم زَن مختلف موضوعن پیٹھ مختلف کتابہٕ لیکھن یا دوٚیمیو زبانو پیٹھ کتابہٕ ترجمہ کرَن۔ مثلن فارسی زبانہِ سٟتؠ جان خبر آسہٕ تھاوَن وول پھِرِ ایرانی ادبچہ کتابہٕ کاشرِس منٛز۔ یِتھہ پاٹھۍ زَن پروفیسر شمس الدین احمدَن کٲم شوٗروع کٔرمٕژ چھےٚ۔ سنسکرت زانَن وول پھِرِ سنسکرتچہ۔ ہندی وول ہندی ہِچہ۔ انگریزی وول انگریزی ہِچہ۔ سائنس، فلسفہٕ، ہسٹری، جغرافیہ، معاشیات بیترِ مضمونَن سٟتؠ دلچسپی تھاوَن یِمَن موضوعن ہُنٛزٕ کتابہٕ۔ اَدے ہیکہِ کاشرِ زبانہِ وُسعت تہٕ پوٚچھر میلِتھ۔ تہٕ یہِ ہیکہِ باقے ترقی یافتہ زبانَن ہُنٛز ساِ شان پاٲدٕ کٔرِتھ۔

# گوڈِنیُک حصّہ

(۱۸۲۱ء پیٹہ ۱۹۴۷ ھَس تام کہآشُر نثری)

# انجیلِ مُقدّس

یعنی

سانٛس خوداوند تہٕ نجات دِنہٕ وألِس

یِسوع مسیح سُنٛد نوٚو عہد نامہٕ

یِیٚمیُک ترجمہ یوٗنانی زبوٗہِ نِشہِ کأشِرِ پأٹھۍ

سپٔنِتھ پنجأبی بائیبل سوسائیٹی ہِندِہ طرفہٕ

شایع سپُن تہٕ لُدھیانہٕ ہِندِس مِشنہٕ کِس چھاپ

خانس اندر چھاپنہٕ آو۔"

یہِ چھُ سہٕ ترجمہ یُس زن ۱۸۸۴ اَتس

منز چھاپ سپدیوٚمُت چھُ۔ باقی شیچھ خبرِ خاطرِ

وُچھو سرنامہٕ۔

# متی سُنز انجیل — (۴ باب)

(۱) تمہِ پتہٕ آو یُسوع رُوحکہِ قوتہٕ سیتھ بیابانس اندر نِنہٕ یتھ شیطان
تس اَزماوِہ (۲) تہٕ یلہِ ژتجہِن راتھن تہٕ ژتجہِن دوہن روزہ تھاوِتھ موکلیوو اُخر
ٲچھس بوچھ (۳) تہٕ آزماون واٲلی دوپ تس نِش یتھ تس ژٕ ہے خُدایہِ سُند
فرزند چُھکھ ژٕ دپ یمہِ کنہِ سپنن ژوچہ (۴) لیکن تمہٕ دوپس جواب دِتھ زِ لیکھت
چُھ انسان روزِ نہ فقط ژوچہ سیتی بلکہ پرٛتھ کتھہِ سیتی یوس خُدایہِ سندِ اُسہ
اَندرٕ چھےٚ نیران زندہ (۵) تمہِ پتہٕ رٹوٚ شیطانن مقدس شہرس اندر تہٕ ہیکل چہ کنہ
ڈرہ پیٹھ کورُن اِستادہ تہٕ دوپنس (۶) ژٕ ہے خُدایہِ سُند فرزند چُھکھ پنُن پان
ترٛاو بۄن تکیازِ لیکھت چُھ زِ سُہ دیہِ چانہِ کھاطرٕ پننین ملائکن حُکم تہٕ تم تُلنے ژٕ اتھن
پیٹھ یتھ مہ اَسِن زِ ژٕ لایکھ پنُن کھور کنہ پیٹھ (۷) یسوعن دوپ تس بییہ چُھ یہ
لیکھت زِ ژٕ مہ ازماون پنُن خُداوند خُدا۔ (۸) بییہ رٹوٚ شیطانن تھدِس اکس
کُھہس پیٹھ تہٕ ساری دُنیہِچ پادشاہی تہٕ تہندِ جلال ہاوِن تس (۹) تہٕ دوپنس
ژٕ ہے تھہٕ سجدہ کرکھ مے یہ سورُے کینہہ دِمے ژٕ یہ (۱۰) تانی دوپ یسوعن تس
اے شیطان دور گژھ تکیازِ یہ چُھ لیکھت زِ ژٕ کرکھ پننس خُداوند خُدایس
سجدہ تہٕ صرف کرکھ تسی بندگی۔ (۱۱) تمہِ پتہٕ ترٛوو سُہ شیطانن تہٕ وُچھ ملائکو کرٕ یتھ
تسنز خدمت (۱۲) یلہِ تمہٕ بوز زِ یوحنا سپُن گرفتار سُہ گوو گلیلس اندر (۱۳) تہٕ ناصرہ
ترٛاوِتھ کفرناحومس اندر یُس دریاکہِ کنارہ زبولون تہٕ نفتالیکن سرحدن منز چُھ۔

(۱۴) یتھ یہ اشعیاہ نبیہ سندہ معرفتہ وننہ آمت اوس پورہ سپدہ (۱۵) زہ زمین زبولون تہ زمین نفتالی دریاچہ وتہ یردنہ اپارہ غار قومن ہند گلیل (۱۶) تمو لکو یم انہ گٹہ اندر بیہتھ بوڈ نور وچھکھ تہ تمن پیٹھ یم موتہ کس ملکس اندر سایس تل بیہتھ نور پرزلیو۔ (۱۷) تمی وقتہ پیٹھ ہیتز یسوعن منادی کرنی تہ یہ ونن شوروع زہ توبہ کرو تکیازہ آسمانچ بادشاہت چھ نزدیک۔ (۱۸) یتلہ یسوع اوس گلیلہکس دریاکس کنارس پیٹھ پکان تمو وچھ بارنی جوراہ شمعون یس پطرس چھ ونان تہ تمس سند بوے اندریاس دریاوس اندر زال تراوان تکیازہ تم آسی گاڈہ ہانز (۱۹) تہ تمن دوپن تہہ پکو مےہ پتہ تہ بہ کروہ تہہ انسانن ہندی گاڈہ ہانز (۲۰) تہ تمو ژھنی تانی زال تراوتھ تس پتہ پتہ پکو (۲۱) تہ بوتھ پکتھ وچھ تمہ بیہ بارنی جوراہ۔ زبدیہ سندی نیچوی یعقوب تہ تس سند بوے یوحنا پننس مالس سیتو ناوہ اندر زالن ہند مرمت کران تہ تمنے دتن ناد۔ (۲۲) تانی پکی ناو تہ پنن مول تراوتھ تس پتہ پتہ۔ (۲۳) تہ یسوع اوس سارےسے گلیلس اندر پھیران تہ تہندین عبادت خانن اندر تعلیم دوان تہ پادشاہتچہ خوشخبری ہنز منادی کران تہ لکن ہندی ساری داد تہ بیمارہ بلراوان (۲۴) تہ تمو سنز شہرت گیہ سارےسے شہرس اندر تہ ساری بیمار یمہ رنگہ رنگہ بیمارین تہ عذابن اندر آسی گرفتار تہ تم یمن اندر دیو آسی سیتہ لد تہ فالجہ لد تس نش انکھ تہ تم بلراون۔ (۲۵) تہ سیٹھا لوکھ پکو گلیل تہ دکاپولس تہ یروشلم تہ یہودیہ تہ یردنہ اپارہ پیٹھ تس پتہ پتہ۔

# حاتم!

حاتم تیلہ وونی اوس کشیر ہند اکھ موشور داستان گو اُمو ہے داستان گوئس نشہ بوزمژہ کینژہ ڈیلہ چھ پنڈت گووند کول نہ ندتہ سیتو سر اَرل سٹینن ۱۸۹۶ عیسوی پیٹھ ۱۹۱۲ عیسوی یس تام کس وقتس منز ییتہ بوزمژہ تہ سومبراوِ مژہ۔ یمے سیدے یہ گریرسن نہ ترجمہ تہ شیرہ ژاَر کرنہ پتہ ۱۹۲۳ عیسوی ہس منز لندنہ چھاپ۔ کتابہ چھ ناو "حاتمہ سنزہ دلیلہ" (Hatim's tales)

ییتہ چھ نوٗمونہ باپتھ "طوطہ سنز کتھ" پیوان کرنہ۔ اَتھ کہانی پیٹھ چھ تنقیدی تہ تحقیقی حابہ بحث کرنس سوٗنب واریاہ گنجائش۔ تکیازہ اَتھ چھ وہب کھارنہ موشور مثنوی "طوطس سیتو واریاہ واٹھ لبنہ یوان۔

'خاتمہ نیو دلیلو' منزِ اکھ نۄمونہٕ

چھاپ: ۱۹۲۳ء

# طوطہٕ سُنز کتھ

دَپان وۄہستاد - شہر اکھ گو ایران - تتہٕ اوس پادشاہ - تمۍسُے چھُ ناو بہادُر خان - تمۍ اوس کوٚرمُت باغ رانپن رکُت - تتھ اُس نہٕ دَتھ غارِ زاۓنِس - تتھ باغس منز گو پاۓدِ فُقیراہ - نظر بازو کرٕ نظر - خبردارو نیہِ خبر اُمِس پادشاہَس دوٚپُکھ - "فقیراہ ژاد باغَس منز" - بوزُن پادشاہَن - ہیوتُن سیتہٕ وزیر - گےٚ تتھ باغَس منز وُچھن اَتہٕ فقیر

لچھہ نوو چھُے ہرِ وُتہٕ بینا - بوز وفادارِی عنقا۔

" ہا فَقیرو یور کور ژالکھو - کتہٕ کو چُھکھ - کتھ پاٹھۍ آکھو ؟"

فُقیر دَپان - "کوٚر میہٕ سالاہ - تُہُند کھیو میہٕ کیاہ ؟ بوز وفاداری عنقا"

بادشاہَس بوٚنمہٕ کنہٕ پوشہٕ ٹوٗراہ - اُتی تَلہٕ موٗمُت بُلبُلاہ - یُیلہٕ ییموٚ اُمِس فقیرس خشم کوٚر - تیلہِ پیو فُقیر پَتھرَ وَسِتھ - موٗمُت بُلبُل گو تھوٚد وۄتھِتھ - پادشاہَس ہوٗوُن یہِ وِرِد گو ہیرِ تھ پھیرِتھ بنیہِ آو - بُلبُل موٗد بنیہِ - فقیر گو بنیہِ زندہٕ - ہاہیوتُن نیرُن - ییم چھِس کران نازہٕ پارہٕ - دَپان چھِس " فقیراہ خدمت کروے - دِمہ دہ ہیرہٕ کی کھاۓمسی بروے - خاصیہ پیہٕ لاو ... کھیکھہ نا - بوز وفاداری عنقا -

یُس وِرد فقیرِس اوس سُے بوٗزُن اُمِس پادشاہَس - اَمہٕ پادشاہَن بوو وزیرس

کرٕ تربیت پادشاہن وزیرس۔ سُے محرم کوٗرُن اَتھ سپرس۔ گیہٖ سأٔلس شکارس یکجاہ
بوز وفادأری عنقا۔ طوطہ موٗمُت وُچھکھ دربیابان۔ ہا وزیرہ آسہٕ ہیے شوٗبان۔ زٕو
اُمِس منز بھاوتن ساتاہ۔ بوز وفادأری عنقا۔

دوٗپ وزیرن۔ " پادشاہم! یُتھ کول موٗمُت، پکھہ چھُس پیوان۔ خبر کرٕ
چھُ گومُت......"

پادشاہ کہان زارہ پارہ وزیرس اُمہٕ باپتھ۔ " بہٕ ژھان طوطہ کینتھ آسہٕ ہے
شوٗبان۔" اُمہ بوٗزنس نہ وزیرن کینہہ۔ دِیان ووستاد۔ اُمِس اوس دِلس منز داغے
ووٗنی ژاو پادشاہ اُمِس طوطس منز پننہٕ مور ژھنُن ترأوِتھ۔ طوطہ دوٗتھ تھوٗد چھُ
پھیران۔ وزیرن کرٕ کأم۔ ژاو بادشاہ سندِس مرِس منز۔ یہ اوس اُمِس دردِل۔

بیٚیو بیمترُن پادشاہس پانس۔ بر لوٗدُن وزیر نادانس۔ اوسُس
داغے زاگان داد کہاہ۔ بوز وفادأری عنقا۔

طوطہ چھُ ہوأیی اسمأنی۔ وزیر چھُ بادشاہ سندِس مرِس منز۔ دوٗتھ تھوٗد
کھوٗت گرِس لشکرِ منز گو۔ دوٗپنکھ موٗد وزیر۔ گرٕ بیہِتھ ہیو وُسِتھ۔ خبردارو ینہٕ
سعے خبراہ۔ بوز وفادأری عنقا۔

اُمہ وزیرن ییلہ کرٕ کأم۔ ژاو بادشاہ سندِس مرِس منز۔ تیچُن اَتھن کینتھ
شمشیر اَتھ پننِس مرِس کوٗرُن ریزہ۔ اَتھ لشکرِ دوٗپُن۔ " نیرِو ژھأنڈِو بنیہ بندوٗق
بازو۔ یُس مارِہ طوطہ تیمِس بنوہ بخشِش" اُمہ طوطن ییلہ بوٗز تہٕ ژوٗل۔ گوٗتس فقیرس
زنشہ۔ یُس تِتھ باغس منز اوس تمہٕ دوہہ۔ حُکم دِیُتنے تیر اندازن۔ کنہٕ بھاوِ تہٕ
میانِ نازن۔ طوطہ مارنس دِیُتنکھ فتوا۔ بوز وفادأری عنقا۔

یُس امیل اوس پادشاہ۔ سہٕ چھُ طوطس منز فقیرس زنشہ۔ سہٕ طوطہ گأشہٕ

مورینۍ - دوہہ اکہِ دژاو پہ بادشاہ سۄئس شکارس . ووت جاپہ اکس - اَتہ ژُچھن
مینہ مَر - اُمو سے کرکھ لار - اَنجھ لشکرِ منز . دۄپنم اُمو بادشاہن "یُس کینہ پہ
ژالہِ وۄہ تُس دِ مووہ گردن .

دۄپان ووستاد - اَمہ مینہ مرہ تیج ووٹھ بادشاہ سِندِہ کلہِ پنیھ ٹو -
ژھینس ووٹھ ژاپی - دۄرس پتہ - یُس سہ طوطہ اوس - پہ اوس فقیرس نشہ - فقیر
اوس صاحب آغاہ - دۄپُن اُمس طوطس یُس منز پہ بادشاہ اوس دوپ نس - "گژھ سہ
نیبر - اُز لبکھ پنُن مور" ییم چھ اُمس مینہ مرہ پتہ لاران نکھ روزان چھکھ نۍ -
دۄپان ووستاد - اَتہ اوس موٗمُت ہا پتھ - بادشاہ ژاو اُمس ہا پتس
منز - لار پیو یُس ییتھ بادشاہ سُند مور اوس تتہ ترووُن اَتی - ششیچھ بوزن طوطن
لار پیو کلِی دِدر منز تتہ پژارپو - مور لوٗبن - کرکھ توس مُبارک - بوز وفاداری عنقا -

طوطہ پیو اَتی پتھر - پہ ژاو بادشاہ پننس مرس منز - یُس پہ
وزیر اوس - سہ چھُ ہا پتس منز - بادشاہ اصل یُس اوس سہ کھوت گرُس پیہٹھ - دۄپُن
ہیمن دکن " مادِ ووُن ہا پتھ - لایوس بندوق - پھٹراپوس زنگ - اونکھ رٹتھ
بادشاہس نش - دۄپ نس بادشاہن - " ژہ کور تھم دغا - بہ مارہتھ پہ کیاہ کرے - گکھ
دۄپنم ہا پتھ چھُ وزیر - ژہ چھے پنُن مور گولمت - وُما (وونی ما) لھاوکھ - ژہ
ہا پتھ وزیر - بہ ہسا مارکھ -

دۄپان ووستاد - اونکھ زیٖنی - زو لکھ ہا پتھ - ہتھ وانشہ گو کم یا
جادئے آو بہودر خانس پیادے - کر وہاب کھارہ اللہ اللہ - بوز وفاداری عنقا -

# پنڈت نند لال

کأشرِس منز یِم ڈراما وُنیکِھ تام سٹیج سپدۍ تہٕ یِہندۍ مُسودٕ برابر پرٛتھ رِتہ چھ تمہٕ تکہٕ چھُ " سٹیج کہوٗٹ " سون گوڈنیُک کأشُر ڈراما لبنہٕ یوان۔

سٹیج کہوٗٹ چھ رازٕ ہرشٕ چندر سٕنز زندگی پیٹھ لیکھنہٕ آمُت۔

یہٕ ڈراما چھُ نندلالن لیوکھمُت۔ نندلال اوس پٹوارۍ ذات اُسس کول تہٕ تخلص اوس تھوٗان نندہٕ۔ روزان اوس کرالہٕ کھوڈٕ سرینگرس منز۔ یہٕ ڈراما چھُ از برونٹھہ ۳۵ وری گوڈنچہِ لٹہِ رگھناتھ مندرٕ (سرینگرٕ) سٹیج سپدمُت۔ پنڈت نندلال کولن زِہنہ تہٕ مرن سَنہٕ چھُ ۱۸۷۰ عیسوی تہٕ ۱۹۴۰ عیسوی وَننہٕ یوان۔

ڈراما نند لال

# سَتِچ کہوٹ

( کیٚنٛہہ سیٖن )

( گوڈنیُک سیٖن )

منظر:- ( اِندرٕ سبھا۔ سیوکن ہُند گیوٚن )

اندر:- ( وۆش ژائِوِتھ ) ہے تٔرِبھوَن ناتھ !

سیوک:- مہاراج ناشہٕ روٗس اُسِن تہٕند راج۔ شٮ۪تٕرن گژھن ناش۔ آسہٕ رۄزِن تٔہنٛز آش۔ وَنِتہٕ چھُہ کارُن از کوٚہ چھُہ مَن اُداس۔

اندر:- سیوکو ! تُہۍ کیاہ وَنِو کارُن۔ مَن چھُم سیٹھا بٔارُن۔

وشِشٹ جی:- ہے راژہٕ ژٕہ چھُکھ وۆش تہٕ وۆش ژاوان۔ مَنکۍ بٔریوِن کونٛہ چھُکھ باوان۔

اِندر:- مہاشری جی ! از پٮ۪ٹھہ مہ ژٕہ تَس اکھ کتھا۔ یٮ۪مہ کیٚنٛہہ تھٲوِتھ نہٕ سامرتھا۔ مَن چھُم گومُت سیٹھا وِیاکُل۔ آرام چھُم نہٕ بِلکُل۔ راجکۍ تہٕ چھُم پیوان روزُن ڈٕل مُل۔

وِشوامِترجی:- ژٕہ کیا زہ چھُکھ شک کران۔ کمہٕ کتھہٕ چھُکھ مَنَس منٛز سوران۔ وَن ژٕہ کیاہ شوٗکہٕ کھ چھی مَنَس منٛز۔ بہٕ کرٕہ وُنی تس کاسنکۍ سۄنٛز۔

اِندر :- مہاراج ! بہٕ دٕنوٕ وِپتارِتھ - تہٕ بوٗزو کٔن دأرِتھ ۔

(گیوان گیوان وَنان سہ)

گرٗوٹھ دوہ کھ مہٕ پیوم منز یاونُس

وار چھُم نہٕ تی کأشہِ باونُس

راژہِ چھُہ اَکھ ہری چندرٕ نوم

راتھ دِن سَتَس[1] ستہ تَس چھُہ کوم

ہیکہ کُس چھُہ تیتھ وہر پاونُس

وار چھُم نہٕ تی کأشہِ باونُس

..............

راژس اَپُز وَنُن ناونُس

وار چھُم نہٕ تی کأشہِ باونُس

وشِشٹ جی :- سَت ئی سَت - اچل ست - اٹل سَت - راژہ ہرشِس چندرٕنس سَت

پھٹراون ووِل کُس - ماجہ زاو - ہے راژہ یُتھ متکلف[2] ترٛاو

وِشوامترجی :- (وشِشٹ جی یَس کُن) ..... اَز تام سَت - رٛوکُس نتہٕ روزِکُس ؟

سُتہ چھا زیوٕرے کُنہٕ بیٚیہ کینہہ ؟

وشِشٹ جی :- ٹھٔرِو - توٗت مہٕ کٔھیٖو - اَتھ ہیٚچھہ یوٗت کرٛوٗد[3] - یہ گو آسُن آتمک بوٗد - ہرِیش

چندر چھُہ پُزٕ کر پانٹھو زیو پرنتو[4] ستس پوشس نہٕ کانٛہہ دِیو[5]۔

وِشوامترجی :- مہاشری جی مہٕ کرِ ہیٚٹھ !

وشِشٹ جی :- ہرِیش چندر چھے سَتس پیٚٹھ

وِشوامترجی :- اَپُز - بہٕ وَنہٕ ناوُن ۔

---

۱ ست مطلب پوٗز ۲ فکر، پریشانی ۳ شرارت ۴ لیکن ۵ دیوتا ۔

وشِشٹ جی :- ژیہ چھی تہم ہأجو باوَن

وِشوا مِترجی :- راج ناج ہنتھ کرِتھ خار

وشِشٹ جی :- اکے ست رِدیہ تیمِس تار

( ناردجی سبھایہ منز یوان )

ناردجی :- نارایَن ۔ نارایَن ( رِیشِن کُن ) ہری اوٗم

رِیشو :- ( وشِشٹ جی تہ وِشوا مِترجی ) تٔت ئٔت نمسکار ۔ نارد مُنی جی نمسکار ۔

ناردجی :- پرٛ سنئے چھوہ ۔ کیاہ اوس یِیتہِ ژُرک ناو ۔ مٔچرِہ اوس واد واد ۔ کمہِ کتھہ

ہُند اوس سمیہِ واد ۔

اندر :- مہاراج پاوِ پرٛنام ۔ مےٚ اکھ کتھا بُتھہ آم ۔ وۄنی کیس چھُ پرِتھوی پیٹھ

رازہ ہری چندر ستہ وأدی ۔ یِوْدوے تمہِ سُند یِتھے روٗد تہ یَندرازہ

( اِندرا یعنی سہ پانہ اِندر ) موٗد ۔ کنہِ پأٹھو گوٚ ژھ اُمہِ سُندستت پھٹُن ۔

ناردجی :- ہے رازہ ہیم چھکھ ویرِتھ کتھہ کران ۔ ہری چندرس نِشہِ چھُ زگت ڈرایٚ

تمہِ سُندستت چھانژِنہ پھٹِہ وُن ۔۔۔۔۔۔

اندر :- مہاراج تیمیک کارن

ناردجی :- ( گیوان گیوان ) سہ کارن چھُ نوٗن تتھہ کمہِ سُند چھُ وادا

۔۔۔۔۔۔۔۔

ہری ژندرم ہٲرِ گلہٕ سنساری

ہری چندرنو ڈالہِ گلہٕ ستہِ ویرٲرے

وِشوا مترجی :- ژنتہِ بنیا اُدرہ وٚنہِ ہنہ سہ اُپرٛ ۔ نزاہ ووٚنی ہادودرہ ۔ ہہ کم کم کرس ژھل

تہ کتھہ پأٹھو دالس وٚتل ۔ تھہ ہہ تہ ہادودرہ وگ چھلہِ راوُن ۔ ووٚنی پرزہ نہ

---

۱ خوٚش ۲ گٲٹل ۳ بیان ۴ دکھنے ۵ ذکر ۶ دوکھ ۷ زمین ۸ عجیب ۹ وجہ

یہ مُلےٚ ژٲوٕن۔

# گوڈنیُک پاٮ۪تھر

## (دوٚیُم سین)

**منظر:**۔ (ہریش چندر سبھا۔ گیوٚن چھہٕ چلان ۔۔۔۔۔۔)

**وِدُشک:**۔ کیاہ سٲبُس کرُوہ ژھوپہٕ۔ سٲنی نا شیکھےٚ۔ اُتھو ژچے یہ مےٚ ہ رگہ تھوٚپہ ستہ ستہ پران۔ اوٚہ سٲ اُسو پرو کُنی زٲنی (گیوان)

میتر تہ وینتی بوز ایشر راج زوٗزن نیتھہ پرٚسن

بیپہ وِدُشک وارہ بھاوتن مارہ کرتن ڈیڈی وان

**ڈیڈی وان:**۔ وِدُشک۔ مہ کر بَک بَک۔ ووہوٚن ہُند ڈنڈ کھیکھ راژس نِش۔

**وِدُشک:**۔ اچھہ ژوٚ تہ گوٚش کر۔ گوٚش نےٚ کرکھ تہ پوش ہو مرکھ۔ یوٚت مہ کرہ چرچر راژس چھہٕ نا خبر۔ ژٕ تھوٚپہ پوٚروہ یہ میون باٮ۪تھ۔

**ہریش چندر:** توٚہی مہ کُرو پامہ پامہ یہ دِموٗہ تھوٚپہ سارٕنی ینامہ۔

**وِدُشک:**۔ مہاراج ینامہ گژھہ مےٚ آسُن یہند کھوتہ ژوٗر۔ ییلہ ژن مےٚ اکھ ہمن سپنی باٮ۪تھ پور بیپہ گنی زٲنی پوٗر۔ باٮ۪تھ تہ مےٚ اچھر اچھر گوٗر

**ہریش چندر:**۔ پردھان!

**پردھان:**۔ ترٕ پاندان۔

**ہریش چندر:**۔ پرزایہ گژھہ دشا چھہٕ۔ کانٛسہ ما چھہٕ کُنہٕ پرٚکارہ دوکھ؟

**پرٚدھان:**۔ مہاراج پرزایہ چھہٕ وُنی کین مہا آنند۔ کانٛہہ چھہٕنہٕ کانٛسہ بند۔ نگرس منز نہ چھہ باٮ۪زی نہ پھنٛد۔ گوٚبرٕ چھہٕ مالِس سیوا کران۔ ستری چھہ برتھاس آگیاکار

برھاہ چھُ سٔتری ہٕند رٕکھیا کار تہٕ بوٚڈ شہجار۔ اَن پان تہٕ چھُ پاٛداوا مۄل بۄزِو پرٕ یتھ پرٛکار چھُ کلیان۔ پرٛزا چھ تٔہنٛدٕ سے آسے کانچھان۔ تمہِ ہٕ اُسن ژوٚر ژوٚر تہٕ مان۔ آسے ،سوٕ ست اُسوتَن رازٕ سنتانَن۔

( برہمن وَداں وَداں یِوان )

برہمن:۔ مہاراج سٕہٕنَن کوٚرنَم تاہ راج ( تہراج )

ہریش چندرَ:۔ ہے برہمن۔ کوٚہ کار ہٕ چھےُ دُکھی مَن۔ ہنَن پرٛیوٗ زَن وَن۔

برہمن:۔ مہاراج ! نیچوُ اوسُم شوٗنگِتھ تہٕ سٕتے نیوٗنَم سرٕہَن۔ مےٕ چھُم وُنی کین وائرلنج وُہَن۔ یوٚد وٕ سے جَل جَل سرٕہٕ مارہَن مےٕ چھُم آشا زِ نیچوُ رٕمیوٗن زندٕ سے اُنہَن۔

ہریش چندر:۔ پردھان !

پردھان:۔ کرٕ پا ندان ۔

ہریش چندر:۔ اَن رٕمیوٗن ہُرٕنجو تہٕ کان۔ وُنی ہٕ ہمو سٕہٕس پرٛان۔ وسٕنی کیا زِ چھٕکھ ژیر کران۔

( شِکار کھیلُن سرٕہٕ مارُن تہٕ شُر بچاوُن )

## گوڈنیُک پاٚٹھر

( تترٛیُم سیٖن ) پرٕن کُٹھ

ہریش چندرَ:۔ رُہِتھ ! رُہِتھ ! رُہِتھ ! ( آلوٚ دِوان تہٕ رُہِتھ یِوان )

رُہِتھ:۔ مہاراج۔ پِتاجی !

ہریش چندر:۔ پنٕنِو ماتاجی تہٕ اَنِو ناد دِتھ ( تارا چھُ یِوان )

تارا :- پرٛان ناتھ ۔ دأسی کیاز دِوِہ نووِہ ناد ۔

ہریش چندر :- میہ وُچھ اَڈ راتن بأگی دیو کھٹ سۄپُن ۔ یینمہ کِنہٕ مَن گوم ھہا ۔ ژنژل تہٕ ویاکُل ۔ (گیوان) ~

وُچھُم سۄپناہ اڑِد راتن تمی شبس کوٚرنم مَن
تمی ییٚچھ گیٚجی نیندرٕ مَن ہَن تَتی ییٚچھ چھُس سیٚٹھا کاہن
گوسأنیاہ اَکھ وُچھُم یوان منگن چھُم راجہ تاجک دان
سُہ ہیوٚتھ گدٕ ییٚچھ تہٕ اُسو تژہنٕ وُے پردھانس سان بیچھِہ نأوِن

(یہ بوزِتھ چھےٚ تارا گیوان)

تارا :- (گیوان گیوان) ~

ژٕ کوٚہ کارِنہٕ کران چھُکھ سۄپُن کأنتیاہ وُچھان ییٚتھ لوٚکھ
چھُ کوت تام پوز یہ سۄپنُک شک چھُ کیاہ نشیچے پَمَن سۄپنن

رُہِتھ :- پتاجی ۔ پتاجی ۔ سَت چھِہ وَنان ماتاجی ۔ سناریس منز کُس چھُ ژٕتیتھ ومُنش ییٚمِس نہٕ سۄپُن آسہٕ وُچھمُت ۔ پرٕنو پوزِ کُس دِراو ۔ پتاجی مہاراج ییٚمہ شُوٚکھو تراو ۔

پردھان ۔ چھِٹتر ییٚنی مہاراج ۔ میأنی وینی بوزی تو ۔ تھوٚد دُتھتھ پتن نیتر نیم گرِی تو ۔ منُش منز پڑھ کتھ متر سۄری تو ۔ مہاراج سۄپنس منز چھِ کأنسہِ داغ لدس اوشد دِوان ۔ سُہ چھا بُلان ۔ اَکھوا کانہہ موٚد مُت پۆرُش چھس زِندے وُچھان تہٕ چھا پوز آسان ۔ رتھو بوزِ تو سۄپنُک وان ۔ مہاراج دُتھو تہٕ گدٕ ییٚچھ سأنینو ربراجمان ۔

وِدُشک :- مہاراج ۔ مہاراج اَدراج ۔ میہ تہٕ وُچھ اَکہِ دۄہہ اَکھ سۄپناہ ۔ تتہٕ گوٚو داریاہ، واریاہ کال ۔ ژٕ مہاراج یہ پرٛدھان جی رمیون داند تہٕ بہٕ بنیوس

گرُوس۔ رٕنٛحۍ نۍ چاًرمَس البأنی تہٕ ہٮ۪بٕرٕم زمین واپنۍ۔ وایان وایان گوٚم پیۍ رٕہاًتۍ۔ ٹُلے چھُم نہٕ وۄہقان۔ اَدٕہ مہاراج ہوومَس اَکھ پٮ۪ٹھ کھوٚکھ تہٕ گوٚ کھوٚدٕ وٕنھٮ۪تۍ تہٕ بہ گوٚس ہُشیار۔ یہِ چھا مہاراج پۄز۔

ہرِیشں چنٛدر:۔ مہہ بۆز تٕمہٕ سارِنی ہُنٛد پرٕنٛتوٗ۔ توٚہی چھیوٕ نہٕ زانان ست کیاہ گوٚ بۆزٕو بہ وَنٕہوٕ۔ ست گوٚسے یُس ترٕٛیٚن کالَن، ترٕٛیٚن اوسنھاین، ترٕٛیٚن یوٗگن منٛز ہٮ۪ٚو روزِ۔ گنٛہِ پأٹھۍ یٮ۪یس نہٕ وِیکار۔ ستہٕ وأدی گوٚ سُے یُس کاںٛاپہ رٕنٛز، وأنی رٕنٛز تہٕ مَنہٕ رٕنٛز سٮ۪ٹھے ستھۍ ورتاوِ۔ زاگرت سوٚپٕن تہٕ سُشاپتی منٛز ستہٕ سے بیہچھ روزِ۔ من چھُ زاگرتس تہٕ سوٚپنَس منٛز گُنٛز آسان۔ توٚہ کارنٕدٕ مَنہٕ رٕنٛز گوڑمُت دان پزٕہ نہٕ کھیر کقنیُن ہے پرٕدھان! گرٕدھ یوٗتام دان دِنہٕ وول وانہٕ .... تہٕ بہٕ کرٕہ منتری بنٛتھۍ راجک پربندھ۔

## گوڈنیک پأٹھر

(دُوٚیِم سین)

(راجہ گدٕ سِرٕ چھُنی۔ ہرِیشں چنٛدر چھُ پانہٕ منتری)

ہرِیشں چنٛدر:۔ پرٕدھان جی۔ پرزایہ ہُنٛد وٕرلو وَرتاَنٛث۔

پرٕدھان:۔ مہاراج۔ پرزایہ چھُ دُنی کہن بنیومُت مہا کلیانت۔ بَسنٛچ نہٕ رَسنٛچ چھکھ ترأوِمٕژ برانٛث۔ تُہُنٛد راج ثراونہٕ رٕنٛز چھَ مہا دُکھی سِنٛہٕ مٕژ۔ وٕنان وٕدان چھکھ اَچھ تانی ہُنٛے مٕژ۔ دِہن رأتھ چھکھ یہے چنٛتن[1]۔ الِشرِ گُنہٕ رٕنٛز

[1] فِکر

بیٹھیہ رازٕہ ہنز تَن۔

ہریش چندر:۔ اَتھ مٔنز کُس ہیکہِ کیاہ کٔرِتھ۔ ایشرہ یُز شہاہ[1] کُس ہیکہِ پھیرِتھ۔ یوٚتام

نہٕ کانٛہہ رازٕہ بَنہِ توٚتام چھُ پٔرزایہ کشٹھ۔

( سادھوٗ نیٚبرٕ کنہ یوان )

سادھوٗ:۔ (ڈیڈی وانس کُن) گٔژھ وَن رازَس شیٚچھ زِ سادا چھُ آمُت۔

ڈیڈی وان:۔ سَت وچن مہاراج! (رازَس نِش گژھان) مہاراج نیٚبرٕ کنہ چھُ اکھ

گوسٲے نیاہ آمُت۔ تُہند درشُن چھُ یژھان۔

ہریش:۔ جَل جَل گٔژھ تہٕ پٔرنام کٔرِتھ ژانُن۔

ڈیڈی وان:۔ ( سادَس کُن ) مہاراج کھیما گژھیم کٔرنی، تُہہ لوگوٚ پیتَرس کالس

کلیش[2]۔ پکیو وٕنی۔

سادھوٗ:۔ ( پکان پکان گیوان ) ے

پرٕو زیوہ شیوٕ شوا ۔ کرٕو زیوہ شیوٕ شوا

نمیتھ پٔر[3] باتن تہٕ شامُن ۔ مہ کھوژ ککہ پامُن

مو ڈٔل پننہِ پووا ۔ کرٕو زیوہ شیوٕ شوا

ہری ژندرس بہ آسَس ۔ سنک ژھوہ کھوٚنی بہ کاسَس

اَدٕہ وچھتہٕ کیاہ بہ گیوہا ۔ کرٕو زیوہ شیوٕ شوا

ہریش چندر:۔ مہاراج ۔ ڈنڈوتھ

سادھوٗ:۔ دَسے ہاوِنے پرژ وَتھ۔

وِدُشک:۔ مہاراج! ڈنڈٕہ ہیتھ تہٕ گنڈٕہ ہیتھ۔ لور ہیتھ تہٕ موٗر ہیتھ۔ ماوٕہ ہیتھ تہٕ پاوٕہ ہیتھ۔

---

[1] خاہش [2] تکلیف [3] صبحن۔

پرٛدھان:۔ وِدُشک۔ ژٕ کیا زٕ چھکھ گرٕ گرٕ ہٹھے یاٗتی کران۔ لوکٕ ٹ نہٕ بوڈ چھکھ نہٕ وپڑاران۔

وِدُشک:۔ پردھان جی۔ ژٕ چھکھ بُلی توت گرٛھان۔ مےٚ کیا وونٛ راژن وۄن ڈنڈوتھ تہٕ اُمی کرِس اُہی۔ مےٚ وۄنُس ڈنڈٕ ہتس سیتی گنڈٕ ہتھ بٔنیہ لورٕ ہتھ، بٔنیہ موٚر ہتھ، مادٕ ہتھ تہٕ پادٕ ہتھ۔ زٕ ژٕ پاہن اُہی گرٛشھ کرِنی۔

پرٛدھان۔ ذٕ پُس "مہاراج ڈنڈوتھ"

وِدُشک:۔ راژن ونیوس تی ادٕ سآ بہٕ تہٕ وٕنُس تی۔ سو ما گیٚہ راژس سیتی مان۔ بٔنیہ ما کرِم ژٕر اُہی۔ میاٗنی کنہ چھس ڈنڈٕ وٕتہٕ ہندٕ کھوتہٕ بڈ وٕتھ جان۔

پردھان:۔ سو کوٚسہ گیٚس بڈٕ وتھ؟

وِدُشک:۔ یٔمہٕ دُرکِچھ (ہاوان)

پردھان:۔ ژھوپہٕ کرٕ ژٕ انکھ وِیادے

سادھو:۔ ہری ژندرٕ! مےٚ چھُکھ پرزٕ ناوان

ہریش چندرٕ:۔ توہی نیوٗوٕ نا میون راج دان۔ راژٕ گدی چھٕ تتہٕ پیہٹھ پیٹھے۔ بہٕ اوسس توہی پڑاران۔

سادھو:۔ ادٕ ژھٕ چھے وونی تاٗر (گدٕ پیہٹھ بہان) یم پٔہنٕ ؤستر[1] تہٕ بھوٗشن[2] دمیہ کڈتھ۔

ہریش چندرٕ:۔ مہاراج کانہہ اَبھیاس[3] چھُم نہٕ۔ نیو۔

---

[1] پوشاک [2] زیور [3] تمنا، طمع

سادھو:- پنٕنِس پیٚترٕ تہٕ آشنہٕ ہٕندی بھوٗشَن تہٕ دِمیہ۔

ہریش چندر:- پردھان جی۔ اَنیوٗکھ دمہٕ وَسے ناد دِتھ۔

( دمہٕ وَسے ژھچھ یِوان )

ہے رانی ! سوٗ پنٕنِس منٛز دان رٕنہٕ وول سادھوٗ کیاہ چھُ یوٗ ہے

گدِ بیٚہتھ ہیوٗتھ۔ وَسترتہٕ بھوٗشَن چھُ منگان۔ مےٚ دِتی مَس پٕنٕنی۔ تہٕ

تُہندی تہٕ چھُم دِپان اَنِنی۔

تارا:- مہاراج ! ہم بھوٗشَن تہٕ وَستر کیاہ گیہ۔ توٗہہ چھوٕ میانی وَستر تہٕ

بھوٗشَن۔ میانی پالَن تہٕ پوٗشَن۔ مےٚ اَندٕ وٕنٛد پوٗشَن۔ مہاراج اوشس

پاٗٹھی دِیوٗس۔

رُہِتھ:- مہاراج ! یہٕ کُس سادھوٗ چھُ ؟ زَن چھُ ہاپتھ کھیوٗمُت۔ مُرن داد

دمہٕ دریوٗمُت۔ میانی رٕنی چھُ کالہٕ سٕندٕ اُسہٕ منٛزٕ ژٕلِتھ آمُت۔ اُمی

کتہٕ اَنی بیٚیٚژ سارتھ زِ رمبانہٕ ماتا یہٕ ہٕندی بھوٗشَن رٕنیہ۔ بٔہیہِ چھُ مےٚ تہٕ

منگان۔ یہٕ چھُنہٕ ساد یہٕ چھ کُستام ژوٗر۔ پِتاجی۔ مےٚ چھُ تُہند پاس نتہٕ کرہٕ مَس

وُنی ڈاس۔ اَدٕ زانہٕ ہے یور کوٗت آس۔

سادھو:- ہری ژٕندرٕ ژھچھکھ بوزان۔ نیچوٗ چھُن کیاہ کیاہ چھُ وَنان۔

ہریش چندر:- مہاراج تُہہ چھوٕ دِیاوان۔ یہٕ چھُ بالکُ موٗرکھ اَن زان۔

سادھو:- مےٚ چھا چھُن راج تاج تہٕ بھوٗشَن بکار۔ ژٕ کر تہٕ رٕکیوٗل دان دِنٕس نٕہ کار۔

ہریش چندر:- مہاراج ! یہٕ چھ سورُے اُسار۔ مےٚ دِیہ کیوٗل پٕنٕنی سَتھ تار۔ اَمیکُ

گژھ نہٕ کرُن ویژار۔ تُہی نِیو سورُے کینہہ۔

سادھو:- ہری ژٕندرٕ ژٕ چھکھ سَہٹھا اُدار۔ چانِس سَتھ رٕچھنَس اُسِن نمسکار۔

دان تہٕ ژٕ یہ کوٗرُتھ۔ پرٛنتو، تتھ سیٚتھٕ ما گژھ آسنہٕ دکھنا۔

ہریش چندر:۔ وٕنو کوناہ گژھوٕ آسُن؟

سادھو:۔ سمہٕ ہُند ٹانکہٕ ہتھ۔

ہریش چندر:۔ پردھان جی۔ دِیُس خزانہٕ منزٕ اَنِتھ۔

سادھو:۔ ہری ژندرٕ۔ پاٹھٕ ژٕ یہ تہٕ بٔتیہ چارٕس اُتھ سٕتِس۔ یٔتلہٕ سورُے

راج گوٚ میون۔ خزانہ گوٚ چون؟

ہریش چندر:۔ کھما گژھِم کرٕنی۔ میہٕ چھُنہٕ کہیں وننی۔ بہٕ گژھ نگرس منز کاشہ

نھاوٕ پننُ پان بنٛد تہٕ تمہٕ دِموٕ دکھنا۔

سادھو:۔ نگروٕ اسی چھِ ساری وننی میانی۔ بٔیتہٕ دِمے تہٕ کاشہ ہیٚنہٕ۔

ہریش چندر:۔ اَدٕ مہاراج تنٛبلہٕ گژھنم دِنی ژٕ تہٕ جی دہہ مۆہلت تہٕ بٔتیہ کاشہ سیٚتھ

بیٚتھس اَتھ کاشی جی پیٹھ سوزوٕ دکھنا۔

سادھو:۔ نکھشتر۔ نکھشترٕ۔ ہیو نکھشترا۔

نکھشتر:۔ مہاراج آس۔ آس۔ پیٚتھےٚ چھُس آوٚر ہیوٚ۔

سادھو:۔ سارے کام ترٛاوِتھ یہ جَل جَل۔

نکھشتر:۔ (برونٛٹھ کُن یِتھ گیوان) ؎

رنگس گیہ بے رنگی ہاے رنگس گیہ بے رنگی
شودا[1] چھُس بہ چرسی مدٕ کی[2] ترٛکو یا کی[3] بھنگی
نشہ چیتھ چھُس اوٗ[4] آنندس منز روزان شونگو شونگی
بیتا رے سنطور رے واریاہ یوان بٔتیہ گیوان چنگی
بھنگہ اوشس بینائے منز ژیٹان پھیاران اوشس گوش
آلو دی دی ہیٚر اَرہٕ اوٗنہ ووس توتہٕ کریومٕ گوش

---

[1] شومٕ اُبی [2] افیوٗن کھینہٕ وول [3] بھنگ چینہ وول [4] اوڈ [5] یوٗت

کأم رٲزِم اَڈرٕ لیچی بٮ۪یہ سأری نَشہِ مےٚ گأم کنگی

وُنِو مہاراج کیاہ گژھوٕ ؟

سادھوٗ:- ژےٚ گژھہ ییمِس سےٚتو کأشی ۔ تتی دیی پےٚ مےٚ رٕژ دَکھنا پرٛنتو ژےٚ جی

دوہ چھس پرٛتیگیا ۔ یُودوے ژور کال لگِس تیلہِ پھٹ اَمرشند سٕتھ ۔ بٮ۪یہ

چھےٚ اَکھ کتھ (کنس تل وَنان)

نکھشترٕ:- مہاراِتمَن کمھِ ہُند چھا گاٹہٕ ۔ بہ اَنکہِ سخت لاٹہٕ ۔ (گیوان)

یُتھےٚ ییم لگہِ مٔنزِ پھیرَن ... رٕتھےٚ اَدٕ وارٕ سۄرٕ پھیرَن

بہ کرٕ دِمہٕ زاہ ییمَن آرام ... بَہ کھارَکھ اٙسہٕ کھُز وہُنی آم

دِمکھہ دأری دأری بٔھٹِن بیرَن ... رٕتھےٚ اَدٕ وارٕ سۄرٕ پھیرَن

اُستہِ یوٗتام بٕہ وَنہٕ ناوکھ ... تۄتام کتہٕ زاہ بہ تھَک داوک

بہ داوک کلہٕ شمشیرَن ... رٕتھےٚ اَدٕ وارٕ سۄرٕ پھیرَن

ہریش چندر:- پکِو نیرَو ۔ ژیر گوٗ ۔

پردھان:- مےٚ کر ییہِ تعہ ہہ رۄس وار ۔ بہَ روزہ تہٕنٛد سیوا کار ۔

# دِلسوز

غلام نبی دِلسوز (۱۹۱۶ — ۱۹۴۱) گو مرِتھ جوانی منز
پننِ امانت دِتھ۔ تمیٚ وُچھ پننہِ زندگی ہِندۍ کینٛہہ تام بہارے۔ ہرگاہ
زندگیہِ اُمس نوجوان شاعرس یاوری کرِ مرتھ آسہہے۔ کاشرِس ادبس
آسہہے یہند دِسی واریاہ کینٛہہ لاریومت۔

دِلسوز اوس سرینگرس نکھہٕ زہ میل دور تتھ گامس منز روزان
یتھ نشٹھ پور وَنان چھ۔

دِلسوزن چھ کاشرِس نثرس منز 'شوودہ'، 'لیلیٰ مجنون'
'شیرین خسرو'، ہی کینٛہہ ہلکہ پھلکہ ڈراما لیٚکھی متۍ۔ ہرگاہ یم فنی
زاویہِ جارہ رٹنہٕ واریاہ لوٚتی تہٕ کمزور چھ۔ مگر دِلسوزن پاے
چھ اوہ رٹنہٕ اہم زہ تمو وِزِ تتھ زمانس منز اوٚر کُن تہٕ بیلہ
نہٕ اَتھ فنس رِتھ پاٹھۍ کانٛہہ زان اوس۔ یم ساری ڈراما آسی
'راج پال کمپنی' ریکارڈ کری متۍ۔ تہٕ واریاہن کالس آسی
گِھہ یمہ وِرے ریکارڈو سیٚتی پننٕ دل رٹنہٕ ناوان۔

غلام نبی دِلسوز

# "شیرین فرہاد"

( ڈراما چھُ حمدِ خۄداہ سیتی شۄروع سپدان )

حمد :- قربان قربان یا حق سبحان

قۄدرتھ چانی ییمہ اکہ زانی — تَس پیٚو عاشق ناو

جلوٕ عاشق نظرِ ثانی — معشوق لاگِتھ ڈراو

تابان تابان یا حق سُبحان

حُسنکُ پرتو نۄن ییلہِ ترووُت — ہووُت لوکُ شان

فرہاد مستی للہ ؤرنی ہاوُت — شیرینہ ہُند ارمان

حائران حائران یا حق سُبحان

خسرو سُند دربار

خسرو :- خسرو !! شہنشاہ خسرو !!!

سارِنی نظامن پیٹھ حکومت کرن وول بادشاہ خسرو ۔ دُنیاہ کین تاجدارن باج ہینہ وول خسرو ۔ زمانہٕ کین رۄستمن زیر کرن وول بہادُر خسرو ۔

دپان چھُم ناو خسرو چھُس بہ مشہوٗر — دۄیُم آسیا مہ ہیوٗ کانہہ شاد و مسرور

چھہ میانے لرزہٕ کانپان کوہ بیابان — قدم بوٗسی کران چھُم تختِ ایران

چھُ میونُے ... دور ہمائُنی زمانَس منٛز چھَ میانُی حُکمرأنی

●

اہالیان دربار ؟

دربار :- جناب سرکار !

خسرو :- وُنو میون خیال چھا ٹھیک ؟

دربار :- ماشاء اللہ ، ماشاء اللہ۔ جہاں پناہ تُہُند فرماوُن آسِیا غلط ؟ ہرگز نہٕ ! بلکُل نہٕ !! کمُہ وَوُن !! کُس وَنہٕ !!

خدمت گار :- حضور عالی۔ اَکھ تاجر چھُ تُہُندِ ملاقاتُک لول بران۔

خسرو :- حضور کُس چھُ ؟ حاضر دربار کٔریون۔

تاجر :- عالم پناہ۔ مُلکِ آرمینیاہ پیٹھ اَس۔ شہرِ چین چھُم گژھُن۔ منٛزٕ وَاس تُہندس خدمتَس منٛز یہٕ ڈالی گڈراونہٕ۔ رٔٹو یہٕ تصویر بانے کرِو ملاحظہٕ۔

خسرو :- واہ۔ واہ ! کیاہ حُسنِ خدا داد ! کیاہ دِلبر دلشاد۔ یا پاک پروردِگار یہٕ چھا حُسن کُنہٕ یہٕ چھُ مار سہ

مارہ کوٗرنَس یارہٕ سِندِ تصویرٕ نے
نال ووٗلنم اُلفتُکو تصویرٕ نے

خسرو :- تاجر ؟

تاجر :- بندہ پرور !

خسرو :- یہٕ حُسن خوٗبان کتھ جایہٕ چھُ روزان تہٕ اَمی سُند ناو ؟

تاجر :- جہاں پناہ۔ ملکِ ارمینیاہ ہیچ شہزادی۔ ناو چھُس شیرین۔ یتیمو سِندِ حُسنک دٔبہٕ دٔبہٕ روے زمینس منٛز چھُ۔

خسرو :- واہ۔ واہ۔ کیاہ خوش پھیرٕوُن ناو۔ بے شاملت حُسنس شوٗبہ یُتھٕے ناو

"شاپور"

شاہ پور :- بندۂ حضور

خسرو :- یاد تھاوِتھ وارہ پأٹھۍ بوزنۍ۔

شاہ پور :- فرماوان گژھو بٔبیہ کینہہ؟

خسرو :- بس بوٗزتے۔ ادٕ کیاہ دوٕہ نیرِ۔ دوٕہ میون قسمت یاوری کرِ۔

شاہ پور :- عالی جاہ۔ بیہٕ کیاہ دراس۔ حُسنِ اجازت۔

خسرو :- خدایس حوالہٕ۔ یتھ کامہ ہیٚتھ دراکھ سُہ کأم اَنہٕ نے وارہ کارہ انجام۔

شاہ پور :- خداوند بس۔ چھُ میہ سیٚٹھا تُہند دُعا۔

خسرو :- مرحبا۔ مرحبا۔

شاہ ارمینیا :- وزیر سلطنت۔ وُنو تُہنز رائے کیاہ چھُ وَنان۔

وزیر :- عالم پناہ۔ یتھ معاملس منٛز واتہٕ شیرینہٕ تہٕ پرٛیژھن۔ تکیازِ بالغ چھا رٕکنہٕ نہٕ۔

شاہ ارمینیاہ :- ٹھیک چھُ تُہند مشورٕ۔

(دوٚیمُ سین)

شیرینہٕ ہُند دربار

(ہا ہا ہا ہا ۔۔ ۔۔۔ ۔۔۔ ۔۔۔
۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔)

دایہ :- شیرین! یاد تھاوِزِ۔ بُتھ نہٕ اَسہِ مُشتھ گژھوے

شیرین :- بکواس۔ نوتہٕ کیاہ گوٚ ناحقہ کتھن چھوٕ کن تھاوان۔ بوٗزِ زِ بس ییٚلہٕ سُہ کتھ پٕنٛز آسہٕ۔

دایہ :- شہزادی شیرین۔ بادشاہ سلامت۔ بادشاہ سلامت۔

شیرین :- کوٚت گیہ۔ یور آیا؟

بادشاہ :- اُہو۔ جگر پارہ وۄلہ یۄری۔ مےٚ چھُ ژےٚ اَکس کتھہ مشورہ صلاح
هیوٗن۔

شیرین :- حُکم کرِو۔ باباجان فرماوِو۔

بادشاہ :- لختِ جگر۔ خسرو ایران والی تورانس سیتی پچھے ژےٚ کتھہ پیوان
ژےٚ کیاہ چھکھ وَنان؟

شیرین :- باباجان بہ کیاہ وَنہ۔ یہ تۄہیہ مُناسب ژانِو۔ مول پیٚرژھیا اولادس
پیٹھ خرابی۔ یہ تہنٛد منش آسہِ تی چھُ میون تہٕ بہٕ نیرا تمہ نیبر؟

بادشاہ :- شاباش آفرین شیرین۔ ژےٚ چھےٚ طاقت مےٚ پیٚرتھ۔ ژےٚ پھچہ لہ ناوی نے
خودا۔ نیک کورین چھہ رٔژے خصلت نیران۔
شاہ پور؟

شاہ پور :- حضور!

بادشاہ :- وُچھو نیرِنچ تیاری کرِو۔ میانہِ طرفہ وُنی زِہ خسرو ایرانس سلام
بعد از سلام وُنی زِہس اَدِہ کیاہ طوٚوتھ ژےٚتس۔ مَشِتھ پیٚنہ گژھی۔

شاہ پور :- عالی جاہ۔ مَشِتھ کیاہ گژھیم۔ بے وقوف چھہ سُہ۔ یتیمس بندس نہ
تۄر تہُندِہ سلامہ تہُند مطلب نکرِہ۔ کانہہ پرواے گژھہ نہٕ بُرُن۔ تہُند
گژھہ بلا وَسواس روزُن۔

شیرین :- باباجان چھا رۄخصت؟

بادشاہ :- گژھ بجاہ کرُکھ نے۔ بجاہ کرُکھ نے۔

خدمت گار خسرو :- مبارک ۔ مبارک ! بادشاہ سلامت مبارک !

خسرو :- مبارک کیتھ ۔ کمیک مبارک ؟ یعنے

خدمت گار :- جہاں پناہ ۔ تہندس باغس آو بہار ۔ یعنے شہزادی شیرین وأتھ محلہ خانس اندر ۔

خسرو :- شکر ۔ شکر اے ذاتِ یزدان ۔ بہ کوتاہ کرہ چون شکریا ۔ ادٕہ تکیازٕہ بیتیچ نہ وونہ میدٕرے اُس نی آو بامکی ۔ اے خوش آوازان دربار کینژہاہ بوزٕہ ناگٕو ۔ یتیمہ سیتھ میون دِل شاد سپدِہ ۔

سازندران :- عالم پناہ ۔ بوٗزو ۔ عاشہ ژکوٚ سے

عروسانِ نو دیگر روزن شاد

مبارک مبارک مبارک باد

گلستان این چمن پھولن بازاد

مبارک مبارک مبارک باد

اہالیانِ دربار کران شکریا

ز بختِ سکندر چھ سون پادشاہ

شہنشاہ خسروؔ زندہ باد

مبارک مبارک مبارک باد

شیرین :- خسروؔ ایران ۔ خسرو ایران ۔

خسرو :- حاضر اے حسنِ خوبان !

اے راحتِ جان قربان قربان !!

عاشقن کٔن ژاو نظر اے مہ جبین

پَردٕ تھوٚو تُل ہاو روے نازنین
مثلِ بُلبُل دِل چھُ ترٛپان دم بدم
وارٕ ووٚن سےٚ چانہٕ لولکٕ چھُم قسم

شیرین:- شرط اَکھ چھےٚ گوڈٕ کرتَن وعدہ پوٗر
عاشقَن منٛز اَدٕ زانٛنھ چھُ کیٛنہٕ دوٗر
شیرچی شربت غذا چھُم دم بدم
جوے شیر باغس اندر واتہٕ ناوتم
وعدہ وصلُک چھےٚ توٚتامت مُلتوی

بوٗزٕ وٕ- گوڈٕ کرِو توٚ امہٕ کُ بندوبست۔ اَدٕ یہ وَنہٕ ہم ترٛنہٕ۔
توٚتامت پھےٚ ساٗرے یارٕ اَپُز۔

خسرو:- شاہ پور ؟

شاہ پور:- جی حضوٗر !

خسرو:- مُشکل مُشکل ۔ سخٕ مُشکل۔

شاہ پور:- جہاں پناہ کانٛہہ پرواہ چھُنہٕ۔ فرہاد کوہ کن ہیکہ یہ ساٗرے کام انجام دِتھ۔

خسرو:- اَدٕ ترٛتھے کر کانٛہہ کتھاہ ییمہٕ سِتۍ یہ مُشکل حل سپدٕ۔

شاہ پور:- عالی جاہ۔ بیکیاہ ذراس۔

توٚییم سین

( فرہادٕنی جاے )

فرہاد:- آہ۔ واہ۔ اے قسمت ناپاس ( پَتہٕ گیوان )
روٗشتھ مہ گومت سوٗرے جہاناہ

کس بوزِ ناوِے غمک فسانہ

چھُم ورگہ وٲلان دورِ زمانہ

کس بوزِ ناوِے غمک فسانہ

فرہاد:۔ اے بدقسمت فرہادہ

فرہاد فرہاد اے دلِ ناشاد

وۄلہٕ نیر ہاوِے عشقُک بہانہ

شاہ پور:۔ فرہاد۔ اے خوش قسمت فرہاد۔ وۄلہٕ تھوٚد۔ بخت گوٚے بیدار

بادشاہ سلامت چھےٚ یاد کران۔

فرہاد:۔ بادشاہ۔ کُس بادشاہ؟ کتیُک بادشاہ؟ اَسہِ تہٕ بادشاہَن کٲم کیاہ

یتھ شہرس تہٕ گژھہٕ ھنٛ تمہ شہرک ناوِے کیاہ؟

شاہ پور:۔ فرہاد! ژےٚ چھےٚ یوٚہے عادت۔ پنُن شکُس دِیہِ وۄتھ۔ وۄنہٕ ے

ہے تہٕ وۄلہٕ تھد تہٕ۔

فرہاد:۔ اچھا وۄتھو خبر کیاہ آسیم نصیبس لیکھت۔

شاہ پور:۔ عٲلی جاہا۔ کارِ گر زمان فرہاد چھُ حاضر۔

خسرو:۔ اے شخص چون ناو؟

فرہاد:۔ فرہاد۔

خسرو:۔ چون کار؟

فرہاد:۔ سنگتراش۔

شیرین:۔ بناوُن گژھہ اکھ سنگین جوے۔ یمیُک مطلب ژےٚ نیری شاد

روِیہ تمناے دِلی سپدی مےٚ حاصل۔ اکھ ییلہِ جوے شیر باغس مقابل۔

فرہاد:۔ آہ۔ واہ۔ یہ کیاہ ہ

حُسن چھا کِنہٕ حُسنہٕ کےٚ جانانہ چھا
جلوہ چھا کِنہٕ عاشقن ارمانہٕ چھا
نظرِ سِتین عاشقن دِل مست ژَلان
چشمہ چھا غارت گرِ ایمان چھا
ناز روٗیہ خالِ ہندی منٛز بُمن
کعبہ چھا کِنہٕ یارہٕ سُند آستانہ چھا
چھس اوٚ ویزان ژ اوٚی ہٕتھ مارِ سیاہ
زُلف چھا کِنہٕ زُلفہٕ کےٚ سامانہ چھا

شیرین:- فرہاد۔ بہٕ چھس اُمید کران کہ میون مطلب سپدہٕ عنقریب پوٗرہٕ۔

فرہاد:- حضوٗر۔ اے خدایہ حُسن کیازِ بہٕ۔ چون فرماوُن تہٕ میون بوزُن۔ یہ چھُ میون قسمت۔ پَس ژٕ یہ ہیٚکہٕ خداوند حُکم کرِہ۔ فرہادے کمُو ووٚن۔ فرہادُن جان چانین پادن قوربان ہے

ژٕہ روزُم خوش تہٕ سوٚے چھم شادمانی    کرے بوٚرباد پننی زندگانی
یوٚتامَت چانی کامُم واتِم نہٕ انجام    توٚتامَت چھم حرام آرام آرام

## ژوٚدہِیم سین

(کینژاہ دوہ پتہٕ)

شیرین:- راہبہ

راہبہ:- حُکم شہزادی صاحبہ!

شیرین:- دوہ تھ فرہاد کوہ کن وُچھون کوٚت ووت۔ تکیازِ دِل چھُم میہ پریشان۔ فِکر چھُم پراگندہٕ۔

راہبہ :- بہتر۔ دُیتھو۔ یہ منشا سرکار آسہ۔

(جنگل چھُ پوان۔ جنگس منز)

فرہاد :- شُکر۔ کام تہٕ گیہٕ ختم۔ دِل تہٕ سپُد خوش۔ ووٚنی چھ صرف یارہٕ سِندہٕ

ییِنچ دیری ؎

اَنتے ساتقاہ یاد سائُنی شاد شاہ دُر دائنئے

وَنتے کائیتاہ ناد لایہٕ حُسنہ چی پد مائنیے

شیرین :- آفرین فرہادَ !

فرہاد :- گُگی زِہ گنڈِتھ بوز سلام۔ چھُس بہٕ چوٚنئے اَکھ غولام۔

زیادہ کرِہٕ نئے چھا کلام۔ بوز سلاماہ سائے نِیے

طوق چوٚنئے گوٚ میہ نالی۔ شوقہٕ چانے دِژاس بالی

دردِ جگرن کرِہ میہ الی۔ دائیہ میائنی کُمی زانیے

شیرین :- فرہاد! ژٕ یہ کوٚرتھ میون دل شاد۔ ژٕہ تہٕ روز آباد۔ وُنی وَن

کیاہ شوٚبی ژٕ یہ ینامہٕ۔ ییمہٕ سیتی ژٕہ خوش گژھکھ۔ یہ منگکھ

تہٕ تھوٚوسے بہٕ حاضر۔

فرہاد :- ینام ! اے مہ لقا بس چھُ میہ سیٹھاہ چون نگاہ۔ ژٕہ روز

وارہٕ بتیہ نہ کینہہ۔

بہٕ چھُس چوٚنئے غولام جاودائنی

سیٹھاہ چھم بس میہ جائنی نظرِ ثانی

شیرین :- اَچھا ووٚلہ یوٚری۔ رُتھ یہ گوٚوے ژٕ یہ اَمیک محنتانہٕ۔ خوش

گوٚکھ، بس کینہ بتیہ ؟

فرہاد :- زر و جواہرات دولت۔ اے نازنین۔ یہ گوٚوے ژٕ یہ بہٕ کیاہ کرس میہ

کتھہ چھُم بکار سے

نہ دولت نہ جوہر نہ زر چھُم بکار

فقط چانۍ نظرِ عنایت بکار

شیرین:- فرہاد جیس کر مغز ماڈرلی ژہ کتہ چھکھ کوٗت ووتکھ۔ ویلہ ماڈجی دیکھا غنس ہیہ کاٗم۔ ژ ہیہ کیاہ گوے۔

فرہاد:- اے شہنشاہِ حُسن! بہ کیاہ ونے میہ کیاہ گو۔ یا بوزُکھ کتھہ بہ ونے۔

ستم گارہ چانہِ اشارو بہ موروس ہمو حُسنہ کیو تاجدارو بہ موروس

ہران چشمہ وُچھ مے بران لولہ پیالہ چھران گوہر آب دار بہ موروس

صنوبر قدس کُن نظر یام ترآوم سہی ظلمکیو ظلمگارو بہ موروس

شیرین:- بس خبردار! فرہاد۔ حوصلہ کر۔ امہ خیالہ ڈال۔

فرہاد:- اے دِلبر جان۔ خفہ کیازہ چھوہ گژھان۔ خفگی ہُند سبب؟

شیرین:- سبب؟ بیوقوف۔ بے ادب۔ ژہ چھکھ وُنہ بسیجہ پرژھان۔ ووتھ دفا گژھ۔ انصافس اوُنتھم کھر۔ ییتھے میہ ژہیہ شاباش کورُے رنتھے گژھہم نکھس کھیٔت۔

فرہاد:- اُتھہ ینامس کیاہ اوسیہ بہ ووہمیدوار؟ کیاہ اُتھی چھا دِیان انصاف یُس میہ بیے گوہہس پیہٹ وُنی کین کرنہ یوان چھُ۔ بہ گوس خراب۔ بہٗ کیاہ کرہ۔ بہ کوٗت گژھہ سے

کرے گتھہ شمع رویس مثل پٲنپور

فدا سپدے ژہیہ پادن لے رُخِ حوٗر

شیرین:- راہبہ۔ چھکھ وُچھان۔ ییتھو سنہ مثل۔

راہبہ :- شہزادی صاحبہ ! مُتِس کیاہ سوٗن تہٕ وۄہ گۄن برابر۔ ژٕ یہ کرِ یوتھ انصاف۔ اُمِس پیٚیِہ نہٕ لوٗگےٚ۔ ژٕ اُدِیوان، یِکھو پانس وِن پننہٕ بلایہ۔

## پوٗنژیُم سین

(شہرس منٛز)

فرہاد :- شیرین۔ شیرین !

سپہ سالار :- اما یہ کُس ژنا چھُ یُس بے خوف پاٹھۍ ییم لفظ استعمال چھُ کران۔ ظاہرا گژھ یہ کانہہ پاگل آسُن۔ یہتو مُتیا وُلہ یوٚرۍ۔

فرہاد :- کیا سہ گژھی۔ شیریٖن ہاوِہ ہمہ کوٚن۔ سہ میانٛی شیرین ما وُچھو تھَن یپاٲرۍ گژھان۔

سپہ سالار :- بس بیوقوف احمق۔ زبان وٹھ۔ کلہٕ ژٹہٕ نےٚ۔

فرہاد :- کیاہ ہیوٚن کلہٕ گژھیا شیرینہٕ ہندِہ خاطرٕ قربان۔ کیاہ مےٚ شکس لدس تہٕ آسیا تیتھ نصیب۔

سپہ سالار :- ہائے افسوس۔ یہ چھُ عاشقن ہُند بیچ۔ بہتر چھُ یہ معاملہ سیوٚدُے بادشاہس نِش واتہٕ ناوُن۔ ییم یہ اُدِہ مُناسب زانِہ تس تہٕ کرِنس۔

فرہاد :- کیاہ سہ ہاوِہ ہمہ شیرین؟

سپہ سالار :- وۄہ لِہ سہ یِکھ مےٚ سیتو۔ بہٕ ہاوہ نےٚ۔

سپہ سالار :- عالم پناہ۔ یہ شخص چھُ وتہٕ وتہٕ تِم ناجائز الفاظ استعمال کران۔ ییم تُہندِس ذاتس برخلاف چھِ۔

خسرو :- برخلاف کیاہ ہیو۔

سپہ سالار :- جہاں پناہ۔ بہٕ کرِہ ہا عرض۔ لیکن بے ادبی ماف۔

خسرو۔ کانٛہہ پرواے چھُنہٕ۔ ژٕہ وَن کھوژ مہ۔

سپہ سالار:۔ جہان پناہ! شہزادی شیریٖن یلہٕ سہ تٔہنٛز سپدٕن واجینٕو ملکہ چھےٚ، تَوٕ ہندِکے چھُ یہ شخص ......

خسرو:۔ محبت بران؟ اے بدبخت وولہٕ یوٚرُو۔ ژٕہ چھکھ زانان ژٕہ کمہٕ سُند ناو چھکھ ہیوان۔ پَتہٕ تہٕ چھےیہ سہ کو سر گیہ۔

فرہاد:۔ ضوٗروٗر۔ کیازِ نہٕ۔ زانُن۔ وارٕہ پٲٹھۍ زانُن۔ میانِن اَچھن ہند گاش۔ کتھ وٕٹھین ہند ہوش۔ ناو چھُ شیٖرین۔

خسرو:۔ بس، بس، بے حیا۔ ژٕہ چھُکھ لا مولوٗم۔ ژٕہ کٔس سیٹھاہ چھکھ کتھ کران، بہ کُس بادشاہ۔ ژٕہ گوکھ پاگل۔ تُس نہٕ گٔژھ زانکھہ کٕنی قدر۔

فرہاد:۔ بادشاہ! بادشاہ! جہان پناہ ژٕہ چھُکھ نا بُوزمُت عشقہٕ بازر کیاہ گو۔ تتھ بازرس منز چھُ بادشاہ فقیر ہیوٗ آسان۔ تتہٕ چھکھ نہٕ ژٕہ بوٚڈ بہ لوکٕٹ۔

خسرو:۔ فرہاد:۔ پنُن زُو چھےیہ ڈوٚلھ کھرٕ وُن۔ اگر سیٹھاہ سیٹھاہ شیٖرینہِ ہند محبت ترٲوکھ تہٕ جان۔ ورنہٕ میانہِ اَتھو گژھکھ وُنی مارٕ۔

فرہاد:۔ بادشاہ سلامت۔ کانٛہہ پرواے چھُنہٕ۔ میوٚن جان گژھِن قُربان۔ یہ ژٕہ کرُن چھُکھ تہٕ کر۔ عاشق کرِ چھِ پننِس پانس کھوژان۔ عاشق یوٚہ ناوتَس یِس پننِس پانس مثلِ پانٛپرُ سوٚر کرِ۔ عاشق گے تِم ییم پننِس پانس گنڈان چھِ۔ ییمن نِش نہٕ ژٕہ کُنہ مجرٕ ہیے چھکھ۔

خسرو:۔ ہاے افسوس! یہ آو زیادٕ وُٹھنہٕ۔ شاہ پور! ووٕنی کیاہ بنہٕ؟ ژٕہ وَنتہٕ کینٛژھا ییمہ سیٹھو یہ بلاے ٹھیچھ تلہٕ۔ دِپان چھُس مارُن تہٕ انصاف چھُم نہٕ وَتھ دِوان۔ دِپان چھُس ترٲوُن۔ تتھ تہٕ چھُس کھوژان

نہ چھُہ ہور وار ہیور۔

شاہ پور:۔ جہاں پناہ۔ وۄنی چھ صرف اکے وتھ۔ ییٚمہ تلہٕ پہ رام سپدِ۔

خسرو: یعنی

شاہ پور:۔ تۄہیہ دِیو امس بے ستونن پہاڑ ژٹنک شرط۔

خسرو:۔ ٹھیک ٹھیک۔ بوزُم۔ فرہاد، وۄنہ لو یوری۔ بے ستون پہاڑ یُس ایران منز وتہٕ بیہتھ چھُ سہ اگر چانہٕ دستہٕ صاف سپدِ تہٕ شیرین چانی۔ ورنہٕ چھےٚ یوہے جواب۔

فرہاد:۔ جہاں پناہ۔ شیرین سپدیا اۄدہ میانی۔ شیرینہٕ ہندہ خاطرہ میون جان قربان۔ ییٚکیاہ بوزتھ۔ ییٚکیاہ دراس۔ آئن فانہٕ منز ژھنن بے ستون پہاڑ صاف کرتھ سہ

بہ دارے سینہ زخمن بتیہ نیرزن
کرے نا ریزہ ریزہ سنگ ریزن

اُچھن تل چھُم مہٕ چھیران یارہٕ سُندُ رُوے
دِلس منز چھُم فقط دیدار کے خوے

## نوو سین
### (جنگل)

فرہاد:۔ شیرین۔ اے سنگدل شیرین۔ کیاہ ژہٕ روشکھ مےٚ۔ کیاہ ژہ چھےٚ نا وُنہٕ تہٕ میون انصاف یوان۔ کیاہ ژہٕ چھیہ یوت سنگین دل۔ یتھ دِلس تہٕ مےٚ دل شکستہ ہندین نالن ہند تاثیر چھُ سپدان۔ کیاہ ژہ چھے نا وُنہٕ تہ بوزنہٕ یوان کہ چانہٕ ہاوسہ چھُ یہ فرہاد پننس پانس پیٹھ یم ستم

نشهان۔ کیاہ ژٕہ چھکھ پیٖرٕ بے وفا۔ یوٚسہٕ ژٕ اُکس باوفا عاشقس خبر نہٕ ہیٚتیہٕ ؟

دِل میہ نیوٗتھ ژٕ بہ دِلہٕ با ہا ہا دژاکھ آخر ژٕہ بے وفا ہا ہا ہا
چانہٕ قسمتہٕ اوسُے میوٗنے خواں وَنتہٕ کیاہ دژاوٕ ژٕ بہ نفا ہا ہا ہا
ہرنہٕ چھُشمو اوشس لول بران مور تھس کیا زِ بے خطا ہا ہا ہا

شیرین بُرقہٕ پوش :۔ بس یہ چھُ میون عاشق فرہاد۔ یٚہے گومیانہٕ خاطرٕ پانس پیٹھ ظُلم برداش کرن وول جانباز فرہاد۔ فرہاد! اے عاشقِ ناشاد! کیا زِ چھُکھ پننس پانس پانے شژاکھ وایان۔ یِیمہ سِندِ خاطرٕ یُت چھُکھ کران سہ چھےٚ تہٕ کینہٕ بے وفا۔

فرہاد :۔ اے بُرقہٕ پوش۔ سہ آسِن بے وفا۔ بہٕ لاگس باوفا۔ گژھ پانس ژٕ بہ کیاہ ییمِن مامِلن منز سنہٕ نے۔

شیرین :۔ فرہاد کوٗت گژھکھ ؟ ٹھہر بہٕ چھس سہ بے وفا۔ یِیمہٕ ژٕہ ہیمہٕ وِرے اُتھہٕ دِکہٕ دِتے۔ اما بہٕ چھس وونی سہ باوفا یوسہٕ ہیمہٕ وِرے اُتھو ژٕ بہ لول بآگری ؟

ووہ لو یُری لول بآگراے ہا لالو پادن ژٕ بہ پان وقفراوے ہا لالو
مُشتاق رؤز نھ وُچھ وارہ مے کُن قربان سِدُن ہوے ہا لالو
ہا وسہٕ چانے چھس ہش تراوان
وُدی وُدی ہٕنن حال باوے ہا لالو

فرہاد :۔ شیرین۔ شیرین۔ بہٕ بدنصیب کیتھ پاٹھو ہیوٚسے اَز یاد ؟
رات کہو دوہ چھُم غذا خوان جگر ہجر کی نارن بہٕ زولُس سر بسر

باوفا ہُن سینتھ ژہ یہ لوگُت بے وفا ونتہٕ شیرین اَتھ دِیان انصاف چھا

شیرین :- فرہاد - صُبحُک ستارہٕ کھوت - ادہٕ کیاہ اُسن فرصتھ -

فرہاد :- اے مہ جبین کیاہ بیٚیہ تہٕ ہاوکھ پنُن دیدار - یُتھنہٕ مشتھ یتھے گژھی -

شیرین :- ہرگز نہٕ - اوسے نصیبہ - جلدٕے سمکھے - تہٕ ادہٕ کیا -

فرہاد :- شیرین !

شیرین :- فرہاد !

(سین چھُ بدلان)

خدمت گار :- بادشاہ سلامت - فرہادن موکلاوی بے ستون صاف کٔرِتھ -

خسرو :- موکلیوو ! غضب ! غضب ! غضب !

شاہ پور :- جہاں پناہ - فکر ترٲوِو - غم مہ برو - اَسہ چھُ برونٹھے تمیُک تہٕ سامانہٕ
تھوومت کٔرِتھ -

بادشاہ :- کیاہ ہیو ؟

شاہ پور :- عالم پناہ - یتیتہٕ چھ اَکھ بُڈ مکار زنانا روزان - یمیہ سِندہٕ مکرٕ زنک
شُہرہ ژہ پارِ چھُ - سُے کرِ فکرِ دور - یعنے فرہادس .....

بادشاہ :- ٹھیک ٹھیک - بوزُم - ادہٕ کیاہ جلدی کٔرِو - یوتام تس موکلتھ گژھتھ -

شاہ پور :- عالم پناہ - یتیکیاہ یمیو سنز کتھ اَسو کران سو تہٕ واتِژ یوری - ہتہ بی
مُدہٕ موج - یہ گوے زِ ہ فلحال پیشگی - باقی دِ موے کام اَنزراوتھ -

فرہاد مُدہٕ :- تھاوو حصّ ووہٕنی کیاہ رووُمت اوسہ -

(سین چھُ بدلان)

فرہاد :- شیرین - بہٕ ہیوتنس موکلن - ژہٕ تہٕ کینُہہ وَنہٕ آیکھ نہٕ -

فرہاد بڈ:۔ شیٖرنی شیٖرنی ۔ ووہ نی کمن گرن گژھ ۔ ووہ نی کیاہ کرِ ۔ شیٖرنی ہیم ژٕ نازٕ اُسہم بوزان ۔ ہتم کُس بوزِہم ووہ نی شیٖرنی ۔ چانہِ بدلہ کونہ مہ یس بہٕ شیٖرنی ۔

فرہاد :۔ اَمَا یہِ کُس وَدان ؟ اُمس کیاہ چھُ پیٖت بنیتھ آمُت ۔ ہتہ بی بُڈا موج ژٕ کیا زِ چھکھ وَدان ۔

فرہاد بڈ:۔ ہتہ با گژھ با پانس ۔ ژٕ کیا با سہ چھد کرہم ۔ یہِ سہ سہ چھ کرن واجینہ اُسم سہ یہِ گُنہ ۔ ووہ نی گوہم ژٕ ۔ ہاے شیٖرنی ۔ شیٖرنی ۔

فرہاد :۔ شیٖرنی ! خاٗر ے ۔ ہتہ بی بڈ موج ۔ وارِ وَنتم ۔ حگر ژھیوٗنم کیاہ شیٖرین مہ یا ؟ ہاے شیٖرنی ژٕ مہ یکھ ۔ بہٕ کتھ کیٖتھ زِ دُس بہ کوٗت گژھ ۔ بہٕ کیاہ کرِ ۔

اے چرخِ کج رفتار ! کیاہ ژیٖتہِ اوسے نا میانہِ شیٖرنہِ ہُند زندہ روزن خوش ۔ اے صحرا ے بے ستون ! ژٕ یہِ ماٗ دُچھو تھَن میاٗنی شیٖرین کوٗت گَیہ ۔ اے سنگ ریزو ۔ وَنِو میاٗنی شیٖرین کتہ چھ ۔ اے زمین ژٕ وَن میاٗنی شیٖرین کتہ لُکاوِتھَن ۔ اے آسمانہ کیو ستارو ! تہۍ روٗزِو میاٗنس مرنس گواہ ۔ بہٕ کیاہ موٗدُس شیٖرینہِ ہُند ناو ہیوان ہیوان ۔ شیٖرین ۔ شیٖرین ۔ ہاے شیٖرین !

(فرہاد چھُ پاٗنی پانس ماران ۔ خنجر چھُ مَنز بُدنس ماران)

(سین چھُ بدلان)

شیٖرین :۔ کیاہ ہیوٗن عاشق جانباز فرہاد موٗدِ ۔ کیاہ میانہِ خاطرِ پانس پیٹھ ستم زرن ووٗل فرہاد موٗدِ ۔ فرہاد ! کہمہِ چانہِ مرنک گُمناہ بُجھتہِ میاٗنس

کلس پیٹھ۔ وونی کتہ ژھاٹ۔ کوٹ گوہم ۔۔

کوٚتو ژۄلہم ژٕ جانانے   وولو فرہاد متانے

ھۄکھ للہ ؤنی میہ ارمانے   وولو فرہاد متانے

اُچھن دوان لج میہ وٕدی وٕدی زۄن   ژہنس وونی پیوم گژھیکھ ؤزن نوان

بہ دژایس بے وفا یانے   وولو فرہاد متانے

ژٕ چھکھ شمع بہ چھس پونپور   دزتھ پانس کرے ناسور

دِمے ناگہہ بہ پروانے   وولو فرہاد متانے

اے زمین! پھٹ۔ اے قبرٕ اُس وہر، میہ ہہ توٚتے ییٚنہِ فرہاد چھُ۔ پھٹ۔ پھٹان کونہ چھکھ۔ یا خدایہ یہ میون ونُن تھاونہ منظور پھٹ۔ پھٹ ....

(قبر چھ پھٹان)

فرہاد:۔ شیرین!

شیرین:۔ فرہاد!

خسرو:۔ شیرین! ٹھہر ٹھہر! کوٹ گژھکھ۔ ہاے یہ کیا سنا۔ اے زمین دوز یہ قبر کھنو۔ شیرین کڈیوٚن واپس۔

زمین دوز:۔ بادشاہ سلامت۔ ژٕلو ییٚتہِ چھ سرف تہ گگُرے یا ژہ اوییزان۔

فقیر خدا:۔ ہاہاہا ..... اے نادان بیوقوف! کیاہ چھوہ کران۔ عقل ما چھیوہ راوُمت۔ یہم اُسہ عشق مجازکی پرواہ۔ عشق حقیقی سیدُک حاصل۔ توہہ کیاہ گوو گژھو پانس۔

# بِسمِل

تارا چند بِسمِل ( ١٩٠٤ء — ١٩٤٨ء ) چھ بڈگامہِ تحصیلس منز کرمیشورہ زامُت۔ ذات اُسکھ واتل۔

باسان چھُ بِسمِل چھ پنڈت نند لال مندلو سندہ ڈراما سیتہِ واریاہ محفوٗظ سپدے مُتہ۔ ییمو تہِ لیوٗکھ ہریش چندرنہ زندگی تہِ پَزرس پیٹھ اکھ ڈراما۔ اَتھ چھُ ناو 'ہریش چندر' عرف 'ستیچ وَتھ' یہ ڈراما چھُ ١٩٣٨ عیسوی یَس منز چھاپ سپدیومُت۔ ١٩٥٣ عیسوی یَس منز چھ کرورٹتر پتھ سیوک سبھا ڈرامیٹک کلبہ طرفہ وَرہ ممُلہ سٹیج گومُت۔

بِسمِلن چھ اَمہ علاوہ اکہ نندن ( چھپن سنہ ١٩٣٨ ) رامہ اوتار ( غائر مطبوٗعہ ) پہ تہِ ریچ کہوٹ ( غائر مطبوٗعہ ) بیترہ ہلکہ پھُلکہ ناٹک لیکھمتہِ۔

تاراچند بسمل

# پرژھ کھوٹ

(گوڈنیک کیٹھ سین)

یہ ڈراما چھُ ییمہ پارٹھنا یہ (دُعا) سیتۍ شوٗروع سپدان) ۔

ہے پربھو چھکھ سروہ ویاپک کاس سنکٹ ویاد ژٕ ے

اُسہ چھ پاپی ییژ بنے ہتھ کرُنہٕ ووٚنی دِلشاد ژٕ ے

•

ژٕ ے خودا چھکھ نا ژٕ ے ایشور ژٕ ے وَنان پرماتما

ژٕ ے رحیم و رام چھکھ نا گاڈ و مست و ساد ژٕ ے

•

مذہبن منز اختلاف اُسِتھ خودا کُن مانہٕ دین

چھِ نمان ژٕ ے کُن تہٕ ساری کاسہ وُن افتاد ژٕ ے

اُسہ چھ بِسمِل آے بَرتَل کرِتہٕ یاری ہے پربھوٗ

پردھان:- مہاراج اَز کمہ کارنہٕ[1] چھُ تُہندِ مَن وُداسی؟ تُہہ کیاہ چھُہ کرِ یوٗ ٹھ شنے[2] مَنس منز؟

---

[1] وجہ [2] خیال۔

یُدھشٹر:۔ ہے پردھان کیاہ وَنےٚ۔ کیٛنہہ چھا کھۄژتھ۔ ساری بأے بند سپدِتھ
مہابھارتس اندر مارہ۔ ییمَن ہندہ مارہ نِکہٕ کارن چھُس بہٕ۔ ییٚمہِ کارنہٕ
ہندی پاپ چھہٕ میانہٕ گردنہٕ پیٛٹھ۔ یہی چھُس وُنِ زاران زِ کُنہٕ پأٹھۍ
گوٚژھہ ییمَن پاپن ہند وۄپاے سپدُن۔

پردھان:۔ مہاراج تُہُند شوک سماچار چھُ پۄز۔ لیکن کیاہ تہٕ ہہ ژھانجوِہ نا اُمیٚک
وۄپاے یُدھ روٗستےٚ؟

یُدھشٹر:۔ پردھان جی! تُہُند وَنُن چھُ پۄز۔ لیکن یُدھ کٔمہِ کارنہٕ سپُد۔ سنسارہ
دیوہارہ کہٕ عیشوری خأطرہ۔ میانہٕ باپتھ۔ یہ چھُ سوری موہ تہٕ بَرَم۔
سنسار چھُ ناپأیدار۔ اُمیٚک ویوہار کتہٕ گوٚ پأیدار۔ اَمہِ کارنہٕ چھُس
بہٕ پنُن پان کلہٕ گاٹہٕ تہٕ بلکہ کھشتری گاٹہٕ مانان۔ یِمےٚ فکرِ کرِ کرِ
چھُس گلان۔

پردھان:۔ مہاراج! توہہِ وَنِو کہٕ اُمیٚک وۄپاے رٕکھتہٕ پأٹھۍ بنہٕ۔ اُسہِ
چھہٕ تیار۔

یُدھشٹر:۔ پردھان۔ یہ چھہٕ پرأنی کتھ۔ "پننہٕ وِز پرِٛچھتہٕ اُکس وَنان"۔ مے چھنہٕ
کُنہٕ عقل واتان۔ اُمیٚک وۄپاے ہیٚکن شری کرشن مہاراج
فرمأوِتھ۔ اَمہِ کارنہٕ سوزِ تو تِمَن سندیشہ[2] یِتھ پُرٛی ییہن۔

پردھان:۔ (اُکس دربارس کُن) توہہِ گژھیو جَل جَل شری کرشن مہاراجس نِش
تِمَن وَنِو کہٕ راژہ یُدھشٹر چھہٕ سیٹھا وُداسہِ سپدِتھ۔ اَمہِ کارنہٕ
چھکھ تُہُندہ درشنُک سیٹھا اُبلاش۔

(درباری چھُ نیران)

---

[1] جنگ [2] شیٚچھ

# (دوٚیِم نظارٕ)

(سری کرشن مہاراجہ سُند راژٕ محل۔ دوارِکاجی منٛز)

پرارتھنا:۔ سپھٕڈا دھن باگ تس پوٚرشس کم پٲٹھ مُری یاد پٮ۪س پالن

وہراران سنتھ کران ستھ رات دوہ یُس ویٚد وپستا زن

سُہ زانان کوٚلہٕ دھرمہ نِشہٕ کھسِتھ کانٛہہ دھرم سیٚے ہرگز

چھُ ویٚدک فٲصلہٕ پرٛتھ کارسٕے افضل تہٕ یُس زانُن

•

ڈیٖڈھ وونی:۔ (سری کرشن مہاراجس کُن) مہاراج! ہستناپورُک چھُ اکھ قٲصد آمُت۔ تہٕ اندر اژنٕک اجازتھ چھُ یژھان۔

سری کرشن:۔ گژھتھ دوان انُن آدرٕ سیتؠ۔[1]

(ڈیٖڈھی وونی نیران تہٕ قٲصدتس سیتؠ واپس یِوان)

قٲصد:۔ پرٛن پت۔ مہاراج نمسکار۔ پادٕ پرٛنام۔

سری کرشن:۔ چرٛن جیو روٗزِو۔ تورٕ چھا سٲری وارٕ پٲٹھؠ۔ توٚہہ کمہٕ کارٕ نہٕ کوٚرِوہ یور یِنٕک تکلیف گوارٕ۔

قٲصد:۔ مہاراج! سٲری چھ وارٕ پٲٹھؠ۔ مگر......

سری کرشن:۔ اگر مگر کیاہ گوٚو۔ دوان دوان وَن۔ مَن چھُم وِیاکُل سپدان۔[2]

قٲصد:۔ مہاراج! راژٕ یدھشٹر چھُ رات دوہ غمگین آسان۔ تہندِ وۄپایہ خاطرٕ سوٗزٕہس بہٕ تہندِس خدمتس منٛز۔ کیازِ تہندِ انہٕ گرٕ ییہ سیتؠ

---

[1] یِزتھ سان [2] وُدٲسی

سُنُد سارِ کُے یِلاج۔

سری کرشن :۔ ہے فائدہ ژٕہ پکھ۔ بٕ واتہٕ ژٕہ پتےٚ۔ کینْہہ فِکرٕ لگہٕ نہٕ کرٕنۍ۔

## تریٚیُم نظارٕ

راژٕ یُدھشٹرُن راژٕ دربار۔ سری مہاراج کرشن جی چھ واتان۔

راژٕ یُدھشٹر چھ تھوٚد وُتھِتھ پرنام کران۔)

سری کرشن :۔ ہے راژٕ ژٕہ چھکھ دھرمُک تھوٚنگ تہٕ ساکھیات دھرمہٕ سروٗپ آسہٕ وُن۔ لیکن کیاہ کارُن چھُ ییٚمہِ کنہ غمگین حالتھ چھ باسان۔

یُدھشٹر :۔ مہاراج کیاہ وَنہٕ۔ تہندِہ اَنہ گژھہ سُنُد مہابھارت انجام۔ سأنی سیٚرز فتح۔ لیکن اَکہٕ یِشہ خاطرٕ سُنُد میانہٕ اَلتھ بٔیِین ہُند خوٗن۔ ییٚمکو پاپ میانہٕ گرٕدنہٕ بیٚٹھ چھ۔ یِم تہٕ میٚہ اَکس رُمس چھ آرام دِوان۔ وو نۍ وٕنۍ قوم توہہ رٹیٚتھ وو پایا ییٚمہِ کنہ پاپ نشٹ سُندِتھ سارِنے نارٕ لگہ ہے۔

سری کرشن :۔ ہے راژٕ تہندوٕنُ چھُ پوز۔ یہٕ چھُ ٹھیک خیال۔ اَمہ پٔژٕ ژٕمہ سِدھ یگیہ کرُن۔ یُتھ پاپُن ناش سُپدِتھ تُہُند یش سپدِ۔

یُدھشٹر :۔ مہاراج۔ میأنی کیاہ نأر چھ (پتہٕ منتری یس کُن وَنان)

منتری جی کرِو تیأری۔ بایِن بیوٚن بیوٚن کأم تھأوِتھ۔ اَرجن نیرِ گورس سیتہ سیتہ یوٚت تام یہ پھیرت دِیہ۔ اَسہ کرِو یگیہُک آرنب۔

## ژوٗرِ یُم نظارٕ

(ارژُن (ارجن) وٕنس منز گورس پتہٕ پتہٕ۔ تکبرٕ کنہ گرِوان)

کُس مہ ہیؤ بلوان چھُے یتھ بھارتس منز آسہٕ وُن

کُس مُقابل پھیرِ تھے ہیکہ مےٚ، کرِس زیر و زبر

کُس چھُ دعوا کھشتری ہینز کےٚ مہ برونٹھ کنہٕ اسے پرچھو

کُس تولی تیر و تبر مہ برونٹھ کنہٕ در حالِ زار

...........

ارجن:۔ مہ ہیؤ بلوان تہٕ بہادُر کُس چھُ تہٕ کُس آسہ۔ یمیٚمو کُنہٕ زٔنی جہا بھارتس منز لُچھ نٔدین لوکن سمہار کوٚر۔ یمیٚمس برونٹھ پکہٕ نٔس دیوی دیوتا تہٕ چھہ کھوژان۔ ادہٕ کُس اَنہٕ سامرتھ۔ یُس میانِس گمہ رس کُنُ اَچھ تلہ یا تھقب کرہ۔

سری کرشن:۔ انتریامی! افسوس صد افسوس! ارژنس سُےٚنڈ موٚہ۔ اہنکار، اہنکارہ سیٚتہٕ چھُ ناش لازمی۔ کامہ سیٚتہ کرِؤد۔ تمہ پتہٕ موہ تہٕ اہنکار۔ یمن ہُند سار چھُ ناش۔ اُتھ کیاہ بنہٕ۔ اُمس پتیہ سبق دیُن۔ نتہٕ سُےٚپدہٕ یہ سےٚنٹھا دھرمہ ہین۔ اُکس بھکتہ سُند بھکتہ باو ہیکہ اُمی ہندِس اہنکارس ناش کرِتھ۔

## پوٚنژِیُم نظارہ

(رازہ سمہی سُند رازہٕ دربار۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ یہ لیلا کُنن گرِتھان)

چھُ سنسار سوپنہ کےٚ وِہار — نہ اُتھ اَند تےٚ نہ اُتھ چھُے تار

اَتےٚ چھُے شیوہٕ شیوہٕ تار — چھُ بخشن ہار سے شوٗبتو

گرِتھ وانی پزی پالنہ — اُدھرم ستےٚ پاپ چھی زالن

فِکرِ تھوٗنی پَنزٕ کانٛہہ　　چھُہ بخشَن ہارُے شوٗنبو

گژھہم زُو جان تہٕ دوست　　گژھہم گہ یزت وثروت

مگر وانٛنی نہ نیرِی پَتھ　　چھُہ بخشَن ہار سُے شوٗنبو

ینہٕ کانٛہہ خالی گژھہ از دَر　　موٗنگمُ یی تی کرن سَرور

چھُہ لاژن کیاہ پربُو ایشور　　چھُہ بخشَن ہار سُے شوٗنبو

گیٹہٕ کانٛسہ تہٕ دِم دَرشُن　　کرہ ہے پوشہٕ کُے وَرشُن

چھُہ سے بِسمِل گژھتھ ہرشن　　چھُہ بخشَن ہار سُے شوٗنبو

کنوٗر :- پِتا جی ۔ رِکیُتھ ہیوٗ خوش یوٗن سَمے چھُہ ۔ مَن چھُم یِژھان سا راہ کرہ ما اَمہٕ کارنہٕ دی قوم اُگُنیا ۔ یُتھ میون مَن پَرسن سَپدہٕ ہے ۔

رازٕ :- ہے پوترہٕ ژٕ چھُکھ وُنہٕ لوکُٹ ۔ کھوژن چھُس یُتھنہٕ کانٛہہ تکلیف واتی ۔

کنوٗر :- پِتا جی ۔ توٚہہ کیاہ چھِوہٕ فرماوان ۔ بہ چھُس نا کھشتری ۔ یمہٕ کارہٕ خاطرٕ بہ پاٗدہٕ چھُس سَپدمُت ۔ توٚہہ کیازٕ چھِوہٕ تمہٕ وَردہٕ میہ وَنان ۔

رازٕ :- ہے پوترہٕ ۔ بہٕ چھُس نہ یِژھان چانٛنی کایرتائی وُچھنی ۔ لیکن میون دِل چھُہ ژیہہ بغاٗر کانٛہہ ہِیر سَپدان ۔ یمہٕ کارنہٕ بہ چھُس نہٕ اَکِس زٕمُس چون اُچھوٗ نِشہٕ ڈٗلُن یِژھان ۔

کنوٗر :- پِتا جی ۔ یہ چھُہ پوز ۔ لیکن بہٕ کوٗت گژھہ ۔ دوہَس گژھہ شامَس وانہٕ بیٚشہٕ ۔ تُہُہ مَتہٕ بَرِو توٚ غم ۔ بہٕ یِمہٕ دُوان ۔

پردھان :- مہاراج ! یِیلہٕ کنوٗر چھُہ اَکہٕ دوہہٕ خاطرٕ یِژھان سا رَس گژھُن ۔ سہ مَنہٕ دی توس اُگنیا ۔ بہٕ سوٗزُنس پانٛژ سہ پوترٕ سیتی ۔

رازہٕ :- ہے پردھانہٕ اگرچہ بہٕ اُمی سٕندکُن گژھن اوسُس نہٕ یژھان بیکن اُمی سٕند دِل ہٕتہٕ چھس نہٕ یژھان پھٕٹراوُن ۔ یییلہٕ اُمی سٕنٛز بی یژھا چھہٕ ۔ گژھن ۔ لیکن ہے کنورہ ژھٕنہٕ واپسی منٛز ژیر کرکھ ۔

(کنوٗر، پردھانہٕ سٕندہ نیچوٗ تہٕ نوکر نیران)

## (شٔییُم نظارٕہ)

(کنوٗر وغارٕہ وٕنس منٛز ۔ دٕیہٕ لیلا دٕچھان تہٕ گیوان لیلا ہ)

وٕنہٕ ہنٛز ہی چھہٕ دِل پھولہٕ وان
ژلان غم غصہٕ چھےٚ یکبار

مٕنٕہ ہٕند میُل چھہٕ لرہٕ تیٚران
ژلان غم غصہٕ چھےٚ یکبار

گرٕن منٛز زرٕہ زرٕہ آسان
گژھان لبہٕ لبہٕ چھی بے وار
رتھمے کنٛز رات و دوہہ ترسان
ژلان غم غصہٕ چھےٚ یکبار

وٕچھو کیاہ سرو چھی خوٗبان
کران کیاہ بول جاناوار
دٕسان اُسہٕ مٕن تہٕ دِل شادان
ژلان غم غصہٕ چھےٚ یکبار

دیوان دیٚن آرہ وٕل کریشان

چھُ ژھانڈاں یارہ ہے ہر بار

کنڈین منز یان چھہ گالان

ژلان غم غوصہ چھے یکبار

..............

کنور :- وُچھو کیُتھ بہاراہ چھُ - من چھُ پرس سپدان۔

مُلازم (یعنی نوکر) :- مہاراج ایشرہ قوہ درژ نِس کیاہ چھُ دوٗر - منوشن ستہ کیاہ نامہ تھ چھُ یُتھ تہمی ستی لیلا ہیکہ وُنِتھ۔

کنور :- (نظر دِتھ) وُچھو ہُپارِ کُنو کِیت شامہ رنگہ گرٗاہ چھُ پکان۔

مُلازم :- (وُچھِت) مہاراج - اُمس پیتر پتہ چھُ اکھ شستر دھارِی تہٕ بوزنہ یِوان۔

کنور :- بہ چھُس یژھان یہ گرٗ مُلہ ہیٚون۔ تہو گژھو اُنی وُون - یُتھ کھتہ باتھ کرِتھ مُلہ ہیموس۔

(ملازِم گژھتھ گرٗس رٹان)

ارجن :- گُرٗ کوٗت چھوہ پکہ ناوان۔ نوہ بہ کیاہ لوگہ وہ دٕ ہلہ ٹھگ۔

کنور :- اے جوانہ ژہ کیاہ چھکھ وُنان - یہ چھُ سانہ راژُک بُتہ۔ ژہ وَن پوٗز پوٗز گرٗ کتہ اوٗنتھن؟

ارجن :- ژہ بہ کیاہ تتھ سیتی - گژھ بہہ گرِہ پتہ۔ دُنہ چھے پراژن دوہ دوہ لوٗرے۔

کنور :- ژہ چھکھ پننی شاہی وُنان - بہ پریژھان کیاہ تانی۔ ژہ وُنان ادرہ کے۔ اُمہ کتہ چھُم بوزنہ یوان نہ ژہ چھکھ ژوٗر۔

ارجن :- ژھونڈ پیٚر کر۔ ژیٚہ لوگُتھ زیادہ بجواس۔ اگر گژھ نیوٚتھ ..... وٕلہ بوٚنیٚتھ کھیٚموٚ۔

کنور :- میانی کیاہ تاٲر چھیٚ۔ یِکھو تۄہیٚ وۄنی تۄہیٚ کھیتھ پاٹھی۔

ارجن :- ژیٚہ چھکھ لوٚکُٹ تیٖر اندازی کیاہ زانکھ۔ لہذا کریٚو دٔب۔

کنور :- بہٕ چھُس تیار ـــ یِکھو۔

( ارجنَس تہٕ کنورَس دٔب کران۔ آخرٕ کنورٕ ارجنَس پاوٕس سیٚپٹھ پیٚٹھ

کھسان )

کنور :- وۄن وونی کیاہ چھُ چۄن صلاح۔

ارجن :- مہاراج بس۔ شرن۔ بخشُن چھُ دھرم۔

کنور :- یٖیلہ ژیٚہ شرن آکھ۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ دھرمہ مریادا چھٕٹراوِتھ۔

( کنورَس ارجنَس گلس سیٚتی گنڈ کٔرِتھ نِنوان )

## سئتم نظارہ

[ رازہ سُند محلہٕ خان ]

رانی :- ( داسی کُن ) ہے داسی رازہ کتہٕ چھُ۔

داسی :- رانی جی۔ تِم چھِ دربارس منز۔

رانی :- تِمن دِپھنہٕ یوٚر یِن۔ مے چھُ من سیٚٹھا وِیاکُل سپدان۔

( داسی گژھان۔ رازہ یِوان )

رازہ :- ہے رانی کیاہ وجہ چھُ۔ یِیٚمہ کنہٕ چۄن من چھُ ہلین ہیوٚ۔

رانی :- مہاراج مے وُچھ از وِیوٚکھُت سوٚپناہ۔ یِیٚمہ کنہٕ مَن چنچل چھُم۔

رازہ :- سنسار چھُ سوٚپُن مایا۔ ساری چھِ سوٚپُن وُچھان۔ اَدہ کیاہ وجہ چھُ ژہ

ژ بہ چھُٹ یوٚت شوک ہیوٚتمٕت۔

رانی:۔ مہاراج شوک ہیہٕژوم نہٕ۔ لیکن دِل چھُم وٕسی وٕسی گژھان۔ کیاہ تانی چھُہ ایشورہٕ بھاوی۔

رازہٕ:۔ کینژھہ پزہٕ نہٕ غم ہیون۔ اَچھا کیاہ سوٚپُن وُچھت۔

رانی:۔ رووُم دِلُک صبر و قرار — ییٚنہٕ خاب وُچھہ مے ہوشدار

گاٹُہرِ بہ چھس پیٚٹھ بے قرار — بیتاب دِل گوم مسوٚ لے

سادھو زہٕ زن بر رازہٕ دُوار — بچھیا منگان سیٚتہٕ سنگ سار

وانی تیٚھٕ کٔرِ وہہ کھ قرار — بیتاب دِل گوم مسوٚ لے

کٔنہ پوٚنتزٕ سنگ ہیوٚ کیٚتٕ اہار — مونگھیوٚ ژایم لھرہٕ لار

بوٚزِ کھ نہٕ کینژھہ سانی دِلہٕ زار — کتہٕ بوزہے ادہٕ زارہٕ پار

کھیاٗوِ لھٔ سہ، ان کوزہے اہار — بیتاب دِل گوم مسوٚ لے

بسمل گییٚس وُچھتھے نظار — نے تاب چھُم تے نے قرار

باوی چھہ کیاہ تانی بالہٕ یار — بیتاب دِل گوم مسوٚ لے

رازہٕ۔ ہے رانی یوٚت سہے اسی دھرمس پیٚٹھ دٔرِتھ تھاوِتھ چھہ۔ تیم کم اَتھ ستٕ کلہٕ ییم اَسہٕ کٔنہ اَچھو نٹِلھتھ ہیکن۔

رانی:۔ مہاراج۔ دِل چھُم وٕسی وٕسی گژھان۔

رازہٕ:۔ پٔرِ یہ جی۔ فکر مہٕ کٔرِو۔ دٔبے چھُہ داتہٕ۔

(رازہٕ نیٚران)

## ۶ ہٕم نظارہٕ

(ارجن دٔوس منز کٔلِس سیٚتہٕ گنٛڈِتھ پانٛژ پانس سیٚتہٕ کتھ کران)

ارجن :- افسوس - صد افسوس - اکی دوہہ شرُی کوَرنس بہ مغلوب - گرُ تہٕ نیوٗ نم -
ووہنی کمہٕ بُتھہ ہیکہ بہ راژہ یُدھشٹرس برونہہ کنُ گژھتھ - امہ نشہٕ چھُ
پنُن پان مارُن -

(خودکشی کرنی یژھان - سری کرشن مہاراج ظاہر سپدان)

سری کرشن :- بس ، بس - اے ارجن بس - یہ کیاہ کاریُن - یی شوٗ بیا -
ارجن :- مہاراج تہُو چھوہ میانی رٕ رکھیک - سخت کھہ تہٕ سختیہ منز چھوہ میانی
سہایتا کران - مے سپُد اہنکار - یتھمیک ثمرہ تُلان چھُس - ووہنی کمہٕ بُتھہ
گژھہ گرہ -

سری کرشن :- اے ارجن - ژٕ یہ کیازہ ییہِش ہمت ہارِتھ - یی پزِیا - مہابھارت زیٚنتھ
تہٕ مونتھ نا ژٕ یہ پنُن پان بلوان -

ارجن :- مہاراج بوٗ ہے اہنکار سپدُم - یتھمیک یہ ڈنڈ چھُم - مہابھارت زیوٗنوہ
توہہ - تُہی چھوہ میانی رکھیک - لیکن یتھمہ سمیہ ترٲوِو تُہی ارجنس ماے -
سری کرشن :- اے راژہ ژٕ یہ کیتھ پاٹھی تورُے فکرِ زِ مے چھےنہٕ چانی ماے ؟
ارجن :- مہاراج - تُہنز دیا اسِتھ کمُ سُند طاقت اوس مے کُن اچھ زِ تُلنس -
سری کرشن :- میانس بھکتس ؟

ارجن :- مے چھُنہ فکری تران - کیاہ بھکتی چھا توہہ میانہٕ کھوتہٕ ٹوٚٹھ -
سری کرشن :- ہے ارجنہٕ - ژٕ چھکھ میون سمبندھی - امی کارنہٕ چھےٚ مے چانی ماے
تہٕ محبت - لیکن بھکتی چھُ مے سارنے ہندہ کھوتہٕ ٹوٚٹھ - بلکہ بھکتن
ہُند چھُس بہٕ غولام تہٕ نوکر -
بھکتن سُند چھُس بہٕ غولام و داس مان
بھکتی مانُن میون دِل آرام جان

ارجن :- مہاراج اگر یرٛتھ بھگوت سینٛز پدوی چھ٘ ۔ بہٕ تہٕ کرٕہا نتھٕ بھگوت شٕند دٔرشُن ۔ تہٕ پرٛیکھیا ۔ کیاہ سہٕ چھا ہیانہٕ کھمہٕ تہٕ فرمانبردار ۔

سری کرشن :- ہے ارزنہٕ اتھ کیاہ شک چھُ ۔ دوٗر کیازہٕ گژھو ۔ اُمس رازہٕ سٕنٛز پریکھیا کرٕو ۔ ییمو سینٛدر پیٹھٕ ترٛن چون گرٕ نییا ۔

(دوشونوے سادھو بھیس اندر ریکھہٕ وٕتہٕ نیران)

(غیر مطبوعہ)

# نیلہ کنٹھ شرما

پنڈت نیلہ کنٹھ شرما (زاسنہ ۱۸۸۸ء) ولد
پنڈت شنکر ناتھ شرما چھ سانیو حالے حیات بُزرگ
ادیب تہٕ شاعیرو منزٕ۔ شاعیری منز چھُ یمہٕ ہنزٕ کینژہ
خاص کتابہٕ — (۱) ترجمہٕ شیو پران (۱۹۶۹ بکرمی)
(۲) رامائن شرما (۱۹۷۶ بکرمی) (۳) سُداما چرت (۲۰۱۲ بکرمی)
نثرس منز چھ یمو زٕہ ناٹک لیکھو مٕتی، اکیک
ناو چھُ 'بلوا منگل' (۱۹۹۸ بکرمی) تہٕ دوٚیمُک چھُ
"سوپنہٕ واسہٕ ودتا" — چھُ مشہور سنسکرت ڈراما
نگار بھاسہٕ سندِس اکس ڈرامٕکس مرکزی احساس
پیٹھ لیکھنہٕ آمُت۔

مترجم:- پنڈت نیلہ کنٹھ شرما

# سوٚپیٹھ واسہٕ ؤ دتا

(گوڈنکو کیٖشہ حصہٕ)

[ گوڈنیک سانگ ]

زٕ نوکر:- ہے نیپہٕ ریشو ہیرٕو سہٕ بیٖبتہٕ جل۔

(گوسائنی شکلہِ منز یوگندراین ییٖوان۔ تہٕ اونتی دیش چھن زنانہٕ

ہندس پوشاکس منز چھہٕ واسودتہ اژان)

یوگندراین:- کیاہ بیٖبتہٕ چھا دپان اسہِ نیرٕن۔ کیا سُنانہٕ؟

(پتہٕ گیوان) ؎

دیار مہٕ والان ونہٕ مُرکھن

اَن زان کُنہٕ کتھہٕ چھُنہٕ مندچھن

تپ کرہ وٕنین پیٚمن تیپہٕ ریشن

دیارہ مدہ ہرہٕ تھے گتا مت

زٕ اسہِ چھکھ ہاوان ہیرٕو ہیرٕو

آیس کیاہ سُنا کوہ سہِ شامت

اَن زان کُنہٕ کتھہٕ چھُنہٕ مندچھن

واسوا :- مہارا - یِہ کُس چھُ دپان اَسہِ ییٖتہٕ نبر نیرُن ؟

یوگندراین :- ہے مہارانی - یُس پانہٕ چھُ پرٛتھان پننہٕ دھرمہ نِشہ نبر نیرُن -

واسوا :- مِیانہٕ وَنہٕ نُک مطلب چھُ یِہ زِ کیاہ مِینہٕ چھا ییٖتہٕ نیرُن ؟

یوگندراین :- ہے مہارانی - غاٲرزانی اندر چھہ دیوتاہَن تہٕ پیوان یِتھے پاٹھو موزہ والے کرنہٕ -

واسوا :- وَنہٕ پکہٕ نکھ تھکتن دِیت نہٕ مہ تیوٚت تکلیف یوٚت یِمہٕ موزہ والیہ دِنٛم -

یوگندراین :- یِہ رازہ سے چھے ژہ نہٕ ترٛاو ورِ پتہٕ کُن ژہٕ مِتھ تہٕ وُچھتھ - تِمہٕ کنو گژھ نہٕ فِکرَن منٛز گژھن سنمھتہٕ تکیا زِ سے

[ گیوان - اَکھ باٲتھ ]

زِہ نوکر :- نیرِو سہ ہے - تیٚہ ریٚشو ییٖتہٕ نیرِو -

( گُنچکی ( خواجہ سرا ) اَژان )

گُنچکی :- ہیو سمبھ شکھا - ییٚژ تیزی ماکرٕ - یِتھ پاٹھی چھا دپان تیٚہ ریٚشن نیرُن - وُچھ مہ کُن - بوزسے

| | |
|---|---|
| کیا زِہ چھکھ لوکن پاوان ڈر | ہُنہٕ درنہٕ موون واتِھن کرٕ |
| رازس پیچھڑ موہال ژِہے کھال | ترٛاو مہ ہوشس کر سنبھال |
| ژیچھ کھتہٕ موکرٕ ترٛاو چرٕ چرٕ | ہُنہٕ درنہٕ موون واتِھن کرٕ |
| یِیم ییٖتہٕ تیٚہ سے چھہ تپ ساوان | کاٲنسہٕ ہُند بڈہ بُرہٕ چھنہٕ ژالان |
| آسے تِھہے پُرٛتھ وَنسے اندر | ہُنہٕ درنہٕ موون واتِھن کرٕ |
| ہُمو ہُمو ، ژمو نمو کرو انصاف | مُشکل حل بنی دِل صاف صاف |
| کھوژ کھوژ ، ژمو نمو کرو انصاف | مُشکل حل بنی دِل صاف صاف |

کھوژ کھوژ سنتھن، راہ راہ پر ہنز دن موون واتسن کر

زہ کرہ :- ہے ست زنتر چون ونُن چھُ بلکل پوز۔

[ دوہ شوے نیران ]

یوگندراین :- آہ۔ ییمس چھ بود سپھاہ تیز تہ ویژارہ واجبن۔ ہے جہارائی دوہلہ پکھ اُمو سے نش گژھو۔

واسوا :- مہرا۔ اَدہ کیاہ۔ پکو گژھو۔

یوگندراین :- ( گنچکس نش نکھ وأتتھ ) ہے مہ ونتہ ییتہ کیازہ اسہ لوکن دپان نیرون۔

گنچکی :- ہے تیہ ریشتی جی۔ بوزو مہرا......

یوگندراین :- ( پانس سیتی ) ہے تیہ ریشہ۔ اُمو شند مہ یہ ونُن چھُ مہ کیت فخر تہ جان۔ مگر یہ چھسنہ پننہ خاطرہ تیہ ریوش بوزنک عادی۔ اُمہ رکنز چھُم پنہ تیہ ریشہ ونُن اُمو شند خوش پوان۔

گنچکی :- ہے..... بوزو مہرا۔ ییمس سائنس رازس بزرگو ناو کورمت چھُ رازہ دَرشک۔ تہنزے چھہ ییتہ بینہ پدماوتی۔ بینیہ چھہ ییتھ ونس منز سائنس رازہ سنز ماج مہادیوی تپ کرنہ باپت آمژ۔ یہندے درشن کرِتھ تہ بینیہ یہنز اگنیا ( حکم ) رٹتھ گژھ پھیرتھ یہ پدماوتی رازہ دوارس منز۔ امی باپتھ کور اَمہ از ییتھ ونس منز روزُن پسند۔

دوہ نی گژھو تہو سارے ( پتہ گیوان ) سے

ہکہ پھیرِ اندر ونُن     بھیہ تھاوو مہ کانہہ منز منز

چاو ہُرِ من شودھ تھاوِو     فکر تے غم سارے تراوو

تیپر لھۂ زٔل تھہٕ روٗزِو اُنَن — بھیہ لھاگِو کانٛہہ منٛز مَنَن
ہُمہ پُرٛٹھی اُرِو زنٕۓ — دیو دار ستےٚ اَگر ژٕنٛد نٕۓ
رنگہٕ رنگہٕ پوشں کرِو بنن — بھیہ لھاگِو مہ کانٛہہ منٛز منن
نارہٕ بھٹِن پھیرِو ژٕوہ بأری — صاف اُرِو تھہٕ دھرہ بأری
گوڈہٕ لوٗنی لوٗنی کرِو کھنن — بھیہ لھاگِو مہ کانٛہہ منٛز منن
رازہٕ سِنٛز کورہٕ دھرمٕک چھہٕ لوبے — امہ دھرمٕی سدا پوشے

یوگندراین:- (پأنی پانس سیتی) تی چھُ تی چھُ - یہ چھ سورے مگر مہ دیش کس رازہٕ سِنٛز کوٗر پدماوتی یس مُتلق منٛز پوشہ پات بدر بیترہٕ جوتشو وونمت چھُ زِ یہ سپنہٕ ساٗرِنس رازہٕ سِنٛز رانی۔ اَمی کِنۍ ..... (گیوان)

واسوا :- (پانس سیتی) کیاہ یہ چھا رازہٕ سِنٛز کوٗر۔ یہ بوٗزِتھ سپُن مہ پریم اُمی سُند پننہٕ بیٛنہٕ ہندِ کھوتہٕ زیٛن۔

(ویسہ سان تہٕ پننہٕ پرٛ وارہٕ سان پدماوتی ہُند پرویش)

ویٛسی :- وُلو وُلو رازہٕ کُمأری وُلو بہو یتھ جایہ۔

(رازہٕ درشنکہٕ سِنٛز مأجہ تپیشورِی یعنی مہادیوی آسنس بیٛٹھتھ بہتھ نظر یوان)

تپیشوری :- (پدماوتی کُن) رازہٕ کُمأری وارِے وأتِکھ؟

واسوا :- (پانس سیتی) ہو ...... ہو ..... یہ چھ تمی سے رازہٕ سِنٛز کوٗر - اُمی سُند حُسن چھُ پانٛۓ وَنان زِ بہٕ چھُس تھدہٕ خاندانٕچ۔

پدماوتی :- (تپیشوری کُن) ماتا نمسکار۔

تپیشوری :- ژٕ یہ ہمیشہ زیٛوٹھ آسے۔ ووٕلہ ووٕلہ کوٗری مہ لُشں بیٛہہ - تیوتن چھُ

آسان سارنے گرِہ پنُن ہیو۔

پدماوتی:- ماتا بہ چھس آرامس منز بہتھ۔ ......

واسوا:- (پانس سیتی) ژھورُے چھس نہ ژھنے یوت۔ کلامہ اُمی شند نتہ پچھ

سیٹھا موٚدُر۔

تپیشورہی:- (پدماوتی ہنزِ وسہ کُن) ہے بھدری! یتیمس رازہ بھدرہ موکھ

ہنزِ بہنہ پدماوتی چھُنا وُنہ کانسہ رازس سیتی سپدان گنڈِہ واڈ؟

وِپس:- اوٚہ۔ اوٚہ ماتاجی۔ رازہ اکھ چھُ اُجین نگرُک۔ رازہ پردیوت چھس

ناو۔ سُہ چھُ پنُنس سنتانس یتیمس سیتی وِواہ کرُن یژھان۔ بلکہ

منزِم یارس پیٹھ چھُ منزِم یور سوزان۔

واسوا:- (پانس سیتی) یہے چھ۔ یہے چھ۔ آہا یہ سپنہ ووُنی مے پننی۔

تپیشورہی:- بے شک چھ یہ سوندر موڑتی تعظیمس لایق۔ بوزان چھس زِ دوشوٚے

چھ ییم رازن ہندیو خاندانو منزِ بڈِہ خاندانکو۔

پدماوتی:- (کنچکس کُن) ..... گژھ نتہ رِشن وَن زِ مہربانی کرِتھ وَنن زِ

تیمن کیاہ چھُ منظوٚر۔ یتھ اُسی ہتاووکھ سُہ سوٚرُے پیش کش

سیٹھاہ عاجزی نتہ نرمی سان گژھیکھ وَنُن زِ کمِس کیہِ چیزچ یژھا

چھ۔

کنچکی:- یتیلہ تُہند حُکم چھُ (پتہ کرِتھ دوان نتہ سارنے بوزہ ناوان)

ہے یتھ جنگلس منز روزن والیو تپہ ریشو، سَنی یاسپو تُہی بوزِو

وارِہ پائیٹھی یتیہ چھ سانس مگدھ رازہ سِنز کوٗر۔ توہہ لوکن ہندِہ

درمہ وِیوہارہ رکنو توہہ پیٹھ پرِتھ ہہ یژھ ہتاوِلتھ یی وَنان زِ یتیمس

ییٚمس بیٚنیہ یِژھا آسوٚ تہٕ بٲگرٲوِت دِنہٕ خٲطرٕ سبٹھاہ شرن بینت
نمسترن یعنے سوال کران ۔

[ گیوان ]

یوگندراین :- (پانس سیتی) مُبارک ۔ مےٚ آیہ ووٚنی پننہٕ مُطلبچ کتھ وٚننس وار
ووٚ پانے زونُم ۔(پتر نتہٕ پٲٹھی وٚنان ) ہے داتا ..... بہ چھس ......

پدماوتی :- خوش نصیبی رٹنو سپُن مےٚ از تیہٕ وٚنس اندرین سفل ۔

تپیشوری :- یتھہ وٚنس منز چھ سٲری تپہ رہتھو خوش تہٕ آرامس منز ۔ مگر یہ چھ
بیا کتھے آمت کس تامت تی چھُ زانہٕ یوان ۔

کنچکی :- مہرا ۔ تُہنگو منگو کیاہ چھوٚ یِژھان ؟

یوگندراین :- مہرا ۔ وارٕ گژھ بوزُن ۔ مےٚ چھ یہ بینہٕ پننہٕ سیتی ۔ یُسند برتھاہ چھُ
پردیشس منز گومت ۔ میون عرض چھُ یہ زِ کینژُس کالس روزہ ہے یہ
ییٚمس راژہ کنیا یہ نش تاکہ ییٚمس بنہٕ ہے راچھ ۔

[ گیوان اکھ بٲتھ ]

واسوا :- ( پانس سیتی ) او .... ہو ..... یوگندراین چھُ یِژھان زہ یہ
ترٲوِن بہ یمہ نِشہ نش ۔ گژھ کوٚت ۔ کرٕ کیاہ ؟ اچھا .......
مگر سونچنہ ورٲے کرٕہ نہٕ یہ کانہہ کام ۔

کنچکی :- ہے راژہ کنیا ۔ بے شک چھُ ییٚمہ سُند منگُن سبٹھاہ نفوذ ۔ مگر کتھہ
بٲٹھی ہیکہٕ یہ اَدٕ سُند منگُن ترکیا زہ ۔

سٕہل بنیہ سُندِ دٕھنہٕ واپس کرُن چھے

سٕہل بنیہ سُندِ پژھ تہٕ پانہٕ مرُن چھے

تیکہٕ پھَل تہٕ کاُفسِہ بینس دِیُن سہل کیاہ

سہل دِیُن چھُہ سورُے یہ پرُونےٕ وُژُن چھے

اَما چھےٚ یہ پَزرکتھ ژہٕ ہتاہ وارہ اتھ کُن

سیٹھاہ گروٹھ بینیہ سُند اما نتھ زچھُن چھے

پدماوتی :- مہرا - گرہ ڈہٕ نی دیُتُن اَسہ یہ صدا ہیٚمس یہ گرٕژھہ سُہ تہٕ مٔنگو - وونی
گرٕژھہ نہٕ پتھ پھیرُن جان - یہ اَمی سِنز پزھا چھہ وونی بینیہ تی کرون

کنچکی :- ژہٕ ووَنُت یہ پنُن منہ کیہ سسرزرہ پزرہ کنز-

وِیس :- ہے رازہ کنیا - ژہٕ چھکھ پزرزیار ہیز - منہ کیو معاف - آے اُسی نے

تپیشوری :- نیک نیت چھکھ - زِندہ روز !

کنچکی :- تی کرو - ہے رازہٕ کنیا - اَدہٕ کیاہ نی کرو (یوگندرایس نزدیک گژھتھ)
ہے سادھو جی - چانی بیٚنہ باپتھ بہتر نی مون سانہ رازہ کنیایہ -

یوگندراین :- بہ چھس سیٹھاہ مشکور رازہٕ کنیایہ ہُند -
(واسودتا یہ کُن وُنان) بینہ جگری - بینہ جگری گژھہ وونی
رازہٕ کمارِی نِش روز سٔکھ پاٹھو -

واسودا :- (پانی پانس سیتی) آہا - اچھا میون کیاہ پکہ نتہٕ (پتہٕ نسو پاٹھو
وُنان) اَدہٕ باپیلہ ژہٕ یہ صلاح زونتھ -

پدماوتی :- اَچھا - اَچھا - وونہ بیہہ - سٔکھ سان - وونی سپنکھ ژہٕ اَسہ پننی -

تپیشوری :- یُسند بُتھ چھُہ وُنان زِ بنہ چھس کہ سہ تانی رازہ دائی -

وِیس :- ماتاجی - تہو چھوہ پوز وُنان - بہٕ تہٕ چھس زانان زِ اَمہ چھہ پتھ کُن
سٔکھو دوہ وُچھمتو -

یوگندراین :- ( پانس سیتی ) آہا - لَہ تیوس یشانہٕ پیٹھ ووٚتھمُت بور نصیف - یہ وزیرن سیٖتی تدبیر اوس کوٚرمُت - تی ہیتہٕ تہٕ انجام یُن - راژس پیٹھ راژہ سی ہُند لاب بنہٕ تہٕ تیلہ نمن بہٕ واسوادتاتس برونٹھ کُن - اُمی سیٖتھ سیٖزٕ پچ پزٕ رٕچ گواہی دِیہ راژس بُرونٹھ کنہٕ مگدھ راژہ سیٖتی کوٚر یدہ ماو تی تکیازہ

یہ ووٚنمُت جہ تیٚشوٚ آسہ پھل   یوان تی تی چھُ وُچھنس تل

ژھمو وُنی یژ یہ آسہ واٲنی   راژہ اودیہ سیٖتھی راٲنی

سپنہٕ یدٕ ماوٕ تی جل جل   یوان تی تی چھُ وُچھنس تل

ذِلت ییہ راژہ اُو ینسے   ننس راج دوکھ ییٚنس کنہٕ سے

بنس کھیٚن تیس تے بل   یوان تی تی چھُ وُچھنس تل

ژھمہٕ ییٖ ووٚن بنان پچھے تی   بنہٕ وارسے ننان چھُپے تی

یہ چھُس ناحق گوٚمُت بے قل   یوان تی تی چھُ وُچھنس تل

[ برہمہ چاری چھُ اژان ]

برہمہ چاری :- ( ہیوٚرکُن وُچھت ) اُف ! دُپہر آو دوہ - واریاہ چھُس تھوٚکمُت - سیٹھاہ چھُس پوٚکمُت - کتیتھ سنا چھُ تھکھ کڈنچ جاے - ( اورہ یور نظر دِوان ) اوٚہو - . . . . . . ژوہ وا یاژی چھُ تیوٚرنی تیپوٚن - آہا . . . . . آہا . . . . ہا . . . . .

( باغہ گیوان وٕنچ سوندرتا وُچھت تہٕ ییٖ گیوان گیوان پوٚژہ وٕنس منزواتان )

ہوہو - یہ چھُ وُلنٕ جایاہ - ییتہ چھِہ شہری لوکھ نہٕ ( بییس طرفس کُن وُچھت ) مگر ننہ ریٖشو نہٕ چھِہ - سنیاسی سادھو

تہٕ چھہ۔ اور گژھہٕ نَس منز چھُنہٕ ووٚنی کُنہٕ دۄش (واریاہ نظر دِتھ)

ہیٚو اُسہِ۔ بیٚینہٕ چھہ زنانہٕ تہٕ۔ ......



(غٲر مطبوٗعہ)

# "گاش"

گاشؔ ــ کأشرِ زبأنؠ ہُند گوڈنیُک اخبار ــ اوس ہفتہ وأری نیران۔ اَمیُک گوڈنیُک پرچہ چھُ ۳۱ سأون ۱۹۹۷ بکرمی بہٕ دوارِ دوہہٕ دژامُت۔ یہ اخبار رُود لگ بگ ڈوڈس ؤرہیس نیران تہٕ اَمہِ خرس سُپُد اخبار کاغذ جنگہِ کِنہِ نایاب سپدنہٕ کِنہ بنٛد۔

# "گاش" اخبارِ منٛزٕ کینٛہہ نٕمونہٕ

(ا)

[ "گاش" ژٔندرِ وار - ۱۸ بھادون ۱۹۹۷ بکرمی ]

"کشیرِ پیٹھ لوٚہرٕ تانٛی ییہِ آیندٕ ہوائی جہازن ہندِ ذریعہٕ ڈاک ننٛزٕ تہٕ اَنٛنہٕ۔ بنیہ آسن لوٚکھ تہٕ ییوان گرٕٹھان ہوائی جہازن ہندِ ذریعہٕ۔ لہٰذا چھُ اَمہِ خاطرٕ انتظام ییوان کرنہٕ۔ اَکھ ' ہوا گرٕ ' ییہِ پیر پنٛچال کوہس پیٹھ تہٕ بیاکھ دوٚمُو وُڈٕر پیٹھ بناونہٕ۔ یِمن سارِنٕے چیزن ہُنٛد خرچ دِیہِ انگریز حکومت۔ کرایہ آسہِ کشیرِ پیٹھٕ لوٚہرٕ تانٛی اَکس سوارِ پانٛژاہ روپیہ ......"

(ب)

[ "گاش" برٛیس وار - ۳۱ کتک ۱۹۹۷ بکرمی ]

(۱) صفاکدلِ ژوٗل اَکھ واتُل پنٕنٛزِ نوشِ ہٲتھ۔ پولیس منٛز آو رپورٹ کرنہٕ ووٚمید چھ زٕ پولیس گژھِ یِمن ہُنٛد پتا فورن......"

(۲) پتِمِس ہفتس منٛز وُچھ رزیڈنٹ، اسسٹنٹ رزیڈنٹ، انسپکٹر جنرل تہٕ ہیڈ صاحب ملاقاتہٕ خاطرٕ بڈِس میرواعظ صأبن گرٕ۔ میرواعظ صأبن دِژ یِمن صُبحن چاے........"

(ج)

[ گاش ـــــــ ۱۴ کتک ۱۹۹۷ بکرمی ]

ـ "از پھاٹو انگریزن ہند بوڈ بارہ سمندری جارہ جرمنیو انگریزو کوٗر اعلان زِ اُسہ کرو یوٗنان والین ہند مدد۔ انگریزو سوٗزی واریاہ سمندری تہٕ ہوائی جہازہ بئیہ فوج یوٗنان والین ہندِہ مدتہٕ خاطرہ یوٗنان کس تہٕ اٹلی ہندِس بئیس پیچھ سپیز زبردس لڑائے شوٗروٗع۔"

(د)

[ گاشہ ـــــــ ؟ ]

اُکس زاو نیچر کرٕتھ ترٕیمی رٕیتہٕ نیچوٗ۔ زنانہٕ وٕنٕہس "اُمس کیاہ کرو ناو؟"

خاوند ووٚنُس "اُمس کرو ناو ہوائی جہازٕ"

زنانہ وُنٕہس "تہٕ کیازِ؟"

خاوند ووٚنُس۔ "اَمہ کِنہ زِ اُمی کُڈ ترٕین رٕیتن منٛز نوٚن رٕیتن ہنٛز وَتھ۔"

(ہ)

[ گاشہ ـــــــ ۳۱ کتک ۱۹۹۷ بکرمی ]

اسمبلی ہنٛز کاروائی ( ایڈیٹوریل )

"عام مفادک محکمہٕ چھہ محکمے تعلیم، شفاخانہٕ، سڑکات و تعمیرات وغیرہ۔ محکمے تعلیمہٕ خاطرہ یوسہ رقم یُہُس آیہٕ مُقرر کرنہٕ یہ چھہ پتہٕ میو تمام وری یو کھوتہٕ زیادہ تکیازِ یُہُس ین دستھ نوٚی مدرسہ بناونہٕ۔ ییمہ رقم

تعلیمہ پیٹھ خرچ کرٕتھ تہٕ چھُنہ سون مُلک وُنہٕ ہندوستان کیٚن بیٚین مُلکن ہیٚو تعلیمہ منٛز تہٕ کیاژٕہ گامَن منٛز چھِ زیادٕہ لُکھ وُنہٕ ناخوانده۔ واریاہَن بڑٕین قصبَن تہٕ گامَن منٛز چھنہٕ مدرسہ۔........

شفاخانَن ہنٛدہٕ خاطرٕہ یوٗسہ رقم مقرر چھےٚ۔ اَمہ منٛزٕہ چھےٚ زیادٕہ گژھان خرچ ڈاکٹرن تہٕ ملازمن ہنٛدِس تنخاہَس پیٹھ۔ دوٚاہَن تہٕ باقے ضرورٔریاتن پیٹھ چھُ کم خرچ سپدان۔ تہٕ زَن گوٚیی نہٕ انسان شفاخانَن ہنٛده خاطرٕہ چھ منظوٗر نوٚ لچھ تہٕ تیٚنہٕ ترٛٚہ ساس روٗپیہٕ۔ اَمہ پیٚنہٕ رقمہ منٛزٕ چھُ بیمارَن ہنٛدٕین دوٚاہَن خوٗراکس تہٕ باقے ضرورٔریاتَن پیٹھ زیادٕہ کھوتہٕ زیادٕہ سواد زٕ لچھ روٗپیہٕ خرچ سپدان ........"

# حافظ محمد عنایت

حافظ محمد عنایت چھ نہ محقق یا نقاد۔ بلکہ
ییمو چھ اَکِس عام انسانہ سِندہ پأٹھۍ دوٚن بُزرگن
لل دید تہ شیخ العالم شیخ نورالدین ولیؒ سِندۍ
حالات پنٕنہِ خاص زبأنی منز بأوِمتۍ۔ یِم مختصر
ذات نامہٕ چھ کُنہِ حدس تانۍ تِمن کتھن تہٕ دلیلن
پیٹھٕ دَرِتھ یِمہٕ زَن یِمن دوٚن بُزرگن مُتعلق عام چھ۔
یِمہٕ مختصر کتابہٕ چھ ۱۹۴۷ء بروٚنٹھہ دین
محمد الیکٹرک پریس سرکلر روڈ لوہورہ کرتانی چھپیمژ۔

حافظ محمد عنایت اللہ

# لل دید

## (ذات نامہ)

...... یتھہ سائنس ملکس اندر چھ تمہ قسمچہ خودا دوس زنانہ گذریمژہ۔ یمہ پننس وقتس اندر سیٹھاہ مشہور تہ یکتا آسہ مژہ چھ۔ یہند ناو ونیک نام لوکن ہنزن زیون پیٹھ مشہور و معروف چھ۔ تمو منزہ گیہ اکھ للہ عارفہ ییمس لل دید تہ چھ ونان۔ لل ایشوری تہ چھ ونان۔ لل موج تہ چھ ونان۔ امس چھ ہندی تہ مانان تہ مسلمان تہ۔

خاص سرینگر شہرہ پیٹھ چھ تو نام نومیل ییتہ یہ عابد، تولد سپزمژ چھ۔ تتھ گامس چھ ونان سمپور سہ چھ پانپرس منتصل۔ تہ یہ چھ تتہ اکس برہمنس اکی سندہ تولد سپزمژ۔ مول اسندیس اوس سہ اوس زمیندار لیکن اوسودہ حال اوس۔ للہ عارفہ اس لوکچارہ پیٹھے نیکوکار۔ روشن خیال روشندل۔ صبحکہ وقتہ اسس پننس معبودس کن حسب عادت عبادت کران۔ دوہس اس آسان عام زمیندار لڑکین ہندر پاٹھو زراعتچہ کامہ منز مشغول۔ یا چاروائے گاسہ کھیاونچہ کامہ منز مشغول۔ اسند سال ولادت چھ نہ معلوم۔ ہاں امی سندہ ظہورک تاریخ چھ اکثر موّرخن نش (سنہ ۷۰۰ ہجری) حکومت سلطان علاؤالدین علی شیر سندس زمانس منز۔ لیکن صحی چھ ۷۳۵ھ ہجری، چنانچہ

شٲیِق وغٲرٕ تٲریخ چھ تِمہِ پیٹھ شہادت دِوان۔

# شٲدی تہٕ خانگی تکالیف

لۄپچھِ اُس وُنہٕ کہٕ مٲلی ماجہِ کوٗر اَمِس نیتھر پانژن اَکس بڑٕ ہمن لڑکس سیتہٕ۔ اَمہِ سٕندِس طبیعتس اوس لۄکچارہٕ پیٹھے پسند خاموشی تہٕ گوشہ نشینی۔ اَمِس سُند تِمس کھانداَرس سیتہٕ گوڈٕ پیٹھے اُنس نہٕ موافقت تِمس اوس نہٕ دِوان ہرگز پانس نِش بیہنہٕ۔ پاکھے آیہ نہٕ باکھے گَیہ تہٕ۔ غرض کہ نیتھر کٔرِتھ سُند اَمہِ سٕندِس دِلس پیٹھ جذبۂ الٰہی۔ تا اینکہِ دارٕ ہیٚنس تعلقات دُنیاہ ژٹنہٕ۔ مستی و استغراق ہیوتُن اَمِس پیٹھ غالب سُپدُن۔ مُدتس اَکس تھوٗوُن یہٕ سربستہٕ شیدہٕ۔

اَمہِ سٕنز ہش یوسہٕ اُس سۄ اُس نہایت ظالم تہٕ سنگدل۔ ہشہ ہندی ظُلم چھ کشمیرِ اندر نہایت مشہوٗر تہٕ زبان زدِ خلائق۔ وارِو واتنہٕ پیوٚ اَمِس مصیبتُن ہند پہاڑ کلس پیٹھ۔ یہٕ سنگدل ہش اُس اَمِس سارٕے کامہِ کرٕناوان تہٕ کٔرِتھ تہٕ اَسِس آسان ناراضے۔ یتھہٕ بتہٕ اُس اَمِس شیران۔ ہمیشہ اُس اکھ زلہٕ وٹہٕ ہنا اَمہِ سٕندِس بتس تَل تھوان۔ یتھہٕ زَن موٗلوٗم سپدِ کہ سیٹھاہ چھُنس بتہٕ شوٗرمُت۔ چونکہ للہ دید اُس سیٹھاہ صابر تہٕ شاکر۔ یہ اُس حرفِ شکایت زانہہ نہٕ زیوٚہٕ پیٹھ انان۔ بلکہ موکلت اُس یہ پننہٕ بانہٕ ہیٚن تہٕ کنہٕ ہیٚن چھلِتھ اَمِس ہشہ بروٚنٹھ کنہٕ تھاوان۔

اَکہِ دوہہٕ اَکہِ کوٗر اَمہِ سٕندی ہِہرَن پننِس گرس تمام رشتہٕ دارس یا دوستس دعوت۔ کھٹاہ مارہٕ نوٗوُن۔ للہ دید اُس حسبِ دستوٗر یارہٕ بل وَژھمِژ

آبہٕ نیٚتِھس۔ وۄپسو تہٕ ہمسائے بایو وۄنہس ٹھٹھ پائمٹی کہٕ لل دید چھےٚ انہٕ وازہ وان
ناڑٕ بتہٕ کھیٚون۔ اُسہٕ نہٕ بھاوی زہٕ وۄنی بادرے۔ سۄ چھکھ جوابس اندر دَنان ے

ہوٗنٛڈ مارِہٕ تن کِنہٕ کھٹھ

للہٕ زلہٕ دِٕ وۄٹھ ژلہٕ نہٕ زاہ

ہوٗنٛڈ مارِہٕ تن۔ کھٹھ مارِہٕ تن۔ مےٚ کیٛتہٕ رپھ ژلہٕ سۄ پیٚنٛز کاچ وٕٹہٕ
ہس۔ ہہرٕ اُمی شُند اوس کتیچھ تام۔ تمۍ بوٗز یہ کتھ۔ دِلس منز بھاوِن
توٗ پیٛتہٕ گوٗ بتہٕ شیرنہٕ وقتہٕ۔ اُمی سِنٛدہٕ باپہٕ منزٕ کوٗڈن کاچ وٕٹھ۔ پننہٕ زنانہٕ
گٔین نہایت فضیحت تہٕ بےعزتی۔ نوشہٕ ہشہٕ صداقت سپزِس معلوم۔

اُمس ظالم ہشہٕ بڑیو زیادے اُمی شُند حسد تہٕ عداوت طعنہٕ
سپٕتو تہٕ پاموسپتو چھہٕ اُمی سِنٛدِس اتھ چھوکہٕ لدٕ دِلس زیادے نیش زنی کران
تہٕ نوٗن ترٛاوان۔ علاوہ ازیں چھہٕ پننس نیچوِس تہٕ پُس نہایت بےخبر اوس پننہٕ
زنانہٕ ہندیو حالاتوٕ نِشہٕ برگشتہ خاطر تہٕ متنفر کران۔ اُمس پاک تہٕ پاکیزہ زنانہٕ
چھہٕ نہایت شرمناک و حیاسوز افعالن کُن منسوب کران۔ ماجہ ہندہٕ تحریکہٕ اوس
یہٕ اُمی شُند کھاندار اُمس عموماً خشم کران تہٕ لایان۔ لیکن یہ عارفہ اُمس
تمتھ مُقابلہٕ سیٚٹھاہ صبر و تحمل کران۔

پانی کا اس کے سر پر معلق رہنا

اَکہٕ دۄہہ اَکہٕ سوٗز اُمہٕ ہشہٕ یارہٕ بل آبہٕ نیٚتِھس۔ اُمس سپُد تتہٕ
حالتِ محویت و استغراق غالب۔ دۄہہ کہٕ کھوہ تہٕ گوس واپس پنس اندر تاخیر۔
ہشہٕ بہٕ اُمس نیچوِس کُن کہٕ وُچھ کرسوٗزہٕ یہ آبہٕ نیٚتِھس وُنہٕ ما آیہٕ واپس۔ پیٛتھے
پاٹھو چھہٕ دۄہے مےٚ تنگ کران۔ یہ اُمی شُند نیچوٗ آو ٹیشس اندر۔ اُمس

کھوت سیٹھاہ خشم۔ یێلہٕ آنگنس اندر وائژ لل دید آبر نوٚٹ ہیتھ۔ یہٕ ووتھ
اُمی سُند کھاندار شرارتہٕ سان لۄرتجن اَتھس کیتھ تہٕ دِژن ٹۄنڈ اَتھ نٹس
نوٚٹ پھٹ۔ کتر اَرچہ ہینیہ پھٹرہٕ سِتھ۔ آب رۄد یتھے پأٹھۍ اُمی سندِس
کلس پیٹھ مُعلق۔ یہٕ وُلیہ خودا ژایہ یتھے پأٹھۍ گرہ۔ یم بانہٕ گرس منز اُسِس
تِم گرِن اُمی آبہٕ سِتۍ لبریز تہٕ مالامال۔ باقی یُس آبہٕ ہنا پتھ کِن رۄز سُہ
ژاوِن جوشہ سان دارہ کِنۍ نیبر۔ یێتیتھ یہٕ آب ژۄوِن تتھ بنیوہ بۄڈ اَکھ
تالاب۔ تتھ چھہ وُنان لل تراگ۔ سنہ ۱۳۰۰ ہجری یَس تأنۍ اوس تتھ آب موجود۔
وُنۍ کیس چھہ خوشک گومُت۔ وُنۍ کیس تہٕ چھہ سیٹھاہ لۄکھ موجود۔ یمہ اَکھ
تلاوس اندر آب بانہٕ پننہ اَچھو وُچھمُت چھُہ۔

یێلہٕ یہٕ کرامت اُمس نِشہ سرزد سپز۔ تمام قصبس اندر گیہٕ شُہرت
لۄکھ ہێتِن جوق در جوق ینہٕ۔ مردن تہٕ زنانن ہُند اعتقاد بڈیوو۔ پانٹرہ دورہٕ
علاقو پیٹھ ہێتِن لۄکھ یمنہٕ یتھ پأٹھۍ کُنہٕ مأیس پیٹھ چھہ سمان۔ اَمہ برونٹھے
اوس اکثرن مولوم کہ یہٕ کمہٕ قسمچ صأبر زنانہٕ چھہ۔ اُمس کوتاہ صبر تحمل تہٕ برداشت
چھُہ گرہ کین تکلیفن پیٹھ۔ اُمس کأتیاہ ایذا چھہ ہشہ ہندہ تہٕ کھاندارہ سندہ
طرفہٕ۔ تتہٕ پیٹھ کوتاہ چھُہ اَمہ پنُن سینہٕ وسیع کورمت۔ ووٚنۍ لۄگ اَمہ
سینہٕ وارہ پأٹھۍ لگن اندر اُمی سندہ پاکدامنی ہُند۔ نیکو کأری ہُند۔ سعادت
مندی ہُند۔ زنانہٕ آسہ یوان تہٕ اُمی سندین کھورن بوسہ کران۔ یہٕ وُچھت
سُپُد اُمی سُند کھاندار اُمی سنز سہ ظألم ہشہ پننین ناہموار حرکتن پیٹھ
پشیمان۔ زونکھ یہٕ چھُہ مجذوبہ خودا دوس زنانہٕ۔ اُمی سندہ دستہ دُنیأیی
کاروبار تہٕ کھانداری ییہٕ نہٕ۔ ژاوکھ یتھے پأٹھۍ۔

یتھلہٕ مُکمن ھُند آمد ورفت بکثرت سپُد۔ روزانہٕ اوس خلقن ہُنٛد ہجوم آسان۔ لَلہ دید گابرے یہ بہ بنےیس مُکمن ہنٛز مرجع۔ سیٹھاہ سپدُس دِل تنگ۔ کھیٚن تہٕ مونٛٹھُس۔ چیٚن تہٕ مونٛٹھُس۔ نیٚندرِ تہٕ مُنٛٹھس۔ ووٚڈہ نیٚنی۔ نٲنہٕ واٲرِہے اشک ہاران۔ تمِس محبوبِ حقیقی سنٛدہ شوقہ پھیران۔ نہ پرواے شیٚپنکھ تہٕ رونٛدُک نہ پرواے تاپُک۔ بادلِ بےتاب و چشم پُرآب اَکہٕ مٲدانہٕ پیوان تہٕ یتیمس مٲدانس گژھان۔ بعضے اوٚسُس کھاندار رٹِتھ انان۔ بعضے اُمِس سعہ مُش گژھان تہٕ خوشامد و دلدہی کرِتھ واپس انان۔ لیکن تمہٕ سُنٛد جواب اوس حرف ؎

آں کس کہ ترا شناخت جاں را چہ کُند

فرزند و عیال و خانمان را چہ کُند

دیوانہٕ کُنی و ہر دو جہانش بخشی

دیوانہٕ تو ہر دو جہاں را چہ کُند

## گُروٗ جی یس سیٚتی ملاقات

سپدِ بوے یُس گُرو اوس لَل دیدِ ہُنٛد بعضے اوس سُے پیوان اُمِس نِش یا یِہے اُمِس گژھان تۄت۔ کھاندارہ سنٛدہ تحریکہ کُنی، سعہ اُمِس اُمِس گورس وَنان کہ یتیمس کرتہ نصیحتھا، تاکہ یہ پھیرِہ ہا اَمہ حالہٕ نِشہ اَکہ دوہہ آو یِہے گُرو للہ عارفہ ہُنٛد گرِہ۔ تمہٕ سُنٛد کھاندار تہٕ اوس اَتی۔ پانہٕ نہٕ اُمِس اَتی تہٕ یہ گُرو تہٕ۔ زیرِ بحث اُمِس یہ کتھ کہ ـــــــ رِل سابروٗ

گاشہٕ کھوتہٕ کُس گاش چھُ جان (۲) سارِوٕے تیٖرتھہٕ (یعنی اُستانوٕ) کھوتہٕ کُس تیٖرتھ چھُ جان (۳) سارِوٕے رفیقوٕ کھوتہٕ کُس رفیق چھُ جان (۴) سارِوٕے چیزِو کھوتہٕ کیتھ چیزَس منٛز چھُ زیادٕہ دِلکۍ آرام۔

تمہٕ پتہٕ ووٚنُتھ اُمہِ سُند کھاندار گوڑٕ تہٕ تمہِ دوٚپ ؎

| | |
|---|---|
| چندرس ہیوٚ نہٕ پرٛکاشس کانٛہہ | گنگہٕ ہیوٚ نہٕ تیٖرتھ کانٛہہ |
| چندس ہیوٚ نہٕ باندو کانٛہہ | رنہٕ ہیوٚ نہٕ سوکھ کانٛہہ |

لل دیدٕ صاب چھہ بوزان۔ تمہٕ کوٚر یہٕ مضموٗن یتھہٕ پاٹھۍ ادا ؎

| | |
|---|---|
| مَیَس ہیوٚ نہٕ پرٛکاشس کانٛہہ | پئیَس ہیوٚ نہٕ تیٖرتھ کانٛہہ |
| دئیَس ہیوٚ نہٕ باندو کانٛہہ | بئیَس ہیوٚ نہٕ سوکھ کانٛہہ |

یہٕ بوٗزِتھ سیٚدرکہ سارۍ لاجواب۔ اَتھ اندر اُسہِ عارفانہٕ نوکتہٕ صوٗفیانہ رموز۔ یتھی یتھی کلام سیدرکہ داریاہ کٔتھ اُمس گروٗ جیس سیٖتۍ۔ اُمہِ سنٛزٕ یمہٕ پاکیزگی وٕ اعلا کتھہٕ بیٚیلہٕ بوزان اُسہِ۔ ادٕ اوس نہٕ تمن طاقت تہٕ جُرأتھے روزان اُمس سمجھاونس پیٹھ۔ یا اُمس بنٛد کرنس پیٹھ۔

اِضطراب وٕ قلق اوسُس روز بروز بڑان۔ آخر ژھینُن اکہٕ دوہہٕ اکہ پلوٕ ژٹِتھ۔ دزایہ گرٕ دیوانہٕ سٕندکہ پاٹھۍ۔ بیابانن تہٕ غارٕ آبادین اندر ہیوتُن پھیرُن۔ خطرناک گوپھن منٛز ہیوتُن رٔہُن۔ کوہستانکین تمن درن اندر یتیتہٕ بڈین بڈین دِلاورن لرزٕے جان اوس آسان۔ گذرأوُن سیٹھا شب ہاے دراز جنگلی پھل یا میوٕ اُس غذا بدلہٕ کھیوان۔ اگر نے رٔتہٕ بنہٕ ہیس تیلہٕ اُس کٔنہ سبزی یا گاسس پیٹھ گذارٕ کران۔ انسانن ہنٛز شکل اُس نہٕ وُچھان، جانورن تہٕ درندن ہنٛز آواز سیٖتۍ اُس پنُن دِل گرماوان۔

# بُتخانہ کِس برہمنس سٕتی مُلاقات

سِدھ شری کنٹھ[1] اوس پانپرس اندر موشور اکھ برہمناہ اکھ۔ تَمہ
اوس پانٕنس مکانس اندر اکھ بُت خانہٕ اکھ بنوومُت۔ اَتہٕ اوس تَمہ پاٹھ پُوزا کران
اَدٕ تِیُٔ ژاپہٕ اَکہ دوہہ اَکہ للہ عارفہ بلکُل عُریان تہٕ تن برہنہ مُژاہ اکھ ہش۔
اُمہ برہمنن ییلہٕ یہ ننگے وُچھ۔ اُمہ ژُرو کلہ بون کُن۔ اُچھ ہُکاوِن وٕ اَٹھہ۔ للہ
عارِفہٕ وَونُس کہ اے بیوقوفہٕ ژٕ یتہ کتھہ پیٹھ چھُکھ۔ پنٕنس پانس سِدھ یعنی
وُلی ناو ہُکووُمت۔ وُنہٕ چھُے اُچھن شار پیٹھ۔ اَکِس چھی زٕ ییوان بوزنہٕ۔ نظر ہندہ
فتوارہ سٕببہ چھُکھ پروردگارہ سِندس وُجودس گرا مرد وُنان تہٕ گرا زنانہٕ۔ ژٕ
یہ وُچھان چھُکھ تہٕ چھُ سورُے تَمہ سُندُے۔ کونہ چھُکھ وُچھان اُچھ مُژراوِتھ
کونہٕ چھُکھ وُچھان اُچھ بند کرِتھ۔ ژٕ یہ چھُکھ نا بوزِتھ کہ خُدائے پاک
کیاہ چھُ وَنان سہ

بہر طرف نگری صورت مرا بینی — اگر بخود نگری یا بسوی آن شر و شور
ز احولی بگریز و دو چشم نیکو کن — کہ چشم بد بود امروز از جمالم دور
بصورت بشرم ہان وہان غلط نکنی — کہ روح سخت لطیف است و عشق سخت غیور

برہمن ییلہٕ یہ اُمہ سُند کلامہ بوز۔ مبہوت و مُتحیر سپُد گو۔ تَمہ پتہٕ وُڑھ
للہ عارفہ ہیوتن یمن پتہٕ لین پیٹھ حاجت بشری قضا کرن۔ برہمن دوٕپُس
ہا۔ اَستغفار۔ اپُشر سنہنز جائے۔ خُدایہ سُند نظر بنگاہ۔ اَمہ دوٕپُس اَدہ ہاوتم

---

[1] سِدھ شری کنٹھ تہٕ سِدھ بوے اوس گنے شخص۔ یِم زٕ انسان زانِنس چھِ غلطی۔ (مُرتّب)

سو جاے ہیتیتھ نہ اپشر سِنز جاے آسہ۔ ییتہ نہ سُہ وُچھان آسہ۔ برہمن سَنیدُ یہ بوٗزِتھ لاجواب۔ بے اختیار ژٕجِس کرٕتھ نیرِتھ۔ تِمہ پتہ پیو پتھر وُسِتھ۔

## کشیرِ ہندِس شہزادس سیتۍ ملاقات

سنہ ۷۴۸ ہجری یَس منز ہیوٚتھ سلطان علاؤالدین علی شیر یُس بُڈ بُڈی بب اوس بڈشاہ صاحبُن ہُنُس ماَلِس سُلطان شمس الدین نہ مرنہ پتہ ہیوٚتھ کشیرِ ہندِس تختس بیٹھ۔ تِمس اُسی زٕ نیچوِ ر۔ شہاب الدین تہ قطب الدینؔ۔ شہابُ الدین زیٹھ ہیوٚ نیچوٚ یُس ولی عہد اوس۔ سُہ گو اکہ دوہہ اکِہ جنگلس اَکِس منز شکار کرنہ خاطرہ۔ اَتھ وقتس اندر اُس للہ عارفہ جنگلن تہ ماَدانن منز پھیران۔ اُمس شہزادس سیتۍ اُسی تریہ ژٔنی ملک چندار۔ اوٚدِش راول اختاچی۔ شایدٕ تریشہ اُسکھ لگۍ مژ۔ اَتھ تلاشس اندر اُسی اورہ یور پھیران کہ للہ عارفہ دراے اکِہ کوہہ درہ اندرہ۔ پیالہ اَتھس کیتھ ہیتھ۔ ہواُمس کُن کوٗرُن اَتھ دراز کہ پیالہ آو دودہ سیتۍ برِتھ۔ دوٚپُنس وولہ یہ چیہ۔ شہاب الدینن ووٚن کہ یہ چھہ کیاہ تام مہربٲنی خوداہ۔ تِمۍ کوٗر بسرو چشم قوبوٗل۔ تُلُن تہ چوٗن۔ ہنا رُوز باقے۔ دٕچھنہ کنہ اوس اُمس ہِتھ اوٚدِش راول سُہ چیو تِمۍ۔ پتہ کُن یہ کینژھاہ بچوو سُہ چیو ملک چندراہن اختاچی سندہ خاطرہ رُوٗد نہ کہیں۔ للہ عارفہ آو اُسُن۔ دوٚپُنس " اے شہاب الدینہ اگر سوری پیالہ چیہَکھ تمام دُنیہک پادشاہ بنہٲکھ۔ تہ بُنہی ژٕ یہ پیتر بنیہ کانٛسہ پادشاہس بنیوٚمت آسہ ہے۔ خاطر سیٹھاہ شہر بنیدن جاینہ اَتھ فتح۔ اوٚدِش راولس کُن کوٗرُن اِشارہ کہ یہ بنہ چوٗن وزیر۔ ملک چندرا

بتہٕ چون سپہ سالار ۔ پہنٛدٕ دستہٕ ہن بجہٕ بجہٕ کامہٕ ۔ لیکن یہ اغتائچی ییمو لوٚب نہٕ ییمہٕ منٛزٕ کانٛہہ حصہٕ ۔ زٲنِو کہ اُمو سٕتھٕ عمر چھہٕ ژھوٚمُتےٚ منز ۔ گرٕ واتہٕ بُرونٛٹھے چھہٕ اُمِس مرُن ۔" بہرحال ییلہٕ اورٕ واپس آیہ ۔ وٕتی موٗد اغتائچی ۔ ییمن سٔید تصدیقن کرامات ۔ بنٛنیٛن بشارتن روٗدی انتظار کرنہٕ ۔ آخر سٔید سلطان علاؤالدینن انتقال ۷۶۱ھ ہجری یَس منٛز ۔ سٔید تیمی وری پیہ سلطان شہاب الدین تخت نشین اوٚدِش راول سٔید وزیر ۔ ملک چندرا سٔید سالار ۔ یہ تیمہٕ عارفن ووٚنمت اوس تی بنیوو ۔

# سیّد جلال الدین بخاریس سیتی ملاقات

شاید ۷۴۲ھ ہجری یَس منٛز آے حضرت مخدوٗم جہانیان سیّد جلال الدین بُخاری رحمۃ اللہ علیہ بمقام کشمیر ۔ للہ عارفہ اوس تیمہٕ وقتہٕ سیٹھاہ ضرورت کہ تس گوٚژھہ مرشدِ کامِل حاصل سپدُن ۔ سیٹھاہ اُس کوہ و بیابان پھیران کہ لبن نا بہٕ کانٛہہ مردِ خدا یُس میہ خضرِ راہ سپدِ ہا ۔ یُس میہ پنٛنِس حقیقی محبوبس نِش واتناوِ ہا ۔ سیٹھاہ چھہ اظہار افسوس و بے مایگی کران پنٛنیٛن کاشرِ ن واکھن اندر ۔

ییلہٕ خبر بوٗزن پہنٛدٕ ییٚنٛچ ۔ بیتاب گیہ ۔ پکوٚ لاگتھ ناٗلہ ۔ ستن منٛزِلن دور بیہ پہنٛدٕ استقبالہٕ خاطرٕ نیٚنہٕ وٲرٕ ۔ یوٚتام ملاقات سپدُس تیمن سیتو بمقام ہیرہٕ پور ۔ چنانچہ پانہٕ چھہ للہ عارفہ فرماوان پنٛنیٛن واکھن اندر ییمیُک مضمون یہ چھُ کہ :۔

"تھندین پایے مبارکن آسیہ تسمہ دار نعلین لاگتھ ۔ میہ کوٚر

تِتھ سیتی سجدٕ۔ تِہندٕ اَمہ نالٕ نِیج گرد لاگٕج مہ پننِین
اَچھن سۆ رمہٕ بدٕل۔ مہربٲنی کٔرہٕم زٕ تِمہ پتہ تُلکھ رِیون
کلہٕ پننہٕ پارٕ مُبارکٕ پیٹھ تھۆد۔ پانس بُرونٹھ کنہٕ
بیہہ ناوُہس۔ تِمہ پتہٕ آیس تِمنے سیتی نِنہٕ وارٕ
واپس۔ پننہٕ دستہٕ مُبارکہٕ سیتی بناوِکھ کینژہہ کھانہٕ رِمہٕ
تہٕ کٔرِکھ تِمہ منزٕ مہربٲنی۔ پننہ دوپ ہم۔ "وۆتھ اَے
للہٕ عارفہ تجُر گژھو۔ فلانی تارِیخہ سپدِ تَتہ تولد
مخدوم شیخ حمزہ رح یِمس محبوب العالم آسَن وَنان۔"
تِمہ پتہ گےٚ نِنجر۔ تِہند سِتارٕ وُچھکھ سارِنے سِتارَن
ہِنٛدٕ کھۄتہٕ بُلند روشن تر تہٕ نوٗرٲنی۔ بیٚیہ آیہ تورٕ
واپس۔ برکوہِ ماران سپدُس تلقین مراقبہ حاصل
از حضرت مخدوم جہانیان۔ فرموہس تِمو چون قلق و
اضطراب یِیدٕ جلدٕے دوٗر۔ چانی رہنما تہٕ مُرشد حضرت
سیّد حسین ع سمنانی واتہٕ عنقریب کشیرِ یُس ژٕ مہ رۄحانی
کمالاتو سیتی منزلِ مقصودس واتہٕ ناوِی۔"

# سیّد حسین سمنانی یَس سیتی ملاقات

سنہ ٧٧٣ ہجری یَس منز سپد حضرت سیّد حسین ع سمنانی وارد کشمیر۔ یِم
اَسہ ہانی اسلام سُندی پترِ برادر۔ شاہ رکن الدین عالم صاحبنی مُرید۔ حضرت
مخدوم جہانیان سُندی پیر بائج۔ تِمہ وقتہٕ اوس بادشاہ یِتہٕ سُلطان شہاب الدین

ییلہِ تشریف اوٚنکھ کھٕلہٕ گامس منٛز سیٚدٕی قیام پذیر۔ لگن کرِکھ تربیت ظاہری و باطنی۔ بالآخر کوٚرُکھ انتقال تہٕ تتیٚتھ۔ ییلہِ للہٕ عارفہ پہندٕ پٮ۪نچھ خبر بوٗز۔ وار پٮ۪ٹھن منٛز ہٕلُن کوٚرُن استقبال۔ بےخودی سپٮ۪ز بس پادٕ۔ ذوق و شوق ہُر یوس۔ روٗحانی فیوضو سیٚتھ تہٕ معارف و اسرارو سیٚتھ سپٮ۪ز مستفید۔ غرضیکہ بالآخر سپٮ۪ز ظاہری و باطنی پہنٛز ے مُرید خاص۔ عجیب زمانہٕ چھ اُسمُت۔ طریقتکین مشہور و نام آورہ مردن اندر چھُ اُمس درجے اختصاص۔ گویا زن اُس ولی مادر زاد لیکن بااین ہمہ دِیٚت اُمس صوفیائے کرامن ہندٮ۪ صوحبتن جلا بر جلا۔

# سیّد علی ہمدانیس ؒ سیٚتھ ملاقات

حضرت امیر کبیر میر سیّد علی ہمدانی رحمتہ اللہ علیہ۔ تیم سیدی تشریف فرمائی کشمیر اوائیل تخت نشینی سلطان قطب الدین۔ یعنی ۷۸۱ ہجری۔ ییلہِ بہٕ رٕوایت صحیح بمقام خان پور تیم وٲتی۔ یہ چھُ سرینگرس تہٕ ہیرٕ پورس درمیان۔ اُمہ وقتہٕ اُس للہٕ عارفہ عُریانی ہندِس عالمس منٛز مجذوبانہ رنگس منٛز پھیران۔ کانٛسہِ نِشہ اُس نہٕ سِتر کران۔ ییلہِ وُچھن حضرت سیّد علی ہمدانی اورٕ یوان۔ تنبہ لے یہ اورٕ یِہ یور ہیٚوتُن ژُلُن۔ یِنُن پان ہیٚوتُن پوٚشیدٕ تھاوُن۔ اکِس وُکاندارس گیہٕ۔ دوٚپ نَس میہ دِتہٕ کیٚنہہ بلوٕ ہنا۔ بہٕ کرٕ ہا پانَس سِتر۔ اکھ مرد خودا اکھ چھُ اورٕ یوان۔ اُمس نِشہ سِتر کرُن چھُ فرض۔ تمہ دوٚپُس ازتانی کوٚنہ کوٚرُت کانٛسہِ نِشہ سِتر۔ دوٚپ نَس ازتانی گَژھے یہ ریانہٕ نظرٕ تَل سارٕ ہے زنانٕ زنانہٕ۔ مرداہ وُچھم نہٕ کانٛہہ۔ وُنی کیس چھم اکھ مرد خودا نظرِ یوان۔ بہٕ زانَن یہ تہٕ یہ زانہٕ میہ۔ ییلہِ زیادٕ اضطراب سپدُس۔ اکِس کاندر وانَس منٛز ژایہ۔ دزٕ ورنس تُوٚرگس

منز دِژِن ووٚہِٹھ۔ کاندرٕو ہٮ۪و خوفہ سیٚتہٕ تنوٗرِس ہٹان۔ للہٕ عارفہٕ کوٚڈ ٹھک آلو کٔنہِ بر
نیر۔ یکدم دژایہ تنورٕ منزٕ بہشتی سبز جامہ وٗلِتھ خوش و خرم مزیّن و مستور۔
اَمہ پتہ کوٚرُک عالمِ مراقبس اندر دوہہ شہ وٕے سیرِ ناسوت و ملکوت و جبروت و لاہوت
حتیٰ کہِ عرشہِ مجیدس پیٹھ تہٕ واتی۔ بل آخر ہیوٚتُکھ اکھ اَکس رخصت۔ اکھ اَکس
نِشِ کوٚرُک طلب دُعا۔

## مذہب!

تأریخ چھہ سأری شہادت دِوان کہ یہ چھ ہندو گرٕ سے اندر زامژ تہٕ
بڈیمژ تہٕ۔ ہندو گرٕ سے اندر باگیہٕ تہٕ آمژ۔ لوکچارٕ پیٹھ ہندو تہٕ بیتھے وُچھمژ۔ نیتھرٕ
پتہٕ ییلہٕ اَمہ ترکِ دُنیاہ کوٚرُک۔ اَمی سندِن خیالاتن اندر سپُد انقلاب عظیم پأدٕہ۔ ہندو
مسلم تمیزٕ رۅُد نہٕ اَمی سندِس دِلس منز۔ مُسلمان محلس منز لوٚگُس آمد رفت۔ ووٚتھن،
بِہِن۔ مسلمان بزرگن کرن استقبال۔ تِمَن نِشِ کرن استفادٕہ روحانی۔ کانہہ حجاب تہٕ
کانہہ روک سپدیوس نہٕ۔ لہذا چھہ لگہ اتھہ ششہ وبنس اندر۔ ہندو چھہ دپان کہ یہ
أس آخری دمس تانی پننس مذہبس پیٹھ قائم۔ یا کم سے کم مُسلمان سپز نہٕ۔ اگرچہ
مسلمان بزرگن ہندس صوحبتس اندر وأتز۔ تِمَن نِشِ کوٚرُن استفادٕہ استغاثہ
مسلمان چھہ دپان سیّد حسینؒ سمنانیس نِشِ کوٚر اَمہ قبوٗل اسلام۔ سو أس
اَمس پیر۔ چنانچہ حضرت مخدوم جہانیان سیّد جلال الدین بخاری ییمہ وقتہٕ للہ
عارفس سیّد حسینؒ سمنانیہ سندٕ پنچ خوش خبری چھہ دِوان۔ فرماوان چھس
سُہ ہاوی ژہے راہ راست۔ سُہ واتہٕ ناوی ژہے منزلِ مقصودس۔ علاوہ ازیں چھہ
ناممکن کر ییتھو ہی صوفیاے کرام آسہن اُنہ وقتس اندر۔ مثلِ حضرت سیّد حسینؒ

سمنانی، حضرت مخدوم جہانیان ۔ حضرت بانی مُسلمانیؒ ۔ یہند یو کمالاتو سِیتو کیاہ آسہ نہٕ للہ عارفہٕ پیٹھ کانہہ اثر کوٗرمُت۔

ہندو مذہبس اندر چھُ لل دیدہ بوڈ درجہ ۔ یہ اُس نہٕ تناسخس قایل یعنی جنم نہٕ اُس مانان ۔ دپان اُس میہ چھُ رتیمہ کتھ نظریوان یمو بہٕ ییمہ بروٗنٹھ گوڈنکس جنمس اندر اُسِس وَنان ۔ یا این ہمہ اُس تمو سنٕز خاہش یہ کہ بہٕ گژھس نہٕ بییہ کُنہ خاص جنمس اندر پادہ سپدنی ۔ بلکہ گوژھہ میون وجود فنافی اللہ سپدُن۔ للہ عارفہ اُس بُت پرستی خلاف۔

# للہ عارفہٕ کرامژ

بے شُمار کرامات چھہ ہیندو تہٕ مُسلمان اُمس کُن منسوب کران۔ چنانچہ دزہ وٕنس تنورس اندر وٕلٹھ دِنی ۔ تورہ زندے نیرُن نوٕ کپرہ لاگتھ یہ چھہ اکھ بوڈ کرامت۔ یتھے پاٹھو چھہ بییہ اکہ دوہہ اکہِ ذکر کہ شخصا اکھ اوس ذکر نفی و اثبات کران کلہ پٕٹھ بون والان تہٕ ہیور کھاران ۔ للہ عارفن پرژھس۔ "یہ کیاہ چھکھ کران۔ تمو دوپس 'نفی و اثبات'۔ تمو دوپس ۔کیاہ یوہے گو وٕہ 'نفی و اثبات' کرُن۔ تمو دوپس ۔ اَدہ کیاہ گوٚ 'نفی و اثبات'۔ لل دیدہ اُسی ٹاٹکی زہ اُکتس کینتھ ۔ اکھ تھووُن کھوٚرن تل بیاکھ کلس پیٹھ ۔ پٔرُن 'لا اِلٰہ' بآوازِ بلند ٹاٹکی میلو اکھ اکس سیتو پانہٕ گے یمہ نے منز غائب ۔ رژھہ ہنا گیہ بوزکھ آواز 'اِلّااللہ' ۔ گیہ ٹاٹکی زہ الگ الگ ۔ لل دید سپز بییہ پادہ۔

اکہ دوہہ اوس جنگلس اکس اندر بہتھ ۔ سیٹھہ بییہ دوٗرہ اُمس پیٹھ

ـــــــــــــــــــ

لہ مطلب چھُ یتہ پن شاہِ ہمدان'

نظر۔ یہ آو خشمہ سان دوران ۔ ییلہ اوتن ووت تہٕ سٕیُد سرد اَمہ خشمہ نشہ ۔ کلہ
ترٛوومن اُمہ سِندِس کھورَن تَل ۔ لوٗگ اظہارِ عاجزی کرنہٕ ۔ لل دیدہ کریٚس اکھ نظرا تہٕ
رٹیوٚت سٕیُد اُمس اندر جذبہٕ و استغراق کہٕ گاو اُمس یوان تہٕ اُمہ سِندِس کلس سیٚتی
کران تکیہ۔ اُمس اُمس نہٕ خبرٕ آسان۔

شیخ علی صاحب برادر حضرت محبوب العالم قدس سرہٗ فرماوان کہ بہٕ اوسُس
اکہ وقتہ اکہ معتکف شہرہ دوٗر ژوٗن دوہن ہنٛز وَتہٕ اَکِس جنگلس اَکِس اندر۔ اکھ
ضعیف زناناہ آیہ میہ نِش۔ دوٚپنم بہٕ چھُس چاَنی روٗحانی بینہٕ لل موج۔

بنیہ فرماوان کہ بہٕ اوسُس اکہ وقتہ اکہ پیرہ سِندِس تلاشس اندر عین
طلبس اندر اوسُس تہٕ اَتی گیہ پاَدہ للہٕ عارفہٕ۔ دوٚپنم بہٕ چاوتھ تسہٕ استغراق
و مستی ہِنٛد اکھ پیالہٕ۔ ییٚمہ سیٚتی تہٕ بلکل مخدوم شیخ حمزہ بنک یِس چون
مرشد چھُہ۔ اَتی گیہ غائب۔ بہٕ ڈیوٗس اَکِس لاساحل محویت و استغراقکس
دریا وس اندر۔ خبرٕ چھُم نہٕ کینٛہہ۔

اکہ دوہہ اکہ اُسہ جناب حضرت محبوب العالم سلطان شیخ حمزہ قدس
اللہ سرہٗ سجادس پیٹھ بیہتھ۔ مشغولِ عبادت۔ خلیفہٕ اَکھ بیہتھ اَندی اَندی۔
کمال ذوق و استغراقس اندر چھُہ۔ اَتی ژایہ عجیب ماچھ تُلراہ اکھ۔ یِہے آیہ پیرس
کُن۔ اَمہ کوٚر سیٚٹھاہ درد و سوزہ سان نالہ و فریاد۔ حتیٰ کہ نہایت رقت پیپرہ یمن
زن آو شدید زخم پیٚنِس دلِ مُبارکس۔ یمتھ پاٹھی چھ وَدان کہ اُمی سِنٛزہ آوازہ سیٚتی
زن اُسہ ساز وَزان۔ یُتھ کال کوٚر اَمہ تُلرہ نالہ زنی۔ سوز و گداز۔ پیر سٕیُد بنیہ سے
حالس سیٚتی محوٗ۔ تمہ پتہٕ دراہ ییم تہٕ آیہ بہوش۔ خلیفو کوٚر کھ استفسارِ کیفیت۔ فرموک
یہ اُمس للہٕ دیوانہٕ۔ یہ آیہ پنُن حال کوٚرن میہ نِش اظہار۔

# "کأشِر مسلہِ کتاب"

وُہمہِ صٔدی منز یمہِ دین تہٕ مذہبس سیٹھا واریاہ کتابہِ لیکھنہٕ آیہٕ تِمَن منز چھ "کأشِر مسلہِ کتاب" زیادہ پرٲنی مانِنہٕ یوان۔ وَنَن والین ہُند وَنُن چھُ یہ چھُ ۱۹۰۰ پیٹھہٕ ۱۹۴۷ کس وقتس منز کُنہِ وِزِ لیکھنہٕ آمژ۔ مگر اَمہِ ہٕنزِ کینہہ اصل وَری مولوی سید محمد "شرحِ محمدی" (موسوم بہ "کأشُر مُفتی")

چھ اَمی کتابہِ ہٕنز ترقی یافتہٕ شکل مانِنہٕ یوان۔ یہ کتاب چھ ۲۵۰ صَفحَن پیٹھ پھیلتھ تہٕ سیٹھاہ جان پأٹھۍ ضروری ضروری مسلَن پیٹھ پرکاش ترٛاوان۔

یتھین چھ اَسہِ "کأشِر مسلہ کتابہٕ" منزٕ کینہہ

صَفحہٕ پیش کران۔

# حجکۍ مسایِل

سوال :- حج کیاہ گوٚ ؟

جواب :- حج گوٚ بیت اللہ شریف کہٕ زیارت کرنُک قصد کرُن۔ کیٚنژن خاص عبادژن ہنٛدٕ پورٕ کرنہٕ خاطرٕ۔

سوال :- یہ کس چھُ آسان کرُن ؟

جواب :- تس یُس تورٕ یورٕ سوٚتُب خرٕچ آسہِ۔ علاوہٕ ازیں گرٕ ہس عیالس تہٕ گرٕ کأفی خرٕچ روزُن۔ مریض گژھہ نہٕ آسُن۔ خوفِ دُشمن یا بێیہِ کُنہِ قسمُک فِتنہ وو ھتنُک خوف گژھہ س نہٕ آسُن۔

سوال :- بیمارٕ ہنٛدٕ سببہٕ ہێکیاہ پننہٕ طرفہٕ بێیِس کأنسہِ حج کرنہِ سوٗزِتھ۔

جواب :- ہێکہٕ سوٗزِتھ۔

سوال :- تیٚمیُک ثواب کس واتہٕ ؟

جواب :- سوزَن وألِس۔

سوال :- یێمہٕ شخصن حج مٹہٕ أسِتھ عذرٕ ورأے حج ادا کوٗرُن نہٕ۔ سُہ کیاہ مرِ ؟

جواب :- سُہ مرِ یہودی نتہٕ نصرأنی۔ تتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک۔ یِکیازِ صاف چھُ حدیثہ شریفہ مۅجوب ثابت۔ .......

سوال:- حجہ کین دوہن منز کم چیز چھ منع ؟

جواب:- زنانہ سۭتی صحبت تھاوٕنۍ۔ فسق تہٕ بدعہدی کرٕنۍ۔ لڑائے تہٕ ہرہرٕ کرٕنۍ۔ بیٚیہ شکار کرُن۔

سوال:- تجارت کرُن ما چھُ منع ؟

جواب:- نہ کینٛہہ چھُنہٕ۔

سوال:- اَسہِ کتیتھ چھُ احرام گنڈُن ؟

جواب:- یلملم مقامس وٲتِتھ۔

سوال:- احرام گنڈنہٕ برونٛہہ کیاہ چھُ آسان کرُن ؟

جواب:- غسل کرُن تہٕ بیٚیہ خوشبوے مٔلُن۔

سوال:- نفلس زہ رکعتہ چھا احرام گنڈتھ پرنہٕ آسان کنہٕ احرام گنڈنہٕ برونٛہہ ؟

جواب:- نہ احرام گنڈتھ ........

سوال:- احرامس اندر کُس چیز چھُ منع استعمال کرُن۔

جواب:- موزٕ لاگُن، جامہٕ لاگُن، پٲزارٕ لاگُن، بے زارہ قمیض لاگُن۔ کلس پیٹھ کینٛہہ چیز تھاوُن (لیکن ژادر یا ڈوپٹہٕ وٕلُن چھُ نہ منع) شکار کرُن تہٕ لڑائے تہٕ ہرٕ ہرٕ کرٕنۍ۔ فحش گوئی کرٕنۍ۔ گندہ الفاظ استعمال کرٕنۍ۔ بیٚیہ مس کاسُن۔

سوال:- یُس یورٕ گژھان وتہٕ مۄد۔ تمس ووتھا حج نکھہ ؟

جواب:- بے شک ووتھس نکھ۔ بلکہ سُیُد ثوابس تہٕ حق دار۔

سوال:- اگر کانٛسہِ شخصَن زیارت خانہٕ کعبہ کرٕ۔ مگر مدینہ شریفس کُن عمدَن وقصدَن گو نہٕ تہندہ حقہٕ کیاہ چھُ حُکم ؟

جواب :- حج ته ووٚ نفس نکھ ۔ مگر چوٗنکه زیارت روضهٔ مُطهره حضرت رسوٗل اکرم صلے اللہ علیه وسلم کوٚرُن ىٚز ۔ لہذا روٗد تمه زیارتہٕ که ثوابہٕ نِشه محروم مگر تور گژھُن چھُ نورُن علانوٚز ۔ عاشقانِ رسوٗلِ خدایَن چھُ توٚت واتنُ ضروٗری ۔

سوال :- اگر کانٛسه شخصس حجس اندر کُنہِ بیمارِ یا تکلیفہ سببہٕ قربان کرِتھ کلس مَس کاسُن بنیاوىٚز ۔ سُه کیاه کرِه ؟

جواب :- سُه ہٕکیٚون عیدہ ہندِ دوہہ گذارِت روزٕه یا دِین صدقه ۔ نتہٕ کرُن جانور حلال ۔

سوال :- اگر کانٛہه احرام کِسہِ حالَس اندر فوت سپدِ تَس وانیا کفن ژادُن ؟

جواب :- نہٕ ۔ بلکه گژھہ سُه احرام کِنہِ دوٚن پَرَن اندر وٚلِتھ دفن کرُن ۔ بیٚیہ نہٕ گژھہ تَس خوشبوٗ مَلُن ۔ نہٕ کلَس پیٚٹھ کینٛہه تھاوُن ۔ سُه گژھہ ننگے روزُن ۔ دوہہ ڈٕہ نوٚنے ۔

# پروفیسر حاجنی

حاجنی صابُن اصل ناو چھُ محی الدین پرے۔ زینہ جاے چھُ حاجن۔ تہٕ ژھَنہٕ پیٚنک دوہ چھُ ۲۱ جون ۱۹۱۷ عیسوی حاجنی صاب چھِ عربی ہِکو پروفیسر۔ مگر بحث ہیٚکن گژھِتھ موضوعس پیٹھ کرِتھ۔ حاجنی صابُن وونُن دوہ نی واریاہ کال کاشُر لیکھان: "گریسو سُند گرٕ" چھُ یہِند گوڈنیُک ڈراما، یُس زَن یمو از بروٗنہہ واریاہ ورِی لیوکھمُت چھُ۔ یانہٕ چھِ اکِس جایہ اَمِچ ذکر کران لیکھان — "گریسی سُند گرٕ" (سہٕ عملی ڈراما) ییٚمکو گوڈنکی کینٛہہ حصہ ۱۹۳۸ عیسوی یُس منز پرتاپ میگزینس اندر چھپے یہ۔ کینٛہہ ورِی گژھِتھ ڈراو یہ ڈراما قسط قسط رسالہ "گُل ریزس" منز تہٕ اَمہ پتہ چلے یہ اَمِکی زٕ ایڈیشن وُنِس تام۔

سنہ ۱۹۳۸ء پیٹھ ڈُنیکھ تام گٔیہ واریاہ ورِی۔ بیٚین وَرِیَن منز درٛ حاجنی صابن سٕہ انتخاو جی ترتیب دِیُتمُت زَن "کاشِر شاعری" ناوِ سنہ ۱۹۶۰ ہس منز ساہتیہ اکادمی

طرفہ چھاپ سپدییہ۔ حاجنی صائبن پھیر "مُسدس حالی" کأشرِن شارَن منز "گرِیسمِ سُندگرہ" علاوہ یہ کینژہاہ نثر ییمۆ تنقید، تحقیق، فیچر، مکالمہ بیترِ چیزَن ہندِس صورتس منز لیوٗکھ تہٕ سپُد۔ "نثرچ کتاب" (چھاپ سنہ ۱۹۶۲ء) تہٕ "گامۆ منزٕ پھیرِ پھیرِ" (چھاپ سنہ ۱۹۶۲ء) ناوہ چین کتابَن منز چھاپ۔ کأشرِ نثرچ کتابہ پیٹھ پُھہ ییمَن مقأمی اکادمی ہُند فسٹ پرایز تہٕ میوٗ لمُت۔ حاجنی صائبَن چھَہ "الف لیلیٰ" کأشرِس منز پھرنیچ کأم تہٕ اَند واتہٕ ناوِمژ۔

●

پروفیسر محی الدین حاجنی

# رگرپسی سند گرہ

## (دگو ڈرامیک منظر)

رزاق بٹُن گرٕ

رگرپوس:- (دارہ پیپھٹ بہیتھ۔ گرواجنہ کنُ ژکھ سان نظراہ کرِتھ۔)

ژٕ کیاہ چھےٚ از بُتھس پیپھٹ بوم پشیان۔ بورہ سیتود ورِنتھ ٹھکھ اورہ نستہ کنی کتھ کران۔۔۔۔۔۔ پوز گوٚ نا ییی ییتہ پیپھٹ چانہِ کمبرہ پیپھٹ لوٚر وُزھ، تتہ پیپھٹ وُچھکھ ژٕہ مہ دوہہ کھوتہ دوہہ ہنان۔

گرواجنیو۔ (ووشس ترٛاوتھ) بیٚیہ ہی یے گرہ پیپھٹ تہ فکرہ ژٕہ ہی۔ کھپی کھپی چھکھ سرنڈرہ ہیوٚ گومت۔ گرہ زانہٕ رتھے یمن گرہ پیپھٹ پیوٚ۔

رزاق بٹ:- (بُتھن دِرہ دِتھ) او مہ کتہ چھ خبر ژٕہ چھی سوکھن ڈٕرس گامتر۔ بیٚیہ لکھینہ منزٕہ آمت ووکس۔ مہ اُس خبر سیدرس گلس چھ خوداہ راضر۔ مگر سپرِہ اوٚنگجہ کتہ چھٚ گیو کھسان۔

گرواجنیو:- (بتھ لدِتھ) ژٕہ کھالی زِہے ہنجہ اوٚنگجی۔ بہٕ تہ موکلا، بیٚیمہ وندہ مظہرہ نِشس۔

رزاق بٹ:- (اَسان اَسان) یہ وونٛدہ منظر چون چھُ کُس؟ میٚہ دوہَس تہٕ راتس رُٲتھ نیٖران ژٕہ گرٕ بہتھ تاپھ دِوان۔ چانہِ کھوٕ تہٕ وونٛدہ منظر کُس چھُہ؟ میٚہ مالِکہ رٕیتہ لوریو سیتۍ ماز ژٹان ژٕہ ڈوکھا ترٲوِتھ نوٚن دوہَن ژٕہ سیر وونُن کتان ....... اَمہ کھوٕ تہٕ وونٛدہ منظر کُس آسہ؟ میٚہ فرزندار ڈوریو منزٕ رُٹ رُٹ اَنِتھ رٕیتہ پتہٕ رٕیتہ چھلکہٕ ہیوان تہٕ ژٕہ۔

گروا جینہٕ:- (کِتھ ژٕ ٹھتھ) ژٕہ وَدان ــ ہے کیاہ بنیوم یتھ راتہٕ نفشہ موٚنڈ آسُن جان۔ میٚہ کَرُن کتھ نہ باتھ اورے آو ڈاکس ژکھر لَدِتھ۔ زٕن چھُس مُتھس پیٚٹھ ہوٚن مورُمت۔ پَنُنۍ اَسِس دوہہ کین ژٕوَن پہرَن کلہٕ دادٕ سیتۍ ہارٕ کاہ کاہ گنزران تہٕ تام آو اورِ سے بُتھ الونٛد ترٲوِتھ چاے منگنہِ۔ گوڈٕ چھلی زِہے اَتھ بُتھ پتے چایہ رَسر پانس ژٕھنہِ اَسِس تہٕ ژٕھنہِ زِہے ...... بییِن گرن چھنا آسان باگٕ دَجہ پیٚٹھ دٕرامتۍ مگر یہ طوفان نہٕ چھا کُنہ جایہ۔ کتھ زالِس منز آیِس وَلنہِ۔

(یی وَنان وَنان چھہ کترِ ووٚ بانوٗ منزٕ اَکھ پرُون اَنیٹھ ژکھ موٗرنہ خاطرٕ پھٹراوان)

رزاق بٹ:- (ناسٕتہ مُشکاہ کرُتھ) پھٹراوان گژھ۔ پگاہ آسہم کزالہٕ سنہٕ وُگراے۔ نتہٕ کیاہ میانِس زمیٖنس چھہ یہے فناے تہٕ شناے گژھان۔ مگر کرٕ کیاہ ہینہ آس تہٕ میٖنہ راہ .....

(دَماہ دِتھ) تقدیرَن واجُم وُنہ تہٕ رانٹھا گیُم اَگادٕ ...
دُنی یہچہ زنانہ معہ کلاوان ہاکس ژوٗر کرُتھ۔ میانہ خاندارنہٕ ہندٕ دَستہٕ

چھُنہٕ ریوان سۄرُے پھۄٹِتھ چھکنہٕ ...... (ذرا اتھک دِتھ) کھہ کرِ پانٕ

نوٗحتانٕ مُکمس۔ رۄستمنی مُج نۄوراوان گاٹھُن تہٕ نوٗالُن رِتو۔ چارہٕ واین

نیرُن تژیشہٕ تژیشہٕ کران زیو پھٹِتھ تہٕ اُمس آسہٕ نہٕ آب اینٕ نک

بچاپسے گومُت۔ آخر ووندہ مظاہرہ ہےٚ چھُس۔

(کینہہ زٕنیٖ اَندٕ اَندٕ جمع سپدان)

ہا بارو وَنو وہ کیتھی صفت بہٕ پننہٕ گرواجنہٕ ہندٕ۔ چارہٕ یاو

اَنہٕ تہٕ کرہیم تمہٕ زورہٕ زارہ ہچھاہ۔ نوٗنہٕ رلہ پےٚ اَنہٕ تہٕ نیصفاہ راوہٕ رہ

تاکھچھو پیپھٹ۔ نیصفا ژھینہٕ دارہٕ کِنہٕ۔ نکیازہ تہٕ چھُ اُمی سندی کِنہٕ آسان

بعہٹہٕ نوٗن۔ نتہٕ وَتہٕ پیپھٹ لوٗہمُت۔ تلہٕ مُنٹ اَنہٕ تہٕ موکلاوہٕ کھسِ ژر کرِتھ

ووہ زُم ووہ رُد کرِتھ شرُس پلوٚ اَنہٕ تہٕ گوڈہٕ کھسِن نہٕ پلندٕے۔ اگر خودا

کران کران کھوٚتُس تہٕ، چھُس نہٕ تکان رِچھنےٚ۔

گرواجینہٕ:۔ (کیتھ ژریٹھ) بڑہٕ نانہٕ ہندہٕ وقتہٕ چھےٚ میہٕ زٕٹ سوٗبرٕ۔ سعے

اَوری گژھی تہٕ اَوری ژنترٕ۔ ییٚتہٕ پیپھٹ باگنو آیس ییتھ منزٕ پلس منزٕ تیتہ

پیپھٹ وُچھم میہٕ ییٚنہٕ نوٗٹ تہٕ حمامےٚ۔ میہٕ وُچھ دوہ ہےٚ ییتھ گرس تاوےٚ

اَزلینِس نیاییس کیاہ کرہٕ۔ نتہٕ بتہٕ اُسس اُکس بُڈِس ببہٕ رِسُنز کوٗر۔

رزاق بٹ:۔ (کلہ پوش ہتھر ترٛاوِتھ) اَوہٕ اَوہٕ اَتھ منزٕ کیاہ شک چھُ تیم

گیہٕ رتیمےٚ امیرٕ۔ ییم گانڈہٕ ھٹوٗل رادنس پیپھٹ ژونگےٚ چھِنہٕ زالان۔ یہندس

شکس کھیت انسان ہنجہ گژھ۔ یہندہٕ گرہٕ ہیٚشس مرہٕ رتہٕ زژہ خاطرٕ

تہندہٕ کھوتہٕ کُس چھُ دُنیا دار۔

گرواجینہٕ:۔ (شرارتہٕ سیتھ دنُد ژاٹھِتھ) او۔ ژہٕ ہاوتہٕ پننہٕ کینژھاہ۔ منُد چھُہن

لاثرٕھ تہٕ رتم کھیوان نٔژر نٔژر۔ ژٕ ہئے دوٚہیس منز افسوس تہٕ چھےٚ
نہٕ گژھان پتہٕ کنُہ۔ ژٕ رے گیلہٕ کھ بٔنن۔ ژٕ ہئے وٚرِہیس اکھ کھوٚر،
پھاڑٕ وٕلتھ فصلس وُہن[۲۰] کھاٗر دژایئے نہٕ گنوٗنہ ژٕ لی ٹکھ ہیتھ۔ رتمنے
بہریوکھ نہٕ اکھ کتھ وُنہٕ تَس۔ ژٕ بنے یی نہٕ فصلس ژور ٹٕکھ تہٕ شرُکو
بیہہ ناوِنہٕ خاطرٕ۔ اَمہ کھوتہٕ کوٚسہ شکس لدی۔ زِ یُسٕ ہیوٚ نیچوُ وو ستے
زُتووُہ[۲۲] وُہر۔ وُنہٕ یوٗژھنے نہ اُمی سِنزِ بجائیی ہُندِ یِ تہٕ تُلینہٕ .... ویاکھ
ژھنن نہ تھوکہ۔ ستو شُریو منزٕ چھُنہٕ یمن اکس ماژِ کٕژلس تہٕ کُنہٕ آہمن
پنُن واحد گژھان۔ [ رزاق بٹ چھُ ووش ژاوان ] اگر ژٕ آسہ ہی گامس
منز کُنس بُسن۔ ہتس کامیس دب دِتھ کرہ ٹکھ ناوُنیکھ نامتھ اُمی سِندِ
خاطرٕ تلاش ...... بڈی بابنز کھراوہ ہری تھیکہ ناوِنہٕ سیتی کیاہ گوٚ
میہ ہئے چانہٕ دُنیاداری سعہ نش گیہ مرتل۔ پننہٕ بنیہ تہٕ ہینزِ ہے مُشکہ
بہ ہئے چھس یمن منگی مِتِن ہنز وُجاری وُچھتھ کُنہٕ ہے پنس الاٗنز۔
رزاق بٹ:- ( کتھ ژٔٹتھ تہٕ بُمن دِرہ دِتھ ) گوٚ نا ژٕ چھے یوٚ ہے ستم۔
وُنہٕ چھُنہٕ میہ پننہٕ کھاندرک بارٕ تکھ پیٹھ وسان تہٕ ژٕ چھم بیاکھ
برات کڈان ...... باپاری اسم تمہ وٚری یہ کِنکس وُہن کھاٗرن یتھ
شرطس پیٹھ وٚرٕ دژ مرشکہ پرٕتھ کھاٗر چھے ڈایہ روپیہ دِنہٕ۔ از گیہ
۲۵ وٚری تکھ والان تہٕ توتہٕ ووتُس نہٕ کنُہ۔ پرٕتھ وٚری چھم اٗٹھن اٗٹھن
نوٚن نوٚن کھاٗرن وڈ پھٹان۔ تتھ چھُم بازرکہ نِرخہ موٗجب آیندہ
وٚرِہیس پیٹھ وٚرٕ چاران۔ یہ کینژ ماہ ڈوٗرہ بٔنان تہٕ گژھان باپارس
نفسس پیٹھ بُلکہ تمہ منزٕ تہٕ چھُم اوٚڈ پرٔے روزان۔ تانی پیوٚ کینکہ لیچھ

ڈاپہ گرٕی باد۔ اَتھ کیاہ دَپان شرٕہن ہُند کھاندر۔ نہ کھوت میانِہ پنٕژہن پرٲژن پیپھٕ میون اَکھ ژٕکھاہ نہٕ نہ بنیوو مےٚ کھاٮ۪ر شیشہٕ مرٕہ کٕرنک گژھہِ ورٕی یہٕ پُیٹھ زَن اَکی ساتہٕ معہ کلہا۔ یُوے اوسُم باپٲرٕ وٕنان کھینہٕ وِزہ لوٗگیہ مہیوٕ ہِٹ تہٕ ہورٕنہٕ وِزہ ٹیوٗٹھ۔ مےٚ چھُہ نکھٕ خبر ییمی رٮ۪تہٕ ماکر یم دعوا تہٕ کرہ ناوسم قرٕتی۔

[ گرٕ واجینہِ اَندرٕی دٕزان ]

شکیٖنہ واوہ چھُ وہ کھُل پھُٹان۔ پرٲنہٕ شہمتہ زٕنشہ اوسُس وٕنہ معہ کلنیٚ تہٕ ژٕ یہ اوے چار نیٚچوس کھاندر کرنک۔ مےٚ ہیوان پرٕہتھ وٕرٕی یہٕ شوٗہاشُس تہٕ پُشنیٚ تہٕ ژٕ یہ آمژ واٲرِنج پھٹٕتھ اسبند زالنہٕ باپتھ۔ اَتھ کیاہ چھُ پرٲنہِ ووہ نمت ییٛہ ژٕھرے نہٕ گونژھن ناد۔

گرٕ واجینہٕ۔ ( بُجھِس ژٕنڈاہ دِلتھ) کھمہ ہا گرٕ تہٕ کھمان گژھہٕ۔ ستہٕ وُہُر پان سوریوم ییمن الال خانٕ پیٹھ یم ژٕ یہ اُچھ مژٕ کِنژٕ چھے۔ یم نِزن ژٕ یہ نِش وٕنہ دُنیہس آمتی چھِہ۔ مےٚ کرٕ ووُسمےٚ ژٕ یہ تہندہ باپتھ تاٲزی بُٹی کان کرون۔ مگر کانٕہہ ہرٕ کھاہ کرٕ کرٕ زٕہے تہٕ برکھاہ بنہٕ ہی۔

رزاق بٹ:۔ ( کلہٕ سیٚتر آن کارٕکرٕتھ ) مےٚ اوس مول جنتی وٕنان۔ یہا آسی رانٹس ہش اگادہ گژھان۔ مگر مےٚ اوسنہٕ پننہٕ بیعقلاٲزی معہ کھ تسُند دٕمُن وہپان۔ از چھُم تس سعہ رگہ واسہ شند دٕنُن گژھان ئرٕہ۔ یورہ ووہنہس وُنیک تام ہٕتہ پھرٕہ دہن رٕتن سوٗنب نےٚ چھُنہٕ وسے۔ اورہ چھَم شوٗ نبہ صرافس نِش وُٹھ ژٕلنک فرماش دِوان۔ یورہ چھُسس دٕپان نہٕ چھُ زُٹ تہٕ نہ چھ میٚٹھ۔ اورہ چھُم کران ہنی کال داسی۔ گوڈہ چھُس بہٕ تہٕ بیعقلی۔ تُس اُمہ ینُدس وورٕنُس کٕنٕ تھاوان۔۔۔۔ (رزیوٕ ہٹ شاہ

ہیتھ ) کھنٛجہٕ ہارِ چھنہٕ وُنی کینٛہہ کانٛہہ پرٛژان۔ مگر اُمس تورِ نہٕ ژانٛہہ فکرِ نہٕ آسنۍ ہا چھُ ہیٚچھ ناوان نہٕ نہ آسُن منٛدٕ چھاوان۔ لۄکن ہُند کیاہ ملالہٕ چھُ پننٛز اُشناد ژھننس نہٕ بُجھس تھوک۔ اَدہٕ کرِ ننٛس کھاندرس پیٚٹھ ییٚرمن داگرۍ۔

گرواجینو :- ( مالہِ نین نہٕ اُشناوَن کُن اشارہٕ کٔرِتھ ) بٔ کُس چھُس لیٚول پھیٚٹراوان پننٛے ڈورِ چھُ خداہ لدان نہٕ کھیوان چھُ۔ شین شین رٔتٕن فاقہٕ دی دی نہٕ کر دژایس بٔ گرہٕ کأنسہ ہندِس دانس کُنہٕ ژھننہٕ۔ پرٛیتھ کانٛہہ چھُ پننی زنگہٕ الونٛد۔ یٔلہٕ نہٕ ژٕ اَکھ کأنسہ بکار۔ تِم کیازٕ پینٛے ژٕ سہ۔ پانہٕ بیہہ نہٕ شونگِتھ نہٕ لۄکٕن ہینٛہ مٔنٛدِتھ۔ توباہ ! ..... ہیمَن سٔر پیٚٹھی نہٕ آسہ گومُت۔ تِم تہٕ بیہن نہٕ پیتھ کٕنہٕ کُنٛٹھ۔ وۄتھ نہٕ خُدایَن چھ یُہُس زراعتس برکت کرُ مژ۔ اگر شۆبہ صراف پرٛژی نہٕ شوٗرہٕ رامس ژھٹہٕ نہٕ دوان رٔتٕن ہندٕ باپتھ وَڈٕ پیٚٹھ روپیہ ہیٚتھ زٕ ترٛیہ۔ اَکھ روزی شرٕین پٔرٕ تیت بٔنیہ گژھہ نہٕ کُنسہ کُن خبر۔ سوٗرہٕ نۍ نہٕ دَزٕ نہٕ گگی نہٕ ہُنٛن نہٕ۔

رزاق بٹ :- ( اُچھَن دٔرِ سہ دِتھ ) دوان رٔتٕن ! بٔنیہ کرنۍ قہوہٕ۔ مگر ژٕ سہ کیاہ خبر چھے۔ دُنی یاہ گژھان اونگجِن پیٚٹھ چھُ۔ وَڈٕ تَل لگُن زانہ بہٕ۔ ییٚمس نہ اُسمانس نرٕ واتان نہ زمینس زنٛگہٕ پلان۔ مگر مے اوسُے مول جٔنتی وَنان ـــ " یہا آسی اورٕ کیٚہ پٔران نہٕ یوٗژک نہ زانٛہہ بوزان۔" بانہٕ ہتس دِزٕ ٹھانٛڈہٕ ہیٚتھ نہٕ اُسہ ہتس کیاہ دِی زٕ۔

[ تانی چھ کینٛہہ ہمسایہ بٔنیہ معہ قدم مینیو اَژان ]

پڑ ہتھ دۄہہ چھ پہ مےٛ اُلہٕ کُلس تُلہٕ گُل کران ۔ اُزٕ کہٕ پیٹھ بوزٕ تو

ہمسایہٕ کھاندرُک پھاڑ وَن واد ۔

اکھ ہمسایہ :- ہسے تہندِس بیمارس چھُ کُنے یلاج ۔ ژُوٹ ووٹ کرِتھ کھاندرُک تلاش

کرُن ۔

( ثانی اَژان رُوستمُ چایہٕ پیالہٕ ہیتھ )

رزاق بٹ :- ( چایہٕ پیالہٕ اُلکس کیتھ تھٲوِتھ نہٕ سہٕ آسمانہٕ ما چھُ لَنب وَسان ۔

پننِس کوٹھِس ہنز چھم خبر ۔ اکھ کیتھ پتہٕ روزُن کیاہ گو ۔ حالانکہ ہیتھ کورہٕ

چھےٚ گامس منز ۔ بیٚیہ ساسہٕ واد چھ منزِم یا رہ ۔ اُمی سندہٕ کھوتہٕ چھ

مےٚ داتُک گینہٕ فکرِ ۔ مگر ژٕ ہے وَنتم کیاہ کرہٕ ...... گرِژھ تہٕ ژہیہ چھےٚ

باللہ تہٕ واللہ فتح تونس پرژھتہٕ کاژٕہن جاین سوزُم مگر پننِس

حالس کُن پیٚلہٕ چھم نظر پیوان ۔ ذِہان چھُس خدایا اقرار تہٕ گوژھ تہٕ کانہہ

کرُن ۔

ہمسایہ :- ( پننہٕ کنہٕ وَنتھ ہٲوِتھ ) نیٚلہٕ وَنے بہٕ اکھ مصلحتھ ۔ مےٚ ووت کینہہ

دوہ وُچھان بایِرس ٹھیلہ یلہٕ ترٲوِتھ ۔ تسُند چھےٚ ژٕ ہیہ قرضے ۔ بستہٕ

ژھینِتھ کیاہ چھُہ کھکھرہٕ مندہٕ چھُس ۔ گرِژھتہٕ فلحال کرِتہٕ وردٕ نک تہٕ

سالکُ تلاش ۔ دِتن تہٕ گو جان نہ دِتن تورتہٕ تہٕ کانہہ کتھ ۔

گرٕ واجینہٕ :- ( کیتھ ژٕمٹھتھ ) ہا چاینس دہانس گو لاب ۔ باپارٕی کتھ گیہ کاژٕنز

پوٚد ۔ یوٚت تراوٕہ ہس تیوٚت گرِژھس کڈٕ نہٕ ژُن ۔

ہمسایہ :- ( کیتھ منز کنھ تراٲوِتھ ) ندی وَرٕی ہیچ کمائے یُس وِرٹہٕ پانس کُن ۔ سُہ

کیا زٕہ پیرٕ شہٕ تہٕ وُنہٕ کین ۔

رزاق بٹ :- (زامنا کرِتھ) گوُنا توٚہی چھوٚوہ مےٚ دٕپان بٔنِتھ پٔنٕنِس ہٕٹِس ژٕرنہٕ رِکھ کرِنۍ ...... (دٔماہ دِتھ) مگر اکہِ حسابہٕ چھیم چأنۍ کتھ پوٚز بوزنہٕ یِوان ۔ مےٚ چھہ باپأرِی سٕرشِنز نش ہیٚنۍ جان تہٕ گروک وٕوندہ منظہرٕ تہٕ ۔ گژِھ پنٕنِس بٔچِس فام ترِتھ باپأرِس نش ۔ اگر تورِس آب تہٕ بٔنِ نَن بٕرٕمن باسے ۔ نہ تورِس تہٕ مےٚ تہٕ ووٚل پٔنٕنِ نکھہٕ بیٚہِتھ ۔

[ گامہٕ چوکیدار اژان آنگنس منز ۔ ہمسایہ بٔنِتھ موٚہ قدم موٚہ ہیٚتھ نیران جٕل جٕل نبرٕ ۔ ]

گامہٕ چوکیدار :- ( نار ژاپان ژاپان ) ہے ۔ رزاق بٹا ...... رزاق بٹھو ۔ تلا نیبر ہٕبر تہٕ ۔

[ آلوٚ بوزِتھ کٔنۍ ہٕکہِ رزاق بٹ نبر نیران ]

رزاق بٹ :- ( بأنبرِ ہوٚت ) اسلامالیکمؑ ! کیاہ حکم ۔ خیرِ چھا ۔ دلیل کیاہ چھہ ۔ ژٕہ چھُکھہٕ بیزارہٕ بفأرِ دوران ۔

چوکیدار :- ( کیفہ سان ) مےٚ بوز ژٕ ہے پچھے تُلہٕ کُلِس لنگ ژوٚٹمُت ۔

رزاق بٹ :- ( جٕل جٕل ) ہاتس ییٚن حکم پشروال یُس تُلہٕ کُلِس نکھہٕ چھُ تمہٕ دوہہ بیٚہِتھ بٕھٹھران ۔ بیٚیمہٕ دوہہ صبحن تُچلکہٕ ہیوتوہٕ تعوٕہہ ۔

چوکیدار :- ( گردن زیٚبٹھ رأوِتھ ) اَدہٕ کتہٕ آو یہ تُلہٕ پَن چأنِس آنگنس منز ۔ آخر مےٚ تہٕ ہاوکھہٕ شأرِل تارکھ ۔ ژٕہ ناخبرے اَسے ہُرِشی بٔنِنو ژٕٹِھتھ چھُ لپکِھتھ دِیُتمت ۔

رزاق بٹ :- اَہَن حکم مےٚ کوٚر عرض ۔ اگر واوہٕ سٕیٚنو یہ پَن وٕسِتھ بٔنِتھ تِتھ تہٕ

چھُسہٕ بۄیہ ذِمہ وار۔

چوکیدار:۔ (کُنہ ژٔٹھنہٕ) اَدہٕ کم اَشناو روزِہ نیہ ژٕہ ذِمہ وار ...... یہ
کالداُسی تحقوبتہٕ گَری ....... پٹوارہِ صابن چھُنے مٕہ قدمہ وننہٕ تِلہ
کٔل ژٔٹنک رپورٹ کوٗرمُت۔ تھانہٕ دار صاب واتی پگاہ۔

رزاق بٹ:۔ گونا یہ شاہمت اَس نشوکھش باقی۔ کُکھ کرہیچ، ینُدر، اَلبانہٕ
لوٗنہٕ تُلہٕ کٔو نے ہٕنزٕ بناوان۔ تِہمن ہٕ پیش کٔنہٕ پیٹھو یکان۔ تِہ مٕہ گیہ
ہانزٕ شدھ تُلہ پیچ۔

چوکیدار:۔ (جھُرِہ حرکتھ کران کران) اگر تُلہٕ کٔل ژٕہِہ چھُے ہٕ ژوٗ ٹمُت ژٕہ
کیازِہ اوٗ شُتھ ہٕ یہ پن سوہٕنزِتھ مٕہ زِنشہ تِمی ساتہٕ ییلہٕ یہ پھُر پیوو۔

رزاق بٹ:۔ (کلس حرکتھ کرِتھ) جان گوٗ تہٕ تِیلہٕ تھاوکھ بہٕ شُری باژ پنُن دوہ ہس
ہٕ راتس تِلہٕ کُلہٕ نِے وُچھان، یُتھ ژٕن ییلہٕ یِنہٕ بُرگاہ پٔنیہ تہٕ تیلہٕ تُلن تہٕ
ژٕہ نِش واتن ہیتھ۔

چوکیدار:۔ (گونہٕ شَن دَرور دِوان) اَدہٕ حضن گستاخی تھاوِو ماف۔ وُنی
کرِہ تھانیدار صاب اَزِچ عدالت پانے۔

رزاق بٹ:۔ (تھانہ دار سُند دُبارِہ بوٗزِتھ کنہ ژمان ہٕ گرِہ کُن کزِتھ لایان۔
ہیو روستماً، رحیماً (اَندرِہ اَکوٗ گرِتھان) تَلا اَتہٕ وٲلی توٗ تِم راتکی
ٹھوٗل ژور چوکیدار صابس کِتہٕ۔ نُتہٕ ہا اَتہٕ یہ پگہ ہے مُلسہ۔

چوکیدار:۔ (دستارس سم شیران شیران) ییم ٹھوٗل ژور چانی چھا مٕہ کلس گنڈنی۔

رزاق بٹ:۔ (عاجزی سان اَسہٕ وُنہٕ بُتھ) سون حاکم گوکھ ژٕہے۔ اَسہٕ کیاہ پَتہ بڈین
حاکمن ہنز خبر۔ بڈین حاکمن سیتہٕ گامہٕ کہ طرفہٕ چھُکھاوٕ دُکاو تعہ ہہ سوالے

کُس اِنسان زانہٕ۔ پتھ گیہٕ سأنی خدمت پہٕ بوزی توٚ بُچھ ہُند سِترٕ
کون ..... اَہن شخص غریبن نِش کیاہ چھُ ہٹوٚلہٕ بغأر آسان۔ پتھ
روٗز چأنی رضامندی سوٚکرو بنیہٕ کُنہٕ چیزٕ کنہٕ بنییہ کُنہٕ وقتہٕ (چوکیدار
کنہٕ ڈول ہیوٚ دِوان) مےٚ چھُ خبر ژٕ چھکھ مےٚ پیٹھ ناراض۔ مگر خودا
گواہ بہٕ اوسُس رٕچھ سیٹھا اکی لَرٕ یورٕ دۄہس توٚرے ہیوٚکُم نہٕ
پتھ چون زمین وأپھ۔

چوکیدار:۔ (نُس کرٕتھ) ژٕ اکھ ہوٚناہ زَن آکھنہٕ۔ نمبردارٕ سِندٕ اقبالہٕ
بنأوی مےٚ ہتہٕ بدی زمین وأین وألی۔ بہٕ کمہٕ خأطرٕ آسہ کأنسہ ناراض
مِلٹری کلچرکس حکمس ماتحت وو نیمے وُہہ پھرٕ تلہٕ گُلس نکھ تنا گژھ نہٕ
مگر ژٕ مےٚ گے نہٕ دوٚمٹس رہنزی۔ وونی وُچھکھ ژٕ پانے نظارٕ رپوٹک۔

رزاق بٹ:۔ (کلہٕ بوٚن کٔن ترٲوِتھ) مےٚ وَنتہ شخص مےٚ کوٚسہ ژوٚر کرٕمُت چھُ۔
پٹوأرس دِژمنا گِردأوری۔ پینٹھو روپیے۔ بنیہٕ گاسہ منگے۔ تلہٕ مانگے
دانہٕ مانگے۔ پتھے کُنہٕ نمبردار صأبس دِژمنا نوٗژادر پتھے ووٚنتھ بنیہٕ
ہتہٕ رنگہٕ خدمت۔ اأخر چھُنا یمن انصافی؟

چوکیدار:۔ (جل جل) انصاف! وونی کیاہ آیی وَنتھ۔ انصاف گژھ
پننین نمایندن پرٕژھن۔ اَسہ پیٹھ پہٕ حُکماہ وانہٕ۔ تتھ چھُ کلہٕ دارُن
اکھ پیلہٕ ہتہٕ بلایہٕ نِشہ ورہ یسے منز معہ قدم معہ کلاوی بنیہٕ کرتَن
تاوان زد نمایندن ہندی پأٹھو سُے بدنام۔

رزاق بٹ:۔ (چوکیدارس اصلاح کران کران) تونہ کیاہ شخص کھینیہٕ نوٚہ شکہٕ پژاہن
تس پتیہٕ تن زوٗہ دشہ کھدیُس نمایندن زانہٕ۔ نتم گٔیہٕ شہرس منز اسہ نہٕ

موٗلوٗم نیم کیاہ وَنان ۔ نہ موٗلوٗم توٗہیہ کیازِ تھیٖنز ژکھر اَسہِ کراّن.

[ تانٔی واتان رٕحیم ٹھوٗل ژور ہیٖتھ ]

چوکیدار :- ( ٹھوٗل ژور وُچھِت ) تیلہِ چھےٚ اَکےٚ سپٕل بچیٖنچ ( رزاق بٹس اَکھ کنٕ کڈِتھ ) بہٕ چھُس سوٗزمُت نمبردار صاٮ۪بَن ۔ اگر تۄہہ بچُن چھےٚ تیلہِ گژھن حلقہ دار صاٮ۪بَس گرٕ کنہِ دانہِ مکاےٚ باہ ترکھ دِنٕی ۔ بیٚییہ چھُ نمبردار صاٮ۪بَس کھاندرس پیٚیٹھ زیُن بکار. تٔس کِنہِ گژھن چانہِ وہرہٕ ژور ژٲنٹھ گرٕ واتناونہِ ۔ تیٚلہِ گوٚو رپوٹ خم دایس تۄہہ اَسہِ ذِمہٕ.

رزاق بٹ :- ( سوٗنچا کرِتھ ) ..... اَدہٕ خص کرِ تیٚلہِ تلاش مگر خم دایہ سِندہٕ خاطرٕ سوٗزوُنہِ میون رپوٹ تھانس منز کیٚنھ. تکیازِ تھانہِ وٲلی کیاہ خص بُزن مہ پشن تانٔی.

چوکیدار :- ( ٹھوٗلن کُن تکی ٹارہٕ وُچھو وُچھی ) سہٕ رپٹ چھُ مہ چندس منز ۔ اگر جل جل کوٗز تھنہِ تلاش تیٚلہِ تۄہی پانےٚ فکرہٕ تۄہہ کیاہ بنی ( یی وَنان وَنان چھُ رٕحیمنہِ اَتھہٕ ٹھوٗل ژور نِوان تہٕ آنگنہِ منزہٕ نیران تیزی سان )

رزاق بٹ :- ( وودِشاہ ترٲوِتھ ) رٕوستما ! ( زٕہ اَندرٕ چھُ گژھان آلو ) نلا یوٗرِی ییتہٕ .......

( رٕوستمُ ییوان بُروٗنہہ کُن اَکھ کاغذاہ پرّان پرّان )

رٕوستمُ :- رِکھہِ زِ بٲبہ ! تۄہہ کیہو اوسےٚ چوکیدار وَنان.

رزاق بٹ :- ( بُتھ الوند ترٲوِتھ ) تی ہاوہ ییم وَنان چھُ . پٹوٲرِس کِنہِ گرٕس دانہِ تہٕ بیٚییہ نمبردارس رکیٖت زیُنہِ.

رٕوستمُ :- ( خشمہٕ سان ) اگر تۄہہ مہ تانٔی تھاوکھ تۄہہ ہاوےٚ بہٕ ییم کیٚتھ کنٔی

کھیاوَ کھ افسوس۔ یِم چھی یِم چالہِ ژھیہ ڈباوِنہِ خاطرٕ کران۔ اگر
ہوٚ کھمت ٹُکلہٕ کُل کاٹنہٕ ہنٛزٕ کھیتہٕ منٛز آسہ شُہ چھُہ تِس زمیندار سُندٕ سُے
اَپزٕ کیٛم تھٕوِکہ جادِہ سیٛتھہ کوٚر یِمَو آسہ بتہٕ کامنہٕ۔ مگر شہ زمانہٕ گوٚ
بیٚلہٕ چوکیدارٕ سُند رنگہٕ دستار آسہ اوس وحشت پأدٕ کران۔ اگر ژٕ
داند آسہ ہکھ نہٕ یِمَن ووبہ دٲبن تل یِہاے کھسے نہٕ۔

رزاق بٹ:۔ (کنِھ لوٚژٕ رأوِتھ) ژٕہ بوٚزتھ نا اَمہ کیاژٕ ووٚن میٚہ نمایندن
نِشہ گژھ انصاف ژھانڈُن ..... خبر بیٚلہٕ ناو بجر لوٚر گژھیکھ پانسے
پھٹیکھ۔ مگر ژٕہ چھُکھ نہٕ عقلے۔ یژھ کنِھ وانیاہ آنگنس منٛز کرنی۔
دوہتھ گژھ اَژھ نہٕ اَتی وَن میہ یِم کیاژٕ چھ واوٕ سیٛتی پھتر یمنَن
پننہٕ بٔرگن پیھٕ ٹھنہٕ آسہ مٔہری کلہِ مک روبہ دابرٕ چلاوان۔

[ یہ بوٚزتھ چھُ روستم ماٰلس سیٛتھہ گژھ اَژان ]

# یٚیتہٕ سورُے چھُ وٚنیاپان !

نقاد:۔ گوَ یہٕ سورُے دُنیاہ چھُ افسانہٕ۔ ژٕہ تہٕ بہٕ بایوٚدٕ تہٕ پگاہ اَمکو
کردار۔

افسانہٕ نویس:۔ یہٕ چھُ پنٕنہٕ نظرِ پیٹھ مُنحصر۔ اگر ژٕ یہِ اَچھن مُرَن دِتھ ییٚیہ
اندازہ وُچھکھ یہٕ سورُے کارخانہٕ یہِ یہی ژٕ یہِ اَکھ پاٚتھر لگنہٕ ییٚمِتھ اندر
فطرتَس یا قدرتَس افلاطون تہٕ چھُ تِنھٕندُو بکار ییٚمِتھ اَکھ پوٚر یا
ڈُل چھُس۔

نقاد:۔ ژٕمیک معنے گوَ یہٕ زِہ ییٚتھ اَسِ چھِ تِمتھی مگر اَصلَس کُن گژھتھ
چھِ ژٕہ تہٕ بہٕ تہٕ پاٚٹھر چارَن والی۔ حالانکہ ہیانہٕ رایہ موٗجوٗب چھُ
یہٕ غلط تصوُّر تِکیازِ اَسِ چھِ پاٚٹھر لاگنہٕ کھوتہٕ جادہ پاٚٹھرُ وُچھان

افسانہٕ نویس:۔ کائیناتی انتظامَس اندر چھُ "تماشہٕ وُچھُن" تہٕ اَکھ کار۔ تِنھٕندُو
کار، ییٚتھ پرانہٕ زمانہٕ کاٗشِرہ دیوتا شُند کِردار کہِ وٚرہ بدین وٚرِی ین
شونگُن تہٕ اَکھ کار اوس پیوان مانٕنہٕ۔

نقاد:۔ مگر میانٕۍ کتھ ترٕی نہٕ ژٕہ فِکرِ۔

افسانہٕ نویس:۔ (کتھ ژٕٹتھ) کتھ فکرِ تارٕنۍ تہٕ چھُ اَکھ زِیوٗٹھ قصہ۔ تِکیازِ
یہٕ چھُ صرف وُتہٕ رَس تَلے پیوان زِ چانٕۍ فِکرِ تہٕ میانٕۍ فِکر کیا گیِہ اَکے وانہٕ۔

شوٗعوٗرس سٟنِتھ چھہٕ چاےٚنۍ فکر چاےٚنۍ تہٕ میاٚنۍ فکر میاٚنۍ۔

نقاد:۔ اچھا اگر یہی مانوٗ نیٚلہِ گژھ گرٕ گرٕ راج۔ مثلن اَکھ وٕنہٕ یٚنڈ بناوُنہٕ
خاطرٕ گژھ دُنیہس تالکھ پیٚٹھ کرُن۔ بیاکھ وٕنہٕ شہوٲنۍ آسودگی
باپتھ ..... اَکھ دٕیہٕ آسایش گیہ پتھ بروٚنٛہہ دٕ چھُنہٕ رٕدٚ سٕتے خوش
حال پاٹھۍ دوہ کڈُن تہٕ بیاکھ ہاوِ پننیو اَتھو نہٕ اصل راحت گوٚو
دُنیہس لَتھ دِتھ ژٕلُن تہٕ سوٚرٕ منتھتھ وَنَن اندر تپسیا کرٕنۍ۔ بیٚبیٚیک
نتیجہ نیرِ زہٕ اکھاہ دٕیہٕ زور دِ ادبک مقصد گژھ تہٕ زندگی نیبراٚسُن
تہٕ بیاکھ دٕیہٕ زندگی ہندیو لُچھ بدیو مقصدو منٛزٕ چھُ ادب تہٕ اَکھ مقصدا۔
تہٕ مقصدس چھُ پرٛتھ ادیبس نِش پنُن پنُن معنی! ییٚتھے کنہٕ یاٚنۍ
اَسی تیٚبرٕ راےٚ گژھتھ گژھ دُنیہس پیٚرٕ وٕنۍ ناو۔

افسانہ نویس:۔ ژیہ کمۍ وُون نےٚ دُنیہس چھُنہٕ پرٛتھ دوہہ پیٚرٕ وٕنۍ ناو گرٛش۔ مگر
اَمہ ناوِ ہُند کمال تہٕ وُچھ زٕ پیٚرٕ گژھتھ تہٕ پھُٹ نہٕ زانہہ۔ اَکہ بٲژ
بییس بٲژس نگتھ بدلیوو امیک زمان و مکان۔ مگر ناو روٗز چلان وٕنۍ۔ ہاٚنٛز
بدلےٚیہ۔ ناوِ ہندی سامانہ بدلےٚیہ۔ اُہندی پٔتھ نظر بدلےٚیہ مگر ییٚلہِ
ناوِ منٛز لَسَن والیو اَکھ اَکس زنگہِ تہٕ نَرٕ تہٕ ژٕچہ۔ توٗتہٕ رٕدٕ کیٚنشہہ نم
رٕٹنٕ واٲلی تہٕ لمٕن واٲلی موجود۔ یمو نہٕ دِیُت ناوِ پھٹنہٕ۔

نقاد:۔ (کَتھ ژٕٹتھ) اَکیاہ لوٗگتھ ژٕ اَکس عام کتھ افسانہٕ بناونہٕ۔ ییٚتھ
پیٚٹھ میٚہ راےٚ دِنک پوٗرٕ پوٗرٕ حق چھُ۔

افسانہ نویس:۔ ژیہ اٹھکاو کمۍ کوٗرُے؟ مگر یہ چھےٚ ژیہ خبر زِ ساٚنۍ یہ زہن پرٛتھ
دوہہ محورس پیٚٹھ نژان ژان یا پرٛتھ وِزِ یہ اَکھتابس اندی پکھی پکھی

تہٕ ژٕہہ بنِنی سجاپہٕ لبنہٕ پیوان۔ مےٚ اگر اَتھ "ناو" دِہنٕہ آ کیٛہہ حرکت ماٗنی
یِیہ چھے ژٕہہ پیوان افسانہٕ بوزنہٕ۔ چانہِ پیٚھٕ ورے یک طرفہ فٲصلہٕ موجوٗب
چھُ مےٚ یہِ عقیدٕ ٹھاونک تہٕ پوٗرٕ پوٗرٕ حق زِ پیٚھ کُنہٕ ژٕہٕ ہیٚکِکھ
پٔریٛتھ کانٛہہ افسانہٕ ناقص ثابت کٔرِتھ پیٚھےٚ کُنہٕ ہیکہِ چانی پٔریٛتھ کانٛہہ
راے تہٕ اُڈٕ اُمےٚ ثابت سپدِتھ۔ تکیازِ یِم بشری کمزوری افسانہٕ لیکھن
وٲلِس چھِ تیٚتھےٚ چھِ ژٕہتہٕ۔ سُہ چھُ دُنیاہ کہ پانٛژھٕرٕ منٛزٕ کانٛہہ حصا وُچھان
تہٕ لیکھان ژٕہٕ چھُکھ تیٚنٛدِس لیکھنٕس پیٚٹھ راے دِوان زِ یٔتیٚت واتہٕ
ہےٚ اُمِس یہِ وُچھُن نہٕ وُچھن تہٕ۔ ہُتیٚت واتہٕ ہٲوِس نہٕ ہُہ منظر وُچھُن
مگر وُچھمُت چھُن۔ اَمہِ قسمہ کین اعتراضن چھُ کُنُے جواب سُہ گوٚ یہِ زِ
چانہِ اَچھ چھِنہٕ تیٚشرٕ اَچھ تہٕ بس۔

نقاد:۔ مےٚ موٚن زِ کھٕٹرٕ کیٚتھ چھِ میٚترٕ منٛز تہٕ پانٛس سوٚتھ زیوات وُچھتھ
ہیکان گُکہٕ نوٗس نارٕ منٛزی، گاڈٕ آبہٕ منٛزی یا گگرٕ اَنہٕ گٹہٕ منٛزی وُچھت
ہیکہِ مگر افسانہٕ لیکھن وول اگر دٔچھنہٕ کھوورِ تِی روزِ وُچھان تہٕ لیکھان
یِتھہٕ سیٛتھٕ دُنیاہس پھٔکھ ییہِ۔ اَسہِ واتہٕ تیٚتھ وُچھنہٕ نِشہِ پیٚتھ رٹُن۔
یتھ زُن انسانٕس نُستہٕ تھوٚپ دِتھ زندگی گُزارنی پیٚیہِ نہٕ۔

افسانہٕ نویس:۔ وُچھ تہٕ کیاہ جان گیوو۔ بشرطیکہ سُہ پٔتھ رٹان رٹان تُلکھ نہٕ
پانہٕ ژٕہٕ ترٛٲتھ گانٛڈ یِیِہ سیٛتھ لوکہ یِن ییتھ تنگ زِ تِم ژھانڈن نکہٕ
وارٕ ترٛوٚپ دِنہٕ خاطرٕ سرشُن تہٕ پننہٕ داو۔

نقاد:۔ مگر ژٕہہ ما خبر زِ سون معیار چھُ اَکِس اجتماعی فیصلس پیٹھ دٔریتھ
آسان تہٕ چون افسانہٕ اَکی دماغچ کارستانی۔ ییتہِ کِنہ سائنس فیصلس

پٔرُت چھُ جادٕ آسان تہٕ چاٲنٕس لیکھنَس منٛز کَم۔

افسانہٕ نویس:- مےٚ چھےٚ یہِ خبر۔ مگر صرف چھُم یوٗتۍ یوت پٔرٕژھُن زِ "پرٛز" کتھ
وَنُو۔ تِکیازِ علم ریاضی سِوا چھِ پٔرزُن مُلکہٕ پیٹھ مُلکہٕ، زمانہٕ پیٹھ زمانہ بَلکہ
نقادٕ پیٹھ نقادٕ الگ تأریف کرنہٕ آمٕژ۔ لہٰذا چھِ مےٚ یٖمٲنٛی خوش
نصیبی زِ یٖلہِ اَکی سِندٕ وَننہٕ مِیانہٕ نظرٕ چھیار نہٕ ہیٚرِتھ ژٕلہِ کانٛہہ
نَتہٕ کانٛہہ دَپہِ اَتھ کِتھَن منٛز چھِ یہِ نہٕ رتٕژِ، اَکھ ضوٗرٕوٗری کتھ، یتھ
کُنہِ دیماغَس ڈٲنٛجہ نھاوٕنہٕ خٲطرٕ باقٕی تانَن سیٚتہٕ ڈٕوٗب نہٕ لبہٕ کِہُ، چھِ
نہٕ ضوٗرٕوٗری چھِ۔ حالانکہ پٔزٕ پیٹھ کأنٛسہ چھِ یہِ خبر زِ یمَن منٛز کیاہ پھُچھ
آسان۔

نقاد:- اَمیُک مطلب گوٚ زِ افسانہٕ یُتھ آسہِ رتیُتھ تُتھ روزِ کانٛہہ نَتہٕ کانٛہہ
قوبوٗل کران۔ تِکیازِ پسند تہٕ ناپسند کرنُک معیار چھُ پَنُن پننی نظر۔ یُس
اگرچہِ بہٕ نہٕ مانان چھُس زِ، کُنہِ وَقتہٕ سیٚٹھاہ بُرونٛہہ گژھِتھ تہٕ چھِ
ڈلان۔ مگر یہِ ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ وَنِتھ زِ اَتھ کیاہ چھِ ہمیشہ وُنہٕ آسان۔

افسانہٕ نویس:- دوہٕنی کیاہ لوٗگُتھ وَتہٕ پِنہٕ۔ وُنہٕ کَس نہٕ کیازِ چھَ وٕسان؟ یہِ چھُ
سُہ مَسلہ یتھ پیٹھ شاید اَسہِ اتفاق آسہِ نہٕ۔ اگر بحثہٕ خٲطرٕ اَسی
مانوَ زِ اَکِس انسانَس آسہِ نہٕ فلأنی دوہہٕ وُنہٕ وُژھمُت۔ تمی دوہہ لیوکھ
تمی اَکھ افسانہٕ یتھ منٛز تمیٚ ہوو زِ اِنسان گژھِ نہٕ رتیوٗت بوٗن بوٗن
گژھُن زِ سُہ پیہِ دُو زوٗنگ چارٕ ووے مانِنہٕ نہٕ تیوٗت اسمٲنی
پأرِی ژاوُن زِ سُہ زانہٕ پنٕنِس پانَس عوج تہٕ بییِن ریٚیہِ۔ سُہ چھُ
اَکی دِزِ پنُن فرض نکھہِ والان، تِکیازِ دُنیہچہ ناوِ منٛز پکان پکان چھُ سُہ

انسانس اِنسان وُچھُن یُتھان تہٕ بس۔

نقاد:۔ گژھ دنا اُمۍ سۭندِ کنہٕ افسانک اند چھُ تیلہٕ صرف اَکھ آرزوٗ آسان۔

افسانہٕ نویس:۔ یُتھےٚ یوت نہٕ بُلکہ اگر ژٕہ کینژھہ وارٕ سۭنکھ ڈُنی یاہ چھُ دٕریتھ صرف آرزوٗہن پیٹھ۔ اَکی آرزوٗہن بنوٗکھ ژٕہ نقاد تہٕ بێیکی بنوٗوُس بہٕ افسانہ نویس۔ اَکی بنوٗ اَکھ بادشاہ تہٕ بێیکی بنوٗ بیاکھ سنیاسی۔ اُکس مَرن وِقتس تام اَکہٕ آرزوٗ منزٕ بیاکھ آرزوٗ نیران تہٕ بێیس تہٕ زندگی منز کانٛہہ آرزوٗ نیران تہٕ تونہٕ آسان سُہ دوہہٕ ہَس راتس جٔکھ ماران۔ مۆخصر بوز ڈُنیہچہ ناوِ اگر انسان چلاوُن وول مانون اُمۍ سُند سامانہ چھُ آرزوٗ۔

نقاد:۔ اگر تہٕ ژٕہہ دوہہ ڈی بیاکھ سوالاہ "ظلمت آسہ ہی زہ" بہٕ زِ رکینژھ وَنو" بہٕ مانہٕ ہا چونےٚ پُوز۔ مگر چانِس وَنہٕنس پیٹھ پُکیتھ چھ نہٕ میہ اُلتھ وَ بیتھےٚ یوان

افسانہ نویس:۔ اَوَے تہٕ چھکھ ژٕہ نقاد۔ ژٕہہ چھُکھ پانس مُتعلق خیال زہ بہٕ چھُس پُوز بٕہزراوان، مگر ادیب چھُ مَرن وِقتس تام " آناں کہ یافت می نشود آنم آرزوست" سوٗران نہٕ اُلتھ حالس منز وُچھیتھ چھُ کانٛہہ تماشہٕ وُچھن وول سانہٕ زندگی پیٹھ تہٕ افسانہٕ لیکھان۔

نقاد:۔ گژھ وتیلہٕ یہ سوٗرے ڈُنی یاہ چھُ افسانے۔ ژٕہ تہٕ بہٕ بایوہٕ تہٕ بگاہ چھ اُمکۍ کِردار۔

افسانہٕ نویس:۔ میہ نِشہٕ چھُ چون یہ تصوّر تہٕ اَکھ افسانہٕ یتھ پیٹھ راے دِوان بہٕ بٕہز نقاد۔ تہٕ یتیمکۍ شرح لیکھان ژٕہ بنکھ افسانہٕ نویس۔

# دوئم حصّہ

(دسمبر ۱۹۴۷ء پیسٹھ از تام)

# امین کامِل

ناو : محمد امین

ذات : نینگرو تہٕ تخلص :- کامِل

ولدیت :- محمد عبداللہ نینگرو

زاسنہٕ :- ۱۹۲۴ء

اصل لبکین :- کاپرن تحصیل کولگام کشمیر

وُنۍ کین لبان :- کاچہ گرٕ مرشد فتح کدل سرینگر

کامِل صاحب چھ از کال کیو بہلہٕ پایہٕ کیو شاعرو تہٕ ادیبو منزٕ۔ سیٹھاہ پرٕگو تہٕ دوشوٕے نظم تہٕ نثر یوتےٚ تہٕ لیکھان یُتھ کٕنۍ نثرس منز افسانوٕ علاوہ ڈراما تہٕ لیکھان، ترجمہ تہٕ کران تہٕ ناولہٕ کٕن تہٕ کٔل۔ گوڈٕ گوڈٕ اُسی واریاہس کالس اردوٕس منز شار وَنان تہٕ پننس دِلس رٔنزٕ ناوان مگر پتہٕ پھیری کاشرس کُن۔ یودوٕے اوٚہند کاشُر لیکھُن کلچرل کانفرنسہٕ کہٕ اثرٕ سیتو نوٚو جوشس تہٕ زور لبان چھُ اما پوز اَمہٕ برونٹھہ چھ ییموٕ بے، اے ایلمیٹ سِنز موشوٗر کتاب "بہاءاللہ تہٕ نوٚو زمانہ" کاشرس منز پھِرمٕژ۔ یہٕ ترجمہ چھُ بہایَن ہٕنزٕ محفلہٕ مِلی روحانی ہندٕ طرفہٕ سنہ ۱۹۴۹ عیسوی یَس منز نوٚہ دِلہٕ چھاپ سپدیومُت۔

کأمِل صأبس ووت ۱۹۴۹ء پیٹھ اَز تام برابر شاروِنان، ترجمہ کران، افسانہٕ لیکھان تہٕ کتابہٕ ترتیب دِوان۔ وُنیکہ تام پیمہٕ کتابہٕ یا تخلیقہٕ اَہندہٕ اَلقہٕ تلہٕ درایہٕ تِمہٕ چھہٕ پتھ پأٹھۍ:-

(۱) مس کلہٕ ‏ شأیری ہِند گوڈنیک مجموعہٕ چھاپ ۱۹۵۵ء

(۲) پگاہ چھہٕ گاشدار - سٹیج ڈرامہ (گُنو کیتھ ناوچہٕ کتابہٕ منز چھپیومُت)

(۳) گٹہٕ منز گاش۔ ناول

(۴) رازہٕ تہٕ راٹنی - ٹیگورنہٕ ڈراماہک ترجمہ

(۵) نورنامہٕ ‏ کلام شیخ نورُالدین ولی ترتیب دیتمُت

(۶) صوفی شأیر ‏ کلام تہٕ تبصرہ
(ترٛیہ جلد)

(۷) ڈاک گرہ ‏ ٹیگورنہٕ بیٛیہ ڈراہہک ترجمہ

(۸) لوٚہ تہٕ پرلوٚہ ‏ لوٚہ شأیری ہِند مجموعہٕ چھاپ ۱۹۶۵ء

(۹) کیتھہ منز کیتھ ‏ افسانن ہِند مجموعہ

(۱۰) حبہ خوتون ‏ سٹیج ڈراما (غأر مطبوعہ)

(۱۱) حبہ خاتون (اُردو) کلام تہٕ تبصرہ

کأمِل صأب چھہٕ وُنی کیس کلچرل اکادمی منز ایڈیٹر سندس پایس منز کأم کران۔ "شیرازہ" (کأشُر رسالہٕ) یُس اَتہٕ برونہہ اختر محی الدین ترتیب اُسہ دِوان سُہ چھہٕ ووٚنی یِمے ایڈیٹ کران۔

"بہاءاللہ تہٕ نوٚو زمانہٕ" کتابہٕ مُنٛزٕ

مُصنّف:- جے، ای، ایسلمنٹ

مترجم:- محمد امین کامل

# مذہب تہٕ سائنٛس

حضرت علیؑ ییم حضرت محمدؐ سٕندی زامتٕری اُسی چھ فرماوان:-

"یُس سہٕ کَتھ علمہٕ مطابق آسہِ نَسہ چھُ دینَس مطابق
تہٕ۔ یُس سہٕ کتھ انسانٕ سٕنٛزِ عقلہٕ منٛز ییہِ نہٕ دینس پٮ۪ٹھ
نہٕ سعہ مانٛنۍ۔ دین تہٕ علم چھُ سیٹھاہ سیتی۔ یُس دین
علمس خلاف آسہِ سُہ چھُ نہٕ پوٚز۔"

## اختلافُک وجہ چھ غلطی

حضرت بہاءاللہ سٕنٛزو بُنیادی تعلیماتو منٛزٕ چھ اکھ تعلیم یہ زِ
پوٚز علم تہٕ پوٚز دین چھُ ہمیشہ گنٛڈِتھ۔ پوٚز چھُ اکُے۔ ییٚلہٕ اختلاف (آویزش)
چھُ پاد سپدان۔ اُمیُک سبب چھُنہٕ پزر یا صداقت آسان بلکہ اَمہِ کِس تہہَس منٛز
چھِ غلطی آسان۔ اَکہِ سیٹھاہ وقتہٕ پیٹھٕ چھُ نام نہاد دینَس تہٕ نام نہاد سائنٛسہ
یا علمس منٛز باگ آویزش روزمٕژ۔ لیکن اگر اُسی ژٲرِو یِمن جھگڑن پیٹھٕ پزِ
بیچہٕ روشنی منٛز اکھ پوٚرہ نظر اُسی وُچھو زِ یمن ہُنٛد سبب چھُ ہمیشہ جہالت، تعصُب

غرور، لالچ، تنگ خیالی، ضد، صبرچ کمی یا اَمی قسمکی دوٚیم چیز آسان ۔ یم علم تہٕ
دین یعنی دوشوٕنی ہندس پٔزس روٗحس سیتہٕ چھِنہٕ اکھ رٔژھ تہٕ تعلق تھاوان
زنکیازہ یمن دوشوٕنی ہُند روٗح چھُ گٔنیٚ۔

ہکسلے چھُ وَنان زِ :-

" بٔڈیٚن بٔڈیٚن فلسفہ والین ہنٛزٕ کامہٕ چھِنہٕ تیٚژٕ
تہنٛزٕن عقلن ہنٛزٕ نتیجہ آسان ۔ تہندیٚن دِلَن ہندِ
دینی طاقتکہِ رہنمائی ہنٛزٕ نتیجہ چھُ آسان ۔ یُزر آو یہ
تہندِ منطقی طاقتہٕ سیتہٕ زینہٕ ، بلکہ تہندی صبرن ، تہندی
محبتن ، تہنٛزٕ یک جہتی تہٕ تہنٛزٕ نفس کشی کوٚرسہ حاصل"

بٕڈے یُس اکھ سیٹھاہ بوڈ علم ریاضی یک عالم فاضل اوس، چھُ
اَسہٕ یقین دِوان زِ " علم ہندسک قیاس چھُ دراصل اکھ دُعا وول عمل ۔ یعنی اکھ
محدوٗد عقل چھُ اکس لامحدود ہستی التجا کران زِ تس گوٚژھ محدوٗد فکرن منٛز
گاش یُن بخشُنہٕ"

دین تہٕ علمہٕ کیو بٔڈیو بٔڈیو پیغمبرو چھِ نہٕ زاہ تہٕ اکھ اکس خلاف
پٔنیو وُنٛھ مُٹراوی ہیتو ۔ یم چھِ تمن دُنیٚ یا مس تربیت کرن والین ہندی نالایق پیرو
آسان یم تہنٛزٕن تعلیمن ہندِ معنی بدلہٕ لفظن چھِ پرستش کران تہٕ پتہٕ پننہٕ والین
پیغمبرن چھِ سُتاوان تہٕ ترقی ہنٛز مخالفت کران ۔ تمو چھُ کُنہٕ اکہٕ خُدایہٕ سُندِ
وحیک، یتھ زن تم مقدس چھِ زانان، مطالعہ کوٚرمُت آسان ۔ تہٕ امہٕ چہ خاصیتہٕ
تہٕ خوابیہ چھکھ پننہٕ خیالہٕ مُطابق سیٹھاہ توجہ سان زانہٕ مُژہ آسان تہٕ تم چھِ
صرف تتھ پوٗز توار مانان ۔ اگر خدا پننہٕ لامحدوٗد فضلہٕ سیتہٕ بیٚیہ کُنہٕ جایہ تمہٕ

کھوتہٕ زیادٕ روشنی چھُ سوزان تہٕ وُچھیٚچ مشعل چھہٕ اَکس نوُعس مشعل تُلن
واٲلی سنٛدِس اَتھس منٛز تٔژوٕنھٕ مہٕ کھوتہٕ زیادٕ گاہ ژٕاوان آسان، اَتھ بجاے
زٕ تِم گژھن اَتھ گاشس تہٕ بوٗدل کرٕنۍ تہٕ نوٗرٕ کُس مالک خدایس شکر
کران، تِم چھہٕ غضبہٕ سیٚتھ برٔہ یوان تہٕ خوفزدٕ سپدان۔ یہ نوٗو گاش چھُ تہٕ
تِمہٕ مطابق آسان یہ تِمَو خیال چھُ آسان کوٗرمُت۔ اَتھ منٛز چھُ سہ تعصب
آسان تہٕ نہ چھُ تِتھ جایہ چمکان ییٚتہٕ تِمَو خیال چھُ آسان کوٗرمُت۔ اَوے خاطرٕ
چھہٕ تِم اَتھ ژھیتہٕ کٕرنۍ سیٚٹھاہ کوشش کران زٕ یہ گوژھ نہٕ لوکن گُمراہ کرُن
تہٕ کُفرس کُن نیُن۔ نبیَن ہنٛدۍ اکثر دُشمن چھہٕ یِمی آسان۔ یعنی اَمِن ہنٛدۍ
اُمی وٕنتہٕ ہاوکی، یِم یِمنس پزرٕ کس تاٲیدس منٛز نوُس تہٕ زیادہ مکمل پزرس
چھہٕ مخالفت کران۔ یِمو وراے چھُ بیاکھ جماعت یوس یِہنٛدٕ کھوتہٕ زیادہ ذلیل
چھُ آسان۔ یوس یِمنہٕ فائدٕ خاطرٕ پزرس خلاف چھُ جنگ کران یا روٗحٲنی
موتہٕ تہٕ افسردگی ہنٛدٕ سببہٕ چھُ ترقی ہنٛزٕ وٕتہٕ منٛز روٗڑہ اٹکاوان۔

# نبیَن پزاہ دیُن

یِم یِم بٔڑی بٔڑی پیغمبر دُنیاہس تام چھہٕ آمتۍ تِہنٛز چھہٕ لوکو ہمیشہ ٹھٹھہٕ
کٔرمٕتۍ تہٕ بیٚیہٕ چھکھ اَبرٕ یٲرٕ گنٛزرامٕتۍ ہتو۔ یِہنٛدۍ نبیو تہٕ یِہنٛدیو گوڈٕ نِکیو
مانن والیو چھہٕ ہمیشہ ظٲلمن ہنٛدۍ ظُلم برداشت کٔرمتۍ تہٕ پنُن زُو تہٕ مال خدایہ
سنٛزِ وتہٕ منٛز قُربان کوٗرمُت۔ سائنس تہٕ یِتھہٕ زمانس منٛز تہٕ سُند یِتھے
پاٹھۍ ۱۸۴۴ء پیٹھ دُنیاہس تام کرٕ سارٕ بدٕ وٕے بابیو تہٕ بہائیو پنٕنہٕ ایمانہٕ
خاطرٕ سخت تہٕ کھوتہٕ سخت موت برداشت۔ اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ لوکو کٔرہ قادچہ

جلاوطنی ہِشرٕ، غریبی تہٕ تکلیفہٕ چھِ سخنٕنۍ برداش۔ برونٹھمیو دپنٕو کھوتہٕ زیادہ
دِیِتھ ییمو بڈٕو دٔہِن پَننٕ خون تہٕ دُنیکھ نام چھِ اَتھ مانَن وألۍ شہید
بیوان کرنہٕ۔

سائینس کیٛن عالِمن سیٖتھہ تہٕ آو ییٚی کرنہٕ۔ جیوردانو برونوس آو
١٦٠٠ء منٛز کُفرُک فتوہٕ دِتھ تہٕ تۅ پتہٕ آو زِندٕے زالنہٕ۔ تکیازِ سُہ اوس
وَنان زِ زمین چھِ آفتابس اَندی اَندی پھیران۔ امہٕ واقہٕ پتہٕ کیٚہہ کالہٕ پتہٕ گلیلو
فلاسفرس کوٚڈ ہُن پیٹھ روٗزِتھ امہ اعتقادہٕ نِشہٕ توبہٕ کرُن تاکہٕ تمِس تہٕ سپدِ
نہٕ سُے حال یُس برونوس آو کرنہٕ۔ پرانس زمانس منٛز آو ڈاروِنس تہٕ
موجوٗدٕ زمانس منٛز آو جیالوجی (یعنی زمینہٕ ہُند علم زانَن وألۍ) کیٛن گوڈنکیٛن
وۅستادن پیٹھ بڈٕ زورٕ شورٕ سان کُفرُک فتوہٕ دِنہٕ تکیازِ تِمو اوس پاک
کتابہٕ توارتچہٕ ییتھ تعلیمہٕ پیٹھ اعتراض کوٚرمُت زِ شیہٕ ساس وری گٔیہٕ زِ زمین
آیہٕ شیٚن دۄہن منٛز بناونہٕ۔ مگر سائینس چھِ صداقتَن ہُند چھٕنہٕ دۄہَتی عیسائی
رگ بجے یوت مخالف۔ ییتھ پأٹھۍ مذہب کیٚو کٔٹر انسانو کرٕ مخالفت تہٕ دُشمنی ییتھے
پأٹھۍ کرٕ سائینس کیٚو کٔٹر عالِمو تہٕ۔ کولمبسس سیٖتھ کرٕ تِمو لوکو ٹھٹھہٕ مسخری
ییم تِمو سِندِ وقتکۍ نام نہاد سائینسکی عالِم اَسی۔ تِمو تجویزن وُچھکھ رنجہٕ
نظرِ۔ تِمو کرہ پتہٕ اطمینانہٕ خاطرٕ امہٕ کتھہٕ ہشر دلیل پیش زِ اگر جہازٕ واتہٕ
پاتالس منٛز زمینہٕ ہندِس بیٚیِس طرفس تہٕ تۅتہٕ چھٕنہٕ تِہُند واپس یُن ممکن۔ گأنوٚنۍ
یَس، یَس بجلی ہندِ عِلمُک گوڈنیُک وۅستاد اوس تہٕ کرٕ پننہٕ وقتکیو عالِمو
ٹھٹھہٕ تہٕ تسِس کوٚرُکھ "ننہٕ معہ ڈانچ تُرہ ناوَن وول قلندر" ناو۔ ہاروے ییمہ
خونہٕ کہ دورانُک انکشاف کوٚر، سپُد پننہ وقتہٕ کیٛن عالِمن ہندِن ٹھٹھن تہٕ تمسخرن

ہُند نِشانہٕ۔ تہٕ تعلیمہٕ ہِندٕ مُسنَدٕ نِشہٕ آو الگ کڈنہٕ۔ یِیلہٕ سٹیوٗن سنن ریلہٕ ہُند انجن کوٗر دٔریافت تمہٕ سِندٕ وقتکیو ریٲضی دانو کرٕ ستیٹھاہس وقتس تام اطمینانہٕ سان یہٕ ثٲبت کرٕ زِ ییٚچ کوٗشِش زٕ ہموار تہٕ لیسہٕ شُستروٕ پٹرٕ پیٹھ پکن وول انجن ہیکہٕ نہٕ ہرگز بوریکہٕ ناوِتھ۔ تِکیازِ گرٕ کِنہٕ آسن چکر کھیوان تہٕ گاڑی ہیکہٕ نہٕ برٛونٹھ کُن پکِتھ۔ امہٕ قسمچہ وارِیاہ مثالہٕ ہیکو اَسہ پرانہٕ یِتہٕ نوٕ بلکہٕ موجوٗدٕ زمانہٕ کہٕ تاریخہٕ منٛزٕ دِتھ۔ ڈاکٹر ضامن ہاف یِمہٕ اسپرانٹو زبان ایجاد کرٕ تہٕ سَیُد تِمنٕ ٹھٹھن، مسخرٕ ین تہٕ حقارتن ہُند شِکار یِمن ہند کوٗلمبس گالوٲنی تہٕ سٹیوٗن سپدِ۔ اسپرانٹو یوٚسہٕ ١٨٨٧ء منٛز دُنِیاہس برٛونٹھ کُن آیہٕ تھاونہٕ تہٕ یمہٕ شُہیدن ہُند خوٗن دِیُن۔

# اطمینانُک گاشُ یُن

مگر یِتہٕ میوٗ پینٛژہَو ؤری یو پیٹھ سپیز دُنِیاہ کین خیالن منٛز اکھ عجیب تبدیلی۔ اکھ نوٚو پرٛیُک آفتاب کھوٚت۔ یِمہٕ کِس گاشس منٛز پرانہٕ مَندی ہِنٛز مُخالفتہٕ تہٕ بحث و مباحثہ چھہٕ دوہ در یِمِتہٕ بوزنہٕ یِوان۔ وۄنی کوٚت گیہٕ تِم لاف دِنہٕ وٲلی مادٕ پرست تہٕ دٔہری۔ تہٕ خُدایس نہٕ مانَن وٲلی یِم کینٛہہ کال برٛونٹھ اَسہ دُنِیاہ منٛزٕ دِین نیبر کڈتھ ژھنٛنچہ دھمکیہٕ دِوان؟ تِم دِینَن ہِندی عالِم تہٕ واعِظ کتہٕ شوٗنگی یِم تِمَن لوٗکن یِم تِہِندی اعتقاد اَسہ نہٕ مانان۔ جہنمہٕ کِس نارس اَسہ حوالہٕ کران تہٕ جہنمہٕ کِس عذابس منٛز اَسہ لوٗکن ژاوان؟ امہٕ کرٛیکہ ناوٕک شور چھہٕ وُنہٕ تہٕ کُنہٕ کُنہٕ سانِین کنَن منٛز یِوان۔ مگر تِہُند اثر چھُ وۄنی کم سپدان۔ تہٕ تِہِندین اعتقادن چھہٕ ژٕچہٕ یِوان کڈنہٕ۔ وۄنی چھُ اَسہ صاف پاٹھۍ

ریوان بوزنہٕ زِہ تِم اعتقاد، یِمَن ہیٚوٚڑ تِم سٟیٹھاہ سختی سٟتؠ بحث اَسہِ
کران۔ نہٕ اَسہِ پٔزٕس دیٖنَس سٟتؠ نہٕ پٔزٕس عٔلمَس سٟتؠ کانٛہہ تولُق تھاوان۔ یُس
کُس سائینٹِک عالِم چھُ یُس موجوٗدٕ علم نفسیکہ تحقیقاتہٕ مُطابق یہ وَننُک
کرِ جُرأت زِ "دِماغ چھُ خیال رٕٹِھتھ پأٹھۍ پأدٕ کران یِتھہ پأٹھۍ جِگر چھُ صفرات
پأدٕ کران" یا یہ زِ جِسمچہ کمزوٗری ہُند لأزمی نتیجہ چھُ روٗحُک کمزور سپدُن
وۄنی چھِ اَسہِ پورٕ پأٹھۍ زانان زِ اگر خیالچ پٔز آزأدی چھےٚ ضروٗروٗرتھ تیٚلہ
گژِھ تِمہ نفسأنی تہٕ روٗحأنی دُنِیہن منٛز تہٕ بُلند پرواز آسُن۔ صرف محدوٗد
دُنِیہہ تام گژِھ نہٕ محدوٗد روزُن۔ وۄنی چھُ یِیمہِ کتھہِ ہُند ایحساس سپدان زِ
نیچرس (فطرتس) مُتلق چھُ سون علم رٕٹِھتھ یِتھہ سمندرٕ منٛزٕ اکھ قطرٕ تہٕ بێیہ
چھُ اَسہِ وُنہٕ وأراہ موہوٗم کرُن۔ اَوے خأطرٕ چھِ اَسہِ معجزن ہندٕ مُمکن
آسنُک نِشہِ پأٹھۍ اعتراف کران۔ نیچرٕ کیٚن قونوٗنن خلاف نہٕ بَلکہِ یہ زِ یِم
چھِ تِمن پوشیدٕ طاقتَن ہندٕ عملہٕ ہُند نتیجہ یِم وُنیکُس تام سانہِ عٔلمہ کھۄتہٕ چھِ
تھٔدۍ۔ یِتھہ پأٹھۍ بجلی ہند طاقت ...... اَسہِ سانین آباو اجدادن ہندِ
عٔلمہ کھۄتہٕ تھوٚد۔

# مہجوٗر ـــــ زان پہچان

[ مہجوٗر صابنہٕ زندگی مُتلق آو از تام واریاہ کینٛہہ لیکھنہٕ مگر وُنہٕ چھہِ اَہندٕ زندگی ہندی کینٛہہ گوشہ سانین نظرن نشہٕ ژوٗرہٕ۔ کامِل صابُن یہ مضموٗن چھُ تہنٛزِ زندگی زانِنس منٛز واریاہ موخصر اَستھ تہٕ واریاہ دِلچسپ تہٕ معلوٗن۔ یہ مضموٗن چھُ اپریل ۱۹۵۲ عیسوی کِس 'کونگ پوشس' منٛز مہجوٗرنین بونین تل' ناوس تحت چھپیومُت۔]

## مالی خاندان

مہجوٗرنُن خاندانُک چھُ مولانا صرفی یَس سیتی یُس ساری کشیرِ ہُند اَکھ موشوٗر صوٗفی چھُ اوسمُت نسبی طور واٹھ۔ کینٛژن لِکھ یٔترن اندر چھُ اُمی رِندین پرٛانین "سید" آمُت لیکھنہٕ۔ مگر مہجوٗر اوس نہٕ پننِس سیدآسنس سیتی اتفاق کران۔ شہ اوس وَنان زِ ڈوڈ ہتھ وری یا شیہ پُشت گیہِ زِ سوپورِ پیٹھ اوس صرفی خاندانُک اَکھ نوجوان میر محمد گرٕ زامتُر بناوِتھ اونمُت تہٕ تسندی شافہٕ اَندرٕ چھُ مہجوٗرُن سورُے خاندان۔ چوٗنکہ میر چھُ سیدُو اندرٕ

دٕرامٕت مانٛنہٕ یوان۔ اَوے رٕنٛز چھُ مہجوٗر سُنٛد خاندان سیٚد آمٕت گنٛزرآونہٕ۔

مہجوٗر سُندِس بُڈہ بَبَس اوس غلام محی الدین شاہ ناو۔ اُمِس اوس ماجہ زینہٕ بُروٗنٛہہ ٹھے مول موٗدمُت۔ تہٕ بیٚلہٕ ٹھکنہٕ پیٚتھ ہنا بوٚڈ گو مموٗیس مأج تہٕ۔ اَمہٕ پتہٕ رُچھ پننٛو ماموٗ مولانا طیب شاہ صدیقی ین یُس پننہٕ وقتُک اکھ موشوٗر بُزرگ اوس۔ مولانا صدیقی صأبن کٔر اُمِس وصیت زہ چون گژھ میانہٕ مرنہٕ پتہٕ شہر ترٛاوِتھ کُنہِ گامس منٛز بسنہٕ گژھن۔ اَمہٕ وصیتہٕ مطابق کٔر محی الدین شاہ تحصیل بڈگامہٕ کِس اَکِس گامس 'نوگجس' اندر روزنہٕ تہٕ تتہٕ لوٗدُن جایہٕ پادراہ تہٕ۔ اُمِس اُسی ژور نیچوٚو احمد شاہ، محمد شاہ، عبداللہ شاہ تہٕ غلام شاہ۔ یِموٚ ژورٕو اندرٕ کٔر عبداللہ شاہن تحصیل پُلوامہ کِس 'مترٛگامس' منٛز پننِس اَکِس سِلسِلس منٛز نیتھرٕ تہٕ پانہٕ تہٕ گو تور بسنہٕ۔

محی الدین شاہ نِین باقی ترٛین نیچوین ہندی شُرۍ چھ نوبُگجس منٛزے روزان۔ یِیتہٕ تِہُنٛد گُذارہٕ خأطرٕ موروٗثی زمین تہٕ چھُ۔

## ماجہ خاندان!

مترٛگامس منٛز اوس اکھ پُرون مُلہ خاندان روزان، یُس اَندی یِکھ گامہٕ کین لوکٹین شُرین فارسی تہٕ عربی پرٕٛناوِتھ پننٛو ژوٗٹ کماوان اوس۔ یِمو ملو اَندرٕ اوس اَکِس حضوٗر بابر ناو یُس تتھ منٛز کشیرِ ہُنٛد اکھ بوٚڈ خوش نویس اوس سأنی کشیرِ اُس تتھ زمانس منٛز سِکھ حکومتس تل تہٕ تہندٕ طرفہٕ اوس کرنل جہان سنگھ یِیتہٕ صوبیدأری کران۔ جہان سنگھ اوس تہٕ پانہٕ فارسی زانن وول یوت بلکہ اکھ منٛز اوس شأیری تہٕ کران۔ اکہ دوہہ سپُدس فردوسی سُنٛد شاہنامہ کأتبہٕ رٕتِس خوش نویس سندٕ اتہٕ لیکھناونک شوق۔ اَمہٕ خأطرٕ آیہٕ ستن

ہێتھ خوش نویس ہندہِ اکھ لیکھت نوٗمونہ تس برونٹھ کنہِ تھاوِنہٕ۔ یمہٕ منزٕ تمۍ حضوٗر بابہ سُنٛدۍ خط پسند کوٚر تہٕ پانس نش اَنِتھ دِتُن تس شاہنامہ لیکھُن۔ فارسی طرزِ خطس اندر چھُ شرٲہن ہفتن ہند اکھ جُزو آسان۔ یُس یُس جُزو اوس تیار سپدان سہ اوس حضوٗر بابہ کرنل مہان سِنگھس سوزان گژھان۔ اکہِ دوہہ یتھٕے حضوٗر بابن روٗستم تہٕ سہراب سٕنٛزِ لڑاے ہندس واقس پیٹھ دٲپ تمہ یہ شار ریاکھ سہ

کنوں رزم سہراب و روٗستم شنو

گاگُن اکھ گرٕیِس آس کُٹھس منزٕ تہٕ غارٕ پاٹھ پرٛژھنہ پتہٕ دوٚپُن تس زہ مہان سِنگھ چھکھ از راتھ کیُتھ پننیو فوجو قتل کوٚرمت۔ تہٕ بوزان چھ زہ تمۍ سِندین سارِنی تولُق دارن چھ سخ عذاب کران۔ حضوٗر بابس لُج شاہنامہ لیکھنہ بدلہٕ پننہِ زُوچ نکر تہٕ شارک دوٚیُم مصرٕ سہ

وگر ہا شنیدستی این ہم شنو

راوُس لیکھنے۔ چنانچہ یہ وَرَق وُچھ مہ پانہٕ یتھٕے کنہِ تھوٚوِس نشہِ موجوٗد۔

کینژن دُشمنن ہندس شہس پیٹھ آیہٕ دوہہ یہ کیٚتہٕ کینژھہ فوجی حضوٗر بابس یتہٕ رٕٹِتھ نِنہٕ، مگر دوہ شیہِ لوٗٹ بچِو سہ تتہ کیو بَڑے شاگِردو عجیب وغریب طریقو سیتۍ۔ یمیُک تفصیل یتہٕ مضموٗنس اندر گنجایش چھنہ۔ ژھوٚٹ چھُ یہ زِ اوٚرہ پتہٕ ژوٚل سہ گرٕکی بانٛہ ہیتھ شوپیان چھ وَتہٕ لاہور یتہٕ ستن وَرین تکیہ سادھوانس منزٕ روٗزِتھ۔ پننہِ خوش نویسی ہند بتہٕ روٗد کھیوان۔ اکھ دورانس منزٕ سپیزٕ سِکھن ہنزٕ حکوٗمت ختم۔ تہٕ گلاب سِنگھس آیہٕ کشیر دِنہٕ۔ چنانچہ نوٚہ وُہری آو حضوٗر بابہ پننین شاگِردن ہندس اصرارس پیٹھ بییہ کشیرِ واپس

تہٕ یوٚت یِتھ مۆدکِھ کاٗلی پَتہٕ۔

حۆضوٗر بابَس اُسی ژۄر نیچوِی تہٕ ژٔہ شِہ وٕرے مۆدی شُرٕ رۆس۔ یِمو ورٲے
آسَس زٕ ژۄر کوری تہٕ یِمو منزٕ اکھ کوٗر عزیزہ بیگم علاقہ شکروکس اکس پیرزادہ
گرس منز اَسِن نِکھہ واٗجو مژ۔ اَمِس سپُز اکھ کوٗر سعیدہ بیگم یۄس پننِس بُڈہ بَبَس
تہٕ مامَن نِشہ رَچھنہٕ آیہ تہٕ تِمَو کرٕن فارسی تعلیم تہٕ حاصل۔ اَمہ سے سعیدہ بیگمہ
سِیٚہ ۲۲ ذی قعدہ ۱۳۰۲ھ مطابق ۳ ستمبر ۱۸۸۵ء رأتھ ہنزٕ داہ بجہ قریب اکھ
شُرِ بخشنہٕ یُس غلام احمد ناو آو کرنہٕ تہٕ یِمی پَتَس مہجور لۆگ تھ کاشُرِ زبٲنی ہندِس
دامانَس منہ ختہٕ جرٕ تہٕ اَتھ منز شاعری کرتھ اکہ نوٚہ دورُچ بنیاد تراٗو۔ مہجورس منہ یہ
ڈوڈہ وہرِ شُرِ پانسے منز ماج تہٕ توٚہ پَتہ روٗچھ یہ پننہٕ ماج ناینہ عزیزہ بیگمہ۔

## تعلیم

مہجور رسند موٗل عبداللہ شاہ اوس فارسی زبانی ہُند اکھ جان عالم۔ چنانچہ
گوڈٕ گوڈٕ پرٕ ابتدائی کتابہ اَمی مٲلی سندِ نِشہ کھوٚرن تل۔ اَمہ پتہٕ پوٗرن امکس
کاشرِس بڈس نِشہ کینشرس کالس تام۔ اَتھ زمانَس منز اوس ترالس اندر اکھ موشور
عالم تہٕ شاعر مولانا علی گنائی عاشق روزان۔ اَمی چھ کاشرِ شاعری اندر ژٕ کتابہ
تراوِمژٕ۔ اکھ چھ "گلزارِ حسن" یتھ اندر حضرت امام حسینؑ سندِ سوانح عمری تہٕ
شہادتُک واقعات چھ نظم آمتہٕ کرنہٕ۔ دوٚیم چھ اکھ عشقہ داستان "زہرا بہرام"
یُس ییمیک آگر فارسی زبانی ہنز موشوٗر کتاب "بہار دانش" چھ۔ مہجور آو اَمِس نِش
تالیم حاصل کرنہٕ خاطرٕ سوزنہٕ۔ عاشق سندِ شاعری ہُند اثر پیو مہجورس پیٹھ تہٕ
چنانچہ اَمی چھ گوڈنیُک کاشُر مصرعٕ اَتی موزون کوٗرمت۔ ییمیک واقعہ یتھ کنہ چھ
زٕ عاشق اوس اکھ مصرعہ ؎ زہر تمہ سے جانِ جانس دِتکھ ــــ وۆنمت مگر دوٚیم

مصرِ اوسُس نرٚ شمان زٕ مهجور تہٕ دوٚیُم شاگرد ژایس کٲنٛسُ منٛز۔ عاشقن
دوٚیک تلہٕ بایتھ بنأوی توٚ بیاکھ مصرِ۔ مهجورن ووٚنُس فورن سہٕ سم قابل
شکستانس دینکھ ـــــ عاشق صاحب ووٚنُکھ "شکستانس سم قابل دین کیا
گوٚ؟ خار چونکہ ژٕ یہٕ ووٚنتھ برجستہٕ اوسے کنٛہ تھاوٕن یوہے مصرِ۔ امہٕ وقتہٕ چھُ
مهجور شُداہ وُہُر آسان۔ امہٕ زمانچ بٔڈ ڈگری گٔیہٕ نظامی سٕنٛز کتاب "پنج گنج"
ختم کرٕنۍ۔ مهجور آو یہ ڈگری حاصل کرٕتھ شہرس اندر۔ تمن دوہن اوس یتیتھ
انجمن نصرة الاسلامک سکوٗل جأری سپدمُت یتھ منٛز مولوی حسین شاہ زیرکٕ
فارسی اوس پرٕ ناوان۔ مهجور تہٕ سپد سکوٗلس منٛز داخل تہٕ ییلہٕ نصرة الاسلام مڈل
سپُد امو تہٕ پوٗر مڈلس تام نہٕ توٚرٕ پیتہٕ ژاو امہٕ مدرسہ منٛزٕ۔

۱۹۰۵ عیسوی یس منٛز ییلہٕ پرنس آف ویلز اڈورڈ ہفتم جموں آو۔
مهجور تہٕ گو تماشہ وُچھنہٕ تہٕ تتہٕ پیٹھ گوٚ امرتسر۔ امرتسرس منٛز اوس اکھ بوڈ
عالم مولوی عبیداللہ بسمل روزان۔ یمن نش مهجورن بٔیہ فارسی تألیم ہیٚژ برٕنۍ۔
بسمل صاحبس سپُد امس سٕتہ سیٹھاہ اُنس۔ یمیُک وجہ تمۍ امس نشہ یہ ظاہر کوٚر۔
زٕ سہٕ چھُ پانٛژ اکس کأشرس عالمہٕ سُند شاگرد روٗدمُت۔ سہٕ کوشُر عالم اوس
خواجہ حسن کول شعری یمس شاہ روتُن "آفتاب الہند" خطاب اوس دیتمُت
نہٕ قریب قریب میرزا غالب سُند ہمعصر اوس۔

## شأیری ہنٛد گوڈ

بسمل اوس فارسی زبأنۍ ہنٛد اکھ جان شأیر۔ تسُندِس گرس منٛز اوس
پرٕ یتھ وقتہٕ شأیری ہنٛدے فِضا آسان۔ ہندوستانکۍ واریاہ عالم تہٕ شأیر
امسو اکثر تمس نشہٕ یوان گژھان۔ یمہٕ کنٛز علمہٕ ادبچہ محفلہٕ آسہٕ تتہٕ لگان روزان

اُمہِ ماحولن ژُرُو مہجورس پیٹھ اثر تہٕ تمہِ تہٕ ہیوٚت فارسی زبانہِ منٛز شاعری کرٕنۍ تہٕ مہجور
تخلص تھوٚوُن۔ دراصل سہ شاعری ہٕند بیول یُس علی گنائی عاشق سٕندِ گرہ
مہجورنس دِلس منٛز وَوہٕ ونہٕ اوس آمُت تمۍ لوٚب بسمل سٕندِ گرہ پھولنہٕ تہٕ
پھانپھلنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ رُت فضا۔ گویا یمن دوشونی بزرگن ہٕند چھُ اُمس
شاعر بناونس منٛز ہتھ اَتھ۔

بسمل سٕندِ گرہ سُپُد مہجورس مولانا شبلی نعمانی یَس سیٚتۍ تہٕ ملاقات
یتھ منٛز شبلی ین اُمس پرٛژھ زہ تۍ کُس نش چھوٚو مہجور۔ اُمہِ وونُس واپس
"حضرت پننس وطنس نشہٕ"۔ شبلی ین پرٛژھس ییلہٕ توہہِ پنُن وطن واپس گژھو
تیلہٕ بدلاوِو پنُن تخلص"۔ مہجورن دِیتھ جواب "نہ حضرت" یہ بوزِتھ سپُد شبلی
کیٚنژھاہ حیران تہٕ پرٛژھنکھ۔ "تیلہٕ کُس نش اُسو مہجور؟" اُمہِ وونُس
برجستہٕ "حضرت قومہٕ نش"۔ شبلی وُوتھ بسملس کُن "مہ حفظ چھُ باسان یہ شاگرد
کرِ تُہند ناو روشن"۔ بسملن کہِ لاؤ وُتھ تہٕ ووٚٹن مہجورس کُن نظر یتھ نظرِ
منٛز اَکھ خوشی تہٕ ووٚمید پرٛزلان اُس۔

امرتسرس اندر ہیوٚچھ مہجورن غلام علی کاتبس نشہٕ خوش نویسی تہٕ
بلکہ اُمس سیٚتۍ روٚزِتھ کرِن کینژَس کالس پیٹھ اخبارن منٛز تہٕ کام۔ اَمہِ پتہٕ آو یہ
کشیرِ واپس تہٕ واریاہس کالس روٚد فارسی شاعری کران۔ اَتھ زمانس اندر اوس
ییتہٕ لوکن اندر فارسی زبانہِ ہٕند مذاق سیٹھاہ تیزی سان کم گژھان تہٕ اردو زبان
اُس ترقی جاے رٹان۔ اُمہِ بدلن والہِ مذاقن کر ۱۹۲۷ عیسوی یَس منٛز مہجور فارسی
ترٛاوِنس تہٕ اردو زبانہِ اندر شاعری کرنس پیٹھ مجبور۔ چنانچہ اردو شاعری ہٕند
یہ سلسلہ تہٕ روٚد کینژن وریین تام جاری۔

فارسی تہٕ اُردو شاعری ہندِس دورانس اندر سُید مہجورس ایحساس زِ
کوشُر شاعر یا ادیب اگر ییمن زبانن منز کوتاہ تہٕ کمال حاصل کرِ سہ چھُ دراصل کرایہٕ
مکانس رنگ روغن کران۔ ییتھیک یہٕ تس بانس کانہہ ٹھوس فایدٕ چھُ واتان تہٕ نہٕ
چھُ تتھ مکانک مالِک پسند کران۔ تکیازِ سہ گژھہ چھُنہٕ تسٕندِ منشہٕ مطابق آسان
یہٕ ایحساس سُید مہجورس کاشرِ زبٲنی کُن پیٚنک اکھ بوٚڈ وجہہ۔ اَمہٕ وقتہٕ اوس
کشیرِ منز محمود گامی سٕنز شاعری ہُند دور پننِس کمالس وۄتمت۔ محمود گامی یُس
پتہٕ ییم اَمہٕ دورٕکی شاعر آسی تِمن منز آسہ زہ خامی بادٕ سپدیمژٕ۔ اکھ اُس یہٕ
زِ تِم آسی تصوفس اَندر ولنہٕ آمتی۔ دویم یہٕ زِ کاشرس منز اُسکھ فارسی ییچ
زبردس ملاوٹ ترٲومٕژ۔ رسول میرس اندر اوس نہٕ پیچیدٕ تصوف مگر زبان اُس
پننین ہم عصرن ہندی پاٹھی ریختہٕ۔ ییمہٕ ساتہٕ مہجورن شاعری شوروع کٔرتمہٕ
وقتہٕ اوس اَمہٕ دورٕک آخری بوٚڈ شاعر عزیز اللہ حقانی زندٕے۔ سمت ۱۹۷۴ اندر ووٚن
گوڈنیچ لٹہٕ مہجورن اکھ کاشُر غزل یُس رسول میرنِس طرزس پیٹھ اوس سہ

وَنتہٕ ہے وٚیسیو بے وفایی شیوٕ دِلدار چھا

نازنینن ہٕ جبینن قتل و غارت کار چھا

یہٕ سُید لوکن اندر سیٹھاہ مقبول تہٕ اَمہٕ سیتھ بڈیو نہٕ صرف مہجورس
حوصلہٕ بلکہ اُمی کوٚر اندازٕ زِ سہ ہیکہٕ کاشرِ زبٲنی اندر اُردو تہٕ فارسی کھوتہٕ زیادٕ
آسٲنی سان پننین خیالن ہُند اظہار کٔرتھ۔ اَمہٕ پتہٕ ووٚن اُمی حبہ خوتونہٕ ہندِس موشُور
"غزل" — "ولو ہیا نہٕ پوشے مدنو" "کس طرزس پیٹھ" "پوشہ متہٕ جانانو" یہٕ غزل چھُ
گویا حبہ خوتونہٕ ہندِ غزلک اکھ ضمیمہ۔ اُمی غزلن کوٚر مہجور کشیرِ اندر بطورِ شاعر
موشُور۔

سنہ ۱۹۳۴ء

یہ ؤری روزِہ کأشرِس ادبُکس تأریخس اندر ہمیشہ زِندہ ہکیازِہ امہ دوہہ آو گوڈنچہ لٹہ کشیرِ اندر اکھ مشأیرہ کرنہ یتھ منز کوشُر غزل تہ آو پرنہ۔ چودھری خوشی محمد ناظر سندِس اِشارس پیٹھ سپُد نمایش گاہس اندر اکھ مشأیرہ یتھ منز فارسی، اُردو تہ پنجأبی زبأنی اندر غزل تہ نظم پرنہ نِک اعلان آو کرنہ۔ مہجورس تہ آیہ دعوت دِنہ مگر تمی کوٚر خوشی محمد ناظرس اصرار زِ مے گژھ کوشُر غزل پرنہ نِک اجازت مِلن دِنہ۔ ہکیازہ کشیرِ اندر سپُد مشأیرہ تہ کأشرِ زبأنی منز آسہ نہ پرنہ نِک اجازتھ۔ سُہ چھُ کأشرِن پیٹھ اکھ بوڈ دھبہ۔ ناظرن مأنی مہجورنی یہ کتھ اکِس شرطس پیٹھ زِ کأشرِس غزلس سپدِ بوزِتھ ناوِ سُہ تتھ طرح مصرس پیٹھ اکھ غزل یُس اعلانس اندر اُردو زبأنی منز غزل بوزِتھ ناوُن والین ہِندِ خأطرِ دِنہ اوس آمت۔ مہجورن کوٚر یہ شرط منظور تہ امہ مشأیرہ خأطرِ ووٚنُن "باغ نشاط کے گلو" یُس سیٹھاہ مقبول سپُد۔ اُردو خأطرِ اوس غالب سُند یہ موشہور شار طرح مصرع سہ "گری ہے جس پہ کل بجلی وہ میرا آشیاں کیوں ہو' — اتھ پیٹھ یُس مہجورن غزل چھُ ووٚنمت، تمیک اکھ شار چھُ یہ سہ

بدل دی رُخ کی زردی غازۂ مغرب کی سُرخی نے

پُرانی وضع کا پابند اب ہندوستاں کیوں ہو

## مُلازمت

ییلہ مہجور امرت سرہ پیٹھ کشیرِ واپس آو۔ اُمو کوٚر تحصیل بڈگامہ کِس "یاری کلان" گامس منز اکِس پیرزادہ خاندانس اندر نیتھر۔ امہ نیتھرہ سپُد تیمن اکھ نیچو یُس محمد امین ناو چھُ یُس کأشرِس تأریخس پیٹھ سیٹھاہ جان نظر

چھُ تھاوان۔

کشیرِ واتِتھ لیجہ مہجورَس ژۄٹ کماونچ فِکر۔ آبائی پیشس (پیرِ مُریدی)
سیتھ سپزِس سیٹھاہ نفرت تکیازِ یہ اوس واریاہس کالس اَمہِ ماحولہٕ نِبر رُودمُت۔
تہٕ اَکِس نٔوِس ماحولس اندر بڈیومُت یُس اَمِس زیادٕہ ٹھوس باسان اوس۔ چنانچہ
اَمہِ کٔر سرکٲری مُلازمت حٲصِل کرنٕچ کوشش۔

غالبن ۱۹۰۸ہس منز ییلہِ چودھری خوشی محمد ناظر لداخس اندر بندوبستُک
مہتمم اوس تہٕ تَس اَسہِ کینہہ محرر ضرورت۔ زہ مہجور حابن سوز فارسی زبانی منز
اکھ منظوم درخاس ناظرس نِش۔ ناظرن سُنٛد درخاسہِ تٕلے اَمو سِندِ قابلیتُک
اثر تہٕ تمہٕ لوگ مہجور شجرہ کش۔ تیلہِ آسہِ اَٹھ روپیہ شجرہ کشس تنخاہ میلان
تہٕ لداخ گژھن والین آسہِ بیٛیہ پانژھ روپیہ الاونس دِوان دِنہٕ۔ مہجور تہٕ گو لداخ
تہٕ تَتہٕ ہیچھن بندوبستٕچ کام۔ ییلہِ بندوبست کرگل آو مہجورس تہٕ سپز تبدیلی۔ اَتہٕ
کٔر اَمو جاگیری کھرمنگ کِس اَکِس گامس یتھ "پاری، ناو چھُ، گوڈنِچ لٹہِ پانہٕ پیمایش
اَمہِ پتہٕ آو یہ رخصتھ ہیتھ کشیرِ واپس۔ اَتھ دورانس اندر آو بندوبست کشیرِ
واپس تہٕ مہجور گوو بیٛیہ رخصتہ ختم سپدِتھ پننہِ کامہ پیٹھ حاضر۔

مہجور پھیور کشیرِ ہندین سارنے تحصیلن اندر پٹواری بنِتھ تہٕ آخر آو
سمت ۲۰۰۲ بکرمی اندر تحصیل بڈگامہ پیٹھ ریٹائر کرنہٕ۔ پننہٕ تمام وٲنسہ کھوت نہٕ یہ
پٹواری عہدہ ہیور زانہہ۔ حالانکہ اَمس کھوتہٕ کم سروس والی آیہ اعلا عہدن پیٹھ
رٹنہٕ۔ اَمیُک وجہ چھُ اکھ یہ زِ مہجوٗرَن کٔر نہٕ پانہٕ زاہ اَمہِ بابت کوشش۔
دوٚیم یہ زِ کشیرِ ہندس سیاسی تحریکس سیتی وابستہٕ آسنہٕ کنہٕ آو یہ ہمیشہ
زیرِ عتاب تھاونہٕ۔

## مہجورنۍ شاعری

یہ چھُ مہجورسنٛزِ زندگی پیٹھ اَکھ سرسری مگر پوٗرٕ نظر ۔ اَمِچہِ روشنی منٛز ہیکَو اَسۍ پوٗرٕ پأٹھۍ مہجورنۍ شاعری وُچھتھ تہٕ تمِیُک تجزیہ کٔرِتھ ۔۔۔۔۔

۔۔۔۔۔ ساننِ کأشرِ شاعری ہُند نوٚو دور چھُ مہجورنٕہ سنٛدِ پیٹھ شوٗروٗع سپدان ۔ انگریز سامراجس خلاف یُس سٕرنفرتُک تحریک ۱۸۵۷ء پیٹھ سأری سے ہندوستانس منٛز چلان اُس تمہِ لٔب ۱۹۱۴ عیسوی چہِ لڑاییہ پتہٕ اَکھ منظم سٕنٛز تہٕ نٔو قومی تحریکِچ شکل ۔ اَمیُک اثر پیوٚو ہندوستانکین شاعرن سیٚتۍ مہجورس پیٹھ تہٕ ۔ یِم اَسۍ لُکہ کیچارٕ پیٹھ فارسی تہٕ تمہِ پتہٕ اُردوٗ زبأنۍ اندر پننین خیالن ہُند اظہار کران ، مگر اَمہِ پتہٕ زوٗن یِموٚ اَمہِ سیٚتۍ نہٕ واتہٕ یِمن زبأنین کانٛہہ ٹھوس فایدٕ تہٕ نہٕ کأشرِن لُکن ۔ چنانچہ یِمَن پیوٚو کأشرِ زبأنۍ کُن بُتھ کرُن ۔

یِمن برونٛہہ اُس سأنۍ شاعری تصوّف کِس پھیرس منٛز پیے مرٕ ۔ بٔلۍ یہ اوس اَتھ پیٹھ فارسی شاعری پننیو تمام لوازماتو سان غلبہٕ کوٚرمُت ۔ پرٛیتھ اَکھ شاعر اوس "وحدۃ الوجود" کے فلسفوٕنان تہٕ سماجی لوٗٹ کھسوٗٹ نِشہِ اُسس نہٕ مطلق کانٛہہ تہٕ وٕزِتھ باسان ۔ ہورِ کنہِ اُس ہندوستانس منٛز قومی تحریک سیٹھاہ زورن پیٹھ ۔ یمیُک اَثر نِشہِ سون مُلک الگ ہیکہ ہا نہٕ روٗزِتھ ۔ یُہے وجہ چھُ زِ اَکہِ طرفہٕ پیوٚو مہجورس پرانہٕ تصوّفی شاعری خلاف محاذ بنأوِتھ صحی رومانوی شاعری کرٕنۍ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ قومیتُک جذبہ کأشرِن منٛز وُزہ ناوُن ۔ اَمی جذبہ کِنۍ کٔر یِموٚ کأشرِ شاعری وارِیاہس حدس تام رِوایتی فارسی تشبیہو تہٕ ترکیبو نِشہِ آزاد تہٕ بنأوِکھ کأشرِن خیالن ہِنٛز ہم نوا ۔

یہنٛزِ شاعری ہُند اَکھ بوٚڈ امتیاز چھُ اَمیُک عوامی طرزٕ یُس تہٕ چھُ

یِہُنٛد بٔرونٛٹھ محمود گامؠس ورأے بیٚیہِ کٲنٛسہٕ شاعرس منٛز درینٛٹھ یوان تہٕ چھُ
دُنیکِس یِہنٛدِین دوٚیمین شاعرٕ باجَن اندر پٲدٕ سپدان ۔ یِہنٛدی میٹھٕ تہٕ موٚدُر
لفظ، یِہنٛدٕ سادٕ تہٕ سیٚدی استعارٕ تہٕ تشبیہہ یِہنٛد کاشُر محاورٕ تہٕ ترکیبہٕ تہٕ یِہنٛدی
تیتی سٕنٛز خیال یِتھ تِمَن لۄکہ سمجھت ہیکن۔ کٔشیرِ ہندی اَن پڑھ گرٕیسی تہٕ موٗزور
چھِ یِہنٛزٕ شاعری ہنٛز نٔنٛز دلیل۔

کینٛژن نقادن ہُند یہٕ خیال زِ مہجوٗرنٕ شاعری تہٕ اُمِس وارِیاہس کالس
" ووٚلِتھ ژٔلوٕ "کٕہ فلسفہ وَنان چھُ بے بُنیاد ۔ ییٚمِیُک ثبوت تِم نقاد دِوان چھِ نہٕ
چھُ اَمہٕ اَلِتھ یوان ۔ یِمَن پٲٹھۍ چھِ کینٛہہ وَنان زِ مہجوٗر چھُ صرف گُلَن، بُلبُلَن
تہٕ عاشقَن معشوقَن ہُند وَدُن وَدان ۔ مگر تِم چھِنہٕ یہٕ زانان زِ ایشیاہس منٛز یوسہٕ
ساسہٕ بٔدِ ورٕرَین ہنٛز " جِنسی فرق" پٲدٕ اُمِس پیٚٹھ مرتعکھ خلاف صحت مند
رومانوی شاعری کرنٕ اُمِس اَکھ زبردس چپاتھ تہٕ سیٚٹھاہ بوڑ ترقی پسند قدم۔

مہجوٗرنہٕ شاعری یوسہٕ قومی بیداری پٲدٕ کٔر تمیُک اَکھ بوڑ نتیجہ درٲو یہٕ
زِ کٲشرِ زبٲنۍ لَب سیٚٹھاہ وُسعت تہٕ ترقی۔ ساریٚ ادبُک (ییٚس پرٲنۍ شخصی نظامن
دبوٚومُت اوس) سپُد بَر یِیلہٕ۔ اَمہٕ وجہہ کیٚنٛژھ بنیہٕ مہجوٗرنٕ شاعری سارنٕ قومی آزٲدی
ہنٛزٕ تحریکہ اَکھ زبردس ہَتھیار۔

# جگن ناتھ ولیؔ

پنڈت جگن ناتھ ولیؔ چھ ڈل حسن یار سرینگرہ روزان۔ زاسِنہٕ چھُ (۱۹ اپریل ۱۹۱۸ءٕ) وُنی کین چھ مرکزی انفارمیشن محکمہٕکِس سرینگر آفِسس منٛز کامہٕ کران۔ اَمہ برونٛہہ اُسی وارِیاہس کالس ریڈیو کشمیر منٛز خبرٕن ہنٛدِس شوبٕس سیٖتۍ وابستہ۔

ولیؔ صٲبن چھُ کٲشرِس منٛز اکھ ڈراما "زوٗن" لیٖوکھمُت، یُس زَن اُردو ترجمہٕ ہیٖتھ چھاپ چھُ سپدیومُت کِتابہٕ پیٹھ چھپنہٕ چھپنٕ وَرِی دَرِج۔ ووٗنی گۄو "مقدمہ" تہٕ گۄڈٕ کیٚتھ 'عرضِ حال' پَرِتھ چھُ نَنان زِ یہٕ ڈراما گۄڈٕ ۱۹۵۱ عیسوی یِس منٛز چھاپ آسُن سپدیومُت۔

# زۄن

( ڈراما منظوٗمہ )

[ یۄسف شاہ یِتھہٕ پانٛژھو موغل شہنشاہ اکبرنِہ
اَتھہٕ گرفتار سپُد، سُہ چھُ عظیم شہنشاہ اکبرنِہ زندگی پیٹھ
اکھ بدنما داغ مانٛنہٕ یِوان۔ ولی صاٲبن چھُ یِہ ڈرامٲیی تصویر
ڈراماکِس ژوٗرِمِس حصس منٛز پیش کٔرمژ، یتھ اندر چھ
یِہے صداقت اَکِس خاص افسانوی اندازس منٛز نمایان ییتِین
چھُ اَسہِ یِوہے سین پیش کران۔ ]

## گوڈنیُک پاٹھ

[ شہرُک اَکِس بازرس منٛز چھ ترٛے شُہری کتھ کران ]

صادق :- ییم شہنشاہ تہٕ چھ اصلی اَپُز یارہ آسان۔ اَمہ کھۄتہٕ چھ اَسی کھۄرٕ
بجرُک حجان۔ یِمن پننہٕ لفظُک پاس آسان۔ اَسہِ اگر کانٛہہ وعدہ پوٗرہ کرُو
تہٕ۔ دپان چھ دُنیہس کتھ پانٛژھو ہاوُو بُتھہٕ۔ وُچھ اَمہِ اکبرن کیاہ کوٗر
اَمِس یۄسف شاہس۔ یِتہٕ دوٚپنس بھگوان داسن ولہٕ صُلح کرُو۔ ژٕ یہ
دِموے کشیر پیٚنِہ واپس۔ ژٕ دِکھ باج و خراج ہیتھ شہنشاہ سنٛدِس دربارس
منٛز۔

ابراھیم :- ژٕ چھُکھ نابوٗزمُت۔ دٕپان پادشاہ ماز چھُ آسان دیگہٕ لدٕن لایق۔ بیٚلہٕ
ماز پٮ۪ہنٛد گوٚو یُتھ نہٕ وعدٕ پٮ۪ہنٛد کیٚتھہ گرٕتھ آسُن۔ پیمٕن نٕش گوٚ تٔلی بٕلی
ژٔھلی پنُن مطلب گرٕتھٕ پاتھ کُنہٕ وٕنہٕ نیرُن۔ پنٕنہِ کنہٕ آیہٕ بھگوان داسس
کمہٕ ناوٕ نہٕ چاوٕ۔ پتہٕ وُچھن بیٚیہٕ کأشر برونٛہہ پأٹھو کھرنہٕ کھتی
ہتو۔ دوٚیمُت آسُن بیٚیہٕ ما بیٚیہٕ مغل سٕے ہٕنٛز برونٛہہ پأٹھو پأزارہٕ اتھن
کیٚتھہ ہیٚتھ ژٕلُن۔ مگر اُمس بےعقلس کیاہ کرو۔ ییٚمہٕ پأنی پانٕے والہٕ
واشہ پھٕر۔

قٕلٕرٕ :- دراصل ہٮ۪با آسہٕ ہے اُمی بھگوان داسن اکبرس شیٚچھی سوٗزمٕژ۔ ژٕ لڑائے
زیننٕچ چھ مُشکل کتھ۔ تمہٕ آسہٕ نٕس تورٕ دوٚیمُت کرُو ژٔھل۔ یوٗسف
شاہ ہا چھُ سیٚد پادشاہ۔ پہٕ ہا چھُسی۔ مگر پہٕ نہٕ گیہٕ تاوٕن زٕدی۔ ہٮ۪ٹہٕ
کھٕش نہٕ ہونگنہٕ ہیٚتھو۔ زٕپوٕ دٕنٕنہٕ اکھ کتھ نہٕ کٕرنی بیاکھ۔

ابراھیم :- اُسی چھِ سأری اکبرس رٕ کھالان۔ یوٗسف شاہس چھُنا تقصیر پٕتہٕ
کوٗت لاریوٕ برونٛہہ برونٛہہ۔ قندنابد، کوہنگ نہٕ شال ہیٚتھ زٕن اوٚسس
سعی پٕنہٕ گرٕتھن۔ دوہٕ نی ژٕھنن وُمرٕ ہیٚتھ کشیر خار کٕرِتھ۔ پنُن پان
گیوس اُسی پتے۔

صادق :- اُتھی چھُ تماشہٕ کیاہ وٕنے۔ میہٕ بوٗزراتھ اُکس جایہٕ زٕوٕن نہٕ محمد
بٹ پیٚیس پٕرن نہٕ کھٕرن۔ دوٚبہِس پادشاہ پکیاہ چھُکھ کران۔
وارٕ سوٗنچ۔ اکبرس چلیوو نہٕ پتہٕ کینٛہہ۔ جرنیلو کھیہٕ ہٕس پھٕرہٕ۔ اُمی
چھُ پہٕ صلحہ صلحہ کران۔ نتہٕ کوٗت نہٕ کیاہ۔ تتہٕ ہیٚتھ آیہٕ دندن پھٕہرِ واو
دِتھ۔ نہٕ پتہٕ کرٕ ہی ژٕ زارٕ پارٕ صلح کٔرِکھ نا۔

فضلہ :- یہ چھےٚ پوٚز مےٚتہٕ بوٗز اکی سےٚنٛزٕ زیوٕ ۔ واریاہن ہنٛزٕ زیوٕ ۔ زٕ ژوٚنہٕ
کرپوٚنس گوتاہ دیپونس مرو تہٕ پکہٕ وٕنہٕ لسو نہٕ پکہٕ وٕنہٕ ۔ ژےٚ مےٚتہٕ گژھتہٕ
اور۔ یہ چھُنہٕ کانٛہہ چار ۔ تمہٕ وۄن نکھہ لڑایہ کھینہٕ گو صلحے جان ۔ یوتانی
صلحے صلحے کران ہندوستان واتہٕ نوٗ کُھ تہٕ تتہٕ بھوکھ آنہٕ گیہٕ گوٗٹھرٕ منٛز
بند کرُتھ ۔ خوداہ زانان بیچارس کیاہ گذران آسِس ۔

ابراہیم :- بے وقوفس کوٗرسہٕ کانٛسہٕ ۔ پانہٕ ہے عقلہٕ ژھونٛٹھ دراو ۔ بہاہتھ اوس
عاشق کران کیا زٕ آس کھرٕ کشُن ۔ دپان پیدٕ قسمت ژھوٚٹان چھ عقل چھ
برونٛٹھہ برونٛٹھہ ژلان ۔

فضلہ :- مےٚ چھُنہٕ تیوٗت یوٗسفن پھیران یوٗت مےٚ ژوٚنہٕ ہندٕ دلس کھٔنٛج چھ
گژھان ۔ پیلہٕ تمہٕ شند نار کانٛہہ ہیوان مےٚ زن چھ وائلنج تیلن لگان ۔ ہیوٚ
صائبر کاک چھیا خبر کتہٕ چھُ اَز۔ سہ چھ وَنان ۔ مےٚ چھُنہٕ پیزٕ پادشاہ
بارے اَز تانی وُچھمُت یا بوزمُت ۔ زیٹھہ وصف اُسو کانٛسہٕ ۔

ابراہیم :- اَکھ چھُنہٕ کانٛہہ شکھ، کانٛہہ گاٹُج، ہونرمند، زاہ بوزتہٕ کانٛہہ فقیر گوٚ
تمہٕ سےٚنٛزٕ ڈیڑھ پیٹھ نہٕ توٚرٕ آو خالی ۔ پرٛتھ کانٛسہٕ اُس اَکھ پیٹھ
تھاوان ۔ غریب نہٕ لاچار کورِن اُس یئینہٕ والین پیٹھ ہنٛزٕ دیار لاگان ۔ ہیوٚ
تمس زنانہٕ چھیا خبر زٕ ژن کتھ پائٹھی بَل رووٗنس ۔ وُچھ کیاہ تدبیر کرٕنس
عقل چھ راوان [1] ۔ دائمس اُس یتھ پائٹھی واتان ۔ کانٛہہ قائمہٕ واتہٕ ہیس
ماچ ہندی پائٹھی اُس بوزان ۔ ژکھ نہٕ ۔ درٛہہ نہٕ ۔

صادق :- دپان ووٚن چھس مغز خراب گمتو ۔ یوسف شاہن چھُن ہیوٚتمت زٕ

---

[1] یہ دلچسپ قصہ چھ حسن کھوٚیہامی یہٕ پننہٕ ہسٹری منٛز لیوٚکھمت ۔

گامَس منز چھ کمہ لہ بٹھِن پیٹھ بہتھ گیوان فراقس منز باُتھ۔ اُتھی ما
چھُس ہیُٹس مولہرُن کینژھہ۔ دپان کنِن چھ اوش ہچاڑناوان تہ پانس
سیتی تمِن وِدہ ناوان۔

ابراہیم:۔ ہے ہے! خوداس کھوژہ ژِنی پژھ زنانہ گوژھہ نہ یتھ انجام
آسُن۔ خودایا رحم کرُس۔ اَسہ کرےیس پانژَن دوہن آسائیشی پۄتھ
رنگہ، کھینہ رنگہ، چینہ رنگہ، انصافہ رنگہ۔

فدہ:۔ ہنہ با آسے یم کمہ کر ژوُر مولِہل سپاہ۔ زَن چھ راشس آمتی۔ یمینہ
کُنہ لگیکھ کانہہ چیز اُتھ تتہ چھ گلہ ناوان۔ پکھوُ بایو۔ یمن ہا گژھہ وہ
ھقیچ۔ کیاہ تانی چھ ژوسے کران۔ گرہ کین روزہ نہ خبرے تہ شامس
اُسو اَنہ گیہ کوُٹھرہ منز بہتھ۔

## دۄیِم پاٹھُر

[ شہنشاہ اکبر چھُ محلہ خانکس اَکس کمرس منز بہتھ۔
برونہہ پتہ چھس گماشتہ واو کران۔ راجہ بھگوان داس
چھُ اژان ]

بھگوان داس:۔ ( بندگی کرِتھ ) عالی جاہ۔ خاکسار چھُ یژھان کینژھہ عرض کرُن۔

اکبر:۔ بھگوان داس۔ اَسہ چھِ چانِی ذات سیٹھاہ پسند۔ ژہ چھی واریاہ کارنامہ
کرِمتی۔ سیٹھاہ خدمت کرِمژ۔ اگر ژہ بے ادبی تہ کرکھ سو تہ کرَو اَسی
معاف۔ وَن کیاہ چھُے وَنُن۔ جاگیر گژھہیہ؟

بھگوان داس:۔ شہنشاہِ اعظم۔ بہ جاگیر ژھانڈان چھُس نہ۔

اکبر:۔ لال جواہر گژھنیہ؟ بہ ژاوہ ہنی چانہ خاطرہ خزانہ وُتھی۔

بھگوان داس:- عالی جاہ - تم تہ گژھنم نہ - مےٚ چھےٚ تہنٛز عنایت سیٹھاہ -

اکبر:- بہادُر جرنیل - ادٕ کیاہ گژھی - منصب گژھیہ ہُربادُن -

بھگوان داس:- ظل الٰہی! مےٚ چھُ سےٚ منصب ٹھیک، یُس توہہ بخشمت

چھُووم - بہٕ چھُس یژھان کشیرِ ہندس یوٗسف شاہس مُتعلق کینٛہہ

عرض کرُن -

اکبر:- کیاہ چھکھ یژھان وَنُن؟

بھگوان داس:- عالی جاہ - مےٚ چھُ بُرونٛہہ تہ عرض کوٚرمُت - ییلہ بہٕ کشیرِ فوج

ہیتھ گوس - مےٚ آیہ نہ کشیر فتح کرنیچ کانٛہہ ووٚمید بوزنہٕ - تہ مےٚ کوٚر یوٗسف

شاہس زور زِ یہ باج خراج ہیتھ شہنشاہ اعظم ہندس دربارس منٛز

زِ یہ دِموے پننہ کشیر واپس - خوٚشنوار بہٕ چھُس یژھان یوٗسف شاہس

سیتۍ گژھہ یُن انصاف کرُنہٕ - یتھ لوٗکھ وَنَن زِ شہنشاہن کرنہٕ آمژ

سیتۍ بے انصافی -

اکبر:- (خشمہ سان) بھگوان داس! اَسہِ چھِنہٕ یہ توقع زِ زِ کرِکھ اَمس

گجُرس مُلکہ کِس بادشاہ سنٛز وکالت۔ اَسۍ چھِنہٕ یہ یژھان بوزُن - یہ چھُ

سُہ غدار، یُس کشیرِ آیِس سلطنتس سیتۍ ہلہ ناوٕنس ہمیشہ برخلاف رودُ -

یہ چھِنہٕ انصافُک حقدار -

بھگوان داس:- عالی جاہ! اگر تُہۍ اَمس بیٹھ انصاف چھُوہٕ نہ یژھان کرُن -

مےٚ پیٹھ کرِو - مےٚ چھُ اَمس سیتۍ وعدٕ کوٚرمُت - تہ راجپوت وعدہ دِتھ

پھِسراوان چھِنہٕ - شہنشاہ، انصاف کرِو -

اکبر:- بھگوان داس! یُس ماٹھ نیار اَسۍ چھِ کران - زِ مےٚ تُل تِمیک ناجایز

فائیدٕ۔ ساند خاطرٕ چھُنہٕ یہِ مُمکن۔ سانہِ سپہِ ہو چھ خوانچ بلی دِتھ کشیر زیٚنہِ ہرش۔ ژٕ چھُکھ اَسہ دِبان یہِ اَمِس گُستاخ تہٕ باغی بادشاہَس واپس حوالہٕ کرِنی۔ ژٕ یہِ چھےٚ نا شرم یوان یتھ کتھ وَنَس۔

بھگوان داس:۔ جہان پناہ یوُسف شاہ چھُ سیٚود تہٕ سادٕ۔ اَمہِ موٗلہٕ تمہ وِزِ صُلح کرُن ییٚمہِ وِزِ سانِہِن فوجَن ہُندِ شِکس کھیٚون یقیٖنی اوس۔ شہنشاہ یہِ چھُ بے گُناہ، بے خطا۔

اکبر:۔ (قہرٕ سان) بھگوان داس۔ ژٕ چھُکھ حدٕ نبر نیران۔ اَسہ چھُ یوُسف شاہَس ناوَس سیٖتہِ تانی نفرت۔ مادولت چھُنہٕ یژھان اَمِس مُتعلق زیادٕ بوزُن۔

بھگوان داس:۔ عالی جاہ! توٚہہ کٔرِیوٗن رحم تہٕ یُتھ پَنُنِس مُلکس دِی توٚہس واپس گژھنکھ اجازت۔

اکبر:۔ یہ تہٕ چھُنہٕ اَسہ منظوٗر۔

بھگوان داس:۔ جہان پناہ۔ اَمہِ سیٖتہِ اَسہ کانٛہہ نُکس واتہِ نہٕ۔ یہِ چھُ فن کار، شاعر عالِم، ساز، سنگیٖتُک ماہر[۱]۔ عالی جاہ۔ توٚہہ چھِوٕ خبر اَمی کیتھ پاٹھی کوٚڈ تان سینس

---

[۱] "واقعاتِ کشمیر"، "تاریخِ حسن"، تہٕ دوٚیمہ ہِسٹری چھ شہادتھ دِوان زِ یوُسف شاہ اُسو موسیقی ہندِ زبردَس دِلدادٕ۔ تم اُسہِ پانہٕ موسیقی زانان تہٕ شار وَنان۔ حیدر ملک چاڈورہ چھ پننِس تواریخس منز لیکھان:۔ "یوسف شاہ در مجلس ساز و نغمہ و فن موسیقی بے نظیر بود۔ چنانچہ یک مرتبہ نادرالزمان میاں تان سین راکہ دریکے مقامات غلط کردہ بود۔ یوسف شاہ تعلیم کرد و تان سین مذکور قبول داشت۔"

ہٲرِس ووستادس غلطی۔ اَمِس چھُ زنانہٕ نہٕ پژرِ ہے۔ پہٕنٛد الحاق چھُ دِلَن ہُنٛد الحاق۔ اگر توٚہیہ یہٕ ترٲوِیوٚن کُنہِ قٕسمُک ضَرر واتہٕ نہٕ۔ بہٕ دِمہٕ زہتہٕ سیٚہتو لیٚکھِتھ۔ بہٕ تھَوٕہ پنٕنۍ گردَن گِروی۔ اگر یہٕ کیٛنٛہہ شرارت کرِ۔ عالی جاہ۔ میانۍ اِلتجا کرِو قبوٗل۔ یہٕ چھُ گوڈنیچ لٹہٕ ییٚلہٕ یہ بارگاہِ عالی منٛز سٲئِل بٔنِتھ آمُت چھُس۔

اکبر:۔ بھگوان داس۔ اَسہِ چھُ سیٚٹھاہ رَنٛج۔ اَسی ہیٚکَو نہٕ یہٕ کتھ منظوٗر کٔرِتھ۔

بھگوان داس:۔ عالی جاہ۔ تیٚلہِ دِی توٚہۍ تس زنانہٕ یور پٕنٕس اِجازَتھ۔

اکبر:۔ یہٕ کتھ تہٕ چھےٚ نہٕ مُمکن۔ یوٗسُف اگر دیوانہٕ تہٕ گژھہ تو تہٕ ہیٚکہٕ نہٕ یہٕ کشیٖرِ واپَس گژھِتھ تہٕ اَمہِ سٕنٛز زنانہٕ یور یِتھ۔ اَسی چھیٚنہٕ اَمِس مُتعلق کیٛنٛہہ یژھان بوزُن۔ بھگوان داس۔ ژٕہ چھکھ مُشراوان یہٕ کتھ ژٕہ چھکھ سون نمک کھیوان۔ تہٕ سون دُشمن چھُ چون تہٕ دُشمن۔

(بھگوان داس چھُ نیران)

# رۄشن

ناو : نوٗر محمد ذات : کول تخلص :۔ رۄشن

زاسنہٕ : ۲۱ مئی ۱۹۱۹ء

بسکین :۔ رینیہٕ ٹینگ خانیار سرینگر

رۄشن تہٕ دزاو قبائلی حملہٕ پتہٕ نون ۔ مگر وُچھان وُچھان کوٚرُن کأشرین شأیرن تہٕ ادیبن منز ناو پأدہٕ۔ شأیری تہٕ ڈرامانگأری سیٖتر لگاو۔

"چوربازار" "سون سمسار" بیترِ چھ اَہندی کینٛہہ سٹیج ڈراما - اَمہ علاوہٕ چھ اَمِ ٹیگورٕ سٕندکہ کینٛہہ ڈراما کأشرس منز پھیرِمتۍ - یِمو پیٹھ چھ ترٛیٚہ ڈراما - (۱) قمہ ربأنی (۲) مألنی (۳) چنڈال کٹ ۔

"قمہ ربانی" تاوہ کُس رُکس جلدس منز چھپیمتۍ۔ ترٛین ڈرامہن ہند یہ مجموٗعہ چھ ۱۹۶۱ ہس منز گورنمنٹ زنانہٕ کالج سرینگرِ طرفہٕ چھاپ سپدیوٚمُت۔ بیاکھ اکھ ٹیگورٕ سُند ڈراما "وِسہ زبل گگالہٕ" (رکت کرنبہٕ یک ترجمہ) چھ ساہتیہ اکادمی ہندہٕ طرفہٕ سنہ ۱۹۶۲ ہس منز ترجمہ ناٹک کتاب منز چھپیوٚمُت۔ نوٗر محمد رۄشنٕنۍ کینٛہہ ڈراما چھ گرلز کالجن سٹیج تہٕ کرِمتۍ۔

'ست سنگر'، چھپینہ بروٹھہ ہیم افسانہ کأشرس منز لیکھنہ آیہ تتھ وقتس منز لیکھی روشنن تہ "ننہہ گیڑ" (کونگ پوش۔ مارچ ۱۹۵۱ء) "دوہ گیہ ڈلُن" (کونگ پوش ۱۹۵۱ء) ہی کینہہ افسانہ۔

روشنن دژہ لالہ رُخ مطبوعات سری نگرہ طرفہ کینہہ خاص کتابہ ترتیب یمن منز چھ کینہہ یتھ پأٹھو:-

(۱) 'پوشہ تھر'، (ترییہ جلد) کأشرِ دلیلہ

(۲) 'اوش تہ آب' کأشرِ مرثی

(۳) 'گنز کتھ' ترین ڈراماہن ہُند اکھ مجموعہ یم ترِنشوے سٹیج سپدِمتہ چھ

(۴) دشمن، ماسٹر زندہ کولن کلام

نور محمد روشنن بدلاوِ ڈینکھ تام وارِیاہ پیشہ۔ کینژس کالس اوس ریڈیوہس منز کأم کران۔ کینہہ کالس لالہ رُخ مطبوعات سری نگرکس ادارس منز بحیثیت ایڈیٹر۔ کینہہ کالس ننی پأٹھو عملی سیاسی کامین منز۔ وُنی کیس چھ تجارت کران۔

یمن چھ اُسی اُہندِ ڈراما "چور بازارُک" گوڈنیک سین پیش کران۔ یہ ڈراما چھ ۱۹۵۰ہس منز لیکھنہ آمت۔

ڈراما

نور محمد روشن

# چور بازار

(دگوڈنیک سین)

نظارہ:- [ پردٕ چھُ ووٚتھان تہٕ اکھ نفیس کمرٕ چھُ بوزنہٕ یِوان۔ کمرٕ چھ سجاونہٕ آمُت چھُ لبنہٕ یِوان زٕ دُنیاہ دار گرٕ چھُ۔ کمرس منز چھ میز، کُرسی تہٕ آرایشی سامانہٕ لگِتھ۔ گرُک نوکر محمد چھُ صفائی کران تہٕ سامانہٕ شیٚران سنبھالان۔ باسان چھ زٕ کام کران کران چھُ تھٔکمُت ژھیو۔ اَتھ منز چھُ شاہ صاب صاحب اَکھ کوٹ پُوت لوٚن لٲگِتھ امیرانہٕ طریقس منز اژان تہٕ اژٕ وُنے چھُ ژھکھ تہٕ نخوتہٕ سان نوکرس ہُنہ دژنہٕ کران ]

وقت:- صُبح داہ کاہ بجے

[ اَندرِ رِمِس کمرس منز چھُ ریڈیو چلان تہٕ سوت سوت سوزٕرٕچ آواز چھ یِوان ]

شاہ صاحب:- (اژٕ وُنے ژھکھ سان) ووٚنی چھِیا ژٕ یاد پیومُت صفائی کرٕنۍ ژٕ کِہو اوسکھ کران وُنیکھتام ؟

نوکر:- (عارٕ کٔرِتھ ہیوٚ اَچھ بھیپرٕ بھیپرٕ) بہٕ کیاہ کٔرٕن بہتھ اوسُس۔

صُبحہ پیٹھ دوتمُ رِیتھے پاُٹھی۔

شاہ صاب :- آہنوا۔ رِیتھے پاُٹھو آسہٕ کَمھ پھَٹیہِ لزگمُت ۔ اوسکھ کیتہٕ ؟

نوکر :- ( عاجزی سان ) نہ حَضن توہیہ بوزِو ۔ گرُین دِتمُ دانہٕ ۔ تمَن کھرٕ کھرٕ کوٚرُم ۔ ٹانگس کرُم صفائی ۔ اَہَن حضن ہتھ کامہٕ ہے آسان چھُ ۔ میہ کیاہ حساب ہیٚیو توم ۔ تہٕ چھوٚہ بلو ......

شاہ صاب :- ( کَنتھ ژٕ رِٹتھ ژکھ سان لَتھ لایتھ ) کر وور وور نمک حرامہٕ کامہٕ ژوٚرٕ ۔ ..... اُتھو کیاہ چھُ اُکی ہے کتھ تانت کھاران ۔ [ ہچوکران ] گرُین دِتمُ دانہٕ ۔ کھرٕ کھرٕ کوٚرمکھنا ۔ ہہہہ !

نوکر :- ( وَدٕ وِنہٕ ہیٚٹ ) اہَن حضن بیگم صاٗبی پرٕ ژھنو ۔ کوہ کر بانگہ پیٹھ ہے دوتمُ ٹینڈنی پیٹھ ۔ دالہٕ چھمُ ڈوکان پینژ کنو کاُم کرٕی کرٕی ۔

شاہ صاب :- اوہو ! بیگم صاٗبہٕ ہند خانہٕ مول وُچھُن ۔ ڈُمٹس ماچھس رینژی تہٕ گرٕ ھان ۔ آخر کران کہو اوسکھ اَدٕ ۔ موٹر کریو تھا صاف ؟

نوکر :- ہیتہ حضن نمَ ژھینم سہٕ چھلان چھلان ۔

شاہ صاب :- ہیوٚنِس کریو تھا سٔران ؟ ماز کھیاوِیو تھا ؟

نوکر :- نحض سہٕ ہے وُنہٕ شونگرِ تھے اوس ۔ !

شاہ صاب :- اَوٕ بلایہ لگہکھ تھہٕ ۔ ژٕ یہٕ یسی نہٕ کھیو کھیو پننی یَیڈ ۔ تمہٕ پتہ راہ تہٕ کیاہ چھے ۔ گوڈٕ چھکھ اَمہٕ بیگم صاٗبہٕ تہٕ نکھَن کھورمُت ۔ [ نوکر چھُ یوٚہے ہے مُنگہٕ ہیو گرٕ ھان رٔوزِتھ ] گوٚ ووٚنی موتھُن ہیو رٔوزِتھ کرٕو وُلی وُلی ۔ ژٕ یہٕ اُسے ناخبر پرٕ ھمِ ین وُنی کیس ۔

[ نوکر چھُ کامہٕ مُنز لگان ]

نوکر :- [ کأم کران کران چھُس نیبس پوان ] : اخبارٕ حُضن چھُوٕ ووتمُت ۔ مےٚ
نحضن روٗد اُدٕ پیٚٹھ یاد رٕے تۄہیہ دِیُن ۔

شاہ صاب :- روزی نہٕ کینھہٕ یاد ۔ وۄنۍ چھ بُتاہ چھُے نوگمُت ۔ وولا انوٚ کتہٕ چھُے ؟

نوکر :- [ جَل جَل نیبِس کمرس اَژان ] یتکیاہ حُض بہٕ اَنووٕ ۔ [ دوران
دوران چھُ اخبار اَنان تہٕ دِوان شاہ صابس ۔ نوکر چھُ نیبِہ واپس
گژھان تہٕ شاہ صاب چھُ کُرسی پیٚٹھ بِہِتھ اخبار پَران ۔ ہتنا
گژِھتھ چھُ شام لال اَژان ]

شام لال :- [ اَژان اَژان ] سلام حُضن شاہ صاب !

شاہ صاب :- [ اخبار پرنس منز مشغول تہٕ وۄتھِتھ ہش کڈتھ ]
اوہو ۔ شام لال چھُکھ سائے ۔ وُلِو بِہو یِدکی تشریف ۔

شام لال :- [ بِہان بِہان ] وُنی حُض کتھ سیٚتھ چھُوٕ مَس لگاہمتی ؟

شاہ صاب :- دُچھسائی وۄنۍ بیٚیکھ مےٚ بارٕ کھارنہٕ ۔ ہتا یارٕ صُبحہ پیٚٹھ
ووتمُت پژاران پژاران ۔ کُنہٕ تہٕ چھُوٕ نہٕ کانہہ ۔ مےٚ ہیسائے دۄپ وۄنۍ ما
اَوِے نہٕ ظاہراہ ۔

شام لال :- تہٕ کینہہٕ حُض پاٹھو بنہٕ ہے ۔ وعدہ اَسے کورمُت اوس ۔

شاہ صاب :- مےٚ ہیسائے دۄپ خبر بیٚیہٕ ہٕہ معہ کیٚہ جار ۔ تۄہیہ چھُنا آسان نوگمُت
فقط کارٕ کارٕ ۔ وۄنۍ وَن سیٚتو وُسے اَتھا مارِتھ چھُکھ آمُت کینہہٕ نہٕ ؟

شام لال :- ( اَسُن کھنگالہٕ ژٕراوِتھ ) کمہٕ کینھہٕ چھُوٕ کران شاہ صاب ۔ تۄہیہ
چھُوٕ پننہٕ خبراہ ۔ اُچھو ٹینڈ منزٕ ے پُچھہ بڈی رۄہ بیہٕ زینہٕ ۔ سون گوو
بوڈ بڈیم رۄہ بین پنزٕ ہیٚن شیٖٹھن سائن ہے کاما بنے یہ ۔

شاہ صاحب :- اَکھ نیوٚ لٹھا کیاہ با چھُکھ ژٕ. ہیوٚ شام لالہ کیاہتام چھُم ژران
فکرٕ - ژٕ ہا اَنکھ انسانس وُچھان وُچھان اُچھو منٛزٕ سو رمہٕ گژھان.

شام لال :- ہا تُہنٛزے ذٕرے کھوٚٹہٕ چھے کتھہ پیٹھ چھُم تھوٚن. پوٚزٕے وَنوٚ
صُبحے اوٚشس بوٚن اَکس جایہٕ گوٚمُت - اَدٕ روٗپیَن شیٹھن سان
ہیٚنٛد ٹھیکہ نیوو - مگر اَکھ چیز. تتھ کیا حَصَن چھُنہٕ خاص فائیداہ کینٛہہ تہٕ.

شاہ صاحب :- اَہن سائٕ. شوٚپ راو نٕ وونی یہے شب رنگ وَنی وَنی.

شام لال :- وونی ما حَصَن بوزٕ کتھ. اَمہٕ سیتؠ حَصَن پیِی بیاکھ کأم اَتھس منٛز
یتھ منٛز چانٛدی چانٛدی چھےٚ. روپیہٕ ہنٛزٕ جایہٕ داہ روپیہٕ زیننہٕ. تونہٕ
چھےٚ کتھا.

شاہ صاحب :- نبوات چھوٚتی پھیرٕ کیاہ چھےٚ؟

شام لال :- چھوٚتی پھیرٕے چھُ آسان (اُچھو ناٹ کرُتھ) سودا ہیوٚت
بیٚتھ منٛزٕے تہٕ بیٚتھ منٛزٕے ورتوو.

شاہ صاحب :- اَچھا! گوو بلیک مارکیٹ چھُ. تہٕ کوٚ نہٕ چھُکھ مے وَنان. تیلہٕ گوس
بہٕ نیصفس شریک. مگر یہ وَنتم، سہ کأم ییہٕ تیا اَتھس منٛز کُنہٕ نہ؟ چھُ
کمس تام؟

شام لال :- یہے چھا حَصَن بٕچہ کتھ. کرٕ کأنٛسہٕ افسرس سیتؠ اَٹھ. تہٕ کأنٛسہٕ
ہنٛدین رٕٹھن تہٕ چھُنہٕ خبر روزان. اَتھ کیا حَصَن تلٕ بَلٕ تہٕ ژَھلی. ہنٛز
پننٛز کأم اَنٛزرٲوِتھ. پونٛسہ حَصَن خرچُن پونٛسہٕ.

شاہ صاحب :- اَدٕ چھُسہ بہٕ یتھے ژٕ یہ وَنان. ژٕ یہ ہا چھُے نیوٚ لٹھس ژونگ دزان
ژٕ یہ نِش ناکدٕ کانٛہہ وونٹھ [ دوہٕ شوے چھ آسان ] ہے شام لال

خوجہ چھُنہ کُنی۔ ژٕ یہ ماسہ وُچھتھن؟

شام لال:- یا گو تس تہٕ اوس یِن؟

شاہ صاحب:- وُچھ کیاہ چھکھ وَنان۔ تمس ورٕ ئے پیا اَدہ وَزن۔ محفلہ منز
ہیٚ گژھِ سہ ضرور آسُن۔ نتہٕ بنگہ زر گژھِ تہٕ۔ (نوکرس
چھُ آلو دِوان) محمد بابا۔ ۔۔۔۔ محمد یا ۔۔۔۔۔۔

نوکر:- (آلوہ ورٕ ئے چھُ دوران دوران یِوان) شاہ صاحب۔ شاہ صاحب۔

شاہ صاحب:- (پیٹھٕ) کیٛہو زٕہ وَنان کوناہ چھکھ۔ دوٚپیمے ہا ہوٹلس
دِژٕ تھا وُردی؟

نوکر:- اَہن جعن۔ تِمو وٚن سورُے آسہ تیار۔ کینٛہہ پرواے چھُنہٕ (دُکی ژُکی
ہیوٚ) دوٚپیم جعن خوجہ صاحب تہٕ جعن آے۔

شاہ صاحب (خوش گژھان) اَچھا! بَڈہ جان گوو۔ گژھو ژٕ تھوٚو بوتل تیار۔
(نوکر چھُ اندر اژان) (شام لالس کُن) وَنان لگے اوسے
ییٚنہٕ ورٕ ئے روزِ تہٕ۔

(خوجہ چھُ یِوان تہٕ دہاب جوٗ تہٕ چھُس سیتی)

خوجہ صاحب:- (اَندر اَژِتھ) اَسلام علیکم!

شام لال:- سلام جعن۔ سلام جعن۔ خوجہ صاحب۔ تُہۍ کیا جعن چھو وو نی
یوٗت دٔروگ گاٹھتھ؟

شاہ صاحب:- شام لالہ! کوتاہ سیوٚد چھکھ لاگان۔ اَدہ رٔتھ یاٹھی یین
بوزِتہٕ جاگیردار۔ یہ بوزِ نون اَتھ کیٛتھ شیٛچھ۔ نینین یارن باین
باین منز تہٕ چھُ سہ چھُ پرانی ٹینٹھ موجود تھاوان۔

خوجہ صاب :- بوزسہ یہ وَنی اوره کئو۔ یہ ماچھس خبر اڈوتی سپدم موٹر فیل پتہ ہیئیم ٹیکسی منگن ونی۔ نتیجہ تکلیف سپُد۔ بیئیہ روو سوریٔ نُتشہ۔

شاہ صاب :- مطہ داٗری اُسیس گوڈہ۔ نوٗ کاراہ آنی نہ ہے [لہجہ بدلاویتھ] نحصَن تہ یہ ہے نوِہ موٹرہ خاطرہ آرڈر سوزمُت اوسُت [یہ وَنتھ چھُہ ہیوان اخبار پرُن]

خوجہ صاب :- ہائگو دِہ دونی نہو اکیسے کتھ بتہ۔ بوزہ ناوِ کینہہ نوکتھاہ دُنیاہ کوٗت دوت، کیاہ چھُہ سپدان۔

شام لال :- (وہاب جوس کُن اشارہ کرِتھ خوجہ صابس پرژھان) نہ تحصن تھ ہیہ دوٗ نوِہ وہ بتہ ییم کم۔ گوڈہ کرناوو یمن سیتو زانا پہچاناہ۔

خوجہ صاب :- نہ سہ تہ تھ ہیہ چھوِہ نا خبر۔ ییمن ہے دُنیاہ زانہ۔ یہ ہسا چھُ میانی دُپچھن نہ۔ ییمے گئے نا وہاب جو۔ غلطی گژی باپاری۔

شام لال :- اَچھا۔ بوزُم۔ دپ حقن حاجی صاب چھ (شاہ صابس کُن) نحصن تہ اَسہ تہ بوزہ ناوِ کینہہ۔ چھِیے جان یپہن خبراہ۔

شاہ صاب :- (موبائس ہیتو) جان خبر کیاہ ساٗ۔ مُلک سون چھُ خراب سپدمُت کانہہ بچیراہ چھُنہ ڈنجہ۔

وہاب جو :- آخر بنہ کیاہ حقن بتھ؟ یتہ رکتھ پاٹھو حقن کرو برداش نہ سون ملک سپدہ تباہ۔

شاہ صاب :- کرو تہ کیاہ۔ پنتھ کنہ یوٗتاہ پلان چھُ نتیوٗتاہ چھُ اُسی تہ ملکس فائدہ واتناوان۔

خوجہ صاب:- اَہن حضٕ - اُسہ تہٕ نےٚ کرو تہٕ اَدہ کٔشش کرہٕ . مگر مےٚ ونہٕ حضٕ سیاسی
حالات کوٚت وائتی - تِکیازِ ہرگاہ اُسہ کُنہٕ کیٚنہہ زنتہٕ بے خبر رُوٚدی سُہ چھہٕ
ساٚنہ مُلکہٕ خاطرٕ نقصان -
(اُلفس ہٕنز چھےٚ نوکر شرابہٕ بوتل ہیتھ اَژان تہٕ تھوان میزس
پیٹھ سجاوِتھ)
خوجہ صاب:- (پےٚ وُچھتھ خوش گژھان) اَں ! توٚہہ گیٚیہٕ کتھا - اما پوٚز یتھہ سیٚتہٕ
کیاہ حضٕ گوٚژھہ گِلاسن پیٹھ تُلیتھ کھُراہ آسُن -
نوکر:- شاہ صاب ! یہ حضٕ چھُ کینتھٕ کول آمُت -
شاہ صاب:- گژھو دِپسو اَژھہ (نوکر چھُ گژھان)
شام لال:- (بوتل اُلفس کیٚتھ تُلیتھ) وہ لہ حضٕ بےٚ بنہٕ ساقی -
(خوجس کُن پیگ پلوان) دوٚیم حضٕ خوجہ صاب - رادٕ بوزہٕ وہ تھوہٕ
ریڈیو - [ ساری چھہ شراب چیوان تہٕ حرف چھُنہٕ وہاب جوٚہے یوت
پنُن پیگ تُلان ]
خوجہ صاب:- اَدہ چھا سائے سےٚ توتام ہیندر ریوان ، یوت کال نہ بہٕ ریڈیو بوزہٕ - ژہٕ
وُنان کیاہ چھُکھہ - اُتھر اَسہ چھُنا پننہٕ مُلک دود -
شاہ صاب:- اُمس چھا تہٕ خبر (گلاسہٕ اُلفس کیٚتھ ہیتھ) نہ سائے بیا کھیٚیگا ژہٕ اَوو -
کینتھٕ کول:- (اَژان اَژان) سلام حضٕ (شام لالس کُن) نمسکار مہاراہ !
شاہ صاب:- وٚنو کینتھٕ کول - کیتھہٕ پاٹھو چھوہ آمتو ؟
کینتھٕ کول:- یتھے حضٕ - بوزُم زہ توہہ چھوہ نیٚبرہ پیٹھہ برٔ اَزی منگہ ناو ہرش - تمی
مہ کھہ آس -

شاہ صاب :- اَچھا ! اَدٕ وۅنی کیا فِکرِ چھُہ ۔ تُہندی موکھ چھ اُنی مرٛژ ۔ اَکھتے چھُ تتھ سیٹھا بیٚیہ تہٕ وارِیاہ سودا۔

کینٹھہٕ کول :- تیٚلہِ حَقی گرِٕژھ میٚہ گوڈنی شیٚنٛچھ کرٕنی ۔ بیٚیہ اَکھتٕے پر چھہن تہٕ تھوٚوہو کرِتھ.......

شاہ صاب :- رٔکھیس فِکرِ چھُنہٕ ۔ پتھ رُود نہٕ پرخ ۔ خبرے چھے اَسہ تہٕ چھ اَتان بلیک سیٚے ہیٚیٹھ ۔ پوٚنٛژے بوز تہٕ اَسہ چھُ پیٚوان یہ لٕکہٕ نے ہندٕ خاطرٕ کرُن۔

کینٹھہٕ کول :- اَپُز کیاہ چھُہ ( وۅتھان تہٕ ہیوان نیرُن ) اَدٕ حَقی بہٕ چھُس تیٚلہِ پژاران۔

شام لال :- ہیٚے کینٹھہٕ کول گژھی نہٕ ہیوٕ نام بیہہ نہناہ ؟

کینٹھہٕ کول :- ( گُو گنڈِتھ ) مہربٲنی جناب !

وہاب جوٗ :- ( سان سان ) ہیٚے کینٹھہٕ کول ۔ یوٚہے چھکھ گگر ہیٚیو سارِی سیٚے پھیران۔

کینٹھہٕ کول :- وہاب جوا ۔ پرٛیتھ کُنہٕ مجلسہٕ منٛز چھکھ سارِنے برُونٛہہ واتان۔

( سارِی چھ کھنگالاہ ژٕراوان تہٕ کینٹھہٕ کول چھُ نیران )

شام لال :- دۅیُم حَقی شاہ صاب ۔ تُہی چھوٕ کھٹہٕ ہتھے تھوان اَسہ نِش ۔ میٚہ کیٚتہٕ چھے خبر ۔ تمہ کِہ کرِ حَقی چھُوٕ یہ مال اۅنمُت ؟

شاہ صاب :- نہٕ سائرٕ دِکھ نہٕ کانٛسہ کینٛہہ کرُن ۔ یہ ہا چھُم دوٚن ترٛین لچھن کیُر وغارٕ اۅنمُت ۔ بیٚکیاہ خرچہ صابس تہٕ وینیوے ۔ اَدٕ اَمِس چھے نزرانے دران۔

شام لال :- ( وہاب جُوس کُن ) کیاہ حَقی ۔ ژٕ کونہٕ چھکھ چوان ؟

وہاب جوٗ :- ( ریشس بیہہٕ اَتھ ڈالِتھ ) لاحول ولاقوۃ ۔ بہٕ عہارا زانے نہٕ۔

خوجہ صاب :- ہا چینیہ وٲنس داماہ !

وہاب جو :- نحصن تہ . . . . .

شاہ صاب :- اَدٕ کیاہ محفلہِ منز گژھو جانہٕ۔

وہاب جو :- (منزٕ چھہ منزٕ چھہ ہیوٚ آمادہ سٔیدان) خاطرٕ تٔہۍ تہ بُتھۍ نہ ناراضن کرٕنۍ۔

(یہ وٕنتھ چھہٕ چھیوان)

خوجہ صاب :- (شاہ صابس کُن) مگر یہ کہ سہ حَقہ کامے چھہٕ۔ کأم گژھہ سۄہ آسنہ
یِکھٕ ہتھو ہتھی پونسہ بنہٕ (وہاب جوس کُن) کیاہ سأے وہاب جوا ؟

وہاب جو :- او۔ صنوزور۔ بس صرف غلہ کأم۔ لُکھ تہ بچٕراوِنۍ۔ پونسہ ڈٲنک تہ
زیٖنِنۍ تہ قواہیچ کأماہ تہ چھہٕ۔

شاہ صاب :- مگر نیرہ کوتاہ توملہ پھلہو منزٕ۔

خوجہ صاب :- کوتاہ نیرہ ؟ (وہاب جوس کُن اشارہ کرٕتھ) تہ پرٕژھہ حَقہ یِیمس۔

وہاب جو :- یِیم کیاہ حَقہ زانن۔ یِمو چھہٕ پننی خبر۔ کرٕ گرٕس یا بٔبیہ کُنہٕ چیزس
دوہ یہ ترتیبہ روہ بیہ بلیک کرٕن۔ (ریشں معہ چھہ منز وٕٹھتھ) خودانے سارہ
لھوونم ۔ تیلہ مُنی توم وہاب جو بیلہ تہ ڈمہ ڈہ ہتہ کھار لاگہ۔

شام لال :- ہا ییتھ زانہٕ نتھ رتھہ گرٕژھہ مُلک آباد روزُن۔ چیز میسر روزُن تہ لُکن آرام
واتُن۔

وہاب جو :- اَیز کیاہ چھہٕ ؟ اُہز سأنی کأم کیاہ چھہ اَدٕ ؟

خوجہ صاب :- کیھتے یاژہ چھا حَقہ کُنہٕ کھیون تہ چھہٕ کیتھہ۔

شاہ صاب :- (نوکرس آلو دِوان) محمد یا۔ محمدیا ہیو تلا یوری یہ تہ (خوجہ صابس
کُن) میہ حَقہ چھہٕ لھو نومت ہوٹلس پیٹھ انتظام۔ (نوکر تہ چھہٕ اژان)

تتہٕ پیٹھ گژھو اَدہ شالہٕ مارکُن سالاہ کرُن (نوکرس کُن) گژھو ڈرائیورس

ونُن موٹر تیار تھاوُن۔ (نوکر چھُ گژھان)

خواجہ صاحب:۔ اَں۔ توتہٕ گیہ کتھاہ۔ لُطفاہ رٲیٚو پیہٕ۔

شام لال:۔ تُہنٛد تہٕ مینہٕ ہے کار سیٹھاہ چھِ۔

خواجہ صاحب:۔ نہ ساٚ تہٕ وُچھو اَدہ (ساری چھِ نیران۔ پہندہ گژھنہٕ پتہٕ چھُ نوکر

اَژان تہٕ ہیوان شراب بوتل تہٕ گلاس سنبھالُن۔ اوٚنگجہ سیٹھ چھُ گلاسہٕ بھران

تہٕ وُٹھن پیٹھ زیٚرہ پھیران۔ پردہ چھُ پیوان۔)

[’کونگ پوش‘ نومبر ۱۹۵۵ء]

# زُتشی

ناو :- سوم ناتھ ذات : زُتشی

زاسنہٕ :- مئی سنہ ۱۹۲۲ء

رؠہاین :- رگھناتھ مندر سرینگر

سوم ناتھ زُتشی چھ تِمَو کینژَو گوڈنکیو ترقی پسند ادیبو منزٕ یِمَو کٲشرِ منز ترقی پسند تحریک دستاوار کٔر۔ دیان ناتھ نادِم صاب چھ اُہندی دُسی ترقی پسند مُصنّفن ہِنزِ مجلسِ نام وُأتی میتی۔

سوم ناتھ زُتشی اُسی گوڈٕ گوڈٕ اُردوٗ اَس منز کہانی لیکھان۔ پَتہٕ پھیرِ کٲشرِس کُن۔ "یَتیلہٕ گاش پھوٚل" لیکھِت کوٚر یِمَو کٲشرِس منز افسانہٕ لیکھنُک دُسلابہٕ۔ مگر اَمہِ پَتہٕ لیوٚکھ نہٕ یِمَو دوٕ یُو ترٛیٚیو افسانو علاوٕ بییہِ کانٛہہ کٲشُر افسانہٕ۔ زُتشی صابن یہِ کینژھاہ وُچھِکھ تام لیوٚکھ۔ تِمہٕ تلہٕ چھُ پَہند ناو کٲشرِ ڈراما نگارن سیتۍ بیان کرُن زیادٕہ مُناسب باسان۔ زُتشی صابن لیکھ ریڈیو تہٕ سٹیجہ خاطرٕ کینہہ ڈراما یِمن منزٕ "وہتھ ہندی

بٔتھٕ زٕہ" "نوٚو مکانہٕ" "امانت" "پوٚژھ" کینٛہہ چھہٕ "بٔتھ"
چھہٕ یِہُندٕ سُہ ڈراما یُس اِبسن سٕندٕ "دی وائیلڈ ڈکُ"
(The Wild Duck) ترجمہ چھُ۔ یہ چھُ سنہٕ
۱۹۶۲ ہس منٛز ساہتیہ اکادمی ہِندِ طرفہٕ چھاپ سپدیومُت۔
زتشی صاۍبن چھہٕ مرحوم پریم ناتھ پردیسی سٕندی
اُردوٗ افسانہٕ ترتیب دِتی ہٮ۪تھ۔ یہ مجموعہ چھُ "بہتے چراغ" کہ
عنوانہ شایع سپدیومُت۔
سوم ناتھ زتشی چھہٕ وُنی کیس وزیر اعلا جناب غلام محمد
صادق سٕندِس پرائیویٹ آفِسس منٛز انڈر سیکرٹری سٕندِس
پایس منٛز کام کران۔

# اَمانت

آوازٕ

| | | |
|---|---|---|
| رٕحیم شیخ | ـــــ | اکھ جوان موٗزوٗر |
| ساجہ | ـــــ | رٕحیم شیخنٕ زنانہٕ |
| گگہٕ خان | ـــــ | اکِس باپاری سِندِس دُکانس پیٹھ نوکر |
| رٕحتی | ـــــ | گگہٕ خانٕنز زنانہٕ |
| صمدٕ تہٕ ماماہ | ـــــ | رٕحیم شیخنٕ زٕہ نوجوان موٗزوٗر باٚجہ یِم<br>گاڑہ لمان چھ۔ |
| موج | ـــــ | گگہ خانٕنز بیمار موج |
| حاجہٕ | ـــــ | رٕحیم شیخنٕ موصوم کوٗر |

بٚییہ ترٕیہ ژور فالتوٗ آوازٕ

ناشر:- [ دوٗرٕ پیٹھ گاڑہ لمن والین ہنٛز آواز ..... ہیلل ہیلل ..... ( آوازٕ منٛز چھ زور باڈرٕ سپدان ) ہیلل .... ہیلل .... چڑھائے آیۂ ..... ہیلل ...... لاالله ..... ہیلل ...... مردا .... ہیلل ....... ہمتو ....... ہیلل ..... شام دوت ..... ہیلل ..... سمتو ...... ہیلل ..... زیرگو و ....

ہیلل ..... شاباش ..... ہیلل ...... زۄن وڑایہٕ .... ہیلل

..... ہیلل ہیلل ..... ( موٹر چھُ ہارن کران ) گاڑی آیہٕ ....

ہیلل ..... مردا ..... ہیلل .... کھوفرٕ رٔٹھ .... ہیلل ....

اَڑہ کر ..... ہیلل .... زور کر ہیلل ..... دٕرہ کر ہیلل ...

دوہستا ..... ہیلل ..... رات پینہٕ .... ہیلل .... مردا ...

ہیلل .... پٔتی گژھ ..... ہیلل .... شاباش ..... ہیلل

..... ( آواز چھ وارہ وارہ بٔنیہ دۄر گژھان ) ]

صمدٕ :- ٹُلوٗ وُلی وُلی قدم ماما۔ یوٗرہٕ ہا لوگ نہٕ پوٗت ژٔیر — ( وقفہ ) — خبر

اُمِس ٹھیکہ دارس کیاہ چھُ سون کانہہ رٔکیٖل۔

ماہم :- ( طنزیہ ) مۄزدوٗری چھُنا دِوان ؟

صمدٕ :- رتیُمھ وأتی نَس گژِس۔ بے ایمانس۔ تلہٕ کنہٕ چھُ روہ پے دوان۔ مگر کامہ

دوہ چھیہ خبر کوہ ہیو چھُ آسان ........

ماہم :- رٔحیم شیخن رکھو ٹنڈہٕ اوس لوگمت صمدٕ یا ؟

صمدٕ :- تلا ٹُل قدم وُلی وُلی ——— رٔحیم شیخ ہا دٕزاو برٕونٹھ۔ سہ بچارہ ہا اوس

دِل ملوٗل ہیو۔

ماہم :- تلا آلوٗ کڈُس۔ گوڈہ کتہٕ پیہ اَنہٕ گنڈ منز لبنہٕ ؟

صمدٕ :- ( زورہ سان ) رٔحیم شیخا — ہے — شیخا !

[ ہٕنی دوہ پھُن چھُ گژھان ]

صمدٕ :- دٕرہ کھیو کھ ہونیو ! ( وقفہ ) — سہ ہا آسہ گرہ ووتمت ( گنگرا سے

کگان کرہٕ ) سالہٕ ییہ نا بالہٕ یار — سالہٕ ییہ نا بالہ یار — نا نہ تانا ننہٕ ناہیں

..... (وقفہ) ـــــ ماما ـــــ جُمعہ دوہہ گرٛشھکھا بادام وارٕہ؟
اوترٕ اُس پھلےٚ برجستہ لجوٚ مرٛ. دوہ نہٕ گرٛشھ نہٕ موٚکلیٖو.

مامہٕ :- نا. یہ ووٚ نیٚتھے نہٕ. رٕحیم شیٚخن کیاہ جھگرٕ اوس لوگمُت.

صمدٕ :- ہا شیٚخس چھنا زنانہٕ بیٚنہہ ژوٚرٕ. دوہ نہٕ گیوو یوٚرٕ دوہ پٮ۪ٹھ ... تس
مُلاحظہ کرناوہٕ. بس یُتھے حاجہ ٹھیکہ دارن اُس ... ژٕ ... چھ
کمان نہٕ لژن دٕرہہ ڈیکس. دوٚبن. (ٹھیکہ دارن لاگان) ... نفر گوٚت
گوٚو؟ اَسہ یٮ۪لہٕ دوٚپُس نیٚبر تام حُکم دژاو. ریٚشس پھشا پھٹا دِوان
دوٚپُن (لاگیتھ) اوٚرٕ ییٚچ آسہٕ نُس کرٕ مِتۍ. دراصل چھوٚرٕ ... زد کامہٕ
ژوٚر. آخر یٮ۪لہٕ رٕحیم ووت کارخانُس پیٚٹھ. تمۍ دوٚپنُس پوٚزُے بس
نہٕ باشد. اللہ. تمہٕ تمہٕ لیکہٕ پرٕنس بہٕ کیاہ وَنے مامہٕ.

مامہٕ :- رٕحیم شیٚخ ہا چھُ اکھ جہنمی یا. سہٕ چھُ جھگرٕ مُلی ہیوان. تمہٕ دوہہ پیٚچھے نا
خبر. تس کورٕ ہندس پیٚٹھ رلہٕ نائوٚن جیٚچھی. رٕکھو اوس تس ناو؟ اَدٕ باپانے
وُچھُتھ. خوٚنہٕ دائوی گوٚو. زن اوسکھ کٹس کھش ترووِمُت کرٕتھ. مہٕ سیٚتۍ
تہٕ چھُنہٕ سیٚود پکان.

صمدٕ :- ژٕ کیا باچھکھ کمہٕ کتھہ کران ماما. رٕحیم شیٚخ یٮ۪ت جہلی چھُ تیوٚت چھُ
عادی تہٕ. ژٕ یہے چھُ یہ یاد. تمہٕ دوہ یہ کتھ پاٹھو پھٹرٕن کامہٕ دوہ روٚسلینہٕ
خاطرٕ. یٮ۪لہٕ ہا سہٕ گوٚو بیمار. تو نہٕ چھُس بچارس پانس تہٕ ژوٚ نادرس.

مامہٕ :- اَدٕ. تمہٕ سیٚتۍ کیاہ گوٚو؟

صمدٕ :- یہے کتھ چھُ آسان. اَدٕ چھا اُمیہٕ دوٚدس ہی ساری. مگر وُچھ
کیاہ چھُ لاگان. ریٚش کیاہ چھُ رٕگہ وان. باسان چھُ زن چھُ خوٚدائین

سۄہٹھ ہیٚر رُت مۆہنیوٗ کۆرمُت۔

مامہٕ :- صمدٚیا ! ژٕ ہۍ چھکھ کیاہ وَنان۔ حاجی ٹھیکہ دار ہا چھُ نہٕ ناکارٕ۔ سُہ ہا چھُ غریب غرباتن بڑٕ رٚچھان۔

صمد :- تلو ہیا۔ رٚچھان ہا چھُے (وقفہ) وُنی گژھ کھاکاٗلی کیتھ بادم وار؟ . . . .
(گنگراے کران) سالہٕ اَنتن بالہٕ یار ہو ہو ...... سالہٕ اَنتن بالہٕ یار...
ہے ہے ..... سالہٕ اَمتن بالہٕ یار .... ہا ہا .....

مامہٕ :- رۆٹنکھ ژٕ بالہٕ یارَن ــــ اَدٕ بابہٕ ڈراسے۔

صمد :- ادٕ سانٛہ بڑ خدایس حوالہ۔ پگاہ پھکا کامہٕ۔

مامہٕ :- اَہنو ــــ اَکھتُ ییمہٕ سُلی پَھن۔



[ قدمن ہنزٕ آوازٕ سیتی چھُ منظر بدلان ]

جانہٕ :- موجی۔ بہٕ ہے شونگہٕ وۄنی۔

ساجہٕ :- شونگی گژھی۔ ہے ژادرٕ پٹ۔

جانہٕ :- ناسے۔ ژٕ ہیمی تام بیٚنبہٕ۔

ساجہٕ :- بیٚنبس کیاہ ہیمتھ ؟ ژٕ چھکھ شرے وُنہٕ۔ ژٕ ہے چھکھ خدایَن بڑ کرٕ مژ۔

جانہٕ :- (روشہٕ وُن بُتھ کرِتھ) گژھی بہٕ ہے شونگہ نہٕ تیٚلہٕ۔

ساجہٕ :- ادبی تہٕ وۄلہٕ ــــ (وقفہٕ) (کَلہٕ وان لَلہٕ وان) ژٕ ہے گژھی
بائے ہنا آسنہٕ۔

جانہٕ :- آہنی۔ لوکٹ موکٹ۔

ساجہٕ :- ژٕ کیاہ کرِتھ تس ؟

جانہٕ :- بہٕ ہے آسہٕ ہس گندان ۔ تس لاگو سہ رمہٕ ۔ بیہ لاگوس واہ واپلو ۔ سہ
زٔنٛتی بہٕ کو چھ کیتھہ ۔ موجی ۔ سہ کتی اُنون اُسو ؟

ساجہ :- خوداسوز پس پائے ۔

جانہٕ :- کرٕ سوز پس ؟

ساجہ :- جلدٕے ہے ( اُسان اُسان ) رٕتس دِہن رٔتن تام ۔

جانہٕ :- بب اَتہٕ سے ۔ [ بر مُنزٕ ریٚچ آواز ]

ساجہ :- برس ہے گو ڈُھک رہیوٚ ۔ تلٕے ژھعہ پہٕر کر مول ما اوے ؟
[ برِدٕ ریٚچ آواز ] ژہٕ کتہٕ اوسکھ ونیوستام ؟

جانہٕ :- موہنگ اونھامہ کیٚت ؟

رحیم شیخ :- ( ووش ترٲوتھ ) اللہ !

جانہٕ :- ژہٕ ہے دوٚ پتھ موہنگ تہٕ مکایہ لایہ اُنے ( وٕدُن لاگتھ ) موجی ایمو نے
اونمت رہیس ۔

ساجہ :- دپیوے ہے کیاہ تام اُنٛ ۔

رحیم شیخ :- ( ژھعہ پہٕر )

ساجہ :- ژہٕ کیاہ خاٲرے چھیہ ۔ کیتھے چھکھ نہٕ کران ۔ دوہس اوسکھ وارٕے ۔

جانہٕ :- موجی ! دپسی موہنگ اونتھ مہ کیٚت ؟

رحیم شیخ :- ( غوصہ سان ) ژھعہ پہٕر کرکھ نا ے ژہٕ ؟

جانہٕ :- مہٕ دہ موہنگ بہٕ پرٕ سے نہٕ ( تھاپر تراوٕ ریٚچ آواز تہٕ تتھہ سیتی موسیقی
ہنٛز لہر ۔ کورہٕ رہندہٕ وٕد ریٚچ آواز )

رحیم شیخ :- ( ژٕ کھ سان ) ژٕچہ چھکھ ژٕتان ۔ یگاہ کرناوکھ مہٕ ژوٗر یٹ داوہٕ

( ژاس کران ) بہ پَننے گپر گومت ( کنیشن ژہمین چھ بچہ سندہ ودنچ آواز یوان )

ساجہ :۔ تَلے ژھعہ یہ کر۔ وہ وے وُنی ہے اَنی۔ ( وقفہ ) ژہ پیلہ نہ زُو پنن ٹھیک پچھے ترٹھا ژھنتہ ساری سے۔ فاقہ دمو۔ ژہ کرتہ وہ نی دوہن ژوہن دوہمن آرام۔

رحیم شیخ :۔ ( جانس کُن ) وہ وے یوری۔ پگاہ ہے اَنے۔ ژہ مہ آس رز پلہ لاگان۔ ژہ شوُبی نہ یہ۔ کرژھعہ یہ، صُبحاے اَنے موںگ تہ مکایہ لایہ تہ ( زنانہ کُن ) از ہے اُمو حاجو ٹھیکہ دارن مچلہ لوگ۔

ساجہ :۔ کیاہ۔ لڑاے ماکرہتھ۔ مؤزوُرہ گوژھے نہ کوس اَنُن۔

رحیم شیخ :۔ رتھ کڈس۔ مؤزوُری کھیتہ۔ بے ایمان پانژہ زنانہ کرن از تام ساٹی شُرکھتھ اچھن بیہہ۔ رفکہ تارس لیکھ کڈنی کیاہ گیہ۔

ساجہ :۔ ژہ ماوو نہتھس یوره کینژھہ۔

رحیم شیخ :۔ گوڈہ پیژہ مؤزوُرہ ترٹھ ( وقفہ ) بہ چھس دپان بیتہ کانہہ کوم کرہ ہا تس نشہ دمہ ہا نہ کامہ دوہ۔

ساجہ :۔ اَنتس بلاے۔ پننہ زُوہ کھوتہ چھا کینژھہ۔ بیتہ کینژھہ کرتہ۔

رحیم شیخ :۔ تی ووتھم سونچان۔ بہ چھس دپان زہ .....

ساجہ :۔ کیاہ ؟

رحیم شیخ :۔ بہ چھس دپان زہ اسہ چھ دوہے تلان رمضان سوداگرس نشہ برداش۔ کُنہ رتہ ماچھہ آسان تسنزہ ترٹھہ پانژہ رہ پیہ کم۔ بہ ہے پانہ رہ پین دہن ژہن سودا انہ ہا نیبرہ کنہ بینجہ پھالو بچہ زہ۔ لاگھو

ــــ یڈرکیٹ تہ کرِہو اَنہٕ مرٕ۔ تہٕ زٕ تہ گژھ ہہم ھٹیک۔ بییہ اُتی سرِشن تہٕ نچےٚ یم وُہہ گنٕز وُہہ کرہہوٚ سے گذارہ ..... (چھُنا ھٹیک) ؟

ساجہ :۔ اَکھتے وُچھکھ گرٚس منز بہتھ۔ چھکھنا وُچھان کالہٕ بیوٚ ٹھ یہ رمضان سو داگہ وان پگاہ کمائوُن ...... ٹوٚپی ترائوُن تہٕ دستار پرٛووُن۔

رحیم شیخ :۔ نا ے دوٚوٚن۔ خوداہ چھُ سبب گار۔ سون کیاہ کھیون۔ رچایرہ شُرِتہٕ اُسی ہیوٚ۔ دوہٕ نی گوٚ دستارہ گوٚنڈُن۔

جانہٕ :۔ موجی۔ اُسی تہٕ ہے ترٛاوو وان۔

ساجہ :۔ تیلہٕ کرِ ترٛ ھے کتھ۔ اسند کاکس تہٕ پرٛژھ۔

رحیم شیخ :۔ پرٛژھن گیوو پوٗز مگر .....

ساجہ :۔ کیاہ ؟

[ وارہ وارہ سپدان موسیقی شوٗروع یوہ سۄ پوٚتُس سیٹھاہ آرہ بٕرٕ ژِ لئیہ منز تبدیل سپدان۔]

رحیم شیخ :۔ وان ما چھُ ریتھے ترٛاوُن۔ داہ۔ ترٛاہ۔ ژتجی رہ ہیہٕ گژھن تتھ سع تہٕ تہٕ آسنہٕ۔

ساجہ :۔ رہیون زٕ تے لگی شُرِتہٕ چھے حاضر مگر ......

جانہٕ :۔ دِسی رتمہ رہ ہیہٕ۔ ییمہٕ ہے تمہٕ دوہ ہہٕ مہ ہاوِتھ۔ دوٚپ تھم ژہٕ کروے کھاندر۔ [ موسیقی ہیوان برٛنی ]

ساجہ :۔ ژہٕ ہے چھےٚ شایدٕ یمن کرٛن تام رہ ہین کنُ نظر۔ یتہٕ کھاندر کوٚرم تتہٕ وونم پوشرہٕ پوشہ سوبران۔ کمہٕ خاطرٕ ( وَدُن ہیوان )

جانہٕ :۔ مے ودٕ۔ دِسی رتمہ رہ ہیہٕ۔

ساجہ :- کمہِ خاطرٕ ؟ مے دوپ زِ شُرٕ کوٹ ئے بنہٕ تسُنٕ لگہٕ۔ پرُس کوتاہ خوش

اوسکھ ییلہٕ دوپ ھتمُ ژٕ ہے چھکھ گاٹج۔ پوٚنسس چھکھ قدر کران

طماہ چھےٚ بنہٕ تھوٚومُت کُنیکُ تہٕ۔ ییلہٕ مے ہاوِمے ۵۵ ( پانژٕہ وُن زاہ)

رۄپیہٕ سمے مُرژہ۔ دوہُٹ گُڈٕ ٹھ تہٕ نالہٕ مٕتہٕ رٹُھکھس۔ ۔ ۔ ۔

جانہٕ :- دِسی۔ پٔتہٕ ہے کرِو کھاندر۔

رحیم شیخ :- تہٕ چھُس بہٕ بہٕ دِیان۔ بہٕ زِن چھُس دِیان تِمہٕ رۄپیہٕ دِتہٕ ژٕ وُنی کہس

سودا روزہٕ وانُس منز۔ پوٚنسہٕ ماگٔیہٕ کُنُ۔ ژٕ بوز تہٕ یہ رقم روزہٕ مےٚ نش

چون امانت۔

ساجہ :- مِیانہٕ چھا یِمہٕ رۄپیہٕ نہٕ —— ژٕ ہے چھُکھ دِژ مرژہٕ دیلہٕ دیلہٕ، گرا

دونہٕ، گرا ژونہٕ، مے ھاوِہ سونٕبرہٕ تھ۔ زِ خبر چھا ہُلُن چھےٚ ڈلُن چھےٚ۔ وونی

سوچ تہٕ پانے جان کیاہ گژھہِ۔ بہٕ کیاہ زانہٕ —— مگر دبٔییہٕ ہوان

وٕدُن)

رحیم شیخ :- ژٕ مہٕ وٕد۔ ژٕ کیازِ ہیوٚتھُکھ غم۔ دوٚپمے یی زِ یہ روز چون امانت

مےٚ نشہٕ۔

جانہٕ :- بُبا۔ وانُس پیٚھُٹ ہاکنوٚ مونگ تہٕ مکایہٕ لایہٕ۔ چائے نہٕ نوٚن تہٕ — بٔیِیہ

واریاہ بہٕ چیز — ژٕ چھےٚ وٕری تہٕ — گلشنہٕ تہٕ زا سعہ رمہٕ نہٕ — رتیے موجی

اَسہٕ سوزِنا خدا احباب لہ کرِٹ بأے ہَن — تَس لاگُو سعہ رمہٕ — واہ

واہ سعہ رمہٕ۔

[ آرہٕ برٕژ موسیقی گژھہِ بازرہٕ کس شورس

منز تبدیل۔ موسیقی ہندہٕ ذٔریہ یہ ییہ ہاونہٕ زِ منژہ

چھ کینہہ دوہ گُذران - بازرِ کس شورس پیٹھ

سَیدن بوزنہِ جُملہ غائب ]

پھیرِ وول :- سوٗرمہ ہا - سوٗرمہ ہا - کنگنہِ ہا - بنگرِ ہا - صابن ہا - ( یہِ آواز روزِ دوٗرہ پیوان )

جانہِ :- بَبا - زا سوٗرمہ ہا کنَن - دِسوٗ آلو .

رحیم شیخ :- یہِ ہے دِیہ دژوگ -

جانہِ :- دژوگ ہا دژوگ ؟ نازا سوٗرمہ ہیوٚ - ماجے وژ نمُت چھُے -

رحیم شیخ :- میہ چھُ کھسُن مہاراج گنج - تتی ہیٚن ہیم چیز سُروٚگی .

جانہِ :- سروٚگی یا سروٚگی ؟ ناہیوٚ منگرہ - لوہ کچھ لوہ کچھ ( پھیرِ والی سنز آواز ختم گژھان )

رحیم شیخ :- کیھُے لاجبھ کرنچھ - ژہ یہ گوژھے مُلکُ مال آسُن روہ ہیٚن پنژاہن تکیازِ بَب ہے وان ہیوٚ ھُمُت چھُے - دوٚ پے ہے سورُے ہے انو - وُنہِ گوم نز بچھ نہِ وارہ وان ہہان - سورُے کیاہ زو واتہِ وانس منز - ون سائے کوریا ؟ وُنہِ چھُ وان خالی - ناس نہِ گُنہِ - تموک کیہَ - چاے کیہَ - زا سوٗرمہ نہِ انُن — یوان گژھن گگہِ خان - تس سیتی گژھو مہاراج گنج سورُے سودا انوُ تورسے .

( قدمن ہنز آواز )

گگہ خان :- اسلام علیکم شیخا !

رحیم شیخ :- وعلیکم — ہے بہ پیارہ نوٚ تھس یوٚرہ پیٹھ - وُنی کیس نہِ او سئے پژاران .

گگہٕ خان :- ہا خریدارو روٗہس وُنیکھ تام والنِسے پیوٚڑ۔

رٔحیم شیخ :- اَدٕ ساےٚ ووٚنی بنَن ناریم چیز کِنٕز اورٕے اَنہٕ کُنہٕ جایہِ۔

گگہٕ خان :- ہا نسأے۔ آبکھ پاٹھو مگر دوہ کھنڈ کرٕتہٕ صَبرٕ۔ تمہٕ دوہہ آکھ بٕ ما

زانہٕ ہیمتھ۔ یمیتھ چیز نیتھ رعایت کرہ نووٚسے نا۔ ووٚنی چھس بٕ دٔپان

ییَتھ وُچھ ہو بازرس ماگرٕ چھی نرمی ہش۔

# راہیؔ

ارمانٕچ رتیہہ شوقچ پھُلیاہ یِی رٕژھراوان راہیؔ آو
اُتھی یتھ ییرِس دِل گَوو پھلوا بُروٗنہہ یسی حاٙفظ چھاٙوتھ گوٗ

سانہِ جدید شاعری ہِندی تاج دار عبدالرحمٰن راہیؔ چھِ
مئی ۱۹۲۵ سنہٕ عیسوی یَس منٛز مہاراج گنٛج وازہٕ پوٗرہ سرینگرہ ژھِنہٕ
پیمِتی۔ "نورِ روزِ صبا" چھُ یِہنٛزٕ شاعری ہُند گوڈنیُک دلکش
مجموعہ۔ اَتھ پیٹھ چھُ یِمن ساہتیہ اکادمی ہُند ایوارڈ تہٕ حاصل
سپدیوٗمُت۔

راہیؔ صاحب چھِ ایم، اے انگریزی تہٕ ایم، اے
فارسی۔ وُنیکیُن تام بدلاوِی یِمَو زٕ ترٛیہہ پیشہ۔ گوڈٕ آسی
پبلک ورکس محکمس منٛز کلرک۔ اَتہٕ پیٹھ واتی "خدمت" کِس
ادارٕی تحریرس منٛز۔ ایم، اے فارسی کرنہٕ پتہٕ لٔگی امر سنگھ
کالجس منٛز پروفیسر۔ وُنی کیس چھِ جموں و کشمیر یونیورسٹی ہِندِس
فارسی شعبس منٛز اُتھی پایس پیٹھ کاٗم کران۔

راہیؔ صاٖبن یِہ کینٛژھاہ نثر ازتام لیوٗکھ تہٕ چھُ
دارِیاہ کم۔ تہٕ اَمہ پیٹھٕ یِہ چھاپ سپُد تہٕ چھُ اَمہ کھوتہٕ تہٕ کم۔

مختلف کوٚنگ پوشن منز چھ پھنہٕ کینہہ لوکٕٹۍ لوکٕٹۍ مضموٗن نظرِ گژھان۔ یِم کینژٕن روسی مُقامَن مثلَن تاجکستان ازبکستان، قزاقستان بیترِ جایَن سٟتۍ چھِ زان پہچان کرِ ناوان۔ اَمہِ علاوہ چھُ یِمو "ییلہِ سُہ لٕکٕنۍ اوس" (میکسم گورکی سٕندِ اَکہِ افسانُک ترجمہٕ) "مےٚ کیاہ سٲئنچھےٚ عٲئب" (اَکھ خاکہ) "مارکسی ادبی تنقید کیاہ چھُ؟" (اَکھ مضموٗن) بیترِ لیٚوکھمُت۔ تنقیدَس سٟتۍ چھُ یِمَن زیادٕ دِلچسپی۔ پَتِمین کینژٕن وَرِین منز لیکھی یِمَو کینہہ تنقیدی مضموٗن یِمو منزٕ سیٹھاہ کم چھاپ سپدییہ۔

مارکسی ادبی تنقید کیاہ چھُ؟ چھُ مئی ۱۹۵۲ ہس "کوٚنگ پوشس" منز چھپیومُت۔ ییتین چھہ اُسی یہ ہے مضموٗن پیش کران۔

رحمان راہی

# مارکسی ادبی تنقید کیاہ چھُ؟

اَز کل چھ تقریبن پرٛیتھ ادبی مجلسہِ منز یتھ سوالس پیٹھ پرٛژھ گاٗر یوان کرنہٕ زِ - اما مارکسی ادبی تنقید کیاہ گوٚو - باقی تمام سوالن ہندی پاٹھۍ چھ اَتھ سوالس مُتعلِق تہِ تنٛژھ اورٕ چھ یورٕ چھ رایہِ وَننہِ یوان زِ انسان چھُ حیٲران سپدان - شہ اَکھ انسان یُس کم بٔہن زانن وول آسہِ چھُ نہٕ کُنہِ یہِ فٲصلہِ ہیکان کرِتھ زِ اما کمیُ سنٛزٕ رائے مانٕنہٕ تہٕ کمیُ سنٛزٕ مانٕنہٕ نہٕ - کینژن لوٗکن چھ یہ غلط فہمی زِ مارکسی ادبی تنقید چھ کہہ وَچھ پیٹھ ہیکہِ اَکھ مارکسی ادیبی پوٗرٕ وُنتھ - یا یہِ زِ مارکسی تنقیدکہِ اُصوٗلہ مُطابِق چھُ نہٕ کانٛہہ غٲر مارکسی لیکھن وول ادیب مانٕنہٕ یوان - چنانچہ اَمہِ غلط فہمی رٕنٛز چھ ییٚم لُکھ پرٛیتھ تحقہ خیالس تہٕ تحقہ رایہِ وُچھنہٕ گارنہٕ ورائیی برخلٲفی کران - یتھٕ زَن مارکسس تہٕ تمہٕ سنٛدِس نظریَس سیٚتھ کانٛہہ تعلق چھُ آسان - بیاکھ اَکھ چھیٚوکھ چھ تِمن لیکھن والین تہٕ نقادَن ہنٛزٕ ییٚم زَن ظٲہرا پاٹھۍ چھ مارکس سنٛدۍ حٲمی باسان - مگر پننیو کتھو تہٕ پننہِ لیکھنہٕ کنہِ چھ مارکس اِزمس تیتھ پاٹھۍ اَدل بدل کران ییتھ پاٹھۍ نہٕ کانٛہہ دُشمن تہٕ ہاوِتھ باوِتھ کرِ - ییٚم لوٗکھ چھ "ادب برائے زندگی" تہٕ "انقلابی ادب" ہِیٚو پرٛژھے ہشہ کینٛہہ وُچھرٕ تہٕ ساننہِ مَرٕزہ کتھ سوچنہٕ ورٲے تیتھ پاٹھۍ اورٕ یور استعمال کران زِ سیٚزٕ کتھن چھُ کھُر یوان -

سأنی کنہٕ چھ ییمہ دوٚشوٕے جماعژ ہنٛز وتہٕ پچھان ۔ اکھ جماعت اگر زن سوچنۍ سمجھنہٕ ورأے مارکسزمس تہٕ تمس متعلق پرٛٲنہٕ کینژہ برخلافی کرِتھ پننہٕ جہالتک تہٕ گمرٲہی ہنٛد ثبوت دوان ۔ بیاکھ جماعت چھ بے عقل یارہ سنٛدی پٲٹھی دٔنیہس پننہٕ کم علمی ہنٛد ڈوک ہاوان ۔ دراصل یِم تام اسہِ بروٚنٛہہ کنہِ یِمے زٕ دٔنیہ روزن، تِم تام ہیکو نہٕ اسہِ اصلس واتتھ ۔ لہٰذا چھ یہ کینژہ ضروٗری زِ اسہِ تھاوو ییمن دوٚشونی جماعژن ہنٛزہ بنیٲدی غلطیہٕ پانس بروٚنٛہہ کنہِ تہٕ پننہٕ خاطرہ کڈو اکھ سیٚز تہٕ پٔز وَتھ ۔ تہٕ اورہ یور تھکیہٕ دِنہٕ ورأے ہیمو ٹھیک پٲٹھی مارکس ازمس سام تہٕ تمہ پتہٕ کرِو یتھ سوالس جواب دِنچ کوشش زِ آیا مارکسی ادبی تنقید کینژہ پیچیرس چھا ناو ۔

مارکسن ہنٛزہ کتابہٕ پرِتھ چھ یہ کینژہ پوٚرہ پٲٹھی فکرہ ترٛان زِ مارکس ازمک اصلی مقصد چھ اقتصٲدی تہٕ تمدنی حالاتن ہنٛد تہٕ بٔنیہ تمہ کین نتیجن ہنٛدہ پٲدہ گژھنک تہٕ بروٚنٛہہ کُن بڑہنک حال ویژھ ناوُن، مگر یہ مقصد چھ تیوت بوٚڈ تہٕ سعہ رہ وُن زِ اتھ منٛز چھ تمام کائناتچ تہٕ زندگی ہنٛز تقریبن سارے کینژہ شامل سپدان ۔ اوٚہ موکھ چھ مارکسن تہٕ ژٕڑٕ وِنی پٲٹھی ادبس متعلق تہٕ پنُن خاص نظریہ پیش کوٚرمت ۔

مارکسن اوس یہ کینژہ مانان زِ مادہ (MATTER) چھ گوڈنی پٲدہ سپدیومُت ۔ دراصل اوس تمہٕ سُند فلسفہ اکھ تٲریخی ردِ عمل ۔ تتھ خیٲلی تہٕ ماورأیی نظرایہ برخلاف یُتھ زن ژوٚہرے خیٲلیت چھ وَنان ۔ تہٕ یہ سہ اُنٛیس ہیمٕہ جرمن کس موشوٗر فلسفہ دان ہیگل سنٛز جدلیٲتی خیالاتچ شکلہ منٛز ننٛو دژ ایہ ۔ یہ چھ پوز زِ امہ فلسفچ شکلہ آسہ مختلف دہمائن منٛز مختلف ۔ مگر توتہٕ اوس ییمن سارنی منٛز اکھ ہیشر

سۄ گوٚو یی زِ پٲنٛژھ صوٚرژ اوس یَتھ خیالس پیٹھ زور دِوان زِ شعوٗر، اَدٕ سۄ انسانہٕ سُند اسُن یا انسانہٕ برٛونٛہہ کُنہ تہٕ کانٛسہ نشہٕ ہستی ہُندس چھُ اصلی تہٕ بُنیادی حقیقت۔ دوٚیِم یہِ زِ مادہ ( اگر برٛونٛہہ پانٛژھ تِمیک کانٛہہ بیرُونی وجود چھُ ) چھُ دوٚیِم تہٕ وۄسہ درجہٕ تھاوان۔

اَمہ برخلاف ووٚن مارکسن زِ خیالاتن ہنٛزہ یِمہٕ ساریہٕ شکلہ چھہ غلط تہٕ بیٚیِس وَنہٕ نشہٕ ڈٲلوٕ تہٕ۔ اَمہ سیٚنہٕ کوٚرُن اکھ سۄ ٹھوس نظریہ پیش یتھ زِن "جدلی مادیت" وَنان چھہ۔ اَمہ نظریہ کِنہ چھینہٕ اصلی تہٕ بُنیادی حقیقت شعوٗر۔ بلکہ چھُ مادہ۔ مارکسن وۄنٛہ ناوٕ یہِ کتھ زِ شعوٗر چھُ مادس تابع۔ بیلہٕ مادہ چھُ بدلان تہٕ تیلی چھُ شعوٗر تہٕ پانے بدلان۔ مادہ چھُ ترقی کران تہٕ شعوٗر تہٕ چھُ ترقی کران۔ دوٚیِمین لفظن منٛز ہیکوٚ اَسہٕ یہِ خیال یتھ پٲٹھۍ وَننِتھ زِ انسانس یِیِمہ کِنہ بیرونٛک شعوٗر دِوان چھُ۔ سۄ چھُ دراصل خارجی تہٕ مادی حقیقت آسان۔ تہٕ زَن گوٚ یہِ زِ اِنسان سُند خیال چھہ اکہِ قسمُک عکس آسان تمہٕ خارجی تہٕ مادی حقیقتُک یتھ منٛز سۄ ووہ تھان بہہان چھُ۔ یٔتھ اصلی بُنیاد ییٚہے خارجی حقیقت آسان۔ یوسہ زَن پانے چھِ قائم تہٕ تہٕ پانے چھِ حرکتھ تہٕ کران۔ توٚہہ پَتہٕ گژھہ نہٕ اَمہ نشہٕ یہِ مطلب کڈُن زِ۔ ساری خیالات چھہ آسان خارجی حقیقتُک پوٚز عکس۔ اَمہ تلہٕ چھُ مطلب فقط یُتُے زِ یہِ پزر تہٕ اصل خیال ہیکوٚ تمہٕ نے یوت وَننِتھ، یِم اَمہ خارجی حقیقتہٕ کِہ وچھ پیٹھ پوٚرہ وُتران۔

پیٹھِمیو پیٚٹھو کینٛژو سطرو سیٚتۍ آسہ یہِ کتھ صاف سپٕزمٕژ زِ، جذبہ، کیفیت، احساس تہٕ خیال وغارہ چھہ دراصل تِمو تبدیلیو نشہٕ پٲدٕ سپدان یِمہٕ ہر وِزِ خارجی حقیقتس منٛز سپدان چھِ۔ چونکہ ادب تہٕ چھُ یِمہٕ نے جذبن کیفیتن

اِحساسن تہٕ خیالن ہُند صحیح اظہارُک ناو۔ لہٰذا چھُ اَمہِ ساری بحثہٕ تلہٕ یہِ مطلب
نیران زِ ادب چھُ اصلی خارجی حقیقتہٕ نِشہِ بأدٕ گمژہ زندگی ہُند وِبژھ ناو۔

پیٚٹھ کنہِ کرٕہو اَسہِ داریاہن جاین لفظ "اصل" تہٕ "بُنیادی" پھیرِ
پھیرِ استعمال۔ وضاحت چھُ یتھہِ کتھہِ منز ضرورتھ باسان زِ اَسی کرو یم لفظ پھیرِ
پھیرِ استعمال کرنک وجہ بیان۔ عام لوکن ہُند خیال چھُ زِ مارکسس چھُ تمہٕ ونکہِ پرٕتھ
کنہِ اظہارُک وجہ اقتصادی تحریکن منز ژھاران۔ یا یہِ زِ مارکسس چھُ فن کأری ہندین
سارِنی کارنامن، اقتصادی ضرورژن تہٕ اقتصادی تحریکن ہُند عکس زانان۔ یہِ چھُ
اَکھ زبردست تہٕ بیٚٹھ پوٚٹھ غلطی یُس سۆ مارکس اِزمس نِشہِ پوٚرہٕ بےخبری ہُند نتیجہ چھُ۔
مارکسن کوٚر نہٕ زانہہ تہٕ یہِ دعوا زِ مذہب، فلسفہٕ یا ادب چھُ پرٕتھ حالس
منز اقتصادی سببن تہٕ ضرورژن ہُند براہِ راست تہٕ شعوری نتیجہ یا تمن سیٚتی ژلیتھ
آسان۔ تمہِ یہِ ووٚن سُہ چھُ فقط یُتی زِ مأدی سبب تہٕ ضرورتہٕ چھِ سانین سماجی
سیاسی، علمی تہٕ باقی شوٚبن پیٚٹھ بوٚڈ بارہٕ اثر تراوان۔ مارکسس سُند ہم خیال
اینگلز چھُ پتہٕ اکس یارس (جے بلاکس) اَکِس چِٹھہِ منز مارکس اِزمس مُتلق
یِژھہِ ہش غلط فہمی دوٗر کران یمہ زن پیٚٹھ کنہِ بیان آیہ کرنہٕ۔ سُہ چھُ لیکھان
زِ "تأریخکہِ مأدی نظریہٕ موجوب یُس عنصر تأریخک نۆم رٕٹنس منز زیادہ حصہ
نوان چھُ۔ سُہ چھُ بُنیادی لحاظہٕ مأدی زندگی منز پأداوار تہٕ نوٚو سرٕ پأداوارُک سلسلہٕ
اَمہِ زیادہ کوٚر نہٕ مارکسن زاہ تہٕ دعوا۔ نہ کوٚر میہٕ۔ لہٰذا اگر کانہہ شخص چھُ اَتھ
اوٚرُک یور کٔرِتھ یہِ دعوا کران زِ اقتصادی عُنصرے یوت چھُ تأریخس حرکت دِنہٕ
وول واحد تہٕ آخری۔ تیٚلہِ چھُ سُہ اصل دعوہس اَکھ بیٚیہِ مطلبہٕ تہٕ غلط رنگس منز
پیش کران۔ یہِ چھُ پوز زِ اقتصادی حالت چھِ بُنیادی کُن۔ مگر کُنس پیٚٹھ چھُ

باقے عمارتھ تہٕ ووٗدنی آسان۔ مثلن طبقاتی جدوجہدٕچ سیاسی صوٗرژ۔ امہِ جدوجہدُک نتیجہ۔ اتھ منز زینن والہِ طبقُک بناوہٕمتۍ قونوٗن تہٕ دستوٗر۔ بێیہِ تِم اثرات ییم بێین طبقن ہندین دِماغن پیٹھ پیوان چھِ۔ یعنی سیاسی قونوٗنی، تہٕ فلسفی نظریہ، مذہبی خیال تہٕ تِمن ہُند ترقی کرِتھ الگ الگ مدرسہ بنُن۔ ییم سارۍ عنصر چھِ اکھ اکس سیٹھا رٕلِتھ میلِتھ تاریخ بناونس منز حصہ نوان"۔

پیٹھ کنہِ کہ امہِ اقتباسہ سیٹھا چھُ یہِ کتھ ویژھ ناونہٕ یِوان زِ مارکس چھُنہٕ تاریخ کِس بناونس تہٕ برونٛہہ کُن پکہٕ ناونس منز دِماغی طاقتن کم ضروٗری زانان۔ سُہ چھُنہٕ فقط یُتے یوت وَنِتھ ژھھو یہِ کران زِ زندگی چھِ شعورس مُعین کران تہٕ بێیہِ طرفہٕ چھُ آسان شعور تہٕ خارجی حقیقتس پیٹھ پنُن اثر تراوان۔ بێین لفظن منز گوو امیُک مطلب یہِ زِ اگرچہ انسانی جذبہ، کیفیتہ، احساس خیال، ارادہ تہٕ اعمال چھِ خارجی حقیقتکۍ پاداوار آسان مگر ییم جذبہ، کیفیتہ، احساس خیال، ارادہ، تہٕ اعمال تہٕ چھِ اتھ خارجی حقیقتس نوین وَتن پیٹھ پکہ ناونس منز حصہ نوان، شعور چھُ خارجی حقیقتہ نِشہ پادہ سپدِتھ اتھ خارجی حقیقتس پننہِ مرضی موٗجوٗب بدلاوُن یژھان۔ چونکہ شعورُک اظہار چھُ سارِوے کھوتہ جان پاٹھۍ ادبس منز سپدان۔ لہٰذا ہیکَو اسۍ وَنِتھ زِ ادب چھُ نہٕ خارجی حقیقتہ نِشہ پادہ سپدِتھ انسانی زندگی ہُند فقط تفسیرے یوت بلکہ جان تہٕ ناکارہ یژرن ووَل تہٕ بێیہِ انسانی زندگی ہُند دَرسل تہٕ۔

ادبی تحریک چھِ سوٗیمہ کِس کاشُس منز اکھ مارکسی نقاد چھُ ادبی تخلیق پران تہٕ بێین فکرہ تاران۔ سُہ چھُ اتھ تاریخس پننہِ تنقیدٕچ بنیاد بناوِتھ پژھِتھ کُنہِ ادبی کارنامچ قدر تہٕ قیمت مُقرر کران۔

عام نقاد ییٚلہِ تنقیٖد کرنہٕ چھِ یِوان، تِمَن بروٚنہہ کنہٕ چھُنہٕ اَمہٕ قسمٕچ
کانٛہہ کٔہہ وٕٹھ آسان۔ تِم چھِ اَکِس ادیٖبہٕ سٕنزن تخلیقن غار انسانی تہٕ الہامی
کارنامہٕ زانان۔ لہٰذا چھُ تِہنٛد تنقیٖد فقط یتھ کتھہِ تام محدوٗد روزان زِ ادیٖبن
یِہ کینٛہہ شاہ وونمُت چھُ سُہ گژھہ وہرٕ ناونہٕ یُن۔ بییٚن فِکرہ تارنہٕ یِن یا اگر حد
سٮ۪ٹھاہ تہٕ تیٚلہِ گژھہ کنہٕ محاورٕچ، آرٕچ یا کُنہٕ واعِچ غلطی کڈنہٕ یِژ۔ اَتھ برعکس
ییٚلہِ کانٛہہ مارکسی نقاد چھُ کُنہٕ ادبی شہہ پارُک مطالعہ کرِتھ تتھ پیٹھ تنقیٖد کران
تِمہٕ سٕنزِ نظر چھُ سیٹھاہ بوڈ سرٕنی آسان۔ تِمس چھُنہٕ اُدیٖبہٕ سٕندہ ادبٕچ تشریح
تہٕ وہرٕ ناونہٕ کرنہٕ سیتی پوٗرٕ تسلی یِوان بلکہِ چھُ سُہ سیٹھاہ برونٹھ نیرِتھ یِہ
کتھ معلوم کرنٕچ کوشش کران زِ اما تِمہٕ کمہ خارجی حقیقتہٕ آسہٕ تہٕ تِم کم
دیہاتی طاقت اَسہِ یِمَن منٛز اَمہٕ ادیٖبن اُچھ مُنزرہ تہٕ پرورش لبِہ۔ بییہ یِمو
پتہٕ تِمہٕ سٕنزِ شخصیت تہٕ تِمہٕ سُند ادب پاد کوٚر۔ مارکسی نقاد چھُ یِہ کتھ تہٕ معلوم
کران زِ آیا ادیٖبن یِمَن خیالن تہٕ تاثرن ہنٛد اظہار پننِس شہہ پارس منٛز کوٚرمُت
چھُ۔ تِمَن رُژِ ثراے کیا زِ چھِ کُنہٕ خاص طرفس کُن یا یِہ کتھ زِ ادیٖب کیا زِ چھُ
پننیو تخلیقو ذٔریہ پننہِ زندگی تہٕ خارجی حقیقتن کُنہٕ خاص وَتہٕ کُن لاگنٕچ کوشش
کران۔

مارکسی نقاد چھُ یِہ کتھ پوٗرٕ پاٹھی زانان زِ ادیٖب سُند ادب چھُ تِمہٕ
جدوجہدُک نتیجہ آسان یوسہٕ زن سُہ پننہِ سماج بدلاونہٕ خاطرٕ چھُ آسان کران۔ لہٰذا
چھِ مارکسی نقاد ادیٖب سٕنزن ادبی تخلیقن منٛز تِم عنصر لبنٕچ کوشش کران۔ یِمو
سیتی یِہ کتھ سپدِ معلوم زِ آیا سماجکِس کتھ طبقس سیتی چھُ پانہٕ ادیٖبس واٹھ
تہٕ تِمہٕ سٕنز ہمدردی کتھ طبقس سیتی چھِ۔ بیاکھ کتھ چھِ یِہ زِ مارکسی نقادس چھِ

یہ خبر آسان زہ طبقن ہنز فطرت چھ بدلہ وٕنی۔ سہ چھ زانان زہ طبقہ چھ پٲدہ
سپدان، بڑان، بوڑھان تہ کمالس واتتھ زوالس کُن لمان۔ نوٚو عُنصر چھ پٲدہ
سپدان تہ تمن تہ پرانین عنصرن ہنز چھ کشمکش شوروع سپدان تہ تمن تہ پراین
عنصرن منز چھ کشمکش شوروع سپدان۔ پرانی طبقہ چھ ہاران تہ ختم گژھان۔ نوٚو
طبقہ چھ زیٖنان تہ برونہہ کُن پکان۔ طبقن ہنز یہ بدلہ وٕنی فطرت مدنظر تھاوِتھ
چھ اکھ مارکسی نقاد یہ کتھ تہ پرکھاوان زہ آیا ادیب چھا ختم گژھن وٲلس
طبقس حمایت کران کنہ سہ چھ آیندہ کامیاب سپدن وٲلس طبقس ہمدردی کران۔
یعنی اکھ مارکسی نقاد چھ رجعت پسند تہ ترقی پرور ادبس منز فرق کٔرتھ ادبچ
افادیت تہ غٲر افادیت مُقرر کران۔

مارکسی تنقیدکہ امہ خاص طریقہ کہ وجہہ کنہ چھ اکھ بڈ غلط فہمی پٲدہ
سپزمژ یمہ سہ دور کرنی سیٹھاہ ضروری تہ لازمی چھ۔ عام طور چھ یوان
خیال کرنہ زہ مارکسی نقاد چھ پرانس تہ نوس سارےسے ادبی سرمایس انقلابی
تہ غٲر انقلابی یا پرولتاری تہ بورژوا دون بیون بیون حصن منز باگران۔ یعنی
سہ چھ یہ وچھ کنہ ادبی شہہ پارچ قدر صرف یمہ اصولہ مطابق مُقرر کران
زہ اگر امہ منز انقلابی نہج چھ تہ تیلہ چھ یہ قدر کرنس لایق تہ اگر یہ کتھ
چھنس نہ تیلہ چھ نہ یہ پرنس لایق۔ بلکہ چھ اکھ بے فایدہ چیز مگر یوتامت
مارکسی تنقیدکہ نظریک توتھ چھ۔ یہ خیال چھ سراسر غلط، بے بنیاد تہ اصل ووتہ
رنشہ ڈالہ ووٚن۔ مارکسی نقاد چھ کاٚنسہ ادیبس انقلابی آسنک مطالعہ کرنہ برونہہ
تمن سارنے تاریخی حالاتن تہ واقاتن پوٚرہ پاٹھو سام ہیوان یمن منز روزتھ
تہ یمہ ہند اثر قبول کٔرتھ تمو ادیبن کانہہ ادبی کارنامہ چھ آسان پوٚرہ کورمُت

سُہ چھُہ یہِ کتھ پٔزرٕ پاٹھۍ پرکھاوان زِ کانٛہہ ادبی کارنامہ ہیٚکن تٲریخی حالاتن تہٕ واقاتن ہُنٛد پٲداوار ٲسِتھ تِم تٲریخی حالات تہٕ واقات آسن پانہٕ تہٕ کُنہِ انقلٲبی نٔوۍ ہٕنٛد تقاضہٕ کران رٔزِتھ۔ اکھ حقیقی مارکسی نقاد دیہ یہِ وِشتھ زاہ تہٕ محمود گامیس تہٕ رسُل میرس ناقٲبلِ قرار زِ تہندس ادبس منٛز چھِنہٕ آزاد سوٚچنٕچ ہش آزاد خیٲلی تہٕ عٲرفہٕ سوٚچنٕچ ہش زندگی موجوٗد۔ وۄنی گژھ اگر آزاد تہٕ عٲرفہٕ سندین ہیٚوین تٲریخی حالاتن تہٕ ماحولس منٛز رُوزِتھ کانٛہہ ادیب پرانہٕ زمانہٕ کس خیٲلی فلسفس منٛز بیٚیِہ شونگنُک تہٕ تیٚلہٕ چھُ تمۍ سندہٕ خٲطرٕ مارکسی تنقید پزی پاٹھۍ اکھ نوٚن دُشمن۔

پیٚٹھ کنہٕ ووٚن اَسہِ اکس جایہِ یہِ زِ مارکسی نقاد چھُ پرتھ اکس ادبی شہہ پارس منٛز طبقٲتی عنصر ژھانڈنٕچ کوشش کران۔ امہِ تیٚلہٕ گژھہ نہٕ یہِ مطلب ہیوٚن کڈُنہٕ زِ مارکسی تنقید چھےٚ سارنی ادیبن یہِ مطالبہ کران زِ تِم بنٲوِن پننس ادبس براہِ راست تہٕ شعوٗری طور محض اکھ جمٲتی آواز۔ وۄننک مُدّا چھُ صرف ییتِ زِ ادب اُسِتن کوتاہ تہٕ غٲر جمٲتی مگر اَتھ منٛز چھُ جمٲتی عُنصر صنوٗرُور کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ طریقہٕ شٲمِل سپدان۔

بیاکھ کتھ چھےٚ یاد تھاونٕی لایق یہِ زِ مارکسی نقاد چھِنہٕ ادیبن یہِ مُطالبہ کران زِ تِم کرِن ہمیشہ کُنہٕ خاص طبقُک شعوٗر ظاہر۔ بلکہ چھُ سُہ یوٚتے یوت توقع تھاوان۔ زِ ادیب اُدہ ییٚمہٕ طبقُک یُرتھ تہٕ تمیُک کردار کرِن پیش مگر سُہ کردار پیش کران مہٕ کرِن تِم رشتہٕ تہٕ تعلق نظر انداز۔ یِم رشتہٕ تہٕ یِم تعلق تمِس کردارس سماجکین باقی طبقن سیٚتۍ رٔلہٕ تھاوان چھہٕ۔ یعنی مارکسی نقاد چھُ اکس انفرٲدی یا طبقٲتی کردارس منٛز پوٗرٕ سماجُک شکل ژھاران وُچھنہٕ۔

ٲخرس پیٚٹھ چھُ یہِ کتھ وَنٕنۍ ضروٗری باسان زِ مارکسی نقاد چھُ سماجی طبقن ہِنٛزِ حدلی اَدلہٕ بدلی ہُند واقف آسان۔ سُہ چھُ زانان زِ طبقاتی صوٗرژ تہٕ رِشتہٕ چھِنہٕ ہمیشہ اَکی سے ڈَنٛجہ یا اَکی سے نٔہجہ پیٚٹھ روزان بلکہ چھِ ییٚم مختلف وَقتن تہٕ مختلف حالتن منٛز مختلف صوٗرژ اختیار کران۔ دات تام یُس طبقہ ترقی پسند اوس سُے چھُ اَز رجعت پسند سپدُمُت۔ پٔژھمہ جنگچ مثال تہٕ چھِ اَسہِ برونٛہہ کنہِ یتھ منٛز زٕنۍ مزدوٗر تہٕ سرمایہ دار طبقو کوٗر پننٛیٚن پرانٛین رِشتہ بدلاوِتھ اکھ اَکس سیٚتۍ رلِتھ ہٹلرس برخلاف گٔنڈ محاذ کھڑا۔

یِمہ سارہِ کتھہِ مدِ نظر تھاوِتھ چھُ مارکسی تنقید دٕنیہکس پرٛتھ اَکس ادیبس نِشہِ اکہِ تیتھ نظریک توقع تھوان ییٚمچ بُنیاد "انسان دوستی" پیٚٹھ آسہِ۔ یہِ نظریہِ چھُ اَدبس اقتصادی آسِتھ تہٕ غأر اقتصادی، طبقاتی آسِتھ تہٕ غأر طبقاتی تہٕ وقتی آسِتھ تہٕ لافانی تہٕ لاثانی بناوان۔

["کونگ پوش" جلد ۲، مئی ۱۹۵۲ء]

# ہارٗون

پوٗرٕ ناو :- عبدالعزیز ہارٗون

زاسنہٕ :- ۹ جون سنہٕ ۱۹۲۲ء

بسکین :- بربرشاہ سرینگر

ولدیت :- نوٗر محمد

سنہٕ ۱۹۴۷ء پتہٕ یوسہٕ کلچرل تحریک کشیرِ منز دٔرینٹھو آیہٕ، تتھ منز رٗودی ہارٗون سینٹھاہ سرگرم تہٕ کأشرِس ادبس منز ییمہٕ افسانہٕ نگأری ہنزٕ کوشش گوڈٕ گوڈٕ یعنی ۱۹۴۷ء پیٹھٕ ۱۹۵۴ء تام ہیٚوٚ سپدنہٕ ییمن منز رٗودی ہارٗون تہٕ پیش پیش۔ اٚہندی افسانہٕ "برٛم" تہٕ "زوٗن" چھ ریتمو کینژو انانو منزٕ ییم اٗلتھ گوڈٕ کالس منز کأشرِس منز لیکھنہٕ آیہٕ۔ ہارٗونن چھ کینہہ افسانہ کأشرِس منز ترجمہ تہٕ کٔرِمتۍ۔ تمہِ ہمو منزٕ چھ "سوٗ تراوبا" بے شکھ مأری موٚند" یہِ ترجمہ چھ مارچ ۱۹۵۱ عیسوی کِس کونگ پوشس منز چھاپ سپدیوٗمت۔ یہِ چھ موشوٗر روٗسی افسانہٕ نگار چیخوف سندِ اکہِ افسانک ترجمہ۔

ہارٕون اوس اَکہ وَقتہٕ مَنزٕ ی مَنزٕ ی شار نہٕ وُنان۔ یہندٕ ہ

اَکہ غزلکہ زٕ ہ شار چھہ پیش پأٹھۍ

سۄنت ییٚنہٕ گٔژ تہٕ گُل زار پھولن

ژٕلہٕ کھٹہٕ کوٗشش وَنٛدہٕ گٹہٕ کار لو

●

ہارٕون چھہٕ ہینٛزن زأوِل دِدان

ہیٚتِلہٕ شدرس آسہٕ مِٹہٕ تارو لو

●

اصل:- چیخوف
مترجم:- عبدالعزیز ہاروُن

# سوتراوِیا

کال کھیمتس اوسکھ پُرُتر کھنڈ گوُمت۔ دوہ بَرِونی بأژن اَسکھ نیندرِ اَچھن ژھایہ گنٛڈ کران۔ مردن زول سگار تہٕ صوفس پیٹھ ترووُن ڈاپھ۔ زنگن کوٗدٕن ٹینڈٕ پن تام کاڑٕ، زنانہٕ بیٹھس لرِ۔ دوہ بَروے اَسی دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ زیادٕ خوش۔

"وَن کیتھہ چھیاہ؟" — مَردن ووٚن زامَن کرِتھ۔

"کیاہ وَنے؟" — دَماہ ٹھہرِتھ — "اوہ یاد پیوم۔ ژٕ زانہٕ ہَن شاید۔ سوٗنا سعہ کلثوم — یعنی سہ مے سیتی کالجس منز پران اَس۔ بوٗزم تمہٕ چھُ لکھاندر کوٗرمت۔ کیاہ چھس وَنان تمس اد ...... یعقوب۔ سے نایس خوٗچن ہند لانگری اوس اَکہِ وقتہٕ۔ یہ چھَہ اَمی سندہ تحفہٕ مند چھی" دوہ فی لجُ یہ خاوندس کُنٛ دٕ چھنہٕ۔ زہ سہ دیہ اَمی سیترٕ رایہ داد۔ مگر تمیٚ ووٚنس۔

"اَکھ منز کیہ سٔنہ مند چھیہ ہنٛز کنتھ چھُ؟"

"کیاہ چھکھ وَنان سہ ژوٗر۔ بدماش ..... رات تام اوسُس بأنہٕ مأنجی مأنجی دالہِ وَسان۔ اَز بنیوو یعقوب خان۔ یہ کرٕن خوٚجہ سندہ تھپ تھوٗس بنیہ لوٗٹن موٚنڈ بنیہ۔ اَز چھُ بوٚڈ موہنیو تمہٕ سیتی کیاہ گوو؟ مے چھُ پھیران اَمہِ کوٗر اَمس سیتی ..... بنیہ اوس نا کاتھہ تٔہ دٕنٛی یہس منز؟ ..... وُچھ

کھاوٕل کاٗژاہ حسین چھہٕ۔ حسینس یاٗژ نہٕ بُلکہ دانا تہٕ گاٹیج تہٕ۔ مےٚ چھُنہٕ یقین زِ سۄ کیاہ کرِ تِمس سیٚتۍ وور ، اگر زن بہٕ آسہٕ ہا۔ بہٕ کرہا نہٕ یتھس کھرس سیٚتۍ کتھ۔ ادا کھاندر۔ توبا۔ توبا۔ اگر لچھ ہدیہ تہٕ آسن۔ شوٗب تِمن روٗہین شکلہِ اُسونَن ییٚشف۔ بہٕ ہش وُچھ نہٕ تِمۍ سندِس بُتھِس کُنۍ۔"

یِی وَنان وَنان وُڈھ یہٕ تھوٚو۔ شرارتہٕ سیٚتۍ کھوٚت اُمِس بُتھس رَتھ۔ اُچھن مَنز اُسِس نفرتُک زاگُنگ زن دزان۔ کتھس لجٕ اورِ یور کرنہٕ۔ تھزِ کھورِ دار بوٗٹ اُس زورِ قاٗلین ژاوان۔ "اصلی تیلہِ چھُ پرانیو ووٚنمُت زِ ڈوٗمبنہِ چھ ڈوٗمبنۍ بانگہِ یوان۔ سۄ زنانہ گژھ آسہٕ یۄہسہٕ یتھس مَردس سیٚتۍ پھوٚل واٹہِ"

"گوو ژہٕ کرہکھ نہٕ پتھس بہ ماشس سیٚتۍ زانھہ تہٕ کھاندر؟"

"ہرگز نہٕ — توباہ۔ توباہ"۔ بُتھس دِرِ لدِھتھ ووٚنُس زنانہٕ۔
دَما ٹھہرِتھ ووٚنُس کھانداران — "اگر ژہٕ پتا لگی زِ بہٕ چھُس تیٚندِ کھوتہٕ بووا کھسی تھے۔ تیٚلہِ....؟"

"تیٚلہِ؟ — بہٕ کیاہ کرِ۔ بہٕ کرِ یکدم پننٕ چارِ۔ بہٕ روزِ نہٕ زانھہ یٚتہِ اُکس برٛنزس تہٕ۔ بہٕ کرِ نہٕ یہٕ زانھہ تہٕ برداشس۔ زِ میون کھاندار کیاہ آسہٕ ژوٗر مکار، لوٗکن ہوٗٹ ہیران"۔

یہِ وَنتہِ وزِ اُس یہٕ پیمنہِ ہندۍ پاٗٹھۍ گرٛزان۔

"اَچھا۔ مےٚ کیتہِ چھہ خبر..... مےٚ آسہٕ پیرُھ ساٗدنۍ باگی آمُت...
واہ!" برٛونہہ ژاہ ٹھہرِتھ ووٚننس — "نہٕ ژہٕ چھکھ وُٹھیٚ وَنان..... اَپُز سرٛوین اَپُز"۔

"بہٕ وَنہٕ نہٕ زانھہ تہٕ اَپُز۔ ژٕرے وُچھتہٕ۔ اگر بہٕ ژہٕ یہٕ کینھہ یسِے لو رُچھے

تیلہٕ وُچھتھ ژہٕ میون بُتھ ۔"

" تھوٗ وۄنی بوٗز ۔ اَدہٕ دِہ دَم ۔ سہ بجور چھُنہٕ مےٚ مُقابلہٕ مُجرہ ہاے ۔
اَچھا مُژ راو ۔ اَدہٕ وَن مےٚ جواب ۔ مےٚ کوتاہ چھُ رژتس تنخاہ ؟"

" ـــــ پانژ ہتھ"

" اَچھا ۔ یہ وَنتہٕ یہ موٗختہٕ مال کمہِ تس پھے ہُرتس ؟"

" شیٚن ہتن ؟"

" اَچھا ۔ نوٗ یہ شاکھ کیٚتس ہیوت اوترہ ؟"

" دوٚن ہتن کیٚتس تام "

" یہ چھُ صرف بیٚیمہ ہفتک خرچ ۔ ؤنہٕ چھُ رہتھ باقے "

" اَدہٕ یہ چھکھ ژہٕ بیٚیٹھو وأنی زیٚنان ۔ یہ چھا مُجراہ ....."

" ہاہاہا ..... بیٚیٹھو وأنی ۔ ژہ کیاہ چھے خبر بیٚیٹھو وأنی کتہٕ چھُ
یوان ؟ ـــ بوز وۄنی ....... امہ ورأے ڈاکٹر، موٹرُک پیٹرول، نوکرن
ہُند خرچ ۔ اَمہ علاوہ ہوٹلن ہنز چاےٚ بل ۔ رژتس کھیٚنہ چینک خرچ ۔ زالیو مژرہ
اَچھ تنخاہ پوٗنسہٕ نیرِتھ ژالان ..... بیٚیہ بیٚیہ ...... وۄنی کیاہ چھُ باقیس
دَل دِیُن ۔" مُرد دوٚلتھ یِیہ وَنان وَنان تھوٚد تہٕ گوٚ شیٚشترٕ وٚ الماری بر
مُژرن تہٕ زنانہٕ ہادِہ نقد کوتاہ چھُ موجوٗد، صرف پانژ ہنے ورہَیِن نوکری کرِتھ
بر مُژرِتھ کریٚن زنانہٕ کِنُ نظراہ ۔ ژہ سہ کرہ وۄنی یہ فیصلہٕ ژہ یعقوب چھُ
صرف ژوٚرِ ہے یوت ۔ بہ چھس مارہ واتُل ۔ مگر سہ وُچھن ہوٚن تہٕ دُروہف کرِتھ
کرُسی پیٹھ بیہتھ ۔ وۄنی لوٚگُس کھاندار یورُے وَنتہٕ ـــ" وۄنی پھے
مِیانی نصیحت کانہہ اُسہ نہ زینہ فتوا دوان"

قِصہٕ گوٚو ختم ـــ مگر یُرن واجی دوس آسن وَنان ژہ اَما

اَمہ ما تہُوو کھاندار۔ سُہ وژایہ اَتہٕ مگر ژایہ بٔنیس کُٹھِس منٛز آرام کرنہٕ خاطرٕ!!

[’کونگ پوش‘ مارچ ۱۹۵۱ء]

# نادِم

یُہ تام میہ جگرس الاو قائیم، یُہ تام میہ چشمن جلاو قائیم
تۆ تام میہ آبس اثر شوراک تۆ تام ژیہ رویس گوٗلاب باقے

جگرس الاوہ تہ چشمن ہندہ جلاوہ سیتۍ آبس شوراک تاثیر پادٕ کرن والۍ شاعر پنڈت دینا ناتھ کول نادم چھ ۱۶ مارچ ۱۹۱۶ عیسوی سنس منز سرینگرہ زامتۍ۔ وارِیہس کالس روٗدی پرائیویٹ سکوٗلن منز ماشٹری کران یمن منز نیو ایرا ہائی سکول لل دید میموریل سکول کینہہ چھ۔ یم روٗدی کینژرس کالس ہندو ہائی سکول تہ لل دید میموریل سکولن ہندی پرنسپل تہ۔ پانہٕ وۄستاد آسنہٕ سببہٕ روٗدی وۄستادن ہندین زیاین تہ مُشکلن حل کرنس منز بُروٗنہہ بُروٗنہہ تہ یمہ وجہے سرگرمیو کنہ بنیہ یہ وۄستادن ہندہ انجمنکی صدر تہ امی سرگرمی سیتۍ واتۍ ریاستی قونوٗن ساز اسمبلی منز۔ وٕنۍ کیس چھ تالیمہ ہندس محکمس منز اسسٹنٹ ڈایرکٹر تہ ساٹھی تالیمہ ہنز نگرانی چھ یمن منٛز۔

نادِم صاحب اسۍ گوڈہ گوڈہ ہندی یس منز شار وُنان۔ سنہ ستہ تاجی یس منز پھیرِ یم کاشرس کُن۔ تہ کمیسے

کانِس منز کوٗرٕکھ کاشرِس منز اَکھ نوٚو رنگ پاداہ۔ اَتھ مخصوٗص
رنگس پیٹھ تبصرہ کرنچ چھےٚنہٕ گنجایش۔

ناٲدم صاب چھےٚنہٕ نثر نگار۔ اماپوز ۱۹۴۷ء پتہٕ یُس
جوش تہٕ زٕٹکھ سانِہ ادبہٕ نثر وارتاونس کُن ہیوٚو سہ جذبہ تھوٚو
نہٕ یمو تہٕ کھٹتھ۔ ابتدأیی دورس منز یم افسانہٕ سانِہ ادبہٕ
لیکھو۔ تِمہٕ مختصر دورِہ منز روٗدی نہٕ یم تہٕ پتھ۔ اِہندی ترٛیہ
افسانہٕ "رٔسے" (کوٚنگ پوش۔ جُلے ۱۹۵۰ء) "جوٲبی کارڈ"
(باون ہنج ' ۱۹۵۱ء) تہٕ شیٖنہٕ پیٚتو پیٚتو" (کوٚنگ پوش۔ جنوری
۱۹۵۲ء) چھہ تِہمن افسانن منز اَکھ خاص وزن تھاوان، یِم
'ست سنگر' چھپنہٕ برونٹھ کاشرِس منز لیکھنہٕ آیہ۔

"کوٚنگ پوش" اکتوبر ۱۹۵۵ءکس شمارس منز چھ یِہند
مضموٗن "سون گِندُن تہٕ ذرہ کُن" ذرینٹھو یوان۔ یِیٚتین چھہ
اَسی یہ پیش کران۔

پروفیسر حاجنی صاٮ۪بن چھُ اَکِس جاے لیٚکھمُت زِ ناٲدم
صاٮ۪بن چھُ شیکسپیرنہٕ موشہوٗر ڈراما "اوتھیلو رنگ" ترجمہ
کوٚرمُت مگر یہ چھُ نہٕ صحی۔ یِمو چھُ تِمہٕ منزٕ اَکہِ سینک ترجمہ کوٚرمُت
یُس زٕن "تعمیرس" منز چھاپ سپد یومُت چھُ۔

مضموٗن

دینا ناتھ نادمؔ

# سون گنڈُن تہٕ ڈرٛوکُن

یہٕ چھہ حقیقت زِ انسانہٕ سِندِس کھسہٕ وٕنِس تہذیبس چھُ رٕزہ
رٕزہ پٔرٕ پھتھ کُنہِ مُلکس منز گوٚڈٕ آمُت بَرنہٕ۔ اَتھ گوڈٕ بَرنَچ تہٕ سنگ دِنچ کامہ منز چھُ
ہر کانٕسہِ حصہ نیوٚمُت۔ خاہ سُہ لوٚکٕ اوس یا بوٚڈ اوس۔ زنانہٕ اُس یا مرد اُسُن
پوٚرمُت اوس یا اَپوٚرمُت اوس۔ توٚے چھےٚ انسانی تہذیب سیٹھاہ پُرمایہ تہٕ بوٚزُت
خوٚصوٚصَن اَمہ تہذیبُک سُہ حصہ یُس عام لُکَو پننہٕ سوکھ دوکھ تہٕ کامہ کٲرچ
ہِندِس دورانس منز پتھ کالہِ پیٹھٕ لگاتار پٲدٕ کوٚرمُت چھُ۔ یتھ اَسی وَنی کیس
" لوکہٕ لٹریچر" وَنان چھہ۔ سُہ چھُ زیادٕ مؤثر۔ زیادٕ پوٚز تہٕ زیادہ نزدیک زندگی

اَتھ 'لوکہٕ لٹریچرس' منز چھہ تِم سٲری تمام نندٕ گیون، وَژن تہٕ خیال، کامہ کرِچ
ہِندہ گیت لَلہِ وٕنہٕ یوان یمَن ہُند آگُر اَسہ وُنہٕ چھُنہ مولوٗم تہٕ یم دراصل اکھ
فرد چھنہٕ پٲدٕ کٔری مِتی۔ بلکہ تمام سماجن چھہ مُشترکہ کوشِشہِ کٔرِتھ بناوِی مِتی
ییمہٕ وِرے مَنٛزہ چھُ سانِن شٲرن ہُند گنڈُن تہٕ ڈرٛوکُن یُس لاوِن خیالن
ہنٛز بے ترتیبی ہیتھ نہٕ چھُ تیوٚت میوٚٹھ آسان یوٚت اَژٕ وِنہٕ سونٛتک گوڈٕ
نیکُ وادٕ پھُنگرہ چھُ آسان۔ مگر سیتہٕ سیتو چھُ یہٕ گنڈُن ڈرٛوکُن تہٕ سماجی
حالاتن ہُند نقشہٕ اَسہ بروٚنٛہہ کُنہ تھوان یتھ کُنہٕ باقی لوکہٕ لٹریچرُک حصہ چھُ

سماجی حالاتن ٲنہٕ ہاوان۔ وُلِو اَز وُچھو اَسۍ پننہٕ کٲشرِ گِندنہٕ تہٕ ڈرٛوکہ ہِیچھ
ییمہٕ ہارِجہ۔

سون کٲشُر گِندُن تہٕ چھُ نیٖوٗت یُژ کول تہٕ پژون یوٗت یُژ کول
سون تہذیب تہٕ سٲنی زندگی چھےٚ۔ گِند ہِچھ ییمہٕ شکلہٕ وُنی کیٚن موجوٗد چھہٕ۔ تِمو منٛزٕ
چھےٚ ہِکٹ، ٹُلے لونگُن، اَنی کٹر، اُٹہٕ روٗف تہٕ "اوٗکُس بوٗکُس" زیادٕہ عام۔
اَکھ گِندنس سیٚتۍ یوسہٕ وَکھنے چھہ سہٕ چھہ سٲرِسے پرٲنی۔ اَمہِ علاوٕہ چھہ کینٛہہ
سہٕ وَکھنے تہٕ یوسہٕ زَنٛ "منٛزلی گیوٗن" تہٕ ہِچھہ منٛز مُشترکہٕ چھہ۔ یہٕ تام اَمہٕ وَکھنے
ہِندِہ شکلہٕ تہٕ تَرایہٕ ہُند تعلُق چھُ اَہنگ بُنیادی زیروبم چھُ سُے یُس کامہِ کوچہٕ
ہِندین وَژنن چھُ آسان۔ یہٕ چھےٚ اَکھ حقیقت زِ دُنیاہ چین تمام گیوٗنچین شکلن
ہِنز بُنیاد چھہ کامہٕ کوچہٕ ہِنز تُلہِ تراو۔ توے رُکنہٕ چھہ سیٚٹھاہ پرٲنی تہٕ عام لوکن
ہِنز شوٗز موسیقی عموماً آلر، پھالِر، ہتھی یار، تہٕ باقی کامہٕ کوچہٕ ہِندین حرکتن
سیٚٹھاہ نزدیک آسان۔

سٲنِس گِندنس گیوٗنس تہٕ چھےٚ اَوے رُکنہٕ یُہُے شکل ؎

ٹُلے لونگُن ٹلان چھُس
اوٗکُس بوٗکُس تیلہٕ وٲنی ژوٗکُس

یہٕ ژھوٚٹ موٗٹ تہٕ لۄتہٕ وارے زیروبم چھُ صاف ہاوِتھ دِوان
زِ اَہنگ آگُر چھےٚ روزانہ کوم — دانہٕ وایُن، دانہٕ دہہٕ گژھُن، یٮ۪ندرِ کتُن
منٛزول اٲلہِ رون، یا اُٹہٕ بور سارُن، اَمی وجہہ رُکنہٕ چھہ اَز تہٕ ییم کینٛہہ وَکھنیہ
تہٕ وَژن یِنہٕ چھےٚ زنانہٕ موٗہلہٕ چہٕ تُلہٕ تراوِہ سیٚتۍ شاہ چٕ وَسہِ کھس تولنہٕ باپتھ
استعمال کران۔

یہ گیہ سانہ رگندنہ دزوہ کہ نیچ شکل تہ تمہ شکلہ ہند اصلی آگر۔ ووہ نی گہ و رگندنہ وکھنیہ ہند مضموٗن تہ تمیک جسمٲنی استعمال۔ یہ سہ سار وے کھہ تہ پرٲنی رگندن وکھنے ازتام موجوٗد چھہ سہ چھہ لل دیدہ ہنزِ یوان وننہ ییمیک استعمال چھہ ازکل زیادہ تہ منزلی گیونہ، خاطرہ سپدان۔ بابا ضنے سیٹھاہ لوکین شرین ہنزہ ہچہ منزہ

زوٗن مٲجو زوٗنی انگن منگن ژنہ جی

تم کس کنے رٲیس[1] کنے

رٲی[2] کیاہ دیتنے کھٕس گرتہ دمنہ ناو

یہ تام امہ "منزلی گیوِنک" مضموٗن چھہ اتھ متعلق چھہ عام ای زہ یہ چھہ تصوف کین مقامن کین اشارہ کران۔ امہ چھہ یہ معلوم زہ "روی" اُسی یمحہ کالہ رازس وَنان مگر یتیتھ چھہ اشارہ انسٲنی جسمہ کس رازہ ہونزس کُن۔ یتیمس آتما یا روح چھہ وَنان۔ تمیٔے چھہ کھٕس گرتہ وسنہ ناوک مطلب جبس دم والین ہنزہ شاہیچ وسہ کھس مانہ یوان۔

مگر اگہ تصوف اندکن ژٲوِتھ تہ وچھو یہ منزلی گیوٗن چھہ ماوان زہ تمہ وزہ نہ اوس امہ صاحب ثروت بننہ باپتھ رٲیس موہتاج روزُن پیوان۔

ییتھے کنہ چھہ عام رگندن بٲتھ "اوکس بوکس" للہ دیدی یوان منسوب کرنہ

---

[1] امہ بدلہ چھہ "رٲوس" تہ وننہ یوان۔ ییمیک مطلب ہری یا اکھتاب چھہ۔

[2] امہ بدلہ چھہ "رٲوی" تہ وننہ یوان، مطلب اکھتاب۔

اوکُس بوکُس تیلہ وان ژوکُس

اونُم بٹہٕ کُنٕ دُم دیگہ

شال رٕچہ رٕچہ واں گٕنٕو

برٕمجہ ہارس پونٕ چھوکُم

برٕمجہ بنے یہ ٹہٕکس ٹیکھاہ[1]

یہ وُکھنے چھ عمومن تِتھ گِندہٕ نَس سیتی یوان وَننہٕ یتھ منز وارِیاہ شُرۍ آلہٕ کٔنہ ڈٲل کٔرِتھ بِہان چھِ پننہٕ دوہ نوے اَتھ پَتھرس پیٹھ تھوٗتھ تہٕ اکھ شُر چھُ اوٗنگجہ تمام شُرین ہندیو اَتھو پیٹھ پکہ نأوِتھ "اوکُس بوکُس" وُکھنے پران تہٕ یِیمِس شُرۍ سِندِس اَتھس پیٹھ ٹیکھا وَنان چھُ سُہ چھُ لگان تہٕ تِمس چھ باقے دوگ دِوان۔

کینٛژن لوٗکن ہنٛز رائے چھ زِ یہ چھُنہٕ "اوکُس بوکُس" بَلکہ چھُ "ہوکُس بوکُس۔ تیلہٕ وَن ژوکُس"۔

یِیمیُک مطلب تصوٗفکہ تہم سوال چھ یِم زَن انسان تہٕ بھگوان منٛز بُنیادی یکسانیت ظأہر کران چھ۔

مگر اَسہِ ما ہیکوٚ یہ مُشرأوِتھ زِ لل دیدِ ہندِ سمیہ تہٕ اوس گریستین وُوِتھ، وأیِتھ، پیٚئیتھ، چھأنِتھ برٕمجہ ہارس پونٕ چھکُن گژھان۔

یوٚت پُرون نے تہٕ قریبن اَمہ پتے چھُ باسان سُہ گِندُن گیوٗن عام اوسمت یتھ اَسہِ وُنی کہن "گرٛٹہٕ پاہہ دی تو" وَنان چھ۔ اَمیُک استعمال چھُ عمومن "اَیٹہٕ روفس" تہٕ "گیری بچس" منٛز سپدان یتھ منٛز زِ کوٗرِ یا اکھ نیچوٚ تہٕ اکھ

---

[1] یہ مِصرٕ چھُ بیتھ پأٹھۍ تہٕ وَننہٕ یوان "ٹہٕکس، ٹہٕکس، ٹہٕکس، ٹیکھاہ۔

کوٗر جوٗرہی بناوِتھ . اَتھ مِلہٕ ناوِتھ ، تہٕ نترٕ اکھ اکی سندہٕ پھیکہٕ بیٹھِ اُنتھ چھ اکھ اکس کُنُ نظر کرِتھ نژان تہٕ سیتٕہ سیتہٕ یہ وَ کھنۍ سوالن جوابن وَنان . گنہٕ وِزہٕ چھہٕ یہ وَ کھنۍ ہچہٕ منٛز تہٕ استعمال سپدان ــ

گُرٛٹہٕ پاہہ دی تو — پٮ۪تہٕ چھُنہٕ کاشہ

تہم کوٗت گٲمتۍ؟ — نوٗنس تیلس

بُڈ مائج کتہٕ چھوٚرہ؟ — کُچھ بیٹھ پیاوٕرش

کیاہ چھس زامُت؟ — نیچوٗ پٔل

ناو کیاہ کوٗرُ وس؟ — سدا رام

نٲلی کیاہ ژھنہٕ وس؟ — لوچھ تہٕ پوژھ

ووہ ڑہٕ کیاہ دیتہٕ وس؟ — کورہٕ کلپوش

سیٚن کیاہ رۆنہٕ وس؟ — سعہ ژٲل تہٕ ہاکھ

کمۍ سنٛزٕ وارٕ؟ — رٕگلہٕ ہنٛزٕ وار

رٕگل ما مارٕ؟ — روپے دارٕ

اَتھ کتھِ باتہٕ منٛز چھہٕ سانٛز تمہ وِزہٕ ہنٛز ساری سماجی زندگی ننٛوٕ باسان . لُکھ چھہٕ غریب . مُشکلہ سان چھُ محلس منٛز اکھ گُرٛٹہٕ یُس ساری پاہہ رٕچھہٕ رٕنوان . نوٗن ، تیل تہٕ باقی ضروٗریات زندگی چھہٕ نایاب . بمارِنے چھہٕ بیوان ییم ژھانڈنہٕ گژھن . حالانکہٕ گرٕہ چھکھ بُڈ مائج کُچھ منٛز پیاوٕرش . بیٹھ چھُس نیچوٗ پٔل زامُت . نہٕ زِہ کوٗر بے شور . یوسہٕ جاگیرداری سماجس منٛز نیامت چھہٕ . نیچہِ وِس ناو سیٚ ناگی راین سدا رام مگر نٲلی چھُس گرٕہ کوٗرمت لوچھ تہٕ پوژھ . ووہ ڑہٕ پرٛون کورہٕ کلپوش . نہٕ آسنہٕ کنہٕ تہٕ نظرِ بدٕ نشہٕ بچنہٕ باپت تہٕ . لوسہٕ سیٚن سعہ ژٲل تہٕ ہاکھ سُتہٕ رٕگلہٕ ہنٛزہٕ وارہٕ ہند . پننہٕ نہٕ کینٛہہ . بیٹھ رٕگل تہٕ

کوٚسہٕ یوٚسہٕ روٗپیہٕ باپَت قرض دار چھُ ۔ پۆرٕ تصویر چھُ ابتدأیی خود کفیل سماجُک
اَکھ پۆرُن گنٛدُن سون چھُ "اُنۍ کیٚتر" یا ژۆرِ ژۆرِ گنٛدُن" اَچھ
وُکھنہٕ چھُ سیٹھاہ یِژ کأجہ باسان یتھ کنۍ ییٚین ممکن منٛز اَکِس شُرِس چھُ اَچھ
پھِوان بنٛد تھاونہٕ تہٕ باقٕے چھِس ژۆرِ روزان ۔ تتھےٚ کنۍ چھُ اَسہِ تہٕ ییٚیتہٕ گنٛدان
مگر سیٚتو چھِس ییٚیتہِ اَکھ زیادتی سۆ گیٚیہ وُکھنہٕ ۔

آرے مو نچے نارے مو نچے

دوٚدرٕ پیٚچھ کیاہ ؟

سوٚنہٕ سیٚنٛزٕ ٹأچہ

تتھ پیٚچھ کیاہ؟

سوٚنہٕ سُند ٹنٛگ

دوٚدرٕ ماجہ پھٹےٚ دُچھِن لنٛگ

مضموٗنہٕ تلہِ چھُ زٕ کتھہٕ صاف ننان ۔ اَکھ سوٚنہٕ روٗپُک اھاو
تہٕ بێیہ جأگیرداری سماجچہ تیمہ ریوایژ ییمہ وُنہٕ تہٕ کتھہٕ کتھہٕ منٛز عام چھِ ۔ ییمہ
وِزِ سانہٕ کشیرِ منٛز زمین کیٚنشٕن غأصب جأگیردارن ہنٛزٕ ملکیت سپنٛز ۔ تیمی وِزِ
لگو نان گار جأگیردارن ہنٛزِ غولأمی تہٕ دایہ بأنِس تل ۔ حتاکہ جأگیردار بایہ ہیٚو کنہٕ
پننٮن شُرٮن بَبہِ دوٚد تہٕ دِتھ ۔ بلکہ یہ کأم تہٕ پێیہ نان گار باین وُچھہٕ تل شُرۍ
ژأوِتھ پۆرٕ کرنۍ ۔ تتھےٚ پیٚچھ آیہ دوٚدرٕ موج وجوٗدس منٛز ۔ پیٚچھ چھُ تعجُب
یہ زٕ ٣٦ ہن نأبجین ہنٛد رٕتھ چۆن دِتھ تہٕ اَسہِ دوٚدرٕ موج دوٚہون تہٕ بد
دُعا ہن کرِتھ ۔ پراہ گوٚ یہ دوٚدرٕ ماجہ ۔ رَسِر پیٚیہ دوٚدرٕ ماجہ ۔ دوٚدرٕ ماجہ پھٹےٚ
دُچھِن لنٛگ ۔

عموٗمن چھہ سانٛز ساری شعرٕ گنٛدن جورٕ جورٕ یوان گنٛدنہٕ۔ یمن منٛز
چھُہ اکھ گنٛدُن "ییندرٕ مُہس"۔ اتھ گنٛدنس منٛز چھِہ زٕ شعرٕ اکھ اکس کُنۍ تھر
کرِتھ ییندر مۄہلِچہِ حرکتُک نقل کران تہٕ سیتٕ سیتٕ وَکھنے کران ؎

تُمے لوٗنگُن      تُلان چھُس

دِیارٕ لوٗنگُن      تُلان چھُس

مۄہرٕ لوٗنگُن      تُلان چھُس

اَمہ وَکھنیُک ہُنٛد مضموٗن تہٕ چھُہ سُے دِیارَن تہٕ مۄہرَن ہُنٛد اِبھاو
یُس جاگیرداری یتھ سانٛس سماجس منٛز زیادٕ کھۄتہٕ زیادٕ نوٗن گۄو۔
سارِنے شُرٕ گنٛدنَن ہُنٛد سرتاج گژھِ ہیکٕہ۔ یتہٕ چھِہ جورٕ جورٕ یوان
کرنہٕ۔ تہٕ سیتٕ چھَہ اتھ تہٕ وَکھنے آسان۔ اکھ اکس پیٹھ نرٕ اَنتھ اتھٕ واس
کرٕوٗن۔ کھور جمتھ ہلہِ وُن تہٕ نرٕ ڈرٕسہ سان رٹنہٕ۔ یتہٕ آلہ کوٹڈلس منٛز گۄڈٕ
لۄتہٕ لۄتہٕ یتہٕ زورٕ نژُن۔ یہے گژھِ ہیکِہ۔ ہکِچہ وَکھنے تہٕ چھِہ گۄڈٕ یوان لۄتہٕ
تُلنہٕ تہٕ یتہٕ یوان تیز گیونہٕ ؎

| | |
|---|---|
| ہتہٕ رنٛگہٕ بیٛنی | کیاہ رنٛگہٕ بیٛنی ؟ |
| یہِ ما وُچھہِ تَن | کُس بی چَرن ؟ |
| بوے رِسیون | ہلہِ کیاہ ؟ |
| شُملہ رِمیون | ووٚڑٕ کیاہ ؟ |
| طاچہِ میانٛی | کھۄرَن کیاہ ؟ |
| لچہ دار بازار باے مَدنس | دُس بادُس |
| زانہٕ کدل وُس | تتہٕ میانٛز وُس |

اَمِیُک طرز چھُ سُے سوالہٕ جوابُک۔ مگر اَمُِس بیٚنہٕ کیاہ چھُ باوُے
سُند فخر آسان سُہ چھُ اَمہِ تلہٕ صاف نَنان۔ اَمہِ علاوہ چھُ ریتہٕ نَنان زِ مُغلَ
پادشاہَن ہُند شملہٕ، کُلاہ تہٕ لچہ دار پأزارہٕ کوتاہ بجرُک تہٕ ٹھز رُک نِشانہٕ اوس
مانتہٕ یوان۔

بیاکھ ہِلچہ وٕکھنےٚ چھُ ؎

| | |
|---|---|
| اَپأرِ ری گوٗلاب ٹھٕری | تہٕ یہ رِکرِ گوٗلاب پھٕلے |
| تِہِمے لاگےٚ وِوٗڑ ینہٕ تِلی | شابَشس یٚغمبرِ زٕلی یے |

اَپأرِم گوٗلاب ٹھٕرِ تہٕ یپأرِم گوٗلاب ٹھٕرِ چھُ پانہٕ وأنی گوٗلابَن
گرٛنِد کران۔ تہٕ یٚغمبرِ زٕلہٕ وِوٗڑ ینہٕ تِل وِوٗڑِ لاگِنچ سُکھر کران۔ اَتھ وٕکھنیہ منز
چھُ کشیرِ ہِندہِ حُسنُک تأثیر تہٕ۔ اَمِس وٕکھنے منز چھُ حبہ کدلہٕ والین تہٕ زأنہٕ
کدلہٕ والین ہُند پانہٕ وأنی حسد تہٕ اَزرُون واضح گژھان ؎

زٕلی زیچریو زٕلی زیچریو موج ہا معہ ہی

پادشاہ صأبنِس پرٛنگس پیٹھ

وِنہ ٹھی رنگہٕ ژِری یے داماں دریی یے

حبہ کدل شیران زینہ کدل لہران

بشتہٕ موج وٕدان

تقصیر پانو

بیٚیس منز چھُ سانہٕ شال بأفی ہِندِس تھٕ کسبس کُن اِشارہٕ یُس
کأشرِ زنانہٕ بیٚنہٕ مہین کأری سیتھ عرشس واتہٕ نوومُت اوس۔ یعنی زأویُل
توسہ کتُن ؎

یِینہٕ وُژھس خانہٕ قاہ      نَنتہٕ کُھارِم      بانہٕ کاہ

تِہمے ٹھوٗم تَندہٕ سے      پانہٕ وُژھس گنڈہٕ نے

بأمے اَنہٕ نَم پھنبہٕ ڈینجی      زأوِیل کَنتہٕ      بَنے

اَمہٕ علاوہٕ چھُہ اَکھ مَشہوٗر "منزِل گیوٗن تہٕ ہیچھ وکھنیہ بدل استعمال

کرنہٕ یوان۔ اَتھ گیوٗنس منز چھہٕ جاگیرداری سماجچ سہ خود غرضی صاف

عیاں سپدان۔ یتھ منز گُکھ برادری مُشراوِتھ بانیو پانیو کران۔ ینین

شُرین ینڈ بَرِتھ چھہٕ نوشہٕ حرف اَڈٕی رِج تہٕ پھوہرہٕ کھینہٕ دِوان۔ یتھ

منز گرہسی باین ٹیلہأری سے لایق بُچھی بانہٕ چھُ ریوان مانہٕ تہٕ کیجھ کوٗنشہٕ چھ

خوجہ نیچوِین ہندہٕ خأطرہٕ مخصوص یوان کرنہٕ ۔

بشتہٕ بشتہٕ بڑار یو کھوٗتکھو وَن

تورہٕ رکھو وولُتھ ببرے پن

شہ کسوٗ دِیت ٹھو وَنتہٕ لوٗکن

وَنتہٕ اَس یِکان مہارازہٕ ہمن

تِمی سے گنڈِتھ تَنہٕ ہمن

تِمی دِژہٕ سنے بوشہ ہمن

تِتھ اونتھ نینہٕ ہمن

شُرین بَرِتھ یڈرہٕ ہمن

نوشہٕ پوٗشے نہٕ اَڈٕی رِجہ ہمن

نوش کھڑے قاضی وان

پأنٛسس پٕلرٕ ہور چھُنہٕ میلان

پٕلرٕ ہور شوٗبان رٕگرٕپسی بایِن

رٕگرٕپسی بایہٕ لاران کٕجہٕ کوٚنشِین

کٕجہٕ کوٚنشہٕ شوٗبان خۄجہٕ نیچوِ ین



[کونگ پوش۔ اکتوبر ۱۹۵۵ء]

# پُشپ

پروفیسر پرتھوی ناتھ پُشپ چھ ساْنیٚو تھمو ادیبو منٛزٕ
ہم زن پننس مُلکس، کلچرس تہٕ زبانی متعلق واریاہ کینٛہہ زانان
چھِ۔

پُشپ صاب چھِ ۱۹۱۷ عیسوی کِس اکتوبرس منٛز
اننت ناگ ضلعس منٛز زامِتۍ۔ وُنی کیٚس ہم گوہ گجہ بارغ روزان
واریاہس کالس رُوٚدی مختلف کالجن منٛز پروفیسری ہندِس
عہدس پیٹھ کام کران۔ وُنی کیٚس چھِ تِمہ محکمکو ڈاریکٹر
یُس زٕن" آر کے وز تہٕ کتب خانن" سیتۍ وابستہ چھُ۔
۱۹۴۷ عیسوی پتہٕ یُس جوش ساْنیٚو کینٛژو بیٚیو منٛتو
لیکھی متیٚن افسانو کاشرِ زبانٕ کنۍ ہوو، تتھ منٛز رُوٚدی
پُشپ صاب تہٕ برونٛہہ برونٛہہ۔ یمو چھِ اَز تام کاشرِس
منٛز کینٛہہ مضمون لیکھی متۍ۔ اَمہ علاوہ چھُ یمو رابندر
ناتھ ٹیگورنہٕ مشہور ناولہٕ (چوکھیر بالی) ہند ترجمہ کاشرِس
منٛز کوٚرمُت۔ یہ چھُ "اچھی کنٛر" ناوٕ ساہتیہ اکادمی
۱۹۶۲ عیسوی یَس منٛز چھاپ کوٚرمُت۔

٥

پی، این، پُشپ

# کٲشرِ شاعری ہُند گۄڈٕ کال

فِکرِ چھُنہٕ تران زِ کٲشر شاعری کَرِ تہٕ کتھہ پأٹھؠ سپدیے یہِ شوٗروٗع۔ لل دیدِ ہندِین واکھن منٛز چھُ لَبنہٕ یوان زِ کٲشر زبان اُس تمہِ وِزِ سیٚٹھاہ پرٛچھیمٕژ تہٕ کٲشر شاعری تہٕ آسہٕ ہے تمہِ برٛونٛہہ واریاہ کال بارسس آمٕژ۔ لل دیدِ ہنٛز زبان چھِ مہانے پرکاش چہ زبٲنۍ نِشہ ہیٚین ہِشہٕ باسان۔ مگر نٲوِ جارہِ سان ہیٚے وُچھتھ تہٕ مہانے پرکاشچ زبان چھِ کٲشرِ زبٲنۍ ہُند پرٛون روٗپ زانُنہٕ یوان۔ شِتی کنٛہہ ژُمن لفظن منٛز چھِ یہِ زبان "سروگوچر دیشس بھاشا" یعنی ترٛوٲہمہِ صدی ہنٛز عام فہم زبان۔ وِژی ہِتھا لوٗگ اَتھ زبٲنۍ تمتھ شکلہِ واتنس یوسہٕ لل دیدِ ہندِین واکھن منٛز دریٛنٛٹھ چھِ یوان۔ عام لُکن شیو درشنُک زٲوِ جار فِکرِ ناونہٕ خٲطرٕ یوسہٕ عوٲمی زبان بکار آیہٕ تمتھ منٛز آسہٕ ہے عوامی شاعری تہٕ سپدٕمٕژ۔ مگر سیاسی پھیرِ پھرٕ کِنہِ وأژ نہٕ سَعہ اَسہِ تانی۔ اَوَے کِنہِ چھہ اَز اَسی لل دیدِ کٲشرِ شاعری ہُند گۄڈنیُک زیٚچھر دِنَس منٛز مجبوٗر۔

لل دید اُس اَکھ شیو یوگنہِ۔ اَکھ عارفہ۔ گوٗر اوسُس سِدہٕ بوی سِدہ مۆل کنٹھ، یُس شیو درشنُک اکھ بوڑ بارہٕ عالم اوس تہٕ وسوگپت

سٔنِدرٕ کھولک اوس۔ یُس از اَمہ فلسفُک خالق وَنان چھ۔ للؔ دیدِ یتھ ہواہس منز اُچھ مُژراوِہ۔ سُہ اوس سیأسی پھُٹرِ تھرِ زہرِ بوٗزُت۔ شاہ میری حکومتن اُسہ کھوٗر ٹھیکہ رأوی میتر۔ سلطان علاوالدینس اوس لوکن ہنزِ پاپہ چھأیسی کنہٕ ظلمن پیومُت۔ دیوکھُت دژاگاہ ووٚلتھ۔ سمأجی زندگی ژاو اَلِہ اَلِہ کھورَو تلہ ژٕرجس مژ نیر یتھ۔ للؔ دیدِ ہندِس اُولِس دِلس لجِ گژاسے۔ واریو جیومہ سنختیو گٹِس تالہ کنہ ژھیٹھ۔ روحانیتس کُن اُسرس بالہ پانہ پیٹھے ترٛاے گراے۔ یہمو گٹھ ریو حالو اُنس نظر نیبرِ پیٹھ وٹان وٹان۔ تہ اندرکر اندرِ یہ ہینتن کس نانی وَنی دِنی۔ زمانک رنگ وُچھتھ لجِ سعووش ترٛاونہٕ ؎

گاٹلاہ اکھ وُچھم بوچھہ سیتہ مران

پن زَن ہران پوہنہ واو لاہ

نشہ بوٗد اکھ وُچھم وازس ماران

تنہ للؔ بہ پژاران ژھینم نا پراہ

تٔرٕ ؎

دمی ڈٕیٹھم گجہ وَزِہ دِنی

دمی ڈیُٹھم دُھہ نہ تہ نار

دمی ڈیٹھم تہرٕ پھولہ دِنی

دمی ڈیُٹھمس گُل نہ تہ خار

وٕژھ وارُنجہ ژوٚلس نیبرِ یتھ ؎

آمہ پنہ سوٚدرس ناوِ چھس لمان

کتہ بوزِ دیے میون میتہ دیہ تار

آمین ٹاکین پوٗنی زن شمان

دِل چھُم بڑمان گرِہ گژھہ ہا

تِمَن دوشِوَن ہیم صوفیاے کرام کشیرِ آمتۍ آسہٕ۔ تِمَن ہِندی کنہ
وسُ مُلکچہِ روٗحانی زندگی برِہ پھرِن دِیتمُت۔ شیو درشن تہٕ تصوّف آسہٕ
اَنہِ واس کرِنہٕ لگو مِتۍ۔ روٗحانیتچ نوٗ لیاہ آس وزنہٕ لجمژ۔ لل دیدِ ہِندِین
واکھَن منز چھِہ اَمہِ لیہِ ہِنز گنگاے سیٹھاہ موٗدُر باسان ۔

(۱)

لل بہ دزایس لولرے ژھانڈان روٗزس دوہ کیو راتھ
وُچھم پنڈت پننی گرے سُے مے رٹمس نیچھتر تہٕ ساتھ

(۲)

ژھانڈان لوٗسس پاٗنی پانس
ژھیپِت گیانس ووت نہٕ کینہہ
لے کرمس واتژس میخانس
بُرکہ بُرکہ بانہٕ تہٕ چیوان نہٕ کانہہ

(۳)

شوٗنیک مادان کوٗڈم پانس مے للہِ روٗزم نہٕ بوٗد نہٕ ہوش
وِیزے سئِ پنُس پاٗنی پانس اَدہِ کمہٕ گلہِ پھوٗل للہٕ پموش

حقس ژھانڈان تہٕ گاران پھیرِ سعہ روحانی دُنیاہ کس کونس
کونس۔ لتَن ہِند ماز لاریوس وتَن تہٕ پتہٕ لاکن واتژ پیٚیس زہ۔ سہ چھُنہٕ اَسہٕ نبرکُن

سٕہ چھُ اَسی منز ۔ اَسی بیون چھِنہٕ ۔ طاقتک آگُر چھُ اَسی اندر ۔

باطنی نظریہ کرٕ اَمہٕ سوزُک رکیو کیو ، چھُ للہٕ دیدہ ہندِس کلامس منز سیٹھاہ رٔسیل وزان ۔ شیو درشُن تہٕ تصوّف چھ دوشہٕ وَرے اَلھ وَکھنے کران ۔ للہٕ دیدہٕ ہنز زیوٕ رس

شیو چھُے تھَلہٕ تھَلہٕ روزان

موزان ہیوند تہٕ مُسلمان

ترُکے چھکھ تہٕ پان پرٕزان

سوٗے چھے صاحبس سیتۍ زانی زان

اَکہٕ طرفہٕ چھُ سہ اوٗچہ ساوٕنہٕ ہنز کَہنز کہینہ کران

(۱)

دھر چہ لرے دارہ برٕ ترُپرم

پران ژوٗر روٗٹُم تہٕ دِیتمس دم

ہردہٕ پیچہٕ کوٗٹھرِ اندر ٹھوٗوُم

اوٗمکہٕ چابکہٕ ٹُلمس م

(۲)

برہمہٕ برُجس پیٹھ واتہٕ نوٗوُم

دِل چے نارہ سیتۍ دوٗدمس لمٕ

ہم سوٗ تراوِتھ سوٗ ہم پرٕژوٗوُم

دوٗدمہٕ لٕے اَتی تھی شرم

دوٗدمہٕ طرفہٕ چھُ سہ کلمک سپر باوان ۔

گٔلمٕے پوٚرُم گٔلمٕے سوٚرُم

گٔلمٕے گٔرٕٹھُم پَنٕنے پان

گٔلمٕے ہٕنٛدٕ ہٕنٛدٕ موٚین توٚرُم

اَدٕ لَلؔ وٲتٕس لامکان

اَتھ لامکانس واتنٕ باپتھٕ پوٚتس سوٚنچاہ کرُن ـــ

آیس وٕتے گٔیس وٕتے سیٚہ مَنٛز سوٚتھے لوٗستُم دوہ

وٕچھُم چندس ہار نہٕ اَتے ناوِ تارس دِمہٕ کیاہ بوہ

جل جلے کُٹُن وَتھ وَنہٕ پنٛنٕن یندریٚسن (حواسِ خمسن) چائرِن

لاکم نٕتہٕ دِل کوٚرُن نفسٲنی بیمارِو نشہٕ پاک ـــ

مَن وٕوٕنٛد زوٚلُم

جِگر موٚرُم

تیٚلہٕ لَلؔ ناو ڈرام

یٕیلہٕ دٔلی ترٲوِتھ مَس تٕتھ

تِکیازہ ـــ

لوکُک نار ییٚلہٕ لَلہٕ نوٚدُم

مرنے موہٕیس نٕتہٕ رٕوٗزس نہٕ ذرے

رنگہٕ رُژ ذاژٕہی کیاہ یہ رنگ ہوٚدُم

میہ دوٚپُن تٕژوٚلُم کیاہ شٕتہٕ کرے

خُدی تہٕ بے خُدی ہٕندِس سنگمس پیٹھ اِستادٕ رُوزِتھ ہنیوٗت تمہٕ پرٕتھ

رنگہٕ ریاکاری تہٕ کھوٚدٕ پٮ۪نٛچہٕ خلاف جہاد کرُن۔ تمہٕ سِنٛدی کنہٕ اوس پرٕزوٗک

عالماہ بیاکھ۔ تکیازہ ـــ

کینژہ چھی نِندرِ ہیتی وُدِی
کینژن وُدِین نِندر پییی
کینژہ چھی سنان کرِتھ اپٕرتی
کینژہ چھی گیمہ بُزِتھ تہٕ اکری

دپان ـــ

للہ بہٕ دراس کیسہ پوش سٕرِ ییے
کاڈھی تہٕ دوٗنی کرنم یہے گتھ
نیشہ یلہ کھارنم زاوِجہ تیے
وۆورہ واش گیم الاش لگتھ

دوٗبی یلہ چھاونس دوٗبی کنہ پیٹھے
سزہ صابن مُرنم یرٕ تھے
سٕرش یلہ پھرنم ہنہ ہنہ کاٹیے
ادہ للہ مےٚ پٕرووم پرم گتھ

پرم گتھ پرأورِتھ سپنز سٕہ پرٕتھ قسمہ چھو رٕوحانی کھرو نشہ

آزاد تہٕ روایتی مذہبہ کین پیٹھ دٕرن دِرٕن ژینہ وُنی ـــ

یہ یہ کرم کورم تی ارزُم
یہ رسنہ وہ ژُرم تے منتر
یونہے توگم دیہس پرژُن
مے یہ پرم شوون تنتر

یتھ مُرس ہے حان پأٹھو کأم ییہِ ہأہنہٕ تہٕ گرہ بار ترٲوِتھ ژلنک چھینہٕ صنوٚرۄٲرتھے۔ ہکیا زہ ـــ

کندہٕ گرینھ تَنز کندہٕ ون واس

یُتھے چھکھ زِنتھے آس

مَنَس ویپر رٹھ سپنکھ سواس

کیاہ چھے ملُن سوٚرتے ساس

یِتھے پأٹھو چھ لل دیدِ ینٔنِس واکھَن منز دَژھ وأرلنچ شدید ایحساساتَن ہُند اظہار کوٚرمُت۔ توٚرے چھ یِمَن منز وجدأنی کیفیت ژھئِہ مارانہٕ شیرونیج پیرزیج چھینہٕ یِمَن منز کانہہ کوٚشش۔ اَچھرٕ اَچھرٕ چھ وُشنَدرٕ کہ سَنرِ منزہ وُزان تہٕ وونَدرکس سَنرِس منز غوطہ غوطہ کران۔ اَمہ لحاظہٕ چھ لل دیدِ ہنز شاعری سیٹھاہ تھدِ پایہچ زانہٕ یِوان۔

لل دید آسہ ہا پنٔژاہ دُوٚشزاہ ییلہِ نُندہ ریشہ تہٕ ہیوٚت کأشرِ پأٹھو ینُن پأغام بوزہِ ناوُن۔ آدنہٕ پیٹھے اوس شہ روٗحأنی مُسترِکِس تلاشس۔ شاہ ہمدانہٕ سٕنز صحبتُک دیُت تَس نوٚوُے اَچھ گاشاہ۔ شیو دَرشَن اوس وِیوُدُے۔ تصوّفن کرِس پوٚرہ پوٚرہ سٕتھ تہٕ روأیتی مذہب دأری ہُند کنُجر توٚرس نِکرِ۔ توٚرے ہیوٚتن گیوٚن ـــ

پوٚز ہے بوزکھ پاٹرِ نو مَرکھ

نتہٕ مازے نو مَرکھ زِچھونے دَسے

شوٗس سیتین ییلہِ میٚلِ کرکھ

سپدی ژیہ ریشہ مالہ تیلہِ نماز

تہٕ سہ

مکہ مدینہٕ من گار ۔ نکھہ وَتھ اہ پچھے

حق رٔچھتھ تہٕ ژکھ مار سَمَج کرے ہاونے

ہتکیازہ حقس ژھانڈ ونین چھُنہٕ پیرَن گرٛھنک ضرورتھ ۔ تہٕ

چلس اژنک سہ

مو بہہ مسجدَن، جنگلن چلس

دَم ہیتھ اژ کندرہ دلس سیتو

لل دیدہ ہندو پٲٹھو تیج ننُدہٕ ریشہ تہٕ ظاہر دارٔی خلاف آواز تہٕ باطنچہ

روٗحانی تالیمہ پیٹھ دِتُن زور ۔ یمن تجربہٕ اوشس زہ سہ

ژھانجام ترین بونین بتیہ دشہ دیشن

نیب تہٕ نشان نو بھس نہٕ کنے

پرٛژھام سادَن بتیہ تیہ رہ شن

تم تہٕ بوزتھ لگو ودنے

دَب ییلہ راگَن تہٕ دیشن

ادہٕ سُے مہ نو بم پانس زنشے

دِین دٲری تہٕ پرہیز گاری ہندیو پٲٹھو کرن والین ودن ننُدہٕ ریشو

صاف صاف سہ

پرن پیٹھ سیتی ریوشن نو بنکھ

ینُدرہ مُھل مُلہ نہٕ کلہٕ مقصود زانتھ

گوپھ اژنے دَے نو لنکھ

نوال تہٕ گگر دژاے نہٕ واجہ مثر زانتھ

شرانوٗ سیٚتی مَنہ نو شرٕوژکھ

گاڈٕ تہٕ ووٗدٕر بۆزِٹھ کھٮ۪تو نہٕ ژانٛہہ

ووٗپس دِنہٕ سیٚتو دٲے یۆد توشہٕ ہیٚے

دار الدین ییل دیے لۆدُن نہٕ ژانٛہہ

کتابہٕ خوانَن کُنُے اشارہٕ کران ووٚنُن اکھ زُبدہٕ شلوٗکھ ہیٚتھ

پران پران تہٕ پر گیٚیے

تِم خر گیٚے کِتابہٕ بٲری ہیٚتھ

ییم دِلہٕ رٕنِہ باخبر گیٚیے

تِم بنر گیٚے نارہٕ ترِتھ کیٚتھ

یِتھہ کنۍ یِچھٕ نٲو نُندہٕ ریٛشِنۍ لَل دیدہٕ ہِنٛز شاندار رِوایت برونٛہہ کُن

نیٚوٗ کٲشرِ زبٲنۍ ہُند ٲدان کوٗرُن سیٚٹھاہ کُشادٕ۔ لَل دیدہٕ ہِندۍ واکھ چھہ نُندہٕ

ریٛشنۍ شلوکھو کھوتہٕ بےٚ شک چُست باسان۔ بحرحال وزن تہٕ چھہ زیادٕ

پوٚختہٕ لبنہٕ یوان۔ مگر نُندہٕ ریٛشنۍ زبان چھہ اوٚگرٕ تھوٗکرٕ آسِتھ تہٕ زُبدہٕ لگان

شریعت تہٕ طریقتچہٕ ظاہرداری چھہ یہٕ بےٚ واہ ٹکران۔ تہٕ لَل دیدہٕ ہِندۍ فلسفہٕ

کیٚن زاویہ جارُن سَنِنہٕ رۆستی سماجی زندگی صحت مند بناونچ کل تہٕ کہر کران۔

لَل دیدہٕ ہِندین واکھَن مَنز چھہ یۆگکو کیٚنہہ اوٚل اِشارہٕ تہٕ نُندہٕ ریٛشنین شلوکن

مَنز تہٕ چھہ یِتھی پٲٹھی رۆٲحانی ریاضتُک ہِندۍ لطیف حوالہٕ۔ مگر ریٛشنۍ ناؤس مَنز

یُس کلامہٕ شیرنہٕ تہٕ سومبراونہٕ آمُت چھہ۔ سُہ چھہ نہٕ سورُے سِکہٕ پٲٹھی نُندہٕ

ریٛشنُے۔ اَمہٕ مَنزٕ چھہ وارِیاہ کُلھ مَنزٕ ژانِنہٕ آمُت باسان۔ رِوایت چھہ

زِ نُندہٕ ریٛشنۍ آسٕنۍ تہٕ اُس شار وَنان۔ تِمۍ سِنٛز ہمعصر عارفہٕ شامہٕ بی بی

ہندی کینہہ شار تہ چھہ میلان بنیو بنیو تہ آسہ ہینے ییتھ پنہ مضمونن پیٹھ شار وَنی مُتی۔ تعجب ہیو تکیاہ چھُ زہ یمن سارنی ہندی واکھ۔ شلوکھ تہ شار آسے وَلِنہ تہ نُندہ ریشنہ کلامکہ جصہ زانِنہ۔ کاٸتیاہ واکھ چھ تِتھی تہ میلان ییم للہ دیدہ ہندکہ ماٸنہتھ تہ للہ دیدہ ہندی چھنہ باسان۔ داہ باہ چھ تِتھی تہ ییم زَن للہ دیدہ تہ نُندہ ریشہ دوشونی ہندی چھ وَننہ یوان۔ مثلن ؎

کینژن دِیتھکھ اورے آلو

کینژو رُٹہ ہیے نالے وِیتھ

کینژن مس چیتھ اچھو لگہ تالو

کینژن پتہ پیتھ گے ہالو کھیتھ

یا

کیاہ کرہ پانژن دہن تہ کہن

وُہ کھتُن ییتھ لیجہ کرِتھ ییم گے

ساری سمہ ہن اکہ رزہ لمہ ہن

ادہ کیا زہ راوِ ہے کہن گاو

ییوتام تہ یہندہ کلامکہ شوٗدی نوسخہ اکہ ین توتام ہیکو نہ اُسی سیکہ کرِتھ زہ ییم واکھ کمہ سُندی چھ۔ ہرگاہ زَن للہ دیدہ ہندین واکھن شُرز چھ انفرادی جذباتن ہندِ شدّت زیادہ شوٗلان۔ تہ نُندہ ریشنین شلوکن منز چھُ واعظک ہیو انداز گژھان۔ خاٸر کاٸنسہ ہندی تہ اُسو تن ییم ٹُکھ مگر ییم چھہ اَکہ تواٸریخی دوریچ ترجماٸنی کران۔

نُندہ ریشس تہ صُندرہ ماجہ درمیان، نُندہ ریشس تہ زیہ دیدہ

درمیان تہٕ نُندہٕ ریشس تہٕ حضرت میر محمدؒ ابراہیمس درمیان یُس کلامہ از نُندہٕ
ریشُن وَننہٕ چھُہ یِوان۔ سُہ چھُہ اصلی خبر کِنہ تام عوامی شاعرن ووٗنمُت۔ یہ کلامہ
نُندہٕ ریشُن ہیٚکہ نہٕ اُسِتھ تِکیازِ اَتھ منٛز چھُہ کانٛہہ شاعری بیٚیہ اکہ صنفُچ
ژھاے گژھاے نہٕ بوزنہٕ یِوان۔ یوٗہے صنف چھُہ "اکہ نندُن" ہیوٚن شاہکارن
منٛز یاوُن چھاوان۔ تعجُب چھُہ ہرگاہ زَن اصل امی گوڈہ کالُک تبرُک آسہ
تِکیازِ ژُمان چھُنہٕ زِ نُندہٕ ریشَس پتہٕ کیاہ گوو کاشرِ شاعری ہُند
اگرُو بلکہ ہوٚکھِتھ تہٕ وُری ہیتھ جوراہ گژھِتھ کیاہ لوٗگ بیٚیہ یک دم زورہٕ
زورہ شورہ سان گژھنہٕ۔

تواریخ چھُہ گواہ زِ بڈشاہ سُندین درباری شاعرو کرِ کاشرِ
اَدبُچ سیٚٹھاہ خدمت۔ یوٗدھہ شومن لیوٗکھ "زین ژریتھ" یتھ منٛز تِمو بڈشاہ
سُندِ تاریف تہٕ بجر گیوو۔

"یودھ بٹن" لیوٗکھ امی ژاپہ "زینہ ولاس" ناٹک۔ بھٹہ اوتارن پھیر
شاہ نامہ کاشرِن باتن منٛز تہٕ 'زین ولاس' تہٕ لیوٗکھُن۔ سیٚٹھاہ افسوس
چھُہ زِ ہمو ییمہ کتابہ منٛزہ چھِنہ از اکھ تہٕ اَتھہ لگان۔ باسان چھُہ زِ لوکہ
عامن تھوو لل دیدِ ہند تہٕ نُندہٕ ریشنہ واکھ تہٕ شلوک وونِدس منٛز
شیرِتھ تہٕ رٔچھِتھ۔ مگر بیٚین بیٚین شاعرن ہُند کلامہ آو وقتہٕ کِس
پھیرہ ہُرُس منٛز ہیٚنہٕ تہٕ کانٛہہ بچن پایا رُوٗدُک نہٕ۔ زین العابدینس
پتہٕ آے کشیرِ واریاہ گاٹیلہ۔ اندرِم فساد تہٕ فتنہ روٗدِہ چلان ونی۔ ماگریو
ڈارو تہٕ ژکو تُلو نوو نوو جنجال۔ یمو سیٚتھ مُلکی تہٕ سماجی زندگی وُچھرنہٕ
آیہ۔ عِلم تہٕ ادب گوو اندرِے اندرِے دم پھُٹتھ تہٕ سلطان حسن شاہ سِنز

سرپرستی اۘسِتھ نَہ ہیٚچھ نہٕ کأشُر شأیری تِمَن دۄہَن وۄتلِتھ۔ پَتہٕ بیٚیہِ ژٕکہٕ حوٗکوٗ مُرش کھوٗر ٹھیکہٕ رٲوی۔ جبہٕ خوٗنٕہ ہندی وٕژُن گےٚ ہَقدان تہٕ کأشُر شأعیری ہُند دوٚیِم دور آو اَقبَس کیٚتھ پیٚٹھ تہٕ مۄدرِہ سوزُک گٕژھوٗزِہ وُن پیالہٕ ہیٚتھ گژھاپہٕ ماران۔

[ ’کونگ پوش‘ جلد ۱۰ نمبر ۵ ]

# کامران

حبیب کامران اُسہ ۱۹۴۷ عیسوی پیٹھ ۱۹۵۶
عیسوی کِس وقتس تام ترقی پسند ادیبن ہنٛزن مجلسن منٛز
شریک سپدان۔ گٔہے گٔہے اُسہ کُنہ کُنہ افسانس کاشرِس
منٛز ترجمہ کران۔ ۱۹۵۴ — ۱۹۵۵ عیسوی کِس وقتس
منٛز لیچھ یمو 'ذات جٔنزات' ناوٕ کاشرِ ادبُک گوڈنیُک
ناول۔ مگر اچانک ۱۹۵۶ عیسوی پتہٕ آیہ کامران صابٕنِس
مزاجس منٛز خبر کیاہ تبدیلی۔ تِمو ترٛوو ادبی مجلسن منٛز
شریک سپدُن۔ تِمو ترٛوو لیکھُن کرُن۔ اَکھتہٕ یہ کیٛتھہ
لیٛوکھمُت اوسُکھ تہٕ کورُکھ پننیو اتھو فنا یہٕ۔ 'ذات
جٔنزات' تہٕ گیہٕ اتھو سیٛتو فنا۔ اَمہ ناولہٕ ہُند اَکھ
باب اوس چھپے ۱۹۵۵ عیسوی کِس "کونگ پوش"
منٛز چھاپ سپدیومُت۔ اُسہ چھ اَمہ ناولہٕ ہنٛز یاد
رٔچھنہٕ خاطرٕ یُہے باب یتینٛہ پیش کران۔

●

ناول

حبیب کامران

# ذات بُتراتھ

## گاش پھوٚل

موٗمہٕ گوو تھوٚد وُتھِتھ زٲنۍ کوٚر ہیتھ ٹُکن ہُشار۔ باثبرِ باثبرِ گوو شہ تہٕ دأر ہُرثراوِتھ دِژِن نظر۔ تاپھ اوس وُڈر پیٹھ کینہہ ڈوٲنۍ گُلپن تانی وونمُت۔ ناگس پیٹھ اُس تہٕ کہینہٕ زنانہٕ۔ سارے آسہٕ آب نِنِتھ موکلے مٔژہ۔

شہ گوو کِنیتھ تانی ہیوٗ۔ جَل جَل لاگِنہٕ پُلوٗ۔ تہٕ ووتھ بعون۔ بأے کاکِنہ اُسس چاے کرِتھ موکلے مژہ۔ بتہٕ خاطرِ اوس دانس پیٹھ آبہ دیگچہِ گرٕ پکان۔ موٗمہٕ گوو آڈٕ آبہ ہٕن پھرِتھ پُتلس۔ نظرِ مژرِ رلوونس زُون آب سیتھ تہٕ دژاو ہبرکُن بُتھ چھلنہٕ۔

بُتھ چھٕلِتھ ژٲو تہٕ بَتہٕ اوسُس شیرِتھ۔ تمہِ اوس تورٕ کالے بأے کاکِنہ تھوومُت وُنِتھ زہٕ صُبحس کرِ زہٕ میہٕ سُلی ہُشار۔ تمہٕ اوس تمۍ بندہٕ خاطرِ بتہٕ میوٚنڈ کھنڈ کالے رٔنِتھ تھوومُت۔ یِمے اُٹھ دوہہ اُسو گامہٕ موٗمس بتہٕ کھیتھ چاے چیوان تہٕ نیران۔ یِمَن دوہن اوس سہٕ ترِیہ ترِیہ ڈانگ بتہٕ کھیوان۔ تکیازِ کامہٕ کارُک اوسُس ٹرٕٹھ وُنہٕ سِنخ۔

ڈُنہٕ اوس موٗمس پَتہٕ یُم بَتہٕ میوٗنڈ نینگہ لاوٕنۍ زٕ ہأسے کاکنہ
دوٗپُن پیٚھر میہ چاے۔ ژُہُن بَتہٕ کھیٚیتھ اوس شہ چایس زٕ ژور پیالہٕ
چوان۔ تٔمہ ٹھووٕ ناو چاے ژوٚن پیالن منٛز پیٚھرِتھ۔ یُتھ شیٚہلہٕ نہٕ وقت
لگیس نہٕ چیٚنس۔ ووٚدنہٕ ووٚدنہٕ ژھینٛو موٗمن چاے چیٚتھ۔ تَبہٕ تُجُن اُٹھس
کیٚتھ نہٕ دژاو۔

ژیٚٹھ ژیٚٹھ قدم ترأوِتھ اوس موٗمہ کھاہو ہیرٕو بٔنیٛٹھ یِکان۔
پھیران اوشس نہٕ ساری آسن وأتی ہتھ نہٕ سُے اکھ روٗد پتھ۔ اُڈٕ پہٕ
آسن زٕ ترہ ژور ژور کھار زٕنہٕ ژِچہ مرٕژ۔ بٔنیہٕ اوس تٔمۍ کالے رتھمن
ٹھوٗومُت وٕنیتھ۔ زٕ یہٕ دِمہٕ نہٕ کاٗنسہٕ پانس بُرونٛٹھ گژھ نہٕ۔ اُدارٕ باڈن نہٕ
اوشس وٕونمُت یُگاہ نیٚنہٕ ووٚنی کٔمۍ سِنٛزن مَرژھن منٛز کوتاہ زور چھُ۔ نہٕ کُس
ہیکہٕ سارٕنی ہندٕ کھوٚتہٕ زیادہ زِیُن ژٔرٹھتھ۔ مگر موٗمہ کُس اوس پانس برابر
مانان۔

تٔمۍ ہیوٚت قدم بٔنیہٕ ہَن تیز ژلُن۔ یُہ تانی ڈٔڈر نِکھ ووت۔ نہٕ پانس
سیٚتھ دوٗپُن خُداین ہے یوٗرتھ نَم ڈُنہٕ نہٕ دِمہٕ نہٕ کاٗنسہٕ پانس بُرونٛٹھ گژھنہٕ۔
ڈُنہٕ اوس موٗمہ دیٖن محمدٕنس کوٹھس تانی واتنۍ زٕ تَس ۂینِن
قدم سوٗتی ہیٚنز۔ نِکیازٕ کھوورٕ زنگہٕ نہٕ دٕچھنہٕ نرٕ اوشس لگان ہیُلہٕ۔ تٔمۍ ژٕ بٔنیوٕ
کالے یہٕ لُگُو۔ نہٕ تَس اُس راے یہٕ چھُ تھکہٕ نکُ نہٕ راتس نام آرام کرنہٕ
سیٚتھ ژٕلہٕ۔ تٔمۍ اُس نہٕ کالہٕ دوٚہہ ہٕکُس دوٚہس اُکس برنٛزِس نہٕ تَبہٕ پیٚتھر ٹھاوٕمرٕ
بتہٕ چھنہٕ کھیٚتھے چاے نہٕ اُسن لگُہ سے پیٚٹھ چے مرٕ۔ یُوز وُنی کیٚس کیازٕ اوشس
لگان۔ ظاہر اوشس نہٕ کالکہٕ تھکُن کینہہ ژٕ لمٕت۔

موہمہر ہیونتھ ونس نکھ واتنھ۔ دُوری ترٲوِن نظر۔ تاپھ اوس ونس
پیوٚمت۔ ساری اُسہ آمتہٕ تہٕ زنس اُس کنٹاے لگیمژ۔ اَتھ ونس اوس شُبلیٚ
کھنچھ حطبہ ٹھکیکر نیوٚمت۔ ترِٛن وریٚن تانی اُسس کنٹاے کرٕتھ موکہ لاوِنی۔ وُنہٕ
اوسُس گوڈ پٚنکُے وری۔ ییم اُسہ ہردٕ ونی دہہ تہٕ شُبلیٚ کھوچ اوس دیان اگرشین
پینس تانی تونہٕ حطبس داہ دُہہ ساس کھاٮ ژٹنہٕ پیہن تہٕ تمہ شند گزارہ تہٕ چلہ ہا
توٚرے اُس تمہٕ حطبہ کھاٮر ژٹنہٕ پیپھٹہ گاڑہ پیپھٹ واتہٕ ناونس تانی اُ ٹھن آنن ہنزہٕ
جایہ داہ آنہٕ موٗزوٗری کرٕ مژ۔ توٚرے کنہ اُس گامہ اندرہ زہ ڈاے ہتھ موہنوکر
کنٹاے کرنہ نیران۔ واربابہ زنانہ تہٕ آسہ پوان۔ تمن اُسہ ونہٕ پیپھٹہ زنی کھارگاڑہ
تانی سارنس ترہہ آنہ میلان۔ تمہ وغاٮر اوس شُبلیٚ کھچس گامس منز پانس تہٕ
سیٹھاہ روٗ سوٗخ۔ اگر نہٕ کانہہ موہنیو موٗزوٗر لمحہ نیرہ ہا تہٕ شُبلیٚ کھچہ نہٕ لحاظ
اوس نیران۔ نکیازہ تس اُسہ وارِیاہ صِفت۔ اُتی اوس کالس منز مالہ دزیا
کھاندرہ کھوندرہ وز رہ پین دہن پژان پاران۔ بیٚیہ اگر کانہہ گامک گرہ پیہس
تس اوس سیٹھاہ خاطر کران۔ شامس پانس سیتھ بتہ کھیاوان۔ توٚرے کنہ
اگر تس کنہ ساعتہ گامس منز موہنوین دہن حاجتھ بیٚیہ ہا۔ داہ کامہ ترٲوِتھ
اُسس برونہہ برونہہ نیران۔

موہوروٗت نزدیک۔ شہ اوس دوہ نی وارہ وارہ زن بھنگ ہتھ کوٹھو
پکان۔ نکرہ اوسُس ترٲن زہ شہ ہیکہ نہٕ از کینہہ تہٕ کرِتھ۔ نکیازہ تس اوس
دوہ نی ساری سے پانس دود ہیوٚ باسان۔

از اُسہ ڈیکہ کھوتہٕ ژری موہنوکر آمتہٕ۔ دین محمدن اوس پننہٕ
کھوٚش بوے تہٕ سیتو اوٚنمت۔ تمہ اوس کھوٚش اَچھے سیٹھاہ زیٚن

ژۄوٹھمُت ۔ بیٚین گامن ہندی تہٕ اُسی سیٹھاہ مۄہنیوی آمتی۔ دایہٕ اوشکھ کھلن
بوٚزمُت۔ دوٚپمُت آسکھ یہ گرٕ بہٕمو تہٕ اگر آیہٕ ژورٕے زینوٚ بلایہ ژھینیوٚس
نوٚن چاے نیرہٕ۔

موٚمنہٕ ووت تتھ گُلس نکھہٕ یتھ تس کمائے اُس کرِنی۔ نوٚرہٕ باںڈہٕ تہٕ
اکبر تُرٕتے اُسی دم دِتھ وۄتھمتی۔ تمائی چلہ ماہ اُسکھ بُرمژ تہٕ پانہٕ وانی اُسی
کیاہ تانی مخولہٕ کران تہٕ اُسان۔

موٚمنہٕ آو تہٕ ووشاہ ترأوِتھ بہیوٹھ پتھر۔ نوٚرہ باںڈ وۄتھس رکھوزہ
موٚما ! ووشس کتھوٚ بیہتھ چھکھ ژھاوان۔ باے کاکنہٕ دُیتنے تاپتہ ازٕ۔ تہٕ زُٹھا
گرٕ چھتھ دوٚپنس۔ مگر بڈہٕ سُلہٕ کیا بہیوکھ وأتتھ۔ یوٚت سُلہٕ چھا منأ بط گرہ
نیرون۔ اُخر دب دژوس ہے لگی انسان گرٕتھ وُمرہ بیہتھ کھوٹ کار۔"

موٚمن ترأو نظر گامس کُن تہٕ وۄننس: نادود ہیوٚ چھُم باسان۔ ازٕ
ہیچوس نہٕ وُتھوٚ تھے۔ زورٕے ووٚتھس۔ مژٕہ نیندرہ گوس تھوٚد وِتھمنہٕ۔ کمالہٕ
اُسمنہٕ ژیرتانی نیندرٕ آمژ۔

نوٚرہٕ باںڈ پھیوٚر اُسان اُسان اکبر تُرٕے ہُس کُن تہٕ وۄننس گوٚب
نیندرٕ کیا چھس پیوان۔ تہٕ تہٕ چھُن نہٕ وُنہٕ نیندرٕ کوٚرمُت۔ . . . . . . .

موٚمن وۄننس اُسان اُسان۔ ہا بہٕمہٕ ہا۔ مگر نفس جہنمس کیاہ
کرٕہ۔ نوٚرہٕ باںڈن تہٕ اکبر تُرٕےین کرٕ زٕھ پہر۔ تمہ پتہٕ کھتی ترینشی وٕے گلین
تہٕ ہیوٚنکھ زین ژٹُن۔ موٚمس اوس نہٕ وارہٕ وارہٕ اُتھ ووٚتھان۔ کہن بجن تانی
اُسی تمی کھوٚ تام زینس باہ ترک ژٹی متی۔ مگر عرقہٕ سیتی اوشس مژان گومُت
تہٕ دِلس بیہتھ اوشس بارہیوٚ۔

کھوزہ موما۔ بۆزی کنہ گوس آلو۔ نظر ترٲوِن بوٚن کُن تہٕ وُچھُن
سُبلہٕ کھوٚچ اوس وودنہٕ تہٕ وَنان اوسُس یِتہٕ چھُتھ کارکوٚزمت۔ صُبحہٕ
پیٹھ چھُتھ بۆزی مَن اکھ ژوٚٹمت۔ سارٕنی موٚزوٚری الگ کڈِتھ چھُتھ تمٲکی
پھُٹجہ سوٚنب سیٚنٹھاہ زیوٚنمت ــــ نا اکھ تِل جل پھٕہن۔ یِتھ توتہٕ شامس
روپے ڈوڈ روپے اُتھس پیٹھ پیٚیی۔

یہ وُنِتھ پوٚک سُہ بروٚنہہ کُن۔ سُہ اوس یِتھے پاٹھی دوہس
گُلہٕ پُتہٕ گُلہٕ پھیران آسان تہٕ موہنوٚ ین وَنان ژوٚر ژوٚر زیٚوِن ژٕٹُن۔ اگر تس
پِلہ ہا۔ اکی ہے موٚہنوس اکھ ژٕٹہٕ ناوِ ہے زِنس ہتھ ہتھ کھارہ تہٕ
ہرد ہے منز ییہہ ہے سورُے وَن صاف کرِتھ۔

موہنَن گنڈ مدٕرے تس کُن۔ سُبلہٕ کھوٚچ اوس پننِس زیٚٹھر
ووزلس ریشس کنگو، کران کران پکان۔ تہٕ پرٕنیتھ کُنہ گُلس تِل پننہ ژھوٹ نس
تالہٕ پیٹھ کرِتھ کینہہ نتہٕ کینہہ وَنان۔ یِتھے پاٹھی اورِ یور تہٕ یورہ ہور کرِتھ
گوو سُہ واریاہ دوٚر تہٕ ژاو پننِس خیمس منز۔

موہنَن تھوٚ نبر پیتھر۔ تس زَن اُس کوٹھن لورہ ژنڈ ہشی
بیٹھمٕژ۔ صُبحہٕ پیٹھ اکی ہے زنگہٕ پیٹھ رۆزِتھ تہٕ پنُن جگر پھاسہٕ ناوِتھ اوس
تمی وُنہٕ سُبلہٕ کھچنہ کنہ صرف تمٲکی پھُٹجہ سوٚنب زیوٚنمت۔ خسر کیاہ اوس
اُمی سنُدِس پیٚتس زیٚوِن ژٕٹنس۔

تمی دِژ اورِ یور نظر تہٕ وُچھُن ژورو طرفو آسہٕ رٲوِکی پاٹھو خطبہ
وَسان۔ پنڈِژن ہندی پنڈ اُسی جمع گٲمتی۔ بیٚیہ آسہٕ بارو بارو سارِنہٕ ریوا
تیوٲت کرِتھ تہٕ اُس نہٕ سُبلہٕ کھچس یڈ پیوان۔

اَما یمہٕ ییٚیرٕ خطبہ کور چھہٕ گژھان ۔ تمہٕ اوس بوزمُت زِ خطبہ
مَن چھہٕ شہرس منز دوٚن روپیَن کِننہٕ پِوان ۔ سہ گَیہٕ ژوٚن روپیَن کھار ۔
تمی یِتہٕ چھہٕ شبلہٕ کھوٚچ یوٚت کنڈِن پیٚچھہٕ ۔ شہرنحفہ چھہٕ یمے خطبہ سوٚنہٕ
موٚلہٕ کِنان ۔ نتہٕ کتہٕ گیےیہٕ اُمس ییٚنتھ دِیار پادٕ ۔ یا گوٚ وشہ زانہٕ ہا یہٕ تَس
دٕہے وٚری گَیہٕ زِ اَکھ اَکھ زٕوزگلی ہنہٕ اوس موٚلی ہیوان تہٕ کِنان ۔ زانہٕ تہٕ
اُسس بہٕ برابری پِوان ۔ دوٚہے اوسُس قرض آسان ۔ اَز چھس زِ گاڑ
پننہٕ موٚلی ہیٚیرٕ مرٕ تہٕ سارِہ بُدس روپیَس چھس ٹھیکہٕ ۔ یُتھ زِ شہرس
منز چھنہٕ اُمس برابر کانہہ زنیٚک ٹھیکہٕ در ماننہٕ پِوان ۔ پنژاہ کھیٚچہ چھس ہنز
یٚیمہٕ کنز شبلہ کھوٚچ چھس ناو پیوٚمت ۔ یِمے کھیٚچہ چھس مُکھے کُلاوان تہٕ یمہٕ نے
چھس اَکھ کِرائے پِوان تہٕ بیٚیہٕ چھس پننہٕ زٕمین سارٕنس تہٕ لگان ۔ تہٕ پانہٕ چھہٕ
بِہتھہٕ بنگلس بسان ۔

موہ میٚہ اوس یِی سوچان زِ یِیادٕ دِژس اکبر تُرتےیَن کرِتھ ۔
رِتھ زِ موٚما ژِہ ژِہ گو کھابہتھ ۔ ژٕہ کِہو چیتکھ یمے زِکرٕ ہشہٕ
کرِان ۔

نوٚرہ باڈن کرٕ اسنہٕ ہنا ۔ تہٕ دوٚنُو یِہ ہا آسی سوچان زِ خبر بوٚ تہنز
گرٕمہ ما آسنم ژُلی ہیتو ۔ تہٕ تمَن کُس گژھیم رٹنہٕ ۔

موہ میٚہ دوٚتھہٕ تہٕ لوٚگ بیٚیہٕ زٕمین ژٹنہٕ ۔ مگر زٕہ آسس بہٕ کینہہ دوہتھان ۔
اُمی شبلہٕ کھیٚچہ اوس اَکہ دوہہ موٚمس وونمُت ۔ بوزٕ ہتا موما اگر
ژٕیہ ہیٚن چھے زِ میہ گژھہ انسان صورت ہش گژھنز تبلہٕ اُسو زِ یوٚت بہٕ تیوٚت
زٕوٕ ژٹان ۔ ہرگز اُسو زینہٕ پوٚد پتھر تراوان ۔ اَدٕ وُچھنہٕ ژٕہ کِتھہٕ پاٹھی بھیوکھ ۔

مگر کتہٕ چھُ زوٗ ژٕٹنہٕ سیٖتۍ کینہہ بنان۔ موٗمن دوٚپ پانس سیٖتۍ
بہٕ ہیے یِژٕت جٔنکھان چھُس کھرٕ سندۍ پٲٹھۍ۔ بہٕ ما چھُس دپان گاڑہٕ ہیمہٕ ہا
مکۍ نتہٕ ٹھیکہ در بنہٕ ہا۔ مہٕ اوس یِتھۍ طمع زِ پوٚشرِ ہیے بنہٕ ہا نم کِنہٕ جاپہٕ ہیمہٕ ہا
زمینس داہ وُہہ کنال۔ پننہٕ اتھہٕ لاگہٕ ہا تہٕ ورِ ہیس کھیمہٕ ہا پننُ ہا کھ بتہٕ۔
امی ہیے بہٕ نہ راتھ چھُس وُچھان نہ دوہہ۔ مگر کمُ ساس گیٖم جمع۔

موٗمہٕ اوس وارہٕ وارہٕ گژھ لگنہٕ ٹاساہ ژھنان تہٕ سوچان۔ تس
روٗزنہٕ خبرے زہٕ نوٚمارہٕ باڈتس کر ووت بترٕ تہٕ کرکھیون۔ اکبر ژٕرتے ہس رکتھ
پٲٹھۍ آیہٕ تبرٕ ہتشر چھی کھوٗرس تہٕ نم ہیتھ نیٖوٗنس نصیف نیٖہتھ تھوٗد ژٕکھتھ
تہٕ دسگیرنے اتھہٕ روٗٹ کرہٕ ہیس تہٕ اتھے سیدرٕ ہیس ٹاس گوڈس کنُ کھوٗر
پتیمہٕ ہینس خطبہٕ گلکھ پٲٹھۍ ہورکنُ۔

دراصل چھُنہٕ محنتہٕ سیٖتۍ کینہہ بنان۔ موٗمس ژوٗل بڈہ نیبرٕتھ تہٕ
زوُن زِ پوٗز چھُ تتی یہٕ اکہٕ دوہہ شُبلہٕ کھچی تمۍ سے بتھی نمبردارس نشس
دوٚنمُت اوس زِ روپے چھُہ روپیہٕ تہٕ روٗسوٗخہٕ سیٖتۍ بنان۔ تہٕ شُبلہٕ کھچین س
روٗسوٗخس کیاہ اوس وَنُن۔ جنگلاتکۍ ساری افسر چھس پنُدس۔ راتھ چھس تھوٗد
وُتھو وُبتھی سلامہٕ کران۔ آخر کرہٕ ہانس نا۔ تمۍ اوس ناوُ چھمُت زِ ییٖلہٕ سُہ
ڈپٹی فو (ڈی، ایف، او) صاٮ۪بس نشس گژھان چھُ۔ ڈپٹی فو صاٮ۪ب چھُس پانس
برونٹھ کنہٕ کُرسی پیٹھ بیہہ ناوان تہٕ پانس سیٖتۍ چاے چاوان۔ کھوژن نا
ییٖتھس موٗہنوس۔

شُبلہٕ کھچی اوس روپیَن نوُن ساسن تتھ ونس ٹھیکہٕ ہیوٚ تمُت مگر
بھیران اوسُس۔ دپان اوس مہٕ اوس تکھمینہٕ لگومُت زہٕ کھار لچھاہ وَسہ

یِتھ وُنس۔ مگر یِتھ وُسن کیٚہہ تام پنٛژاہ شیٚیٹھ سا سہ کھاٗرہ۔ توٚرہ کیٚنہہ گژھہ واریاہ نوقصان۔ مگر موٚمن اوس زانان والین نِش بۆزمت زِ تِتھ وُسہ ہا لچھ کھاٗرہ تہٕ پیٚنچھی حطبن ہُند۔ بینیہ اوس شُبلہٕ کھوٚچ حطبن سیتھ کاورہ تہٕ رنوان ژرٛٹھ اگر تِمہ تہٕ بوزُو تیٚلہ چھینہ کیٚہہ۔ پونٛڈس کھنٛڈس وُنس منٛز ژنٛی کھار ہیوٚان تہٕ داہ باہ آنہٕ پیٚسہٕ لاگِتھ چھُ ژوٚن روپین کنان۔ اُمس روٗدکی پاٗٹھی دیار وُسن نہٕ تیٚر اتہٕ کسں وُسن۔

یہ سورُے صِفت چھُ روٗسۆخس۔ موٚمن دوٚپ پانس سیتی۔ شُبلہٕ کھچُر چھُ صرف حطبن ہُند ٹھیکہ نیوٚمُت۔ مگر حطبن سیتھ چھُ ییٚپرٕہ کاورہ رنوان ژرٛٹھ یِمہ سورُے گام دٔہن وَرہین زالہٕ ہے۔ کانٛہہ چھُس نہٕ روبرو تہٕ ہیٚکان اُنِتھ۔ ژہٕ کیا چھکھ کران۔ اکھ بیاکھ ہیٚے آسہٕ ہا ہوٚ چھہ مژہ یارہ یا کنٛشہ رنوان دوٚن ترکن پیٚسہٕ نہٕس رٔٹِتھ۔ پاٗزارس داہ ساس دٕہاٗنس تہٕ بینیہ کرہ ہاٗنس خبر کوتاہ جُرمانہٕ۔ یِتھے پاٗٹھی بینیہ موٚمنس واریاہ کتھہ یاد تہٕ نیرگیس روٗزِتھ وُنہٕ اوس دِگرِ واتنہٕ زہ سہ وۆتھ گُڑ پیٚسہٕ لبان تہٕ وۆنُن اکبر ترٛٹے ہس کُن۔

"اوٚرہ یا اکبرا۔ بہٕ نیرَے وونی۔ مے چھُے نہ ازِ زُو ٹھیک۔۔۔۔"

اکبر دوٚپھُس، اوٚرہ کیاہ گژھہ کر آرام بلاے ژھن ییٚرِ کامہ۔ اوٚر جان ہیٚے آسہ کاٗتیاہ دیار بنن —— تہٕ داٗدِس گےٚیہ کیٚنہہ فرق۔

موٚمن دوٚپُس۔ داٗدِس ہا چھُم فرقے۔ مگر واٗنج چھُم یِہَے راوان

ہِش۔ یِوٚہے دَ وَنہٕ ہیوٚ چھُم بوزنہٕ یِوان۔

یہ وَنِتھ دراو مقدمہ گرہ کُن۔

گرہ ووت تہٕ چاے اُسس تیار۔ ژھرے چاپہ پیالہٕ زہ ترہ چین

تتھ نتھ تہٕ لیفا ہیڑن کھورہ شاند تہٕ شونگ۔ تہٕ یانٛ تمہٕ وُرن کلہٕ پیٹھٕ ہیت
تانٛ لگِس گمہٕ بیخ۔ تہٕ دوٗپُن یہ تہٕ گوو جاے۔ وُنٛ لوہ تہٕ بہٕ۔ اُکھی سپنو پیٹھِس
نِندرٕ۔

ییٚلہٕ ہُشار گوو۔ دوہ اوس لوٗسمُت۔ تس اوس دود لوہ تیوٗمُت۔
کاُجک اوشُس بتہٕ کھینہٕ تہٕ ووہنٛ اُسِس لبہ چھ ہشُس باسان۔ بوہن ووٚتھ
تہٕ گوو مُشیدہٕ ہندِس حمامُس منز۔ تتہٕ آو اَتھا بُتھا چھلِتھ تہٕ کھیون بتہٕ۔ بتہٕ
کھیتھ کھوٚت ہیٚور تہٕ طاقچہ پیٹھٕ واٗرِجن سارنگ۔ یہ سارنگ اُس تمہٕ ستوٗہن
روپیَن انٛ مژ۔ پیٹھٕ اٗسنس ساڑھ ژور روپیہ لاٗگِتھ ریشمی غلاف تہٕ یارٹو
رٔز کرٕ مژ۔ تہٕ دوہ شوٗرے طرفو آسہ تس روپیہٕ لاٗتڑہ ژاوِہ مژہ۔

تس اوس سارنگ وایہٕ نُک سیٹھاہ شوق۔ ییٚلہٕ شہ تھوٚکمُت آسہ ہا یا غم
ہیوٚ آسہ ہس۔ اَتھ اوس سارنگ وایان۔ سارنگ وایہٕ نہٕ سپنو اوس تس سورُے
غم ژلان تہٕ تھکُن نہٕ کُنہٕ روزان۔

شہ روٚد ژیر تانٛ سارنگ وایان !!

['کوہنگ پوشن' جولے ۱۹۵۵]

# اختٓر محی الدین

اصل ناو : غلام محی الدین تخلص : اختٓر

ذات : وانی ۔

ولدیت : عبدالکبیر وانی

زاسنہٕ : ١٧ ، اپریل ۱۹۲۸ء

زینہ جاے ، بٹہٕ مالیُن سرینگر

روزنیچ جاے : سیکہٕ ڈافر سرینگر

سأنِزٕ بہلہٕ پایہٕ ادیب تہٕ افسانہٕ نگار اختٓر محی الدین چھِنہٕ کُنہٕ زان پہچانٕکہ محتاج ۔ اختٓر صأبن کوٚر ۱۹۴۹ ہس منز بی ، اے پاس تہٕ ۱۹۵۴-۵۵ سنہٕ پیٹھ ہیوٚتکھ کأشری پأٹھۍ لیکھُن ۔ ۱۹۵۱ء پیٹھ ۱۹۵۵ء ہس تام رُودی اُردوہس منز تیٚمہٕ ژھیوٚرے کران ۔ ہرگاہ اوٚہند اُردو افسانہٕ

"پوٚنڈرچ" کہانین ہِندِس اَکِس مُقابلَس منٛز بہترین تہٕ قرار دِنہٕ آو۔ اما پوٚز یوٚسہٕ پھُلےٚ اَہندی قلمَن کأشرِس منٛز ہٲو تتھ بُروٚنٹھ کنہٕ رٔود نہٕ پوٚنڈرچس کانٛہہ بَجر۔ اَختر صابٕن گوڈنیُک کأشُر افسانہٕ سَپُد تیوٚت مقبوٗل زِ پَتھ کأنسہِ ہِنٛزِ اَچھ لجہٕ نہٕ کُنہِ وَرِس ۱۹۵۵ عیسوی ہس منٛز چھپے یہٕ اَہنٛز گوڈنیچ افسانوی کتاب "ست سنگر" اَتھ پیٹھ سَپُد یہٕ سنہ ۱۹۵۸ ہس منٛز ساہتیہ اکادمی ہُند قومی اعزاز حاصل۔

"ست سنگر" پَتہٕ چھپے یہٕ اَہنٛزہٕ بێیہِ زٕ کتابہٕ "سوٚنزل" تہٕ "دود دگ"۔ سوٚنزلِ منٛز چھ افسانہٕ۔

اختر محی الدین

# دٔریایہ ہُندیے زارٕ

نُبرِ شالِہ اوس ستہٕ دَہہ ڈولمُت۔ تمہٕ اُس عُمرِہ رنگہٕ کأم
کرٕمژ۔ تہٕ اَز تہٕ اوس کران تی۔ وٕنیتہٕ بُجہِس پیٹھ اُسی تمِس زٕہ طاق تہٕ ترٕیہ
پور پچھوٕ ہاہجرِہ ہَن۔ اَمِہ چی ڈٕبہ پیٹھ بہتھ اوس شہرِہ ہمیشہ نَستہٕ پیٹھ موٚٹ
عأنکاہ یونہٕ سیٖتو چأرِتھ کأم آسان کران تہٕ گیوٚن کرِتھ دوان —

مش بہ چھو نش باتہٕ کے پیالے ہیو
تہٕ بیا کھ گیوو —
ژٕ رِنز پوشہِ رنگہٕ میہ ڈأنٹھمس تَن
ہا ژٕہ نو ڈٔپی زٕہس بوزِ عالم

اَمِس اوس لوہ کجارہ پیٹھے کھتَن کجٕ ہیوٚ تہٕ ڈند نبرٕ نٕرٕ سیٖتی
اوٚسُس یہ زیادہ پہَن سُنِدمُت۔ تمِس لوہ کٹِس موکٹِس شُرِ سِندی پأٹھی
اوس اَڈٕہ کجٕ کھتہٕ کران۔ ریشہ کھرٕٹ اُمِس بُجہِس پیٹھ سفید شیٖن ہی زنتہٕ
زنانہٕ ہٕندِہ دٔلِہ پیٹھ پھمبہٕ وال اُہن تکِھتھ مایہ سیٖتی لأگِمتی۔ اَتھَن اُمِس
نَٹھ نَٹھ اَژان۔ مگر تو تہٕ اوس کأم کران۔ ینیخ آنہٕ ژور ییتھٕ زٕہنتھٕ تِتھ
زینان تہٕ کأم اُمِس جان بَکان۔ سأری خریدار اُسی ڈٔپان زِ یہ چھُ

پُرون کاڑی کر۔ یہ پُرون گیُن کرِہ نہٕ کرِہ نۄو گاسہٕ۔

نبرشالس اُس دُنیاہس منٛز پننٛجہٕ ہنجرِہ ہن ٹاٹھ تہٕ بٔنیہ پننٛہ آشنیو

آشنہٕ اوسُس ناوٕ خوتَن دید۔ سہٕ اُس شامس اُمس موٹھ پکشہٕ ہن دِوان

تہٕ کتہٕ موٗنجہٕ ہن کران۔ زٕلہٕ ورٛی زٕلہٕ ورٛی بتہٕ ہن اُسس برونٛٹھ کُن واتہٕ ناوان

تہٕ ہلٹہٕ پتہٕ ہلٹہٕ اُسس تموک بران۔ ییلہٕ نبرشالہٕ ڈٕرہ پیٹھ پھٕٹھ اَڈٕہ کجہ

زٕہانٛی گیوان لہر ژراوان اوس تہٕ تہٕنز سرٛشن اُس رُفلہٕ پلوس اپارٕہ یپور تہٕ یپارہ

اپور ژران تہٕ تمہٕ کہین زخمن مرحم کران۔ خوتَن دید اُس تمس برونٛٹھ کنہٕ

بہان تہٕ چھمبس وال ژاران یا اوٹ دِوان تہٕ یندر کتان۔ نبرشالہٕ اوس

تس ہمیشہ وَنان —"بہٕ گوٚشُے ووشتہٕ تہٕ چیر گییکھ چاٹھ!"

خوتَن دید اُسس دپان۔" ژٕہ کیاژٕہ گوکھ ووستہٕ تہٕ بہٕ گیس

ژاٹھ۔ ژاٹھ گوکھ ژٕہ!!"

خوتَن دیدِہ اوس اُسس منٛز اَکُے دند برونٛٹھ کنیک۔ تلیم وُٹھ

اوسُس اَدرٕ ژاٹ۔ تہٕ یہ اَکھ دَند اوس نبر دراُست۔ لوتہے رکیٛ ہیو۔

بُتھس اُسس موٚٹ گوٚجہٕ ہندی یاٹھو گینہ گامژہ تہٕ مس اوسُس ناٹہ لیٛٹھ

پلوٗ ہیو۔ تس اُسہ گامتہ ووہٕنی وُہٕ۲۰ ؤری زہنس پٕہ پنس۔ مگر سارے ہے

عمرِ اُسُن داہ پہن دِتی متہ۔ خودا صاحب کرے تس جان مہربانی مگر دوس

نہٕ کانہہ۔ چھرہ یوٗرٕ نیچ کوٗر تہٕ بٔنیہ مُنزم اَکھ کورہ ہن۔ نِہٹ کوٗر اُسس ووہٕنی

سوٗنی واجینٛہ سامٹھو واجینہ بنے مرٛش۔ تہٕ بیاکھ کوٗر اُسس پننٛہ گرٕ ہش مرٕتھ

خانہ دارینہ بنے مرٛش۔ اُتھ پنچہ وِس ہانجرس منٛز اُسہ یم زٕے یاژ روزان ووہٕنی۔ جان

یاٹھو پننٛ ہاکھ بتہٕ کھیوان۔ یمن اوس نہٕ اَز تام کانہہ مصیبتاہ آمٕژ۔ کورِن

ہِندِین خاندانَن ہیپھٹ کوٗرٕکھ قرضں فرض ۔ اَدِہ وارِہ وارِہ وۄلُکھ نکھ ۔ خوٗتَن دیدِہ اوس اَکےٚ ارمان ۔ شہ گژھ ژٕ نیچِوِ کوٗرٕ دَریوم کانٛہہ ۔ گوٚندرہی ہانٛیے زِوان اُسِم تہٕ پَتہٕ کُس آدمی قہر اوسکھ گژھان ۔

مَحلس اُس کرٕتھ ژٕ نبٕر شالس چھِ سیٹھاہ پوٗشِہ ۔ ساس ژٕ ساس اُسِس حیثیت توٗتام کیاہ گژھ ۔ مگر اَندرِمہِ حالچ اُسِس خوٗدایسے خبَر ۔ یِمی زِیٖنان اُسو تَمی اُسو یِیٚڈ مَتھان ۔

اَز تہٕ اوس نبٕر شالِہ ڈابہ ہیپھٹ ہٕہتھ یوٗت سیٹھو مۄہٕٹ شیٖشکُ عائنکاہ چاٛرِتھ رفلِہ پلہٕوٚس روٗف کران تہٕ گیوان ۔

"مَش بہٕ چوٗونُش یا تہٕ کے پیالے ہنو"

تہٕ خوٗتَن دید اُسِس یورکٕن ییٚندرس ہٕہتھ اَندٕرہ اَندری سیٹھو گیوان ۔ وۄہتِھ اوسُس آب گرٕوٹ وَسان ۔ ظاہر اوس مرازس روٗد پیومُت ۔ شہرس اوس واریاہ کال گومُت روٗد پینس تہٕ گرم اوسُس سیٹھاہ انسانس اوس تہٕ وونٛدے ییوان کام کرنس ۔ مگر یُس کٕنی نٕرِہ ہیپھٹ آسہِ شہ کیاہ کرِہ ! وونٛدٕ ییِس یا نہٕ ییِس کام چھُس کرٕنی ۔ نبٕر شالس اوس اَز تران فِکرِہ ژٕ بہٕ چھُس اُچھَن ہُند رُتھ پانٛژ بدلہِ سرشنہ تاران تہٕ اَمی سیٹھو چھُس لوٚکہٕ ہندِین پلہٕوَن روٗف کران ۔ تَس اوس ہیرِہ بۄن تہٕ عرقہٕ شران گومُت تہٕ کوٚٹھس ہیپھٹ اُسِس رفلِہ پٹ کھران ہینز ۔ اکھ گوٚو پننےٚ گرم تہٕ بیٚنیہِ گَیہٕ بہٕ بلاے کوٚٹھس ہیپھٹ ۔ مگر کرِہ ہا کیاہ کام اُسِس کرٕنی ۔ بہٕ سورُے مُشراونہٕ خاطرِہ یا عادتہٕ موجوٗب اوس شہ کرٕتھ دِوان

مش بہ چوٗونش یا تہٕ کے پیالے ہنو

کٲہہ تام موکلوو اُمہِ اَکِس بیچہ رۆف کرٕنہٕ نہٕ ووٚنی ٲسِس اَتھ
پھیٚتہٕ ژٕٹہٕ۔ دٔچھنہِ کھووُرِ دِژٕن اُنہِ تھپہٕ۔ مگر اَتہٕ آیِس نہٕ دُکٲرۍ اَتھہٕ کینٛہہ
ٲخر ووٚتھ آشنہٕ کنہِ۔

"دُکانٕے کیٛتۍ چھہ؟"

"سعہ چھے مہ تُلیتھ تھاوِمژ" ووٚنُس زنانہٕ۔

"یوٗرۍ اَن تیٚیتہ کونہٕ تھاوِتھ؟"

خوتنہٕ دیدِ گوو بڈٕ مُشکل ووٚتھُن۔ تَس اوس آسان زنگن پیٚٹھ
نہٕ تمۍ سیٚتۍ ٲسِس نہٕ بنان حرکت کرٕنۍ۔ تَس ہیٚے چَلہِ ہا سعودٕ ووٚتھہٕ ہا نہٕ
عُمرِ ہُتوُد۔ مگر کھاندار سِندِس وینہٕ نَس کیاہ کرِہے۔ تَس ما ہیٚکہِ ہا ہیٚتھ پھیٚرِ
آسے کرِتھ نہٕ واے کرِتھ وُژھ نہٕ ہیٚیرِن دُکٲرۍ ژھانڈنۍ۔ تاکہِ چَس پیٚٹھ
دٔچھن اَتھہٕ آیِس نہٕ کینٛہہ۔ لوکٹس ڈبس منٛز وُچھن۔ مگر اَتہٕ تہٕ ٲسِس نہٕ
کینٛہہ۔ نَبرٕ شالہِ گوو ہُپٲرۍ آنہٕ۔ سہٕ اوس دِیان زہٕ بہٕ مہ کلاوہٕ ہا یہ پلو تہٕ
پَنہٕ بیہا نہٕ زنگہِ وُہرِتھ۔ تمۍ لٲجِس کرٕکھ – "چھاندۍ وُلۍ وُلۍ!"

"ژھانڈان ہیٚے چھُس" ووٚنُس خوتنہٕ دیدِ نہٕ وارِجن پیٹھمہِ تاکچہ
پیٚٹھ پرٲنۍ پلو ہُچھٕنۍ۔ اَتھ منٛز آسہٕ پرانہٕ زچہ نہٕ شرٕین ہندۍ پلو۔ تِم شُرۍ نہٕ
کُنہِ نہٕ پلو اَتۍ! خوتنہٕ دیدِ گو کیاہ تام تلواس ہیوٚ نہٕ سوٗنچُن زہٕ گوندر
ہی ہیٚے زیوان ٲسِم پتہٕ کُس آدمی قہر اوشکھ گژھان۔ پھیٚرِ پھیٚرِ دِوان
دِوان آیہ اَمِس کَمٕ کَمٕ خیال۔ اَکہِ اَکہِ پیٚیس سارۍ شُرۍ یاد۔ ژٕ میٚٹھرٕن بَبَن
ہیٚیونتھس ژھہِ ژھہِ ہیوٚ لگنہٕ۔ نہٕ اَتھ منٛز پیٚیہ اَمِس اَکِس ووٚزلِس
پلوس پیٚٹھ نظر۔ وارِیہِ نیٚنٛس ہتھہٕ لوکٕنۍ بوکہِ کدِتھ۔ یہ اوس دٔرۍ پایہ ہُند

سیٚزارٕہ۔ یُتےٚ یوت اوس اُمِس پنٕنۍ وردٕ منٛزٕ ووٚنی پٕتھ کُن رُودمُت، اُمِس پیو پنٕنۍ لوکچار یاد۔

خوتَنہٕ دید منٛد چھیپہٕ۔ اُمۍ ٹھاویو پنٕنۍ کنہٕ ژٕدٕرہ زٕ کھانٛہ دارِس گژھہم نہٕ نظر پینہٕ مگر درۍ بایہ ہندٕ یےٚزارُک ووزجار اوسنہٕ ژٕدرٕ روزان۔ سہٕ اوس پھٕسٕہ پھٕسٕہ نیران نہٕ منٛدچھ سٕنہٕ کھوت خوتَنہٕ دیدٕ ووشلُن ہیوٚ نارٕ چیاژ ہیٚرنَس ووٚتھنہٕ، تمُس اَہرکرشہ ہندۍ یاٹھ نہٕ دِل ہیٚوتنَس گابرون۔ زنتہٕ سعہ اُمن ہیٚرہٕ نہٕ نبرشالہٕ اوس لوٚکُٹ ہیٚرازٕ۔ زنتہٕ دشٕ دیٚرٕ موج اُس دُنی وُنی کُھٹہٕ منٛزٕ درامٕژ نہٕ خوتَنہٕ دید اُمس گوڈنیچ لٹہٕ نبرشالس نٕشہِ۔ تمۍ دِژ تٕلۍ ٹارٕ نبرشالس کُن نظر۔ سہٕ اوسُس وُچھان۔ اَسان نہٕ گیوان سے

چِھنہٕ پوشہ بینگہٕ مہہٕ دینہٕتھمُش تَن

ہا چہ نو دُیِ ژٕش بوجہ عالَم

خوتَنہٕ دیدہ آو نبرشالہٕ پیزی یاٹھی لوٚکُٹ بوزنہٕ۔ الپاکُک پھیرن لاگِتھ۔ پھیکہٕ بوٚن دُسہٕ ژائوِتھ نہٕ ۹۷۲ ململ گنٛڈتھ۔ زَن نہٕ وُنی اوس گرٕ پیٚٹھ ووتھمُت۔ زنتہٕ سعہ اُسِس ویگہٕ پیٚٹھ ہیٚرہٕ۔ کاٗر نوٕمہٕ راوِتھ لوٚکُٹ موکُٹ بیقل خیالس دِلس منٛز ہیٚتھ کھوژان نہٕ نٕشان۔ ” ہاسے ہے ووٚنی کرہم پہ کتھہٕ۔ بہٕ کیاہ ونس، بہٕ مامنٛدچھ!“

نبرشالہٕ اوسُس وٕنان۔ خوتَنہٕ دیدٕ بوز پنٕنۍ کنو۔ سہٕ اوسُس دپان ” نٹلے یاگ ایجایہ!“ سعہ منٛدچھےٚ پہٕ۔ تمہٕ دِیُت گوش۔ وَنہٕ ہیس کیاہ؟ نبرشالہٕ ووتھُس بیٚنہٕ ” یاگی “ تمۍ ژاو کمہٕ ہٹہٕ پیٚٹھ زفلہٕ پٹ کنہٕ پھیکہٕ پیٚٹھ

ڈُسہٕ تہٕ آو خوتنٕ دېدہٕ برونٛھہٕ کُن۔ "یاگی ووٚنی!"

"ژٕ پیٚھے وٚتھ راوٕرٕتھ" ووٚنُس خوتنہٕ دېدہٕ لٔرِ چہٕ ہندی پأٹھۍ ییٚل
دِتھ۔

"کیا چھہٕ چھم وٚتھ یاد پیٚمژ؟" ووٚننس نمبرشالن۔ خوتنہٕ دېدہٕ کرٕ ژھوپہٕ،
تمِس اوس نہٕ تگان تھوٚڈُے ووٚتھُن۔ کأژ نہٕ تھوٚڈ تُلِنہٕ تہٕ ووہ تھنٛج چھنِہ کیتھۍ!

"اچھا مہ یاگ!" ووٚننس نمبرشالن تہٕ ووٚتھ۔ سُہ دٕراو برٕ نہٕ ووٚتھ
نبہٕ ن۔ خوتنہٕ دېدہٕ گیہٕ آزاد ہش۔ سہ وُژھ دٔلی دٔلی تہٕ تھأوِن پھیٚٹھ ؤنِتھ۔ دری یاپہٕ
ہندِس بیے زارِس دِژن بتِیہٕ نظرٕ پوٚنشہٕ۔ وُزِہ وُزِہ گوس زہٕ لاگہٕ ہا مگر منٛدچھان
اُس۔ آخر تھووٚن پھٹِچہ منز سارِنے پلوٚن تٕل تہٕ پھیٚٹھ تھأوِن ناکھِچِس پتھ کُن
ژوٗرٕ۔ تمہ ہیٚژ ووٚنی دٔرِچھنہٕ کھووٚری نظر دِنہٕ۔ أما نمبرشالہٕ لوٗت سنا گوو! پیٚہے
ہنگہٕ تہٕ منگہٕ تھوٚد گوو وٚتھتھ تہٕ کوٚت پیٚٹھ۔ خوتنہٕ دېدہٕ اوس پھیران ہیوٚ
نہٕ پیہٕ کیا زہٕ دٕراو وُنی کیس کُٹھہٕ منزٕ۔ تمِس اوس منٛدچھان منٛدچھان خیال یوان
زہٕ امی کونہٕ لاگہٕ ناوٕنس بہٕ زورٕ پیہٕ بیزارٕ۔ واریاہ کألی آو نمبرشالہٕ۔ آنگن
برس گوو لٹس تہٕ سُہ ژاو گیوان گیوان سہ

"ہا چہٕ نو دٕپی جِس بوٚچہٕ عالم
چینہٕ پوٚشہٕ ینگہٕ مہ دینتمش تن!"

خوتنہٕ دېد موژییہٕ بتِیہٕ۔ تس اوس خبر کیا زہٕ دری یاپہٕ ہندیے زارٕ
بتِیہٕ تہٕ بتِیہٕ یاد پیوان تہٕ ووشلُن لگان۔ سہ اُس سوچان زِ پیٚہے مہ دِپہٕ لاگ
پیہٕ دری یاپہٕ ہندیے زارٕ بہٕ لاگا کِنہٕ نہٕ۔ اوہ لاگہٕ ...... نہٕ کیٚتھہ لاگہٕ نہٕ....
پیہٕ گیہٕ منٛدچھ!

نُبرتشالہ کھوٚت گموان گموان کائی پیٹھ تہٕ ترٲوِن کاکدس وٲلِتھ موٹ
ماز پاواہ خوتن دیدِ برُونٹھ کُن تہٕ پرژھنس۔ "یوگھتے ایجایہ ؟ چہ کُچھی پھکھ
جانٕہہ مانٛز ہکھ یوٚیک۔!"

"وٚش! ژوٚ چھکنہٕ مَنٛد چھان تہٕ؟"

"دوٚن بأچن چھا منٛد چھ ؟"

"یتھ کیاہ چھےٚ کرُن مازس ؟"

"یَنٛنٛ ہے!"

خوتن دیدِ بیٚیہ پنٕنۍ دنٛد یاد۔ تٔس اوس نہٕ اکہ سِوایے اٰسِس
منٛز کہیں تہٕ نُبرتشالس اوس نہٕ شُتہِ۔ اما اُسی کنہٕ سیٚٹھاہ کھیٚمو پہ ماز۔ نُبرتشالہ
ووٚتھس۔

"اکھ دی چہ پاک۔ اج دی چہ پاک۔ اج کھیمَو واریاہ کاٲلی ماج
تہٕ ووٚتھ چہ پاگ ایجایہ۔ ....... ووٚتھی ؟ ........ ووٚتھی ......"
نُبرتشالن لوگ لوکٹس شُرِس سنٛدر پأٹھی چہپلہٕ۔ خوتن دیدِ نہٕ مانان، سہ تہٕ
بڑان۔ اٰخر گوٚو فأصلہٕ زِ نُبرتشالہ نیرِ کُٹھہٕ منٛزٕ اَدہ لاگِہ خوتن دید ییے زاژ۔

نُبرتشالن تیج ماز یاو اَتھس کیتھ تہٕ ووٚتھ بون۔ خوتن دیدِ تھوٚو
بر زورٕ دِتھ تہٕ اَندرہ کنٛز دِژنَس ہانٛکل۔ اٰخر وٕژھ مَنٛد چھان منٛدچھان، گیہ
تاکھچس کُن۔ پھلیح وٲٹن۔ بیے زارس تأرِن ڈٲر تہٕ لوگُن زنگن۔ کھوژان کھوژان
تہٕ گابزان گابزان وٕژھ سو تہٕ بون۔ وٕنیکس اوس نہٕ تٔس ہیرِ وٚسنہٕ سیٚٹھاہ
زنگن لاگان۔ تٔس اوس نہٕ یادے زِ میہٕ چھُ زنگن ریح۔ سو اٰس چھرٲہ سوچان
زِ بہٕ کیتھ کنٕو وُچھہٕ نُبرتشالس کُن۔ اگر اُسہٕ دوٚن بأژن کانٛہہ وُچھ........

..... کیاہ گوم میانہِ خودایا! تس اُس اکہِ خیالہ سیتی وأرِنٛج راوان!

لۄت لۄت ژایہ سۄ دانہِ کُٹھِس منٛز۔ نٮ۪بر شالہ اوس اَتی اوک ژأرِس تَل بِہِتھ گرا گِیوان تہٕ گرا اَتھہٕ پھوک دِوان۔ تَمہِ اُس ماز پاو لٲجہِ مٔژ پانے پاکس۔ تہٕ اوک ژأرِس اوسن جُمکہِ جُمکہِ ہیوو مُت۔

یِمِتھے خوتنَ دید اُس لۄت لۄت پکان زِ نٮ۪بر شالس گژھہ نہٕ مےٚ کُن نظر پیٚنہٕ یۄتام بہٕ بیہہا۔ ننِتھے گوتس وَگو رزہِ منٛز کھورہِ نِنِٹھ بند تہٕ ہِیتھو کنو آیہ درشیچھ کرِتھ وُکراوِنہٕ۔ نٮ۪بر شالہ گو وَتھوٗد وِہتھ۔ تَمہِ وُچھ خوتنَ دید وَن ہٲر ہِشن دراز دِیتھ پیے مٔژ۔ تَس گو وہمہٕ تہٕ ژٕ جِس کرٕچھ نیرِتھ۔ مگر جلدے تُل خوتنَ دیدِ کھونکھن وَتھوٗد تہٕ آسان آسان ژاوُن نٮ۪بر شالس کُن نظر۔ نٮ۪بر شالن کرِ نَس نِہ تھچِھ تہٕ ہیٚتِرن وتھوٗد تُلنہٕ تہٕ پرٕژھنَس۔

"یۄ گےٚ مےٚ کُنہِ؟"

خوتنَ دیدِ کوٗرنس کلہِ سیتی نکار کٲرِ نۄمہِ راوٕ تھے۔

"تیٚیے وتھوٗد دوتھ!"

خوتنَ دیدِ کوٗرنس بیٚیہ کلہِ سیتی نکار کٲرِ نۄمہِ راوٕ تھے۔ نٮ۪بر شالہ لۄگُس پَتہ زِ وتھوٗد چھےٚ دوہ تھُن۔ خوتنَ دیدِ موٗنس نہٕ۔ نٮ۪بر شالن لٲجِس دَب تہٕ ہیٚتِرن زورہِ تُلنہٕ۔ تِمَن لۄکٹِن دۄن باژن ہنٛدی پاٹھو ہیٚتِرِ یمو مالایِٕنی کرٕنی۔ خوتنَ دیدِ گو مُشتھ زِ بہٕ ما چھس زٕری وازینہٕ تہٕ سۄوٕنی وازینہٕ۔ نٮ۪بر شالس رُود نہٕ یاد زِ مےٚ ما چھِ زامترٕ تہٕ بُڑیومُت!

یِمَن گو دۄن یاہ مُشتھ مالایِٕنی منٛز۔ خوتنَ دید پیٚتھ بِہِتھ تہٕ نٮ۪بر شالہ تِمس نِرٕن لَمان۔ پھیکِن لَمان تہٕ گرا پھیرنَس لَمان۔ وتھوٗد تُلنہٕ خاطرہ۔

اُکھی منز گوٚو بٔرِس صدا۔ کمہٕ نام کرٕ ژاس۔ نُبرٕ شالہٕ ہیوٚتھ پننہ کنہ وٕلی وٕلی
پھتر۔ زٕنتہٕ کھٲہینو اوس نہ کران تہٕ خوتنٕ دیدہٕ گیہٕ رٔب۔ یہ اوس ہیمن زچھ کورہٕ
ہُند کھاندار وٕرٹس منز۔ سورٕے وُچھان تہٕ وُتھ پھیشان۔

نُبرٕ شالہٕ ووٚتھس۔ اسلام علیکم! اَچ شا!" مگر زامترِ کرٕنس
نہ کھتے۔ پوٚتے دزاو نارہٕ دوٚد ہیٚو۔

خوتنٕ دید گیہٕ شعوٚ زدہش۔ زٕنتہٕ سوءٕ اُسکھ ژٹ ہرش ژوٚرہٕ ہانٹرہٕ۔

تمہٕ دِژ گوناہگار اَچھو نُبرٕ شالس کنُ نظر تہٕ نُبرٕ شالہٕ گوٚو تھوٚد وٕتھتھ۔

"اَسہٕ کیاہ چوٚہی کٔیہٕ ...... شاٸیی پننہ پننہ جایہ پاچھا!!"

[سُت سنگرہٕ منزہٕ]

لیکھنک وکھ : ۵۷-۱۹۵۶ء
چھاپ :- ۵۸-۱۹۵۷ء

اختر محی الدین

# دود دگ

(ناوِل منٹ)

رنگہٕ رنگہٕ زٲژن منز اوس عبدالغنی بدلے ذا تھاہ۔ ماسے نہٕ محبت زانہٕ ہانہٕ شہ کیاہ گو۔ مبٕڑہ مٲلِس اوس منّت تھاوِتھ بتہٕ میونڈ دِوان نہٕ زانہہ کٲلی ہے سینہٕ زنہٕ خاطرہ پوٗنسہ ٹوٗنک دِیہ ہٕس تتھ اوسُس اڈین اڈین حساب ہیوان۔ پانس کٲنسہٕ ہیٚنہٕ ہنہٕ زر آسُس۔ تمہٕ ژھنین نکھ وٲلِتھ۔ بتہٕ ژہ بتہٕ نہٕ کانہہ بہٕ نہٕ نہٕ کانہہ۔ نہ اوس تمن زانہہ نظر دِوان تہٕ نہ اوسکھ رژہ خصتُس گژھان۔ شہ کیاہ زانہہ کٲلی ہے تمن پانسے مبٕڑہ مول لوٗر ڈٲکھ وان ڈٲکھہٕ وان گژھہا۔ یا کُنہٕ ساتہٕ ہے تمہٕ پانسے یہن۔

عبدالغنی ین اوس اٚطمہٕ دٕہمہ تام پوٗرمُت تہٕ پٔرِتھ مختلف باپارین نشہٕ منِش گری کرٕ ہرٕ۔ اُمس اُس حساب کتاب تھاوِنچ کٲم سیٹھاہ جان تگان۔ اوَے اوس سارِنے باپارین بٕڑہ ٹوٚٹھ۔ تمہٕ مٲبنس کارخانس اُس نہٕ توٗتام دٔچھے یِوان یوٗتام نہٕ عبدالغنی منز باگ آسہ ہا۔

عبدالغنی یس اُس اکھ عجیب بیماریاہ یہٕ زہٕ پانس قرآے اُسِس نہٕ کٲنسہٕ پیٹھ پزٕتھ۔ یہٕ تس پانس خوش کرہٕ ہا تی اوس کران۔ ربیاکھ ہے کُنہٕ قسمُک مشورہ دِیہ ہیٚس تتھ اوس وٲلِٹ معنے ژاران۔ پوٗنسہ اوسُس

رَتیُتھ ڈوٗٹھ زِ وَنہٕ رٕنیِج کٔنھ چھُنہٕ ۔ کٔنھہ پیٹھ اوس وَنان زِ ہے پٔرِتھ کیاہ چھُم اَز
چھُم کأم بَنان پَگاہ مَتہٕ بَنِہ تَنم ۔ تِتھہٕ ساعتہٕ ہیٚے لَرِ لَرِ فاقہٕ لگنم ۔ قٲدِر اوسُن
بَتہٕ رَنُنہٕ خاطرٕ موٗہنیوٗ روٗٹمت ۔ تَس تہٕ اوس کُنہٕ کُنہٕ ساعتہٕ شمہٕ صٲبنِن نمدَن
لَٹھ دِنہٕ یا بیٚنیہٕ کُنہٕ موٗزوٗر سوزان ۔ تہٕ یہ سُہ اورٕ ژھینتھ اَنہٕ ہا تہٕ اوسُس اَتھ موٗرِتھ
رٕوان ۔ یِمَن دوٚہَن قٲدِر فاتَس تہٕ راجَس سٟتی ژٕژار گوٚو ۔ تِمَن دوٚہَن کھیوٗن پانہٕ
شمہٕ صٲب نی بَتہٕ بیٚنیہٕ بیہہ نأوِن قٲدرَس اَتھ شمہٕ صٲبَس موٗزوٗری ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

مأل سِندہِ مرنہٕ وِزِہ پھیوٗر عبدالغنی یَس سیٖٹھاہ ۔ اَنِدرِ رٕژِن پانَس
پأزارٕ تہٕ زہ خدمت کرٕمَس نہٕ ۔ تہٕ جُمعہ فاتحہ کوٗرُس تھیکِن لایق ۔ مگر اَمہٕ پتہٕ زَن
گوٗ سُہ وارے ییلہٕ ہیوٗ ۔ سُہ اوس چھوٚٹ جوان ۔ زنانہٕ شُہلِن اوسُس سخت مجلس
منٛز آسہٕ ہَن تِمہٕ کِہے زنانہٕ یِمَن تہٕ اَمی کُنہٕ نَتہٕ کُنہٕ وِزِہ اَچھ ناٹھ کرٕتھ یا دھکہٕ ہَنا
دِتھ یا اَسِنہٕ ہَنا کرٕتھ وَونمت آسہٕ ہا ۔ ” دوٗنی چھا حَقن مرنے !“ کینژٕو زنانو
اُسِس اَتھ کٔنھہ پیٹھ پأزارٕ دأوی ہیتِ ۔ کینژٕو اوسُس کروٗژھ تہٕ کمبہٕ
وُہوی وُہوی کوٗڈمت ۔ مگر کینہہ آسہٕ تِمہٕ تہٕ ییمو نہٕ مرنَس فُرصتھ اُسِس وِژھِرٕ ۔
اَمہٕ سببہٕ اوس عبدالغنی مجلس منٛز بدناو تہٕ بدکار ۔

کدٕلہٕ اپارٕ اوس کھارٕ گرا جان بنٛتھ ۔ یِمہٕ تِے اُس کوٗر ۔ اُمِس
سٟتی گیہٕ عبدالغنی یَس دِل چسپی ہِش ۔ یہ اوس ضُبحَس شامَس اپأری ییوان گرٕنھان
تہٕ پٔنِنہٕ کِنہٕ اُمِس عاشقی کران ۔ مگر ییلہٕ نہٕ یہ کُنہٕ طریقہ آٹنہٕ واٹنہٕ وُچھن ییوان
اُمی ووٚن شمہٕ صٲبَس ۔ ” میہ حَق اُمِس راے کھاندر کرٕنیج “ ۔

” ہلہ بسم اللہ “ شمہٕ صٲب ووٚنُس ۔ ” اکھ گرٕنھی نارٕ جوشَس
صوٗرِتھ “ ۔

عبدالغنی ین وونُس۔ " اَمِہ شخص تی چھُس سوچان۔ چھکھ نا بوزان
یہ قادِر چھُم اَکہ دوہہ وُگرِ کھیاوان تہٕ بیٚیہِ دوہہ ور۔ بیٚییہ روزِہ ہا گرٕس
منز ژونگ دزِہ وُن۔

" نہ تہٕ کیاہ گوٚ " شمہ صابن وونُس بڈِ جوشہ سان۔" ژِہ ہے
خودا صاب لاسہ وِنۓ جواناہ چھکھ۔ پننہٕ اَتھہ آنہٕ ژور کماوان چھکھ تہٕ کیاہ گوٚ
نیچھر نہ کرِن۔ دوہ تی چھُیہ نظرِ تَل کانہہ جایا؟"

عبدالغنی ین ژھُن کلہٕ بون کُن ۔۔" بیہ کُنہٕ شخص کُنہٕ جایہ مگر بوزُم
یمن کھارن چھُ کوٗرا۔ دِیان بڈِ شریف چھُ!"

" ہا وُچھ کیاہ ونکھ۔ ژہ تہٕ کھارن کیاہ واتھ چھُ؟"

" شخص بہٕ کتہ چھُسے خاندان واندان زانان۔ مے بُشہ گرٕژھ آسنہ
زنانہٕ شریف۔ مے شخص چھے کمن کمن شریف خاندانن ہنزِ کورہ وُچھمژہ بدماشی
کران۔ دراصل گژھ زنانہٕ فطرتن شریف آسنہ۔ خاندان واندان کرِ پس نہ کینژھہ"

شمہ صابس بیہٕ عبدالغنی ہنز کتھ رہِ یہ ہنز سداہ آیہٕ۔ توے
وَوُنھُس " یہ وِ سہ تہٕ پیٚز کتھ۔ اتھ کیاہ وَنے بہٕ۔"

عبدالغنی وَوُنھُس۔" بیٚیہ بوزُم یمن چھُ جان ہارِ۔ ترِہ کرِہ
ہے کینژھہ جانہے گیوو۔"

شمہ صابس آیہ اُچھ مژراوہٕ دتھس اُمس ہرِ کانہہ سہ کتھ
بوزِتھ اُچھ مژراوہٕ پیوان یعہ سہ نہٕ تہندِس دِماغس منز بروٗنٹھے آمژ آسہ
ہا۔ یینمیک نہٕ تمس توقع آسہ ہا) اندرے ووٚن تمو پانس کوتاہ چالاک چھُ یہ۔
دراصل چھُس ناغربت وُچھمژ۔

عبدالغنی ین تھاو کھارن شیٹھہ پأغام سوز نیچ۔ تمہ ہأنی راو نیچ تہٕ اَخرس پیپھٹھ کھاندرسٕنٛز کرنٕچ ساٲری کأم شمہ صأبُس ذِمہ۔ شمہٕ صأب اوس وأنسہٕ کِتھ لوکٕٹ مگر کار بارن تہٕ دیارو اَسِس بزرگی ہُنٛد اوہیر گوہیر تہٕ پرٛیٖتھ پأدہٕ کرٛ مرث۔ اُمی اَنٛز روو سورُے کینٛہہ پانے۔ عبدالغنی یُس اُس دوہ نی اَکی فِکرِ یہ زہٕ شمہ صأب ہنٛن گرٕ کینٛہ سیٹھا گرٕہ کینٛہ سیٹھا گڑھ راجہ تہٕ تو ہنٛد گرٕہ سالس پیٛنٛز۔ سہٕ اوس شمہٕ صأبُس دِپنہٕ پینہٕ برونٛہہ ٹھیٛ دِپان "نحفن بہٕ یمہٕ اتھ شرطس پیپھٹھ دِپنہٕ۔ اگہٕ تھٕہ ساٲری پیوٕ سالس"۔

"اَہنا ساٲری ہیٚے پیٚمو" شمہٕ صأب ووٛتھس۔ "اکھتی پینہٕ تمن اَکس دوہن دوہ ہنٛن کارخانہ بند کرن"۔

عبدالغنی اوس نہٕ اُمس صاف پأٹھی ورٕنیتھ ہیٚکان۔ زٕ مہ ہا چھُنہٕ مطلب چانہٕ کارخانُک مہ ہا چھُ مطلب راجُن۔ دِنہٕ ہاہس کیتھ کنہ؟ . . . . . .

راتس ژٕچ زنانو نبہٕ چہ تارہ۔ راجہ اُس منٛز منٛڈلس بہتھ نوٹ وایان تہٕ گیوان۔ فاتس آو ژاسہٕ ٹُک۔ مُبھس کھوت تمس وو شلُن تہٕ تھوٕ کو سیٹھو آیس ہیٚتھی خوانہٕ بینٛزراہ۔ تمہٕ ووٚن نہٕ کأنسہٕ دوہپر گرس اُس سالس۔ پرٛٹھ کُنھ کرنی گییہٕ منٛدچھ۔ تمہٕ دیت پھیرنہٕ نورشاند تہٕ شونٛیجو۔ سالرنیو کرٕ پانہٕ وأنی کٔھتھ زِ ہُدٕس مہ ہنوی سٕنٛز کولے آسنکُ نشہٕ چھُس۔

یَیلہٕ نصیف راتھ ہش واُژ۔ دوہ دُنی واُلی مہ کلیہٕ وُرہٕ تلہٕ تہٕ دازہٕ دژاے۔ ساٲری مرد اُسی ژھینمتی تہٕ تھکو متو۔ ہمسایہ تہٕ کینٛہہ اَشناو گیہٕ گرٕ۔ دورِ دورکی اَشناو کھتو تہٕ شونٛگو یُتھ زَن مُبھس۔ یینہٕ والہٕ خاطرہٕ درٕی روزہٕ ہنٛن۔ شمہٕ صأب تہٕ کھوت تہٕ ژاو خٔتمہٕ کوٹھرٕ منٛز۔ تس اوسنہٕ

نرِن زنگن چھیے۔ اُمِس ترٛاوِہ عبدالغنیَن پانے لیفہٕ جوراہ وُرنہٕ تہٕ قادرَس
ھاوِن ڈیپٹی زِ یوٗتام اُمِس نیندرٕ پییہٕ توٗتام دِزیٚس زنگن موہھٕ۔ مَرد ییلہٕ شونگو
عبدالغنی ووٚتھ تہٕ ژاو زنانہ کُٹھس منز۔

ماسترٕ، مامترٕ تہٕ پتترٕ سارٕ بایہٕ تُل شور "مہرازس مُبارک، —
مہرازس مُبارک" مگر ہمسائے بایہٕ منزٕ ووشلییہٕ کینٛہہ کینٛہہ زنانہٕ۔ تِمَن لگو ییمے
بشرہی۔ راجَن ترٛوو نوٹ یورکُن تہٕ بیھٕ زَن تہٕ عبدالغنیَس یا اَہندِس
کھاندرَس سیتھٕ کہِیں دِلچسپی اُسِس نہٕ۔ عبدالغنی اوس دٕچھنہٕ کھوورِ
سارِنی زنانَن کُن وُچھان تہٕ راجہ تہٕ اُس نَکہٕ مارٕ مُدرے گنڈتھ۔ ماسترٕ
مامترٕ تہٕ پتترٕ سالرٕنیو اوٚن مانٛزٕ ڈالہ۔ عبدالغنیَس بروٚنٹھ کنہٕ تہٕ ہیوٚ تہَس
اَتھَن تہٕ کھورَن لمَن۔ سُہ نہٕ مانان مگر تِم کتھ پژہٕ ہانٛس۔ اَچھ ییچھس تَلہٕ
پدِن مانٛز لاگنہٕ تہٕ چھانٛپس نُقشہ کرنہٕ۔ اَچھ ییچھس اَتھَن بھکش دِنہٕ تہٕ نم ووٚزہ
لاونہٕ۔ عبدالغنی اوس اَسان تہٕ مَنلہٕ کران۔ دٕچھنہٕ وُچھان تہٕ کھوورِ وُچھان۔ آخر
بییس راجِس کُن نظر تہٕ ترٛاوِن اَسنہٕ ہنا۔ راجَن تہٕ ترٛوو اَچھ ژٕ، بون کُن
ترٛاوِتھ اَسنہٕ ہنا۔ تَس بیھٕ پَرٛٹھ زِ یہٕ اوس اَورٕ یورٕ اَچھو سیتھٕ مے
ژھاران۔

بییتِس کالس عبدالغنی اَتہٕ ہیوتھ تیتِس کالس توٚگنہٕ زنانَن گیونُے۔ ییمے
کَچہٕ ہیشہٕ گَیہٕ۔ اہنٛزو بینیو کر یوکھ پنٛنہٕ رٕکنہٕ— "ہے رٕکھے گوٚزٕ۔ دَم گوٚوے —
ونان کونٕے چھوٚرٕ— بانغ نشاط کے گُلو—" مگر کینٛہہ اندیوکھ نہٕ۔ اَکہٕ بَجہٕ تجوو
منزِ بگریمتہٕ ہیٹٕ— "اسم اعظم بسم اللہ— مشرٕ محمد عبداللہ" مگر تِمَس پَتہٕ
ووٚن نہٕ کانٛسہٕ۔ راجَن تنجہ ژورٕ پانٛژہ لٹہٕ عبدالغنیَس کُن اَچھو۔ عبدالغنی اوس

وُچھان۔ اَمہِ سیتؠ وۄہ شُلیہ وارے ۔۔۔۔۔۔۔

اَڈُ گھنٹہٕ ہیوٚ گوٚو اورٕ کھوٚت عبدالغنٖیُن نوکر۔ سُہ ژاو زنانہٕ کُٹھس منٛز تہٕ اوٚ سیوُدٕے راجس کُن تہٕ ووٚنُنس ـــ "راجو۔ راجو۔ ناد ہیوٚچھی بعٚنہٕ دِوان"

اَہندِ وَننہٕ پَتہٕ تور راجس فِکرِ زِ شوہرٕ کُس آسہِ ژھانڈان۔ تَس لَگو ژھرٕٹھ۔ زنانہٕ کُٹھ اوس بُرٕتھ سٕہ منٛدچھیہ۔ سُوچُن کینٛہہ وَسہِ نہٕ مگر کھوٚتُس زنانہٕ گژھیم خبر کیاہ شکھ۔ توٚے وُژھ زنانہٕ بےٚ شوٚنکھ پاٹھو۔ زنانہٕ کُنہ کامہِ خاطرٕ ژھانڈو اوسُس۔ تہٕ دٲژ ہیرٕ پیٚٹھ۔ عبدالغنی اوس ووٚٹس منٛز اَمس پڑاران۔ ہیرِ پیٚٹھ پانسے سیتؠ مشورٕ کرِتھ پیوس خبر کیاہ ظونٕ تہٕ وُژھ۔ عبدالغنی اوس بُتھ لیدریومُت۔ اَہندِس بُتھس کُن وُچھتھ کھوٚت راجس شانٛس ہش۔

"کیاہ گژھی؟" تَمہِ پرٛژھ عبدالغنیس کھوٚتِتھی۔

"وَلہ بہہ" عبدالغنی ووٚتھس تَس اَمس پانَس منٛز تھرٕ تھرٕ ہش۔

"نہٕ، نہٕ۔ مہٕ ہےٚ ہیرِ ژھانڈان" راجن ووٚن یہ تہٕ ژٕجی۔ تَمہِ کُجہ لامپہ زٕہ ہیرن تہٕ زنانہ کُٹھس منٛز وٲتھ تہٕ اَمس وٲلیٚج ٹاسہِ ہارٕے گژھان۔

۔۔۔۔۔۔۔

وٕرٕٹھ وۄہ یہ شام تام لوگ عبدالغنی لیوٚ تہٕ ترٛیوٚ کُنہ ہارنہٕ ہنٛز ژھاے وُچھنہٕ۔ مگر راجہ اَمس کالہ پیٚٹھے ہارنہٕ نِشہ بہِتھ گرا تَس نَس وُچھان، گرا اَچھ۔ گرا اَمس تہٕ گرا نرٕ زنگہٕ ـــ سُہ اَمس اَندرِ اَندرِ اَمس تہٕ پانَس کانٛہہ ہشر ہیوٚ ژھاران تہٕ اَمس منٛز پننہِ پان لبہِ نیٚچ

کوشِش کران۔

وُچھیو بتہٕ کھیتھ دڑاے سارٕی سالہٕ۔ فاطمہٕ، راجہ تہٕ شمہٕ صاحب تہٕ۔عبدالغنی آو بہٕ ستن دوہن کارخانس پیٹھ۔ راجہ اُس یمن ستہٕ وٕنی دوہن دیوان خانس کُن نظر دوان۔

# مرزا عارف

بُزرگ شاعِر تہٕ ادیب ۔ عارِف صاب چھُ ایم، ایس سی پہِنٛد پۄژہ ناو چھُ مرزا غلام حسن بیگ۔ روزَن وٲلی چھہ کاڈٕڑ پورہ اسلام آباد کی ۔ زامیتۍ چھہ ۱۹۱۵ عیسوی یَس منٛز ۔ وۄنۍ کیٚس چھہ پیٚنشن ۔ اونٛزٕ تام اُسی محکمہ سِریکلچرکۍ ڈٲریکٹر۔

کٲشرِ زبٲنۍ ہُنٛد زُک تہٕ جوش یِمہٕ پٲٹھۍ "گُریز" کدِ طِھہ ہوو سُہ روزِ ہر ہمیشہ پھِرن۔

عارِف صابَن چھہ نٔثرِس منٛز اکھ زٕہ افسانہ لیکھی متۍ۔

اَمہِ علاوہ چھُ یِمَو اکھ سَفرنامہِ تہٕ کٲشرِس منٛز لیوٚکھمُت۔ یہِ چھُ چیٖنَس مُتلِق۔ یورِ یِم پانہٕ گمٕتی اُسی۔ یہِ سَفرنامہ چھُ کٲشرِ زبٲنۍ منٛز پننہِ قِسمُک گوڈٕنیُک کارنامہٕ۔ یِتھ نِشہِ چھ اُسہِ اُمی منٛزٕ کینٛہہ حِصہ پیش کران۔

عارِف صابَن چھُ ٹیگورنہٕ ڈراما "ریتا سمیارگُ" ترجمہٕ تہٕ کوٚرمُت ۔

مرزا عارف

# میون چینک سفر

(۱)

چنگ کیانگ چھُ چیٖنہٕ کِس مشرقس منٛز اَکھ لوکُٹ قصباہ اَکھ کیانگسو صوبس منٛز۔ پیکنگ پیٹھ چھُ اوٚت تام ۲۶ گھنٹن تہٕ ۱۴ ہن منٹن ہُند ریلہٕ سفر۔ بڑہٕ خوٗبصورت قصبہ چھُ۔ یتھ جھیٖلس منٛز اُسی روزان چھِ۔ اَتہٕ چھِ نوٚفیشنکی بنگلہ بناونہٕ آمتی۔ سڑکہٕ چھِ بجہٕ بجہٕ۔ بوٗنہٕ۔ پھرِیس۔ وێرہٕ۔ یارہٕ۔ سرو۔ کیکر چھِ کشیٖرِ ہِندی پاٹھۍ پرٛیتھ جایہِ۔ سڑکن چھِ دوٗپاسے پھرِیس یا بوٗنہٕ۔ پھرِیس تہٕ چھِ حسابہٕ سان ستن اٹھن فُٹن پیٹھ ژٹنہٕ آمتۍ تہٕ بوٗنہٕ تہٕ۔

ییٚژہٕ بوٗنہٕ چھێنہٕ ووٚنۍ میانہِ خیالہ سارِوۍ سے کشیٖرِ منٛز، ییٚژہٕ اَتھ گنہٕ سے قصبس منٛز دِنہٕ آمژہٕ چھےٚ۔ پرٛیتھ آنگنس منٛز چھِ لوکچہٕ بوٗنہٕ شولہٕ مارانۍ زیادہٕ کھوتہٕ زیادہٕ بجہٕ چھےٚ اَتھ نوٚ نوٚ وَرِی ژہٕ۔ اَسہِ تہٕ ییمن چھےٚ ییٚژے فرق زہٕ اَسہِ یێتہِ پلہِ تتہٕ چھِ بوٗنۍ ژٹِتھ وُشنیر کران۔ ییم چھِ یوٚت پلیکھ تیوٚت بوٗنہٕ رچھنچ کوٚشِش کران:

میہٕ پرٛژھ کینژن بڈین موٚہنوین یُبلی گژھ تہٕ بجہٕ بوٗنہٕ کیازہٕ چھێنہٕ کنہٕ جایہِ لبنہٕ یوان۔ یکیاہ قصبہ چھُ۔ اِنسان تہٕ چھِ زَن سارِی نوجوانے یا گژھ تہٕ سارِی جوانے یاتۍ۔ یێتہِ ما چھُ بڈہٕ مظہرہٕ دوٚیقمت۔

ییمہٕ دوٚ ییم جاپانو چھِ سارِی پرٛانۍ کژھ گاگۍ متی۔ جاپانو چھُ ۱۹۳۷ہس

منز چینس پیٹھ زبردس حملہ کوٚرمٕت۔ جاپان اوس چینہٕ چہ کمزوٗری کنۍ نظر کرِتھ
چینس پیٹھ کنہ نتہ کنہ بہانہ قبضہ کرُن یژھان۔ ۱۸۹۵ء ہس منز اوٚسُن
فارموزاہس پیٹھ قبضہ کوٚرمٕت۔ تہٕ کوریاہس پیٹھ ۱۹۱۵ ہس منز۔ ۱۸ ستمبر سنہ
۱۹۳۱ عیسوی ہس منز کوٚر تمو اکھ ٹنڈہٕ کھڑا یتھ مکڈن واقع وُنان چھ۔ امہ دوہہٕ کنۍ
نے چینی سفر کرِ ہن۔ جاپانو اُس جنگہٕ پوٚرہ تیاری کرُمژ۔ مگر جاپانو کوٚر تودتہ
منچوریاہس پیٹھ قبضہ۔ ۷ جولائی ۱۹۳۷ ہس منز کوٚر جاپانو پیکنگس نزدیکھ جنوب
مغربی طرفس منز مارکو پولو کداُلس نزدیٖک زبردس جنگی مظاہرہ۔ بہانہ کوٚرکھ اکھ
سپاہ اکھ چھُ غائب گوٚمُت تہٕ وان ینگ ضلعس منز ژھانڈنُکھ گژھہ اَمہ اجازت
میلُن۔

یہ موٗن نہٕ چینن۔ لہذا گیہ فایرنگ شوٗروٗع۔ امہ دوہہ اوس مارشل
چیانگ کے شک نیشنل حکومتک سربراہ۔ امی کوٚر اعلان:-

"اسہِ چھ ساری ہوانگ تی یعنی لیدرس شہنشاہ
سپندر اولاد۔ یمو انقلابک وعدہ کوٚرمُت چھُ۔ کیاہ اسہ
شوٗبہ نا آخری دمس نام کڈُن۔ تہٕ پننس ملکس پنُن حق
ادا کرُن۔ امی قوربانی سیتۍ ہیکو اسہ پننس بڈس
لیڈرس ڈاکٹر سن یت سینس پیروی کرنس قابل بننتھ۔ یتھے
کنۍ ہیکو اسہ پنُن ملک پننہٕ ن زٕٹھین ہنز وراثت رچھتھ
یتھے کنۍ ہیکو اسہ پننہٕ ن پننہٕ والین نسلن سیتۍ انصاف
کرِتھ"۔

"اے جنگیو! اصل وقت آو۔ اکھ دِل تہٕ اکھ مقصد

ہیتھ ٹھو قدم۔ واپس پھیرنہٕ نشہ کرو انکار۔ مخواس تہٕ
بد ذات حملہ آور کڈیون ملکہ منزٕ نیبر۔ تہٕ پننس قومس دیو
نوٕ زندگی۔"

جاپانیو ژٲنی پننہٕ فوج ہوپے صوبس منز۔ تہٕ پتہ چہار۔ شے یوان
تہٕ شانسی صوبن منز تہٕ پھٲلیہ۔ شنگہای صوبس منز سپد ۱۳ اگست جنگ شروع۔
شنگہای شہرس اندر ژون جاپانن اکھ لچھ فوج۔ چینی اسی کمزور۔ موجودہ وقتک
سامانہٕ اوسکھ نہٕ۔ ۹ نومبر پیوٕ چینس شنگہای ژاون۔

چینس اس بڑہ بڈ بدقسمتی خانہ جنگی ہنز۔ تم اسی بانہ وانی لڑان
جاپان گوو امیک فائیدہ تلان۔ چیانگ کای شیک اوس چینہٕ کس سیٹھاہ
بڑس حصس پیٹھ حکومت کران۔ مگر کمیونسٹو اوس پننہٕ قدم جمہوومت۔ تم اسی
لوکن منز مقبول ہیتھ ہیتھ گژھنی۔

اول جُلائی ۱۹۲۱ ہس منز اس کمیونسٹ پارٹی بناونہٕ آمژ۔ یمہ ہنز بنیاد
مارکس لینن فلسفس پیٹھ اس تہٕ کمیونزم حاصل کرن اوس مقصد۔ گوڈہ دوہہ
پیٹھے کور کمیونسٹو لوکن سیتھ امپیریلزم (شہنشاہیت) تہٕ جاگیرداری ختم کرنس
پیٹھ اتھ واس تہٕ سوشلسٹ حکومت بناونک ارادہ۔

۱۹۲۲ ہس منز کور کمیونسٹو امپیریلزمس خلاف اکھ متحدہ محاذ قایم
کرنک ارادہ ظاہر۔ تہٕ دویمہ وری یہ کورکھ ڈاکٹر سن یت سینس کومن تانگ منظم
کرنک تجویز پیش۔ ڈاکٹر سن یت سینن کور یہ مشورہ قبول تہٕ ۱۹۲۴ ہس منز ہیوتن
کومن تانگ نوٕ ہنرہ منظم کرن۔ تہٕ امی کور نوٕ پالسی ہند اعلان۔ اتھ منز اسی
ترےٚ بڈی نوکتہٕ۔ روسس سیتھ دوستی۔ کمیونسٹ پارٹی سیتھ صلاح تہٕ مزدورس

تہٕ محنت کشَن سٟتؠ ہمدردی۔ تہٕ پَتہٕ نوٚو پالسی ہیٚنٛدٕ چلاونُک بٲنُن پرٛوگرام زٕ شہنشاہیت ختم کرٕنۍ۔ جنگ جوہن ہُند خاتمہٕ تہٕ زمین کاشت کارن ہنٛز تمۍ وَون چینین زٕ روٗس چھُ تِہنٛد دوست تہٕ کمیونزم چھُ چینین ہنٛدین ژٕٹین اوٚصوٗلن ہُند رُت مددگار۔ ژٕتہٕ جٔہن ؤرۍ ین ہنٛدۍ سیاسی تجربہٕ سٟتؠ اوس شہ دوٚان کھتَن پیٚٹھ دوتمُت۔ اکھ بہٕ زٕ عوامس کہٕ بیدار کرنٕچ چھےٚ ضرورت۔ بیاکھ زٕ دُنۍ یاہ کین لوٗکن سٟتؠ گژھ اکہٕ مقصدہٕ کہٕ حٲصِل کرنہٕ موکھ متحد سپدُن۔ ییم چینین پانس برابر زانن

ڈاکٹر سن یت سین موٗد ١٢ مارچ ١٩٢٥ء ہس منٛز۔ مئی ١٩٢٥ ہس منٛز شنگھائی اندر اکھ بوٚڈ واقعہٕ۔ پرن والیو لڑکو تہٕ کارخانکیو مزدورو کوٚر امپیریلزمس خلاف ہڑتال۔ انگریز فوجیو چلاو تِمن پیٚٹھ گولہٕ۔ درجن وادہٕ لُکھ گیہ مارٕنہٕ تہٕ سیٹھاہ زخمی۔

اَمہِ حادثن دیُت سارِسے چینس نارٕ۔ پرٛتھ جایہ کوٚر لُکو نفرتُک تہٕ غصُک اظہار۔ کمیونسٹو تہٕ ترقی پسندو کوٚر چیانگ کائی شیک سٕنٛد حکومت ختم کرنُک ارادٕ۔ تِمو سٟتؠ یہٕ کمیونسٹ جنٛدس تَل تہٕ "پیکنگ چلو" نعرٕ دِتھ۔ سنہ ١٩٢٦ ہس منٛز کوٚر تِمو یانگ تسی وادی ہُند سیٹھاہ حصہ فتح۔ مزدورن تہٕ کاشت کارن ہنٛدۍ انقلابن لوٚب سیٹھاہ زور۔ نیشنل گورنمنٹ سپٕز مجبور پننۍ حکومت کانٹانہ پیٚٹھ ووہان تبدیل کرنس پیٚٹھ۔

غرض کمیونسٹ گیہٕ زور لبان۔ تہٕ ١٩٢٧ء ہس منٛز بنوو تِمو باضابطہ پننۍ فوج یتھ "سرخ فوج" ناو پیوو۔ ماوزے تُنگن تہٕ چوٗ وَن لین کوٚر گوڈنیُک انقلابی اڈٕ چنگ کانگ شان جایہ کیانگ سی صوبس منٛز قایم۔ دوٚان ؤرۍ ین اندر کٔرۍ تِمو یتھۍ ١٩ اڈٕ قایم۔ کمیونسٹو کوٚر سٟتؠ سٟتؠ زمینُک اصلاح تہٕ

تہٕ بٔنیہٕ درٕژک مُلکن سیٲسی تالیم۔ نتیجہ سپُدُس بنیوو شہ بنیوو پوٗرٕ تہٕ لوکن
گوو یقین زِ اَکھی جماعتس سیتی روٗزتھ بنہِ اَسہِ سیٲسی بغاوت تہٕ تہٕ بہتری تہٕ
چنگ کای شک گوو یمِن خلاف جنگ تیز کران۔ ۱۹۳۰ء پیٹھ ۱۹۳۳ء ہس تام
درٕ ماوزے تُنگن چیانگ کای شکنس ہندِس فوجس ژٕھ بڑٕ جنگن اندرٕ شکس۔



شبنمہ جوٗن گیہِ مہمان نوازی شروع۔ اَکس بٔڈس چینی ڈالس
کیتھ تھوو بہارن رَس۔ یتھ منز ہیڈر، گاذر، ژوانگن، سلاد تہٕ بیٚیہ کینٛہہ
سبزِ یہ اَنِہِ بیچے نژان آسہِ۔ چینیز پیالن کیتھ دِتُن بتہٕ تہٕ زٕ عز کھینہٕ موٗرتھوین۔
رکابین سیتی۔ ترِیشہ بدلہٕ تھاوُن سبز چایہ برگ ترٲوِتھ گرم آبہٕ گلاسہٕ۔ سیٚٹھاہ
ہاویوو اَسہِ اَمِس اَتھہٕ کھورِ بو زِ ہنا اَسہِ گوژھہ ترِیشہ گلاسا، چایہ پیالا۔ اَمہِ
بوٗزنہٕ تہٕ کینٛہہ تہٕ۔ پننہٕ کنہٕ کرٕ اُمہِ تہٕ کوٗشش فِکرِ تارنٕچ۔ اَسہِ تہٕ اَمِس بوزنٲوِ نیچو
اَتہٕ نیرِتھ آو اَسہِ نوٗوُے دُنیا ہا بوزنہٕ۔ پرٕ یتھ طرفہٕ ژھوہ بنہٕ میلہِ
وادن تہٕ بستی۔ مگر بالہٕ دامن۔ سبزی آب سورُے زَن کشیرِ ہندین گامن ہُند
نقل۔ صرف اَکوے اوت کیتھ منز بدل۔ سعہ یہ زِ پرٕ یتھ قدمس پیٹھ ریلہٕ منز
یوت تس تام نظر گژھان اُمی تہٕ تام اُسی ساری ہے نوٗی گلو دِنہٕ آمتی۔ کانٛہہ
زٕ ژھاہ نہٕ خٲلی۔ میہٕ دوٗپ اَندری کنہٕ کائژاہ کامہٕ چھہٕ جنگلاتن تہٕ اگری کلچرن
کرٕ مژ۔ سیتی دوٗپہم اماکنہٕ گلس چھُنہٕ گُن پیوٚمُت۔ کانٛہہ گلاہ چھُنہٕ ہلیوٚمُت۔ کانٛہہ
گلس چھُنہٕ لنڈا پھٹمُت۔ یہ کیاہ سنا قصہٕ چھُ؟ اَما بستی چھا یپرٕ کم؟ اما ضبط
و ربط چھا؟ یہ سورُے علاقہٕ آسہِ رَکھ۔ کانٛسہٕ آسہِ نہٕ اَپارِ یکھُن بُنان۔ مگر
نوتہٕ کیاہ گوو۔ گر گُنٛنے آسہِ ہے کُنہٕ کنہٕ پوک مُت۔ توتہٕ آسہِ ہے کُنہٕ جایہ گُلس

سیٹھہ کوشش تے۔ اَمہِ سیٹھہ گیہِ مےٚ دلچسپی تہٕ بأڈہ تہٕ خوف تہٕ۔ دلچسپی اَمہِ کنہٕ ہیشِر
زِ کٔٹھ رٔدوِ نس منز کیتھ کنہٕ چھےٚ یمیشِ کامیأبی گمژ۔ تہٕ خوف اَدہ مےٚ کیہ زِ ظأہراہ
چھُہ چینس منز سوٗت سوو بِرٚ چھِ اَتہِ اِنسأنی لبنہٕ پوان۔ نہ چھُہ کانہہ زٔوہ ذاتھے
کُنہِ جایہِ ظأہراہ باقے۔

چینس منز کینہہ کال اوٚرہ یور پھیریتھ۔ اَکس ہیٚیس سیٹھہ کیتہ باتھ
کرِتھ توٗر مےٚ فِکرہ کٔٹھ رٔدوِنس منز کیتھ کنہٕ چھِ یم یوٗت بروٗنٹھ پکومتۍ۔ تہٕ
حأرأنی چھےٚ یہِ زِ نہ چھُہ اگری کلچرے کٔٹھ رٔدوان تہٕ جنگلا تے۔ تہٕ نہ چھُہ کُنہ داکھے
تہٕ نہ کُنہ پھاٹکے۔ سوٗرُے چھُہ اَتہِ لوٗکن اَتھی۔ لوٗک چھِ پانےٚ اَمہِ قسمِچ کامہِ
کران۔ صرف چھُہ حکوٗمت پروگرام بناوان تہٕ کامہِ تجویز کران۔ فأصلہٕ کرِتھ چھِ
کروڑہ بدی پوسٹر چھپاوان۔ اَتھ منز چھُہ ہدایتا آسان۔ زِ یہِ کأم چھےٚ یمہِ طریقہٕ
کرٕنۍ۔ کٔٹھ چھِ مُلکہٕ تہٕ قومہٕ باپتھ ضروٗرۍ۔ پرٛیتھ جایہِ یمیتہٕ نس گُنجأیش آسہِ
سرٹکن اَندۍ اَندۍ، کوٚلہِ بٹھین پیٹھ۔ مالہٕ ٹینگن۔ بٹھین بیٚران پرٛیتھ جایہِ
گرٛٹھن کٔٹھ نوٚنۍ گرٛۍ گیِن گرٛٹھن احتیاط سان تھوٚنۍ۔ یٚلہِ گرٛٹھن تہٕ روزنۍ۔ گرٛ
گیِن تہٕ چھِ ضروٗرۍ تہٕ گٔل کوٹ تہٕ۔ دوہ شوٗرے گرٛٹھن رچھنۍ۔

یم پوسٹر چھِ نہ سرکأرۍ حُکم آسان۔ یم چھِ مشورہ چالہٕ آسان۔ برابر
رِتھے کُنہٕ یتھ کُنہٕ اَکھ رگہ یوٗس گرہ داندلایہ ہُند مشورہ چھُہ کران۔ سأرۍ چھِ
درٛوت ہیمتۍ۔ رزنکھس پیٹھ تھوٚوِتھ گاش پھولہٕ وُنے نیران۔ دٔ یمہ لبٹٕ وَنکٕ
چھُنہ اَکس تہٕ ضروٗرت پوان۔ لوٚکٹۍ بٔڈۍ چھِ پننۍ پننۍ کأم پانےٚ سنبالان۔
یہی چھُہ سأری سے چینس منز سپدان۔ اَکس دوہن جایَن تہٕ۔ سارِنے پَنزٕہَن
شیٹھن کروڑن لُکن اَندر۔

یمِن سرکأرِ اعلانٕ اندر چھُنہٕ سزٕہک خوف آسان نہ افسری ہٕندرعب و داب۔ نہ چھُ ینا کٕنہ طمع آسان نہ چھُ بڑٕ ہانکُ بیم۔ سیٖدی سادٕ پأٹھو چھُ منکٕچہ بہتری ہٕنٛد ذکر آسان۔ تہٕ کأم کرنک پروگرام آسان۔ نہ چھ کأنٛسہٕ بیٛٹھ کأنٛسہٕ ہٕنٛز حوکومتھ باسان تہٕ نہ چھُ کأنٛسہٕ فرقس یا جمأژ کُن خطاب آسان۔ یعنی گٕژھ وونک پرٛوگرام آسہٕ ہے صرف گرٕ ہسو سٕندہٕ باپتھ۔ باپأرس، ڈأرس، ملأزمس آسہٕ ہے نہ دوہ وُن۔ نہٕ یہ چھُ سارنٕے ہٕنٛدٕ باپتھ گُنٕ مشورہ آسان۔ یم چھ سارنٕے کارکُنن وَنان۔ چیٚرمین ماوزی تونگہٕ سٕندٕ بیٛٹھ چیرأمس نام چھ سأری کٕنی۔ سأری چھ کامریڈ۔ سأری چھ کارکُن۔

[ گُل ریزٕ منٛزٕ ]

# لوٗن

پوٗرٕ ناو : علی محمد لوٗن

ولدیت : عبدالرحمان لوٗن

زاسنہٕ : ۱۹۲۷ء

زینہٕ جاے : درٕہ گجن سرینگر

لوٗن صاب چھ نہٕ اُردوٗ تہٕ کأشرِ یوت لیکھان مٔنزٕ مٔنزٕ چھ ہندی تہٕ انگریزی یس منٛز تہٕ اظہار خیال کران۔ اُردوٗ س منٛز ییم ڈراما یمو لیکھی تمو منٛزٕ سپدۍ بیشتر ریڈیو پیٹھٕ نشر تہٕ کینہہ سپدۍ سٹیج۔ سٹیج سپدیمتین ڈرامہن منٛز سپُد "خالوٗ جان کا خواب" بے حد مقبوٗل۔ یہ ڈراما چھُ موشوٗر روسی ادیب دوستووسکی سندِس اَکِس ناولِ پیٹھ مبنی۔ اُردوٗ س منٛز چھ لوٗن صابنہٕ اکھ ناول "شاہد ہے تیری آرزو" تہٕ چھپیو مِژ۔ اَتھ پیٹھ چھُ یمن ریاستی اکادمی ہند ایوارڈ تہٕ میوٗلمُت۔

"وز چھہٕ سأنی" چھُ لوٗن صابُن گوڈنیُک کأشُر ڈراما۔ یہ ڈراما چھُ آل سٹیٹ کلچرل کانفرنسہِ طرفہ سٹیج

سۘپدِمُت تہٕ لالہ رُخ مطبوعات سری نگرہ طرفہٕ ۱۹۵۵ءہس
منز "کُنۍ کیھ" ناوچہ کتابہ منز چھاپ سپدیومُت۔ یہ ڈراما
چھُ ستھلابہ رکس پوٗت منظرس منز لیکھنہٕ آمُت۔

کاشرِس منز چھ علی محمد لون صابنۍ ناول "اسۍ تہٕ
چھ انسان" تہٕ چھاپ سپدیمژ۔ اَمہ ناولہٕ ہنٛز بنیٲد چھ امرناتھ
یاترایہ ہندِس پسِ منظرس پیٹھ وونہٕ آمژ۔

لون صابن چھُ ٹیگوٗرُن موشوٗر ڈراما "مکت دھارا"
تہٕ کاشرِس منز پھیرُمُت۔ یہ ڈراما چھُ ساہتیہ اکادمی ہندِ
طرفہٕ "ترٕے ناٹک" کتابہ منز سنہ ۱۹۶۲ءہس منز چھاپ
سپدیومُت۔

حال حالے چھُ یِمو اوانتی وَرمن سندِس درباری
انجینیر "سُیا" سنٛزِ زندگی متعلق اکھ ڈراما ییٚتھ کھمُت۔ سنہ
۱۹۶۴ءکس سالانہ ڈرامائی مُقابلس منز آو یہ بہترین مُسودہ
قرار دنہٕ۔ یہ مُقابلہ چھُ پرٛیتھ وری ریاستی کلچرل اکادمی ہندِ
دِسے باگل یوان۔

گوڈنِچ کاشرِ فلمہ "مَئنژ راژ" ہندِ ڈائیلاگ
لیکھنُک شرف تہٕ چھُ یِمنے حاصل۔

لون صاب چھ بی۔اے پاس۔ بی۔اے کرنہٕ پتہٕ
روٗدی کینٛژس کالس اورٕے یور کران۔ اُتھس لگو ریڈیو کشمیرس
منز کلرک کینٛژہ کالہ پتہٕ ہینٛکو ریڈیو خاطرٕ سکرپٹ لیکھنۍ

چھیکرس گیہِ اسسٹنٹ پروڈیوسر بنیتھ۔ پتہٕ ہیو دوہیوٚ وریہٕ پیٹھ چھ ریاستی کلچرل اکادمی منز ڈپٹی سیکرٹری ہندس عہدس پیٹھ کام کران۔ لوٚن صابن ادبی مزازٕ چھ زیادٕ ترٕ ڈرامائیی فنس ورِیہ ڈُن۔ یِہُند قلم ہیکہٕ پزرٕ پاٹھۍ کأشرِس ڈراماہس ترٕ سٹیجس واریاہ باوری کرِتھ۔

●

ناول" اُسہ تہٕ چھہ اِنسان"
علی محمد لون
چھاپ ۱۹۵۹ء

# شیشہ تأگجِ زوٗن

[ اُسہ تہٕ چھہ اِنسان"۔ ناولہِ ہُند اکھ باب ]

رمضان بُٹس اُسہ شاید از بێیہٕ گرٕ دور ییمتو۔

نب اوس الونڈوٗ۔ خیمن ہند اکھ شہراوس وارہٕ وارہٕ وأران

گژھان ژنتہٕ فاتح بیاکھ مُنزلہِ مارنہٕ باپتھ نیرہٕ نچ سکھر اوس کران۔ خیمہ تہٕ

چھولدارِ آسہٕ وسہ وسہ پیوان۔ گرٕن اوس سامانہٕ یوان لدنہٕ۔ ڈابچہ تہٕ زأنیانہٕ اُسہ

تیار یوان کرنہٕ۔ حلوأے تہٕ چاپہٕ وألی اُسہ ژنڈن وور ترأوِتھ۔ بێیس پڑاوس کُن

دور ییمتو۔ دَرمیتکہٕ لاوڈ سپیکرکُ شور اوس ختم گومُت۔ اَکہِ طرفہ اوس شیشرم

نالہِ وَسان تہٕ بێیہِ طرفہ اوس بیاکھ اَکھ نالہِ اورکُن لمان۔ شور کران، دوان تہٕ دوران

کیدآر اوس نار ژاپان۔ لطیف تہٕ پران اُسہ اصلاح کران۔ سُدیش تہٕ

توشہ اُس بہتہٕ رُنان۔ تہٕ ماس اُس رانہٕ کنگنو دوان۔ بڈہ لولہِ سان تہٕ آرامہٕ سان

تہٕ راأنی اُس یہأے برارہ ہن ہش سۆرگر کرنہٕ ورأے ماجہ ہندس کوٹھس پیٹھ

کلہٕ ہتاوِتھ۔ کیدار اوس وزہٕ وزہٕ ہتو دگژھان وُچھتھ۔ تہٕ اورہٕ یور نظراہ دِتھ

اوس بێیہ یوہے گٹ ہیو گژھان بہتھ۔

"تاوَن زد چھس تہٕ وُنہٕ تہٕ نوٗنے۔"

"خبردار! چھے بأے صأبا۔ یتھ نا ووٗنی یوان یوأنی چوب دِہس؟"

"مُسلہٕ وانٛکس حرام زادس"

"أَس بہٕ تہٕ وُچھ ژےٚ کیاہ کرٕکھ تمٕس ہچارَس!

پرآن اوس اُچھو ناٹہٕ کرٕکرٕ کرٕنہِ لطیفس پہٕ فکرِ یِژھان ناژُن زِ اَز چھہِ رمضان بٹس بیٚنیہِ شاہمتھ آمژ۔ باقے زٕہ قُلی اُسہِ کیدارُن شرارُت وُچھت ژٕے متہٕ ھی۔ دوٗر اکہِ طرفہٕ روٗزِتھ زَن تہٕ خطرہٕ نِشہ دوٗر۔

. . . . . . . . . . . . . . . .

گرٕہہ دژایہِ تھوتھنہِ ژنان ژنان۔ انوٗرَن لَدہِ چھولدارِین ہٕنٛزہ ڈٔنڈٕ نکھس تہٕ لاریو رمضان بٹس پَتہٕ۔ کیدآر، پرآن تہٕ لطیف تہٕ دژایہِ ......

صُبحہِ أَس اکھ پان ژادراہ وَسان۔ سأری سے آبس اوس اَتھ بوٚنہٕ کنہِ چھعہ کھ لگان۔ تہٕ نالہِ کین دوٚشہ وٕنی ہٕٹھین نکھہٕ اوس سفید پوٚش جمع گومُت۔ پرآنَن کوڈ کیمرہ۔ تہٕ لوٚگ خبر کمہِ زاوِیہِ کنہِ اَتھ پان ژادرہِ تصویر تُلنہٕ۔

"مِیہ نہٕ مووی کیمرٕ۔ زہِرٕہش شوٹنگ کرٕہا۔ فلمہ وأل نِے زَہَر کھیٚنہٕ تیٚلہِ اوسُس نہٕ بہٕ پرآن۔"

"ہتا بلاے اَتھ کیمرٕہس پیٚنہ۔ پکو ژیر ہا گوٚو۔"

"اَدٕ اِمس کیاہ چھُس۔ یہٕ چھُس شہزادٕ کیمرٕ ہتھتھ دربدر گومُت"

"بیٚکار وٕدٕنی صُبحہِ ہا چھُس پسٕو کھاٮ۪"

"پسو گھاٹ اُسہِ زٕ ہس نہٕ وَنان۔ ڈپان اُسہِ زِ پَٔش۔"

"او صُبحہِ ییلہِ پٔشس بٔنِیس کھٕسُن۔ اَتی ننِس گژھ کہٕ چھُ؟"

"پرواے نہٕ۔ اُسہِ کھَسو پَٔشس۔ تہٕ تمہٕ بروٚٹھ توس تالہِ پیٚٹھ۔"

"وُچھو وٕدٕنی"

پستو گھاٹی چھہ اکھ بڈ ہیرہش بالہہن۔ بال چھہ تزکرہ۔ چڑھاے چھہ
سیٹھاہ مشکل۔ لوکٹ وَتہ پوٚد اکھ اکھ چھہ اتھ منز بناونہ آمت۔ پہاڑہ گرہ
ڈانجہ نتہ سوار نتہ پیدل پکن وٲلی ہیور کھسان چھہ یا اورہ پتہ وزہ بوہن وسان
چھہ۔ وٗنی کیس اُس اتھ وَتہ پدرس پیٹھ ساسہ بدہن لوکن ہنز اکھ زبڈ نتہ
نزاوج قطار ہیور کھسان۔ زن تہ خبر کتہ رنیہ اول نمودار گومت تہ رنیہ آسہ
اکھ اکس پتہ لانہ پکان۔ اتھ لانہ منز اسہ انسان رنیہ ہیوکہ بوز نہ یوان۔ تہ
گرہ اسہ پہے کنہ پھلین سوٚنبرہ ہاسان۔ ناچھ اوس توت تہ یاتری اسہ وزہ وزہ
تریشہ بوتلہ اُسن سیتی لاگان۔ اُرکھ وہھتہ راوان۔ دم ہیوان تہ پکان۔ چڑھاے
اُس پرتھ کرپیٹھ زہ یان نومہ راوتھ تہ کمرس اتھ دِتھ اوس ہیوان کھسن۔

ڈانجہ موزوٗر۔ اسہ سُلہ ڈراہمتی۔ تہ ہمن پتے اسکھ گرہ وٲلی تراوی مِتی
مگر وہ کھلی پکن وٲلی تہ اسہ وہنی ہمن نزدیک تہ تہ تمن بروٚنٹھ ڈراہتی۔ لطیف
اوس بنیہ اکہ کٹہ پتہ نہن باچن زنشہ ژھینہ گومت۔ امس اوس زورہ زورہ پھوٚر
وہھان۔ حالانکہ امرناتھ گژھنہ بروٚنٹھ اوس یہ تقرِین اکس رتس برابر دپھی
سلیمان ٹینگس امہ سببہ کھوتمت زہ پہاڑی سفرس گژھس نہ تکلیف۔ مگر کجا
سلیمان ٹینگچ سبز تہ کھچ وتھ تہ کجا پستو گھاٹی ہنز یہ لوکٹ موکٹ ہیر
یہسہ خودا صاٗبنہ کاٚنی تانی واتان اُس۔ اتھ ہیر کھسان اوس لطیفس
زورہ زورہ پھوٚر وہھان۔ گمہ سران اوشس گومت۔ تہ یہ اوس منزی منزی
وَتہ پدرہ ڈرلبتھ کُنہ کنہ جایہ پلس پیٹھ، بہتھ تھکھ کڈان تہ اورہ یور نظراہ
دِوان۔ بونیم نالہ اوس وہنی اکھ ناٗلی ہش باسان۔ ترٛو طرفانہ اسہ تھدی تھدی
بال ووہدنہ، ہمن ہند دامن رنگ برنگی پوشو، سرسبز درمنہ تہ خوبصورت گلیو سیتی

جُرنہٕ اُسی آمُت۔ پتھ گھاٹی تہٕ اُسی سارۍ وٕتھرٲوِتھ۔ رنگ برنگی پوش۔
جافرۍ پوش ہی۔ ہندرہ پوش رہو۔ سبزہ پوش ہو۔ یورکُن نظر اُس پلان۔ پل اُسی بُڈی
بُڈۍ۔ تہٕ کنہ تہٕ آسہ پوشہ تیٚ ہندی پاٹھی رنگ برنگی۔ اکھ سبز۔ اکھ نیچ۔ اکھ
وۄزُج، اکھ کرٕہنہ، اکھ سفید، پَنہٕ پوشرہ اُسی پوشن منز وۄتھان بہوان،
کُنہ کُنہ اوس کانہہ کاوا تہٕ بیٚیہ کانہہ جانوارا ڈیچھ ہیتھ تھوٚد گژھان
وُبھتھ تہٕ کرٕکہ ہناکرتھ اوس کلٕہن کٹہن منز بییہ گژھان۔ ہوا اوس زورہ زورہ
ڈلان۔ خوش یوٚن ہوا۔ مشکہ بوٚرت ہوا۔ یُس کوہٕٹن نوٚ زندگی تہٕ کاروانس
نوٚو قووت بخشان اوس۔ تہٕ کاروان اوس پکان۔ ہیٚور ہیٚور، ہیرہ پاؤی سٹھے کران۔
بیلہ کُنہ چڑھائی زیادہ پہن مُشکل اُس باسان۔ یاترۍ اُسی کرٕیکہ دوان۔

" امرناتھ والے سوامی کی جے "

تہٕ ترٛین پہاڑن منز ہاگ اوس گریز وۄتھان۔ سہ گائیڈ یُس
بنگالی یاترین والپس گژھنک مشورہ اوس دوان۔ ہوو ہنگہ منگہ لطیفس بُرونٹھ
کُن وٲتھ۔ تہٕ ہیوٚتھس وَنُن تہٕ ــــ " کیاہ سا تھکوٕ ؟"
اہن سا گژھہس نا تھکن "

. . . . . . . . .

لطیف ووٚتھ تھوٚد۔ تہٕ وۄتھان وۄتھانی کوڈِن چندہ منزہ
سگریٹ ڈبہ۔ اکھ دِتُن سام چیچس تہٕ بیاکھ زولُن پانہٕ۔ تہٕ لوٚگ قدم دِنہٕ
سام چیچ اوس اُمس تھکہ تھکہ ڈیچھان۔ تمی اُسی واریاہ یاترۍ ڈیچھمتی مگر
ییٚمس ہیوٚ نہ کانہہ۔ سہ اوس ییتھ کتھ پیٹھ تہٕ حٲران گژھان زِ اما یہ جوان
کیا زِ چھُ مہ سیتی یژھ ہمدردی کران۔ مہ آوُ کڈان۔ میانی حالات

بوزان - اَمس کیاہ سنا چھُ مقصد اَمہ تلہٕ ؟ یہ کیاہ چھُ یژھان - زانہٕ خوداہ کیاہ دلیل آسہ - پیاٹھی اوس لطیف تہٕ سوچان - پکُن چھُ کینُن - پکُن چھُ منزلہ مارُن کیاز ؟ کیاز ؟ کیازِ ؟ نب اوس صاف - صرف اُس پسو گھاٹی چہ تالہٕ پیٹھ وُنُل ہش - یعنہ یہ زَن وارہٕ وارہٕ بہن وَسان اُس تہٕ یتھ منز یہ توُکُٹ وَتہٕ پوٗد غائب اوس گژھان - نہٕ انسانَن ، گرُبن ، زانیانن تہٕ ڈانجن ہشز یہ زیٹھ قطار راوان اُس - رتھے کنہ یتھ کنہ وُنی کیس لطیفی خیال اَکس خاص نوقطس پیٹھ داتھ راوان اُسی - کیازِ ؟ کیازِ ؟ کیازِ ؟ — اشتیاق نوُہ جایہ وُچھو نہٕ - سفر کرُن تکلیف تُلُن ، تھذرس کُن لمُن -

تھزر — یُس انسانَن دوہے یژھ !

تھزر — ییمہ انسانس پکھ اَنہٕ !

تھزر — ییمہ انسان جہازہ بناو نوو !

تھزر — یُس انسانس زونہٕ تانی وانہٕ ناوِ !

تھزر — یُس انسانس تارکَن منز مارکہٕ لاگہ ناوِ !

تھزر — یُس اِنسانس پسو گھاٹی کھارِ !

تھزر — یُس انسانس امرناتھ رییہ !

تھزر — یُس تمس اَکس نبہ نبہ کرہ وُنہ مورتی برُونٹھ کنہ سجدہ کرہ ناوِ - انسانس آیہ پکھ - تمی بناوِ جہازہ - سہ چھُ زونہٕ کھنیچ سکھر کران - سہ چھُ تارکَن منز مارکہٕ لاگنکی سنز کران - سہ چھُ پسو گھاٹی کھسان امرناتھ چہ گوپھہ وَسان - تہٕ مورتی برُونٹھ کنہ نمان - سوکوان تہٕ شانتی لبان - مگر سام چیچی چھوکہ لدٕ کھور ؟

بھَرزر چھُ پستی !

پُستی چھُ بھَرزر !

اِنسان چھُ وُڈان۔

اِنسان چھُ عرشس کُن لمان۔

اِنسان چھُ فرشس پیٹھ ڈُلِتھ گژھان

زۄنہ تھَپھ دِنہٕ والیوٚ

زمینچ تھَپھ وۄتھووٚ نہٕ زاہ !!

وُنِہ ہیٚیرِ ژٕن ووٚتی وارہ وارہ بوٚن وَسنہٕ۔ دۄہ نہٕ ہیٚیوٚتن ڈلُن۔ لطیفنٕ دیماغ نہٕ آو خبر کتھ وُنلہِ ہندِس گیرِس بَچَس منز وٚلنہٕ۔ اۄہشد دل لوٚگ زورٕ زورٕ بِیِہ دزنہٕ۔ عرق وۄتھس بیِیہ سارِس بے پانس سٔران کران۔ روٗمال آیہ عرقہٕ برنہٕ۔ بوٚنہٕ گیہٕ خبر کتہٕ دوٗر کژھ۔

"یا پیر"

"دستگیر"

اَمہِ پتے وۄتلیوو باتریٚن ہُند یہ نعرہ

"ہرہر مہادیو"

. . . . . . . . . . . .

داوٕجن واتان واتٲنی وُژھ کوٚہو بیٚیٹھ وُنِل۔ نہٕ وُچھان وُچھان پننٕ سورےٚ آورتھ۔ اَمہِ پتہٕ ژُوون زبردس ہوا۔ تیٚسرٕ الہ الہ ژابہِ سارِنے سرکٲری بہرن پیٹھ اوس چھرٕ والیوٚ شُلی قبضہ کورُت نہٕ اَمہِ پتہٕ تے کانٛہہ چھیراہ بچُت اوس۔ تتہٕ اُسو گوٚساٗنی۔ ڈبوٚ نہٕ بچھ نہٕ بیِیہ کینٛہہ نفر

اَلاوَن اَندر اَندر بہۄتھ ۔ پٔنٕنۍ ترٛپہٕ نٮ۪ہتھ پان وُشہ ناوان ۔ باقٕے یاترۍ اَسۍ پتھٕ کنہٕ الاَندر تہٕ اَمی سببہٕ اَس یہاے اَفرا تفری ہشٕ پٕچھٕ مژ ۔ وکھ اوس تیر آمت ۔ چھولدارہ تہٕ خیمہ اَسۍ اونکھرٕ جونکھرٕ کھرٕلا پوان کرنہٕ ۔ سارٕنے اَسۍ ترٛپہٕ کٔنڈٕ پھٹمٕتۍ ۔

. . . . . . . . . . . .

چھولدارٕ لگٕہ ۔ الاو لگٕہ جمکہٕ جمکہٕ کرنہٕ ۔ وُنُل موکلٮ۪ یہٕ ۔ نبٕ گو صاف تہٕ زوٗن درایہٕ یہاے زَن دودٕ سیٖتھ زَن پان چھلِتھ ۔ گرٕ اَسۍ ساری واد جنٛدٕس منٛز اورٕ یور پھیران ۔ ہنہٕ دِوان ۔ گھاسہٕ کھیوان ۔ کاروانک اکھ اَند اوس وُنہٕ تہٕ کٔدلہٕ ہنیور ترٛان ۔ مُنزی وَسَن وول نالہٕ اوس نزدیکہٕ پیٹھٕ گرٕزان ۔ وادِ جنہٕ بعد یہٕ کنہٕ اوس شیشہٕ ناگ زوٗنہٕ گاشٕس منٛز گاہ ترٛاوان ۔ خاموش پُر سکون ، پُر اسرار ، حسین ، اکھ بدٕلے رنگ کرٕتھ ۔ اَکہٕ نَوہ دل کشی سیٖتۍ بَرِتھ ترٛیو طرفو آسہٕ بالو پیٹھ پال ژادرہٕ وَسۍ وَسۍ اَمہٕ کین کھورَن میٹھو کران ۔ کوہ تینتالین پیٹھ اوس شین روہہٕ بیٛکھ یا گٹھو چمکان ۔ تہٕ شیشہٕ ناگس منٛز پٔنُن گاہ ترٛاوان ۔

زوٗن

شیش ناگس

گلیشر

پال ژادرہٕ

کلٕہو کٹھو روٗ ستے بال

عجیب بال

ریم دوٚہلہِ اَکہِ رنگہٕ آسی تہٕ وُنی کیٚس بیٚنیہ رنگہٕ

یہِنٛزن نالین پیٚٹھ اوس شیٖن چمکان

یہِنٛزن کھوٚنین منٛز شیٖنہٕ خرمن آسی

خبر کَرِتھ وٲنٛسن ہُنٛد شیٖن

یُس نہٕ زاہ تہٕ ختم گژھہِ

یُس نہٕ زاہ تہٕ ختم گژھہ

یتیمو شیٖشہٕ ناگَس یاوُن بخش

یتیمو ششٕرم نالس روانی دِژ

یتیمو کشیٖرہِ ہِندی خبر کیٚتھ کھاہ سگہٕ ناوِی

یتیمو کشیٖرہِ ہِندین لچہہ بدین لوٚکَن کھیٚن دِیُت۔

لطیف ہین اَچھَن منٛز وچھلیو شیٖشہٕ ناگ وُچھِت ایحسان مندی ہُنٛد اَکھ ایحساس۔ اطمینانُک اَکھ ووٚش تراوِتھ دِژ تمیٚ تمن شیٖنہ بالَن، پان ژادرن تہٕ زونہٕ گاشس کُن نظر۔ خوٗشی ہُنٛد اَکھ جذبہ۔ تفرُک اَکھ ایحساس گنیوو اَمِس رَمَس رَمس منٛز۔ تہٕ سفرُک سورُے تکلیف موٗٹھس۔ سُہ گوٚو بیٚیہ اَکہِ لَٹہِ تازہٕ دَم۔ تہٕ اَز پیٚیہ تمِس رٔژ دوٚہہ گوٚب نیٚندرٕ۔

# شُیا — ڈرامہک اکھ سین

اکھ:- یوٗہے چھا؟

بیاکھ:- اہنٛ۔ یوٗہے ہا چھُے۔ وارٕ وُچھنوٗ

اکھ:- وُچھان ہا چھُس۔ اَدٕ ییٚمِس چھا وُنی کینٛہہ ساری تان ہا چھُس بروٚنہ

دَپھ کوڈ چھُس نہٕ۔

[ شُیا چھ حارٲن گژھِتھ ییمَن کُن وُچھان۔ مگر وَنان نہٕ کینٛہہ ]

ترٛیشم:- بہٕ ہا چھُس سوچان۔ یَرٕ نادان کیاہ آسہِ یہِ یا کھڑشالایہِ منٛز سانین شُرین

اکھ:- یہاے فائدٕ اَزی تہٕ بنیہ کیاہ۔ دراصل اَمِس بچارِس ینُن کوڈ مہٕ کلیومت

سانین شُرین کیاہ یَرٕ ناوٕنہٕ۔

بیاکھ:- دَپان ہا چھُوٗ بہٕ زُٹَن وۄنِتھ ژٕرٕ بچہٕ ہش مہٕ چھ منٛز۔

ترٛیشم:- ( شُیاہَس نکھ گژھِتھ ) تی سا ہے بابا؟ تلہٕ سا پننہٕ مہٕ لٹہٕ گژِہ راو

بہٕ وُچھہ ہا۔ کاٲژاہ بُڈ چھےٚ۔ تہٕ وۄنِتھ واتیا اَتھ منٛز؟

[ ترٛیشوے زٕنی چھ زورٕ زورٕ اَسان ]

اکھ:- رازہ اونتی ورمن پانہٕ پریشان۔ ژٕ ییٚمِس کیاہ کرِہ۔ یہٕ چھُس دَپان۔

( اداکاری کران ) ہی رازٕ! ژٕ مہٕ بَرٕ غم۔ مہہ دِہ آگیا۔ بہٕ ہاوَے وۄنِتھ

کِتھہ کٔنہٕ اَمن چانِہن ژرنَن تَل !

[ بٔنیہٕ چھہٕ زورہٕ زورہٕ اَسان ]

پاگل !

ربیاکھ :- موت !

ترٔشیُم :- جلوٲنی !

[ بٔنیہٕ چھہٕ زورہٕ زورہٕ اَسان ۔ اُتھو منز چھہٕ چنڈٲل تہٕ چیندر

کانٛا اندر اژان ۔ چنڈٲل چھُ سیاہَس بُتھہٕ روزان ۔ تہٕ یِمَن

ترین زنٛن وُنان ]

چنڈٲل :- ہتا ہتا ہتھو یاریو ۔ کٲتیاہ بے انصاف چھوہٕ ۔ ترٛس تہٕ چھُوہٕ نہٕ گرٛژھان

کوٚر نوٚہ کیاہ ۔ وُنہٕ تہٕ چھوس نہٕ دِوان پکہٕ نہٕ ۔

اُکھ :- اوہو ۔ ماجہ گوٚبرس آیہ ماعج پکھ کرنہٕ ۔

بیاکھ :- زنانہٕ تہٕ ہا چھنس اَذ مرٛژ مدٚتَس ۔

[ ترٛیشوے چھہٕ زورہٕ اَسان ]

چنڈٲل :- ہی بگوانہٕ ! یِمَن دِہ عقل ۔ تہٕ یِمِس دِم صبر تہٕ ہمتھ !

ترٛیُم :- عقل ژھار ہی اُمی سِندی باپتھ ۔ نتہ چھےٚ یہ یتیمہٕ نگرٕک سارِے

کھوتہٕ بوٚڈ پاگل بنَن وول !

[ ٹھاہ ٹھاہ کرُتھ زورہٕ زورہٕ اَسان ]

چنڈٲل :- ( شُیاہَس کُن پھِرِتھ ) پکھوٚ نیرہٕ گرٛہ ۔ وُچھان رُکھو چھک ہانگلٕ ہیوٚ؟

پکھوٚ !

شُیا :- ماجی ! دی یِمَن اَسنہٕ تہٕ ٹھٹھہٕ کرنہٕ ۔ وُنی نی بہٕ چھُس پاگل ۔ موت

تہٕ چلٲنی ! مگر بہٕ ماوٕ یمَن اَکھ دمہٕ زہ پاگل کُس چھہ ۔ یم ہیٚ رکنہٕ بہٕ ؟

اَکھ :- اُہن سائے ۔ اُسی چھہ پاگل ۔ بلایہٕ لگیے ۔ یُتھ نہٕ دمہٕ نی پاٹھ شالایہ منز شرُین تہٕ یِوٚہیے پاٹھ دِکھ زٕ ۔ بہٕ کرَن وینتھ قوبوٗ ۔ تہٕ بگوانہٕ سٕنزِ مرضی خلاف ہیکہِ اَکھ مونُش تہٕ اُڈِتھ ۔

سیٚتا :- یہ چھینہٕ بگوانہٕ سٕنز مرضی ۔ زہ اُسہ گرٕتھو دمہٕ ہیے یُمین ہندی شکار ۔ یہ چھہ سائنی بے وقوفی !

بیاکھ :- نہ سائے سائنی نہٕ کینٛہہ ۔ ہرگاہ آسہ تہٕ تیلہِ آسہ چانی (بیٚیس کُن) ہیے یکو دوٚ یارہٕ ۔ یکھ دوٚ پانس ۔ تُلہ اُمس مُتس سیتہٕ دِکھ راوہ راوُن ۔

[ نیراں چھہ ]

چندٕ لال :- سیٚتا ۔ یکوٚ نیروٚ دمہٕ نی ۔ اگر یمَن پنٕنہٕ ہن آیی ۔ یم ہا لایہٕ نے !

سیٚتا : ہاجی ۔ دمہٕ نی ناسے !

چندٕ لال : رِکھو چھکمہ وَنان ۔ ژٕندری ژٕرے وَنہ سی ۔

چندر ، یکو نیرِو دمہٕ نی گرہ ۔

سیٚتا ، رِکینٛہہ گرہ ، کوٚہند گرہ ؟ بہٕ ہیکہِ نہ دمہٕ نی تور گرٕ ھتھ ۔ میہ کوٚر بُروٚ نیٚٹھے واریاہ ژٕیر ۔ دمہٕ نی گوٚو غلط ۔

چندر :- (وَدَن باکھ ژٕھبٕتھ) ماتاجی ۔ یم ہیے وَنان ؟

چندٕ لال : (آسمانس کُن نظر دِتھ) ہیانہٕ بگوانہٕ ! آخر بوٗزُتھ ژٕ یہ میون !

چندر :- ماتاجی !

سیٚتا : ژٕندری ۔ میہ ہیے پھُٹراوہٕ ہانکلہٕ ۔ دمہٕ نی کرہٕ نہٕ میہ کانٛہہ تہٕ بنٛد !

چندر : میہ کُس ژٕراوُکھ ؟

شُیا: ژٕہ کر اُسکھ میانٛی ژٕندری ؟

چندر: اَدٕہ کہنٕز اُسِس ؟

شُیا: تہِمِس شُیاہٕ سٕنٕز یُس اَدٕر آدٕر مۄد !

چندر: (کرٕنیکھ دِتھ) بگوانٕہ !

شُیا: ژٕندری۔ اگر ژٕ یہ میون سٕریہ چھُے۔ لول چھُے۔ تیٖلہ پٔرار میہ۔

چندر: کیتھ پٔرارے ؟ ژٕہ کوٚت گژھہ ہَم ؟

چنڈال: ژٕندری ! اُمِس ہے چھُے زیٖٹھِ زیٹھِس سفرس پیٹھ گژھُن ؟

چندر: کیتھ سفرس چھُس گژھُن ؟ میہ رٕنیہ نا سٕیتھ ؟

چنڈال: ژٕ یہ رٕنیی سٕیتھ تہٕ میہ کُس نِشہِ ژٕراوِہ ؟

چندر: ماتاجی۔ ژٕہ رٕکژھے ماتا پُھکھ۔ دوٚن چھکھ جُدائی کران تہٕ اوٚش پھیوٚر نہٕ چھُے نہٕ پیوان اُچھن۔

چنڈال: واریاہ کال وٕدِتھ رٕوِتھ واُژٕس بہٕ یِتھہٕ نتیجس پیٹھ زِ شُیا روٗک اُسہِ ازتانی۔ اُمہ اپور روکھن گۄو اُمِس سٕیتھ انیائے کرُن۔ ژٕندری۔ میہ ژٕاو گوڈٕ اُمِس پیٚنٕہ نہٕ ممتایہ ہٕنٛز ہانکل۔ دوٚیِم دیوہ پیٚچھے گنٕو باز بیٚیہ۔ مگر اوٚ ہند آکار تہٕ انہار وُچھتھ توٚر میہ فِکرِ زِ میہ کوٗر وٕڈٕ وِن پاٚز بنٕد۔ یِتہٕ کوٗرِس ژٕ یہ سٕیتھ کھاندر۔ یہ زانٕنہٕ زِ بیاکھ ہانکل گژھِس نالی۔ مگر میہ باسیوو زِ اُہنٕز آتما روٗز تو تہٕ ژٕریشان تہٕ پریشان۔ اُمِس میوٗل نہٕ سکھ۔

چندر:۔ ماتاجی ! باوُن چھُم عائب ہیوٗ باسان۔ دٕلیلہ یہ ژٕ یہ سوٗچِت تہٕ سوٗ چُھت غلط۔ بہٕ یوٗدوے ژٕ یہ ہانکل زانٛنہ تھٕس۔ مگر ژٕ یہ ما توٗرُسے زانٕنہ تہٕ

فکرِ میہ اُس پھندرٕ لولچ ہانکل انہٕ ہارٕ پانہٕ پیچھےٗ ناٗلی گاٗمژ۔ ماتا جی میہ کوٗر ہنٛز سورُے پان پھندرین تڑٕ رِن فِدا۔ سورُے کینٛہہ کوٗرم یمٕن حوالہٕ۔ ووٗنی ہیم نیرِتھ کھنٛدرٕ آشہٕ روزہٕ زِندہٕ ؟

شیاّ: (روٗہہ سان) چندر کانتا! ماتا جی! بہٕ چھُس نہٕ ووٗنی ہیمہٕ کتھ بوزنہٕ یِژھان! یمٕن کتھن منٛز چھہ زُحری جذبات۔ مایہ تہٕ لولکو بھاو۔ مگر میہ چھُ اُمیہ اورنہٕ یتھ سمارس کینٛہہ دیُن (سٹیجس منٛز یتھ بُڈٕہ حلالہٕ تہٕ شانہٕ سان) نتہٕ کیاہ کرہٕ آس بہٕ یور؟ زِغہ چکراوس نانہٕ تہٕ میہ پوٗرہ گوٗمت؟ ماجی! نیرِ روٗہے ووٗنی تہٕی گرٕ۔ نتہٕ میہ ردیہٕ آگیا!

چنڈائل: نا یتھ کُنی چھا گژھان؟ یکھ گرٕ یہ گوڈٕ۔ ساتھ وُچھتھ نیر۔ پوٗزا پاٹھ کرِتھ نیر!

چندر: اَدٕ کیاہ بیٚلہٕ تمہ یہ فاٗصلہٕ چھُوٗرٕ کوٗرمت۔ تیٚلہٕ نیرٕو۔ مگر گرٕ پیچھے نیرٕو۔

شیاّ: (چندر کانتایہ نِش گژھتھ) زِندری! ہرگاہ بہٕ گرٕ گژھ۔ تمہ لبہٕ نے تراوٕن نہٕ میہ پتہٕ۔ تمن لگن مٔنٛد لول۔ تمہ آنگنگ آار۔ نہٕ تمتھ آنگنس منٛز روزٕن والین لُکن مٔنٛد منٛژہہ ہے تراوٕ میہ بیٚیہ اکہ لٹہٕ ہانکل۔

چنڈائل: شیاّ! بنی کیاہ ژھیہ۔ اَسہ چھکھ پرٛژھ چاٗری کتھ کرٕنس ٹاک کران۔ تہٕ پانہٕ چھکھ ترٛشے کتھ کران۔ ہموٗ سیتی اُکس ماجہ اوٗش پھٹہٕ۔ نہٕ اُکس آشنہٕ واہ گژھتھ وُسیتھ۔ اَدٕ با۔ مہٕ یہ گرٕ۔ مگر قرار کر۔ اُسو ہموے پوٗت کھوٗری واپس۔ توتہٕ نہٕ کانہہ کانہہ چیز پانس سیتی۔ سفر چھُ گُڈرٕ۔ وُکھ چھ زیٖٹھ۔ خبر چھا کوٗت کال لگی؟

شیاّ: زانہٕ بگوان۔ دپھ ماجی۔ وُکھ لگہٕ واری یاہ۔ سأرے ویتھ چھم ژھنڈنی

اَمِکو اَندر یِکھو کام چھِم وُچھنۍ۔ اَمِیُک سوٚن وۄگُن چھُم وُچھن۔ ساٗری سے
چھِم سام ہێنۍ مأجی۔ ساٗری سے۔

چنڈاٗل: یہٕ نا یہ سورُے کراں کراں ژٔندر مشۆرٕ اٗدہَن ؟

سُتیا: مأجی۔ گاٹِیج مے آس لاگان۔ پرٛژھ۔ دراصل اوسُے وَنُن۔ یُتھ نا بہٕ مٔشے؟

چنڈاٗل: (اَسنس تہٕ وَدنس نکھ نکھ) چاٗنی اَمی گاٹہٕ جارُن کوٗر میہٕ دۄہے
دُژیوٚت۔ گراہ دوٚ یُم۔ آسکھ گاٹُل تہٕ اَتھ منٛز کیاہ۔ گراہ سوٚنچھُم تہٕ شُرُک
چھنہٕ یِتھو گاٹُلی آسان۔ تہٕ ہرگاہ آسان تہٕ چھ۔ توٗتہٕ چھنہٕ ترٛژھ کتھ کران
پرٛژھ ژٕہ لۄکہ چارس منٛز کران اوسکھ۔

چندر: تہٕ یِمو کتھو بہٕ چاٗنس زانس وُچھ۔

سیا: اوہو۔ ہیرٕ دۄ تھٕ ہِ بٔنیہٕ ترٛژھے کتھ کرنہٕ۔ بگوانہٕ سندہٕ یاسہٕ مے
ژاوٕیہٕ میہٕ بٔنیہٕ شکس منٛز! ژٔلے نیرٕ۔ تہٕ میہٕ تہٕ دِیو نیرنہٕ!

چنڈاٗل: (چندر کانتایہٕ شانس پیٹھ اَتھ تھوٗتھ) یکی ژٔندری۔ اَسہِ ہیٚیہٕ یِمو
اورے پھیرِتھ دُلی وَلی!

[ چنڈاٗل تہٕ چندر کانتا چھ نیران۔ سُتیا چھ کینژہن
پرٛژن یِمن کُن وُچھان۔ تہٕ پتہٕ چھُ خوشس گرٛژھتھ کرٕنچھ دوان
پننِس بار ]

سُتیا: ہی بگوانہٕ! اُکھر دوت سُہ سمے! اُکھر واٗژ سوٚ گرٕ! میہٕ میٚنہٕ وشاٗنی
کرتویہٕ پوٗرہٕ کرنُک موقہٕ۔ یہٕ زٕنم پراٗوِتھ یُس کام میہٕ کرٕنی چھےٚ۔ سۄ
کرٕ پوٗرٕ۔ تہٕ یہ نگر۔ یہ دیشس کرُن آباد۔ ویتھ چھ میہٕ پزاران۔ ویتھ
ہُند آگُر چھُ میہٕ پزاران۔ ہمالیہ ماسر چھ میہٕ پزاران۔ ہی بگوانہٕ!
میہٕ دِہ ہمتھ تہٕ حوصلہٕ۔ میہٕ دِہ شکتی۔ یُتھ زَن بہٕ پننُ آدرش

پنُن مقصد تہٕ پنُن خواب پوٗرہ کرہ۔ ہی بگوانہٕ !

[ گُلہٕ زٕہ گَنڈِتھ اُچھ وُہتھد تہٕ کلہٕ نوٗمراُوتھ
چھ کُنھ تاذ شکتی نمسکار کران۔ تہٕ کینٛہہ ہا برتھٕ ی
اُتھو پوزُس منٛز روزان۔ بیاٗرِ چھ سوٗتر دھار
اُژان۔ تہٕ سیٖتاہس وُچھتھ چھ وِنگہٕ تُکھے روٗزِتھ
زَن گرٛتھان۔ سیٖتا چھ وارہ وارہ کلہٕ تھوٗد تُلان
تہٕ اُچھ مُژہ راوان۔ اُمس چھ سوٗتر دھارس کُن
نظر پیوان۔ تہٕ دوہ شوٗے زٕنی چھ اکھ اکِس کُن دٔر
نظراہ کران۔ سوٗتر دھار چھ برٛونٛہہ پکان پیوان۔
تہٕ سیٖتاہس کُن تھٔر کٔرِتھ ووٚدنہٕ روزان سِینس
پیٹھ اُتھ زٕہ تھوٗتھ۔ سیٖتا چھ کلس کشان
زَن تہٕ کینٛہہ چھُس وَنُن۔ مگر وُنہٕتھ چھُنہٕ ہیکان ]

سوٗتر دھارا: ممتا تہٕ لول سورُے چھُ مایا۔

سیٖتا: مایا۔ مگر کاٗژاہ لوٗبہٕ وِنی تہٕ شوٗبہٕ وِنی۔ یہٕ مایہ تہٕ نے آسہ۔ یہٕ سمہٕ سار
کِتھ کٔنۍ چلہٕ ؟

سوٗتر دھارا: ( تَس کُن وُچھنے بڑٕ رعب سان ) ژٕہ کیاہ سمہ سارس سیٖتو توتہٕ؟

سیٖتا: کیا زٕہ بہٕ آس نا سمارس ؟

سوٗتر دھارا: اَدٕہ باپتھ نہٕ زٕہ ژٕہ گژھ نے ممتا یہٕ تہٕ لولہ چھ ہانکلہٕ ناٗلی گژھ نہٕ۔

سیٖتا: ہرگاہ نے تہٕ گیان آسہ ہا ہیم۔ یمہ ہانکلہ آسہ مے پوشہ مالہ زن باسان!

سوٗتر دھارا: ژٕہ چھکھ کھتھے یاژہ کرنہٕ۔

سَتیا:۔ زٕ چھ بگوانَنؠ دٕژ ہرش۔ یمہٕ زَن مَنتس پننہٕ بھاو نٔنؠ کڈ٘ہ۔

سوٗتردھار: بگوانَن چھِ نرٕ زنگہٕ دِژٕ مَرٕژ۔ یمہٕ زَن کینہہ کٲم کار کرٕ مَنتس۔

سَتیا:۔ یمٕتؠ یوت نہٕ اَکھ دِل دیُتمُت۔ اَکھ دِماغ دیُتمُت۔

سوٗتردھار: چون وَنُن چھُ پوز۔ مگر سمیٚ چھٕنہٕ کٲنٛسہ پٕراران۔

سَتیا: غلط وَونٕت۔ تَس ہِیوٚ مہ پٕرارِن! ییٚتِس کالس مہ نوٚو زنم پرٕووٚ سین!

سوٗتردھار: یَتھ ژٕہ زنمہ زنمہ یُن تہٕ اَکھ یوٚگ وَنان چھکھ۔ سُہ چھُ اَکھ اَچھ ٹینٹھ وہر۔ بنیہ نہٕ کینہہ۔

سَتیا: آسہ۔ مگر اَسہ انسانن باسان زن نہٕ اَکھ یوٚگ گَو پوٗرٕ۔ اَکھ وٲنس گیہ ختم۔ سمہ سارِس مَنٛز یُن۔ ییٚتہِ یِتھو رَتؠ یا ییٚچھو کرم کرِنؠ تہٕ مَرُن پیٚ سورُے چھُنا وَکھ کھیوان؟ یہ تہٕ چھا اَدٕ مایا؟

سوٗتردھار: سَتیا۔ بَس کر۔ کھٔتوٚتلہِ نیرِ نہٕ کینہہ۔ نیر ژیر گژھی۔ وَکھ چھٕنہٕ کٲنٛسہ پٕراران۔

[ سوٗتر چھا نیران۔ ہورٕ چھ چَنڈال تہٕ چھنٛدرٕ کانتا یوان۔ دمہٕ شورنؠ چھِ ہتالَن مَنٛز پوزا یہ ہنٛز سامگری دمہٕ شورے چھ سیاہس وارٕ وارٕ بلایہ لگہٕ نہٕ کہ اندازٕ ٹیوٚک کران۔ نرٕ آلوان۔ تہٕ جعفری پوشس آلوان۔ ]

چنڈال:۔ گژھہ بگوان کریٚنے سعہ پھل۔ ہیمتھ دِیہِ نے۔ حوصلہٕ دِیہِ نے۔ تہٕ پننہٕ کٲم انٛد واتناونچ شکتی دِیہِ نے!

ستیا:۔ مٲجی۔ ہرگاہ چون اُشپرواد آسیم۔ یہ ہے گژھہ ضروٗر سعہ پھل۔

چنڈال:۔ دَپان چھکاہ اُشپرواد؟ چار یا رسیون زوٗ تہٕ جان تہٕ ہا روزی ژییہ

اَندرٕ اَندرٕ گَژھ کران۔ (تَس بُتھِس اَتھ لاگِتھ) سِیا۔ یہِ نا ژٕندرٕ مُشِتھ گژھی ؟

سِیا:۔ مائجی۔ لوکُٹ بینیہِ سُے گاڈ جار ہاوُن۔ دِپی یُتھ بہٕ موج مُشِتھ گژھی

[ چنڈال چھِ تھال اَتھَس منز رٔٹِتھ اَکہِ اَتھٕ سیتو اوٚشِس وۄہ تھران۔ سِیا چھِ چندر کانتایہِ نکھ گژھتھ تَس بُتھِس دٔر نظراہ کران ]

سِیا: ژٕندری! ژٕ چھکھےَ یہِ مائج کرِتھ؟ دِپان یُتھ نا ژٕندرٕ مُشِتھ گژھی۔

چندر: [ کلہٕ بوٚن کنُ تراوان ]

سِیا: اُمِس آسان در اصل پننہِ وَنُن۔ چون ناو ہیوان بٔلی۔

چندر:۔ ژٕ چھکھ کیاہ چھوٚپہٕ وَنان ؟ آخر مائج ہےَ چھوٚپہٕ تہٕ۔

سِیا: تہٕ ژٕہ ؟

چندر: بہٕ کرٔ اُمِس چاٹٕ۔

سِیا: ژٕ چھکھ چاٹٕر کیاہ وَنہٕ۔ ادہٕ بی۔ تراوٕ وۄنی یِمہٕ کتھہٕ۔ بہٕ نیرِے وۄنی۔ مائج چھِےَ حوالہٕ۔ یُتھ نےَ اُمِس باسِس دِکھ زٕہ یہِ چھِ کُنی زُنیٚ۔

چندر: ہیوٚن کیاہ سوٚ پھٕٹ ؟

سِیا: ژٕہ روزکھ ہر ہمیشہ مےَ سیتو۔

چندر: ( حارٕان گژھِتھ) کیاہ ؟

سِیا: (دِلَس کنُ ہاوِتھ) یِتیہٕ نَس!

[ چندر کانتا چھِ تَس پَرٕن ہیوان۔ تہٕ وَنان ]

چندر: سوامی!

[ اُتھو سیتھ چھُ سیٹھجک گاش سوٕتان۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ چھ کینہہ برژی گژھنہٕ پتہٕ نگارس زٔنڈ ہیوان۔ تہٕ کینژن ٹکن ہینڈ پُھر گیوٗش چھُ ووتلان۔ گاش چھُ وارہ وارہ پیوان۔ تہٕ اَکھ دیہاتی پس منظر چھُ اَچھن بُرونٹھ کُنُ تہٕ ووتلان۔ رازہٕ اونتی ورمن۔ جے دیو۔ منتری تہٕ بییہِ کینہہ مصاحب چھ سیٹھجس منز اژان۔ تہٕ منزس وائتھ چھ ٹھہران۔ رازس سیتی چھ باقی نفر تہٕ قدم ٹھہراوان ]

اونتی ورمن: ( کانٛسہِ کُن وُچھنے ) کانٛہہ خاص خبراہ اَز کل نگرس منز پھٲلے مرٕ؟

وزیر: خاص نہٕ کینہہ رازن۔

اونتی ورمن: یتھ رازس منز چھنا انسان بسان؟

وزیر: بسان چھ رازن۔

اونتی ورمن: تیمن چھنا کانٛہہ تہٕ مسلہٕ درپیش؟

وزیر: نہ رازن مسلہٕ کیاہ چھُکھ۔ سارِی چھ خوش تہٕ خوش حال۔ تہٕندہِ خٲراتہٕ گوو یہ دیش آباد۔ مندورہ آیہِ بناونہٕ۔ مندر آیہِ بناونہٕ۔ سوئِکھ تہٕ شانتی ہند دور گوو شروع۔ یتھ کُس مسلہ چھُ رازن؟

اونتی ورمن: منتری۔ اَسہِ بنوو اَکھ بوڈ شہر۔ بجہ مندورہ بناوہٕ۔ ییمہٕ ہتہٕ وادن وٕرین موجود رُوزتھ ساینہٕ بجرچ گواہی دِن۔ ساینہٕ کارِگری ہند چرچہ کرِن۔ مگر منتری۔

وزیر: رازن!

اونتی ورمن: یہِ سورُے چھُ توٚتانی فضوٗل، یوٗتانی ییٚ سون رعیت پرٛزِ پاٹھؠ خوٗش تہٕ خوٗشحال آسہِ۔

وزیر: مگر راژہٕ!

اونتی ورمن: (تُہنٛز کتھ اَڈٕ یِنٛج کرُتھ) ژےٚ وَنکھ بنیہِ زِ گژھ چھُ خوٗش تہٕ خوٗشحال سعٕکھ ساوٕے چھُ سأری ہِے۔ یہِ وَنُن چھُ چوٗن فرض۔ مگر اُسی پھٕھ زانان۔ زِ ییٚتکیٚ گژھ کوتاہ تکلیف چھِ تُلان۔ دُیہِ گرٕ اَکھ چھِ تہٕنٛز سأرِے خوٗشی تہٕ شأنتی نہت نوان۔ اَکھ ییُپ چھُ سأری ہِے ڈاس کران۔ اَمِہ وِزِہ چھِ سعٕکھ ساوٕے تہٕ غائب گرٛشان تہٕ ییٚمہِ دیشکؠ اَن تہٕ۔

وزیر: راژہٕ۔ تُہُر چھوٗ ٹھیک وَنان۔ یُیوٗنے ییٚہِ ہُن۔ ییٚتھ دیشس واتہٕ ہِے نہٕ کانہہ دیش۔

اونتی ورمن: (بے قرأری منٛز اورٕ یور پھیرِتھ) مگر اُسی کرو کیاہ؟ ییٚتھ کیاہ یلاج چھُ؟ کانہہ مارج ہُند گوٗبر پھٕنا سہ یُس ییٚمِو روکنکؠ رگیان آسہِ ہا؟

جے دیو: راژہٕ۔ اگر آگیا آسیم۔ بہٕ کرٕہا کینہہ عرض۔

اونتی ورمن: (تَس بُڑٕ وٕنٹھ کِنہٕ ٹھٔہرِتھ) جے دیو! ژےٚ چھکھ کم کتھ کران۔ مگر چانِہ کتھن چھُ ہمیشہ کانہہ مانہٕ مَقصد آسان۔ وَن کیاہ چھُے وَنُن؟

جے دیو: سأنِس ییٚتھ نگرس منٛز چھُ اَکھ پنڈت۔ یُس وَنان چھُ زِ تَس نِش چھُ وِبِتھ قوبوٗ کرنکؠ عِلم۔

اونتی ورمن: (بُتھِس پیٹھ چھُس شک تہٕ وۄمید گتہٕ رگیوٗر تُلان) اَکھ پنڈت؟

جے دیو: اَوَہ راژہٕ!

اونتی ورمن: ناد کیاہ چھُس ؟

بجے دیو: سُتیا

اونتی ورمن: سُتیا ؟

بجے دیو: اوہ رازہ، سُتیا

اونتی ورمن: سُتیا کتہ چھُ ؟ سُہ کونہ آو اَسہِ نِشہ ازتانی ؟

بجے دیو: سُتیا چھُ وُنی کینن یاترایہ گوٗمت رازہ۔

اونتی ورمن: یاترایہ گوٗمت ؟ وُنی کینس کیہ تیرتھچ یاترا چھُ یوان کرنہ ؟

بجے دیو: سُتیا۔ ییتھ یاترایہ پیٹھ چھُ وزامت رازہ۔ تمتھ چھُ یوہے وَکھ۔ سُہ چھُ ویتھہِ ہُند آگُر وُچھنہ گوٗمت۔ اَمکو بُتھو ژھنڈنہ گوٗمت۔ تہ یہ وُچھنہ گوٗمت۔ زہ یہ ویتھ یوسہ ییمہ دیشچ شوٗب چھ۔ ییمہ سیتہ یہ سورُے دیش سرسبز چھُ۔ آباد چھُ۔ سورے ویتھ گیا زہ چھ اَکہ رُدہ گرہ پتہ بُتھو ژٹان۔ تہ اَتھ شوٗبہ۔ اَتھ سبزارس تہ اَتھ آبادی پھُٹو پھاٹ کران۔

اونتی ورمن: ہوٗں !

وزیر: رازہ ! سُتیا چھُ پاگل ! تس چھ ساری ٹاوس ٹلان۔ سُہ چھُ متسوٗمت رازہ !

اونتی ورمن: منتری۔ ییتھو لُکھ چھ ہمیشہ مَتان۔ ییتھن لُکن چھُ ہمیشہ پاگل یوان وَننہ۔ ہیم لُکھ چھ ہمیشہ ٹاوس یوان ٹُلنہ۔ مگر منتری !

وزیر: حکم رازہ !

اونتی ورمن: اَسہِ چھ اَمس مَتس سمکھُن یژھان۔ اَسہِ چھ اَمس پاگلس سیتہ کتھہ یژھان کرٕنی۔ اَسہِ چھُ باسان زہ یہ موٗت کرِہ شہلابن ہُند تدوُرق۔

وزیر: مگر راژہ!

اونتی ورمن: (دکھ کچھ دِتھ) منتری۔ عقل چھنہ صرف چانی یاژ میراث۔ بوودھ چھنہ صرف راژہ محلہ ہنی منز یاژ وہ پدان۔ یہ چھ ژھینپہ پھیرہ منز تہ روزان مگہ کھنٹھ۔ تیتھے کنہ۔ یتھ کنہ زن پوت وَنن منز امرپتک آگر!

وزیر: راژہ! سُیا چھُ اَکس وانجہ ہُنْد نیچو۔

اونتی ورمن: بُڈِہ باگوان گژھن سہ ماناً آسن۔

وزیر: راژہ۔ سُہ چھُ پاٹھشالایہ ہُنْد اکھ مومُولی پنڈت۔

اونتی ورمن: تہنْدی ژالھ بنن یتیمہ دیشکی ماری منْدی گبر۔

وزیر: راژہ سُیا چھُ موت۔

اونتی ورمن: اُسہ کھوت تہنْد موت آسن طارہ۔ سُہ چھُ متیومُت اکہ خاص مقصد باپتھ تس چھُ مژر آمت اکہ خاص کامہ باپتھ۔ بُڈِہ باگہ وان گژھ یہ پاگل آسن۔ بڈہ کلیان کاری گژھ یہ موت آسن۔

وزیر: مگر راژہ!

اونتی ورمن: (جلالہ سان گژھ دِتھ) منتری! بس۔ اُسہ چھنہ بیٹھ بوزُن یژھان (سجے دیوس) جے دیو!

جے دیو: حُکم راژہ!

اونتی ورمن: یُتھے سُیا یاترایہ پیٹھ پھیرہ۔ سہ گژھ پوُرہ یژتہ تہ احترامہ سان اُسہ نش انُن۔

جے دیو: بہتر راژہ!

اونتی ورمن: (منتری ہس کُن) تہ پتہ کاسس سیاگرہ نیبر روزہ۔ تسنزہ ماتایہ

ہشنز گرٛڈہ پوٗرٕ پوٗرٕ خبر میہ واتہٕ ناوٕتی - یہُتھ نہٕ تس ڈیکہ بجہ کانٛہہ کشٹھ واتہٕ !

وزیر : بہتر مہاراج - تھنٛز آگیا - ییہِ پوٗرٕ کرنہٕ -

اونتی ورمن : ( جے دیوس کُن ) جے دیو ! یکو اَسی نیرو !

[ رازہ اونتی ورمن - جے دیو تہٕ باقی مصاحب چھ نیران وزیر چھ یتھٕ روزان - تہٕ ییلہٕ رازہ تسندی مصاحب نظرٕ ڈلان چھ - وزیر چھ تماشہ گیرن کُن وُچھتھ وَنان ]

وزیر : خبر کتہٕ گوٚو پاگلا اَگادہ - اَمی سِے چھم رازہ اونتی ورمن وُچھنےٚ کرٕ نےٚ وَنان باگہِ واں پاگل - مانٛزی موٚند گوٚبُرٕ تہٕ کلیان کاڑی موٚت ! اَدٕ چھکھا اَیزُے وونٛمُت زہ رازہٕ سُند اہنکار چھ تس بدھ ڈلان - تہٕ سُہ چھُ یٔرٛچھے کامہ کران - ہے اَسہٕ کیاہ - اَمُن سارےٚ سیا بیزہ تہٕ ساں دربارس منٛز - اماپوز اَسہِ چھا سُنا اَدٕ دربارس منٛز درٛشبے نژاوان یکنہٕ گرن چھ ٹیپان ؟ ہتا - اَسہِ سیتو کرٕ مشورٕ - اَسی تہٕ ہکوٚ وَنِتھ زہٕ یٔپس کیاہ یلاج ییہِ کرنہٕ - تہٕ چھا کانٛہہ بڑ کتھ - کرن کیاہ چھُ ؟ ( اوٚتت واتِتھ چھ رُکان تہٕ مَنٛدٕ چھ منٛدٕ چھ چھ وَنان ) اماپوز - کرن کیاہ چھُ ؟ نی اگر خبر آسہٕ - یہٕ موٚت کھسِہ ہا بارس - ہے تہٕ کرِتھ اَسہِ کیاہ - یُپ چھُ کھسان مُکھ چھ مران - اَدٕ اَسہِ چھس نوٚنہٕ پنُن اوزکہٕ چلان - مُکھ مرٕتن یا روٗزی تن - اَسہِ وزیرن کیاہ تہمیک غم ہیوٚن ؟

# رہبر

ناو :- اوتار کرشن. تخلص رہبر. ذات ماژم

بسکین :- نرپرستان فتح کدل سرینگر

زاسنہ :- اپریل ۱۹۳۲ء

تعلیم :- ایم، اے، بی، ایڈ

ملازم :- سکرپٹ رائیٹر ریڈیو کشمیر سرینگر

کتابہ :-

(۱) تبرک - افسانن ہند مجموعہ چھاپ ۱۹۵۸ء

(۲) سوختہ لر - شرین ہندہ خاطرہ دلیلہ. چھاپ ۱۹۵۹ء
تریہ کھنہ چھہ اتھ مجموعس منز ناجی منور ینہ تہ.

(۳) کاشرہ ادبچ تاریخ. تنقید تہ تحقیق. چھاپ ۱۹۶۵ء
اتھ کتابہ پیٹھ سپدس ریاستی کلچرل اکادمی ہند
فسٹ پرائز تہ حاصل.

(۴) ترجمہ :- (ا) ٹیگورن ڈراما "چترا" (ب) "فتح" —
شی سٹوپس ٹو کانکر، گولڈسمتھ نہ ڈرامہک ترجمہ.

(ج) موسوم گوناہگار — پنجابی ناولسٹ نانک سنگھ نہ
ناولہ پوتر یایی یک ریڈیو روپ، بیترہ.

(۵) تنقیدی مضمون — غار مطبوعہ

# کاشُر زبان

## زبانہِ ہُند ورتاو تہٕ کیٚنہہ کتھ

### (لفظن ہُند زیوٚن، ووتلُن، بگرُن تہٕ استعمال)

زبانہِ ہُند سوال چھُ اکھ سیٚٹھاہ نوزُک تہٕ سنجیدٕ سوال۔ لفظن ہُند یُن گژھُن، بدلُن تہٕ پھاٹھلُن یہٕ سورُے چھُ اکھ سوٚن مگر پُر لطف بحث زبان چھ لفظو سیٚتۍ بنان۔ یہٕ کتھ چھ پزٕ۔ مگر یہ وَنُن چھُ غلط زِ اکھ زبان چھ لفظے یاتۍ آسان۔ زبان چھ لفظو تہٕ اچھرو علاوٕ واریاہ کیٚنہہ آسان۔ بڈ کتھ چھ مزازٕ۔ یہ خاص مزازٕ چھُ اکہِ زبانہِ ہُند روح آسان۔ اگر بٕہ پرٛژھ کتھ آسہِ ہے تیلہِ گیاہ اوس۔ انگریزی لفظ ہیتھ شیتھ آیہ سانہِ زبانہِ منز تہٕ یہ بنہِ ہے انگریزی۔ یا وقتہٕ اکہِ ژاپہِ فارسی لفظ اُنتھ روٗسی سانہِ زبانہِ منز۔ اَتھ وَنہو فارسی زبانے۔ سانہِ زبان روٗز کاشرے تکیازِ اَتھ اوس اکھ پننُن مزازٕ۔ لفظن ہندِ یِنہِ گژھنہِ سیٚتۍ چھ تبدیلی یِوان۔ مزازس تہٕ فرق یِوان۔ مگر یتھ چیزس مۆل وَنو، روٗح وَنو تبدیلی کھیتھ تہٕ چھُ سُہ رٔنتھے باسان۔ اکہِ زبانہِ ہُند لب و لہجہ، تِہنٛدۍ مصدر (کریا ماتر) بیترِ چیز چھ تتھ روٗحس برقرار تھاوان۔

لفظ ـــ چھ زندگی ہندۍ بامن۔ یِم چھ انسٲنی زندگی سیٚتۍ سیٚتۍ زیوان، لسان۔ بسان۔ لفظ چھ انسٲنی زندگی ہندۍ پاٹھۍ کیٚہ کچار، جوانی تہٕ بجر چھاوان۔ یِم

چھ وقتہ وقتہ پننہٕ رنگ روٗپ بدلاوان۔ لفظ چھ مران تہٕ۔ اکہ لفظ کہ مرنہٕ پتہٕ
چھہٕ بیاکھ لفظ یاوُن لبان تہٕ اکیک عہدہ حاصل کران۔ مثالہٕ پاٹھۍ نیوٗن اکھ
لفظ ــ "کلہٕ پُشس" گوڈہ وُچھو یہ کتہ آو؟ یہ لفظ چھہٕ دراصل "کلہ پوشس" (کلہ
+ پوشس) اکیک معنے تہٕ زبٲنۍ منز یُن ہیکو اَسہ دوٚیو طریقو وُنِتھ۔

گوڈنیچ وکھنے: (۱) کلہ گوو "Head" (ہیڈ) (۲) پوشس گوو پھوٗل
(پھٲلہ ور) ــ چونکہ کلہٕ چھہٕ انسانہٕ سندیٚ زت ماننہٕ یوان۔ لہٰذا یہ کلس پیٹھ آو
تھاونہٕ۔ تتھہ دوٚ نک "کلہ پوشس" یُس وارہ وارہ "کلہٕ پُشس" بنیوو۔

دوٚیمہ وکھنے:۔ (۱) کلہٕ گوو "سر" (۲) پوشس چھہٕ فارسی لفظ یُس
ناگنہٕ خاطرہٕ استعمال سپدان چھہٕ۔ مثالے "پاپوش" گوو فارسی پاٹھۍ "بوٗٹ"
"سرپوشس". فارسی ترکیب۔ یہ چھہٕ اکہ تمہ چیز ک ناو یُس بتہٕ پھیارنس
لگان چھہٕ۔ "کلہ پوشس" بنیوو لہٰذا سہ چیز یُس کلس ڈینہٕ خاطرہٕ استعمال سپد۔

یمو دوٚیو منزہ چھہٕ فارسی زبٲنۍ ہندہ خاص اثرہ تہٕ دوٚیمیو خوٚاہیہ
رکنۍ دوٚیمہ بیان زیادہ صحی لبنہٕ یوان۔ وُنۍ چھہٕ یہ زہ "کلہ پُشس" یا "کلہ پوشس"
اوس ہیٚوا سانہٕ زبٲنۍ منز تمہ چیزہ خاطرہٕ استعمال سپدان۔ یُس کلس دِمہو۔ یِیلہ
بدلہ بدٕ لفظ "ٹوپی" "دستارہ" "صافہ" "کیپ" "قصابہ" بارسس آیہ۔ امہ
لفظک معنے گوو تنگ پہن۔ یہ لفظ روٗد صرف برہمن ہندس ترنگس تامے دامانہ
وہریتھ۔ برہمن اندر یینہٕ "دوٚتی" استعمال سپدن۔ یہ لفظ ہیوتُن بنیہ رژھاہ تہٕ موکلن
دکھ واتہ ییٚلہ یہ لفظ سانہٕ عام بول چالہٕ منزہ بلکل ووہ باسہ تہٕ اکہ وقتہ یوٚہے
بلکل غار زبٲنۍ ہیوٚ باسہ۔ یتھے پاٹھۍ نی توٚن لفظ "آب"۔ ممکن چھہٕ یہ فارسی لفظ
مگر از چھہٕ سانہٕ زبٲنۍ ہند نتھے عزہٕ تہٕ ٹوٹھ لفظ یتھ بنیہ کاتہہ پننۍ لفظ

چھُ۔ برونٹھ اُسہ سانہِ زبٲنۍ منز آبس "ووٕنۍ" وَنان۔ اَز چھِ اُسہِ اتھ "پوٚنۍ" یا "آب" وَنان۔ "پوٚنۍ" چھُ ہندوستٲنۍ "پانی" ہِنٛدِ لفظچ بدٕلیمٕژ شکل۔ یِمہٕ کیٛنژھہ مِثالہٕ سیٚتۍ چھُ یہِ کتھ ثابت سپدان زِ پرٛیتھ اَکِس لفظس چھِ ژور دور وُچھنۍ پیوان۔

(۱) زیٚوٚن تہٕ لوٚکچار ۔ لفظک زیٚوٚن تہٕ لوکچار گوٚو سُہ وَکھ ییٚلہِ سُہ کُنہِ زبٲنۍ منز کھوٚر تھاوِ۔ اَمیُک استعمال کم قلیل پٮ۪ٹھٕن سپدِ۔ لفظ چھُ ییٚتھ وقتس منز وارِ وارِ کھوٚتھ، کھٔژھ کران تہٕ پننہِ زنگہ دٕر راوان۔

(۲) جوٲنۍ۔ ییٚتھ اندر چھُ لفظ پاوُن چھاوان۔ جوانۍ ہِنٛدِ پٲٹھۍ ہر جایہِ موجوٗد آسان۔ پرٛیتھ کانہہ کٲم اَتھٕ راوان۔ مطلب ییٚتھ وَقتس منز چھُ لفظ بٔڑہِ چاوِ سان ہر جایہِ استعمال سپدان۔

(۳) بُجر ۔ "ووٕنۍ" یا "کلہ پوشن" لفظکہِ پٲٹھۍ چھُ کاہِل سپدان۔ مطلب کُنہِ ژھوکان۔ ڈٕہکان۔ دوٕہ کھوتہٕ دوٕہ لفظُک دیدار دُروٗگ سپدان۔ اَکِس خاص حدس اندر ژھینہِ گژھان۔

(۴) مرُن ۔ لفظ چھُ مران۔ اَوٕہند بُجر چھُنہِ کُنہِ جایہِ لبنہِ یِوان۔ ییٚتھ پٲٹھۍ موٕردہ چھُ بٮ۪یہِ خابس منز وُچھان۔ ییٚتھے پٲٹھۍ چھُ اَمیُک دیدار ڈکشنری منزے یوت لبنہِ یِوان۔

لہٰذا یہِ وَنُن اتھ لفظ چھُ انسٲنۍ زندگی ہِنٛدۍ پٲٹھۍ زیٚوان، مران لسان، بَسان تہٕ پوٚرٕ اتھ زندگی گُذاران تہٕ چھُنہِ غلط۔ دوٕنۍ گوٚو کتھ چھِ یہِ زِ اَمِچ وٲنس چھُنہِ انسٲنۍ زندگی ہِنٛدۍ پٲٹھۍ پنژاہ شیٚتھے وَری آسان۔ اتھ لفظ چھُ زیٚٹھ وٲنس تھاوان۔ اَکِس لفظکِس پاوُنس، پھولنس، پھٲنبس تہٕ بدلنس منز چھُ تٲریخی، سماجی، سیاسی تہٕ اقتصادی غرض مُلکی ترٛقی تہٕ جوشُک اتھ آسان۔

زَبٲنۍ منٛز لفظَن ہُند ہیر پھیر چھُ ییمہٕ وِرے کتھہٕ کِنۍ وقتہٕ وقتہٕ سپدان۔ زَبٲنۍ ہٕند
ہیر پھیر چھُ جایہٕ پٮ۪ٹھ جایہٕ میلان۔ اَمیُک وجہ چھُ یہ زِ ماحول چھُ بیٚون بیٚون
دپھاغُک سوچُن سمجُن چھُ بدٕلان بدٕلان۔ انسانَن ہُند رہنہٕ رسم، وٕرتاوُن، بہُن ٹھکُن
دوٚرُن چھُ وکھرٕ وکھرٕ۔ پانے چھُ زَبٲنۍ ہٕند ہیرِ پھیر تہٕ لٲزِم۔

کاشُر خاص زَبان نِنۍ تون۔ اَتھ اندر تہٕ چھُ لب و لہجُک ہیر پھیر
درینٹھ یِوان۔ دِلہِ ہندِس اُردوہَس، لکھنوکِس اُردوہَس تہٕ حیدرآبادکِس اُردوس
منٛز چھُ وارِیاہ فرق موجوٗد۔ برطانیہکِس انگریزیس تہٕ امریکہکِس انگریزیس
منٛز چھُ فرق موجوٗد۔ ییٚلہِ اِنسان ہنا اَتھ ہیر پھیرس زیادٕ بٕہَن سنہِ یہ چھُ
لوکٹس پیمانس اندر تہٕ موجوٗد۔ نفسیات کین مٲہرَن ہُند وَنُن چھُ زِ پرٛٮ۪تھ
ستہِ میلہِ پٮ۪تہٕ چھُ آواز زیوٗرٕ نیبر کڈنس منٛز فرق پیٚنہٕ لٲزِم۔ یِواتے یِوات نہ
بٔلکہ لفظی ہیرِ پھیرِچ فرق چھُ بعضے مختلف جماژن تہٕ فریقن منٛز تہٕ لبنہٕ یِوان
یِتہٕ فرق چھُ بعضے علاقہٕ پٮ۪ٹھ علاقہٕ تہٕ محلہ پٮ۪ٹھ محلہِ تہٕ لبنہٕ یِوان۔ مثلَن پینٕہ نیٚو خانیار
نِنۍ تون۔ خانیار! فتح کدلس اوٗری ہُند بٕہَن تہٕ زینہ کدلس نکھ "خ" (کھ)
(ख) آواز چھُ عام استعمالہٕ نِشہٕ غائب باسان۔ ییم چھُ اَمِچ آواز عام طور "ح"
(ہے، ہ، ह) آوازی ہیوان۔ مثالے کینہہ لفظ وُچھو:-

| عام کاشُر | خانیارکین ہُند استعمال |
| --- | --- |
| خانیار | حانیار |
| خۄن | حۄن |
| خبر | حبر |
| خام | حام |

زبانٕی منٛز لفظَن ہُند ہیر پھیر چھُ آب وہواچ تبدیلی سیتۍ تہٕ بأدٕ سَپدان۔ یوٚہے وَجہ چھُ گامہٕ کأشُرس تہٕ شہرٕ کأشُرس منٛز چھ فرق لبنہٕ یِوان۔ مرازَس اندر چھ اَکھ لفظ وَنان۔ کمرازَس منٛز بیاکھ۔ اڈٕپن گامَن منٛز چھُ "ہٹ" "یوڑ" زیادہ استعمال سَپدان۔ اڈٕپن کمٕ۔ مثالے کوٚلہ گامَس منٛز چھُ "ڑ" آواز ہُند استعمال زیادٕ سَپدان تہٕ "ر" ( ۲ ) آوازٕ ہند استعمال کمٕ۔ یہ ہیر پھیر ییہِ پیتھ پأٹھی بوزنہٕ:۔

| عام کأشُر | کولگامُک تحصیلُک وَرتاو |
| --- | --- |
| چأرُ | چأڑُ |
| نارٕ واو | نارٕڑ واو |
| لوٗر | لوٗڑ |
| یور | یوڑ |
| لرٕ تراوُن | لڑٕ تراوُن |
| کوٗر | کوٗڑ |
| نأر | نأڑ |
| وأر | وأڑ |
| تأر | تأڑ |

لفظَن ہِندِس وَرتاوَس پیٹھ چھُ وراثتُک اثر تہٕ پیوان۔ مثلَن موٗل موج ہِم لفظ ییمہٕ آیہٕ بولان آسہٕ تِمی آیہٕ چھ ہِندی شُرۍ تہٕ ہِم لفظ بولان یوٚہے وجہ چھُ زہٕ کینٛہہ لفظ چھ کأشُرس منٛز تِتھۍ تہٕ ہِم زَن مُسلمانٕے یأتی بولان چھ

کینٛہہ لفظ چھِ تِم تہٕ ییم بٹہٕ اکہِ طریقہ بولان چھِ مسلمان بیٚیہ بولان چھِ ۔ یہِ ہیر
پھیر چھُ سیٹھاہ مومولی ۔ تہٕ کینٛہہ مثالہٕ چھ ییتھ پأٹھۍ

| بٹن ھُند ورتاو | مُسلمانن ھُند ورتاو |
| --- | --- |
| گانٛٹھ | گانٹھ |
| برور | بیور |
| پونی | آب |
| کرۄور | کیوٗر |
| اوٚترہٕ | اوترہٕ |
| ڈۄکُر | بُکُر |
| سِری | افتاب |
| ماہ کرُن | اوبا کرُن |
| معنی کرُن (مُذکر) | معنی کرِنی (مؤنث) |
| دٕہ | داہ |
| وأنٛکھ | وانکھ |
| لأنٛکھ | لانکھ |
| کریٚنکھ | کرانکھ |
| پھأنٛچھلُن | پھانچھلُن |

لفظَن ہُند وۄتلُن ۔ بدلُن ۔ بگُرن چھُ چَلہٕ وُن ۔ از چھُ یہ سوال سیٹھاہ
عام بوزنَس مِنٛز یِوان زِ یہٕ لفظ چھُ کأشُر یا چھُ غاٚر کأشُر ۔ لہذا اکھ ژھینُز وۄن
ترأوِتھ بیاکھ اُنی وۄن بارَس ۔ اَمہ خأطرٕ چھ کأفی بوزشوٚز ہنٛز ضروٗرت ۔ لفظ

چھ زور دار۔ ییم چھ اَکھ زُودار احساس دۄیمِس تام واتناوان۔ یتھِ لفظ پانے بیچان
آسہٕ۔ سُہ چھُ زِندٕ احساس تہٕ کھنڈرن کران۔ زکھ واتنان۔ اَکھ زندٕ لفظ یا
زندٕ شبدھ وَنو تتھ لفظس یُس زبانٕ منز بار تھپ ہیو لگتھ گژھہ۔ یُس اَکھ
خیال، اَکھ احساس یا اَکھ جذبہ تمی اثرٕ تہٕ وُشنیرٕ سان دۄیمِس تام واتہٕ ناوٕ پتھ
پاٹھو وَنن وول پرٛھان آسہٕ۔ لفظ چھُ سُے زندٕ یُس زبانٕ سیتو سیتو کاڈ کڈٕ
لنگ لنج وہراوٕ تہٕ برونہہ پکہٕ۔ سُہ لفظ یُس کلامس منز گوہ، ڈوکہٕ، ژھوکہٕ
یا بےشوٗب لگہٕ سُہ چھُ مورٕدٕ تہٕ کاہل لفظ۔ فارسی لفظ "آفتاب" نی ون
اَکھ کأشر چھُ عام پاٹھو "افتاب" وَنان یا "اختابر" وَنان۔ ییم دوشہ وَے چھ سانہ
ہیرٕ وٕلی کھسان۔ آفتابس منز چھ ہناسیٹھ پِوان۔ یہ وَنُن "آفتاب" ہے
لفظ "اختاب" کیازِ لیکھو یا "خدا" ہے لفظ "خودا" کیازِ لیکھو تہٕ سوچُن چھُ
غلط۔ خوداییس "خدا" وَنی تو یا "خودا" "گاڈ" وَنی توس یا "بھگوان" سُہ چھُ
پرٛتھ حالتس منز سُے بنیہ نہ کانہہ۔ یتھے پاٹھو "آفتابس" اکھتاب وَننہٕ سیتو
یا "سَن" وَننہٕ سیتو نہ چھُ کینہہ ہُران تہٕ چھوٗنان۔ وونی گوو اکِس زبانٕ منز
چھُ سُے لفظ، سُے لہجہ تہٕ تلفظ سوندر تہٕ شوٗبہ دار یاسان یُس عامس تہٕ خاصس
منز مروجہ آسہٕ۔ علم صوتیات (PHONETICS) کیو اصولو کنۍ چھُ اکہ زبانٕ ہُند
زندٕ تہٕ پائیدار لفظ سُے یُس دہاتھ منزٕ ہکہ نیرِ۔ یُس پھرتس منز کانہہ سیٹھ
بنیہ نہٕ۔ دۄیم کتھ چھ یہ زِ ہرگاہ اَسہِ یتھ پاٹھو لفظن ہنز اصل صورت
ژھارنی ہیمو ادبی زبان گژھہ مروجہ زبانٕ نشہ واریاہ دوٗر۔ بنیہ چھ بمزیاد ژھاران
ژھاران سارنے لفظن آیہ ڈالن۔ ساری سے زبانٕ لرٕ پھرن دین۔ مثالے
یتین نِمو اَسہِ اَکھ لفظ "ووستاد" یا "ووستہ" یہ لفظ چھُ دراصل فارسی لفظ

"اُستاد"۔ یہ چھُ فارسی پیٹھے سانہِ زبانی منز آمُت۔ لفظ "اُستادس" تہٕ یییلہ اُسہ سام ہیوان چھہ۔ اَکھ پوٗرہ کہانی چھےٚ بُرونٕہہ کُن یوان۔ زرتُشت چھُ بارٕہ فلسفی اوسمُت۔ اُہنٕز کتاب چھےٚ پرانہِ فارسی زبانی منز لیکھت۔ یتھ زَن "اویستا" وَنان چھہ۔ ییلہ دۄہہ دۄہہ گرٕھان گژھو زبان دوٗرے یہ واریاہ پننہِ آگرٕ نشہِ۔ لفظ ڈلہ کے یہ۔ ژھوہ کے یہ بے شمار۔ واریاہو بدلاو شکل تہٕ روے مگر تکھ اُسہ شوقین۔ تِہنز زوٗل ہنٕز زرتُشتنٕ فلسفہِ پرٕنک شوق۔ کاٗم تہٕ اُس نہ سہل کینہہ۔ لہذا ہیمو اِنسانو، قابل دیماغو یہ ہیتوک پرٕتھ۔ تِمو سُند فلسفہ سمجھت تِہنز آو" اویستاد "یا" اوستاد "وَننہِ۔ یوہے لفظ گژھو بگران بگران "اُستاد" بنیتھ یُس بییہ کِہ دوٗرِ تھ سانہِ کاشرِ زبانی منز گژھو" دوہستہ "تہٕ" وۄستاد " بنیتھ۔ لفظٕچ یہ ہسٹری بوزنہٕ پتہٕ چھہ یہ کتھ صاف یا گھو نُنی سَیدان زہ ہرگاہ اصل تہٕ صحی لفظ رٹنیچ کوشش کرو۔ تیلہِ نہ چھُ "اُستاد" صحی تہٕ "وۄہستہ" مگر کتھ چھَنہٕ یہ۔ زبانی منز چھُ سُے لفظ صحی تہٕ رُت مانیہ یوان یُس مُروج آسہ۔ یہ چیز غلطُل عام آسہ سُہ چھُ صحی۔

لفظن ہُند ہیر پھیر چھُ پتہٕ وُلتھ آمُت۔ ییلہ اَکھ زبان بییس نشہِ قاصہ چھہ تُلان لفظ چھہ اورٕ یور یوان۔ رٕتھی یا گھو یا بُتھ بدلاوتھ۔ کینہہ لفظ وُچھو یم زن سنسکرتہٕ پیٹھ مختلف زبانن منز بُتھ بدلاوتھ آمتہٕ چھہ۔

| سنسکرت | اُپ بھرنش | کاشر زبان | اردو | ھندی | پنجابی |
|---|---|---|---|---|---|
| اشٹ | اٹھ | اُٹھ | آٹھ | آٹھ | اٹھ |
| چندرہ | ... | زٕندرٕ | چاند | چندر | چند |
| دنت | ... | دند | دانت | دانت | دند |

| ڈُگدھ | .... | دود | دودھ | دودھ | دُدھ |
|---|---|---|---|---|---|
| کرپٹ | کپٹر | کپر | کپڑا | کپڑا | کپڑا |
| نام | .... | ناو | نام | نام | ناں |
| پُرچھا | ... | پڑژھ | پوچھ | پوچھ | پُچھ |

اَکھ زبان چھہ انسانٕنی زندگی سٟتؠ متاثر سپدان۔ ییٚلہِ اکھ قوم بێیِس قومس سٟتؠ اَتھہ واس پچھ کران۔ ییٚلہِ اکھ جماتھ بێیِس جماژ سٟتؠ پانٕنی نیار، ییٚن گژھن بٔڈٕ راوان چھ یا ییٚلہِ اکھ مُلک دوٚیِمس مُلکس سٟتؠ حملہ آور بٔنِتھ تعلق بٔڈٕ راوان چھُ۔ لفظن ہندیٚن گژھن چھُ روزان۔ زبانہٕ چھہ متاثر سپدان۔ ییٚلہِ اکھ مُلک دوٚیِمس مُلکس سٟتؠ حملہ آور بٔنِتھ تعلق بٔڈٕ راوان چھُ۔ لفظن ہندیٚن گژھن چھُ روزان۔ زبانہٕ چھہ متاثر سپدان۔ فارسی زبانٕنی ہندٕ اثرٕ بروٚنٹھ تہٕ فارسی اثرٕ پتہٕ وُچھو کأشرٕ زبانٕنی ہندی کینٛہہ نمونہٕ۔

(ا)

یہ شہ یہ شہ جن تس سن وِدیس تس
ینس یت شکھ دُکھ سرُوپ
اودی یس تس ماتری سم رس
کم کم پن تس اَنہٕ رٛوپ

(ڈھانے پرکاش، منترہ)

(ب)

گگن ژٕہی بوٗتل ژٕہی
ژٕہی دَن پوٗنی تہٕ رات

لاگ ژندٕن پوشن پونۍ ژٕہی
ژٕہی سکل ستے لاگٕو رے کیاہ؟

(للہ دید)

(ج)

یینہٕ یار ڈیشامے تتہٕ یورنے آمےٚ ویسیرے
گل بدن کیاہ سرو قامت۔ عاشقن کرٕن برپا قیامت
زُلف چھس تا بدامن والمے تتہٕ یورنے آمےٚ ویسیرے
صبح نوروز روییٚلہٕ ہا دٕن شب قدرٕرے موی الگہٕ ترادن
روز روشن کوٗرنم شامے، دہان ہا غنچہ یا میم

(رسول میر)

فارسی زبانٕی پتہٕ ییمہٕ زبانٕی ہندر خاص لفظ سانہٕ زبانٕی منز ژاپہ سعہ چھہ انگریزی۔ وارِیاہ لفظ آیہ سانہٕ زبانٕی منز۔ یِم لفظ آیہ ترٛیٛیو طریقو (۱) تم لفظ یِہنٛدٕر معنی مطلبک لفظ اُسہٕ نہٕ اوسے نہٕ (۲) تم لفظ یہنٛدٕر بدلہٕ سانہٕ زبانٕی منز لفظ اٗسی مگر ورتی تہٕ برتی اُسی نہٕ۔ یِمن وُچھِتھ سانٕی یِہنٛز لفظ موردٕہ تہٕ بے جان گیہٕ (۳) تم لفظ یِم ہِنا ہیر پھیر کٕرِتھ کاشرِس مزاجس براہ آیہ۔ اُدہٕ تھہنٛد حاجت اوس یا نہٕ۔

میٹر، موٹر، ہیٹر، انجکشن، پنسلین، پنسل، ڈرِمس، پنشن، تھرمامیٹر، سٹارٹ بریک، سلیٹ، بلیڈ، برُش، فلم، کمپنی، پارک، لان، ریڈیو، سگریٹ، سوڈا مشین کمپونڈر، کار، ایکس رے، شیڈ، واشل، کار، لیکچر، گاگل، چارج، پمپ، ہاکی کنٹرول، فٹ بال، بال، سائیکل، بینڈ بیترِ چھہ تم لفظ یم نہٕ اُسہٕ نہٕ اُسی۔

شیو (اصلاح کرُن) پوڈر (پھِک) نب (پینوت) واچ (راچھو در) گیٹ
(بوڈ دروازہ) بیترِ چھ تِم لفظ ییم اَسہِ نِشہِ اُسہ مگر پۆرہ تسلاہ اُسہ نہ دِوان۔ کینژؠ
حالاتو رُکنی گیہ کاہل۔ تِم لفظ ییم ہیر پھیر کرِتھ سانہِ زبٲنی منز آیہ تِم تہ چھ اُنتہ
روس۔ مثالے کاپی (کاپی) فونٹی پین (فونٹن پین) سکتر (سیکرٹری) ماشٹر (ماسٹر)
نوٹھ یا لوٹھ (نوٹ) کوٹھ (کوٹ) بوڑ (بورڈ) ٹکھٹ (ٹکٹ) لمبر (نمبر) مٹرس (میٹرس)
کنکشن (کنیکشن) افسر (آفیسر) اَورسیر (اوورسیر) پرمٹھ (پرمٹ) لیمپ (لیمپ)
پریجیڈنٹ (پریذیڈنٹ) لائن مٲن (لاین مین) ڈیور (ڈرائیور) پلسہ وول (پلیس مین)
ہنڈل (ہینڈل) بیترِ۔

لفظ چھ اَکہِ زبٲنی پیٹھ بیمِس زبٲنی منز یِوان روزان۔ یہ وُچھتھ پیزِ
نہ اَسہِ بانبرُن۔ لفظن ہند بڑُن، لھدُن، بچھولُن پھاٹُن چھ عجب۔ لفظ "عٲلی واکھ"
نی تون۔ یہ چھ مُلہ تلہِ "عالی + واکھ"۔ "عالی" گوو جان یا شاندار۔ "واکھ" چھ ویدی
سنسکرت لفظ ییمیک مطلب "کلام" چھ۔ مثالے "عٲلی کدل" مطلب "نفیس کدل"۔ ہرگاہ
ہیے آب و ہوا سازگار آسہِ ہیے نہ کیتہ گرژھ ہیے دۄن زبانن سنسکرتس تہ فارسی ییس
یہ رلہِ وَن۔ تہ نوو لفظ زیوہن۔ لفظن ہند مطالعہ چھ سیٹھاہ دلچسپ۔ یہ دلچسپی
چھ بعضے سیٹھاہ حیرانی منز تبدیل سپدان ییلہِ زن یتھو کینہہ لفظ چھ مختلف
زبانن منز دریٹھو گژھان۔ ییم اکس عجیب اندازس منز اکی آیہ استعمال سپدان
چھ۔ مثلن یتھو کینہہ انگریزی لفظ وُچھتوک۔ انگریزی زبٲنی منز چھ عام طور ہونی
سِندِ وعدہِ ووہنہِ خاطرہ "بارکنگ" استعمال سپدان۔ مگر مشہور انگریزی ناول نگار
لارنس چھ پننہِ ناولہ "لیڈی چیٹرلیز لور" منز اکس جایہ لفظ "ووفے" استعمال
کورمت۔ سہ چھ لیکھان۔ دی ڈاگ "وفڈ" (Wafed) "پتھے پاٹھو کاشری

ٔرے" (رٔے گژھن)" لانچہٕ" (ھٔوٚد تہٕ نیک) انگریزی یَس منٛز چھ یِم لفظ" رے" (Way) تہٕ لِنکی (Lanky) اَتھ مُطلبس منٛز استعمال سپدان۔ تہٕ یِم چھ تِم لفظ یِم نہٕ ہرگز انگریزی بٔہِتھ کٲشرس منٛز آمِتۍ۔ یِم چھ واریاہ پرٲنۍ کٲشرۍ لفظ ممکن چھُ یِم ما چھ سہٕ پُران ژٕرن موجوٗد۔ یُس زبانَن ہندِ خاندٲنۍ لگاوٕ مُطٲبق پوٚشان آمُت۔

ییٚمہٕ بحثہٕ تل چھَ یہِ کینٛہہ کتھ برُونٛہہ کُن ییوان۔ رلی پرٕ ہتھ کانٛہہ لفظ چھُ معیأرۍ۔ وٕنۍ گوٚ جان تہٕ شوٗبدار چھُ سُے یُس بیانَس بَراہ آسہِ۔ یُس زیادہ رُت تہٕ معقوٗل آسہِ۔

(ب) پُرون کٲشُر لفظ نوٚن کڈُن تہٕ استعمالس منٛز اَنُن نہٕ چھُ بَرحق مگر اَمیُک وَرتاو گژھہ تمہِ آیہِ سپدُن یتھ نہٕ یہِ بیانس سیٚوٚد ہیوٚ اَنہٕ۔ وٕنۍ پَر لفظ اَننہٕ وقتہٕ چھُ سُے لفظ وَرتاوُن جان یُس آسٲنۍ سان دِلَس وَسِتھ گژھہ۔ مزادس بَراہ ییہِ۔ پھرنَس منٛز کانٛہہ دِقت اَنہٕ نہٕ۔

## کٲشِر زبان تہٕ دُنیاہ چہٕ زبانہٕ



(۱) عربی (۲) عبرانی (۳) تورانی

(یہودین ہنز زبان)




(ج) یوٚتام نوٚین لفظ تہٕ نوٚو اصطلاح بناونک سوال چھُ۔ کتھ چھِ ہینہٕ جایہٕ مولہٕ ورنی۔ مگر امہٕ خاطرٕ گژھہِ اکھ ذہین دماغ آسُن۔ اصطلاح گژھہِ نہٕ محض اصطلاح روزٕنی سہ گژھہِ ٹاکارٕ بنُن۔ سہ گژھن باقے ادیب شاعرن پسند کرنی، استعمال کرنی۔ سہ گژھہِ خلقن منز مقبول سپدٕنی، تمہِ اندر گژھن تمہٕ خوبی آسنہٕ۔

(د) افسانس، ناولہٕ، ڈراماہس منز چھِ کردار، تہنٛد ماحول تہٕ تہنٛز نفسیات لفظ ژاران۔ "پوٚن" گژھیا استعمال سپدُن کنہٕ "آب" "نوم" کنہٕ

"ییم" دہ رِکنہٕ "داہ" "ہورٕڑ" رِکنہٕ "ہور" "ناٹرٕڑ" رِکنہٕ "ناٹر" ترُن رِکنہٕ "ہمہ ندُر"۔ تہٕ کرُن رٕتھےٚ فائصلہٕ۔ ہرگاہ رٕتھمَن تانٛ پیٚیہٕ نہٕ نھاونہٕ فن پارہ گژھہ پانٛسے خار۔

["گُل ریز" مارچ ۱۹۶۱ء]

# نٔردوٗش

ناو بنسی لال تہٕ کُنیت وَلی مگر دوشوٕے "لال" تہٕ "ولی" یک طرف ترٲوِتھ نٔردوٗشس پیٹھ قناعت یوت تہٕ بٔلکہ فخرتہٕ کرُن۔ بنسی نٔردوٗش چھُ ۱۹۳۰ ہَس منٛز زٲنہٕ پیوٗمُت۔ زینہٕ جاے چھےٚ بُڈی یار سرینگر

نٔردوٗش رُود واریاہَن وُریَن "شمشیرِ پنجاب" (امرتسر) "نیا زمانہٕ" (جالندھر) تہٕ "خدمت" (سرینگر) اخبارَن منٛز کٲم کران۔ کٲشرِ صحافی حلقَن منٛز چھُ پننہٕ زورِ قلمہٕ کِنۍ موشوٗر۔

نٔردوٗشن ہیوٗت ۱۹۵۸ء پتہٕ کٲشُر لیکھُن۔ مگر کینٛژن وُریَن منٛز لیوٗکھُن واریاہَن ریتَن ادبی ہندِ کھوتہٕ زیادہ یِمو اَمِس بروٗنٛہہ لیکھُن ہیوٗتمُت اوس۔ "بال مرٲیو" چھُ اَمی سُند گوڈنیُک افسانوی مجموعہ۔ اَتھ پیٹھ چھُ اَمی سُند کلچرل اکادمی ہُند سیکنڈ پرائز تہٕ میوٗلمُت۔ اَمہٕ پتہٕ چھپیوو اَمی سُند بیاکھ مجموعہ "آدم چھُ یِتھے بدنام"

بچَن ہندِ خٲطرٕ چھُ اَمی لیلا موزمدار سٕنٛزِ کتابہٕ کٲشُر ترجمہ کوٗرمُت۔ یہ کتاب چھےٚ ٹیگورٕنہٕ زندگی سٕتۍ واٹھ تھاوان۔ تہٕ اَمیُک ناو چھُ "قومُک شاعر"۔ یہ کتاب چھےٚ ۱۹۶۱ ہَس منٛز ساہتیہ

اکادمی چھاپمژ۔

زندٕ وشن چھہٕ گورو گوبند سنگھ جی ہٕنز زندگی مُتلِق تہٕ اکھ کِتاب کاشرس منز ترجمہ کرُمژ۔ اَمہِ علاوٕہ چھہِ اَمی اکھ ناول کاشرِ منز لیچھمژ یتھ "معہ کجار" ناو چھُ۔ یہِ چھےٚ نہٕ وُنہٕ چھپے مژ۔

زندٕ وشن چھہِ ریڈیو خاطرٕ کینٛہہ ڈراما لیکھی متی۔ یِمن منز چھہِ "گرداب" "امرپالی" "ریتہٕ چھُ بنہٕ وُن" "رأژ ہشرہٕ سارٕ باہ بجے" "اُچھ گاش" "اجل" بیترٕ شأمِل۔

بنسی نردوش

# پتہٕ اکھ احساس

پیٚتھہٕ کنۍ اوسُس نہٕ دود کُنہِ نہٕ دگ۔ مگر اُمہٕ سُندِین دأدین لۆدٕ چھُنۍ مَن ہُند انہار اوس وَنان زِ بِلّا چھہٕ کُستام دود اندری لٕلہٕ وان۔ آرہٕ ہرٕ ہندِ کہ پأٹھۍ اوس تسُند بُتھ کیاہ تانی وَنُن یژھان یُس نہٕ مہ فکرِ اوس تران۔ دِپہٕ ملالہٕ اوسُس رٕیون۔ رتہٕ نہٕ۔ اَسہٕ بأژن دوٚن اُسی نہٕ پیٚتھہٕ کنۍ کُنہِ چیز چ ویژھے لبہٕ زِن آسہٕ نہٕ ستہٕ وَے سعہٕ نہٕ سنز۔ اَما پوٗز ہاکس بتس اُس صوٗرت جان۔ مٕنزِ کرہ طبقہٕ کِس گرس منز یہٕ اکِس زنانہٕ گوٗژھ آسُن تہٕ اوس اُمس تہٕ بنہٕ وُن۔ بڑ کتھ اُمس کھاندارہٕ سُنز۔ شریپیٚتھ مہ اُسی اُمہٕ سُنز۔ ہرگاہ زنانہٕ نِش بیٚہن نہٕ تنخاہ آسہٕ ہِن دِوان بہٕ تھکہٕ ہانہٕ زانہہ تہٕ اُمس نِش بہتھ۔ وونی ییٚلہٕ بأژ زہ اکھ اکِس کنۍ وُچھتھ ژُوان آسن۔ زندگی باسہ نہٕ پرٛیزلوٗنی پننِ ہنز زوٗن تہٕ ادہٕ کیاہ باسہ۔

اَکھ اَسہٕ ورِنس تہٕ چھوٚلہٕ ورِنس وِیوہارس منز تہٕ یُتھے بہٕ منزِ کُنزِ کر بِلّا دِل ملوٗل ہِش ڈیشہٕ ہِن۔ مہٕ اوس اندری کنہٕ تلواس ووتھان۔ دِیان اوسُس پرٛژھہس نا ژہ کیاہ چھے رووُمت۔ مگر سیٚتی اوسُس سوچان زہ خبر ییٚنہٕ میأنی کتھ اُمس وارٕے نار گٔژھہٕ۔ بے قرار کرہٕ۔ وُچھان وُچھان اوس بعضے اُمس خبر کور کُن خیال گژھان تہٕ رژہ کھنڈہٕ اُمس تتھی سیٚتۍ روزان۔ یُتھے بہٕ زیر دِمہس۔ اَدہٕ اُمس وُٹھن پیٹھ زٲوِج اَسن رکھ ہِش ووتلان نہٕ تتی غائب

گژھان۔ مےٚ اُس آمُت کتھ پُتو گژھان!

بہٕ رودُس دوٚہے کریشان۔ اَتھ برُس دوٚ لٕھ لٕھان۔ ویلہٕ آسہٕ ہے نہٕ آسہٕ ہے۔ بہٕ اوسُس ژٕھلہِ بَلہِ اُمس کتھ کَڈنی یِژھان تہٕ یہِ اُس دوٚہے دول دِوان۔ اُس نہٕ یہِ حارٕ تیچ کتھ۔ ڈیان اوسُس منزٕ یہِ ووٚلہ سنٛس پیٹھ کتھن میٹھان تہٕ مُنزی کیازِ اُمس ہنگہ تہٕ منگہ ژھہپر گژھان۔ زَن چھُس کیاہ تانی موٚٹھمُت یاد پیوان۔

یانی مےٚ اُمس ژانہہ اَمیُک سبب پرٛژھ۔ اُمہِ ڈاٚجہِ دوٚہے کتھ۔ نتہٕ ووٚنُم — "یہِ چھُنا تہٕ ہیہ میون زیادہ شرٕیہہ۔ اوٚرے چھوٚہ ناحقہٕ فکرہ ہیوان بوٚرے وارہٕ کارہٕ چھُس مےٚ کیاہ چھُ گوٚمُت" یتہٕ اوس اَپُزُے۔ اَکہِ کتھ نہٕ اُس نہٕ مےٚ ووٚنی یور وِہژان۔ من اوسُم گواہی دِوان زِ یہِ چھےٚ مےٚ مُژراوان۔ پوز چھپنہٕ وَنان۔ ییمنٕہ دوٚہن اوس اُسہٕ نکہٕ نہٕ زامُت تھَنہٕ دوٚہ گل ہیوٚ۔ ہُن ہُن ماجہ ہیوٚ۔ مگر اُمو سۄنزہٕ ماجہ کُنُ اوسُس وُچھان۔ دِل اوسُم ڈُبہٕ پھیران۔ ڈیان اوسُس اُمو شند رنگ تہٕ روٗپ کوٚت سا گوٚو! تھتہٕ کُس ہرُد لوٚگ! کھِنز نظر لجِ۔ اَکہِ دوٚہ یہ آس بہٕ برٛنکہٕ۔ مےٚ روٗدُے نہٕ پانس تام۔ مےٚ بیہنأو پانس نِش تہٕ ووٚنمس: "بملا ژہٕ کیازِ مےٚ نِش ژوٗرِ تھوان؟ ژہٕ کتھ پیٹھ چھےٚ اندری ہیوٚتمُت؟"

یہ وَنان وِژ مےٚ تَس ہیرہٕ بوٚنہٕ نظر تہٕ پھیرہِ پھیرہِ لوٚگُس بہٕ تَس بُھکیک رنگ وُچھنہٕ۔ بملایہ تیُٛج نہٕ چشمہ تہٕ تھوٚد۔ مےٚ ووٚنُس بیٚنہِ۔ ژہٕ ہیہ چھےٚ نہٕ ووٚنی میأنی مأمے رٲوز ہرٕژ"

بہٕ اوسُس نہٕ یہِ کتھ زوٗنہِ پیٹھ اَنِتھ یِژھان تِکیازِ اَتھ پیٹھ

اُس نہٕ میٚہ پانٔس تہٕ پرٛژھ ۔ یہِ بوٗزِتھ کھارِ تمہٕ ڈٲکس دزہ تہٕ ووٚننم :-
" یہِ کمہٕ ووٚن نو توٚہہ ۔ کِنہٕ توٚہہ چھُوہ محبت مینٕنگ میرٕ مُلہٕ اوٚ نمُت "
اُتھ جوابس پیوٚٹھ آو میٚہ اُشن ۔ وُچھ وَے تہٕ یہِ اوس نہٕ امیُک
موقہٕ ۔ میٚہ پیٚزہے نہٕ اُشن ۔ بہٕ اوسُس تولِتھ تہٕ مینتھ پرٛٔتھ کانٛہہ کتھ کرٕنۍ
یژھان ۔ اُمہِ سٕندِس جوابس کھوٚت میٚہ یوٚہے بوٚشس ہیوٗ ۔ خبر یہِ کیاہ کمزوری !
آشنہٕ ہندِ زٕبوہِ اگر بہٕ لوٚہِیج اُکھ کتھ تہٕ بوزِہ بہٕ چھُس نہٕ ویرٛانے گژھنہٕ ۔
میٚہ ووٚنُس " کتھ مہٕ ڈال ۔ میٚہ چھُنا نتہٕ فِکرِ تران "
" کیاہ چھُوہٕ توٚہہ فِکرِ تران ؟ " — اورٕ کھیونم بُتھ ۔ کیتس کالس
لگٕ میٚہ کُنُ مُدٕرے گنڈِتھ وُچھنہٕ ۔ بہٕ دپسریوس ہیوٗ ۔ مگر میٚہ اوس قصد کوٚرمُت ۔ اَز
ونہٕ ناوِن بہٕ پوٚز پوٚز ۔ میٚہ ووٚنُس بے نیاز گرِتھ ۔ " ژٕ ہہ چھُکھ میانہٕ دِل شُٹھۍمُت "
" یہِ چھُوہٕ توٚہہ باسان " تمہٕ ووٚن تتھ اندازس منز تٕکلی ٹارہ زَن دِنُن
اوسُس ۔ ژٕ چھُکھ میٚہ ظاہرا دوشت وُچھان ۔ " توٚہہ ورأے چھُنہٕ میٚہ بیٚیہ کانٛہہ
تہٕ ٹوٹھ "

میٚہ ہووُس بچِس کُن اِشارہ " نکہٕ لال تہٕ نا ؟ "
نکہٕ لال اوس منزِلس منز شوٗنگِتھ نتہٕ رکو شرٛوٗن شرٛوٗن کران ۔
" تہنٛدہ کھوٚتہٕ نہٕ زیادہ کینٛہہ ! "
اَتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ یہِ کتھ بوٗزِتھ گیہٕ میٚہ رُمن رُمن
عرقہٕ شرٛان تہٕ بدنس اندر باسیوم تازگی تہٕ زندگی ہنٛز لہر دَوان ۔ جوڑا جوڑ
ییلہٕ زن نگہٕ کاڈکڈنہٕ ۔ اُمہِ سٕندیو ییمہٕ وٕے شوخ اندازو تہٕ کتھو کٔر اوس
تہٕ میٚہ اُمہِ سٕندِس محبتس پیٹھ زانٛہہ تہٕ شکھ گومُت ۔

میہ وونُس ۔ " تیلہِ کیازِہ چھکھ نہٕ وَنان۔ زِہ کیازِہ چھکھ وُداسی
ژٕ یہ کُس غم چھُے بخالن ؟"

" غم کُس گوٚ ژٕھم آسُن " تمہ وون ٹھہرِتھ ۔ میہ چھُنہٕ کینہہ غم۔
اما پُوز کتھا اَکھ چھم اَندری تیچھان۔"

" میہ کو نہٕ چھکھ وَنان ۔ کتھ کیاہ چھہٕ ؟" میہ وونُس وُلھ لَکہٕ لاٚگِتھ۔

" تمہِ کیاہ ووَن وِہ ۔ یہ چھہٕ نہٕ تمہِ ونہنچ لایکھ !" یہ بوزِتھ
گوو میہ بُتھِس ہدٕ بدلے رنگ۔

کینژٕ ہاہ کھوٚژی کھوٚژی نہٕ کینژٕ ہاہ پریشان ہیوٚ سَپدِتھ وونُس
میہ بڑہ مُشکلَن ۔" منتہ وَن نہٕ"

اَکھ ہیچھڑ وونلے یہ بَنیہ اُمی ہندِہ وُٹھَن ہیچھڑ سوٚمی اَسُن رکھ
نہٕ وونُن ۔ " دوپ مونا اَکھ کتھ چھُنہٕ تمہِ سپتو کانہہ واتھڑ۔"

" اَدہٕ کُس سپتہٕ چھُس ؟" میانی آواز اُس پیتسی کالس ژھوکیمژ۔
زَن اُسم نہندرہ مُنزی ژوٚر سمکھےمتو۔ میہ وونُس بیقرار سپدِتھ۔ نہٕ میانی ڈٕری
چھے۔ صاف صاف وَن میہ تگہ نہٕ ژھانڈِتھ اَنُن۔

" میہ چھا پُناہ نہٕ کُس اوس " ۔ اُمہ ووَن ژکھ سان ( زَن
اوسُس وَنُن تُل ووہنی نقب ، گو ہم اگادٕ )

" تعجب کتھ چھہٕ " میہ دِتُس جواب۔

" اَدہٕ چھا آسہ نے ۔ اَدے چھس بہ نہٕ سونچس بیوان " یہ وَرتھ
لج سوہ بَنیہ کیاہ ہتام سونچنہٕ ۔ ووہنی روٚد نہٕ میہ آب و تاب۔ مگر توتہٕ ووٚنمس
ٹھہٹھ مہٹھ کرِتھ۔

" نسہ تہٕ ژٕرے سوچ۔ ہرگاہ چانین بخاعلن کینٛہہ دود دگ آسہٕ
بہٕ ہیکا سۄ ذرِتھ " مےٚ گوو پننہٕ آوازِ پیٹھ دھوکہ۔ یہ چھےٚ بہٕ میانٛی آواز۔ یہ
چھہٕ کُس تامتھ بیاکھ بولان۔ میانہٕ زیوٚہ اٲسی ہیمٕے گنڈٕ ہی گرٛ ھان تہٕ
پھٹرِ پھٹرِ اوس اکھ اکھ لفظ نیران۔ اَندرٕ اٲہم دِلس منٛز ساسہٕ بدٕ وسوسہ
تہٕ خیال وُزان۔ اَچھن تل اٲسِتھ تہٕ اوسُم باسان زِ بٕملا چھُ مےٚ نِش سیٹھاہ
دوٗر۔ زَن تہٕ مےٚ نِش پچھی۔ زَن کھاندرٕکی ییم پانٛژھ شیہ ورٕی تہٕ اکھ سعٕ بپنہٕ
مایا اٲسی۔

مےٚ ژٲیہ اَندرٕی نٔنِٹھ نیبرٕ کنہٕ وۄنٛمس دِلاسہٕ دِوان۔
" آخر مےٚ تہٕ بوزناو۔ دلیل کیاہ چھےٚ۔ دیوٚہ میانٛی دُسی کتھ اَندٕ!"
" توٚہی کیاہ ہیکِو کرِتھ " سہٕ لۆگ مےٚ مَتس پھَش پھَش دِنہٕ " تعوٚہٕ
تانٛی چھُنہٕ تہٕ دیوٚہ"

یہ بوزِتھ باسیوو مےٚ پان کنڈٕین لارِیومُت۔ برونٛہہ بیٚلہٕ یہٕ اۆنگجہ
میانٛس مَتس پھیرِہے۔ مےٚ اوس بدٕلے سرٛوراہ یِوان۔ مگر اَمہٕ وقتہٕ باسیوم
زَن تہٕ ریٚتہٕ آسہٕ مےٚ مَتہٕ منٛزی یکان۔ بہٕ ہیٛؤٹُھس پانٕے مَتس کشنہٕ تہٕ وۄنٛمس
" توٚ تہٕ ہرجہ چھا وَنہٕنس۔ یاگوو بہٕ چھُسےٚ نہٕ چون۔ ژٕ چھکنہٕ میانٛی
میانہٕ زیوٚہ ہیٚنٛز تُلہ ژٕراو اٲس وۄنی وارٕے بدٕلے مرٕش۔ یہ اٲسنہٕ
میانہٕ دِرٕیچ آواز۔ شاید توٚر اٲس تہٕ فکرٕ۔ تورٕ وُزہم۔ توٚہی چھیوٚہ نہٕ یَیتہٕ تھپیہٕ
ٹلان۔ مےٚ چھُنہٕ ہرجہ کانٛہہ بوزٕ ناوُنس۔"

وُٹھن پیٹھ اَپُز مۄیُز اَسُن اَنِتھ وۄنُس مےٚ بے ربطہ پاٹھی۔
" تیٚلہ بوزٕ ناو دلیل کیاہ چھ۔"

اَکہِ طرفہٕ اگر بہ سنجیدہ گوس۔ مگر بێیہِ طرفہٕ باسیوو مےٚ پنٕن پان بیمار سنٛدر پاٴٹھؠ تھوٚکمُت۔ دِلس اُس مےٚ ریتسٕے کالس گراے، لجہِ مرٕژ۔ زِن اوٚشُس بہ کیٚنہہ تانٛی فیصلس پڑاران۔ اَندرۍ اوسُم گُستاخی کوٚران تہٕ وُکرِنی دَب ہی دِوان۔ اَکھ سوال اوس مےٚ ذِہنس منٛز گتہٕ رِگیوٚر رِلہٕ ناوان۔ یێمیک تَس جواب اوس ضروٗری۔ مگر جواب اوس مےٚ نِش۔ شہ اوس کُستام ووٚدپرِس نِش۔ بہ لوٗگس یِمےٚ ژھرِہٹھ ہی دِن نہٕ۔ نہٕ تیٚسنٛز کیٚنہہ بوزنہٕ۔ تِمہٕ ووٚن بُڈہٕ اطمینانہ سان۔

" چھوہ سہ بوزان۔ یہِ چھہٕ تِمَن دوہَن ہنٛز کتھ۔ یێلہِ مےٚ وُنہٕ لگِن نہٕ اوس کرنےٚ۔ ویسے اوٚشکھ مےٚ تہٕ ہی سیٚتھو گوٚنڈمُت۔ مگر لگنس اُسہِ وُنہٕ کیٚنہہ دوہ باقی۔ بہٕ اُسہٕ ہس ماتا مالہِ کیو ڈیٚنہِ بھتہٕ سالس اَنی مرٕژ۔ مےٚ ووٚن کالہِ ماماجی یَس ساٹنیچ دھوٚتی اَنہِو۔ مگر تَس اُس نہٕ فُرصتھ میجی مرٕژ دوٚیمہِ دوہہ اوس مےٚ گرہ گژھن۔ دفترہ نیرِتھ نہٕ وزہ ووٚن مےٚ ماماجی یِن۔

" ہتہٕ رَٹھ یِم سگیٚیےٚ روپیہِ۔ یِرٕتھ خوش کرہی ژرٕتھ دھوٚتی گژھِم ہانےٚ اَنہِو۔ دوہَس منٛز سکھرے یَس بہٕ کیٚنژہ پھِرِہ بازر۔ مگر مامنہِ تہٕ دِیدِہ دُیت نمُہٕ برہ نیبر نیرنےٚ۔ اٰخر دژایِس بہ شلوار قمیض لاٴگِتھ شہرِتھ تہٕ ہیرِتھ تِمَن پرٕژھنے کرنےٚ بازر۔ اوٚتامت اگر بہٕ کُنی زَنی نیرنَس مَندچھان اُسس، ووٚنی اوس مےٚ یہِ کھوژُن تہٕ ژوٚلمُت۔ نِکیازِہ بہٕ اُسس لگنس ژامرٕژ تہٕ پنُن پان اوس مےٚ ہرشہِ مرٕژن زنانَن ہنٛدِ پاٴٹھؠ ہیمہِ روٗس نہٕ آزاد باسان۔ یێتِمہِ وَقتہ بہٕ دھوٚتی اَنٕنہٕ بازر دژایِس تِمہٕ وقتہٕ اوس چھوٚنت تاپھ۔ خبر اوٚبُر تہٕ ما آسہ ہےٚ گُنہِ طرفس کُن۔ تہٕ چھُم نہ خبر۔ یُتھےٚ بہٕ دھوٚتی ہیتھ بازرہ ییٚہٹھ ماتامال کُن آیس، وُچھان وُچھان

اُنِن رۄدہ راتھ۔ یہ تۄر نہٕ میہ فِکرِ زِ پتہٕ سے کالس کیاہ رِ کنہٕ گژھو یوٗتاہ گوٗن اوٗبُر پاہ دِ۔ پکان پکان اُدریوو میہ رۄدہٕ ستہٕ سورُے پان۔ شلوار لاریوم زنگن لفافس منز اُس دھوٗتی تتھ تہٕ ژاو پونی۔ میہ اوسنہٕ پننین پلون ہُند غم۔ یہنہٕ اُدرے یہ۔ مگر یہ قیمتی دھوٗتی اگر لاگنہٕ کرِ نے اُدرے یہ۔ یہ کُس باسہٕ یہ چھ وُنی وُنی بازرِ اَنی مژ۔ اوٗے اوسُم پھیران۔ ووٗنی گژھ دوہ دوہ تتھ تہٕ اوس وار۔ بازرِ منزِ رۄدُس اندر اندر پکان پکان اوس میہ باسان زن نہٕ میہ بدنس پیٹھ اَکھ پلو تہٕ چھُنہٕ۔ زن اوس سورُے بازر میونُے تماشہ وُچھنہٕ وانہٕ پننین پیٹھ متیومت۔ اُڈی اُسی کوچہ گلین منز ژھایہ رۄزِتھ۔ اُڈی اُسی اَکی سے چھتری تَل چھُپن یژھان۔ سڑکہِ سڑکہِ پکنس گیہ میہ گال۔ میہ بدلاو وتھ۔ بہٕ دزائس بنڈہٕ کنہٕ۔ بنڈس پیٹھ وَاتِتھ باسیوم زن بہٕ کانہٕ قاعدہٕ منزہٕ میہ کلاوِس بنڈس پیٹھ اوس نہ نیز تیز قدم تُلنس کانہہ ٹھاکھ۔ یہ ڈیکی زہ تہٕ بہ دورے یس مگر دورِ نہٕ ستہٕ اوس میہ رۄد زیادے اَلنہٕ تہٕ وَلنہٕ یوان۔ اَتھی منز گژھ میہ اورِ نفراہ اَکھ چھتری ہیتھ نظرِ۔ میہ سۄنبتھ اوس شتہٕ۔ یُتھُے میہ نِش ووت۔ اُمی دِژ چھتری تُلی کنہٕ میہ کُن ژورہ نظر۔ میہ نہٕ زانہہ تہٕ وَنہٕ پکہٕ وُن کانٕہ ستہٕ کتھ کرُ مژ۔ اُمہ وِزہ پھیور میہ زیورہ۔ میہ ووٗنس نژان نژان۔

"دۄپ مۄ ہسہ۔ یہ چھتری دِیونا یۄرِ۔ میہ اوس ہیت تانی گرِژھن
یہ پھیوٗر پۄت۔ چھتری پلہ ناوُن میہ کُن تہٕ ووٗن تم۔

"زِیوٗ مہارا۔ تۄہی نی یو"

میہ رٹ چھتری مگر اندری کنہٕ منڈ چھیس۔ پننہٕ خود غرضی پیٹھ۔ وَنہٕ پکان کرُ نہٕ میہ اُمس ستہٕ بیہ کانہہ کتھ۔ اُمی تہٕ پرژھ نہٕ میہ ژیہ کوت

چھے گژھن۔ کوتاہ دوٗر۔ یہ آو مےٚ پتہ پتہ۔ مےٚ اوس اُمی سندہ پکنچ صدا بوٗزِتھ فِکرِ تران زِ یہ آسہ اُٹھ داہ قدم مےٚ پتھ۔ چھترِ رٕنز بچے یہ مےٚ دھوٗتی۔ نتہ آسہ ہیٚس اَدرِ زٕٹ گمژ۔ یوٗتانٛی بہٕ ماتا مالہ کس دروازِ اندر تہٕ ژایس مےٚ روٗدنہٕ یادے زِ مےٚ پتہ پتہ ماچھ کانٛہہ پکان۔ بہٕ اٲسس اَندری اَندری پانس وڑہوان۔ دٕیان اٲسس دوٛنی کدٕم دیدہ تہٕ مامنہٕ نشتہٕ کنہٕ۔ خبر کیاہ کیاہ ناسس تراس وٕنتم۔ یہی سوچان سوچان وٲژس بہٕ کانٛی پیٹھ۔ تامت اوس ماماجی تہٕ دفترِ آمت۔ تمی ییلہ بہٕ کلہٕ پیٹھ نٕکس نام ہٕری وُچھس۔ تمی وٕنم جل جل گژھ گھٕڈِ بدلاو پلو۔ چھتِرِ ژاٗو مےٚ تمی نٕس اَکِس کوٗنجس منٛز۔ تہٕ پلو بدلاونہٕ ژایس بیٚیس کُٹھس۔

کینژہ دوٛہہ پتہ سٕپُد اَسہ نگن۔ یہ اوس میانہٕ خاطرہ نوٚوُے دُنیاہ۔ پتہ گیس بہٕ تِمہی سٕتی لداخ۔ یوٚتنس واتتھ دٕیت بِملاہ یہ رٕژھ کھنڈ دَم۔ یہ اوس تہٕ پوٚز۔ ییمہ ہنٛے دوٛہہ اٲس مےٚ لداخ تبدیلی گمژ۔ بِملا رٕنیہ مےٚ سٕیتم۔ تورِ آس پھیرِتھ تہٕ گوس ورِہ مُل۔ اُمی سٕنز یہ کتھ بوٗزِتھ اوس مےٚ اشتیاق بڑیومت۔ اُمی سند تھکھ دِین آم نہٕ پسند۔ مےٚ پرٛژھس۔ "اَچھا پتہ کیاہ گوو؟"

"پتہ کیاہ گوٚژھ گژھن" اَمہ ووٚن کتھ ژٕٹ وٕنی یادٕ پیٹھ" ورِہ مٕلہ کھسِتھ گیس بہٕ اَکِہ دوٛہہ ماتا مال"

"تہٕ چھیہ نا مےٚ خبر!" بہٕ ووٚتھس منٛز

"توٚہی چھوٚرِ نہٕ کتھ یودِ بوزٲنی" مےٚ کُن وُچھنہٕ ورأیی لُج وَننہٕ:
"دیدِ اوس میون سینٹھاہ لول آمت۔ تس آیہ نہٕ پرٛژھے یِتھے بہٕ

وُچھنس دوٚن دوٚہن تہٕ دوٚن رٲژن۔ تمہٕ پرٛژھ میہ حرف لداخس مُتلق سوالس پیٚٹھ سوال۔ تتہٕ کین بکپنن مُتلق۔ رسمن تہٕ رواجن مُتلق تہٕ بیٚیہ اَسہ دوٚن بأرژن مُتلق۔

میہ وَونُس اَسان اَسان: "میہ مُتلق رتیا؟" اَتھ پیٚٹھ پھیوٗر ہملایہ ہُنھ ہورکُن تہٕ وَونُن۔ "خاٗر ترٛیبمہٕ دوہہ شامس بیٚیہ یِتھے رُدہٕ لوٚہ ہے نا۔ بہٕ اُسس اَمہٕ وَقتہٕ دیدہٕ نِشس بہانہٕ۔ سہ اُس بینِس لوٚہ کجارس پھیوٗر دوان میأنی ماہنی اُس چوکس منز۔ یُتھے نیٚبرٕ رکنہٕ ٹِمنہ پَشس وَزنہٕ لوٚگ۔ ماہنی وزاٗر نأرٕ وَز ہَش چوکہ منزٕ نیبر۔ گوڈہ نیٚبتھ وُچھُن ہشہ کُن۔ تہٕ پَتہٕ دِژِن دارہ کُن نظر تہٕ کلہٕ سیتہٕ بیٚیہ آن کار کرینہٕ۔ بہٕ لِیجس گرا ماہنہٕ کُن وُچھنہٕ تہٕ گرا دیدہٕ کُن۔ ناے پزٕ پأٹھی۔ دیدہ وَونُس بُہمن ہرسہ دِلتہٕ ہاوِ۔ بہٕ گیس دوٚن تہٕ ترِہن منز۔

"ہیکے زہٕ؟" میہ پرٛژھ تہِمن دوٚشونی۔ توٚہی ہیکے چھوٚہ اِشارن اِشارن منز وَنان۔

"کینہہ نبی کوٗری!" دیدہٕ دیت جواب۔ میہ گوو تہٕ توتہٕ تسلا۔ نھوو دِیچھتھ وِژ میہ تہٕ دارہٕ کُنز نظر۔ تِموٚ ترٛوو دوٚشوٚے ٹھاہ ٹھاہ کرٛتھ اَسُن۔

دوٚنی گوو میہ وارٕ شکھ۔ کیاہ نانی دلیل چھہ۔ بہٕ گیس کرٛتھ تام ہَش۔

ناے میٚنتہٕ وُنی وی توٚہی کتھ پیٚٹھ چھوٚہ کنہٕ پھسرارے کران دیدہٕ وُچھہٕ میہ عقلہ بقل ہَش گِرِتھ۔ سہ وُژرھم "رکھا نُونی کوٗری۔ کتھ چھنہٕ تلہ کنہٕ

کینہہ۔ یہ چھُنا نیبرٕ کنہٕ سرٕ ماکہٕ سیٹھا بجلی کوٹ۔"

مےٚ تۆر فِکرِ زِ یہ چھُ مےٚ مۆژراوان۔ مےٚ دۆپنُس "اَوہ چھُ"

"تِتھ سیٹھا چھُ اَکھ نوجوان لڑکہ اِستادٕ"

"آسہٕ کانٛہہ" مےٚ وۆنُس بتیہ دزان دزان۔ میون یہ وَنُن گوو

دیدِ ناگوار۔

دید وۆزٕ ژھمہ۔ کتھ بوزِتھ یورٕچ کِنہٕ اورٕ کُنیٚ وَنکھ۔ یُس یہ

لڑکہ چھُ اَتیتھ۔ اُمِس واٚتی کینہہ وری اوٚت نَس پوان۔ یتیم دوہہ رۆد

آسہٕ۔ یہ چھُ ہَنگہ مَنگہ اَتھ بجلی کوٹس نِشِ واتان۔ زِ چھُ کُنِس تامت

پُراران۔ یہ چھُ کانٛسہ سیٹھا کتھ کران نہ چھُ کانٛسہ کتھہ ہُند جواب دِوان۔ پانٛس

ماماجی یُس بُچھس بلایہ۔ تمہٕ یہ وُچھِ یہ کیٚژہ پھِرِ موقعن ہیٚنہٕ اَتی نَس کھڑا۔

دِپیون یہ کَرِ پُلسَس رپورٹ۔ مےٚ دۆپُس فائیدٕ تمیک۔ اَسہٕ کیاہ کرِ۔ پانَس

چھُس زنگہ لوسان پرارِ پرارِ۔"

مےٚ کوٚر دیدِ بلہٕ آنکار۔

"پوز کیاہ وۆن تھَس۔ آخر یہ نَنیوونا چھُ کُس؟"

"دَے زانِہ۔ یہ چھا وَنان کینہہ اورٕ" دیدِ گیہ حیرت کھَینِہ۔ اَدہ بی

وُچھ تِہ اَز چھُ رۆد وُنہٕ والِہ نیٚ یہ گوو بتیہ پادٕ۔ وونی یُوتانی تِہ اُسی

آنگنَ بَرِ دِمُو۔ بجلی ژھینتہٕ کرو۔ ماجہ ہُند گوبُر ڈلی تِہ اَکھ قدم تِہ۔ اُمِس

گژھہ پرژھِ پیٚنہٕ زِ ییم ہا شونگی۔ ادہٕ نیرِ۔ توٚتامت لوسنَس اَتی نَس یاد

کَم کَم ذانٛژ چھِ یتھ سمسارَس منز۔"

دیدِ ہنز یہ کتھ بوزِتھ گیہ مےٚ کل پریشان۔ تھوٚد وۆتھتھ دژ مےٚ

بٔنیِہ دارِہ کِنۍ نظر۔ اَتہٕ اوس پٔزکر پأٹھۍ اَکھ نوجوان بجلی کوٗلِس نِش اِستادہ۔ خبرکُس چھُہ؟ مےٚ آیہٕ دِماغس منٛز وکھٕتہٕ خیال۔ بہٕ وۄتھُس بوٚنِس کُرِس منٛز۔ اَتہٕ مُژراوُ مےٚ اُکھت دأر تہٕ بٔنیِہ تھوٚم زوٚرِہ دِتھ۔ پنجرہ آو ٹھاسہ ناونہٕ۔ اُمۍ دِژ ہیوٚرکنۍ نظر۔ اَمِس کنۍ وُچھتھ گیہِ مےٚ عقلہٕ بقل۔ اَکی سےٚ لحظس منٛز پٔرزِہ نوومےٚ۔ بجلی گاشس منٛز اُسۍ اُمۍ سٔندِس بُتھِس پیٚٹھ رٔودہ پھٔپرکر پارِکی پأٹھۍ زوتان۔

بہٕ وِہِسہٕ رےٚیس۔ جیساہ ہوشاہ تہٕ رٔودُم نہٕ کانٛہہ۔ اَکھ اَکھ کھوٚر باسیوٚم اَکھ اَکھ مَن۔ رُمن رُمن لٔجم سِسر۔ مےٚ باسیوٚ زَن تہٕ نار چھُن ہیوٚتمُت بٔ تہٕ لوٚکہٕ ارساتھاہ چھُہ نار ژھیٚنتہٕ کَرِنہٕ دوان۔ نتہٕ چھُہ مےٚ کنن تَل آبشار گرٛیزان۔ کھوٚژُن آم خبر یہٕ آبشار گوٚژھیٚنہٕ مےٚ تہٕ آبہٕ دِکہٕ سیٚتھ رٔیُن۔ خبر یہٕ نار گوٚژھیٚنہٕ مٔنتہٕ وُچھان وُچھان بھسم کرُن۔ کانٛہہ عناٰصر رٔودُم نہٕ ڈٔنجہ دِل دُبرِہ ہارےٚ کران کھُرُس بہٕ اَمی آنہٕ کأنی پیٚٹھ۔ اَز پانٛژہ وٕہری لٔجس بہٕ چھٔترکر ژھانڈانہٕ۔ دِیہِ وُچھنس نٔالِہی دِوان۔ تِمہٕ وۄن نمٔ "رٔکھیےٚ چھٔتکھ ژھانڈان؟"

مےٚ وۄن مِس۔ "چھٔترکر۔ اَکہٕ دوہہٕ اُسےٚ مےٚ چھٔترکر یینہٕ مُشتہِ گرٛٔز" "نامےٚ سوہ اُسہٕ چأنی چھٔترکر" دِیہِ گیہِ حأرتس۔ "سوہ ۂبی چھےٚ مےٚ ہاہیرہٕ برأری کأنی پیٚٹھ شِیرِتھ تھاوِمژ۔ تمتھ بٔتلہٕ نہٕ گرِس منٛز ماٚ لکھیےٚ ڈراو کانٛہہ۔ گژھتھ تمی وُچھُن۔ تمی آسی۔ کُنی ٹِکہٕ کھُرُس بہٕ برأری کأنی پیٚٹھہ اورہ یور ژھانڈ دِتھ وُچھم چھٔترکر اَس تالوس الأنٛز۔ زَن پرووُم خزانہٕ۔ اَکہٕ دوہہٕ تہٕ پھِرِہ دِژمس درنَ۔ دوہہٕ ہندِہ یٔژھ سیٚتہٕ تھُمس گرد۔ تہٕ چھٔترکر ہیٚتھ وۄتھُس

بہ کھۄژی کھۄژی آنگنٕ برس پیٹھ۔ مےٚ کوڈٕنہٕ بۄڈٕ ممبر پان تہٕ۔ بہٕ رۄوزٕس
دروازس ژھایہٕ ہوٚل تہٕ چھترٕ پلہٕ ناٲوِتھ ووٚن مےٚ تٔس کُنُ "یہ رٕنٛڈِتھ چھترٕ"۔
شہ آو دروازس نِشس۔ تٔسند زیٛوٛاھٕ زیٛوٛاھٕ شاہ اوس دروازس ژھایہٕ ٲسِتھ
تہٕ کرٕنٛلہٕ ہِنٛدی پاٲٹھۍ میانِس رۄحس زن کتران۔ دوٚیم مےٚ کیاہ گوٚو تمہٕ دوہہٕ
اُمِس نے چھترِ منٛجرٕ آسہٕ ہم۔ بچارِس ما پٔییہ ہے یوٚتاہ تکلیف تُلُن۔ مےٚ زن گیہٕ
پننہٕ پانٕچ دہے۔

تمۍ رٕٹ چھترٕ اتھس منٛز تہٕ ووٚنُن۔

"تمہٕ کیاہ زہ کوٚرُوٕ تکلیف۔ تھاوی زٕہو دوہہٕ"
"مےٚ گژھہ ماٲنی دِنی۔ بہٕ چھُس سیٹھاہ شرمندٕ"
مےٚ ووٚنُس بُتھ ہاونہٕ وراٲے۔ شہ کٔس سمہٕ ہے بُتھ۔
"یہ کوہ سہٕ کیتھ ٲس تٕلہٕ کنہٕ؟" یہ کمہٕ اندازٕ ووٚن تمۍ مےٚ ماوُچھ۔
"اَدٕ چھا آسہٕ نے"۔ مےٚ ووٚنُس لوٚ تہٕ لوٚ تہٕ۔ مےٚ اوس ٹارِن
پیٹھ اوٚش وُوتمٕت۔ اَدٕ ووٚنم:۔

"تٕلہٕ کنہٕ چھہٕ یہ معمولی چیز، مےٚ کنہٕ ٲس چھترٕ ہِشز فِکر"۔
"اَدٕ کیٚنٛچ فِکر ٲس اُمِس" یہ پرٕژھ مےٚ تمِن۔
رٕژھہ کھنٛڈٕ دم دِتھ تہٕ شاہ سنٛبھالِتھ ووٚن تمۍ:۔

"تمہٕ دوہہٕ اوس نا رۄد۔ مےٚ دوٚپ خبر"
اُمۍ سٕنٛز کیتھ رۄز اُڈٕے۔ تکیازٕ مےٚ پزٕ ہے اَمی وِزٕ پرٕژھن
اُمِس۔ "کیاہ سُنا، کیاہ سُنا، دوٚپ وٕ توہہٕ" مگر بہٕ سٔنے یِس نہٕ کینژھ۔ مےٚ
باسے یہ یہ عجیب کتھ۔ چھترٕ ہِنٛدٕ خاطرٕ اوس تہٕ یہ بے تاب۔

اَدہ کمہٕ خاطرٕ اوس۔ اَدٕ کتھ اوس یہٕ ییتِس کالس پرٛاران۔ یوان
گژھان۔ یُہ ہے خیال لوٚگ مےٚ اَندری کنہٕ چھُنہٕ۔ مےٚ کوٚر پانس سیٚتی سوٚنچ
وُمہ نی کتھ کُنہ پرٛژھہ بہٕ اُمِس زہٕ اَدٕ کمہٕ براٚنٛز اوسکھ ژرٕ پرٛاران پتہٕ
مین وُریٚ ین۔ کیوٚنٛزِس کالس چھوٚر نہٕ مےٚ زیوٚے۔ چھیکرس دِژ مےٚ برٕ نیبر
کُن نظر۔ اَتہٕ اوس نہٕ کُنہہ تہِ!

[ 'آدم چھُ ییتھےٚ بدنام' افسانوی مجموعہ مٕنٛزٕ ]

# صوفی غلام محمد

صوفی غلام محمدس مُتعلق چھ یہندی لعہ کرٹہ ہی برادر اُکس کالیج میگزینس منز لیکھان :- "یم چھ سرینگرہ ڈل گیٹس منز زامتی - مالی ماجہ کوز رکھ غلام محمد ناو تہٕ اکھ ادیب بنتھ کوز تہٕ یمو پننہٕ نس ناوس کُنہ قسمُک ادل بدل - البتہٕ پننہٕ ذات "صوفی" چھ یوتُس لیکھنہٕ بجایہ ناوس گوڈہ لیکھان - تکیازہ اُمہ سیتی چھُ یمن ناوس منز سنگ ہیوٗ قائم روزان ۔"

صوفی غلام محمد چھ تقریبن ارہ ترٛیہ کُنتاہجی وٕریہ یم اُسی اوتہٕ تام اخبار "خدمت" منز سب ایڈیٹر - یہندی ز[2] کاشرہ کتابہٕ "شیشہ تہٕ سنگستان" (چھاپ سنہ ۱۹۶۲ء) تہٕ "لو سمتی تارکھ (چھاپ سنہ ۱۹۶۲) چھ ڈُنیکھ تام چھاپ خانہ منزہ درامرٕژہ - یمن کتابن منز چھ افسانہٕ، خاکہٕ تہٕ کریکٹر سکیچ شامل "دو سمتی تارکھ" مجموعس پیٹھ چھ یمن مقامی اکادمی ہندہٕ طرفہ سیکنڈ پرائز تہٕ میولمُت - صوفی غلام محمد چھ ریڈیو خاطرہٕ ڈراما تہٕ لیکھان - اُز تام یہندی یم ڈراما نشر سپدی - تِھمو منزہ سُند "بیچھ کھٹ" عوامس منز وارِیاہ مقبول ۔

صوفی غلام محمد

# کٲشرِ زبٲنۍ منز صحافتُک رٔفہٕ رکان

اخبار نویسی چھُ باضابطہ اکِہ فنچہ شکلِ منز برونٛہہ برونٛہہ پکان
فنہٕ کِس مٲدانس منز چھُ کانٛہہ چیز تیٚلہِ پۄد ژاوان ییٚلہِ سُہ ضروورتہٕ کہ حدہٕ نیبر
نیرِ۔ پرٛیٚتھ کانٛہہ چیز یُس بناونہٕ آو تَمیُک اوس انسانس حاجتھ۔ سُہ حاجتھ ییٚلہِ
دژاو۔ اَدہٕ ہیوٚ انسانس سُہ چیز ذٕبرٕ تہٕ مٲری موٚنٛد بناونُک ظعون۔ اَمہِ کتھِ دیُت
فنَس زوٗ۔ صحافت یا اخبار نویسی چھَنہٕ پرٛیٚتھ زبٲنۍ ہندِ خاطرٕ اکھ بُڈ ضروورتھ
روٗزمٕژ۔ کنہِ زبٲنۍ ہندی رِتی کانٛھِس وأٔلی چھِنہٕ اَتھ ضروورتس ہیکان پَتھ کُن
ژٲوِتھ کشیٖرِ ہندی لوٗکھ چھِ پننہٕ زبٲنۍ منز اخبار کڈنہٕ کھٲترٕ سخ کریشان۔ ییٚلہِ
اُسی عام لوٗکن ریڈیوہَس پیٚٹھ کٲشرٕ خبرٕ بوزنہٕ کھٲترٕ یوٚہے آنتہِ ہیوٚ گمتھ وُچھان
چھِ۔ اَدہٕ چھُ فکرٕ تران تِہُنٛدِ کٲژاہ چھِ پننہٕ زبٲنۍ ہنٛزٕ گارٕ۔

پننہِ زبٲنۍ سٕتۍ چھُ پرٛیٚتھ اَکِس روٗحٲنی واٹھ ہیوٚ آسان۔ یہ واٹھ
چھُ انسانس پننہِ زبٲنۍ ہندِس پرٛیٚتھ کُنہِ چیزِس نِشہِ رُس پیٚٹھ وُچھنیچ کل کڈان
وٕنی کینہہ یُس شِنٛز اخبار نویسی ہندی فنَس یا فنِ صحافتَس لوٚبمُت چھُ۔ اگر اُسی
سُہ نظرٕ تَل تھاوِتھ کٲشرِس منز اخبار کڈنیچ کتھِ سام ہیمو۔ تَمیُک نیرِ
یہِ تِہ زِ اُسی ہیمو بے سَتھ گزٕ ھتھ پوٚت تہٕ دٕپو یہ گیہِ نُبلہ آبہِ علاوہ گنزراوِنی۔

اَسہِ چھَ کأشرِ زبأنۍ منز اخبار کڈنٕچ ضرورت۔ یہ ضرورت مأنۍ تھے
چھُ وُچھُن اَسہِ یہ زبان کوٚت تام ہیٚکہِ اَمیُک بار وہترأوِتھ۔

کینہہ ورِی بروٚنہہ تام اَسی کأشرِ زبأنۍ ہندی غأرخاہ اَمہِ زبأنۍ
ہُند لوٚلُر تہٕ ژھرپر وُچھتھ وُدأسی گژھان۔ تیمَن اوسنہٕ ہیہانٕے یہ زبان کیاہ
ہیٚکہِ باقیٚن زبانیٚن ہندی پأٹھۍ کانٛہہ تژھ کأم کٔرِتھ یتھ پیٚٹھ تِم تہٕ تھپکِتھ ہیٚکہ
ہیٚن۔ مگر یتہٕ پتہٕ گژِن تام ورِین منز پیٚس تھوٚر تہٕ برژر سانہِ شأعری تہٕ سأنۍ
ادبٕچ لوٚب سہ نظرِ تَل تھاوِتھ۔ تیلہِ اَسی کأشرِس منز صحافتُک روٚد رکان وُچھان
چھِ، دِلس چھَ ییہے سَتھہِ مش گژھان۔ اَسی چھِ اَز صحافتچ وَتہٕ منز واریاہ تیمہِ
سختیہ سہل گمژہ وُچھان۔ ییم اَسہِ اَتھ وَتہٕ پیٚٹھ پوٚد ژراوس منز ٹھونٛٹھ آسہ
اَنان۔ کأشرِ زبأنۍ منز ہوا فوا کیٚتھ روزہٕ تہٕ یہ کوٚتام ہیٚکہ بروٚنہہ پکِتھ۔ سہ
کتھ سۭرِ کرِنہٕ بروٚنہہ وُچھو اَسی کشیٖرِ منز چھا اَمہِ کھأطرِ بروٚنہہ کینہہ کرنہٕ
آمُت کینہہ نہٕ۔

اگر اَسی اَمہِ کتھ ہُند پے کڈنہٕ بیہمو تیلہِ چھُ اَسہِ نَنان زہ بروٚنہہ
تہٕ چھُ کأشرِ زبأنۍ منز کینہہ نتہٕ کینہہ کرنہٕ آمُت۔ یہ خیال چھُنہٕ کانٛہہ نوٚو۔
واریاہو ورِیو پیٚٹھ چھُ یہ خیال ییٚنہٕ کین لوٚکن ہندین دِلن منز وقتہٕ للان رووُد۔ مُت
واریاہو نہجو چھُ ہیوٚتمُت اَمی خیالُک کلہِ کڈُن۔ مگر تیمہِ وزہٕ ییمہِ ترایہ اَسی یکان
اَسی۔ سہ اَسی نہٕ تژھ یوٚسہ اَتھ مالس منز وارہ وَتہٕ لاگہہے۔ اَمہِ خیالہِ چھِ
زِژہ چھَ اَسہِ ییٚنہٕ کین اُردو اخبارن تہٕ رسالن منز تہٕ لبنہٕ یوان۔ گوڈنچ لٹہِ
ییمہٕ کوشش کأشرِ زبأنۍ منز اخبار کڈنہٕ خأطرِ کرنہٕ آیہ۔ تیمہِ کرِ نہٕ کأنسہ
کأشرۍ بٔلکہِ کرِ عیسأیی مشنرِیو کرالہ یار تہٕ درہ گمن کس مشن ہسپتالس منز۔

عیسائی مِشنریو اوس بیرامن ہندہ کھاترہ کُلی چھاپس پیٹھ اَکھ کاشُر اخبار کوڈمُت۔ اَتھ اخبارس منز اوس مِشن ہسپتالن ہنزن کاروائین ہُند حال درج آسان بیٚیہ اوس مذہبی تبلیغہ خاطرٕ وارِیاہ کینٛہہ لیکھت آسان۔ یِم اخبار روٗدی پیتس کالس جاری۔ پیتِس کالس ڈاکٹر نیو تہٕ ڈاکٹر اَرن زِندہ آسی۔ عیسائی مِشنری ہُند یہ قدم پودوٚے لوٗگنہٕ کُنہٕ اندس۔ مگر اَمہ سیٚتی لوٗگ کاشرٕ زبٲنی منز صحافتس کُن۔ اَتھ وقتس منز یا اَمہ وقتہٕ پتہٕ یِم یِم اُردوٗ اخبار کشیرِ منز دراے تِمن منز آسی کاشرِ ین گوڈنہٕ ماتن ہندی شار چھاپنہٕ یوان۔ وُنی کیس تہٕ چھُ یہ سپدان[1] اُردوٗ اخبار آسی اَوے رُکن کاشرِ ین گوڈنہٕ ماتن ہندی شار چھاپان تِکیازِ مُکھ آسی شار بوزنہٕ کھاترہ کریشان آسان۔ اخبار ہرگاہ اُردوٗ پٲٹھی نیران آسی مگر یِمن ہُند مِزازٕ تہٕ اوس کاشرٕے بنیومُت۔ اخبار ایڈیٹوریلن تہٕ خبرن منز آسہٕ کاشرٕ مِثالہٕ تہٕ کاشرٕ سعہ رُخیہ دِنہٕ یوان۔ اَکہ طرفہ اگر اخبارو کاشرِس نظمس پانس نِش جاے دِژ بیٚیہ طرفہ تھاو اُردوٗ رِسالو کاشرٕ خاطرٕ پننِ اَکھ اَکھ حصہ قایم۔ کشیرِ منز کم رِسالہ آسی گوڈہ نیران یِہُند آسی ناو ہیمو؟ یتھ کُنہ تہٕ کانٛہہ بُس اَکھ رِسالہ "پرتاپ" اوس وَری پتہٕ وری سری پرتاپ کالجہ منزٕ نیران۔ اَمی

---

[1] مضموٗن نگارن چھُ یہ مضموٗن اَز کینٛہہ وَری برونٛہہ لیوٗکھمُت۔ اَز چھُ کاشرِس منز ہفتہ وار اخبار 'وطن' نیران۔ اَمہ علاوہ اوس فیلڈ سروے محکمہ طرفہ اَکھ کاشُر بلٹین "چمن" تہٕ سوشل ایجوکیشنہ طرفہ "گاش" نیران۔ یِمن پرچن ہنزٕ پوٗرہ پوٗرہ وکھنے چھےٚ برونٛٹھ کرنہٕ آمژٕ۔ ١٩٦٨ سنہ اَژنس سیٚتی سیٚتی کُر وطن اخبارن پننیو نزیٚیہ وَری مُکمل۔

رِسالن کوٚر کوٗشُر نظم تہٕ نثر چھاپنٕک دٕسلابہٕ۔ اَمہِ کالجہٕ کِہو کینٛژَو پروفیسرو دیٚت
کأشرِس پیٚٹھ زور تہٕ تِہنٛدِہ کوٗشِشہِ سیٖتۍ سپُد کأشرِ صحافتُک بیاکھ درواژہ
یلہٕ۔ کوٗشُر نثر آو چھأپی صورتس منٛز ییٚتہِ کیٚن لوٗکن برونٛہہ کُن۔ حق چھُ یہِ زِ
کأشرِس صحافتس یُس گۄڈٕ رٔش ہسپتالن منٛز لوٗگمُت اوس۔ تِتھۍ دیٚت ایس
پی، کالجن رنٛگ۔ اَکِس کالجس تہٕ ہسپتالس منٛز کأشرِ صحافتُک گۄڈٕ لگُن اوس
کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِ خأطرٕ سیٹھاہ مُبارک۔ ہسپتالن منٛز اگرچہ یہِ کُل لوٗگمُت مگر
کالجس منٛز دِژ اَمۍ موٗل۔

یوٗتام مُلکس پیٚٹھ آزأدی ہُند اکتابہٕ کھوٚت نہٕ۔ کأشُر صحافت
رۄز کالجن منٛز بنٛد۔ "پرتاپ" تہٕ "لالہ رُخ"[1] رودۍ وَرۍ پیٚتہٕ وَرۍ کأشرِ نظمُک
تہٕ نثرُک اکھ اکھ حصہٕ چھاپان۔ آزأدی برونٛہہ کوٚر کشیٖرِ ہنٛدۍ نامور گوٗشنات
مہجوٗرٕ صابن تہٕ اکھ کوٗشُر اخبار "گاش" جأری۔ یہِ اخبار ییٚمہِ ریٚتہِ کڈنہٕ اوس
آمُت۔ تِمیُک نیب چھُ اَسہِ اَمہِ اخبارکہِ ناوٕ تلۍ لبنہٕ یِوان۔ کأشُر زبان
یتھ گژھہِ زِندٕ لُس منٛز ہینہٕ آمژ اَس۔ تِمہِ منٛزٕ کڈنہٕ خأطرٕ اوس یہِ اخبار جأری کرنہٕ
آمُت۔ اگر تِمہِ وَقتہٕ وُنۍ کینٛہہ ہیوٚ ہوا نوا آسہے۔ مہجوٗر صابن یُس گاش ہاویو
تِمہِ کِہ گاہہِ سیٖتۍ آسہہے کأشُر اخبار نوٗیسی خبر کوٚت واتِژ ہژ۔ یہِ اخبار اگرچہ دوٚیِمہِ
لٹہِ نیبرٕ چھی بنٛد گوٚو۔ مگر پتہٕ کرِ یاٚدٕ اوس یہِ کأشرِ صحافتُک گۄڈٕ کُنۍ۔

آزأدی پتہٕ ییٚم رِسالہٕ دراے۔ اگرچہ تِمن منٛز اَسۍ زیادہ تر افسانہٕ مضموٗن
تہٕ بلہ چیز چھپان مگر تِمو کٔر کأشرِ زبأنۍ منٛز صحافتِچ وَتھ سوٗتر کرنٕچ کوٗشِش

---

[1] "لالہ رُخ"، چھُ شش سالانہٕ رِسالہٕ یُس زِن امر سنگھ کالج کڈان چھُ۔

یِمو رسالو منز و چھُ کہنگت پوش، گُل ریز تہٕ دِلہٕ منز نیرن وول یِمپوشس پاوِنس لایق ۔ یِمن اخبارن تہٕ رِسالن منز یہ کینژہ شاہ دٕراو یا یہ نیران چھُ سُہ اوس سورُے اَکھ تجربہٕ ۔ یہ تجربہ کیازِ کھوت نہٕ رٔژھ ۔ تمیُک بوڈ وجہ چھُ کأشرِ خطچہ سختیہ ۔

خطچہ یِمو سختیو دیُت نہٕ کأشرِس صحافتس کُنہِ انمانہ پننہِ اَکھ کھوتہ ڈکھراونُک موقعہ ۔ یہ چھُ وُنی کینژس سائینٹک زمانہٕ ۔ سائینسن بناوی کأتیاہ سخ چیز سہل ۔ از کینژہ وری برونہہ سرینگرٕ کی ہفتہٕ وار اخبار "نوٗدن" تہٕ تھوو کأشرِ کھأترِ پنُن اَکھ حِصہ آیتن ۔ مگر کینژہ وقتہٕ پتہٕ کور اَمی یہ سلسلہ بند ۔ برونٹھہ نشہ چھُ وەنی کأشرِس خطس وارِیاہ اَربرسید یومت تہٕ یہ چھُ وەنی ہنا سہل بنیومت ۔ وُنی کیس یِم حالات چھِ تِم وُچھتھ ہیکو اَسہ وَننتھ زِ اَکھ وَتہٕ منز چھےٚ وارِیاہ سختیہ ۔ مگر یہ وُنُن چھُنہٕ ٹھیک زِ کأشرِ زبأنی منز چھُنہٕ صحافتہٕ خأطرِ کانہہ جاے ۔ ضرورت اَتھ چھےٚ یِیمہٕ کتھہٕ ہُنز زِ لُکھ گژھن ذہنی طورِ کوشُر پرنہٕ خأطرِ تیار گژھن ۔ لُکن منز چھےٚ اَمہ کتھہٕ ہُنز کارٕ ۔ مگر اَکھ نہکُک بیم چھُ دِلن منز بہتھ ۔ اَمی یِمن چھےٚ کأشرُ لیکھُن پرُن دٗورِ روُمت ۔ اخبار کڈُن اوس مشکل ۔ پننہ چھٹہٕ کأشری پاٹھو لیکھنہٕ اوس نہٕ کانہہ سہل بوزنہٕ یوان ۔

پننہ دِلُک حال یِیمہ انمانہٕ اَکھ کوشُر پننہ زیوہ سیتو باوِتھ ہیکہ بیکس زبأنی منز سُہ حال کتھہ کُنہ یِیمہ ہے باوِنہٕ ۔ پننہ جذبات لگنہٕ موٗنجہ کرتھ اوس اَکھ کأشُر بے بس زبأنی کأم ہیوان ۔ وُنہ چھُ اَکھ کأشُر پنُن دِلہ چھین راین تہٕ گراین ننہٕ راونہٕ خأطرِ باقے زبانن ہُند اورزمان مگر فرق چھُ ۔ وەنی چھُ کأشری

لِکھاُرۍ ہیوان کاشِرۍ پاٹھۍ اورٕ یورٕ چھٹہٕ سوزنہٕ آیہٕ گژارٕ کرنہٕ. تم چھ اخبارن
تہٕ رِسالَن تہٕ کاشِرۍ پاٹھۍ پننۍ خیالات وَنان تہٕ وِشرٕ ناوان۔ رِسالہٕ تہٕ چھپنہٕ
کاشِرۍ پاٹھۍ چھٹہٕ چھاپنس منز کانٛہہ عار کران۔ یِم ساری چیز چھ ہاوان دوان
زٕ کاشرِ صحافتچہ وَتہٕ منز چھ وارٕ وارٕ تِم ٹھُری دوٗر گژھان۔ یِم لیکھن والین
اَتھ وَتہٕ منز پکان پکان ٹھٕنٛہ ٹھ اَنان آسہ۔ صحافت چھ تیلہٕ کُنہٕ زبانِ منز
وۄہہ ہدان۔ ییلہٕ اَمہٕ خاطرٕ سورُے مسالہٕ میسر آسہ۔ یہِ مسالہٕ کیاہ چھُ؟ اخبار
نویس چھُنہٕ فقط اَکہٕ اخبارُک اِڈیٹر مانہٕ یوان، بلکہ تِم ساری لوکھ چھ اخبار
نویس یا صحافی یِم اخبارکہٕ کھاطرٕ لیکھان چھ۔ اگر اَسہٕ کینٛہہ وری برونٛہہ
کاشِرۍ صحافتٕ وَتہٕ لاگنس منز کینٛہہ ہیوکنہٕ کرِتھ۔ تہٕ سُپُد اَوٕ موکھ کاشِرۍ
زبانِ منز اَسہِ نہٕ لیکھن والی۔ کانٛہہ شخص اگر اَتھ زیچھ تہٕ کریچھ وَتہٕ پیٹھ
پٲد ژھاوان اوس سُہ اوس نہٕ پانس سیتۍ خودایس باز کاشنہٕ وۄچھان۔ مگر
وۄنی کینس چھُ صحافتہٕ کھاطرٕ پرٛٮ۪ہتھ رنگہٕ ہوا نوا صاف۔ وۄنی چھ یِتیٚ یوت
پرٛٮ۪ہ زٕ کانٛہہ گژھہ دِل کرِتھ اَتھ وَتہٕ منز کھورٕ ژھاوُن۔ یتیتھ چھُ سوال یہِ
زٕ کُس آسہِ سُہ یُس اَمیک پیرٕ شُھر تُلہٕ۔ اَمہٕ کھاطرٕ کاشہٕ لِکھاُرِس پتہٕ
یہِ براتھ تھاوُنی زٕ سُہ کیاہ کرِہ۔ کاشرِ صحافتُک بیاکھ تجربہ چھُ اَکھ بزم۔ اوتام
یہِ کرنہٕ آو تہٕ اوس سورُے تجربے۔ یتیمہ یور بیٚیہِ کُنہٕ تجربُک چھُنہٕ حاجتھ۔ اَمہٕ
کھاطرٕ یوتام نہٕ حکومت قدم تُلہٕ۔ تہٕ پتہٕ فلحال اَکھ ہفتہ وار کڈنُک سنز کرِہ
توت تام ہیکہٕ نہٕ بیٚیہِ کانٛہہ اَتھ وَتہٕ پیٹھ پننۍ قدم مضبوطی سان ڈاکھراوِتھ۔ اَمہٕ
سیتۍ ییٚن وارِیاہ فائدٕ۔ اَکہٕ طرفہٕ کرن کاشِرۍ لُکھ کاشرِس خطس سیتۍ زان
یُس وارٕ وارٕ دُرُس سپدِہ تہٕ دُکن منز بنہٕ مقبول۔ بیٚیہِ ییہِ یہِ فائدٕ

نٕہ کوشُر ییکھن والین منز گژھِہ ہُرہر۔ یہِ ہفتہ وار اخبار کرِہ کٲشرِہ کھاٹرہ وَکھ سوٚتُر تہٕ بییہِ دِیہِ کٲشرِس ادبس پھانچھلنک موقعہ۔ یہِ دِیہِ اخبارٕچ کٲم تہٕ تہٕ رِسالٕچ تہٕ۔ ادب تہٕ یکجہ برٕونہہ تہٕ صحافتس تہٕ ییہِ گمہ ڈبرتہٕ۔

[ سون ادب، سنہ ۱۹۵۹ء ]

# اُمیش کول

اُمیشن کولنز گوڈنیچ کاشِر کہانی "اُڈٕرے کتھ" سپدٕ یہٕ
ستمبر ۱۹۵۵ء کس کونگ پوشس منز چھاپ۔

اُمیشن لیکھو وُنس تام کاشرس منز کیٖنژہ افسانہٕ تہٕ
یمو منزٕ چھ واریاہ چھاپ سپدیمتۍ۔ یہنزٕ افسانہٕ نگاری
پیٹھ پٲرٕ تنقیدی نظر تراونس سٕتۍ چھنہٕ یتھین گنجائش
نہٕ چھُ یہ تۄتام مُمکن یۄتام نہٕ یہندۍ سٲری افسانہٕ کتٲبی شکلہِ
منز بروٚنٹھہ کُن یِن۔

'دِل' چھُ امیشُن اکھ خاص افسانہٕ۔ اَتھ اندر چھَ
تیمہٕ سارۍ خوابہٕ گُنہٕ حدس تانۍ موجود یمہٕ زَن اُمیشن یِمن
افسانَن دِل کش بناوان چھ۔

اُمیش چھُ ہرٛیار سوپورُک۔ زاسنہٕ چھُ ۱۹۲۹ء
وُنی کیٚس چھُ ریڈیو کشیرس منز کام کران۔ اَمہٕ بروٚنٹھہ اوس
کینژس کالس ترٛن ہالہٕ بحیثیت آرٹسٹ کام کران۔ اَمہٕ تہٕ
بروٚنٹھہ اوس بمبیٔہ ہندس فلم ڈوجنس منز کاشرین ڈاکیومنٹری
یِن ہندۍ سکرپٹ لیکھان۔

امیش کول

اُفسانہٕ

# دل

راجہ رینہٕ دیدی ژٕ ونیٚہ گاشس سٕۄ کرٕہ ہے نہٕ میہ فتحس سیتو نیتھر ......" میہارٕ کوٚر آخر فٲصلہ تہٕ آیہ راجہ رینہٕ دیدٕ یدھ ہنگنہٕ راجہ رینہٕ دیدٕ اُنی کانگر دٕ بھینس کوٹھس تل ڈکھ۔ چلمہ بوزٕن تیٚہ نگِ تہٕ پرٕژھنس :-

"کیازہ فتحس کہے چھُ؟"

میہارٕ توگنہٕ اَکھ کتھ جواب دِیُن۔ سمہ لیٚج راجہ رینہٕ دیدٕ وُچھو نہٕ فتحس اوسنہٕ پنٕزی پاٹھو کانہہ عٲب۔ جوان باڈو جان۔ بُتھ صاف کرٕتھ۔ پتھ کیاہ گوٚژھس آسُن۔ مگر میہار اُس نہٕ توتہٕ یژھان تس سیتو کھاندر کرُن

فتح اوس تس پترٕ بوے۔ مگر مول موج مرنہٕ پتہٕ اوس سُہ روزان میہارٕ ہندِس مٲلِس گاشو گوٚہاری سیتی۔ گاشو گوٚرِس اوس نہٕ یتیم گرٕژھنہٕ وِزٕہ بابھتِرس بیٹھ عار آمُت۔ بلکہ اُس تس رائے زٕہ فتح رٕچھتھ لاریتیم تیندٕ مکانیچ اُڈاہن۔ تسنز گاوٕ ژور تہٕ خریدار۔ تمہ علاوہ پانس اوسُس نہٕ دوٚیمہ زنانہٕ کرتھ تہٕ نیچو زامُت۔ فتح پانس سیتو رٕٹتھ اُسُس خبر زٕہ پگاہ بنیم اَکھ روٗٹ کرنس سوٚنب نفر۔ تہٕ اگر شوٗد دھ ژاو میہارٕ سیتو کرِس نیتھر کوٚر تہٕ نیریم نہٕ نمبر۔

فتح دٟراو شوٗدھ۔ اَتھ وٕہرٕ پانٔژ پیٹھے نوٚگ گاو دوٚہس مادان
کھالنہٕ تہٕ تِمن ژٔتہٕ تَس رٲژھ کرِتھ واپَس والنہٕ۔ خریدارَن دوٚدٕ واَر ہیتھ
گژھُن تہٕ وُچھتَن تِمن نِشہِ پانٔسہٕ وُگراوِتھ اَنِنہٕ۔ وٕری وٕری گوو کھسان
تَس کھوٚت جادٕ جادٕ بچھُن مٔنٛڈ۔ یوٗتام پانٔسہٕ سوٚنبرٕنہٕ ورٲے باقی کام اوس
سٲری سے کران۔

سہٕ اوس جسمہٕ جان۔ وٕرتاوٕ شوٗدھ تہٕ محنتی۔ مگر میٚہرٕ زَن اُس نہٕ
تَس اندر توتہٕ زندگی ہنٛز ژیتھ باسان۔ سہٕ ژیتھ یوس نظرن شوخی، کتھن
مُشک تہٕ پانَس وُشنیر دِوان چھُ۔ ییتھ گژھنہٕ پتہٕ روٗد سے نیصف مکانہٕ۔ ژور
گاو، محنژ ہنٛز اَکھ اکایی تہٕ لبس۔ اصل فتح پیوو وارٕ وارٕ ہرِتھ۔

میٚہرٕ بوٗز جوان گژھان گژھان کیٚسرٕ لٔبہٕ زہ تَس کرن فتحس
سیتی کھاندر۔ مگر تمہٕ وُچھنہٕ فتحس کُنہِ اکہِ لٔبہٕ اکس برِ قرس تہٕ تمہٕ نظر۔ سہٕ
اوس تیتھے یکھ، تیتھے ژھیتہٕ ہیوٗ گوٚمت۔ زَن اوس نہٕ تَس کُنہٕ چیزک پھیران
کُنہٕ چیزٕ ک شوٗرخ۔ وُچھے تہٕ یُہے بوولہٕ ہیو۔ اَسہے تہٕ یوہے بُلٕ ہیو۔ صرف
کام کران۔ بوٚہے نیم چور زَن۔

دِل چھُ آب۔ لوکٹس دوٚہس منٛز اُسیتھ تہٕ رٔلمان پانَس منٛز آسان چھُ
سنیر۔ آفتابچہ پرٛژوٕ زوٚنہٕ ہندِ اُشن۔

میٚہرٕ اوس باسان زِ فتحس کوٚسہٕ بڑ کمی چھَہ۔ مگر پھیرٕن اوشس نہٕ
تُکان۔ تَس پھورِو نہٕ راجہٕ رٕنیہِ دیدہٕ ہنٛدس سوالس جواب۔

راجہٕ رٕنیہِ دیدہٕ ہاو پھوکھ دِتھ۔ چلٕمہٕ بیٹھہٕ جیٚرٕ پیٹھ تہٕ لجس
دُبارٕ پرٛژھنہٕ۔

"ژٕ بہٕ رٕٹکھے۔ بٔییہ کانٛہہ چھُیے نظرِ تَل؟"

"نہ بی او ......" مہہرہٕ زوتییہ برٛنٛزس اَکس اَچھو۔ پتہٕ گییس

اَکلہٕ بیکل ۂش۔

"نہ بی او۔ تمہ خاطرہٕ نہ مگر ......"

اَمہ بُروٗنٛہہ کُنٛ سمیوو نہٕ تَس جواب۔ سہ زانہٕ ہے راجہٕ زیٛنہ دیدہٕ ہندہٕ سن

سلطان پنڈتہٕ نِن۔ کبرٕ دانہٕ نِین۔ یِمن سہ آب ٹراوان اُس۔

اَہنٛزَن ڈیڈِین تَل سہ آبہٕ نوٗٹُے ہیٛکہ ہے کٔنٛہہ، دِل ہیٛکہ ہے نہٕ داوس

لٲگِتھ۔ یِہندِ مہہرہٕ ہندہٕ خاطرہٕ ووہٕ پرٕ ذاتھ ہوی خلق۔ مہہرہٕ برٛونٛہہ کنہٕ دوٗل

بچاوِتھ نیران اُسی۔

مہہرہٕ اَندی اَندی اُسی گُہہ لاری، کھٔری شہلُن۔ سوٗرہٕ ڈیر۔ تھٔکھ

سکہٕ شاٹھ، یِہارِی نہٕ کانٛہہ ناو لَجِ۔ یوٗت نہٕ کانٛہہ شہزادہٕ واُجہ بد لاونہٕ آو۔

یِیتہٕ نہٕ کاٗنسہٕ وَرگہٕ لٲگِتھ بٲتھ پٔری۔

مہہرہٕ دِرتی اَندرِی اَندرِی وَنی۔ مگر تَس لوٗگنہٕ کانٛہہ اَتھہ۔ بغارٕ اَکھ

اڈہٕ وَرہٕ کھٔری ہانٛز۔ یِیمس نٔش سہ مٛنزی مُنزی فتحس سِیتر وَسِتھ یارہ بلہ

کھوٗر اُس رٔٹان۔ یِیمس نٔرہ زنگہٕ کلم مٔتھو مٔتھو کٔڑہہنہ آسہٕ گاٗمرٕ چھ تہٕ

خریدارَن سیٛتو کٔڑِتھ کرِتھ اُیس پوٗس اوس آسان کھوٗتمٕت۔ بٔییہ وہٕ بگی

بُتھس پییٹھ نوٗلہٕ مِٹرہٕ ہِشہٕ اَچھ کرِتھ۔ وودری کوٗٹ یُس رٛتہندہٕ مکانہٕ دِچھیو

رٛکنو یِیو اوس آسان ییران — بٔییہ سہٕ شودہٕ بُہرٕ یِیمس نٔش اَچھو دادہٕ، شہرٕ

خاطرہٕ دوا یاژاسہ تیہٕ خاطرہٕ شربتھ ہینہٕ گژھان اُس — یہو مِٹرہٕ اوس نہٕ

تَس کانٛہہ نظرِ تَل۔ رٕکھینہٕ نہٕ۔

مہتہرِ زٕن پھوو پٔنٕنہِ پانٕک ظلمن ہیو۔ سوٚم قد، زیوٗلھٕ مس، ڈلامہِ پاچھ
نٕرِہ زنگہٕ، اُرکن ہشنہٕ مشک۔ پیپے مرٕز جوانی۔ اَتھ پانس کُن گوژھ آسُن کأشرِ
وُچھمُت۔ اَتھ پانس گوژھ آسُن کانہہ نظرِ گومُت! تمہِ دِژ وارِہ ژیچھ۔ مگر تمہِ
لوٚب نہٕ کانہہ۔

مگر دِل چھُ سُہ اوٚش، یُس نہٕ پَھٹر پیو۔ سُہ تمناہ یُس نہٕ زیوِہ کھوٚت۔
تمہِ خیال ییم نہٕ ٹھکنہٕ بیٚیہ۔ پشکھٹےیہٕ!

مہتہرِ اوس باسان، سہ لبہٕ اَلہٕ گأبہٕ، رکس تام، کُس تام والہٕ تس
ہکہٕ نٕرِہ ٹھیچھ دِتھ ڈولہٕ منزٕ — ازأنی اُسُن، ییمو شُند بُتھ تس صاف بوزنہٕ
اوس نہ یِوان۔ مگر یُس فتحس ہیوٗ اوس نہٕ، مہتہرِ ہندس دِلس منز اُس اَکھ
ژھاسے ژھوِہ ماران، تمبہٕ لاوان، مگر تس توگنہٕ راجہٕ رٔیٖنز دیدِہ ہندِس
سوالس جواب دیُن۔

راجہٕ رٔیٖنز دیدِہ کُڈ دٕچھنہٕ کوٚٹھ تلہٕ کانگر نٕتھ ٹھاوُن کھوورِس
کوٚٹھس ڈٲکھ۔ نے تراوِن پَھٹر تہٕ پرژھُن مہتہرِ بیٚیہ۔

"اَہ نی۔ اَدِہ کیاہ رٕشن چھے ژٕ یہ فتحس سیتھ!"

"رٕشن نہ بی رٕہینہٕ مگر—" مہتہرِ ہندین جذباتن گیہٕ گلہٕ زیوتہٕ پیٹہٕ
آس پننہٕ بہہ زبأنی بیچھٹ اُشی ٹأری ہی۔" مگر فتحس سیتھ کرِہ مانہٕ کھاندر
ژہِ وٕنتہٕ گأشس۔" مہتر وٕژِھس آرِہ برٕ تہٕ بُتھ۔

راجہٕ رٔیٖنز دیدِہ کوٚڈ کوٚٹھ تلہٕ کانگرِہ ہُند ڈٲکھ۔ نٕشانن سوٚٹھ
سوٚٹھ دِتھ کوٚرُن مہتہرِ تسلاہ۔

"اَدبی وٕنس۔ مگر کوٚرِہ اَز چھا سُہ زمانہٕ۔ اَتی بوزِہ کانہہ کأشرِ

ہُند۔ وۄنی چون دِل ہتھاوِنہٕ خاطرٕ وُنُس.....“

راجہ رٮ۪نز دیدٕ ہُند وَنُن دژاو پوٚز ژٕے۔ گاشٕنہ بوز بہٕ تسُند۔ گاشہٕ بوز رتی یہ تیمِس پنٕنہ نقشک حساب تہٕ دوٚیمہٕ زنانہٕ ہُنٛد صلاح اوس۔

نِکاح آو پرنہٕ۔ ہُرکہ ژۄمبرٕ آے وَنہٕ نہٕ۔ بَتہٕ کالاہ آو دِنہٕ۔ دوٚہس اکِس روٚد چُرہ گٮ۪ژھ۔ راتس اکِس ڈٕیہ گیس لیمپ تہٕ میہرٕ سٕند فتحس سیتھ کھاندر۔

میہرٕ اٮ۪س تتی نس ییتہٕ نس سعہ برۄنٛہہ اٮ۪س۔ تمنٛی ژٕینس سیتر، تمنٛی براندس پیٹھ۔ رتمہٕ نِسے گِنٛہ لارِن تہٕ کھرکہ ڈیرن منٛز۔ فتح اوس تسٕندِ خاطرٕ اَزتہٕ رتھنے یتھ راتھ اوس زندگی ہنٛزٕ نٛرتہٕ روٚ ستے۔ زن تیمس مہرنہٕ ہندی مانٛزٕ اتھ اکھ اتھن منٛز دِتی تھتہٕ۔ تمہ گاوٕ ہُند گدوم اوس روٚٹھمت۔ تہٕ یہے اٮ۪س نہ خبر ٲدان کھالنا کِنہٕ ٹکلس تھاوَن گنٛڈتھ۔ یوٚتے نیم چوٚرہیوٚ۔ تمہ اوس نہٕ میہرٕ ہندِ خاطرٕ کانٛہہ نوٚو وقت کانٛہہ نوٚو دُنی یاہ اوٚنمت۔ میہرٕ دبییہ پرٲنہٕ سے کرپرس وارٕ تل کٔرُن۔ بَیتھ اَنہٕ گٮ۪ٹ تس باسان اٮ۪س مگہ پھرنی اٮ۪سس نہٕ ننگان۔

میہرٕ دپیوو گوڈٕ زہ دارٕ کِنہٕ لایہ وۄٹھ مگہ کینٛہہ دوہ گٔژھتھ لیج سعہ سوچنہٕ زہ تس کیاہ چھُ تمہٕ یتھ پٲٹھی ازتام دورٕ ماجہ سیتھ دوہ دوہ کوٚڈ۔ سعہ کڈٕ ییمہ پور فتحس سیتھ تہٕ۔ تس توٚگنہٕ وَنُن تسٕندِس مٲلِس توٚگنہٕ بوزُن..... تہٕ وُچھان وُچھان دژاو اکھ وری۔

بَتہٕ روٚدنہٕ پنٛژمس وری یس کانٛسہ حبس زہ کوتاہ پرانیو تہٕ بڈیو کتہٕ کیاہ نویو تہٕ بدلیوو۔ وۄنہ آسہ ترژھے۔ تاپھ اوس رتھنے۔ راز

لۄکٕٹ یہ تہٕ بٔنِیہ بڑے پہ رٔتھٕ پٲٹھۍ۔ گرٕ تہٕ کام کار اوس رٔتھٕ۔ فقط اُس
گاٗشِس فتح ہیٚکہِ دِرے گاٗمژ۔

گاٗشِس اوس باسان، تہٕ تہنِس اُس دوٚیِم زنانہٕ تہٕ نۍ وَنان۔ زٕ
فتح گٔو کھاندر نیرِتھ۔ بٔنِیہ لۄگ حقٕ داری ہاوٕنۍ۔ کرٕتام کرٕتام اُتھن
پٲنٕسہ وُگراوِتھ تہٕ رٔٹن اوٚری۔ کٔمِس تام ژٕشں وۄنی زٕ گاٗش یِس پوٚنٕسہ
تِمہٕ سٕندِس مٲلِس پیٚٹھ سۄمبرو۔ سہ ہُگراوُن سا۔ کٔمِس تام اَتھ وَنٕنہٕ لوٗدن زٕ
تسُنٕز نصیف مکانٕہن کرُن خٲلی۔ تنازعہ گٔو زیٹھان تہٕ گاٗشس بوزٕنو
اَکہٕ دوہہ حملہٕ زٕ سہ کٔڈٕ فتحس بیوٗن۔ فتح مۄکلاوِن تسُنٕزٕ کورٕ۔ سہ
اوس پیٚترمین دوہن مِتھرٕ تہٕ وَنان: "مٕتھرِی ژٕہہ ونیوتھ پرِسۍ ٹھیک۔ یہ
چھُے شکس لد۔ دوہ نۍ ہوٗژن اَتی۔ بہٕ ہاوٕسے بہٕ کتھ جایہ کرٕے ژٕہہ نیٚتھر"
تہٕ مِتھرٕ اوس باسان تسُند یہ وَنُن واٲرِشن ژھیتہٕ گومت ژونگ ہیو۔ وٕریک
رووُمت حساب ہیو۔

تہٕ از ییٚلہٕ گاٗشس آنگنس منز وٕسِتھ کرٕبہٕ ہیٚرٕ دیٚنہٕ۔ مٕتھرٕ زٕن
وُزٕ نالہٕ وٕکھ ہنندرٕ۔ تس ہنیوٗتُن گاش ہیٚو بوزنہ ییٚن۔ تمہٕ ہیوٗت ژٕٹس ہیو پاوُن
سۄہ کتہٕ چھہٕ، کوٚ سہ چھ، کتھ پٲٹھۍ چھہٕ، اَتی ہیوٚ ہنگہٕ منگہ تس سہ دوہ یاد
ییٚلہٕ ———

سۄ اُس براندس پیٚٹھ بیٹھ پٲٹھۍ تماشہٕ وُچھان۔ فتح کھوت یارٕ
بلہٕ پیٚٹھ گوٚب کھرٕ چھوٚت ہیٚتھ۔ تس آسہ زنگہ اپران ہشہ۔ سہ ہیرٕون
گانٕہٕ لبہٕ ژٕشں واتھ لاینہٕ ییٚن۔ تہٕ مٕتھر وُزٕ تس کھرٕ چھوت والنس
اَتھ دِنہٕ۔ کھرٕ چھوٚت کلہ پیٚٹھ واٲلِتھ وُچھ فتحن اَکِس برنٕزس اُچھو۔ بیٚترٕ

مُژراوِن یِتھ کَنہٕ زَن تِہنٛس نَوٕ گاش اوس یِوان۔ پھِریکھ ہِیُوٚ ژٕرأوِتھ ووٚہ تھرِوون بُتھِ پیٹھ کھٕریکٕ پشیومُت آب۔ مہٕہرِ نِچس وُچھِنہٕ۔ آخر وَنُن تس۔

"گوڈہ یوٚت گوٚب پھوٚت تُلان کیٲزٕ چھُکھ؟"

اَمہِ ہمدردی زَن دِیُت فتحس اَکھ کھانٛدار شُند ہِیوٚ لہجہ۔

ٹھُپِ دِنان دِنان دِیُتنس جواب" ووٚنی کیاہ کرٕ چارٕ چھا!"

"شِنٲسے گُریر زٕ ہس۔" مہٕہرٕ ژوٗل بےٚ واپہ نیٖرِتھ۔ تہٕ فتح دژاو سیتو ڈُے زَن اَتھ جملس کینہہ مانے اوس نہٕ۔ تِمہ دوہہ آو مہٕہرِ فتحس پیٹھ عار ہیوٗ۔ آخر یِتہٕ چھُہ انسان نے۔ کوٗت یان ژاٹہٕ۔ کوٗت کوٗت واتہٕ۔ کیٚرِ محنت کرِ؟ یتِلہِ نہٕ کانٛہہ یوٚت ہیکہِ تسٕند بارٕ گوواجن؟ تہٕ یتھ پاٹھی عار یِنَس باسیوو تس عجیب لذتھ ہیوٗ۔

ووٚنی کینٛس سوچان سوچان باسے یہ مہٕہرِ سعہ ے لذتھ رُمن رُمن پھیران۔ تِمہ تروٗوو دارِ پیٹھس یان الوند۔ مَتھ گوس سعہ دِیہ بُڈٕ کُژیکھ تہٕ فتحس کرٕ آلو۔ اَتی پھیوٗر تسٕند خیال لرٕ۔ گاشِتنی آواز گرِیزٕے یہ تس کنن تل۔ گاشِتہ اُس تس دِیان فتح ژراوُن سعہ اُس یانہٕ تہٕ دُنان وری بروٚنٛہہ تی۔ وری بُروٚنٛہہ اوس نہٕ تس فتحس پیٹھ عار آمُت۔ مگر یُتھ وُرییس کیاز رُود تس فتحن وَسہٕ؟ ڈیکن چھا تورٕے لیکھت آسان آمُت؟ دِل چھا اَسہٕ پرژھنے پننٕ زال وہران؟ فتحن کیاہ کوٗر تیوٗت تس یُتھ؟

مہٕہرِ رُوزِ نہٕ خبر تِمہ کیاہ پرژِھہ پانَس۔ مگر اَکھ واقعہ ووٚتلیو پانَنے تس اَچھن تل۔ ژراوِنہٕ دوہہ اُسہ سعہ اُس دوہہ ہٲٹس سیتی کھوٚن دِتھ ووٚدنی۔ سکھ بوٚچھ اُسس لَگمژ۔ برمٕنِدرُن اوس۔ یہ اوسنہٕ کھینک

ویلہٕ۔ دامبر اوسُس شہلیومُت۔ ییلہٕ پیالہ آسو خالی۔ چاے چینس تام آسو
ترٛێہہ گٔنٹہٕ۔ وۄنی کھێیہ ہے ہۄ کھۄ شوٗ کھۄ کینْہہ۔ وۄرُہ مأج دِیہ میٚس نہٕ۔
کھٕرِس ژھانٛڈ دِتھ آسِس ڈرامیتو زٕہ کینْہہ بوٗزی۔ مگر تمو زٕن اوسہٕ ہٕس
بوچھہ وارے وُتِھس دِیتمٕت۔ میٚہرہٕ اوس باسان تاپھ زٕن کرِتھان۔ فتح
ڈراو اپارِ کنہ تہٕ شانٛن زیر دِتھ پرٛژھنس۔
" ژٕہ کیہہ کران یتھ تاپس کرایہ منز۔ ییتو سیدن وۄدنی وۄدنی"
" کینْہہ نہٕ "
میٚہرہٕ دِیت نٕس جواب۔ تٔس اوس نہٕ منشار وَنُن۔ مگر گیس وَنِتھ
—— " بوچھہ چھم سکھ لجہ مرٕ۔ وأرِنج چھم ژھینان۔"
فتحن بُتھ اوس وَنان۔ زٕن لجہ تٔس ژٕنڈ۔ شانس ہیتھ اَتھ
تھوان وۄننس —— " اَدٕ وۄنتھ کیہہ زٕ نہٕ۔ ٹھہر بہٕ اَنے ژوچہس
زٕرٕ وُرکہ۔ . . . . . . . "
فتح آو ؤتھ دِتھ کاندرس نِش ژوچہ وَرِ ہیتھ۔ دورہٕ سیتھ
آس تٔس شانس کھسان۔ تمہٕ دۄہہ رۄد ژیر تام میٚہرہٕ فتحنس شانٛن
پیٹھ اَتھ تھاوِتھ اَچھن تَل۔ تہٕ تمہٕ سٕنزہٕ شانٛشہ ہُند صدا کنن گژھان
ژیر تام آس سۄ دِیان۔ فتح سۄ کلیہ کامہ تکہٕ تہٕ سۄ کرہ ہے تٔس سیتھ کتھ۔
سۄ وُچھہ ہے تٔس وارٕ۔
دارٕ پۄٹ تٕراوِتھ ژایہ میٚہر اندر کُن۔ تٔس باسیوو تمہٕ چھُنہ
فتح ازنہٕ دارٕ وُچھمُت۔ زٕن یہ ہیتھ ؤرِ بے خبری منز ہیو اوس ڈرامُت۔
تمہٕ آسہٕ فتحس سیتھ کتھ کرٕ مرژہٕ۔ تمِس سیتھ پکہٕ وَتہ گرِک کأم کار کورمُت۔

تمس سیٹھو لوکچ بجہ ہڑہ کرہ مڑہ۔ مگر زن تمس اوس فتح از نہ وارہ پاٹھین
وچھنے۔

نہ اُزی اوس اوس تس مول وُنان۔ ژرہ ترٛاوُن فتح۔ وری بُروٚنٛہہ
کوٚنہہ مانیوو تِمو تسند۔ وُری بُروٚنٛہہ اوس دِل بدل۔ کتھ بدل مگر از ۔۔۔۔۔
از ۔۔۔۔۔۔۔ مَہِرٕ لگجو اوٚنگجہ سیٹھو مُرس رٕکھ ہشہ ترٛاوِنہ۔ بے خبری منز
خبر کیاہ کوٚر تِمو رِکھو اظہار۔ تس اوس نہ پانس زونے۔ سعہ اُس
پتمہِ عیدِ ہند سوچان۔ ییلہ سعہ اُس کالہ شامن وارہ پیٹھ بہتھ۔ وانین
ہشرن نوش کورین ہند روو کرن وچھان۔ وارہ پیٹھ بہتھی تہندین وژن
سیٹھو لوہ تہ وژن پران۔ تہند اکھ شرٛ ژاو ڈبس کیتھ نوو ڈاٹھ ہیتھ
گرو۔ تہنز اکھ کوٚر دزاپہ رٕو منزہ تہ پرژھن بائیس۔

" ہرژس اوسکھا گومت ؟ ——— نہ مہرہ گوو تمنا۔ تس
نہ گوژھ پگاہ کینہہ آسُن۔ پگاہ آسہ تمس کورہ کلس نوو دجہ گنڈتھ۔ کھورن
نوو چیپرو لاگتھ۔ پگاہ آسہ یہ نوو نوش نوہ اندازہ پیرتھ۔ نوو پھیرن
لاگتھ۔ پتمہِ وری یہ لاجوو تمہ کھاندرہ کے جورہ۔ یمہس نہ کڑہے تتھی زڈ
مگر پوٚژ گژھس آسنو۔

نہ شامن گیہ سعہ حارتس۔ یتھے فتحن تس بُروٚنٛہہ کنہ نوو
پوٚژہ راداہ ترٛوو۔ پینتس کھنڈس تمجو نہ تس پژھے کرنی۔ پتہ پیوس
فتحنین ژھینہِ متین پلہ ون کن حس۔ پرژھ نس۔

" ژہ یہ اوٚنتھا پانس رٕیت کینہہ ؟"

فتحن دیت نس مستی منز ہیو جواب۔ " تھوی ہے۔ رہیون ہے

چھُہ سۄ کھِے۔ ژٕ ر وُچھ پوٗرٕ ژھٲپہٕ ٹھیک۔"

مہٗتہرٕ زٕنٛ لوٚب تمہٕ دۄہہٕ نوٚوٕے فتحٕ۔

کھۄنہٕ وٕتھ دِتھ، ڈٲپہٕ ژٲوِتھ باسیوو مہٗتہرٕ وُنی کینٛہہ فتحٕس شہ نوٚبر پانٕس منٛز سمان۔ سمان سمان گیہٕ اَتھ نوٗرس اَکھ شکل ہش تیار۔ یِمس مہٗتہرٕ ہُند پان اوس۔ ڈرام تہٕ پوٚتھٕ۔ بییہٕ فتحٕن ہیوٚ بُتھ۔ شوٚدھ تہٕ عارٕ ہوٚت میوٚ۔ یہٕ شکل آیہٕ یکان یکان بروٚنٛہہ کُن تہٕ ژٲوِن مہٗتہرٕنِرہ نالہٕ۔

مہٗتہر اُس ینہٕ نیو زٕ پوٗسیتھ پانٕس چیرٕ نالہٕ موٚت کٔرِتھ۔ بییہٕ اَکِس گُذرے رٕتِس دۄہس منٛز واٗژٕ رِژٕ۔ گاو اُس نوٚرے پیارِژٕ۔ سۄ اُس وُژھس کنٛن تھپھ کٔرِتھ زورٕ پانٕس سٕتہٕ یِژھان رٔٹِتھ۔ وۄژھ اوس تیشٕرٕ تھپہٕ نِش ہۄ کلِتھ، گاو بنٛن ھٹہِ ل دِتھ۔ دۄد چیہِ خاطرٕ دٔرٕ کران۔ مگر مہٗتہرٕ اوس شہ پتھ رٔٹنس لُطف ہیوٚ یوان۔ گاو اُسہٕ کُن ژٕرکہٕ راوٕ مژ۔

"رکھہٕ زٕ؟ کنہٕ موٚنجہٕ ہے نیرنس بچارِس"۔ فتحٕن وۄننس اچانکے دروازٕ پیٹھٕ۔ مہٗتہر وُژھس۔

"نا ژٕر وُچھ گاو کیاہ چھہٕ کُن ژٕرکہٕ راوان۔"

"اَدٕ گژھ نا مٲجہٕ دۄد ہےٚ چھُس تہٕ — زانکھ ما تہٕ کیاہ گوو"

فتحٕس خبر کتہٕ آیہٕ شوٗخی وۄتلِتھ تہٕ مہٗتہرٕ منٛد چھیپہٕ۔ تمہٕ منٛد چھنکہٕ دۄشلُن پھیوٚر وُنی کینٛہس تہٕ مہٗتہرٕ ہندِس بُتھِس۔ تٔس باسیوو سارِے جسمس اَکھ وۄشنیر چھیران۔ تہندِس سینٕس سیٛر ہش لگان۔ تُنٛد دِل اوٚبُل زاوِیُل بُتھ کٔرِتھ۔ یوان تیشٕرٕ نٔرِ پیٹھ تہٕ پتہٕ گندان

پھٕرِتھن سیٚتر۔

دِل چھُہ بارس اَتھہ دِیُن۔ دِل چھُہ بہٕ چھہ وِزہ ہُند ژوٚچہ ووٚر۔ دِل چھُہ
عیٚپز بیٚیٹھِچ پوٚژ۔ دِل چھُہ سہ نوٚبر، یُس اِنسان آدنہٕ بیٚیٹھ بڑیوٗ ارمانو پٔننِس
بُتھرِس منٛز موجوٗد تھوٗوان آو۔

میٚتھرہ توٚگ نہٕ پھِرُن۔ مگر تَس اوس دِل زَن ژوٚنگ ہیٚتھ ہاوان
زِ فتحَ چھُہ سہ سوٗرہ ڈیٖرس منٛز زِتَنہٕ ہِندِ پاٹھۍ۔ کھوٗرِ بنہٕ منٛز ہم پوٗشکۍ
پاٹھۍ۔ گۄہ لاڑِس منٛز بنہٕ پونپرِ کِ پاٹھۍ صرف تسُندی کھاطرہ موجوٗد۔ تسُندی
خاطرہ آسان نہٕ اگر سہ تَس تراوِتھ گٔیہِ سہ پھِٹہ ڈیٖنبس۔ یُہے چھُہ
سہ ژھائے، یوسہ تَمہ سوٚنچ اَس زِ تَس والہٕ ڈولہٕ بیٚیٹھ۔ تیٚلہٕ اَس
پیٚوان تَس ژھایی یاژ لَبنہٕ۔ اَز چھُہ تَمۍ جوان، باڑو جوان، بُتھ صاف
گِرِتھ مہرازہ پرٛووُمُت۔ اگر سہ تَس نِشہٕ ژھینہٕ گژھِہ، تسُندِس دُنیاہس
گژھِ اَنہٕ گٹہٕ۔

میٚتھرہ روٗزنہٕ خبر۔ مگر تَمہ کوٚر فاصلہٕ نہٕ دوٚیمہ برٛنٛزہ واتِہ سہ
بیٚیہِ راجہ ربیٖنز دیدرِ نِشِ۔

راجہ ربیٖنز دیدِ اَس کوٹھس کانگرِ ڈکھ تھاوِتھ تموک چیوان میٚتھر
لٔبِجس وَننہٕ۔

راجہ ربیٖنز دیدِ ژرہ وَنتہٕ گاشِس۔ میٚہ موہکلاو ہیٚ نہٕ فتحس نِش:

" اوہو فتحَن چھُنہ ییٚہ پونٛت جود کوٚرمُت؟"

" نہ بی جود نہٕ مگر . . . " میٚتھر اَس کوٚشش کران تَس تِگہٕ نا پھِرُن۔ " مگر
بہٕ تراوہ ہن نہٕ فتحَ۔ ژر، وَنتہٕ گاشِس! "

[ ' منتخب افسانہٕ ' منزہ ]

# پُشکر بھان

پُشکر بھان چھُنہٕ بہترین ریڈیو تہٕ سٹیج ایکٹرے یوت بَلکہ تِمہٕ ادبی کردارُک خالِق تہٕ یُس مچامہٕ ناوہٕ کاشرِس منٛز پرٛچھیوو تہٕ پھانپھلیوو۔ پُشکر بھانُن مچامہٕ چھُ بے شک ساہنین ادبی کردارن منٛز منفرد حیثیت تھاوان۔

پُشکر بھان چھُ ریڈیو کشیرِس منٛز پروڈیوسر۔ روزن وول چھُ حبہ کدل سرینگرُک۔ زامُت چھُ اگست ۱۹۲۶ہس منٛز۔

یتھین چھِ اَسہِ اُمہِ سُند شہ "زیور تاج" پیش کران، یُس اُمہِ گوڈنِچ کاشرِ فلمہٕ "مانٛزِ راتھ" مُتعلِق لیوکھمُت چھُ۔

# کاشُر فلم "ماٗنزِ راتھ"

اکھ ریوو تاج

ریٛیون گو ڈٔنیک مزاحیہ ریڈیو ڈراما اوس "ہیرو مچامہ"۔ یہ ڈراما بوزن والین آسہٕ یاد زِ اَتھ منٛز اوس اَکس جایہِ مچامہ یہ ڈائیلاگ بولان:

"خُتجی ! بَس فِلمہٕ منٛز گژھی مےٚ فقط اَکھ چانس
میلُن۔ اَدٕ ہاوَے دولت کیٛاہ آسہِ۔ بُنگلہ کیٛا
آسَن !"

بَتہٕ پاٹھۍ اَتھ وَنان " واکھ واکھ وَنی ہیروی" تہٕ مسلمان پٲٹھۍ "ساعتِ حَسن"۔ چانس بنیوو۔ اَما پوز دولت گیہ اورٕ کہ کھۄتہٕ یورچی خرچ۔ تہٕ بنگلہ بَدلہٕ اوس پتھ مہٕ گرٕ کرایہ مکانہٕ نصیبس۔

اَکہ دوہہٕ وَون پران کشورن مےٚ۔ " پوشا کاشرِ پاٹھۍ ہا بنہٕ بنیتہٕ فِلم......"

"ژٔڈی تو کتھاہ۔ کوسہ جوانی گیہ ضایہ۔ راتھ تام اوسکھ دارہٕ کارہٕ۔ راتی تہٕ منٛزی کیٛاہ سنا گونے" مےٚ ووٚنمس۔

"ہیوٚ پٔھڈو نا ؟"

"ہائے بأز تھپ زَن"

"چأنی ڈِرے ہا چھِنے پوز وَنان۔ نِکہِ نی ڈِرے ہا"

"ہا رکھو چھکھ وَنان۔ مے نا چھِے نہ بہان۔ سہ کُس بناوِہ کأشرِس
ہنز فِلمہ؟"

"پگاہ واتہ ایم، آر، سیٹھ بمبیہ پیٹھ۔ سہ کرِہ مے سیتی کتھ باتھ تہ
سیتھی ہیتھ سنتوش تہ تمس سیتی....."

"سنتوشس لیکھہ بأتھ فِلمہ ہندِ باپتھ تہ تمن ڈائیلاگ۔"

"دوہ نی چھِنہِ مے پرآن جی یس یہ وَنُن تِکیان زہ امہ میلیاہ روولاہ
رِکنہ یہ بوڈ حسرت شرینہ اوری۔ بتس زَن ازمہ زَن۔ بیأرہ چھس سوچان
زہ یوشأ تزہ ہا چھکھ لأرہمیٔ پیٹھ۔ پرآن جی کُس دوتا چھُ زِ پننس بان
مُشرتھ روزِس دوہ نی بدے یاد۔ أندری چھُم وُزِہ ووزہ گرٛھان پران کشورس
وَننہ زِ "بابا، مے نا چھُنہِ پونسہ ضرورتھ۔ فقط اکھ چانس۔ یہ گولڈن
اپرچونیٹی گژھم نہ اتھہ گژھنۍ۔" کوٹھی ڈِرے چھُسو ہاوان۔ مے ہوتھ
بتس نہ مأل۔ دفترچہ کامہ چھُنہِ دِلاہ کینہہ لگان۔ تہ ایحساس کمتری ہُشد
گوس یہ دِیوات شکار زِ تمن تہ سنتوش چھُ مے فلمی دُنیاہچہ بجہ زہ ہستی
باسان۔ یمن دوون تہ امہ کتھہ ہُند باس۔ یمن دوون نزدیک اُستھ تہ چھُم
مے دوہ نی پانس تہ یمن درمیان وُنیتھ فأصلہ باسان یوات زمینہ تہ زُونہ
درمیان چھُ۔"

دوہ دوہ گژھو گُذران تہ بہ ہیتونس صحتہ کُنہ رگرن۔ کُس
وَننہ مے کُس سوسُر چھُ أندری کُنہ گومت۔ مے چھُ فقط داتس دوہس اکے

خیال دِیمَاغَس پیٹھ غالِب۔

"کیاہ مِیانِیٚ فوٹوٗ لگنہٕ زانٛہہ سنیما ہالَس منٛز !!"

سنتوش، لوٚن تہٕ پرٛان ——— ترٛیہ پرٛیز لوٗنِی نارکھ یکطرف

تہٕ علمبردارہ موہوٗسی تہٕ غریبی مِسکینی بہٕ تہٕ سادھوٗ یکطرف۔ اُسہِ دوٚن ہٕنٛز

میٹنگ یک طرف تہٕ ترٛین سیکرٹن ہٕنٛز ہٹٔن یک طرف۔

" سادھوٗ "

" رٕکھو زٕہ ؟ "

" زٕنا ییم ناوٕن زٕد اُسہِ چانٛس "

" دِہائیٚ جانٛہ گیوو۔ فِلمہٕ نیٚر ہیکھ بَنٛتھ۔ پٕنٛنی چھکھ لیاقت "

" دِن نے تہٕ دِل پھٔٹی وٕنِسی یہ رٕکھو "

" لوٚن ہا تراوی نوکری۔ یہ گوٚو گومٕت فِلم انڈسٹری منٛز "

" دٔپھ اَتھ مُنٛزٕ گژھہ سنتوشس وٕرائٕن۔ بڈین بڈین شاعرن

سیتھ چھُس مُقابلہ "

" سوٚما اُسہِ نا دِن پہٕ ییم فِلمہٕ منٛز چانٛس !"

اُسو چھہ ییٚے کتھ کرٛان زٕ پرٛان آو اُسہِ نِشِس۔

" پگاہ ہسائٕ اُنی زٕ دٕو پٕنٛنی فوٹوٗ کاپی سیتھ۔ تِم چھہ بمبیہ سوزٕنی

...... پوٚشا وِلن شند رول کرکھا ؟"

اُمو شند یہ وَنُن زٕ میہ رٕٹ بمبو بَرماکُن ترٛاے رِبلا پوٗ چھے۔ میہ

چارِ بمبہ کرِتِل ہشہ۔ اُمی دمہ وِلن وِلن آیس منٛز۔ وارلِنج اُسم پھٹنَس آمرٕ سے

میہ زٕ پرٛان جی ——" اُسہِ تہٕ مہارا گوٚژھہ ووٚنی ضرور ضرور چانٛس میلُن فِلمہٕ منٛز !"

"Sure, sure, why not"

اُمی سِندی فرٛہنگر بولنَن کوٗرنَس بٔنیہِ ہُن تہٕ پٔتھ۔ میہ زٕہ پیٚچھ نیٚنہٕ کران۔"

اَما پوز میانِۍ غلط فہمی گیہٕ تتھ دوہہٕ دوٗر پٔیلہِ پرٛآن جیٚن وۅن زِ" فوٹوٗگرافس اپرُوٗڈ" اَز زٔن اوس تہٕ اُمی سِندِس انگریزِس منٛز کریچھرٕ بُلکہ اُس میچھرِ بلاے۔

بہرحال سُہ دوہ ووت۔ ییٚمہِ دۄہ ہیٚچ تہٕ وومیدے اُس۔ اکہِ دۄ ہوٹلُک کمرٕ تہٕ بمبیہ ہُند سیٹھ۔ فِلمہِ ہُند مین کاسٹ (Main cast) ڈائیلاگ رائیٹر لوٗن۔ ایسوشیٹ ڈائرکٹر پران کشور۔ فِلمہِ ہُند بٔڑ لیکھن وول جی، آر، سنتوش تہٕ بٔڑُن موسیقی بخشن وول موہن لال ایمہ۔ ہے ییم حضرات چھاسہ چاو رٔٹھتھ کِنہٕ کتھ۔ لوٗن چھ کتھِ کتھِ پیٹھ (Kollynos Smile) کولِناس سمائل دِوان۔ یہ چھُ واقعی سُہ ہتھیار یمیُک کمُ کمُ سرینڈر کرہ ناوی. سَنتوش صاٗب چھُ فقط پانٛژ ژٕہان تہٕ مُنزٕ مُنزٕ بایہِ ہُند لوٹ گلس سۄزراوِتھ لوٗن نِس اسنَس نقل کران۔ پٔرانس ہووُن فقط فرٛہنگو زبٲنی کُن۔ یُتھ زِ منٛزٕ ووٗنُن اکہِ لٹہِ ہوٹلہٕ کِس بُہرس۔

"You don't have prompt service today. What the Hell is this?"

بُہرن بُوزٕ ہیلس (Hell) بیل (Bell) تہٕ دوٗ بنس —
" جناب پاور چھُ آف۔ نتہٕ چلان اُس۔" تہٕ کُنی ییٚتھاہ دِتھ دراو۔ ایمہ ییٚمِس بہٕ "بٔبہ لال" چھِس وَنان۔ چھُ سیٹھس اکہِ بالہِ کھاران تہٕ دۄیمہِ بالہِ

والان۔ اکھ اَند تھوونس قطب شمالی تہٕ بیاکھ قطب جنوبی۔ دوشون اندن پیٹھ پیینہٕ زِرٕ ۲۔

سیٹھ چھہٕ سیٹھ اُسۍ بتھے۔ دیارن ہُند اگُر۔ کرورن ہُند مالِک نوتہٕ پوت حلیم۔ کتھ ہن ہیوٗ، سادٕ پلو لاگتھ۔ سوچان چھُس کیاہ چھہ اورکی تکھ آسان۔ اُتھی سوچس منز چھُس زِ سیٹھ جین مُژرُ پنُن اُس اُس کیاہ مُژرُن زن تہٕ پھوٗل گوٗلاب۔ شُتہٕ سٹائلس منز دِچھنہٕ سائیڈہ ورھِتن ملہٕوان تہٕ کھوورِ سائیڈکی وُچھے زیادہ سیٹھ جین ڈائیلاگ ادا کران۔

" ہاں صاحب تو ......... میں بھوٗل ہی گیا آپ کا نام "

بمبہٕ چائِتھ وونمس۔ " پُشکر بھان " — میہٕ زِ بمب نے چارہ پہٕ کرہٕتن میہ اُنی رِجکٹ۔ زِہے پہٕ ناسہٕ لگہٕ نہٕ۔ اَندرِ گوٚو میہ گمہٕ شران سوٚکس جانہٕ مرگس چھہٕ تنگان چاے چینہ۔ دِپان چھُس نیبرٕ نیبرتھ کرٕ ہا پہٕ وَدُناہ۔ پائی پانے لُچ وُٹھن نہٕ نکہٕ وارِن حرکتھ۔ کینٛہہ یار دوس لگو سیٹھ جی یس نِش میانی تاریف تہٕ کرنہٕ۔ اما پوز میہ باسان زِ ہیم چھہٕ میہ گنگ کھنانہٕ اُتھی دورانس منز تروو سیٹھن چندس اَتھ۔ کنٹریکٹ فارم آیہٕ باگراونہٕ۔ پیمن نیوٗ دستخطا چائِتھ۔ روٗپیہٕ رِچھ بسیار۔ فی نفرن اکہٕ پیٹھ میمہ اُلی فا میمہ اُلی فا۔ پرٛژھاہ چھنہٕ کینٛہہ ریوان۔ زِ فلمہٕ ہنٛز دولت چھا واقعی چندس منز اَدٕ کیاہ اللہ اللہ تہٕ خار صلاح۔ توبہٕ خار تہٕ ما بہ سلام "۔

فلمی دُنیہٕ ہکو نفرہٕیتن شاہی قدو اخدو ہوٹلہٕ منز نیرنی۔ ساری چھہ پنُن پنُن ' پوز ' روٗٹمت۔ ساری اندرِ کنہٕ پننہٕ پننہٕ جایہٕ پہٕ خیال کران

زِ ہوٹلکی نفر گئے اُسی تھِے۔ درو دیوار تام چھ میانِس پٔریِزلہ ورِس ٹاہس
پیٹھ رشک کران۔ یوت زِ سادھو تہٕ بہٕ چھ گرٕ دوس۔ اُسی تہٕ چھنہٕ اکھ
اَکس سیتی نبر تام کتھ کران زِ ہے یہی گوڈٕ کتھ کرٕ سے ماگوو لو کچھ
ماجہ ہند۔ اَسہٕ آو تمہ ساتہٕ بینہٕ ہوش پھیرتھ۔ ییلہٕ تہٕ اَندرٕ نیبرٕن تام یہٕ اَسہٕ
پُرزتھ زِ ہے یہٕ کیاہ خصن فلمِ بنہٕ۔ تہٕ نہٕ آو کانہہ بواے (Boy) کیمرٕ ہیتھ
اَسہٕ برونہہ کنہِ۔ فلمہ ہندی ڈائیلاگ رائیٹر علی محمد لونؔ دِتی تمام شہرس وُنی تہٕ
وُنی دِتھ کوٗرن لالہ شیخنہٕ ہوٹلک اکھ کوٗنہٕ پسند کام کرنہٕ باپتھ۔ زانہٕ خودا
تمام شہرس وُنی دِتھ کیا زِ کرٕ اُمی کوٗنَس اُمس پیٹھ کُشش۔ رنگہ وائِلی سندی
رنگ ....... ماجہ پنٕنی مژٕزور شرمی شہزادٕ باسان۔ دوہ دوہ گوو گُزران
کام چھہ چلان۔ بہٕ تہٕ سادھو چھ اَکہِ دوہہ گرٕ وسان دفتر نیبرٕ تھ۔ زِ لالہ
شیخنہٕ چھ اَسہٕ پہلوان جٕریاہ تہٕ ریفریاہ نظرٕ گژھان۔ ژٕنڈ تو کتھا۔

"پُشکرا۔ یہٕ ہا چھے سنتوش۔ لونؔ تہٕ پرآن۔"

"یمن کیاہ گومت۔ پرانس ورائے دوہ شوے پتلون تہٕ انڈر
ویرٕ منز ......."

"پرآن چھا بچارٕ ناتوانی پہن کینہٕ تہٕ۔ ننتہٕ گیوو نہٕ پتھ بہن دول۔"
اُسی چھ وُنہٕ کھچھے کران زِ اَندرٕ آیہٕ بنگو لیچ آواز۔ یہٕ ثرائو سنتوش
میزس ژٕنڈ۔

"سادُوا۔ حالات ہا چھ خراب اَندرٕ ....."

"منز باگ گژھونا اُسی زِ نباہ۔ اَمہ حالہٕ کتھ تپالہٕ بنہٕ فلم تہٕ
پیٹہٕ میلہٕ ادٕ چانس فلمہ منز ......."

" تلا ووله اَندر اَژو "

بحث چھُ گرم

سنتوش :- ( اَکھ اَتھ یَیڈ دِتھ ) فقط ہاوون لوکٹ سارِہ آبُس تران ۔ آب یُس ژالِہ وُن آسہِ ۔ سُہ چھُ کافی لوکن یہ باس دِنہٕ خاطرٕ زِ دُکھ چھُ گُذران ۔

پران :- ( نکہ واُری تژکِہ راُوِتھ ) :- یہ چھُنہٕ ماڈرن پینٹنگ ۔

" People will not understand your symbolic touches."

سنتوش :- ( ہاُنی ہاُنس سیتو اُشن تراُوِتھ ) : پہلے تم آرٹ کو سمجھنے کی کوشش کرو ۔ سمجھے ۔

پران :- " I know it better than you, know it."

اگر ہم اسی طرح کام کرتے رہے تو بن چکی فلم ۔ دراصل تم دونوں میں کیلشم کی کمی ہے ۔

بُنہ ڈاُنی تھے وُنیو مے پران جیس کُن ۔ زِہا تراُوِو مہارا ۔ ژاکِہ چھِ کُنی ساری ۔ میون یوتے یوت وَنُن زِ یِم وُتھی پنُنزِہ ہندی پوٗتی کاہ یکہ وُٹہ مے پُچھنہٕ :-

" فلمہ ہنز سکرپٹ چھِہ ۔ تہٕ ڈائیلاگ چھِ لیکھنہ یِوان ۔ زِچل کُچل کام چھُنہٕ ۔ یوت بحث اَتھ بیمِٹھ شوٗبہ ہے ۔ تیوت چھا نوتہ اُسی کران ۔ ییٚنِژ مُژکری اَتھ منز آسہِ ضنوروری چھِہ تتھ منز بُس کورہ وُنہ اُسہِ جُت "

دِلَس منز چھُس وَنان پأنی پانَس سٟتی پرٛتشا یم ہا چھی پزٕر وَنان "رنگ لاتی ہے حنا پتھر پہ گھس جانے کے بعد۔ یوٚت یم اَکھ اَکِس مغز کھین تیوٚت بنہٕ فلم اول درجچ۔

" سنٛتو ہا ! میہ ووٚن رکھو یمَن تہٕ یموٚ کیاہ ووٚن میہ۔"

سنتوٚشن ووٚنُم :" یم نا وَننے پزٕ غلط کینٛہہ۔ دٕپھ بیقل منوشَس نہ پہ فکرِ تراں۔ پکھ دوہ پتہٕ یم مہ کرُکھ ڈسٹرب۔

سکرپٹ تہٕ گوو تیار۔ ڈائیلاگ تہٕ بنے پہ۔ فلمہٕ ہند ساز و سامان تہٕ دوت بُمبیہ پیٹھہٕ۔ ٹنگ مرگہٕ آو ڈاک بنگلہٕ بُک کرنہٕ ایکٹرن ہندِ باپتھ۔ اَکھ وِنگ مردِ ایکٹرن ہندِ باپتھ تہٕ بیاکھ وِنگ ایکٹرسن ہندِ باپتھ تہٕ اُتھی سٟتی آیہ " فلائینگ رانی " نہٕ مأدانِ عملَس منز۔ سیٹھہٕ منارامنی کار۔ سیٹھہٕ جی اوس پچھ نوو۔ کانٛہہ اوسُس پوٚنٛتہٕ سیٹھہٕ وَنان۔ کانٛہہ مست رام۔ کانٛہہ کینٛہہ تہٕ کانٛہہ کینٛہہ۔ اما پوٚز Majority اُسُس منارامے وَنان۔ اصل ناو کیاہ اوسُس تہٕ زانہٕ بھگوان۔ نہ پرٛژھس اَسی زانٛہہ تہٕ نہ ووٚن اُمی زانٛہہ اورِ۔ یُس رنگ کارِ اوس تمی رنگہٕ اوس منارامَس تہٕ سوٚکھ لأگتھ۔ کارِ ہنٛز کأم اُس منارام، کیمرہ مین، سنتوکھ سنگھ، چار مینار مارکہ ڈائرکٹر جگی رام پال تہٕ مقأمی ڈائرکٹر پران کشور شہرِ پیٹھہٕ ٹنگہٕ مرگہٕ تہٕ ٹنگ مرگہٕ پیٹھہٕ شہر سارنی۔ اَمہِ علاوہ بوقتِ ایمرجنسی ایکٹرن ہندی شیشہ نأری تہٕ لژھ تہٕ میژہٕ کھیاونی۔ کوہ ٹھٹھی دٕری چھُسو ہاوان۔ سیٹھ منارامنہٕ فلائینگ رانی دٟیت مُچامُن موٹرٕ تہٕ پیھتے۔ اگرٕ چھ موٹرس گرد دار وہ رکھ۔ اُڈان۔ اما پوٚز اَتھ چھوہ دارہ ان ٹیکٹ تعہ ہٕ باسہ پتلوٚن چیشٕ دَو پَننیو منزٕ اَتھ کارِ منز سفر کرٕن وِزٕ دُہہ زن نیران۔

پہ ڈُہہ چھُنہٕ ۔ پہ چھِ گرٕد ۔ یہ سہ اَکھ کارٕ ژٕ کہِ طرفہ وُزان چھ ۔ کیا زِ تہٕ کتھ؟ تہٕ
چھِ اَکھ مومولی معمہ ۔ یُس نہٕ پانہٕ سیٹھا متارامس ژانہہ فِکرہ تور ۔ فلائینگ رانی
ہِندس ڈرائیور نذیر خانن ہیکہتھ ۔ دِلدار ڈرائیور اوس ۔ گرا گاڑی تمس رٕٹتھ وان تہٕ
گرا سہ گاڑہ رٕٹھ وان ۔ تہٕ گرا دوہ شوُرے گنٕو کتھ کرٕتھ شوٹنگ ژراونی ۔

شوٹنگ سپیز ٹنگہ مرگہٕ شوروع ۔ ڈاک بنگلس آیہ رونکھاہ اَکھ ۔ ساریے
ایکٹرن ہندکن غذا یکہ وٹہ کھیون ۔ یکہ وٹہ چون ۔ یکہ وٹہ شونگن ۔ ٹھٹھہ مسخرٕ یاہ
اَسناہ، گِندناہ ۔ اڈپن " کڑک پراٹھے " پسند ۔ تہٕ اڈپن فرے آملیٹ پسند ۔
اُڈی مازہٕ کِس حقس منز آواز بلند کران ۔ تہٕ اُڈی سبزی نہٕ آسنس خلاف
پوزیشن رٕٹتھ ۔ اَکہ ہفتہ پتہٕ ہیوتُن ٹنگہ مرگہٕ تہٕ اَتھ اَندی پکھو جاین کوکرن
ہُند قحط ووتھن ۔ سہ ڈوٗ چھِ اَسہ ایکٹرو تہٕ ایکٹرسو کوکرن دیتمت زِ وُہِیہ
سپتھ گییہ تمام کوکرن ٹھوٗل پتہ ۔ ٹنگہ مرگہٕ ہندی بکین چھ توبہ پران زِ
خوداَیا یہ کوسہ بَجہ جماتھ بیتہ یوروٗ اَتھ ۔ یمو زِ چیز ہیتن اَتہ نایاب
سپدٕنی ۔ ژانہ بھگوان یہ اوسہ اَنہٕ کِس ہواہس تاثیر ۔ رِکنہ پہنسی کرٕ وری آیس
ووتلتھ زِ پرٕہتھ اَکھاہ چھُ مرُن منٕزٕتھ کھنا چنا کران ۔ تمہ آسہ یاد زِ
سنہ ۱۹۴۷ عیسوی ہس منز ییلہِ کشیرہ پیٹھ قبائلی حملہ سپُد تہٕ سانیو ہوائی جہازو
دُشمنس پیٹھ شلنگ کٔر ۔ اَسہ منز کھتی واریاہ پٔتھن پیٹھ حوفہ ہیتھ تماشہٕ
وُچھنہٕ باپتھ پننہ سپزرٕ ۔ پیاہ ما اوس نہ کیاہ گیہ شلنگ ۔ یوہے سپزرا پنہ زرا
ورتو سارو ے ایکٹرو شوٹنگ ہِندس دورانس منز ۔ کس اَس پتاہ " اِن فریم "
کیاہ گوہ و ۔ " آوٹ آف فریم کیاہ گوہ و ۔ " " سین ۔۔۔۔ وَن ۔۔۔۔ شارٹ
ٹو ۔۔۔۔ کٹ " کیاہ گوہ و ۔ " رفلیکٹر ڈاون ۔۔۔۔ اپ " کیاہ گوہ و ۔ نتیجہ دراو

یہ بِہ فلم گیہِ کم سے کمہ وُقتس منز تیار تہٕ مصالہ بہٕ گوو کمہ ضایہ سپدتھس۔

سبزرُک اوس یہ عالمہ زِ میک اپ کرِتھ اُسو اُسہ دوٚن دوٚن گھنٹن پتہٕ بُتھو اُنس وُچھان ۔ یہ اوسنہ بہانہ زِ اُسہ چھا واقعی فلمہ ہندی ایکٹر۔ اکہ دوہہ چھہ کامہ گژھان ٹنگ مگر نالس پیٹھ چھہ شوٹنگ چلان ۔ سادھو تہٕ بہٕ چھ میک اپس منز ۔ شکینہ واوہ چھہ ووکھل آمت پھٹتھ ۔ سادھوس آیہ سگریٹ ٹٲٹھ۔

" تلا سگریٹ دِ !"

" مےٚ ہا چھےٚ چار مینار سگریٹ "

" چلہٕ ہا ....."

" پچو، ہیٚوِرکُن ۔ لُکھ ہا چھہ وُچھان ۔ پننہِ کتھ چھ پننہ جایہ ۔ لوکھ چھا ایکٹر نظری وُچھان رکنہ بہٕ ....."

مےٚ پلہٕ نوو بٔلس اکس پتہٕ کنہ اُمس چار مینار سگریٹ اکھ ۔ پنُن شکس ماچس چھنہ کانٛسہ ۔ سادھوس گوو کینژھہ کالہ باپتھ مُشتھ زِ سُہ ما چھہ فلمی ایکٹر۔ میک اپ کرِتھی گوو یہ لوکن منز تہٕ اکس وونُن :۔

" خاجہ صاب ماچس ماحفن چھےٚ ؟"

اُمہ ووٚنُس درجواب ۔ "ہتا یسم کِھتیو بیچھ کانٛہہ ایکٹر۔ یمن نا ماچس جوٗران ۔ ظاہر چھکھ بیگاری ہاوان":

سادھو پیوٚ تمہ ساتہٕ ظونس زِ سُہ ما چھہ فلم ایکٹر۔ ییلہ اتہٕ نس تمام لوکو ٹھٹھہ کران اُسن ترُووُس ۔ تہٕ یہ گنی ٹکرہ مہ نشہ آو۔

"چھکھا وُچھان ؟"

"کرۄ دَم ۔ مَنٛدۍ چھاوُن کَنٛٹ ۔ ژٕ چھُیہٕ پانَس تام روزان ۔ اکٹرن
ہُنٛد ناو کوٗرُتھ بَدنام "۔

پٔنزر چھُ پرٔ پرے ۔ پٔنزٕ نوو چھنہٕ پاٚغمبَر مانٛز ہیتھ ۔ یہ چھ اَکھ صداقت
کانٛسہِ اَکِس اوس نہٕ بہان ۔ مطلب تماشہِ ہیٚنَن زِ کاشُر نہٕ ہیکہِ فِلم اکٹرٕ بٔنِتھ
مانگہِ چھَ شوٗٹِنگ چَلان ۔ سارِوے چھ پٔنٕنی پلوٚ گَنٛڈِتھ فِلمی وردی لوگمُت ۔ پلوٚ
چھ کُلِس الأندی ترأوِتھ ۔ یُتھ زِ گامہٕ مأَلاہ چھُ باسان ۔ بٔ چھُس میٚک اَپ
کرِہ نادان ۔ زٕ اَکھ گرِیسی بوِیاہ وُچھُم پٔنٕنِس کوٚٹھَس اَندی اَندی پوٚشیرنی گٔتھ
کران ۔ گابریوس زِ یہ گوٚژھ نہٕ ہیأنِس کوٚٹھَس دستی خطاٗوِ لَتھ زیٚن ۔ یہ چھُ
لَتلہِ تھَلہِ ہیأنِس کوٚٹھَس وُچھان ۔ میہٕ زِ ژٕ ڈٕ تو کتھا ۔ کوٚٹھَس ہیأنی سے چھَ
آمرِش ۔ میہٕ ترٛوو میٚک اَپ اَتی تہٕ اَمِس گرِیسی بأیِس وَونُم ۔

"کیا حَقص دلیل ؟"

اَمہٕ وَونُم "کوٗت حَقص چھُ یُتھ کوٚٹھَس دِیُن ؟"

نظراہ کرِمَس ہیرٕ بون تہٕ وَونمَس "اَرداہ ڈٔبل "

"ہا گنٛڈٕ کار تہٕ ہیٚے کوتاہ ۔ رۄپیہٕ دِمے نوٚ ۔ کیاہ چھکھ وَنان ؟"

"نصف ارداہہو کمُ تہٕ وِرنی نہٕ "

"اصلی چھُنے دڑاگَن بُتھ ہوومُت ۔ پٔرِس کوٗر میہٕ عأَن تہٕ غأَن
یُتھنُے کوٚٹھ گامہٕ مأَلِس پیچھڑ ساڑہ اَٹھ رۄپیہٕ خرید ۔ چونے ہوٚٹ ژرٛنٛ پوز
نے وَونمے ۔ کیاہ چھکھ تیٚلہِ وَنان ؟"

شرارتہٕ ہوٚت وَونمس "ہیو چارِی پیچھرِ ہند یا ۔ بٔ ہا چھُس اکٹرٕ فِلم
اکٹر ۔ یہ ہا چھ شوٗٹِنگ چَلان ۔ وُگیٹ بیک ، یِیم چھ اَسہٕ پٔنٕنی پلوٚ ، نیلامی

پکو چھنہٕ ........"

"وُچھ کیاہ کرکھ۔ تُل حفس پۆژٕ نۆ دِموے"

یہ مہربان دژاو تمہٕ ساعتہٕ پۆت ییلہٕ پننی اَکی گامی بأے وۆننس۔ "کھو گوٚے یارہ۔ نیرو پتھ۔ یم ہا چھ بمبیہٕ ہندی کأشرۍ۔ یوٚرۍ فلم تُلنہٕ آمتۍ ......"

شوٗٹِنگ گیہٕ چلان۔ فلم گیہٕ بنان۔ دۄہ بُرتھ کالچُھنس زَن اُسی اَکی سے ماجہ گبر۔ ارداہ! دۄہے پتُن گرہ وأتتھ پیوان۔ بمبیہٕ ہندی ہتھ فیصدی فلمی گبر نہٕ بلکہٕ اصل کأشرۍ گبر۔ سأنی زِٹھو کأتسو اُسی نہٕ بمطابق رول اَتھ گرس منز۔ یہ اُسی بمطأبق وأتس۔ یہ آسن پزہ۔ اَسہٕ وُنہ دہانہٕ شوٗٹنگن نہٕ اَسہٕ وِنہٕ دہانہٕ وۄہ تھُن۔

ٹنگہ مرگہٕ ہنز نیر۔ نائٹ شوٗٹنگ چھ۔ سین چھُ میانہٕ مرنکُ یہ چھُس لیفہٕ منز شانڈہ گنڈِی جوراہ شانڈ دِتھ۔ کانگرٕ ہنا چھُم بسترس منز میہ اندی اندی چھ فلمہٕ ہندی ترِپہٕ اہم کردار۔ ہیرو اُمکار ایمہ۔ ہیروٗئن مِہ نہٕ ہیروٗئنہٕ ہند بوے سومناتھ سادھو۔ لسہٕ کُس نہٕ مرہ کُس۔ یمن تر اشوُن چھ سیڈریکو پأٹھو تیر سیتو دَند وَزان۔

"ہیو بلایہ ہا لگوے۔ تلا مرنہٕ دُوان دُوان۔ اُسی نہٕ ہا کرہ ہتو وُشنیراہ۔ پانہٕ چھُکھ مرس منز لیفہ اندر بہتھ۔" یہ وۆن سادھوُن۔ نظراہ کرِتھ وۆنمس۔ "سوٗماسہ دوست آں باشد کہ گیرد دست دوست۔ در پریشان حالی و درماندگی۔ پھرہ بٹے مُت چھے! میہ چھُم مرُن۔ بجایہ ہمدردی چھُکھ دپان میہ دُوان مر۔"

سادھوٗ تن دِژ ڈیکس ژُنڈ تہٕ ووٚنُن۔

"ہیٚو اَسہِ ماتھوٗ منتھ زِ مرُن چھُے۔ اَسہِ ہاگیہٕ تیرتھ سیتو لگہٕ۔ نیرو نیبر۔ سہٕ کُسو خوش نصیب آسہ یُس چانہٕ جایہ یتھ تیرتھ گنڈ کارس منٛز لیفہٕ اندر ٹنگہ مرگہِ مرہٕ......"

اُمی سُندیہ وَنُن زِ میہ کوتاہ چھُہ اوسمُت۔ امی اَسہٕ وِنہٕ ہیہٕ بجہ اُس نیٚندرِ بیوان۔ نہٕ افتابکُ بُتھ نہٕ اُسی اَسہٕ وُنی چانٹھ وُچھان۔

"صاحب، صاحب، بڈٕ ٹی جناب! علی الصباح اوس خانٕ سامان بڈٕ ٹی ہیتھ وانان نہٕ دروازس ٹھُک ٹھُک کران۔ اَدہ سأ نہٕ کأشر نیٚندرٕ۔ اَکھ نیٚندرہ مانیرہ جورہ نہٕ کُنہٕ۔ ژرِیتھ اَکھاہ ہُشیار اُسیتھ نہٕ شونگ لاگان۔ ژاران اَکھ اَکس زِ کُس مُژراوہ دَروازہ۔ سنتوشن چھُہ سأنٛزِ سے کمرس منٛز شونگتھ۔ اُمہ چھُہ لیفہٕ اندر پننِس پانس سَرفہ رِژنہٕ اَر بناوِمُت۔

"حضور! بڈٕ ٹی"۔ خانٕ سامانہٕ گوو دَروازس ٹاس ٹاس دِوان۔ سنتوشن کھوٚت شرارت نہٕ کٔژھ دِتھ ووٚنُنس۔

"ہے گوو کیاہ سہٕ سانہٕ حقہٕ، چھِنہٕ سہٕ بڈٕ ٹی تکار۔ زن اوس بَب سون تہٕ بڈٕ ٹی چھِوان۔ نیٚندرہ کامُن کرُوہ" مہٕ مُقابل دژاو سادھوٗ۔

"ہے خانٕ سامانہٕ بابہ۔ ٹھہراو کرسہٕ۔ بڈٕ ٹی ہسہ چھُہ فلم ایکٹرس صنوبری چیز آسان۔ یہ مازانہٕ۔ اُمس نہٕ چھُہ صنوبری چیز۔

سنتوشن کوٚڈ کلہٕ لیفہٕ منٛزہ تہٕ دوٚنُنس۔

"چھُمہٕ نہٕ۔ ہرگز چھُمہٕ نہٕ.....!"

"چیز چھُے۔ نہٕ صنوبری چھُے چیز!"

" بلکُل نہٕ۔ مُطلق نہٕ "

" ہیوٗ رٕتہٕ کُسٕو۔ چھیٚٹھ اُسہٕ تیٚلہٕ فِلم ایکٹرن سیٚتۍ شوٗٹِنگ۔ تہٕ نتہٕ أندی نہٕ .....! "

" اَدہٕ یتیٚلہٕ قونوٗن چھُہ۔ بہٕ کُس گوس تیٚلہٕ پھُٹراون وول !" یِی وَنان دْراو اَسان اَسان سنتوش اُچھن موٗرِن دِوان دِوان بِسترہٕ منٛزٕ نیٚبر تہٕ خأنٛی سامانس مُژرِن ہانٛکل۔

پرٛیٚتھ شام اوس اَسان نہٕ گِندان لوٚلہٕ پنٕنہٕ ساوان تہٕ پرٛیٚتھ صُبح اوس اَسان نہٕ گِندان پانس سیٚتۍ کامہٕ کرٛان۔ سأنٛس خوانس منٛز چھُنہٕ پنُن تہٕ پرُد الگ الگ ویندُن زَن اوسُمُتُے۔ نَتہٕ اُسہٕ اُسہٕ بمبیہٕ ہِندِس کارِہ گرن تہٕ ماہرن سیٚتۍ کأم کرٛان۔ اَما پوز تِم آسہٕ اَسہٕ نِکھہٕ تبوٗات زٕسانہٕ ورأے اوس نہٕ تِمن دِل لگان۔

سوٗرج نرائن زٕکوٗ یِمس اُسہٕ کوٗنڑھ رأنٛچھ سوٗرجا وَنان اُسہٕ۔ اوس اَکھ واحِد نفریس سأنٛس اَسہٕ نِش گِندنس بُرزٕر اوس کرٛان۔ بمبیہٕ ہِند عملہٕ اوس اُمی سٕنٛدِس چاٹن پیٚٹھ سیٹھاہ خوش۔ بذاتِ خود سیٹھ صاحب نہٕ۔ یِتھہٕ زِ بیہٕ تھوٚد اُمی دیگر کامہٕ علاوہ ریچِنگ مینیجر تہٕ۔ گانٛٹ کوٗرُن مازحوالہٕ نتیجہ دْراو یہٕ زِ یورٕہ اُسہٕ داہ کھہٕ کر ریچِنس کُن برٛوبر وُہُہ[٢٠] زنگہٕ ہیٚتھ روانہٕ پیوان کرٕنہٕ۔ تورٕہ اُسہٕ پیمٕے کھہٕ کرٕ نوٚرے زنگہٕ ہیٚتھ پوٚت پھیران۔ اَما پوز وَنہٕ ہیٚس کُس کیاہ۔ وُچھان وُچھان گٔو سوٗرجہٕ بُنٛتھ۔ اُمی کوٗر شہٕ رنگ زہٕ اُمی سٕنٛدِس بُتھِس چھُنہٕ نظر دِران۔ اُتھی منٛز چھُہ سیٹھس اَکہٕ دوہہٕ گرٕہ گژھُن بمبیہٕ۔

سوٗرجہٕ اوٚنُن ناد دِتھ تہٕ دوٚپنس " فلائینگ رانی " منٛزٕ کلہٕ نیٚبر کڈِتھ۔

"سورج جی ! میرے بعد کسی کو شکایت نہیں ہونی چاہیئے کھانے پینے کے معاملے میں ۔"

سۄرج وۄتھس درجواب اداکٲری سان۔

"سیٹھ صاحب ! آپ کو گھر جانا ہے۔ آپ بے فکر رہیں۔ جب ہم ہیں تو کیا غم ہے۔ صرف مُرغا پکے گا۔"

نذیر خانن کڈ گاڑی۔ سۄرجن تُل سیٹھس ٹاٹا کران بٲتھاہ "گائے جاگیت ملن کے تو اپنی لگن کے۔ سجن گھر جانا ہے"

سۄرجہ تہٕ سیٹھ۔ یمو اُسہ پانس درمیان تمام فاصلہٕ ختم کٔرمٕتۍ یمیس ہُند ہمس وراۓ وار یوان تہٕ ہمس ہُند یمیس وراۓ۔ یمہے اُس کیفیت سانہٕ تمہ تمام خاندانچ یُس ٹنگہ مرگہ بُتھ اوس۔

سیٹھ آو واپس تہٕ سۄرجہ تہٕ دژاو پنُن گرٕ کُن۔ پنٕنہ نین بچن ہُند تھاہ دُچھنہ۔ گرٕ چھُن اوسُس ترٛین دوہن پیٹھ۔ اما پوز یہ آو دویمی دوہہ واپس۔

"ہیو ژٕ رکھوزٕ آکھ دوٲنی واپس۔ ژٕ وِتھ ما آکھ گرٕ۔" میہٕ وۄنُس

"ہا نسہٕ"

"کیتھ ؟"

"وۄنہ کیاہ سہ وَنُن چھِمہٕ تگان۔ ٹنگہ مرگہ ہٲے گرٕہ عادات خراب۔ گرٕ چھُنہٕ دوہ ذی دِلے لگان۔ راتھ ہنزٕ نزدیکہ بجہ گوس گرٕ ہُشار۔ اَڈ نیندری چھُس کرٕیکہ کرٕیکھ کران۔" خاذ سامان۔ بڈ ٹی جلدی لاؤ" پھرس یپلہٕ تہٕ کانہہ جواب چھُ دوان۔ اُچھ مُتز ریم پوٕرہ۔ شاندس پیٹھ میہٕ آشینز

گُڈے گنڈ ِتھ وُچھان :

" ہے کیاہ گوم تہِنز ماپچھوہ کھوڑی ہیتو گژی ہیتو ؟"

" وجہ ؟"

" بیٹھ ہے تہ ہی نشس چھُ شوٗٹنگ یتھ ۔ آلوٗ آلوٗ کنھ چھُ ووس کران "۔

میہ پیو ظوون زِ سوٗرج ٹنگمرگ چُھکھ ہنہ گرہ چُھکھ ۔

در جواب ووٚتھس ۔" یہ اوسس فلمہ ہند ڈائیلاگ یاد کران ۔شوٹنگ لگے

گاش پھوٚل ۔ نو ہنہ بجے یہ ۔ آسنہ اوٚن بتہ بروٗنہہ کُن ۔ ہاکرنمن کرم

نظراہ ۔ ڈیکس کوڈم ٹاس تہ وَزنہ وائلنجہ دِرِم گژھاہ ۔" سوٗرج ! لعنت ہے

ایسے مُقدر پر ۔ کہاں مُرغِ مُسلم اور کہاں یہ کرام دا ساگ ۔ چل واپس ٹنگمرگ ۔ بیاہ

چھُنہ ووہ نی ساگ رٹانی "۔

" گوٚ اوٚرے آکھ ژہ دوانِے واپس "۔ میہ ووٚنس ۔

" اَہن سا واریے آمتہ گرہ ۔ اَز کیاہ سُنا چُھکھ ینیتہ سیٖن رومت ۔

اَکھ آو گرِ تنگ تہ پوٚت پھیوٗر ٹنگہ مرگہ ۔ بیاکھ اوس یژھان ٹنگہ

مرگی بہن ۔ اَمابوز حالاتو کوٚر مجبوٗر گرِہ بہنس ۔ یہ نفر اوس اومکار خزانچی المعروف

حسرت ۔

اُمِس ہاو فلمہ زندگی ہنز بدہ ژیچھاپی ۔ اُمِس آو وَننہ زِ یہ ہے چھے

فلمہ منز ہیرو ینہ ہندس مالی سند رول ادا کرُن ۔ تالہ ہسام پینی کھوٚر ڈالناوٚن

شوق ! کالہ کالے ڈالنوو خزانچین تالہ کھوٚر ۔ ٹینڈ کلہ ۔ نصیبہ بد ۔ اُمر ڈالنوو

کلس کھوٚر ۔ پیاری ووٚنہس ۔ نسہ ژہ کرِکھ نوکرہ سند رول ووہ نی ۔ بڑ ہاکھو گوٚد

تالہ کھوٚر ڈالِن زیاچھُس مول مودمُت یا ماجہ ۔ بہرحال اُمِس دیت جانی دوس

سۄرچِن مشوٚرٕ زٕ اومکارو ترٟین دوہَن ہا شرٛیپھ زٕ گرِی۔ رۄز پبلسٹی سعہ ژٲو میہ پیچھ۔ مول پچھٕ مۄدمُتُے نوٚہ سٕرٕ مارونے۔ دٕپوکھ اصلی ہُسہ مۄدُس اَزِ۔ یَیرٕت تہٕ روزی نتہ کرِنے فلمی ایکٹر زٕٹ۔ اومکار رۄد گرِی۔ سۄرچہٕ رۄد کوچہ گُلس پیچھ پرٕ ہیتھ زاگٕنز کارِس وَنان ــ "یییتمس ہسہ اومکارس بچارِس پتاجی گوس سوٚرگہ واس"

لۄکھ گیہٕ حٲران زٕ اصلی مول کرٕ مۄدُس۔ اماپوز وَنہٕ کَس کیاہ؟

اداکٲری کوٚرُس حل مُشکل۔ اماپوز اَمِ سِندرِ دُعاے بدن ماکوٚڈ پران کشوٚرِس ساڑن پانژن گھنٹَن زُو۔ لُچھس وَریس رۄزِن موجوٗد!

موتہٕ کہ سینہٕ (Death Scene) باپتھ ما پیہٕ اَمِس فِلمہ منز ساڑَن پانژن گھنٹَن در عذاب روزُن۔

فِلمہ ہِنز شوٗٹنگ۔ یِیتہٕ سانہٕ باپتھ اَکھ رنگین زندگی نہٕ نوٚو تجربہٕ ہیتھ آیہٕ۔ تَتہٕ اَرن نہٕ سانہٕ باپتھ کم عذاب کینہہ تہٕ۔ سگے لارڈ ہوٹلس منز چھ "بار" سینچ شوٗٹنگ۔ وِلنس سیتھ چھُ اَکھاہ زارگندان۔ بیاکھاہ اَمس اَتی کھووِرہ طرفہٕ دٕرہیتھ پاٹھسہ کھینہٕ باپتھ دلبری کران۔ یہ اَکھاہ اوس نہٕ بییہ کانہہ بلکہ سون اَکھ نوجوان ادیب نوٗرشاہ تہٕ بیاکھ اوس علی محمد لون۔ دوہشہ ورٕنی پچھ ہُنتھ ییمے اَمبرکہ زُونہٹھو ہی۔ ہُہ ییتمس ڈپشہیتھ دوشلان تہٕ یہ ہارِس ہُمس ڈپشہیتھ۔ مُکھ چھ بسیار سہے متہٕ۔ نوٗرشاہ ووتھ کیمرہ مینس کُن۔ "کیوں جی ہوگیا نا۔ ہم تو یونہی آگئے تھے۔ رات کے ڈیڑھ بج چکے ہیں۔ ہمیں گھر والے ڈھونڈ رہے ہوں گے۔ کیوں صاحب ہوگیا؟"

کیمرہ مینَن وُونُس زامناہ کرِتھ۔ "بیٹھے رہیے ہو جائے گا۔"

تومَن زون بہتر چھُ ژھوپے کرِنی۔ فکرِ توٚرُس نہٕ عذابہٕ نِشہ نجات

لۭبِن چھُ فِل حال نامُمکن۔ ظاہر اوس سوچان آیوسی کیاہ زِ ـــــ ہا ہہ؛ ژرٕ ٹ تو
کھتاہ۔ اَز ما چھ گیلاڈ ہوٹلس آمُت۔ سون ہیرو اومکار آیہ کس نام سیٹھا لڑائے
ژُوان۔ میہ رٕنیہ دور تہٕ سادھوٗیَس پرُژھُم۔

" کہو دلیل؟ سُہ ما کہو دلیل؟ "

سادھوٗ، وُچھُم فقط اُسان اُسان نیلہٕ گرٕھان۔

" کہو دلیل وَنو؟ "

ٹھاٹھا کرِتھ اُسان ووٚنُم اُمی۔

" ایمہ ہا کھوٚت بعہ پیٹھ ہیور گرپسہ میک اَپس منٛز۔ یینہٕ لبھ
نادیوو اَکی جنٹلمینَن۔ وَنان چھُس۔ ہیا گریسو بیاہ۔ کوتو؟ چھکھ پیٹھ پیٹھ کھسان
ڈنگرا نیر وُنیر" ایمہ ہس ہا کھوت عوہ میہ تہٕ ووٚننس۔" وِل یہِ شٹ اَپ۔ بُلڈی
فول۔"

" جنٹلمین آسہ رس کیسر گومُت": یہ ڈیشتھ زِ گرِ دیاس چھ توت
انگریزی بولان۔ میہ ووٚنُس۔

سُہ مَن دوٚن ـــ" ہا تسے ہاٹ فیل گیوو۔ ییلہٕ میہ ووٚنُس زِ حوصور
یہ چھُ ہیرو سانہٕ فلمہ ہُند میک اَپس منٛز"

ہیروئنس تہٕ اُمس (سادھوٗیس) چھُ لال جوکر مُنزٕ پکُن دوہلہٕ
گامی میک اَپس منٛز۔ سپن چھُ یہ زِ یم چھ گامہ پیٹھ شہر آمتی۔ وِلنس ژھانڈنہٕ
کیمرہ چھُ ہوٹلس منٛز فِکس۔ کیمرہ گژھہ وآن۔ یم دوشوٕے چھ مُرس منٛز۔ یُکو
مُنزٕی پکان۔ وَتہٕ پکہ وِرس چھُنہٕ کانٛہہ اَکس اورکُن ظعہن زِ شوٗٹنگ چھ چلان۔
سپن چھُ نیچرل طریقس پیٹھ چلان۔ اُکھو منٛز گیہ زودرہ کرٕنکھ "ہیو کانٛہہ اکھ ژورا"۔

خبر کٔمِس جانہٕ نرگسس پےٚ لۄگمُت۔ ہیرو ژوٗل ہوٹلس منز۔ سادھو روٗٹ وار بایہو نفرو۔

"ہیوہ ایکٹرٕ ہا چھےٚ۔"

"کھیٚیو وۄسو ژادر"

"نبا دلیپ کمارس دِیہ واقعی پاٗزار"

اَدہٕ کیاہ ہیوٗت ہے ژادرِ لمٕن تہٕ سوٗمہٕ زارہٕ پارہ کران۔

"ہے ہے۔ بلایہ لگوہٕ ..... یہ ...... یہ ..... یہ .....

یہ چھوہٕ نہ میہ پنٕنٕز ژادر ۔ ہے وہ نِ کیاہ"۔

وکھ گوو گذران۔ فلم گیہٕ بنان۔ موخرووت سہٕ دوہ ییلہٕ چشمہ شاہی فلمہٕ ہند آخری شاٹ تُلُن چھُ۔ اَمہ ساعتہ چھہ فلمی عملس تہٕ ساماننس حالت یہ۔ منارام سیٹھ پونسہٕ موکھ چھہ رنتہٕ گومُت۔ ڈائریکٹر جگی رام پال، جگی رام پارے یوت۔ ڈائریکٹری مُشتقہٕ گاٗمرِ۔ دِپان اَمس بچارِس عمرِ کُتو کُتو اکوتےٚ گومُت۔ ریکارڈنگ وین ہمے عملہٕ بمبیہ منز۔ کیمرہ واپس، بمبیہ بمے ساونڈ ٹریک۔ ریفلیکٹر مین۔ دوابس بمبیہ بمے رفلیکٹر۔ یہ ہنٕز جاے کرٕ میہ۔ پران کشور۔ اومکار اَیمہ تہٕ سوٗرجن پوٗرہ۔ سگرٹین ہندن روہ یہ ورقن بناوی سوٗرجن رفلیکٹر۔

بس دلدار سۆن کیمرہ مین۔ "سنتوکھ سنگھ" یُس کیمرہ ورائے اَسی سپتو بویٔلھڈ۔ اَمہ وُن سردار ہمت نہٕ ہاران۔ تِچھ تِچھ کرٕتھ کوٗر سنتوکھ سنگھن تہٕ پران کشورن کتہٕ تام ایری فلیکس کیمرہ پیٹھ تھتھ دوٗ صلول۔ آخری شاٹ زندہ باد۔ ادہٕ کیاہ تھٕتو دوٗنچھ زٕ فلم ہاٗ گیہٕ مکمل۔ سیٹھ صاب اوس خوش۔ اما پوٗز اَسو نہ کینٛہہ تہٕ کیا زہٕ اَکی خاندانکو باٗژ ہی یوہ سہٕ زندگی اَسو ملنگہ مرگیہ گذاران اَسو۔ تمیک اوس بڈٕ سخ پھیران۔ زٕن تہٕ ماجہ نشہ زبردستی

کانہہ اولادَس جُدا کران اوس۔ اُسی ساری اُسی نیرُن وِز ڈاک بنگلس
نظراہ کرِتھ۔ پرآن تہٕ سوٚرتِچ وُچھ مہ اُمہ وِزہ تہٕ اَنٛد کُن مُدئے گَنٛڈِتھ
رٕکچِنس کُن وُچھان تہٕ ووشُس ژاوان۔

# بھاَرتی

یۆدوَے اُسہِ چیپدرٕ چیپدرٕ کاشرِن افسانَن

ہُند لِسٹ تیار کرَو سُہ چھُ "تیہہ" "شکست" تہٕ "آبنوسکُ

رٕوُلر"، جگرِچ مشِ"، ہلہٕ ہُہ دِہہ" افسانوَ روِس نامکمل۔ تہٕ

ہیم ترٕیشوَے افسانہٕ چھِ ہردے کول بھاَرتی ین لیکھمٕتۍ۔

بھاَرتی شُند زاسنہٕ چھُ ۱۹۳۷ء۔

بھاَرتی سُنٛز کانٛہہ کاشُر کتاب چھَنہٕ وُنیکھ تام

چھاپ خانہٕ مَنٛزٕ دراٚمٕژ۔ کینٛہہ افسانہٕ چھِ وِزٕ وِزٕ مختلف

رِسالَن مَنٛز چھَپان رٕوُدی مٕتۍ۔ بھاَرتی چھُ وُنی کیس

نوٚہ دِلہٕ آل انڈیا ریڈیوکِس کاشرِس سیکشنَس مَنٛز

کاٗم کران۔

•

هردے کول بھارتی

# آبنو ماسک رٔٹ، جگرٕچ مش ملہٕ ہنٛد دٕہہ !

واے ! ہُمہ کپٕر ملہٕ ہنٛزٕ چِھ زٕن چھِم تٕرِتھ گژھان۔

اَکھ ہتیچ !

وُنہٕ دٕہہٕ ہہ زٕ ۲ پچھٕ بٔنیہ۔ دوٚیم آسہٕ اَمہ کھوتہٕ زیٛچھ تہٕ ترٛیِیم تمہ

کھوتہٕ تہٕ زیٛچھ۔ سیٖٹھی تژاوِن کپٕر ملن ہنٛزٕ ییمہ تھٔرٕ چھُمنہٕ دٕہہ لمبکھ۔

دٕہہ ، واریاہ دٕہہ۔ سورُے اَسمان گژھہ دٕہہ داوٕہو۔ بہٕ چھُس

ژوٚرٕ رمہ پورکِس پشِس پیٹھ شوٚنگِتھ۔ ییٚتہٕ نٔس تہٕ چھُم نہٕ صاف ہوا۔ کارخانٕ

ہنٛد یہ دٕہہ چھُ سارِی ہیٚیہ ہہ ہَس منٛز ریلوٕمُت۔

کوٗیلہٕ دٕہہ۔ ڈیٖزل دٕہہ۔ پیٹرول دٕہہ !

مے گوٚژھ نہٕ دم گژھُن۔

وُچھ ہہ گجرٕاتی زنانہٕ کتھہ پٲٹھی چھہٕ مَس شوٚنگِتھ۔ اَمِس چھُنا

ییٚمہٕ دٕہہ سیٖتی دم گژھان ؟ اَمِس چھُ حال۔ ییٚتہٕ گژھہ وارٕ وارٕ !

"ہریشا۔ وۄہتھ سا گوٚبرا۔ ووٚہتھ سوٚکوٗل چھےٚ نا گژھُن ؟"

"ہا وُنہٕ ہیٚے چھہ شُل۔ وُنہٕ دِژ ملہ گوڈٕ نیچ ہہ چِھ۔"

یہ چِھ کرسنا گژھہ ختم۔ دوٚیم چِھ آسہٕ زیٛچھ تہٕ ترٛیِیم اَمہ کھوتہٕ

تہٕ زیٚپھٹھ !

" وۄتھ ساُ گوٚبرا وۄتھ ، وُچھ پتہٕ چھےٚ بانبر پیوان ، راتھ آسے

اَجہ کتابہٕ ییٚتیتھ مٔشتھ گأمژٕ ۔"

یِتھہ پٔتسٕ کأتِ پٔتس چھہ دُچھنہٕ کھوورِ پیٚمہٕ دیوارٕ ؟ اَکھ

اَکِ سٕنٛز کتھ بوزٕنی گیوو توتہٕ کتھا ، انسان چھُنہٕ چارپایہٕ پیٚمُٹ وۄتھان گژھتہ

چھُس پیوان نظر دُچھنہٕ کھوورِ پٔتنہٕ پیٚمُٹ ۔

وۄنی وۄتھہ ہرٛیٚتس بسترٕ منٛزٕ ( یہٕ دیوار چھُ تسنٛدٕ قدٕ کھوتہٕ

تہٕ پٔتس ) گوڈنیچ نظر پیٚیس مےٚ پیٚمُٹ ۔ بہٕ لاگہٕ نیٚنٛدرٕ تمہٕ ساتہٕ ۔ چھُنہٕ کیٛنہہ

مگر مےٚ باسان ژوٚرتس پیٚمُٹ زٕن نیٚتھہ نوٚنےٚ شوٚنگتھ چھُس ۔ خبر مےٚ کیازٕ

باسان یہٕ ؟

مےٚ ماچھہ حاٗل ۔ یوٚت تام مےٚ تہٕ گژھم وارٕ وارٕ ۔ مےٚ تہٕ ییٚلہٕ نیٚنٛدرٕ

وۄتھوٚن ۔ دوٚیمہٕ طرفہٕ کٕہ پٔتشچہ اُمس مدرأسۍ کورٕ پیٚمُٹ نظر چھہ پیوان ۔ اُمس

چھُنہٕ کہیں باسان ۔ یہٕ چھہٕ اورٕ ٹھٹرٕہشِ وُچھان زٕن بہٕ " بہٕ " چھُس نہٕ ، زٕن

چھُس بہٕ ٹایمٕ پیس ، یِتھہ یہٕ وٚکھ وُچھان چھہ ۔ نتہٕ زٕن بہٕ کلنڈر چھُس یِتھہ

یہٕ دوٚرِ تأریخ وُچھنیچ کوٗشش کران چھہٕ ۔

خبر مےٚ کیازٕ اُمس کُن وُچھتھ لوٚکچارُک سہٕ آبنوٗسُک رۄولر یاد

پیوان ۔ ترشہے کٕہ ہنہٕ پٔرنچ گول گول تہٕ چمک دار ۔

خبر سہٕ رۄولر کوٚت گیوو پتہٕ ؟

خوٚشِ اوس کران تمہٕ سیتۍ کاپی رٔرکھ دِنہٕ ۔ اوٚنگجہ منٛز اوس

پانےٚ پھِرہ نیرتھ گژھان ۔ پٔشُل ، چمک دار ، گژٕھن ، گول ، ہٕمس مدرأسۍ کورٕ ہیوٗ ۔

اگر یہ بوزِ اُمس کُن وُچھت ہا چھُ مےٚ لوٚکچارُک آبنوٗشک رٲولر یاد پیوان۔

اُمس ماچھ خبر مےٚ کوتاہ ژُھٹھ اوس سہٕ۔

سہٕ کوٚت سناگیوو پتہٕ؟ خبر اَز تام کیازِ پیوٚ نہٕ مےٚ سہٕ یاد۔ اَز تام کیازِ چھیوٚر نہٕ مےٚ تمیُک۔

کُس آبنوٗشک رٲولر۔ ہُمس مدرٲسی کورہ ہیوٚ۔ پتُھل۔ چمک دار رکٲہمن، گول۔

"ییمن کٲشرِن کیاہ چھُ رنگاہ آسان۔"

"مرضیہ چھُھیہ۔ یہ زَن بوزی؟"

"ہا یہ رِچارہ خرہیوٚ ہیوٚمُت، اُمس اگر نگارہ تہٕ وایُو شاندس پیٹھ تہٕ گژھہ نہٕ ہُشار"

مےٚ زَن چھہ یوٚت ییتھ نیندرِ رے گجمرٕ۔ واریاہ کال گوٚو مےٚ نیندرِ کرنس ـــ 'خرہیوٚ پینس'

اگر بہٕ وُنی اُچھ مژٕ راوہ؟ اوہ؛ توتہٕ گژھہ نہٕ رٲہیس۔ یہ آبنوٗشک رٲولر۔ وُچھ اورہ رتھ پاٹھو زَن ٹایم پیس وَکھ چھُ وُچھان۔ نتہٕ زَن مالہٕ دٕہہ لَدٕ کلنڈرس تارٲیخ وُچھنچ کوٚشش کران ـــ تہٕ مےٚ باسیہ زَن ژٕوٕرتس پیٹھ نیسھ نوٚنے شوٚنگیتھ چھُس۔

"ہرتیشا۔ تکہٕ باوہ یتھ تہٕ وہٕ زی۔ وُچھو ہِلہ ہا دِژٕ دوٚییم رِخ تہٕ پنٕتہ ہا با گژھی ژیرٕ۔"

دوٚییم رِخ!

ترییم آسہ اُہر کھسان تہ زیٹھ۔ یہ ہیچ، زَن جگرہ کین تحن

مِش چھُ اُژان۔ وارِیاہ مِشہ ـــ کرِ نا بہٕ ژاس؟

دٕہہ ہُریوو اسمانس پیٹھ۔ ووٚنی ہیوٚن نابسہ تہ پکنہٕ۔ ووٚنی

زٕلہِ اُتھ دٕہس سیتی گرد تہٕ۔

سگریٹ دٕہہ سیتی چھُ کینسر گژھان۔

یتیمہٕ دٕہہ سیتی چھُنا کہیں گژھان۔

یہ دٕہہ۔ یہ گرد!

کویلہٕ دٕہہ۔ ڈیزل دٕہہ۔ پیٹرول دٕہہ ـــ وارِیاہ ـــ

وارِیاہ دٕہہ ـــ دٕہہ اسمان۔ مےٚ گوٚژھ نہٕ دم گژھُن۔ کرِ نا بہٕ ژاس

یہ سورُے دٕہہ کڈٕن واپس۔

اَما یوز چھمہٕ کیاہ؟

بتیہ یوٚہے دٕہہ۔

یتیمس ہرِ شِس رکتھ پاٹھو چھُ یتھ منٛز نیٚنہٕ ریوان؟ یہ ویٚتھ

گجرٲتی زنانہٕ رکتھ پاٹھو مس شوٚنگتھ؟ ـــ ییمن چھُ حال مےٚ تہ گژھ وارہ

وارہ!

خبر کر گژھیم؟ خبر کر گژھ بہٕ سوی؟

"اخبار"

ژھٔنس بلاے۔ شتکس وَسہ کھالنہٕ۔ مےٚ چھُ خبر اَتھ کیاہ آسہ

لیکھت۔ از آسہ امریکہس منٛز جبشوٚ بتیہ مظاہرہ کوٚرمُت۔ بتیہ اُسن کینژو ژھٕنیو

جبشوٚ سفید گوٚرن ہشرہ گولہِ کھےٚ مرٕ۔ بتیہ آسن کینہہ چھوکہٕ لدگامتی۔

سُہ آبنوٗسُک رٕولر، سخ، مضبوٗط تہٕ ٹھوس جسٕمس ہیوٗ۔ کرٕہُن
پشُل، چمک دار، گول گول، ہٲرِس مدرٲسی کورِ ہیوٗ۔ ییلہِ یہٕ اَسان چھُ زَن آبنوٗسُک
رٕولہ، سفید کاغذَس پٕٔٹھ دِوان دِوان۔ نژان نژان وَسان چھُ۔

سفیدس کمُہ سَنا وَوّن ژٕہ چھکھ عظیم؟

"یِمَن کاشرِ چھُ رنگا آسان"

ییلہِ میہ واریاہ دٕہہ اندر گژھ بہٕ زردہ پانٕے۔ بہٕ کرٕتھہنہ تہٕ تمیُک
تاوٕ ہش۔ چوٗرُچ تالوٕ پٹ ہش۔ گرٕیسہٕ منٛز لیٛتھٕ وٕمت سٮ۪ٹھاہ غارٕ اہم تہٕ غٲر
ضنوٗرٕوری پرٕزٕہ۔
اَتھ تہٕ آبنوٗسَس کٲژاہ فرق چھَ؟ واریاہہ زمین تہٕ آرن

یہ بیمارس تہٕ صحت مندس چھہِ۔
ہُہ آبنوٗسُک رٕولر وُچھوٗ میہ تیلہِ تہٕ ریتھَے یاُٹھو۔ زَن ٹایم
پیس وَکھ چھُ وُچھان۔ نتہٕ زَن کلنڈرس تارٕیخ پرٕ رنچ کوٗشش کران۔
خبر سُہ لوٗکچارُک، آبنوٗسُک رولر کیازِ چھُ میہ اَز سَخ یاد پیوان؟
ز آسہٕ جہازو جٹ (Saber) سیبر، ترکی ـــــــــ
بیٚنیہِ سابیپرسَس پیٹھ بمبارٕی کرٕرِ۔ ڈٲپان ییلہِ جنگس منٛز کاتھہ سیاہ گولی
لگِتھ چھہ رٕ چھہ رٕ چھُ کران۔ سُہ چھُ اکِ ہسے اکِ ہسے سیتی باٗجس زارٕ پارٕ
کران۔ میہ کرٕتو گولی لاٗیتھ ییمہ عذابہ نِشہ آزاد تہٕ اگر ہاہمتھ آسس تیلہِ
باُزی پانس پانٕے "عذابہ" نِشہ میہ کلاوان ـــ بہٕ کیازِ چھُس نہٕ ژٕھتھ، ترأشتھ
جَل جَل ییمہ بجہ مشینہ ہُند ییمہ بدٕلہ کارخانک سٮ۪ٹھاہ لوکٹ تہٕ غٲر اہم پرٕزہ
بنان۔ گرٕیسہ منٛزہ لیتھ وُمت۔ میہ کر گژھ ییمہ سارِ چی حاٗل۔ بہ کرٕ گژھ سوکرٕ

مےٚ گٔیہِ وو نیٚندرِ کرنس واریاہ کال۔ 'خرہیوٗ پیٚنس'

شُکر! یہِ چھہ ترٛیٚیم تہٕ اٰخری پَچھ۔ سارِوے کھۄتہٕ زیٛوٗٹھ پَچھ

اَمہِ پَتہٕ گژھہ ژھۄٹہٕ۔ صرف روزٕ دِہہ۔ واریاہ دِہہ — دِہی اَسمان!

●

# خیال

ناو :- غلام نبی ، ذات : میر ، تخلص : خیال

بسکین :- مشالی محلہ سرینگر ۲

زاسنہ :- ۴ ، مارچ ۱۹۳۶ء

کتابہٕ :-

(ا) شاعری

(۱) رُباعیاتِ عُمرِ خیام (ترجمہ) چھاپ ۱۹۶۰ء

(۲) "پراگاش" چھاپ ۱۹۶۱ء

(۳) زنجوٗرِ ہند ساز چھاپ ۱۹۶۲ء

(ب) نثر

(۱) پوئیٹکا (ترجمہ) چھاپ ۱۹۶۱ء

(۲) کاشرِ ہُنار (مضموٗن) غاٗر مطبوٗعہ

(۳) سائنٕز شاعر (مضموٗن) " "

(۴) زوٗن تارکھ (دلیلہ) " "

(۵) میڈیا (ترجمہ) اکھ ڈراما " "

پیشہ :- صحافت۔ اڈیٹر، پرنٹر پبلشر "وطن" سرینگر۔ امہ برونٹھ چھ "محاذ" (اخبار) کونگ پوش (میگزین) تہٕ گلریز (میگزین) بیترِ ادارَن سیتھ تہٕ وابستہٕ روٗدی متۍ۔

ارسطوٗنہٕ "پوئٹیکا" منٛزٕ کینٛہہ ورق

ترجمہ کار:- غلام نبی خیال

# ٹریجڈی کیاہ چھُ؟

شاعری آیہِ وۄنی لیکھارین ہندِ پننہٕ کردارہ موٗجوب پانٛنی پانٛنی دۄن وکھرٕ قسمن منٛز باگرنہٕ۔ یمن سنجیدٕ تہٕ اعلا درجک مزاجٕ اوس تیمو ژار پننہٕ نقلہٕ خاطرٕ تھدِ پایہِ کین کردارن ہنٛز حرکژ تہٕ تہندی بہادرانہٕ کارنامہٕ۔ اکھ مقابلہ کرِ ہلکہ مزاجٕ والیو بدذات تہٕ ذلیل کردار پیش تہٕ طنز لیکھِک۔ یہِتھ پاٹھۍ زن بروٗنہم شاعر دِو تیٚمن قصیدہ اُسی لیکھان تہٕ بڈین مہاہنوین اُسی تأریف کران۔ طنزی نظمو منٛزٕ چھِنہٕ اَسہِ برونٛہہ کنہٕ ژترٕ کانٛہہ نظماہ یِوان ہومرس برونٛٹھ لیکھنہٕ آمژ۔ ممکن چھُ زِ یژھ وارِیاہ نظمہ آسہِ ہن لیکھنہٕ آمژٕ۔ مگر اُسی ہیکو ہومرنہٕ زمانہ پیٹھے اَمیُک تذکرٕ ژلیتھ۔ مثلن تمیٚ سنٛز نظم مارگیٹیس تہٕ اَمی ذاژ ہنٛزٕ بیٚیہ کینٛہہ نظمہٕ یمن منٛز ایامبی بحر جادٕ مناسب ذانٛتھ استعمال کرنہٕ چھُ آمُت۔ نتیجٕ یوٚہے اوس زِ بحر یتھ منٛز تیٚم اکھ اکس پیٹھ ایامبی (طنز) لیکھان اُسی۔ یِتھ کنٛۍ اُسی یِم پانٛنی شاعر دۄن طبقن منٛز باگرنہٕ آمتۍ۔ اکھ زِ طبقہ یُس رِزمی نظمہ لیکھان اوس تہٕ بیاکھ یُس ایامبی شار ونان اوس۔

یِتھ پاٹھۍ سنجیدہ طرزس منٛز گُنس ہومرسے پیٚیہ شاعر وَننہٕ۔ اَدٕ موکھ نہٕ زِ تَس چھ باقے شرفے یائتی بلکہ چھُ تمیٚ سنٛدین نقلن منٛز ڈرامایی رُوح تہٕ موجوٗد۔

پتھٕ کٔنۍ اوس سُہ گوڈنیُک شخص یَیمۍ کامیڈی ہُند ظٲہِر پیش کوٚر۔ یکیازِ تٔمۍ
ہیوٚت ذٲتی طنزو بدلہٕ مسخری کاٗم تہٕ یِہ مسخری ترٲوِن اَکِس ڈرامٲیی ساختس منٛز
چنانچہ تٔمۍ سٕنٛزِ مارگیٹیٖس چھُ کامیڈی سٕتۍ سۭے ہُشر یُس تٔمۍ سٕنٛزِ اِلیاڈٕ تہٕ
اوڈیسی ٹریجڈی سٕتۍ چھُ۔ مگر یٔیلہٕ ٹریجڈی تہٕ کامیڈی اَکہٕ ساتہٕ نَنہٕ درایہِ۔ شاعرو
تہٕ کٔرۍ پننۍ پان پننہٕ استعداد موجوب یِموے نٔوۍ ذٲژو منٛزٕ اَکِس یا بیٚیِس
سٕتۍ وابستہٕ۔ وُسعت قسمکۍ شاعر بنیہ یِم اِیامبی نظمہٕ لیکھنہٕ بدلہٕ کامیڈی نویس
شاعر۔ تہٕ سنجیدٕ بنیہ یِم رجزی نظمہٕ لیکھنہٕ بجایہ ٹریجڈی لیکھن وٲلۍ۔ یہِ سُنٛد
اَوٕ موکھ زِ ڈراماہچہ یِمہٕ نٔوِ ہیئژِ آسہ اعلا درجچہ تہٕ یِمن اوس تھٔنۍ دمول۔
بوٚنٛہٕ تام اَمہٕ کین ذٲتی جُزوَن ہُند تعلق چھُ۔ ٹریجڈی چھا پٲنۍ پانَے تہٕ تھیٚرٕ
سٕتۍ پوٚرٕ پور ترقی کٔرمٕژ کنہٕ نہٕ؟ یہِ چھُ رٕتیتھ سوال یُس بیٚیتہٕ نس تُلُن مناسب
چھُنہٕ۔ لہاذا ییٚلہٕ ٹریجڈی تہٕ کامیڈی دوشوٕے۔ یِمہٕ زُن اَکِس پیٚتھس اَوگرِس
تھوٕ گرِس تہٕ یِہ سوچ طریقس منٛز زِنمس آیہِ زِ گوڈنیُک طریقہ سُنٛد ڈھٹی راٰمبی
سٕتۍ تہٕ دوٚیُم تھٔوٕ فحش باتو سٕتۍ شوٗروع یِم وُنہٕ تہٕ وارِیاہن شہرن منٛز مُروج
چھہ۔ ہنہٕ ہنہٕ پیٚتہٕ نس مُکمل صورتس کُن تھٔوٕ پوٚتس پتھ اِصلاحو سٕتۍ برونٛہہ برونٛہہ
یِم صاف تہٕ ٹاکارٕ اَسی۔ ٹریجڈی لوٚب مختلف تبدیلیو پتہٕ پتو لاکن تٔمۍ ساعتہٕ
سو کھ یٔیلہٕ اَمِچ صحی ہیئت مکمل اَس گٔمژ۔
ایسکائیلس ہُرروو گوڈنیچہ پھِرِ دوٚیم رکردار۔ تٔمۍ بنوو کورس موختصر
تہٕ مکالمہٕ تھوٚوِن ٹریجڈی ہُند خاص حصہ۔ سوفوکلیزن بڑراو گِندَن گرین ہُنٛز
گرنٛد ترین تام تہٕ سجاوٹس منٛز کوٚرُن نقش دار نظارن ہُنٛد ہُرِر۔ پتہٕ کوٚر
وارِیاہَس کٲلۍ ٹریجڈی ہِنٛز ژھوٚٹ تہٕ سادٕ گنڈٕتی تہٕ ہِنٛز ساطیرۍ[۱] مسخرٕ زبان

[۱] ساطیر چھہ دراصل اَکِس جنگلی مخلوق سٕند ناو، یُس اَد انسان۔ تہٕ اَد

اُرکیُتھ کُن نۄ اُوٚلھ اَکھ شایانِ شان وُقت تہٕ درجہ حاصل۔ اُتی آو گوڈنیچ پھیرِ
ایامبی بحر ورتاونہٕ ترکیازہ اَمہِ بُرونٛہہ اوس ٹروچیٛ ژۄ رُکنی بحر اَدہ استعمال
سپدان زِ یہ بحر اوس تمہِ ساتیچہ ساطیری نظمہٕ خاطرٕ مناسب تہٕ اتھ اوس
نثرس سیتہٕ جادہ تعلق تہٕ ییلہِ مکالمہ بناونہٕ آو فطرتن دیت پاٛنٛی پانے صحی بحر
ہاوِتھ۔ ترکیازہ ساروے بحرو منزٕ چھُ ایامبی بحرے کتھ باتھ سیتہٕ جادہ وانسہٕ
یہِ کتھ چھُ بے روک پانٹھی ایامبی بحرس منز پیوان۔ شیہ رکنی بحرس منز چھِ شافرے
ہیکان یتھ تہٕ سۄتہٕ تیلہِ ییلہِ اَسی گفتارہ کِہ مُروجہ سوزہٕ نشہٕ ژھننان چھِ۔ ایپی سوڈ
تہٕ آے بُدٕرنہٕ تہٕ ڈراماہک پرٛیتھ کانٛہہ جزٕو آو پوتُس پتھ رٕژھراونہٕ تہٕ نوٚراونہٕ۔
مگر اَتھ نِسبت گوو وٕوٕنی تیتے ترکیازہ ہرگاہ جادہ کرنہٕ ییٛہو سہ چھِ زیچھر رچ
کاٗم۔ یہِ زٕن وننہٕ آمُت چھُ۔ کامیڈی چھُ ییچھ کِرداران ہُند نقل۔ ییچھ تِلہِ چھُنہٕ
معنے زِ ہر کانٛہہ ییچھر بُلکہٕ چھُ سُے ییچھر مطلب یُس بے شوٗب آسہِ تہٕ یُس کمینگی
تہٕ بدصورتی ہنز اَکھ ذات چھُ۔ یعنے اُرچ وضاحت ہیکو ییتھ کِنی کرِتھ زِ یہ آسہِ تیتھ
قبیح یا عائب یُس نہٕ آسہِ آزاری تہٕ نہٕ تباہ کرُن۔ مثلن اَکھ بدشکل بُتھ چھُ ہول
کوٚل تہٕ بے وطیرٕ باسانی مگر تیوٚت نہٕ زِ اَتھ کُن وُچھتھ کیاہ واتہٕ اَسہِ دۄہ کھ۔

---

ژھاوُل چھُ۔ دیومالایہ مؤجب چھِ یہ عیاشی تہٕ جنسی جذبن ہنز نمایندگی کران
ساطیری ڈراماہن منز اَسی گنڈن گرٕو یٹھنٛیوٗ پوشاک لاگان تہٕ گیوان تہٕ نژان اَسی تم
مسخری کرٕو کرٕو ترٛنٛیچھے زبان استعمال کران۔

[1] پانٛژن ہُند اَکھ وزٕن ییمہِ کِس اَکِس مصرس منز ژٕ رکن چھِ آسان۔ گوڈنیک
چھُ زیوٗلھ تہٕ دۄیمُ مصرٕ ژھوٚٹ آسان۔

ٹریجڈی ہنٛز پوٚتُس پتھ نوٗرٕنۍ تہٕ پھِر نوٗرٕنہٕ کرن واجٕنۍ چھہٕ اَبہٕ
ژھنہ سے مگر کامیڈی ہنٛزِ نوٗرٕنہٕ تہٕ نوٗرٕنۍ کرن والیٚن ہُند چھُنہٕ اَمہٕ سببہٕ کانٛہہ
پے زٕ اَکھ کُنۍ آو گوڈٕ گوڈٕ سیٚٹھے مومولی توجہ دِنہٕ۔ واریاہ کال گژھتھ
آیہٕ کامیڈی حاکمس نِشہٕ جایِز ماننہٕ تہٕ لُکن ہنٛدِ خرچہٕ سیٚتۍ کامیڈی چلاونُک
آو اجازت دِنہٕ۔ اَمہٕ بروٚنٛہہ اُس کامیڈی اَکھ گرٕ گلی تہٕ رضاکارانہٕ تماشہٕ۔ یِنہٕ
پیٚٹھٕ اَکھ ہیٚتیچ کانٛہہ صوٗرت ہیٚش گیہِ۔ تیٚنۍ آے اَمکۍ شاعر بے شک یاٗد تھٲونہٕ
منٛز مگر یِہنٛز کتھن ہُند چھُنہٕ کانٛہہ نیباہ نِشانہٕ نِکلان ہنٛز۔ زان پہچان کمۍ
کرٕ ناو۔ سارِنے بروٚنٛہہ کمۍ لیچھ گوڈٕ لُنجہ تہٕ گنٛدِن کمۍ ہُررود۔ ایپی کارمس
تہٕ فارمس چھہٕ گوڈنیکی لکھاری یِمو اَسہٕ وِزِ گنٛڈٕتھیہٕ ایجاد کرٕ۔ اَمہٕ کِنۍ چھُ اَمہٕ
نوٗرٕنہٕ شند اگرُ سِسلی مگر ایتھنزِ شاعرو منٛزٕ اوس کرٹیٹز گوڈنیُک شاعر
یٖیمہ کامیڈی ہنٛز اَیامی ہیٔیت تراوِتھ ژھنہ تہٕ زامرِہٕ تہٕ عام گنٛڈٕتھیہٕ تہٕ پلاٹ
لاگُن کامہٕ۔

ایپکِن ہنٛز شاعری چھہٕ یتھ حدس تام ٹریجڈی ہیٚشی زِ یہ چھہٕ بٲتھن منٛز
عظیم کردارن تہٕ بارٕ حرکتن ہُند اَکھ نقل۔ مگر یٖیمہ لحاظ چھہٕ اَمہٕ نِشہٕ بیوٗن زٕ
یہ چھہٕ اَندہٕ وَنہٕ اَکی قسمُک بیانی بحر استعمال کران۔ زیٚچھرِ کِنۍ تہٕ چھُ یہ وَکھرٕ
نکیازِ ٹریجڈی چھہٕ ییٚژاہ پلیس تیژاہ کوشش کران زِ یہ دِیہ تہٕ پننین حرکتن
سِری یکہِ[1] اَکہِ گردِشکہ حدو نبر نیرنہٕ تہٕ نتہٕ روزِ اَتھو اندی یکو وقتس منٛز

---

۱۔ ارسطوہن یِس یہ اختابُک اَکھ گردِش مقرر چھُ کوٚرمُت اَتھ نسبت چھہٕ واریاہ رایہٕ
دِنہٕ آمرٕژہٕ۔ فرانسُک کارنیلی چھُ اَمیُک وَکھ ژوٚوہ یا ترٛٮ۪ہ گھنٹہٕ مُقرر کران۔ بیاکھ اکھ
شارح داسیر چھُ وَنان۔ یہ میعاد چھہٕ صرف یِہن گھنٹن تام گنڈتھ۔

پابند مگر اپکن ہنٛزٕ حرکژ با پتھ چھےٚنہٕ وقتُک کانٛہہ حد معین۔ حالانکہ ٹریجڈی
تہٕ اُس پانٛس گوڑٕ پیٚہہ ونن گأمژ۔

دوٚیمیوٚ ذأتی جُزوٚ منٛزٕ چھ کینٛہہ دوشوٚنی منٛز ہیوی تہٕ کینٛہہ چھ ٹریجڈی
خأطرٕ مخصوٗص۔ لہٰذا یُس وونی ٹریجڈی ہند حُسن تہٕ قُبح پرزٕناونُس منٛز ووستاد
آسہِ سُہ آسہِ بے شک پأنٛٹھ ایپک شأیری ہندِ صفت تہٕ عأب زانٛنکس تہٕ زأنٛہ کاُر
تِکیازِ ایپکن ہندی سأری حصہ چھ ٹریجڈی منٛز دریٛنٛٹھی یِوان مگر ٹریجڈی ہندی
سأری حصہٕ چھےٚنہٕ اپکن منٛز موجوٗد آسان۔

شأیری ہنٛزٕ بیمہ ذأژ شیہ رکنی بحرن منٛز نقل چھ کران تِمن ہنٛز
تہٕ کامیڈی ہنٛز کروٚ اُسی پتہٕ پیٚہن ذکر۔ نی تون گوڈٕ ٹریجڈی۔ یہ کینٛژھاہ اتھ
نِسبت بُروٚنہہ وننہٕ چھُ آمُت۔ تہٕ مدٕ نظر تھأوِتھ کروٚ اُسی اَمکی صحی تہٕ اصل
تأریف ییتھ کنٛی:۔

" ٹریجڈی چھ کنٛہ تژھہ حرکژ ہند نقل یُس سہ مُکمل تہٕ سنجیدٕ آسہِ۔
تہٕ ییتھ کانٛہہ خاص بجر آسہِ۔ یُس سہ شوٗبہ دار آسہِ، زبأنی رنٛگی یُس سہ اَکھ لُطف دِوان
مگر یُس سہ الگ الگ جُزون منٛز الگ الگ ذٔریو سیتی بیانہٕ کس رنٛگس منٛز نہٕ
بلکہ حرکژ رنٛگی دردٕ تہٕ خوفہٕ سیتی اثر ترأوِتھ ییٚمن جذبن صحی تہٕ شستہٕ بناوِ۔ لطف
دار زبأنی نِشہ چھُ میون مطلب سُہ زبان ییتھ منٛز لے، سوز تہٕ موسیقی آسہِ تہٕ میہ ووٚنی
یِہنٛن تہٕ نہٕ الگ الگ جُزون منٛز الگ الگ ذٔریو سیتی۔ تِکیازِ بعضے جُزون منٛز
چھےٚ صرف وزنے یوت استعمال سپدان تہٕ کینٛژن منٛز فقط موسیقی۔

چونکہ ٹریجڈی چھ کنٛدرٕ سیتی نقل کران۔ لہٰذا چھُ گوڈنی یہ ضروٗری
زِ سجاوٹ گژھہ اَمیٚہکیوٚ حصوٚ منٛزٕ اَکھ حِصہ آسنُے۔ تووِ پتہٕ گیہ موسیقی تہٕ

ڈکشن تہٕ تکیازِ ہیٚمٕن دۄن حصن منٛز چھ ٹریجڈی نقلکہ ذرِیہ موجود۔ ڈکشنہٕ کِنہِ
چھ میون مُدا وزنہٕ نیچ ساخت تہٕ موسیقی ہُند معنے زانُن سارِی۔

اَمہِ مزید یہِ زِ ٹریجڈی چھ اَکہِ حرکژ ہُند نقل آسان تہٕ یم نفر اتھ
حرکژ منٛز پیوان چھ تِہنٛز خاصیت چھ تِہنٛدی وطیرہ تہٕ تاثرات۔ تکیازِ ییٚمہِ وِسے
وطیرو تہٕ تاثراتو سیتی چھُ حرکت ییٚنہٕ خاصیژ حاصل کران۔ لہٰذا بنیوو یہ زِ
وطیرہ تہٕ تاثرات تہٕ چھ حرکژن ہنٛدی زٕ سبب تہٕ ییٚتھے پاٹھو چھ سارِ سے
انسانن ہنٛدہ شادِ ہنٛدی یا غمکہ تہٕ وجہ۔ حرکژ ہُند نقل چھُ پلاٹ۔ پلاٹ کِنہِ چھُ
وُنی میون مطلب واقعن ہُند ترتیب۔ وطیرہ کِنہِ چھُ مراد تہٕ سورے کینٛہہ ییٚمہِ سیتی
نفرن ہُند کردار وَنہٕ ییِہ۔ تاثرات گیہِ یہ کینٛہہ شھاہ نمہ وَنن۔ چاہے تمیک
مقصد کینٛہہ ثابت کرُن آسہِ یا چاہے ژھرہ ژھوُرے تاثر ظاہر کرُن۔ لہٰذا
گژھن سارِیہ سے ٹریجڈی لٲزمن شہ حصہ آسنہِ یم زن رُلتھ میلتھ اَکھ اکیٚک
مخصوص کردار یا صفت قایم کرن :- پلاٹ، وطیرہ، ڈکشن، تاثرات
سجاوٹ تہٕ موسیقی۔ یِمو منٛزہ چھ دۄن حصن نقلہٕ کِن ذرِیہ سیتی واٹھ
اَکس چھُ کردارن سیتی تہٕ باقی ترِین چھُ نقلہٕ کِس موضوع سیتی۔ یِمے چھ
سارِی حصہ تہٕ یِمے ذٲتی جُز۔ ہرگاہ اُسو ذٲتی وَنوکھ۔ چھ اکثر شاعرو ورتاوی منٛتو
تہٕ قریب قریب چھ پرٛتھ ٹریجڈی منٛز موجود۔

مگر یِمو سارِوے حصو منٛزہ چھُ واقعن ہُند گرُت جادہ اہم۔ تکیازِ
ٹریجڈی چھ اَکھ نقل۔ انسانن ہُند نہٕ بلکہ حرکژن ہُند زندگی ہُند تہٕ اَمہِ چہ خوشی
ہُند تہٕ رنجک تکیازِ خوشی چھُ حرکژ منٛز شامل تہٕ سہ الٲہی بہتری یوسہ زندگی
ہُند خاص مقصد چھُ سہ تہٕ چھ اکہِ رنٛگچ حرکھے۔ صفت نہٕ۔ لہٰذا چھُ انسانن

ہندی اطوار صرف تِہٕند صِفت یا کردارٕے قایٕم کران۔ اما پٔوز تم چھ ییٚنہٕو حرکژٕ سیتی شاد یا وُداسی بنان۔ اَوہ کِنہ چھِنہٕ ٹریجڈی وطیرن نقل کرنکہٕ غرضہٕ حرکژٕ نقل کران مگر حرکژٕ ہندِس نقلس منٛز چھُ وطیرن ہُند نقل تہٕ صنوٚرۍ شامِل آسان۔ لہٰذا چھ حرکت تہٕ پلاٹ ٹریجڈی ہُند مقصد تہٕ یَہٕ چیٖز چھُ سہ منٛز چھُ مقصدس خاص اہمیت تھوان۔ بیٚیہٕ یہِ زِ ٹریجڈی چھُنہٕ حرکژٕ روٚس چارٕ۔ مُمکن چھُ زِ وطیرٕ روٚس ہیکہٕ دٔرِتھ۔

( پوئٹکا منٛزٕ )

# فراقؔ

پوٗرٕ ناو : غلام نبی

تخلص : فراقؔ

پیشہ : پروفیسری

زینہٕ تہٕ روزن جاے :- بُہری کدل سرینگر

زاسنہٕ :- جُلٲے سنہ ۱۹۲۲

فراقؔ صٲبس ووت وۄنی سنہٕ سنہ تاجی پیٹھہ برابر شار وَنان۔ تہٕ پتہ میو کینژاو وَری یِہ پیٹھ ووت پیمَن نثرِ تہٕ لیکھان۔ اَہندی کینہہ مضموٗن چھِہ از تام مختلف رِسالَن تہٕ کتابَن منز برابر چھَپان رۄدی رہتو۔ فراقؔ صٲبن چھِہ اَمہِ علاوٕ دۄن موشوٗر ڈراما نگارَن ہندی زٕ۲ ڈراما اڈاپ کٔری رہتی۔ اَکھ چھُہ مارلو سُند ڈاکٹر فاسٹس۔ بیاکھ چھُہ مولئیر سُند" وِکٹ بِکمن اَ جنٹلمین"۔

غلام نبی فراق

# کأشرِ غزلُک ابتداء تہٕ ارتقاء

(اکیُم دور)

محمودٕ گأمی سُند زمانہٕ چھُ کشیرِ ہِندِس نوارِخس اندر خاص کرسیأسی افراتفری ہُند زمانہٕ۔ محمودَ پرٛتھی پٹھانن ہِندِس دورِ حوکومتس اندر۔ تِمو وُچھو کشیرِ اندر سِکھا شأہی ہُند عروج تہٕ تہٕ زوال تہٕ۔ ڈوگرہ راجٕک تہٕ سُپد تس بنٛژ زندگی اندرے۔ یہٕ اوس سُہ زمانہٕ ییٚلہِ کشیرِ اندر فارسی زبان تِمہٕ پرٛ وقار سرپرستی نِشہِ نیٚبری سان محروم سُپدان اُس ییٚمہِ اَکھ موغل دورس منٛز کشیرِ اندر تہٕ حأصِل اُس۔ مگر یِمو ناسازگار حالاتو باوجود اُس فارسی زبان پننہِ علمی تہٕ ادبی سرمایہٕ موجوب وُنہِ تہٕ کشیرِ اندر چلان۔ فارسی زبأنی اُس اَتھ تام کشیرِ اندر بیاکھ بارہ کام تہٕ انجام دِژمٕژ۔ تِمہٕ اوس موغلن ہِندِ وقتہٕ پیٹھہٕ اَکھ دَمس تام زبأنی پیٹھ تہٕ شدید اثر ترٛوومت۔ گٕنٛڈو فارسی لفظ اُسی کأشرِ زبأنی اندر ژامتی تہٕ عام لُکن ہِنٛزِ زیوِ پیٹھ کھتی مٕتی۔ فارسی زبان گیہٕ وارہ وارہ کشیرِ منٛز ختم، مگر فارسی زبأنی ہُند شوق اثر تہٕ بیٚیہِ کیٚنٛہہ رٕتی چیز تہٕ ترٛیو کأشرِ زبأنی یِمن اندر باقی صِنفو علاوہ سُہ "غزل" تہٕ چھُ یُس مِیانہِ مضمونُک موضوع چھُ۔

محمودؔ چھُ فارسی زبأنی ہُند واریاہ وأقِف کار۔ یہ ایحساس چھُ اَسہ
اَمِ سُند سہ فارسی غزل پٔرِتھ تہٕ سَپدان یُس اَمِ سِندِس غلام محمد نور محمد کُتب
فروش سِندِ دُسی چھاپ سپدِمتِس کأشرِس کلامَس مَنز چھُ۔ محمودٕس برونٛہہ
اُس فارسی زبأنی اندر کینٛہہ کأشرۍ جان شعرگوئی کرمٕژ۔ یِمَن شأیِرَن
اندر چھُ غنیؔ کاشمیری خاص اہمیت تھاوان۔ محمودؔ تہٕ ہیکہٕ ہے غنیؔ کشیری سِندی
پأٹھۍ فارسی زبأنی اندر شعرگوئی کرِتھ۔ مگر غنیؔ یَس برعکس چھُ سہ پننہٕ اظہارہ
باپتھ کأشرِ زبأنی ہِندُے انتخاب کران۔ محمودٕن یہ انتخاب اوس توأریخی
ضرورتَس تہٕ پوٗرٕ کران۔ فارسی زبأنی اندر اُسی اَتھ دورَس منز "ایران صغیرس"
اندر ناسازگار حالات بنِنَس گژھنَس منز آمان۔ زمانہٕ چھُ محمودُن انتخاب
دُرُس تہٕ صحی ثأبت کران۔ ہرگاہ تِمۍ تہٕ غنیؔ سِندی پأٹھۍ فارسی زبأنی منز شعرگوئی
کرمٕژ آسہ ہا۔ لیچھ بدٕن کأشرِن پیچھ آسہ ہا نہٕ تِمۍ سُند سہ اَحسان یُس تِمۍ
کأشرِ زبأنی منز شعر وَنِتھ تِمَن پیٚچھ کوٚر۔ محمودؔ چھُ پننہٕ شوق تہٕ شوٗعورٕ سیتھ
کأشرِ زبأنی اندر شعر تخلیق کران۔ سہ چھُ مثنوی تہٕ لیکھان غزل تہٕ۔ چنانچہ
یُس کأشُر ادب اَسہ نِش چھاپ سپدِتھ موجود چھُ۔ تِمہٕ موجوب چھُ محمودؔ
گوڈنیُک شأیِر یِیمۍ کأشرِ زبأنی اندر سہ غزل لیوٗکھمُت چھُ یتھ عربی، فارسی
تہٕ اُردو وألۍ تہٕ پشہ وَنے "غزل" وَنان چھِ۔ یُس شأیِری ہِندِس صِنفو منزٕ اکھ
بَتیون تہٕ ہدُون صِنف چھُ۔ یتھ مطلع تہٕ مقطع، قأفِیہ تہٕ ردیف تہٕ آسان
چھُ۔ یُس وَژنَس باگیتَس ہم سیرت أسِتھ ہم صوٗرت چھُنہٕ۔ اَتھ حقیقتس
پیشِ نظر چھُ محمودؔ گوڈنیُک شأیِر یَس غزلَس کأشرِ زبأنی سیتۍ اَتھ واس
کرناوان چھُ۔ توأریخی لحاظِ چھُ یہ اَتھ واس سیٹھاہ اہم بنان۔

محمود سندِ وقتہٕ پیٹھ ازتام برابر ڈوڈس ہتس وریس

رۄدی کأشرِ شأیر باقی صنفو علاوٕ یمن اندر خاص کر "وٕژُن" ذکر کرنس

لایق چھُ غزلس اندر تہٕ پننۍ احساس بیان کران تہٕ تجربہٕ ورتاوان ۔ غزلہٕ

کِس اَتھ لطیف تہٕ حسین پیکرس چھُ محمودس پننہٕ رۄشل میر تہٕ گت کران

تہٕ مہجور تہٕ لول برابر ۔ آزاد تہٕ نرآلوان تہٕ رسا تہٕ رُت کانچھان ۔ اَتھ چھ

اَزکی اول صنفکی شأیر تہٕ معوٕ میٹھی کران ۔ یمن اندر رحمان راہی، دینا ناتھ

نادم، امین کامل، مُظفر عازم بیترِ خاص طور ناو ہینس لایق چھِ ۔ چنانچہ یمن

سارِنۍ شأیرن ہندِ ریاضتہٕ سیتۍ چھُ محمود نہٕ زمانہٕ پیٹھ برابر اَزتام کأشرِ

غزلکۍ حالت بدلان ۔ اگرچہ تبدیلی ہنز یہ حالت تہٕ رفتار خاص کر ۱۹۴۷ء تام

سیٹھاہ کمزور روزان چھےٚ مگر اَتھ پزرس ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ انکار کرِتھ زِ تبدیلی

چھِ سپدان ۔ بیلہٕ اَسی اَمہٕ سارے زمانہٕ کِس اُردو غزلس سام ہیوان چھِ

اَسی چھِ اَمچ رنگارنگی تہٕ وُسعت، اَمنۍ پوچھر تہٕ ٹھرز وُچھتھ پنٕنۍ

پأٹھی اَمہٕ کہ جاندار آسنٕکۍ بہٕ شوٚنکھو پأٹھی اعتراف تہٕ اقرار کران ۔ اَتھ دورس

منز چھُ اُردو غزل غالبس نِش تہٕ وۄتمت آسان تہٕ میرس نِش تہٕ ۔ مگر

اُردو تہٕ کأشرس غزلس باہمی مقابلہٕ کرُن چھُنہٕ جان خاص کر یتھہٕ مضمونس

منز یتھیمِک تعلق کأشرس غزلس سیتۍ چھُ ۔ مقابلہٕ کرُن وِزہٕ پزِہٕ اَسہٕ تِمن

حالاتن کُن تہٕ نظر تھاوٕنۍ یِم یمن دۄشونی زبانن ۔ کأشرِ تہٕ اردو ۔ برونٛھٹھ آے

اَسہٕ پزِہٕ یہ کتھ تہٕ نظرِ تلے تھاوٕنۍ زِ اُردوٕ زبأنۍ ہنٛد دُنیاہ اوس تہٕ چھُ کأشرِ زبأنۍ

مُقابلہٕ سیٹھاہ وسیع تہٕ کُشادٕ ۔ یہ کتھ تہٕ چھُ سوچنس لایق زِ اُردو زبأنۍ چھُنہٕ

تواریخی حالاتو سٕتۍ تہٕ گیوٚر کمت ۔ یتھیمِک شکار کأشرِ زبان اَز تہٕ چھےٚ تہٕ

محمودنِس زمانس منز تہٕ اُس۔

محمودؔ چھُ کأشرِ غزلُک باضابطہ ابتدا، کران تہٕ کأشرِ زبأنی منز غزلُک بأنی بنان۔ یہ چھُ پننین کأشرین غزلن منز یِمن ہُند تیداد سیٹھاہ ہیے کم چھُ دلدوز لہجس اندر زندگی ہنز بے ثبأتی ہُند احساس پأدٕ کران تہٕ پانے اُمہِ کہِ قیمتی تہٕ معمول آسنُک حِس تہٕ دِوان۔ فارسی شأیری ہندِ روایتی اندازٕ نِش متأثر سپدِتھ محبوبہٕ سِندِ خد و خالُک نقشہٕ تُلان۔ تمی سِندِ تنگ دِلی تہٕ سنگ دِلی ہندۍ شکوٕ کران۔ تمی سندِس بے رحم آسنس پیٹھ افسوس کران۔ عُشقُک اظہار کران تہٕ پننہِ مزاجُک پَے دِوان۔ اُمی سِندِ غزلچ زبان چھےٚ پۆزی پأٹھۍ بہہ کُرت۔ مگر یُس چیز اُمی سِندِس غزلس ہلکُے بہہ مزٕ تہٕ بہہ زُو بخشہٕ نِش بچاوان چھُ سُہ چھُ اُمی سُند سُہ لہجہ یتھ اندر غمُک میچھر چھُ۔ محمودنۍ زبان چھےٚ سیٹھاہ آسان خاص کر غزلن ہنز۔ محمودنِس غزلس پیٹھ ... تہٕ تفصیلہٕ سان کانٛہہ تبصرٕ کرنہٕ۔ تکیازِ اُمی سِندین غزلن ہُند تیداد چھُ سیٹھاہ ہیے کم۔ سُہ خوٗبی تہٕ چھےٚ یِمن اندر سیٹھاہ یِمہٕ سٕتۍ محمودس کأشرِ زبأنی ہند اکھ اہم شأیر بناوان چھےٚ۔ اُمہِ۔ وِزِ اُس نہٕ کأشرِس غزلس کانٛہہ سُہ روایت یتہٕ کنہِ یمہٕ سٕتۍ اُمی سِندِ بابت کہہ وَٹھ بنتھ ہیکہِ ہے۔ حقیقت چھےٚ یہے زِ محمودؔ اوس کأشرِس غزلس کوٚن دِوان۔ یہِ صِنف کأشرِس منز اَنتھ اکھ نوٚو تجربہ کران۔ محمودؔ اوس کُل رُوان۔ تازٕ تازٕ رُوی میتیس کُلس نِش شہجارچ تہٕ پھُلیہِ ہنز توقع تھوٚرُ نی چھےٚ شاید سیٹھاہ۔ محمودن چھُ پننۍ تجربہ غزل ترأوِتھ شأیری ہندین باقی صِنفن منز بیین تام واتہٕ ناوِنچ کامیاب تجربہ کری متی۔ محمودنِس کلامس اندر چھا تغزُّل؟ مگر یہِ گوٚو ژھٕ نہٕ اُمی سِندِس غزلس منز ژھارُن۔ محمودنۍ یہِ

شۆرۆع کۆرمُت کأم چھُ، اُمس پتہٕ حُسن نواز تہٕ حُسن شناس شأیِر روٗسُل میر
پوٗرٕ کران۔

روٗسُل میر چھُ شوخ تہٕ رنگہ دار جذباتن ہُند مألک۔ تمۍ سِنزٕ ہِن
چھُ حُسن ڈیشتھ بڑیمان۔ یہ چھُ سُہ حُسن یتھ یمی زمینہٕ ہنز خأصیت وجوٗد
منز انان تہٕ زَنہہ دِوان چھُ۔ سُہ چھُ عاشق مگر تمۍ سُند محبوٗب چھُ یتھے
زمینہٕ پیٹھ یأدٕ گومُت۔ سُہ چھُ مجازُک پرستار۔ سُہ چھُ اَتھے مجازس گٔت
کران کران حقیقتس واتان۔ سُہ چھُ پننِس محبوٗب سُند سراپا فن کارانہٕ
صلاحیژو سان لفظن تشبیہن، استعارن تہٕ ترکیبن ہندِس نازیکرس منز
ژاوِن یژھان۔ سراپا نگأری منز چھِنہٕ تس کأشرِ شأیری اندر کانہہ تہٕ مدّمقابل
فأضِل تہٕ چھُ از سراپا نگأری کران، مگر اَتھ منز چھِنہٕ سُہ جِدت یوسہٕ روٗسُل
میرس اَتھ اندر تھوٗد مُقام دِوان چھُ۔ غزل چھُ اَمہ مزازٕ کِس شأیرس
نِش تہٕ پھانپھلان تہٕ جہاد کران۔ چنانچہ ییلہ روٗسُل میر چھُ کأشرِس
غزلس پننہٕ بہٕ سُہ کھ ایحساسُک زژ یہ بناوان سُہ چھُ اَتھ کأشرِ زبأنی اندر
روز نیچ ضمانت دِوان۔ محموٗد چھُ غزلس کأشرِ زبأنی سیتھ اَتھ واس کرِناوان
مگر روٗسُل میر چھُ کأشراوان۔ اُمۍ سندِس غزلس اندر چھِ ضوٗرُو ایرأنی تصوٗرٕ
حُسنیچ ژھاے تہٕ تھپ مگر بُنیأدی طور چھُ یہ کوشُر غزل۔ روٗسُل میر روزِ
ہمیشہ سُہ کوشُر گوزمات یُیمو کوشُر غزل رژھ کھور تہٕ مأری موٗنڈ بنوو۔ لفظن
تہٕ ترکیبن ہنز چُستی، ردیف تہٕ قأفِیَن ہُند نوٗر تہٕ پننہٕ ایحساسچ گرمی سیتی
چھُ روٗسُل میر کأشرِس غزلس زندر روزنیچ ضمانت دِوان۔ مہجوٗرنِس دورس
تام کوشُر غزل لیکھن وألی شأیِر یمن اندر مہجوٗر تہٕ شأمِل چھِ ہیکن تہٕ

زبٲنۍ ہندِس زورس، طمطراقس تہٕ جلالس پیش نظر رسُل میرُن مُقابلہٕ کرِتھ مہجوٗرنۍ زبان چھےٚ بول بوش زبٲنۍ واریاہ نزدیک باسان مگر رسُل میرنۍ زبان چھےٚ مقابلن ادبی زبٲنۍ نکھ باسان۔

رسُل میر چھُ غزلس منز کنہٕ نگہٕ ہندِس سراپاہس نوزُک تہٕ ڈاے پوشہٕ نولہٕ سرو روان پیکرس، ژندرِنۍ موکھس تہٕ زٲنۍ وانکن وژھ وانجہ تصوٗر نُلان۔ تَس چھےٚ زُلفن ژھایہٕ سعہٕ دوٗرن ہشز حرکھ۔ بادامی چشمن ہُند خمار۔ پوشہٕ بدن تہٕ پیچ در پیچ سیاہ زُلف واہ واہ کرہٕ ناوان تہٕ زیوٗ انان میر چھُ یژھان یہندِ سے سایس تل زندگی ہندی موخصر سات بسر کرنۍ۔ سہ چھُ مجازی عشقچ آورینہٕ منز پننہٕ پارنیج ہُن ہُن نارہٕ زالِتھ کاشرس غزلس وُشنیر واتہٕ ناوان۔ رسُل میرنس غزلس مقابلہ چھُ محموٗدُن غزل فارسی لفظو سیتھ گوہیوٗمُت باسان۔ رسُل میر تہٕ چھُ فارسی لفظ بے واریہٕ استعمال کران۔ مگر محموٗد چھُ تہٕ امہ استعمالہٕ سیتھ سہ کیفیت پاَدہٕ ہیکان کرِتھ، یعنہ سہ رسُل میر کران چھُ۔ امہ حقیقتُک اندازہٕ ہیکہٕ محموٗدُن سہ غزل پرِتھ تہٕ سپدِتھ ییمکہ کینہہ شار چھ ؎

یارہٕ میانیو مارکن منز یان ہوٗت تی پرزیا
تارکن منز ماہ تابان منزہٕ چھوٗت تی پرزیا

در کمندِ کاکلِ تو گوہ و دلِ دیوانہ بند
مار زُلفو سیتھ عاشق مارہٕ نوٗت تی پرزیا

سرو نازا پاک بازا شب یا کہُرام
کاکل و بند و قبا ژیہے موژر روٗت تی پرزیا

تہٕ روٗسُل میرٕن سٕہ غزل پٲرِتھ یِیمِکۍ کینٛہہ شار چھِ یہٕ

دِل بند دِل آرام دِل آزار نِگارو

گُل خندٕ گُل روٗ خسارٕ گُل اندام نِگارو

وُچھ آفتابن چون ژنٛدٕنی موکھ تہٕ ڈوٗلُس رنٛگ

گِگج کاژاہ توٗرِ سے زوٗن چھُس سرسام نِگارو

سپتابہٕ گت کرٕی لولہٕ نارس بالہ یارس پتھ

کم گیت وٕنی وُنی رام کوٗرٕن رام نِگارو

جدّت پسندی ہندۍ عناصر چھِ دوشوٕنی گوٕنہ ماتن ہندِس کلامس منٛز ملاکارٕ پأٹھۍ بوزنہٕ یوان۔ مگر مُقابلہ سیٖتۍ اکھ خاص مماثلت پأدٕ کرنس منٛز اوس روٗسُل میر پزۍ پأٹھۍ اکھ رُت جدّت پسند۔ کانٛہہ شخص نہٕ ہیکہٕ تہٕ یوٗت دلیر بنِتھ زِ سہٕ کرِ شیکسپیرس تہٕ روٗسُل میرس برابر زانِتھ مُقابلہ۔ مگر بٕہ کرٕ روٗسُل میر نہٕ جدّت پسندی ہنا وضاحت کرنہٕ موکھ شیکسپیرن اکہ سانیٹکۍ کوشُر نثری ترجمہ تہٕ پیش۔ تہٕ روٗسُل میرٕن اکھ غزل تہٕ تھووٕن بُرونٛہہ کنہِ۔ یِمن دوشوٕنی منٛز چھُ اکھ ہِشر ہیوٚ باسان۔ یِمن ہندِس اظہارس منٛز چھُ اکہ وارِیاہ یکسانیت ہِش درینٛٹھ یوان۔ یِتھے اظہارٕ، اندازٕ، مُقابلہٕ تہٕ ہِشرٕ سیٖتۍ شیکسپیر پننس محبوبہٕ سنٛد حُسن ہاوُن تہٕ باوُن یژھان چھُ قریب قریب چھُ سُے اظہار و انداز، مُقابلہٕ تہٕ ہِشر روٗسُل میرن تہٕ پننس اُکس غزلس منٛز یختیار کرنِچ وارِیاہ کوشش کرٕمٕژ۔ ممکن چھُ روٗسُل میرس آسہ ہیٚتھ ہیوٚ خیال فارسی ادب تہٕ غزل پٔرِتھ پأدٕ گومُت۔ مگر کانٛہہ جان، حسین، تہٕ رٕژ کتھ پٔرِتھ تمہٕ چہ جانٛی ہُند تہٕ تمہٕ کہ رٕژرُک تہٕ حُسنُک ایحساس سپدُن تہٕ چھُ بجاے خود سیٹھاہ اہم سپدان

مون زِ روٗسی میر چھُنہٕ شیکسپیئر سٕندِس بھٲرِس ووتمُت تاہم چھُ پرن وول یتھ نتیجس پیٹھ آسانی سان واتان زِ روٗسی میر اوس جِدّت پسند تہٕ تہٕ نیرل اظہار و اندازک دلدار تہٕ۔ سُہ چھُ پننین ایحساسن تہٕ جذباتن ژھتھ پٲٹھۍ اظہار دِیُن یژھان تہٕ دِوان یتھہٕ پٲٹھۍ بوزُن تہٕ پرُن وٲلۍ سٕندِس تاثرس تہٕ ایحساسس یُہے بھٕتھراے ہِش ووتھان چھُ۔

شیکسپیئر سُند سانیٹ چھُ:

آفتابس چھُنہٕ بارہ سُنزن چشمن سیٖتۍ کانہہ ہشر

تٔمۍ سٕندِین وُٹھن ہُندِ ووزِ جارہٕ نِش چھُ مرجان جادہٕ پہن ووزُل

اگر شینک رنگ سفید مانو

تیلۍ چھُ تٔمۍ سٕندِ وُچھک بھٔرُر بدلے رنگہ

ہرگاہ زُلفن تارہ وَنو

تیلۍ چھہ تٔمۍ سٕنزہ ہیرہٕ پیٹھ یہے سیاہ تارہٕ پرورش لبان

میہٕ چھہ وُچھمتۍ گوٗلاب، ووزُلۍ تہٕ سفید، مُشکہٕ ژھٹان

مگر میہٕ چھُنہٕ ہیم گوٗلاب تٔمۍ سٕندِین دوٗخسارن پیٹھ نظرِ گژھان

کینژن مُشکن اندر چھُ تیٖہ جادہٕ پہن

تٔمۍ سُہُندِ مُقابلہٕ ہیم سہ کھالان والان چھ

میہٕ چھُ تٔمۍ سُند بول بوش بوزنے بے بدل مزہ دِوان

حالانکہ پوٗرہ چھم خبر زِ موسیقی چھُ امہ کھوتہٕ خوش یوٗنۍ سور

میہٕ چھُمنہٕ زانہہ تہٕ وُچھمژ خودایی قدم ژاوان

مگر سو ینیلہٕ پکان چھ یتھو زمیٖنہٕ پیٹھ چھُ پوٗرہٕ ژاوان

اَمہ باوجود چھُہ قسم خودایہ سُند

بہ چھُس سہ محبوٗب زانان تیٚمبٕہ نایاب

یوٚت سہ نامناسب مُقابلو سیٚتی صحی نقشس پیٹھ پیوان چھُنہٕ

روٗسل میرنہٕ غزلکی شار وُچھو۔

دُردانہٕ اُسِتھ بے خبر میرجان، دپان چھی

خورشید رویس کج نظر بدمان ، دپان چھی

قد چون ڈیشِتھ وپر برہان تیٚر گرٛتھان خم

شمشاد یسمین سرٕ خرامان ، دپان چھی

ہیم قببر سینکو ڈیشِتھ وٕنن دُبہ رپھران دل

اَنار شیرین کونہٕ دُ پستان، دپان چھی

سانِٹکو تہٕ غزلکی شار پٔرِتھ آسہ شاید روٗسل میرنہٕ جدت پسندی ہنز کتھ ہنا صاف سپزمٕژ۔ یہ چھُ پوٗز زِ شیکسپیئر سٕندِس سانِٹس مقابلہ چھُہ روٗسل میرُن غزل کمزور۔ 'بے خبر' تہٕ 'کج نظر' لفظ استعمال کرِتھ چھ روٗسل میرن تیمن سیٚتی پوٚزہ جادتی کرٕمٕژ۔ ہیموٚ پٕنٕنس محبوٗبس 'دُردانہٕ' یا 'بدمان' ووٚنمُت چھُ۔ شیکسپیئر سٕندِس سانِٹس منز چھُنہٕ یژھ ہشس کانہہ تہٕ مزازس مُوافق تہٕ پینہٕ واجنیو ترکیب۔

روٗسل میر چھُ ۱۸۷۰ء منز محموٗد گامی یس مُقابلہ سیٚتھاہ لوکٹ مُران۔ اُمی سٕندِ مرنہٕ پیٹھ برابر ہیچھوٚرس زمانس تام چھ ھنوورو کینہہ اہم شاعر کاشرِ زبٲنی اندر شعر و شاعری کران ییمن اندر رحیم صاحب، مقبوٗل شاہ رحمان ڈار، شمس فقیر، وہاب حاجن، عبدالاحد نادم خاص درجہ تھاوان چھ

پیٚمو شاعرو چھُنہٕ غزلہٕ کِس مٲدانس اندر کانٛہہ خاص کام کوٚرمُت۔ وہابُن طبیعت اوس
نہٕ غزل لیکھنہٕ بابت موزوٗن۔ چنانچہ تِمو چھُ پانہٕ تہٕ جنگ نامن نہٕ باقے صنفن کُن
توجہ دِیتمُت۔ مقبوٗلن چھُ پننِس تخلیقی قوتن ہُند استعمال مثنوی تہٕ وژنس منز
کوٚرمُت۔ شمس فقیرن چھُ غزل ترٲوِتھ باقے صنفن اندر شعر تخلیق کٔرِمِتۍ۔ عبدالاحد
نادمن چھُ نعت خٲنی منز لُکن نِش داد رٹان۔ غزلس منز چھُنہٕ کانٛہہ نمایاں
تبدیلی سپدان۔ اَتھ زمانس منز چھُنہٕ کانٛہہ نوٚو غزل گو شاعر پٲدہ سپدان
یُس رسول میرنہِ پٲٹھۍ کٲشرِس غزلس وسعت دِیہے تہٕ رنگ برٕ ہے
یِم شاعر اَتھ دورس منز یوان چھِ تِم چھُنہٕ کٲشرِس غزلس کُنہٕ قسمُک برٛونٛہہ
کران۔ چنانچہ کوٗشر غزل چھُنہٕ تَتھ مقامہٕ برٛونٛہہ پکان۔ ییٚتھ اَتھ رسول میر ترٲوان
چھُ۔ اَتھ دورس منز چھُ کانٛہہ کانٛہہ غزل جان ہیوٗ بوزنہٕ یوان۔ مگر کُنہِ چھُ اَمہ
وقتُک غزل جوش، مستی، رنٛگہٕ تہٕ رقصہٕ نِشہِ باسان خٲلی۔ زن تہٕ شاعرس غزل
لیکھنُک تخلیقی صلاحیت آسان چھُ۔ زن نہٕ تٔمِس دزوُن دِل آسان چھُ۔ زن نہٕ سُہ
غزلاوٕ مرٛن حقیقتن ہُند مٲلِک آسان چھُ۔ تٔمِس چھُنہٕ یہ سو بُچھنیُک وارِہ آمُت زِ رسول
میرس ہیٚکہِ ہا یہِ غزل محفوٗظ کٔرِتھ۔ اَتہٕ چھُنہٕ سُہ پُرسوز کیفیت تہٕ تخلیقی بیقرٲری
ییٚمہ خاص کر رسول میرنس غزلس زُو دِژوو۔ اَتہٕ چھُنہٕ حُسنِ کلامُک تہٕ شاعرانہٕ
رمز نگٲری ہُند کانٛہہ سُہ نوٚہر یُس ہیٚچھو رِس یا جدید غزل گو شاعرس ییٚمن نِش
ہیٚیون کڈان چھُ۔ اَتھ دورس اندر یُس کم قلیلا غزلی ادب پٲدہ سپُد، تِمیُک
اکھ حصہ چھُ تقلید پرستی ہُند شکار سپُدمُت تہٕ اکھ روایتی تصوفُک۔ کُنہٕ جایہٕ
چھُ مصرہ جان باسان تہٕ کُنہٕ جایہٕ چھُ کانٛہہ شار رٕتہٕ اظہارکی جامہٕ وٕلِتھ اَمہ
پننہِ وجہ دمُک احساس دِوان۔ مثلن وہابُن سُہ شار ییٚمیُک اکھ مصرہ ییٚتھ پٲٹھۍ چھُ

## مَسہ زِیُن زال چھلِو چھلِو

اَمہ دورٕکس غزلس اندر چھُنہٕ تخلیقی اَدٕبیچ دِلکشی تہ موٗحسوٗس سپدان۔ اگرچہ یمن شاعرن روٗسُلؔ میرٕ سُند ہیوٗ دِل، مہجورٕ سُند ہیوٗ طبیعت نادِمؔ سُند ہش زبان تہٕ راہیؔ سُند ہیوٗ فن آسہ ہا۔ کوشُر غزل آسہ ہا تیٚلہٕ یِہِندٕ دٕسی سیٚٹھاہ بروٗنٹھ پۆکمُت۔ اَتھ دورس اندر سپُد غزلس کُن سیٚٹھاہ کم توجہ شاعرو ہوٚو پنُن کمال وژنس منٛز۔ یوٗہے صِنف سپُد مال زار تہٕ بخنہٕ دار۔ خاصکر رحیمؔ صاب بہٕ تہٕ رحمانؔ ڈار بہٕ دٕسی۔ اَتھ دورس منٛز سپُد شاعرن ہُند توجہ مثنوی کُن۔ عشقی مثنوی تہٕ آیہ لیکھنہٕ تہٕ رزمی تہٕ۔ مگر غزل بروٗنٹھ پکہٕناونہٕ باپت چھُ زمانہٕ مہجورؔ سے پدان۔

مہجورؔ چھُ تتھ زمانس اندر شاعری کران یُس سیاسی لحاظٕ محموٗدرِس زمانس بلکل مختلف تہٕ کاشرِن ہندِ باپت وارِیاہ رُت آسان چھُ۔ اَتھ زمانس منٛز چھُ موغلن ہندٕ دٕسی ژھینہٕ کرنہٕ آمُت سیاسی بیدأری ہنٛز مثالی بیٚیہ روشن سپدان۔ خاص کر وُہمہ صدی ہند ترٛییُم تہٕ ژوٗریُم دٕہیُک یمن اندر مہجورؔ پننہٕ بہلہٕ پایک غزلی ادب تخلیق کران چھُ۔ مہجورٕ سِندٕ باپت اوس اَمہ مُلکُک سیاسی تہٕ ذہنی بیدأری ہندِ اثرٕ نِش دوٗر روزُن سیٚٹھاہ ناممکن پیٚزٕ چھُ اَمی زٕ اَمہ بیدأری ہنٛز آواز میٚٹھ روو مہجورٕ سُند روٗح۔

مہجورؔ چھُ محموٗدنی تہٕ روٗسُلؔ میرنی پأٹھی فارسی زبٲنؠ ہُند تہٕ ماہر اُمِس چھُ فارسی علم و اَدٕبیچ تہٕ زان کٲری آسان تہٕ اُردوٗ زبٲنؠ ہنٛز تہٕ اَدٕبیچ تہٕ۔ یہ چھُ فارسی پأٹھی تہٕ شار لیکھان تہٕ اُردوٗ پأٹھی تہٕ۔ مگر یہ چھُ اُکھُے یِیمہٕ صدی ہندِس ترٛیٚیمِس دٕہلس منٛز کأشرِ زبٲنؠ منٛزے پننہٕ اظہار چھُ۔ وَتہٕ

ژھاران ۔ مہجورٕ چھُ وزُن ، غزل ، نظم ژیشوِنی مینفن اندرشار تخلیق کران ۔ اُمی
سُند غزل وُچھِتھ چھُ اَسہِ کأشرِس غزلَس اندر اہم تبدیلی ہندی نقشہٕ نظرِ تَل
گژھان ۔

مہجورٕ چھُ صحی معنیَس اندر رَوُسُلؔ میرس پتہٕ کأشرِس غزلَس یِتھ
بستہٕ حالَژ منز کڈان ۔ وُشنیر واتہٕ ناوان تہٕ نوو رُوٗ دِوان ۔ سُہ چھُ باقی
شأعِرَن مُقابلہٕ غزلِچ زبان تہٕ ہنا کأشُر بنوان تہٕ لفظ ژأرِتھ تہٕ نوِہ دِوان ۔ سُہ
چھُ پرأنین علامتَن تہٕ رمزَن تہٕ کأیم تھاوان ۔ مگر تَس نِش چھُ کأفی حدَس
تام پنَن ہنز توجہہ بدلان ۔ کوشُر غزل چھُ مہجورنہٕ دَسہِ بنیہٕ یتھ دُنیہَس
تہٕ بنیہٕ دُنیہچہ خوشی تہٕ غمَن نزدیک بنوان ۔ تمی سُند یہ ونُن چھُ گوڈٕ گوڈٕ
پوٗرٕ صحی آسان زِ رَوُسُلؔ میرن چھُ تمی سُندِس رُوٗپس منز دُبارٕ زنم لوبمت ۔
مگر ہنا برونٹھ پکِتھ چھُنہٕ تَس رَوُسُلؔ میرنی پأٹھی قندٕ ہارِچ زون کل
کڈان ۔ بلکہِ چھُ سُہ زندٕ ہارِچہ زونہٕ ٹھَلہِ ٹھَلہِ وُچھان تہٕ تمی سُندین داغَن منز
دلکشی ہندی سامانہٕ تلاش کران ۔ مہجورنہٕ اَمہِ عملہٕ سیتی چھُ کوشُر غزل کوشُر
مزازٕ رٹان ۔ سُہ چھُنہٕ رَوُسُلؔ میرنی پأٹھی حُسنچ رنیہ وُچھِتھ باحُسنکو شولہٕ
وُچھِتھ جسمأنی طور رقص کران ۔ بلکہ چھُ سُہ اَمہِ بابتھ پننہٕ نَس رُوحس دلاوس
لاگان ۔ رَوُسُلؔ میر چھُ یاں ژادرٕ ہندی پأٹھی گرٛزان ۔ مگر مہجورٕ چھُ کنہٕ
ہندی پأٹھی خاموش ۔ مہجورن کرٕ پرٛزی پأٹھی گوڈٕ گوڈٕ رَوُسُل میرس تہٕ مُنزی
مُنزی وہابس تقلید ۔ مگر ہنا برونٹھ پکِتھ ترأوی تمی ییم زوالہٕ پتھر خاص
کر غزلَس منز ۔ تقلیدُک یہ لِباس باسیوو تَس سیٹھاہ ژھوٚٹ ۔ تمی بَسوو
کأشرِس غزلَس منز بیاکھ دُنیاہ ۔ یہ دُنیاہ اوس انسانہٕ سِندٕ دِلُک دُنیاہ

تِمۍ سِندِین اِحساسَن تہٕ جذباتَن ہُند دٕنۍ یاہ۔ مہجوٗر رۆدنہٕ روایتی شاعرَن ہِندۍ
پٲٹھۍ لاگٕنۍ رِنیاے، تصوّف تہٕ سراپا نگٲری جادہٕ لور۔ گۆڈٕ گۆڈٕ چھُ ییٚتہٕ
روٗشُل میرنۍ پٲٹھۍ سراپا نگٲری منٛز لذّت مُحسوٗس کران۔ مگر مہجوٗر چھُ سیٚتی اَتھ
مجازَس کٕنۍ بیہ رۆح بنان تہٕ اَتھ منٛز روزَن وٲلِس اِنسانَس سیٚتۍ یارانہٕ بڈراوُن
یژھان تہٕ پۆزٕ پٲرزان حٲصِل کرٕنۍ یژھان۔ مہجوٗر چھُ کٲشرِس غزلس اَکھ لعٕکٕٹ
نالہٕ منٛزٕ کڈِتھ اَکِس بٔڈِس نالس منٛز واتہٕ ناوان۔ کوٗشُر غزل چھُ پتہٕ کِنۍ اُمۍ سٕندٕ
دٕسۍ نۆوٕ سرٕ زندگی لبِتھ واریاہن انسٲنی خٲہشَن، اَرمانَن تہٕ تجربن ہُنٛد
آباد گاد بنان۔ مہجوٗرَن بُجر چھُ ییٚتھ کتھہِ منٛز زِ تِمۍ پرٛزٕ ناوۍ یِمہٕ خٲہشہٕ۔ یِم
اَرمان تہٕ یِم تجربہٕ کڈِن دِنہٕ۔ پرٛزناونہٕ تہٕ وَنہٕ کڈنہٕ پَتہٕ کرِن یِم لفظَن ہِندِس
طلِسماتس منٛز بنِتھ پٲٹھۍ منتقل تہٕ بنْد۔ مہجوٗرنہٕ اَمہٕ عملہٕ سیٚتۍ آو یکبار کٲشرِس
غزلس تہٕ فائدٕ تہٕ کٲشرِ زَبٲنۍ تہٕ۔ اَمہٕ عملہٕ سیٚتۍ رۆد نہٕ اُمۍ سُند غزل صرف تصویر
کشی کران، بلکہِ ژاو اَتھ اندر انسٲنی احساس تہٕ جذبہٕ۔ مہجوٗرنہٕ اَمہٕ انسٲنی
احساسچ تہٕ جذبچ نوعیت، کیفیت تہٕ سیرت چھےٚ رٔژ تہٕ تہٕ ٹھرٕ تہٕ۔ امہٕ چھُ ییمہٕ
پزرُک برپوٗر احساس زِ مہجوٗرنۍ ساری غزل چھنہٕ اَتھ ٹھرس واتان۔ سیٚٹھاہ
کم تعداد چھُ تِمَن غزلن ہُند یِمَن یہ ٹھرٕ نصیب سپُدمُت چھُ۔ مگر ییٚتھ پزرس
ہیٚکہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ انکار کرِتھ زِ مہجوٗرَن واتہٕ نوو کوٗشُر غزل اَتھ ٹھرس یِتھۍ کوٗر
اَمہٕ کہٕ وُسعتُک تہٕ سنزُک احساس اَسہٕ منٛز پٲدٕ یِمہٕ ساتَن تِمۍ یِتھۍ ہی غزلی
شار تخلیق کرٕس

اُلفتُک سودا گُنٛدُم غم مۆلی ہیوٗ تمُ
اَتھی طریقس پیٹھ چلیو باپار رمیوٗن

یُتھ کال کھٹِتھ ٹھوو میہ دِلک حال ٹکن نش
انسانہٕ وُنی وُنی ہوش رووُم راز نٔنِتھ گوو

•

کیاہ زانہٕ صُبحک واو بُلبُل کیازِ چھُ نالان
شُلہٕ آو شُلی وزاو سہ دامانہٕ درٕنِتھ گوو

•

ذَرہٕ ذَرہٕ ٹھوو نم ذرہٕ کوتاہ زٔر میہ شٔنِتھ گوو
کوہ زانہٕ لولک نقشہٕ دِلس کرٕ میہ کھٔنِتھ گوو
اوشش گوم مجازی یام ژٕنتس ہیوم سہ جانان
بیوٚلھ ناوِ اندر پانہٕ میہ سیٚلاب اَنِتھ گوو

•

ژٕہ زٕن بہٕ وٕسی وٕسی پییس یام ژٕہ دوریوکھ
پوٚت ژھایہٕ وُچھمکھ دوٚرِ آیم گژھایہٕ وٕنے کیاہ
ژٕلہٕ لارِ وُچھمکھ حال وٕنیہے وارہٕ وُچھیہے روے
گکہٕ زٕوٕ میہ گُنیم اوش وٚوتھم دٔدرایہٕ وٕنے کیاہ
وٚوتھ شور یامت داو حُسنس موج تُلِتھ گوو
اظہار تی کوٚر زُلفیے ٹھٔہرایہٕ وٕنے کیاہ
چھم آرہٕ وٕلہ ہندی پاٹھو گاہتہ یارہٕ بدنس
کوٚستورہٕ روٚدکھ دوٚروٚنٕ ژھایہٕ وٕنے کیاہ

•

نیتھ گئے گوس بیدار کنن کتھ چھ بولنٔ گوم
زونم میہ وَنذِ سورپو پرتو ژروو سونتھ کالن

•

مس دامہ دامہ چاوِتھ حس ہوش راوِ راوِتھ
کتھ کن ژوکھ میہ ترٲوِتھ لو کچار وارہٕ وارے
پوشہ ٹوٹھی مُشکہ برِہ تھکھ رُسہ پاٹھی گنڈ مُژہ تھکھ
اَسہ وُنہٕ دَہانہٕ کرِتھ آوارہٕ وارہ وارے

•

آیوس زِنمس باغ چھاوُنہٕ وہم غالب گوم
پننے خیالکھ پانسے زولانہٕ بنا ویم

•

یوہ ہرشہٕ تہٕ چھندرے مژ مس وَل وَنان چھ واوس
داماںہٕ میون پیٖمو چھوٗل تس ژھہ تہٕ قرار آسیا
دوٗپ مس دماہ ژہٕ روزم کتھ تارہ وارہ بوزم
دوٗہینم بہٕ بوزہٕ کوتاہ گژھاو شمار آسیا

•

پریشان دل بہٕ چھس بلبل دَپان چھم وَن خبر تو رچھ
بہانا کانہہ تمس ونہا مگر پننس دِلس وَنہٕ کیاہ

•

بازرن ژھانجیوم ستیٹھن بیٖیہ پرژھوم سوداگرن
الفتک سودا کنُن ہارن تہٕ دِیارن آسہ ما

پوٗشیدٕ، ٹھوٗر ٹھوٗر دٕزاو پھٕٹِتھ میوٚن اندرٕیم حال
ییتھ پاٹھی پوشس سینہٕ ژٕٹِتھ مُشک نیبر دٕزاو

ایشارٕ پاٹھۍ شُلہٕ اوس وُنان واو کاوس کُن
ییٚنٕتہٕ چھے نہٕ کٔھٹن باو وُنُن ژٕراو ہیوٗنٕہ ہاو

•

وٕنِتھ لولہٕ گُفتار ژٕہٕ تے عار اٚنہٕ ہے
ژٕہٕ ڈیشِتھ مےٚ زوٗ چھُم کلان ٹاٹھہٕ یارو

•

مہجوٗرنۍ ہم زمانہٕ تہٕ ہم کال (ہمعصر) شاعر آزادتہٕ چھُ ییکھان تہٕ ماسٹر زندہٕ کول نہٕ۔ عبدالاحد آزاد اوس مہجوٗرس مُقابلہٕ مختلف اُڈرٕ بیٚیھ تیار سپدمُت۔ آزاد اوس مہجوٗرس مُقابلہٕ عظیم اُردوٗ فلسفی تہٕ شاعر اقبالس نِش تہٕ متاثر سپدیوٚمُت تہٕ زمانچہ ترقی پسند تحریکہٕ نِش تہٕ۔ چنانچہ آزاد اوس اَکہ طرفہٕ اقبالس نِش تہٕ فٲیض یاب سپدان تہٕ بییہ طرفہٕ تِمن ترقی پسند خیالن تہٕ نظماوان تہٕ غزلاوان ییم اُتھ دورس اندر تِمہ وقتہٕ کِس جوٗنوٗانی تہٕ مغربی ہندوستانس منٛز انسان دوس تہٕ نوٗبالیغ انتہاپسند سیاست دانن ہندی موضوع سخن بنے متہ اُسی۔ کینژھاہ پننہٕ طبیعتہٕ تہٕ کینژھاہ تِمو بیرونی حالاتو بنوو آزاد مہجوٗرس مُقابلہٕ خیالاتن ہند شاعر۔ آزادن دیت پنُن پیغام پننین غزلن تہٕ نظمن منٛز۔ کینٛہہ کالاہ شاعری کرِتھ تہٕ مہجوٗرنہٕ سند اثر قبوٗل کرِتھ ژھینہٕ تِمو رِوایتچہ بریدٕ پھُٹرٲوِتھ۔ مہجوٗرس مقابلہٕ ہیوٚکنہٕ تِمو رِوایژ، مگر تہٕ تِمو رِوایتچہ بریدٕ پھٕٹراوِتھ۔ اگرچہ کاشرہ نظمہٕ پٔتہٕ کنہٕ کانٛہہ رِوایت اُس نہٕ مگر کاشرس خیالس میٚل کرٕتھ۔

غزلس اُس اَتھ دورس تام اَکھ رِوایت تہٕ تواریخ بنے مرثہ۔ اُتھی پرزس
پیش نظر چھُ اَسہِ آزادنہٕ غزلیچ ناکامی ٹماکارہ درینٹھو یِوان۔ آزادُن غزل
چھُ یا تہٕ زوال پذیر سماجکہٕ بار بار وَنہٕ مَتہٕ تصوّرِ عشقُک اظہار بنان۔ یُس دلچسپی
نِشہِ خالی باسان چھُ۔ یُس اِنسانہٕ ہنزن لطیف خاہشن اَتہٕ ہاوَس منز
تہٕ ایحساسن تبنلاونس منز کامیاب سپدان چھُنہٕ۔ نَتہٕ چھُ تِمہٕ نو بالیغ انتہا پسند
تحریک کہٕ اظہارُک اَکھ ذٔریہ بنان یِیہسہٕ خاص کر ادبی ماداَنس منز شدٕہ
لازمی اَندرِ ہے اُس۔ مگر شعرُ چھُ بوڈ بنان۔ تہٕ شعر ہسے چھُ انسانہٕ سُند
مول تہٕ ونان۔ آزادُن ترقی پسند خیالو سیتھ پیوند کورمُت غزل چھُ کأشرِس
غزلس کینٹھہ قدم برونٹھ پکنُک تہٕ پننہٕ وسعتُک ایحساس دِوان۔ اوسلوب و
بیانیچ اَکھ نوٚپٕدی وَتھ چھُنہٕ درینٹھو یِوان مگر اَمہ وَتہٕ ہنز نشان دہی چھ
سپدان۔ آزاد چھُ اَکس نوٚس کُٹھس دروازہ مُژران۔ اگرچہ سُہ پانہٕ
اَتھ کُٹھس منز اَژِتھ اَتہٕ سأز کران چھُنہٕ مگر پیٚنہٕ والین شاعرن ہندِ باپت
چھُ اور اَژُن تہٕ اَتہٕ سأز کرُن سہٕل سپدان۔ آزادنی یہ کوشش چھُ
تِمَن غزل گو شاعرن مُقابلہٕ سیٹھاہ اہم یم محمودنہٕ وُقتہٕ پیٹھ ژایہ مرثہ ترکیبہ
گرٚی میٚتھ اِستعارہ، بناوٕ مرثہ تشبیہہ تہٕ وٚنی رٹتھ خیال اَکی سے لفظ ژأر اَندر
اَرزان طریقس پیٹھ بیان کران روزی رٹتھ چھ۔ مگر آزادُن ہیتیوک نوٚرسہٕ تغزل
پأدہ کرِتھ یا سوہ مانے آفرینی پأدہ کرِتھ یٹھ اندر کنہٕ ہدس تام مہجور
کامیاب سپُد۔ آزاد روٚد غزلس مقابلہٕ ماسٹر زندہ کولنو پأٹھو نظمہ کِس شہسوار
زندہٕ کولنو غزل چھُ سیٹھا ہے کم۔ مگر یم چھِ پوختہ فن کارن ہندی
غزل باسان۔ ییم پران پران چھُنہٕ اَسہ پنہندِ موضوعیچ کتھہ تِلنی پسند کران

یمن چھُ ماسٹر زندٕ کوٗل نِس تصوفس سٟتؠ نٲم بٔنٕ مازُک واٹھ۔ لفظن ہنٛز تیٚلہٕ ترٛاو تہٕ رعایت چھُ جان پٲٹھۍ ورتاونہٕ آمٕژ۔ ہرگاہ ماسٹر زندٕ کولنۍ درسی نظمن ہندِ کہ پٲٹھۍ غزل تہٕ واریاہ لیکھنہٕ آمتۍ آسہن کاشرِس غزلس آسہِ ہا بیٚیہ ہن ہٕژار سپدمُت۔ 'واریاہ' زنشہٕ چھُنہٕ میون مُراد درجن واد بٔلکہ داہ پنداہ۔ اگرچہ تِمن ہُند موضوع تصوفے آسہِ ہا یتھہٕ نیبر ماسٹر زندٕ کولُن نیرُن سیٚٹھاہ ناممکن اوس۔ توتہٕ روزِہے کاشرِس غزلس اندر اُتھ سیٚٹھاہ اہمیت۔ ماسٹر زندٕ کولس سٟتؠ چھُ عبدالاحد زرگر سُند ناو تہٕ ہیوٚن لائق۔ زرگر تہٕ چھُ زندٕ کولنۍ تہٕ صمد میرنۍ پٲٹھۍ صوفی شاعر۔ یتھ پٲٹھۍ زندٕ کولن پنُن تصوف نظمن اندر ورتوو تتھے پٲٹھۍ چھِ صمد میر تہٕ عبدالاحد زرگرتہٕ پنٕنۍ تصوفی تجربہٕ غزلس مُقابلہ وژنُن منٛز ورتاوان۔ چھاپ سپدِکۍ میتِس کلامس منٛز چھُنہٕ یہندِس غزلس منٛز کانٛہہ سوہ خصوصیت یوٚسہٕ یمن غزلس منٛز کانٛہہ نمایاں مُقام دِیہٕ ہے۔ یم چھِ بُنۍ یادی طور وژنُکۍ شاعر۔ اگرچہ صمد میر کٔژ ؤری بُروٛنٛہہ تہٕ زندٕ کوٗل پرٛسے موٗد تہٕ عبدالاحد زرگر وُنہٕ تہٕ زِندٕے چھُ مگر یم ترٛیشہٕ وٕرے چھِ تِمتھۍ دورس سٟتؠ روزان یُس ۱۹۴۷ء منٛز بٔلکہ تِمہ تہٕ برٛونٛہہ ژھے ختم سپدان چھُ۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ چھُ کاشر شاعری خاص کٔر کاشرِس غزلس منٛز اکھ نوٚو انقلاب یوان۔ مزاژہٕ کِنۍ چھِ یم ترٛیشہٕ وٕرے شاعر صمد میر، زندٕ کوٗل تہٕ عبدالاحد زرگر اَمہِ نوٚہ انقلابہٕ نِش مختلف۔ مگر ہیچھ ٲر یُس ۱۹۵۲ء منٛز موٗد چھُ یمن ترٛیشہٕ وٕنی مُقابلہٕ اَمہِ انقلابکہ اِرتقہٕک اکھ اژھیوٚن حِصہٕ۔

[ غار مطبوعہ ]

# تاج بیگم

سۄ واحد زنانہٕ یۄسہٕ کأشُر نثر لیکھان چھ

مگر یوٚہے رُکی رُکی تہٕ ٹھکھ دی دی۔ خۄدا زانان کیازِ؟

تاج بیگم چھ ۱۳ اِ جولائے ۱۹۳۱ء عیسوی یَس منٛز ژٕھٲنہٕ

پے مرٕ۔ والد بزرگ شُند ناو چھُ خواجہ غلام قادِر بٹ

تہٕ کھاندارِ شُند غلام رسول رینزو صاب۔

تاج بیگمہ چھ اَز تام کینٛہہ خاکہٕ تہٕ افسانہٕ لیکھمٕتۍ۔

وۄمید چھ یِہُند گوڈنیُک مجموٗعہ یِیہ جلدٕے بازرس

منٛز۔

تاج بیگم چھ ریڈیو کشیرِ منٛز واریاہ

کالہٕ پیٹھہ کام کران۔ کأشرِس زنانہٕ پروگرامس منٛز

چھ یِمہٕ اہم رول ادا کران۔

خاکہ

تاج بیگم رینزو

# رٚو یٚیلہِ کھسہ

ساڈٕ گامہٕ اُسی گرٕ جوراہ۔ اَکھ بُہلہِ پاپٕ بیاکھ اُسی ہیوٚ غریباہ اَکھ اوس عایشہ آرامس منٛز تہٕ بیاکھ اَتھ خوٚچہ گرس کٕنٛ کیٚہ نہٕ یندہ پاٹھو اُچھو چھپرو پھپرو وُچھان۔ تیمَن اُچھن منٛز اُس ماے تہ محبت، ہرژر تہٕ حسرت آسان۔ ییمن نہ اُس میٛنٹ آسان تہٕ نہ زُٹ۔ زُچن ہٕنچہ پھپیرٕ گرٕ گرٕ اُسی دوہ کڈان۔ اَتھ غریب گرس منٛز اُس نیٚبہٕ زاہرٕ۔ سیتھاہ گاٹٕج تہٕ دانا اُسنٕ وَنیٚ کیاہ اَکھ اَکھ کتھ اُس کران کم کم گاٹٕلی اُسی روزتھ گژھان۔ گرٕچہ کامہٕ کھوچہ منٛز اوشس نہٕ جورٕ تہٕ۔ غریب پاٹھو اُس ہینس مالِس ماجہ خانہٕ موج تہٕ۔ مول تہٕ موج اوس اُمس ژھاین تہٕ گراین وُچھان تہٕ گامی گام اوس زیٚبنٕ تاریف تہٕ ثنا خانی کران۔ زیٚبنہٕ گنٛدُن تہٕ دٕرہ کٕنٛ تہٕ اوس بدلے دکورٕ کورٕ ییٚلہِ سٕمان آسہٕ دٕیان اُسہٕ کیاہ فایدہ چھُ دارٕ دجن گنٛدُن۔ گرٕ گرٕ کتہٕ اَنوٕ اُسی ہیمَن کرٕ لدرٕ مالہٕ۔ گنٛدان گنٛدان اُس زیٚبہٕ ہیمَن کورٕن وَنان وَلے بہ ہیٚے دنوٕ کھتہ۔ وَنان وناُنی اُس اُمس کُتھ مُشتھ گژھان۔ دیشاہ اُسس فاطرٕ۔ یہٕ اُسِس کِمہ مایہٕ سان وَنان "زیٚبے"۔ ژٕ ہیٚے کھتہ ہیشر اَیتھ وَنِنہ تہٕ وٕنِنھ کونٕے۔ ژٕ کھے زِ چھکمھ گژھان ہڑ ہڑ ہش۔ ژٕ کھے چھکمھ

سوچان آسان؟" ووٚشا ژاوِتھ وُژھس زیبہٕ ــــ "ہتےٚ فاطِم کتھ
چھم یاد پیوان۔ اما پوز کیاہ وَنےٚ۔ یہٕ وَنتم اَسہِ چھا دوہے یتھےٚ پاٹھی
روزُن۔ اَسہِ چھا دوہے پھیرُن پننٕ بُروٚنٛہہ کرُن تہٕ جندَن پیوندٕ کرُن۔
اَسہِ چھا دوہے ژھوٚنٛڈ کھرِہ روزُن۔"

اَتھ پیٹھ آسَس ویسہ تہٕ سوٚدرٕ اَسُن کھنگالہٕ ژاوان۔ دپان
آسہٕ زیبہٕ چھےٚ وَنترٕ کھوفُ کتھ کران۔ نہ ہیمن اند نہٕ بٔہ گوڈ۔ زن چھےٚ یہٕ
مُژ گمُژ۔ ترژھے کتھ چھہ کران۔ اَسہ رٔہےٚ بچارِی خوجہ کورٕ چھےٚ ژٕ جندَن
پیوندٕ کرَونہٕ۔ اوٚرزمان آسَونہٕ۔ موحتاج آسَونہٕ۔ یِہےٚ چھےٚ سانین مالین
ہُنٛز منٛتھ ژٕ اَسہِ تہٕ سانین ماجَن چھہ بتہٕ دِوان۔ پوشاک سُوان تہٕ ہلنس
ڈلنَس بکار یِوان۔ زیبہٕ اُسکھ بڈٕتھ تہٕ بوٚلِتھ وَنان بہٕ مُژ گمُژ چھس نہٕ
ہیمہٕ ویے خیالو بہٕ مُژ بناوٕس نہٕ تِمہٕ وِیے۔ تمہ ہہ نہٕ کانٛہہ راہ چھُنہٕ۔
ووٚنی یہٕ وَنیوم یتہٕ تہٕ۔ مُژ وُنیوٚم یا باورٕ بناوِیوٚم۔ مگر وقت وانہٕ یِیلہٕ
پانے ژٕپنیو۔ یہٕ مُژار یا جنوٗن چھُنہٕ۔ یہٕ چھہ اَکھ ننٛگ حقیقت یِیلہٕ میانہٕ
پزرُک رَو کھَسہٕ کم کم گاٹٕلی گیژھن گٔی تہٕ سورُے گژھ زوٚل ژٕرلہٕ۔

ہیمَن کورِن سیٹھاہ اوس اَکھ نبچوٗ نہٕ گِندنہٕ یِوان۔ اُمِس اوس
ناوٕ گُلمد۔ یہٕ اوس اَمی خوجہِ گروک خوجہ کوٚٹ۔ پٔزی پاٹھی گلالہ ہیوٗ۔ آسہٕ ہے نہٕ
کیازِ خوجہ کوٚٹ ہےٚ اوس۔ اما پوز خوجہ ذہنیت اُسُس نہٕ۔ ہیمَن غریب
کورِن سیٹھہ گِندُن تہٕ ژروکُن اوسُس خوش کران۔ تمِس اُس اَتھ گندنس
منٛز شادی باسان۔ اَتھ اوس خاص وَجہہ اَکھ۔ زیبس تہٕ اُمِس اوس
پانہٕ وٲنٛی سیٹھاہ محبت۔ یہٕ اوس غریبی تہٕ امیری ہیُنٛ گومُت۔ ہیمَن منٛز

اُس تہٕ کیٛہنہٕ فرق۔ یمے اُسہ پانہٕ وأنی نم تہٕ ماز۔ گنٛوٗ جان تہٕ گنٛوٗ دِل
مول موج اوس گُلُس اَتھ کینژہ پیٛچھ ہیٛزار۔ دوہ ہے اُسس وَنان۔ ژہٕ کیٛہوزہ
چھکھ اُمس غریب کورِ سیٛتھ گیندان۔ ژہٕ کونا چھکھ خوجہ کوٹ آسنک خیال۔ ژہٕ
ما چھکھ ینہٕ فیٛشنٛک تہٕ مالس ماجہ ہند مَندہِ چھاوُن تہٕ تہندس یزتس وَٹہٕ دِین۔
دوہے اُسس اَتھ پیٛچھ بأزار ہیوان۔ کینہہ ناز و نعمتس منز اوس رٔچھنہٕ یوان۔
مگر گُلُنہٕ خأطرِ اوس یہ سورُے ناز و نعمت تہٕ عأش و عشرت بے قرأری تہٕ
بے آرأمی منز تبدیل گژھان۔ تکیازِ تمہٕ سٕنز اَمیری اُس زیٛبہٕ۔ تمہٕ سُند
سرمایہ اوس غریب مالس ماجہ ہند غریب کور۔ ژھینہٕ مژ جبلہٕ ہین ژھینتھ
کنن ہیٛسہ ہنزِ کن واجہ۔ دوہ یہ سِنزِ کتہٕ اَنہٕ ہے۔ زٕہن سَر تلوہ ہنگرہ۔ سونہٕ
سِنزِ کتہٕ اَنہٕ ہے۔ کلس خانیارٕ کیپرچھ پوٗژ۔ پشمینک ووڈہٕ پلو کتہٕ اَنہٕ ہے
وارہاہ وارِیاہ لیکھہ ہا بہٕ۔ قلمس تہٕ چھہ تھرہ تھرہ اژان۔ ینہٕ نوو اُچھو چھم یہند
حال وُچھمُت تہٕ ینہٕ نو کنوٗ چھم اَہنزِ کینہہ بوزمژ۔

بٔیلہٕ کینہہ بڈان بڈان گیہٕ۔ کینہہ اُس ہہٕ تلہٕ کنہٕ کینہہ۔ اما پوز خوجہ گرس
کرِ اُس ناکارہ۔ تمن اوس آسنک نبہٕ نار۔ تم کینہہ پیٛچھ ذرِ ہن زہ تہند
نیٛچوٗ آسہ غریب کورِ سیٛتھ گیندان۔ تعجب اُسہ کران زہ تہندس نیٛچو سِندہِ
اُسہٕ کینہہ پأٹھی چھہ یمہٕ کینہہ نیران زِ غریب کورِ ہہٕ گژھ نونہٕ تہٕ پھولنہٕ۔
لوکٹہٕ اُسہ یژھ بڈ کینہہ!

دوہا دوہا چھوٗ گژھان یمہٕ کورِ تہٕ گیہٕ بڈان۔ گُل تہٕ چھہ بڈان
تہٕ جوان سِیدان۔ لوکچو لوکچو کوریو تہٕ ماہرِزہ ووونی بجہ بجہ کینہہ کرنہٕ۔ اوٚتام
اُس زیٛبہ یأژ گندنہٕ وِزِہ دُلیلہٕ وَنان مگر ووونی چھہ سارِ سے سوہ رنہٕ پے مرژ۔

سارِنیے چھہ وۄنۍ زیٖبہٕ ہنٛز کتھ برابر پیوان۔ وۄنۍ چھس نہٕ شرٕ وَنان تہٕ مُرزانان
وۄنۍ چھہٕ اَکہٕ دۄہہٕ اَکھ کوٗر کتھ وَنان تہٕ بێیہِ دۄہہٕ بیاکھ۔ زیٖبہٕ ہنٛز کتھوٗئس
ییمِن وۄندس منٛز جاے کرٕہٕ۔ اُمی سِینٛزِ کتھ تہٕ اَسکھ سۄنِتھ گژھٕ۔ ڈیان
آسُس "ہیٚیے زیٖبہٕ ژٕ ہے اَسکھ لۄکچارس کتھ وَنان۔ مگر اَسہِ نٕے آسہِ فکری
تران۔ اماپوز وۄنۍ بڈیایہِ اَسی تہٕ ژٕمہِ چانہِ کتھ ہیرژن فکرِ ترٕہ۔ دسگیر
گواہ چھُنۍ اَکھ اَکھ کتھ ہے لۄہ اَکھ اَکھ لعل۔ زۄنٕ اَسس وَنان۔" پۄزٕ ہے
زیٖبہٕ۔ ژٕ ہے اَسکھ وَنان اَسہِ چھا دۄہے موہتاج روزُن تہٕ بێیِن کُن اوٚرزان۔
گویا ژٕ ہے اَسکھ وَنان یُتھ حق اَکس مردس زندگی بسر کرنُک چھُ، تیُتھے گژھِ
اَکس زنانہِ تہٕ آسُن۔ یُتھ حق اَکس امیٖرس گژھِ زندٕ روزنُک تہٕ عاش کرنُک
آسُن تیُتھے گژھِ اَکس غریٖبس تہٕ آسُن۔ دِپارہٕ وول کیازِ کرِ غریٖبس تہٕ نہٕ
دیارس کتہٕ موٚنڈ۔ اَسہِ کونہٕ وۄتلکنہٕ دِوان؟ کہے یی اوس نا چانِین کتھن ہُنٛد
مقصد تہٕ مطلب آسان؟

زیٖبہٕ ورژھکھ وَنیو موٗنا پانے ژٕ نۄہ دۄہہٕ اَکہٕ مِیانہِ کتھ فکرِ۔ وُنہٕ کیاہ
وُچھ وۄہ پکان گژھو بروٚنٹھ۔ میون آفتابٕ کھوٚت نہٕ وُنہٕ۔ کھسُن وول چھہٕ صبر
کرو۔ وُچھان گژھو۔ یپارٕ کنہٕ چھُ گُل تہٕ ژھیپہِ ژٔورٕ زیٖبس نِش پیوان
گژھان۔ گرٕچ وَنہٕ ہیر ترٕ نس کھینُک تہٕ اَسس بدستوٗر۔ وۄنۍ اوس غریٖب
کورٕ پیٚٹھ شُتہٕ غریٖبھے تلان۔ مبالغہ چھُنہٕ۔ زیٖبہٕ ہچار تہٕ بنٛجہ یہِ پننہٕ نس
ہالس ماجہ ہندہٕ خاطرٕ وۄنۍ بوڈ بار تیکیازِ گژن آسُن وول اوس تیمن تہٕ رنگہٕ
رنگہٕ تیٖرہٕ زانان۔ گامہٕ منٛزٕ کڈٕ نیچ سبیل تہٕ اوس ژھانڈان۔ تکیازِ تیمۍ سُنٛد
نیچو، اوس اُمس غریٖب کورٕ سیتو ہمدردی تھاوان۔

گُلسَس تہٕ زٮ۪بس اوس گنٛوٗ زُوٗ تہٕ جان۔ خوٗژِ ظُلم کرِہ ہے نہٕ
اَدِہ کیاہ کرِہ ہے۔ ژھٲوِی توکھ ہیم اُتی۔

کورِ چھہٕ اَمہِ دوہہٕ تہٕ گندنہٕ یوان۔ مگر زٮ۪بہٕ چھہٕ نہٕ اَمہِ دوہہٕ
کُنی۔ کورِہ چھہٕ حٲران اَما زٮ۪بہٕ کتہٕ چھہٕ۔ خبر خٲرِے چھُسہٕ؟ زُوٗ چھُسہٕ خٲرِے
ژھانڈان چھہٕ ہیمہٕ گُلسَس سُتہِ نہٕ بوٗد۔ اَما دلیل کیاہ سَنا اُس؟ دلیل اُس
یہی زِ گُلہٕ تہٕ زٮ۪بہٕ اُس اَمہِ دوہہٕ الگ کنُو بہتھ پانہٕ وٲنی کتھ کران۔ تہٕ
گُلن اوس زٮ۪بس وَنان — "زٮ۪بے مےٚ ہے چھُہ مول موج کالہٕ نہٕ یگاہ شُلکھ
کران۔ دپان چھم ژیہ کیازِ چھُے زٮ۪بہٕ زٮ۪بہٕ لوگمُت۔ آخر دلیل کیاہ چھہٕ۔ دوہے
چھُم یوٚہے دوہہٕ دِہ مزہ لاگان۔ دوہٕ نی یتیلہِ جاٲرِس ہیبٹھ آم اَز کیاہ دوٚنمکھ
جھکہٕ کرٕ دِتھ۔ ہرگاہ زٮ۪بہٕ غریبہٕ چھہٕ۔ مگر غرُبت چھُنہٕ ترٛتھ بیمارِی بنیچ لاگ
ترِہ۔ دوہہ ہے دوہہ ہے اگر مےٚ عاجز اَنو۔ نبرو کیاہ تمہٕ مَنزِہ۔ تورِہ وُچھم
اگر وُنس نام دوہہ دوہہ کڈان اُس دوہہٕ نی دِکھ نہٕ کڈنہٕ۔ وُنستام اوس
سٲرِی ہیے گامس سون روبہٕ داب تتھ پھرکھ آب۔ ژیہ چھُے نا پننہٕ خاندانک
لحاظ۔ یتھین ہوین خُدالن اُسی اُسی باج ہیوان۔ سانہٕ کرِشکہِ سیتو اُسکھ
پھرِہ اَژان۔ مگر چانہٕ کرِتو تو ما بنیہ اَسہ یہ گامے ژھاوُن۔ ہرگاہ ژیہ یہی
کرُن چھُے تیلہِ نیر ینیتہٕ" زٮ۪بہٕ اُس گُلنہٕ ہیمہٕ کتھ بوزان نہٕ ژالہ ژالہ
اوش ژھاوان۔ وَنان کینہہ چھُنہٕ۔ گُلہٕ چھُس وِلہِ زار کران۔ تِلے کتھ کرِتہٕ۔
ژیہ کُس چیز چھُے وَدہ ناوان۔ بہٕ ہے کرِہ چانہٕ باپت سورُے قربان۔ زٮ۪بہٕ
وَژھس — " ژےٚ تہٕ امیر تہٕ خاندٲنی۔ بہٕ غریب کھوہ پرہ منز روزان۔ چون تہٕ
میون میٖلُ ما گژھہ بیانہٕ غریبی سیتو جُدٲیی کھۄتہٕ تہٕ کرٕوٗھ۔" گُلس ژرچ

کمہِ بِچھ نیرِتھ — "زیٖبہٕ یہِ شیٖتھ وَنتہٕ۔ میہٕ ہیٚ مائِلس ماجہِ دوٚنمٕت۔" مگر زیٖبہٕ دٕرِے یہِ تہٕ اَنِتھن یِمہٕ کتھہٕ بوٗزِتھ۔ تمہٕ تَنج کُنی دور تہٕ دٕراییہِ دان ڈلُس کنُ۔ گلُ چھُس آلو آلو کران تہٕ پتہٕ ادان۔ اما پوٗز زیٖبہٕ چھٕنہٕ پوٚت پھیران صرف دوٚنُس دٲرِ رٲوزِتھ زیٖبنَس۔

"خوٚجہِ کِتیا مِیانہِ جُبہکُ رٕو کھوٚت نہٕ وُنہٕ۔ اما پوٗز یہِ تہٕ وٕنے کھٕسن وول چھُ یتیمہٕ سیٖتو۔ یہِ سورُے اَنہٕ گوٚٹ تہٕ گٕٹھ زوٚل چھٕلہٕ چھٕلہٕ گٕژھتھ۔" یہِ وَنان وَنان گٔیہٕ سعہ دان ڈالو مُنزٕ غائب تہٕ گُلہٕ گُمہٕ و یہِ بوٗزِتھ ششدر۔

[ کونگ پوش جھِے ۱۹۵۵ء ]

# ٹینگ

پوٗرٕ ناو : محمد یوٗسف ذات :- ٹینگ

زاسنہٕ : ۱۹۳۸ عیسوی - بسکینہ :- شوٗپیٛنۍ

ٹینگ صاب چھِنہٕ ادبی حلقن منٛز کُنہٕ تعارفک محتاج - وٕنی ووت یمن کیٛتھ وَری "شیرازہ" ہیوٗ رُت تہٕ نفیس رسالہٕ ترتیب دِوان -

محمد یوٗسف ٹینگ چھہ یِتھۍ پاٹھۍ کوٗشِش کٔرِتھ لیکھان - وٕنی گوو ولی اللہ متوٗ سٕنٛز "ہیمال" تہٕ نموٗنۍ کلام یا مقبول شاہ کرالہ وارِی سٕنٛز شاہکار مثنوی "گُل ریز" ترتیب دِتھ چھہ یِمن نِش واریاہ وٕمید وابستہٕ سپدان - ٹینگ صابن چھِ امہ علاوہ روٗسل میرُن نموٗنۍ کلام (معہ اُردوٗ ترجمہ) تہٕ آزاد صابنہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" ہٕندی زٕ جلد ترتیب دِتی رٔژتھ -

•

محمد یوٗسف ٹینگ

# مقبوٗل شاہ ــــــ اکھ سام

سرینگرٕ کِس جنوٗب مغربس منز چھُ یوٗہے داہ باہ میل دوٗر بڈگامُک تحصیلس منز ناگچھ سرٕے آباد۔ اَتہٕ پیٹھ یوٗہے زٕ۲ ترٚیہ میل دوٗر چھُ دوٗدٕ گنگایہِ ہندِس بٔٹھِس پیٹھ کرالہٕ وور گام بَسِتھ۔ یہ گام چھُ بڈٕ پُر فِضا جایہِ واقع۔ دوٗدٕ گنگا چھِ اَکھ قوٗدرتُک رباب ہیتھ فطرتُک لافانی ساز وایان آسان تہٕ اتیک کُشادٕ مٲدان تہٕ وسیع وُڈرٕ چھِ نظر فرحت تہٕ فراخی بخشان۔ سوٗنتُک پرتو پیوٗنے چھِ یمن مٲدانَن منز رنگہٕ رنگہٕ جنگلی پوٗش، بوٗکھ ہیتھ نیرِتھ یوان۔ تہٕ سبزار چھُ زمرُدی فرشہٕ فروش دٕکھراوان۔ اَتھو رومان پرور ماحولس منز زاو کاشرِ زبٲنی ہُند رومان پرور مثنوی نگار مقبوٗل شاہ۔ مقبوٗل شٲہن ناو پَیلہٕ یوان چھُ۔ نوٗش لَبہٕ ہُند مٲری مٕنٛد پیکر چھُ نظرن شاداب کران تہٕ تراوتھ بخشان۔ تہٕ اَوے کِنہٕ چھُ عبدالاحد آزادن اَمہٕ خوبصورت گامُک دامن مقبوٗل شاہ سِندِس اِحساسِ حُسنَس سٕیٖتۍ ووٗمُت۔

کُنہِ ہمہ صَدی ہندِ باقے بڈین شاعرن ہندی پأٹھۍ چھنہٕ مقبوٗل

---

۱ے کشمیری زبان اور شاعری جلد اول صفحہ ۲۶۷

صٲبنہٕ زِنہٕ تہٕ مرنٕکہ تارٟخ سپٕکہ پٲٹھۍ کانٛہہ معلوٗم۔ امہِ پوز لاچٲری منٛز چھہ
کیٚنٛہہ اندازٕ کرنہٕ آمٕتۍ۔ عبدالاحد آزادن چھہ کانٛہہ تھٕچھ کرنہٕ پَتہٕ تمہٕ ہنٛدِ
مرنٕکہِ ؤرِیک تعیُّن کوٚرمُت تہٕ تمہٕ موٗجوٗب چھہ مقبوٗل ۱۸۸۵ عیسوی یَس
منٛز گُذریومُت۔ مگر تِہنٛدِس زاتارٟخس مُتلق چھُن نوٚین لفظن منٛز پنٕنہٕ کوتاہی
ہُنٛد اعتراف کوٚرمُت:-

"اُن کا سال پیدائش کہیں سے معلوم نہ ہو سکا۔
قیاس آرائیوں سے کہاں تک کام لیا جائے۔"

(کشمیری زبان اور شاعری حصہ سوم صفحہ ۵۰)

البتہٕ چھُ تمۍ اندازٕ کوٚرمُت زِ مقبوٗل صاٮ۪ب چونکہ اُسہ ہمیشہ بیمار
روزان۔ لہٰذا آسن تِم لوکچی وانٛسہ ییٚمہ عالمہٕ گٲمٕتۍ۔

اَتھ مُقابل چھہ مقبوٗل صاٮ۪بنس بٮ۪یس سوانح نگار حامدی کاشمیری
سُند بیان زِ تِم زاے ۱۸۲۰ہس منٛز یعنی ۱۲۴۰ھ تہٕ ۱۸۵۵ء = ۱۲۷۵ھ منٛز
گٔے پانٛژہ ترٛہہ ؤری وانٛسہ کَڈِتھ ییٚمہ عالمہٕ۔ مگر تِمو چھُنہٕ پننِس دعوہس
کانٛہہ سَنَد دِژمٕژ۔ تہٕ ہرگاہ اَتھ پٮ۪ٹھ زول ہاوٕ دِیِّن یِہ چھُ فرضی تہٕ خلاف
واقعہ باسان۔

مقبوٗل شاہ سُندِس مالِس اوس خواجہ عبدالقدوس ناو۔ تِم اُسہ پیر
مُریدی کران تہٕ یوہے پیشہ آو مقبوٗلس تہٕ وراثتس منٛز۔ امہِ علاوہ اُس تِمس
کیٚنٛہہ آبی زمین تہٕ وراثتس منٛز ترٛٲوِمٕژ۔ مگر کانٛہہ مستقل ذریعہ معاش نہٕ
آسنہٕ کِنۍ اُسہ سارٕوے وانٛسہ روزگارٕ کِنۍ پریشان تہٕ تنگ دست۔ پیر مُریدی
سیٚتۍ اُسکھ کم جادٕ آمدنی۔ مگر صحتچ خرابی تہٕ وۄنہٕ مرن اُسکو نہٕ

اُتھ پیشِس لایق تہٕ ٹھاوِ منز۔ تہٕ خال خالے اُسہ گرٕہ نیبر نیبرٕ ٹھ مُرپدن نِشہ گژھتھ ہیکان۔ مُفلِسی ہُند عالم اوسکھ یہ زِ مومٔلی اُتھ رٕٹ باپتھ اُسہ بُڈی بُڈی قصیدٕ تہٕ دوے خاطرٕ تہٕ لیکھان تہٕ مومٔلی سرکٲری کارندن خوش آمد کرنہٕ خاطرٕ نظمس منز عرضی لیکھت سوزان۔ یتھ منز یمہٕ آیہٕ قسمکو ویداکھ اُسہ دوان ؎

نہد مُفلِس اگر پا بر سر گنج — بجاے گنج یابد محنت و رنج

رسد گر بالب تشنۂ سرآب — ز بدبختیش گردد آب نایاب

تہٕ اُمس پیٹھ اُسہ عرضی یمہٕ قسمچہ دُعاگوئی پیٹھ اند واتان ؎

چو مردم سیم وزر کف ندارم — کہ بہر خویش دلی پیشش گذارم

کہ سیم و زر بلا تشبیہ فانی است — دُعاے خیر گنج جاودانی است

دلم رنجہ مگرداں خاطرم جمع — دُعاگویم دُعاگویم دُعاگوے

اُمس پیٹھ اُس مقبوٗل شٲہنٛز معاشچ مجبوٗری ییٚژاہ شدٕی گٲمژ زِ سُہ اوس قناعت تہٕ توکل کرٕس یتھ مجبوٗر حالتس پیٹھ صبر کرِتھ بیوٗٹھمت ؎

یہ میانے قسمتہ تمہ آسہ لیوکھمت

تہٕ واتہِم تسمہ اُتھین یمہ آسہ جوکھمت

مقبوٗل شٲہنین مصیبتن ہُند آگر اوس نہٕ فقط غم روزگار بوت۔ زندگی ہٕنز سارِوے کھوتہٕ بُڈٕ نعمت تہٕ برکت یعنی جسمٲنی اَرِیر تہٕ صحت تہٕ اوس نہٕ تس ڈیکس لیکھت۔ سُہ اوس اَولہٕ پیٹھے بیمار یو زالہٕ وو۔ تہٕ اُمس اوس تس بندٕ بندٕ منز ییرٕان۔ لوکٕ چارٕ پیٹھے اوس تس

نۆزل تہٕ زُکام یا رَتہٕ وٕرِخ گُذرٲنس سیٚتۍ سیٚتۍ ترٛوو تمۍ شاپِٹھ مرضن اُمس
خوش گُفتار شاعرس سندِس سینس منٛز ڈیرہٕ۔ یِمو کیٚتھ ہیٚو حُسن نواز شاعر
جانہٕ مرگی ہندِس مُنزلس واتہٕ نوو۔ مقبوٗل شاہ سپد بیلکُل مریض۔ اُمی سندین
غزلن منٛز چھہ تِمن چھوکن ہنٛز دگ وُنہٕ زلہٕ وٕرنی۔ یِم تس سارٕے عُمرہ
للہٕ وٕرنی پیٚیہ۔ عام پاٹھۍ اوس سُہ دوددھ تہٕ فالوٗدہٕ کھیتھ گُذارہ کران
پتہٕ لاکن اوشکھ جِگر تہٕ کمزور گومُت۔ اُمی سندِس خوانس منٛز ایحساس جمال تہٕ
لطافتِ اظہارُک یُس گرٛکھ وُن جذبہٕ اوس گردش کران۔ سُہ چھُہ عُمومن جِگرہ
رکس خوانس لاشکھ آسان تہٕ مقبوٗلس نہٕ ہیوٚ ہُنُن وٲرِنجہ رُتھ ٹوٗارِ ٹوٗارِ شارہٕ چھہ
دیوی بُربحِ بُرہ تھاوُن۔ ڈیان پتھرین دوہن اسو نہٕ نوٗن تہٕ کھیتھ ہیکان۔ تہٕ
پتہٕ نین دودھ داوین ہُند حال چھُہ یِمہٕ عنوانہٕ دربارِ رسالتس منٛز عرض کرانۍ

عِلتو چھس ہیرٕ بون آورُمتن ذِلتن معصیتن تُل ہیوٚ تمتن
کاتھہٕ تہٕ موکلن پائے چھمنہٕ زہسوا یا محمد مُصطفیٰ ابخشتم شفا
پرٛیتھ دوہہ پرہیز کرٕ کرٕ آس تنگ تاپ رٲوُدم نہٕ بہٕ دِل درٗوٕے انگ
سُست بے طاقت گمتو چھم دست و پا یا محمد مُصطفیٰ ابخشتم شفا

یُتی اُتی مصیبت زاعی نہٕ قدرتن اُمس جِگر سوختہٕ انسانس
رکھو کانی۔ زمانہٕ چہ تیر کمانہٕ اوس زہرٕ بوٗرت بیاکھ اکھ تیر تہٕ اُمس وٲرِنجہ
پرکالی کرنس کیٚتھ موجوٗد۔ مقبوٗلس آسہ سارٕے وٲنہٕ گوبرہٕ کاشہ دادِ اُچھو
دٕرہ لجہ مرِشہ۔ ییلہٕ پرارٕ پرارٕ نااومید گوو، پتہٕ رِنیوان ہنُن بابہٕ مُصطفیٰ
شاہ منگتہٕ۔ قدرتس اوس برونہہ اُمس نوجوانس پیٹھ ٹور پیومت
تہٕ مقبوٗل تسندین چھوکن نوٗن تراونہٕ خاطرہٕ اوس یہ نوجوان شاعرانہٕ

صلاحیتو سیتھٕ مالامال تہٕ محجوٗرن اوس تخلص کران۔ چنانچہ بالہٕ پانسے
اوس یہ ییمہٕ نوعیتکۍ موخبتہٕ نم ہی شار ہیکان وٕنتھ ع

دِلبرہٕ مُژر بر ہیمہٕ ہیتھ تھیکھ دربر

یتھ در صدف دُردانہٕ جانانہٕ ییھمنا

مگر وُنہٕ اوس یہ گوٚلاب ژٕھارس منزٕ نہٕ درزہٕ واوہٕ ژھیٹہٕ سیتھ
گوٚو برہٕ۔ مقبول شاہس گوٚو سُے حال ییمہٕ خاطرٕ تمۍ پانے ییمہٕ عنوانہٕ
اظہار کین قائلین نوٚ اُڈرن کرُ مژ یمچھ ؎

شگوٗفس شیشس گُلزارس کرُ وٕہن پیوم

یا

گمتو واٗلنجہ چھم دمگیر کی سرژو

نوش لبہٕ ہندس نوحس یُس قیامت خیز تأثیر بربتھ چھُ۔ تیمیک
ناگراد چھ رہیانہٕ خیالہٕ مقبول سینزٕ چھوٚکرٕ لد واٗلنجہ ہندی رتھے آکھ۔ ہیم
محجوٗرن سِندہٕ فراقن تسس ہر ہمیشہ زٕلہٕ وٕنی تھاوی ؎

ہونڈر لاگِتھ نیندر پاوِتھ ژوٚلہم

فراقاہ لٕلہٕ وُن تھاوِتھ ژوٚلہم

خریدار رٔٹیو بازارہٕ ژھاریتھ

میہ ناوان پوٚوِتھ کمہ وانہٕ گاریتھ

محجوٗرن سندس مرثس پیٹھ چھ مقبولن اکھ نٹھ مرثی تہٕ
لیکھمژ۔ ییمیک اکھ اکھ لفظ اُچھن ہندہٕ دُبی دا اشرہٕ اُشہ وانہٕ چھلنہٕ
پتہ ژھلتہٕ آمت چھُ۔ یہ جگردوز نالہٕ چھُ ییمہٕ عنوانہٕ اند واتان ؎

دزٕہ وٕن جان کیٛتھ سپتھ شہلاوٕن مُشکل

صبر بر مرگِ جوان، دِل ہیٚچھ ناوٕن مُشکل

پھٕنٛٹہٕ وٕنہٕ دارِ ووگنہٕ کارِ چھُ راوٕن مُشکل

سروِ نو رستہٕ ژٕٹتھ موٗلہٕ چھُ ژاوٕن مُشکل

سخت مُشکل چھُ جگر پارہٕ اچھوتل راوٕن

دِلہٕ کے فرحت و آرام لگز منٛز ساوٕن [1]

زمانہٕ چیٚن ہیمہٕ نیے واوہٕ ژٕنجیٚن وأرلیچ دأری دأری گٕدٕ مقبوٗل شٲہن

پننِس زندگی تہٕ حأرت چھُ زِ تمی ہنٛدِس آوسے منٛتس مرس منٛز کیٛتھ کنٕہ روٗد فنک

تہٕ حُسنُک فونوس دزہٕ وٕن۔ شہ کیٛتھ کنٕہ ہیٚوک "گُل ریز" ہیٚوٕ سرتیہہ دار تہٕ لوٗبہٕ

وٕن پوشہ گوٗنٛد پأرِتھ۔ تمی ہنٛدِس میٚنٛدی لدٕ جِسمس اندرہٕ کیٛتھ کنٕہ ہیٚوک یُتھ

پرہیزلوٗن روٗح زِژہٕ ژاوان۔ ییٚمن ہُنٛد گاہ اَز تہٕ سانین خیالن منٛز کونگہٕ ڈوٗری

شیران تہٕ بنفشہ زار پأران چھُ۔ یُزٕ چھُ یہِ زِ زندگی درٕ ہلمو ہلمو بد صوٗرتی تہٕ کریچھر

مقبوٗل شٲہس ڈالہٕ بدلہٕ۔ مگر فنُک سنگِ پارس پھرہٕ وِتھ بدلأوی تمی اَتھ بد

صوٗرتی شکلے۔ تہٕ اَتھ بنووٕن حُسنُک تہٕ لولُک شوٗبروٕن شمہ دان۔ یُس زندگی

روشن کران چھُ۔ فنی ایحساسُک دستِ شفا ڈألِتھ پھٕلہٕ روو تمی یتھ ہمیشہ

بہار پوش ساہِ ادٕ بچہ دارِ منٛز ییٚمیک خوشبو روٗح کیٚن دادین شہلاوان

---

[1] عُمرِ اولاد نہ آسنُک آمہٕ تاو ژوٗل تمہٕ وِزہٕ مقبوٗل شٲہس ییٚلہٕ تیٚمسنٛز زندگی ہُنٛد سرِیہٕ بالس لوگمُت اوس۔ علی شاہ اوس وُنہٕ شُہ موسُے یہٕ مقبوٗل شٲہس دوت بیٚنیہٕ عالمُک ناد۔

چھُ ۔ یوٗنانی دیومالایہ منز چھُ اَکِس دیوی ہُنز کتھ پھرِنہٕ یِوان ۔ تس ہر گاہ
کانٛہہ سبزٕ و اَچھو وُچھہے سُہ اُس کُنہِ ہنہِ کال ہش تہٕ خوفناک بوزنہٕ یِوان
یہٕ اوس دراصل تسندِ حُسنُک اَکھ سِر تہٕ ادا ۔ سُہ اُس ساروِے کھُمہٕ تہٕ
نندٕرِ باٗنی دیوی تہٕ تس وُچھنہٕ خاطرٕ اوس صنوٚبرؤری اَکھ خاص آنہٕ اُمُن تہٕ تتھ
منز اُس سُہ پننۍ ساری کرشمہ ہیچھِ جلوٕ گر سپدان ۔ مقبوٗل صابنہٕ روٗحُک
حُسن تہٕ چھُ ہیچھےٚ کُنۍ تسندِس فنہٕ کِس اَنس منز ناپان ۔

مقبوٗل شاہنس سالِ وفاتس مُتلق تہٕ چھُ کُس مکش ۔ عبدالاحد آزاد
چھُ وَنان زِ سُہ گوٚو یوٚہے ۱۲۷۰ھ منز ہیوٚ ییٚمہ عالمہٕ ۔ مگر حامدی صاٮ۪بن
چھُ لیوکھمُت زِ سُہ گوٚو ۱۸۵۵ء منز ییٚمہ عالمہٕ ۔ مگر آزادٔن اندازٕ چھُ
زیادٕ صحی باسان ۔ آزاد چھُ معتبر تحقیقات پتہٕ مقبوٗل شاہنۍ واٚنس ۷۵
ؤری لیکھان ۔ مگر حامدی صاٮ۪بن چھہ تس ۳۵ ؤری دِتی متۍ ۔

مقبوٗل شاہنین عادتن تہٕ تسندِس انہارس مُتلق ییٚمہ رِوایژ
اُسہٕ تانی واتٕمژٕ چھہ، تِمو کنۍ اُسی تِم جِسکی نوزُکھ آماہ خوش وضع تہٕ خوش
پوش ۔ انہار تہٕ اوسُکھ دِل لوٚب ہٕ وُن ۔ زاوِلۍ ریشہٕ خط اُسی تھاوان ۔ کرٕ ہنہ داٚر
اُسکھ بُتھِس پیٹھ شوٗبہٕ وِنی باسان ۔ عام طور اُسی چھوٚت لِباس لاگان، تہٕ
بے داغ سفید دستارہ گنڈان ۔ اولیاہن ہُند اوسُکھ بے پناہ اعتقاد حضرت
مخدوم صاب رح تہٕ نُندٕ ریشی رح سِندی اُسی بڈٕ معتقد تہٕ یِمن بُزرگن ہندی
چھکھ یِژھ تہٕ پزِژھ سان منقبت لیکھو متۍ ۔ فارسی کتابن ہندٕ مُطالعُک
اوسُکھ بڈٕ چاو تہٕ رِوایتہٕ موجوب اُسی مثنوی مولانا روم بڈٕ شوقہ سان
پران ۔ اَکھتےٚ اُسکھ یہٕ سفرس منز تہٕ سیتی روزان ۔ تِہُند مکانہٕ اوس

دوہ دِہ گنگاہِ بٔٹھِس پیٹھ وۄدنہٕ۔ دٕپان اُتھۍ سیٖتۍ اوس یِمو اَکھ چمن زار تہٕ بنوومُت۔ تہٕ اَتھ منز اُس اَکھ شیٖہج آبہٕ جوٗے تہٕ پکان۔ مقبوٗل صاب اُسۍ خلوت پسند تہٕ جاے وۄکھ اُسۍ اُتھۍ چمن زارس منز بِہان تہٕ پننیٚن خیالَن کنگھے کران۔

مقبوٗلؔ شاہس اوس بٔڈ اشتعالی طبیعت۔ تسندہٕ خراب صحتہٕ کنۍ چھہ یہِ کتھ ببہہ وٕنی زِ کیازِ مریض چھہ عام پٲٹھۍ چھۄندران تہٕ ہانان۔ اَمہِ علاوہ چھُ تسندِ کتابو سیٖتۍ تہٕ اَتھ مالس تصدیق گژھان۔ گریستیٚن ہُندین زنانَن تہٕ پیٖرَن ہیم ٹاٹھ تِمو ژٕٹۍ ہتۍ چھہ تہٕ ییٚمہِ بہ وٲرۍ تِمو کرٕمژ چھہ۔ تِمہِ سیٖتۍ چھُ تِہندِ طبیعتہٕ کہِ خشم نٲکی ہُند اندازہ ہیوٚ سپدان۔

## تصنیفات

(۱) گُریز (۲) رٕگیہِ پٮ۪سی نامہ — مثنوی ہِندِ بحرِ منز چھہ تِمہِ وٕقتہٕ کس گرٕیسی سماج تہٕ تِمہِ چیٖن عِلتَن پیٹھ ہجو۔ اَتھ منز چھُ اَکھ ساس شار (۳) بہار نامہ — سوٗنتہٕ کس تٲریفس منز۔ یتھ مثنوی منز اَکھ ہتھ ستھ شار۔ (۴) پیٖر نامہ — پیٖرن ہِندین اطوارَن تہٕ تِہُنزِ زندگی پیٹھ طنز۔ دٕپان یہِ اُس واریاہ زیٛٹھ مگر اَتھ پتہٕ آیہِ واریاہ چھٔل کیٛٹ کرنہٕ۔ بازرس منز یُس نوٚسخہ بٮ۪ٹان چھُ۔ تتھ منز چھہ فقط ۱۴۰ شار (۵) منصوٗر نامہ — منصوٗر حلّاج سُند مشہوٗر قِصّہ مثنوی ہِندِس صوٗرتس منز — شار زٕ ہتھ تہٕ ترٮ۪ہ (۶) "کلیّاتِ مقبوٗلؔ" — غزلَن ہُند مجموعہ یُس عبدالاحد آزادن مُرتب کٔرِتھ شایع کوٚر (۷) "یوٗسف زُلیخا" — یہِ مثنوی چھہ حال حالے رِسرچ ڈیپارٹمنٹن حاصِل کرٕمژ تہٕ وُنہ چھہ چھاپ سپدُن۔

اَمہِ علاوہ چھُ دَنُنہٕ یِوان زِ مقبوٗل شاہن چھہ نوم کِتابہٕ تہٕ لیچھمِژٕ۔ مگر یِمَن چھُنہٕ وونی کانٛہہ نیباہ نِشانہٕ :-

(ا) آب نامہٕ (ب) ہبہٕ بوٗج نامہ (ج) نار نامہٕ

## گُل ریز

یہِ چھُ مقبوٗل شاہن سارِوٕے کھۄتہٕ شان دار تصنیف۔ یہِ چھُنہٕ مقبوٗل شاہن سارِوٕے کھۄتہٕ بوٚڈ کارنامے یوت بٔلکہ چھہ یہِ سارِی رِسے کاشِرِس ادبس منٛز پَنٕنہٕ نوعیتٕچ سارِوٕے کھۄتہٕ لۄکہ دِنی تہٕ ٹھیکِس لایق کِتاب۔ شاید یہِ وَنُن گژھہِ نہٕ مُبالغہ زِ وُنیک تانی ییتھو کاشرِو اَتھہٕ مثنوی پھیُر دِیُتمُت تہٕ اَمہِ چھہ مۄدرہ لیہہ بیبھِڑ وجد کوٚرمُت چھُ۔ نیٛوتاہ چھُنہٕ بێیہ کُنہٕ کِتابہ نصیبہ سپُنمُت۔ اَمہِ مثنوی ہِندی بأتن چھہ کشیرِ منٛز لۄکھن، بڈِین، اَنہِ ہٕرِی شیٖن تہٕ کھانہٕ دارن، یاوٕ مستانن تہٕ ریش سفید بُزرگن زبأنی یاد۔ اَتھہٕ کِتابہ ییٚژاہ مقبوٗلیت سپٕز مِژھ، تیٚژاہ چھُنہٕ بێیہ کُنہٕ تہٕ کاشرِ کِتابہ اَتھہٕ آمِژٕ۔ یہِ کِتاب چھہ پَرٕزی کُنہ کاشرِ ادبٕچ ماہرینہٕ ہُند ڈیکہٕ ٹِکہ بَنے مِژ۔

مقبوٗل شاہن چھہ یہِ کِتاب نِنہِ پأٹھو فارسی ادبہٕ کہِ بڈٕ صدرہ منٛزٕ۔ ژأرِمِژ یِمہٕ کُنہ اَمِس برونٛہہ محموٗد گأمین یوٗسف زلیخا، لیلےٰ مجنوٗن، شیرین خسرو تہٕ شیخ صنعان منگتہٕ اَنِتھ کاشرِس ادبس حوالہ کرِ۔ مگر مقبوٗل سٕندِ فنُک کمال چھُ یہِ زِ تِمسُنٛز یہِ مثنوی چھہ اصلہ کھۄتہٕ تہٕ زیٛنہ ژٕرامِژ تہٕ پرٕزلے مِژٕ۔ وۄنی کیٛن تہٕ چھُ فارسی "گُل ریز" ہُند ناو فارسی ادبہٕ کِس عالِ کامِلس طالبس پتاہ۔ مگر مہٕ چھُ یقین نہٕ بُرونٛہہ کُن ہرگاہ فارسی "گُلریز" کانٛہہ ناو تہٕ ہێیہ، تِتھہٕ بنہٕ مقبوٗل صاٮ۪بُن "گُل ریز" وسیلہٕ، یہِ کتھ ہیکہٕ نہٕ وٕنِتھ

محمود گامی سٕنٛزن مثنوی ین مُتعلق۔ یِم اصلہٕ کھۄتہٕ رٹیوٚتاہ بوٚن چھِ، یوٚتاہ سوٚیہٕ نِشہٕ سرٕتَل۔ مُنتےٚ یوت نہٕ بٔلکہ مقبوٗلکس پَتہٕ ییٚمو مثنوی نگارو فارسی اَدبہٕ منٛزٕ موضوٗع ییٚہہ اَنی۔ تِم تہٕ چھِ نہٕ مقبوٗل سٕنٛز ہمسری کرِتھ ہیٚکان۔ یِزٕ چھُہ یہٕ زٕ مقبوٗلَن کوٚر فارسی گُل ریزٕ سٟتۍ تی شیکسپیرن پلوٹارچ سٕنٛزن تمثیلَن سٟتۍ کوٚر۔ دوٚشوٕے فن کارو نُوو پننہٕ فنی کمالُک سوٗن کامِرتھ یِمَن موضوٗعن ہنٛزٕ سرٕتَلہٕ ییٚہٕ تہٕ پننہٕ شاعرانہٕ جادٕ سٟتۍ بنٲوِکھ یِم موٚلی مالہٕ یاسہٕ سوٗن۔

[ "گُل ریز" (مرتبہ محمد یوسف ٹینگ) منٛزٕ ]

# دیپک کول

اصل ناو موتی لال کول تہٕ دیپک کول قلمی ناو
دٲوِ سرینگر مہاراج گنجہ زتوو ہیمہ ۲۲ جُلے ۱۹۳۲ ہس
منز۔ دیپک کول چھُ ایم، اے پولٹیکل سائنس۔ اَمہ
علاوہ چھُس روسی زبانہِ منز ڈپلوما تہٕ حاصل کورمت
وُنی کیس چھُ بڑوداہس منز مرکزی سرکارکس "آیل تہٕ
نیچرس گیس" شوبس منز پبلک رلیشن افسر۔ ووہ نی ووت
اَمِس کہ مسو پانژو وری یو پیٹھ اَکھ عہدس پیٹھ کام
کران۔ تہٕ شاید یمن پانژن وریین لیوکھ نہٕ اَمی کینہہ تہٕ۔
دیپک کولن لیکھو کاشرِس منز کینہہ افسانہٕ
تہٕ یہند افسانہٕ "سفر تہٕ سیتھ واٲلی" چھُ بے شک
کاشرین افسانن منز منز پننُ اَکھ منفرد حیثیت
تھاوان۔ یہندِ افسانکہ مجموعک ناو چھُ "شامرن"
یُس حال حالے شایع سپدمت چھُ۔

●

افسانہٕ

دیپک کَول

# سفر تہٕ سیتۍ واٲلۍ

سُہ تہٕ اوس سٕمیا یِیلہٕ وِدیہٕ لالُس بخاٲر محلُس میونڈ تہٕ اوس یِہٕ وُسان تہٕ طوطہٕ کولیٖنز اُس نہٕ کھٕنیتھے۔ تِہنٕد گیوو ماہے۔ تہٕ یہٕ تہٕ چھُہ سٕمیا یِیلہٕ زٕن ودیہٕ لالس آورتیوٚ بٕمس تام نکھہٕ دِنُس کانٛہہ بُرونٛٹھ چھُننہٕ پکان۔

بارہٕ بَل کاکنیو بوٚز گاش پھولہٕ وُنےٚ زہٕ ودیہٕ لال کیاہ گوو۔

سارِنے گوو پرانہٕ ہرش تہٕ تراہہ تراہہ کران گیہٕ سارٕی پنُن پنُن گرہٕ۔ اَڈٕ بوو بوٚز وُتی نہٕ رتمہٕ ژٕجہ پیت کھوری واپس۔ شونٛبوٚ ہمس پاپ گژھوہ ژاونہٕ۔ گرہٕ واتیتھ ووٚنکھہ پننہٕ نین باژٕن رتمن گوو من کینٛژھ تام ہیوٚ۔

ییم یہٕ زانہہ رشوالن اُسی یوان۔ اَز آیہٕ تِم تہٕ اور ودیہٕ لالُن بوٚزِتھ۔ اَتہٕ وُچھکھ ودیہٕ لال دھرم سالہٕ ہندس اَکس اَنہٕ گٹہٕ کٕٹھس منٛز ژادرِہ جندس منٛز لیڈر گگرٕ ہیوٚ اَچھ ڈُلتھ۔ اُس وُہرِتھ، موتچہ نیٖندرہ شونگِتھ۔ کتہٕ سُہ ودیہٕ لال یِیمہٕ سینٛزٕ کتھو سیتہٕ ہٲلی کانٛہن گرٕوس اوس گنڈھان۔ تہٕ یِیمہٕ سِندہٕ بہانہٕ سیتی یوت لُبن دِوتھ اُس یِوان تہٕ موٚنِ منٛز نوٚب اُس بڑان تہٕ کتہٕ یہٕ ودیہٕ لال یِیمہٕ سِندِس موتُن پھری مِتس بٕتھِس

کنُ وُچھتھ یہِ لبنہٕ اوس یوان زِ اُمہِ کیاہ آسہِ ہے پننہٕ وُمرِ زانہہ اوٚسمتٕ تہٕ۔ یُس یُس اور یوان اوس۔ ووہشاہ ترٛاوِتھ اوس نلکس بیہِتھ بُتھس فشاہ دِتھ گرِہ کنُ گژھان۔ واریاہ آیہِ تہٕ نظراہ دِتھ گٮ۪یہِ پانس پانس۔ مگر کاٚنسہِ اُکس ووتھ نہٕ یہِ خیال زِ وِدہ لال ماچھہ رازہ شُند ریٚنُن اُمس ماچھُ داہ تہٕ دیُن۔

شوال نس باباجیس پٮ۪یہِ فِکرِ زِ اُمس کیاہ بنہٕ۔ اُمہِ شُند چھُمنہٕ کاٚنسی خیال۔ سُہ پرٛارِو اوتام زِ کانٛژھا ہے پٮ۪یہِ ہٮ۪یس پنُن تہٕ بہٕ موکلہا۔ مگر ووہٕنی ییلہِ دُپہر تہٕ ہیوتُن واتُن سُہ ہیوتن پریشان ہیوا گژھن یہِ باباجی زانہٕ ہے وِدہ لالس کمے پہٕن۔ حالانکہ وِدہ لالس اوس مُنٛزِ مُنٛزِ تِمس ہاگین شوالُن تموکاہ چٮ۪ینہِ، پریہہ کھیونا دِنہٕ یوان تہٕ اوسے مُنٛزِ کنہِ پھیرِ اُمس باباجیس سیٹھا تہٕ کتھا کرےین۔ سُہ کتہٕ بوڈ بُڈم پرٛژھیونس

"باباجی بھوجن کیا؟ سردی مت لگتی ہے؟ امرناتھ کب جاؤگے؟"

بٮ۪یہِ نہٕ کینہہ۔ نہٕ ووہنی کتہٕ زانہٕ ہے اُمس مندرک باباجی۔

ووہٕنی ییلہِ ژیر ہیوتُن وکھ یُن نہٕ باباجی ہیوتن گابرُن ہیوٚ۔ سُہ گوو ملہٕ لسیُن یُس شوالُن آنگنس منٛز بسان اوس تِمس پرٛژھن اوٚڈ کاشرک پاٹھو تہٕ اوٚڈ پارم پاٹھو زِ آخر چھنا اُمس کانٛہہ تہٕ پنُن۔ ملہٕ لسو ترٛاوو ووہشاہ نہٕ دوٚننس۔ اُمس نبا چھُمنہٕ بیٹھ دوہ ہس منٛز کینہہ۔ یہِ چھُ کنُ تہٕ کیدل۔ وُمرِ ییمن پتھ گیتھ کورُن تیمن روٚدُس نہٕ کاٚنسہِ یاد۔ ییمی وَنان آو ملہٕ لسس تہٕ اوٚش تہٕ باباجی گووہے ہیٚنگہ

ہیٔو - بابا جیٖنٛز بُتھچھ حالت ژھینِتھ دِیت مَلہٕ لٔسو پانٔے جواب تہٕ - دوپُس
باباجی ! ژٕہ چھِوَ نہٕ خبر وِیدہ لال کُس اوس - اُمِس پیٚہ گوو تہٕ تس - مَلہٕ لٔسنہٕ
کیتھہ بوزِتھ گوو باباجی بێیہِ پریشان - سُہ ہیوٚتُن مَلہٕ لٔسنہٕ دَمدرہ پیٚٹھ خبر
کیاہتام سوچنۍ -

وِیدہ لالس اُسۍ وِیدہ مام تہٕ وَنان - اَدہٕ تِمَن وَنُن والین پیٚہ مام
شوٗبہ ہے بانہٕ مگر مام اوس پیٚہ ماریٚنے ہِنٛد - پیٚہ گیوو طوطہٕ کولس ماجہ ہُنٛد
ماسٹر بوے - اصلی اوس پیٚہ وُڈہٕ سُونگ - مگر لوہ کچارس ہوٗدُس یَب تہٕ موج پَتہٕ
کُمِس نِش روزِ ہے - پَتہٕ انیوو طوطہٕ کولہِ نے پانَس نِشہٕ - بێیہِ تِمَن اوس
نہٕ طوطہٕ کولس تہٕ پانَس شراہ وُراہ کینٛہہ - لہٰذا اُسِس قدرے - پَتہٕ بێیلہِ
طوطہٕ کولس پانَس شُرۍ زاہ وِیدہ مامَن رٕچھی تِم خوٗانس منٛز - وِیدہ مامَن
اوس تہٕ پنُن مول وُچھمُت - تِکیازِ سُہ اوس موٗلہِ پیٚٹھ زامُت - مگر بێیلہِ فِکرہ
پیو تِمس سہ رگہ واسُس اوسُن لالہِ ناوہ کھووُمُت - طوطہٕ کول اوسُس اَکھ پیٚٹھ
اُسان تہٕ مگر پیٚہ اوسُس لالن مُرن تہٕ تہٕ ہاوان - وِیدہ لالس اُسے نہٕ طوطہٕ کولنۍ
زیادٕہ منّت کینٛہہ تہٕ تِکیازِ اُمِس اوس پنُن تہٕ جاۓ - تہٕ نَن گوو زمینہٕ ہُنز
اُسِس - تِتھ اوس تہٕ پوانۍ پیٚہ زَن طوطہٕ کولہِ نِس گرِس لگان اوس -
مَکانَن تہٕ اُسِس سہ کِنن تہٕ تِتھ پیٚہ آس سُہ کورُن طوطہٕ کولہِ سے حوالہٕ - پَتہٕ
نومرا وِنی کانٛہ تہٕ وارہ وارہ ہیٚچھن عرضی نویسی تہٕ تِتہٕ تہٕ اوسُس جاۓ بنان
کینٛزہ ہاہ اوسُس سٔتھ ژھیتھ - تہٕ کینٛزہ ہاہ اوس طوطہٕ کولہِ نِس گرِس پیٚٹھ
خرچاوان - نیتھر بنیوس نہٕ زانہہ - تہٕ تہٕ دِژن پانٔے تَن اورکُن - بَنہٕ ہێس
نہٕ کیا زِہ - ییٚمہٕ وقتہٕ شوٗبہ ہێس تِمہٕ وقتہٕ لوگُس نہٕ کانٛہہ ژکی دار - دگدار

لہٰذا گوو شٕشطت ۔

پَتہٕ ییلہٕ طوطہٕ کول سۄرگس گوو ۔ وِیدہٕ ماجہِ بنیوو بٔب ۔ سورُے

اوس یوٚہے کران ۔ یہٕ اُمہِ طوطہٕ کولہٕ نین شرٛپن پٔتھ کوٚر تہٕ کرہٕ نہٕ ریٚدک

بوے اَدہٕ آبیاکھ ! زین اُسِس سۄ تھاوِن سارِے طوطہٕ کولہٕ نین شرٛپن

ہندہٕ ناوہٕ ۔ پانس ما اوسُس کانٛہہ تہٕ ۔ بینہِ پہنٛدہٕ کھوتہٕ کُس اوسُس ۔ یہٕ کینٛژھاہ

سٔنز ژِہتھ اوسُس سُہ دیٚنتُن وِرہٕ وِرہٕ طوطہٕ کولہٕ نین کورِن ۔ اُمِس تہٕ اُسِس

پۄژھاہ زہٕ بیہِ چھم شُرٕ ۔ تِمہٕ اُسِس خبر نہٕ کیٚمہِ چھینہٕ ہیوٚے روزان ۔ طوطہٕ

کولہٕ نِس گرِس پٔتھ کرِن گتھا یوٚ نام تِمہٕ سِندی شُری ڈیٖپہٕ ۔ نیٚترہٕ پیٚترہٕ دژاپہٕ تہٕ

عہدَن وأتی ۔ پَتہٕ گیہٕ تِمَن تہٕ چھکلہٕ ۔ طوطہٕ کولُن بوٚڈ نیٚچوٚ لوگ نمبر ۔ وۄنی یِم

ییٚترہٕ اُسی تِمَن روٗد نہٕ پانہٕ وأنی ہِشر کینٛہہ تہٕ ۔ دژاپہٕ ہیوٚن بیوٚن ۔ مگر کورِن

مالیشُن زندہٕ تھاوِنہٕ خاطرہٕ روٗدی وِیدہٕ مام طوطہٕ کولہٕ نِس لوکٕٹس نیٚچوِس سیٖتی

تہٕ یہٕ کینٛژھاہ نوٚتُس اوسُس سُہ کوٚرُن تِمہٕ سٕنٛزِ حوالہٕ ۔ پانس روٗدُس طوطہٕ

کولُن قانٛلینہٕ فرد ۔ تِمہٕ سُند تکیہ تہٕ نأرِلے یوت ۔ تہٕ وۄنی کمہٕ ٹھہٕ تہٕ پیٚوِد پچھِسہٕ

ٹوٚہانک تہٕ روٗدُس نہٕ کینٛہہ ۔ لوٚکچہِ ہِشہٕ نوشہٕ نیٚوکھس کھوٚرہٕ تَلہٕ سُہ قانٛلینہٕ فرد تہٕ

گُدٕرتھ ۔ کیمرہ تَلہٕ کوٚڈُنس سُہ تکیہ تہٕ تہٕ ۔ نأرِلہٕ دیٚتُن دارہٕ کِنہِ دأرِتھ ۔ وِیدہٕ

مامِس ژاو پننہٕ وُمرہٕ منٛز دوہہ گوڈٕ نیچہ لٔٹہٕ کمرِس ڈوٚکھ ۔ تہٕ چھیکرِس روٗدُس

ژھوٚرُے چندہٕ لأچھہٕ جندرہٕ تہٕ اکھ ژادرہٕ پلوٚ ییتھ منٛز پَتہِ مہٕ گرہٕ کھوٚرہٕ

واہرأوِتھ نیٚندراہ ترٛأوِن ؛

وِیدہٕ مام دژاو اتہٕ تہٕ گوو کینٛژہٕ کالہٕ خأطرہٕ طوطہٕ کولہٕ نہٕ بجہ

ہِشہٕ کورہٕ نِش ۔ مگر سۄ تہٕ کیٚتس کالس دِیہٕ ہیٚس ۔ اَز چھا کانٛہہ کانٛسہٕ

کران۔ اَز ہے تہم چھِنہٕ کرٛان، یِم ڈٕنہٕ پھٕٹِھتہٕ تہٕ وۄنی چھِنہٕ پرٛدین ہٮ۪نز کِتھے۔ وِیدہٕ مامس شِٹھیوو اَنہٕ تہٕ مَن تہٕ ووت طوطہٕ کولہٕ نِس دۄیمِس نیچِہِس نِش۔ مگر ژھرِنہٕ اَکھَن چھا شُواب۔ تِم تہٕ کیٛتِس کالس دِہانَن اَنہٕ پینٛژ یَڈٕ یِوان۔ تہٕ بٮ۪نِس کیاہ کرِ موٗہنیو۔ وِیدہٕ مام دراو اَتہٕ تہٕ، پَتہٕ اوس گرا اَکِس نِش دوہ جوراہ رِہان تہٕ گرا بٮ۪نِس نِشہٕ۔ یپاٗرِ اوٗسُس زٕ تہٕ گوٗمتےٚ ہیو۔ تِکیازِ ہیکھتاہ اَسِس نہٕ کینژھہٕ۔ آخر گَو تہٕ آیِس شُوآلنے برابری۔ سُتہٕ کیٛتِس کالس دوہَن تارن یِوتامت اَکہٕ دوہ نہٕ راتھ رِکیٛتھ ہمیشہ خاطرہٕ چھِپنہٕ گَو۔

وِیدہٕ لالَن کرٕ نہٕ پَنٕنہٕ وُمرِ کاٗشہٕ سیٖتی ناکارہ گی پرٛیِتھ کاٗشہٕ سیٖتو اوس جانےٚ وَرتاوان۔ یِمَن دوہَن دوہ اَسِس ہوٗنین اوس معہختہ ہار ژھنانَ ہر کاٗشہٕ ہندِ خاطرہ اوس پان دِوان۔

ماٗکاک اوس ناوِہ کےٚ یِزمَن تہٕ کورِ تِمو سِنٛزِ واجِ وِیدہٕ لالنے نکھ۔ رامہٕ جوٗوس کوٗر سمہنِو مُقدمہٕ تہٕ داے تدبیر پرٛژھنہٕ آو وِیدہٕ لالسے مگرِ تی روٗدُس نہٕ پوٗتُس کاٗشہٕ باد۔ باباجی اوس وۄنہٕ تہٕ مَلہٕ کِسنہٕ دمدارِ ہیٚتھ بِہِتھ پانسے سیٖتو سوچان زِ وۄنی کیاہ بنہٕ۔ شہ بچور گَو نَخقِ پَخقِ گیِر۔ مگر کرِ ہے تہٕ کیاہ شہ ماہنیکہٕ ہے زِیادہ کالس وَرم سالہٕ مَنز اَرِس تھاوِتھ۔ تِمو کوٗر بٮ۪نِیہٕ مَلہٕ لَبِس سیٖتو مشورہ۔ مَلہٕ لَسی وۄننس گرٛژھ با طوطہٕ کولہٕ نِس لوہکٕٹِس ہرِس نیٚچوِس کرِشیٚچھو۔ دیوِ شہ کانٛہہ انتظام ہیکہٕ کرِتھ۔ باباجی گَو تور تہٕ تَتہٕ وۄننس تِمو سِنٛزِ آشنہٕ زِ تِم چھ دفتر گاٗمتی۔ آیہٕ ہے شُلہٕ تہٕ وَنوکھ۔ یہٕ بوٗزِتھ گَو باباجی رِکیٛتھ تام ہیو تہٕ شہ

گو مَندرِ کِس گورُس نِشہ اَمہ برائِ ثِر زِ خبر سُے ماہینکہ کانٛہہ وُچھاہ آو وُچھ۔ تَتہٕ
بوزِتھ سُہ چھُ مُنزِم یارِز کمرٕ گومُت۔ تٔہ اَز یہٕ سُہ سیٹھاہ ژھیرِ۔
بابا جی آو پھٹھ میتو کھوٹو بنیہ مُلہ لٔس نِش تہٕ قدمہ بیٹھو پیٹھے
کُنہٕ دھرم سالہٕ ہِندِس داسُس پیٹھ تہٕ لیٚج وِدِہ لالہ نِس شوس کن کموٗ تام
اَچھو ٹھلہ ٹھلہ وُچھنہٕ۔ تٔہ اَمِش دَدراے لیٚجس۔ بابا جی لوٗکُس وَننہٕ زِ۔ اَمِس
وٲتی ترٛٲہہ ژور دور ییٚنہٕ۔ توتہٕ اَمِس اَمِس خبر زِ دھرم سالہٕ منٛز چھنہٕ دہ پیہ دۄہ
علاوٕ روزنس اجازتھ۔ مگر مہ تہٕ وونس تہٕ کیٚنٛہہ نٕکیازِ یہ وُچھم تَتہٕ پیٹھ لوتی
ہیوٗ۔ مہ باسیوٗ اوترے زِ یہ چھُ نچھ دوٚ تھمُت۔ مگر مہ اَمِس نہٕ راے زِ یہ
گرٛٲہہ یوٗت سُلہ۔ اَز صُبحس نِکھ نِکھ گاشہ یلہٕ بہٕ تیوٗ نٛگوٗ دِنہٕ گوس اَتہٕ وُچھم
دروازٕ یند۔ مہ گو اَتی شک زِ کیا ہتام دلیل چھَ۔ مہ دِژ سیکھو کُنہٕ نظر
تہٕ اَتہٕ باسیوم یہ بے ہوش ہیوٗ پیومُت۔ بہ گوس تہٕ دِژم دروازس لٔتھ۔ دروازٕ
آو مُژراونہٕ۔ اَتہٕ وُچھم یہ شیٚہلیومُت۔ پَتہٕ آیہ صُبحہٕ پیٹھ واریاہ لوٗکھ اَمِس
وُچھنہٕ کرِتھ گیہ۔ مگر کانٛسہ اَکِس ہیوٗ نہٕ یہ ظوریِن زِ اَمِس ما چھُ شُران دِیُن۔
یہ ماچھم زالنہٕ تہٕ نیوٗ۔ وونی وَنتہٕ ژیے کانٛہہ سبیلاہ۔ بہٕ کیاہ کرٕ ؟
بابا جی ییٚن یہ خبر وَنی تہٕ بوزِتھ ہار دِیدِ رِکنہٕ نہ تِکیازِ سعہ اَمِس
بد بے کٔنتھ تام سِنے مرِش۔ سعہ وُنٛھ بابا جی یِس کن۔ دوٚپنس اَمِ خربیا دراو مُسافرے
یہ آ رہاسہِ طوطہ کولُن گرِہ برنہٕ آمُت۔ سُہ بوزُن۔ اَلتھ کیاہ کرِہ زِ یِس یہ کرنہٕ
اوٗن۔ دارِہ ہینکھ تہٕ ہورنکھ۔ تٔہ کرِتھ یہ گیہ ہِنٛز ہِنٛز حوالی ہیٚتھ۔ داس دارد
یہ آو زبچور سارِ نِے بکار پوتُس آونہٕ امی سے کانٛہہ بکار۔ اَمِس اَمِس راے وِرِ بتہٕ
تہٕ گاڈِہ گنٛیے وَسنم سیتو۔ سیتو نہٕ با بابا جیا کانٛہہ وَسان۔ اَچھن مُٹھ

تماہ نہٕ بنیہٕ نہٕ کینٛہہ۔ یہ ونیوس نہٕ ما با مونٛنۍ۔ یہ تراوٕنہٕ طوطہٕ کوٗل۔ اُمِس
اُس رازٕ ے طوطہٕ کوٗل ہیٛنز۔ تس اُس راے تیٚندۍ شرٕ ی دِنٕم وُمرٕ واتھ
نہٕ ما اُسِس خبر زِ ہ پتہٕ مہ گرہ لگہ پیتھ پاٹھۍ دھکن نہٕ ڈولُن۔ یٛیمِس ہبا
بابہٕ جیا ینٛنز عقل راوِ تس کیاہ کرٕ ی زِ ہ؟

باباجی اوس حاگران زِ ہ مہ کیاہ وٕنن اُمِس نہٕ ہکیاہ چھ مہ
اورٕ دٕنان۔ سُہ وٕ تھس بنیہٕ۔ اَچھا ماتا وَنتہٕ کرٕو کیاہ؟ ہٲر دیدٕ وٕنس
کینٛہہ چھُنہٕ پرواے۔ گرٕ ٹھہ میانٛس گورس ناوَس نہٕ ان سامگری۔ بابا
جیَن ژُل کَلہٕ لوٗس سیٖتھ نہٕ دراو جَل جَل۔ ہٲر دید اُس پتھ کُنہٕ داسِس
پیٹھ بہتھ مدٕ ے گنڈِتھ آکاشس کن وُچھان۔ اَتہٕ اوس نیبرٕ ے
نیبرٕ ژوہ پاٹھی باسان۔ وُہ شاہ ترٛوٗوٕن نہٕ بیٛٹھ پانسے سیٖتو سوچنہٕ تِمِس
بنیہٕ سٕہ وِز یاد ییلہٕ زَن سٕہ بچار لوکچار ے راو نہٕ کتھ پاٹھۍ کوٗر اُمۍ
وِہدٕ لالن تِمِس تمہٕ وقتہٕ پرٕ تھ رنگہٕ روٗٹ۔ تہٕ ییلہٕ کورہٕ ہنٛد وقت ووتُس
نہٕ اُمۍ دیدٕ لالن کٔسہٕ خاک کرٕ ے یہ پانَس نہٕ کتھ پاٹھۍ اَتھ زراوین سُہ
سورُے کار۔ تتھ پیٹھ نہٕ کیاہ کیاہ ونیوس لوکو کمہٕ کمہٕ کتھ کرٕ ے ہَس۔
لوکہٕ موت اَتہٕ گوٚٹ۔ یٛیمِس یہ خوش کوٗر تمۍ تہٕ وٕنن۔ ہٲر دیدٕ اوسنہٕ
لیب لاپ کینٛہہ۔ اُمِس کمۍ روٗٹ جاے گر۔ تیٚنہٕ گوٚو وُہ نی سمیا۔ ترٕ ٹھ زٕ تہ جی ورۍ
کیاہ گیہٕ۔ دیدٕ لال تہٕ اوس تَنہٕ پیٹھ بڈیومُت نہٕ کینٛژھاہ اُسِس نہٕ درلج
فراغت۔ نہٕ کینٛژھاہ اوس تفریقو ژوٚٹمُت۔ پیٹھ اوسُن زٕودٕ زنگہٕ نہٕ روٚٹمُت
وُہ نی اوس نہٕ کانٛسہٕ نِش تتھ پاٹھۍ یوان گرٕ ٹھان نہٕ۔ تہٕ ہٲر دیدٕ ہشر
اُس نہ کتھے۔ کیاہ چھُ بنان زٕوٗن۔ موٗل بوز مرگ نہٕ گُنہٕ لایق ہھاوان۔

ییتس کالس منز آو باباجی تہ۔ شوٗدٕ بوے سامگری ہیتھ تہ تہ
ملہ لسی اُنی پٹ تہ کفن۔ سۄس دِیتکھ شرٛان۔ تہ کریا کرم کرِتھ سوٗ کھ پچھ
پیٹھ۔ بیلہ ہارٕ دیدہ دوٚہنکھ ٹھہریوا تہ ییی وَنان وَنان دزایہ سعہ جل جل
گرٕ کنُ۔ اَتہ اُسی ووٚٹی کینہہ لوٗک تہ سے ہتو۔ ہارٕ دیدہ ہند پہ وُچھتھ
گئیہ تیم تہ حیرانہٕ۔ کینہہ کالا گوو تہ ہارٕ دیدہ آیہ اورٕ اُتھس کیتھ رام رام
پھٹاہ ہیتھ تہ دوٚہنکھ پہ ترٛاوو اُمس پیٹھ۔ ہارٕ دیدہ اوس پہ رام رام پیٹھ
خبر کارتھن منتھ کرِتھ بنیہ خاطرٕ گنگا یہ غوط دِتھ اُنز نوومُت۔ تہ پوٚتس تُرووُن پہ
ویدہ لالسیے پیٹھ لوکو دوٚپ یوٚت کیاہ۔ مگر اَمہ وقتہ کُس کُس کیاہ دنہٕ ہے
سارِوے دِیت گوش۔

سندھیا وُقتس ہیوٗ نیوٗکھ ویدہ لال رازہ شند تہ باباجی اوس
بروٗنہہ بروٗنہہ۔ تکھ اُسس کیے سِتی تہ اَتہ گژھِ منز اوس نہ لبنے یوان زہ کانسہ
ہنزِن اَچھن پیٹھ اوسا آوش کنہٕ نہٕ۔

یم اَمہ وَقتہ شوٗالن آمتو اُسی تماشا وُچھنہٕ تہو سارِوے دِیت
نلکس پیٹھ تجھس پھشا پھشا تہ دزایہ۔ صرف ڈول نہ ہارٕ دیدی یوت تجھس پان
سعہ دزایہ پیٹھے کنُ۔

..........

دوٚیمہ دوہہ گاش پھوٚہ وُنی بیلہ یارہ بل کاکنہ شوٗالن شوناتھس پان گڑاوہ
باوتہ آسہ گنٹھان۔ اَکھاہ اُس بتیس کنُ وَنان۔ نہ بی وُچھتھ دِیان اُسی ہاے بُلی پچھس
بچارس ناو کڈان۔ از زِتہ جی وُہری دزاو تیتھ کھِتھ تہٕ۔

دوٚیم وُژھس ہاے ادہ چھابی پِرٛتھ کتھ کھٹتھ روزان۔ سُلہ
یا ژھیری چھ نناگنی !!

# شنکر رینہ

شنکر رینہ چھُ ۱۷ جون ۱۹۳۹ ہس منز کھرہ یار سرینگرہ ژَھنہٕ پیوٚمت۔

شنکرن گوڈنیک افسانن ہند مجموعہ سَپُد ۱۹۶۴ ہس منز چھاپ۔ اَمِک چھُ ناو "زِتنہٕ زوٗل"

ڈاکٹر شنکرنی افسانہٕ چھِ بیمارن تہٕ ہسپتالن ہندِس پوٚت منظرس منز شاہ کھان۔ شنکرنین کیٚنژن افسانن منز چھِ اَمہِ سٕنز جزئیات نگاری پَرن والِس سٕندِ دِل تَمبہٕ لاوان۔ سُہ چھُ لوٚکٕچَن لوٚکٕچَن کتھن سٕنز تہٕ گوبہِر بکھان یُس اَکھ سٕندرٕ مشاہدٕک پے دوان چھُ۔

●

افسانہ

ڈاکٹر شنکر رینہ

# اکھ ہپرٕزل کینہہ انسان

شانٛدس تَل چھَ مےٚ دأر۔

اَکھ چھِہ دوٚشہٕ وَرے ہبنجرٕ پٔٹھ کمہٕ تانی تھأوِتھ ہتہٕ رکلیو ستی بنٛد کٔرِتھ۔ اَکھ گاشہٕ لےٚ تہٕ چھِس نہٕ وٕژھہ۔ کُنہٕ کُنہٕ ساعتہ چھُ مےٚ دم ہیوٚ گژھان۔

واے یہ دأر ییٚہ ہے مُژراوٕنہٕ۔

بہٕ چھُس دیان اَکھ شاہ تہٕ ہیمہ ہأژ ییٚنتہ ..... زہ قدم نہٕ ہے ہیکہ ہأپکِتھ۔ بہٕ گژھہ ہا اَکہ پھیرِ گرٕ ..... پنُن گرٕ ..... ییٚنہ سارِ ہے دارٕ وژھ چھَ۔ وارڈٕکس سأری ہے ماحولس منٛز چھَ مےٚ ڈگہ ہشٕز بوٚے ییوان۔ دارٕ ہیٚرٕ کنہٕ ییٚس روشن دان چھُ۔ تتھ چھِہ شیشن تیٚژ لٔژھہ۔ زِ اگر ییٚبرِ نوٗت تاپھ تہٕ آسہ۔ ییٚتہ چھُ گنٛڈ زوٗل ہیوٚ باسان۔ گاشس زَن چھُ یوٗت ییٚن مُشکھ گوٚمت۔ دیوٚرٕ نہٕ تہٕ بہأنی آسہ؟ گمہٕ ڈٕہ کٔس چھُ بہاران؟ مےٚ آس لوکٹ کوٗر نسیمہ دوٚہلہٕ بتہٕ ہیِتھ ییوان۔ اَدٕ ییٚنہ تمہ بڈ نمبر اَپھٹہٕ ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹ وُچھہ، سہ تہٕ چھےٚنہ بہأنی ..... تمس نہٕ گموٕدوٕنی ریٚتھ یوٗت ییٚنس۔ یتھ ریٚتہ ہے منٛز چھُ مےٚ مُشکھ گوٚمت زہ ہسپتالہٕ روٗس

تہٕ چھا ییٚیہ کانٛہہ دٕنِیاہ ۔ میہٕ چھُہ دوہَن ہنٛز گنٛڈ تانی راٹھِ مرُش ۔

وائے ! بہٕ دأر ییہِ ہے مُژرنہٕ !

بہ روزہ ہا وَڑٕہ دارِ پیٹھٕ ژیر تانی ۔ یِنٛبرِ یُم دُنِیاہ وُچھان ۔ دیوٚہ

میہٕ یہٕ رووُمت شاہ واپس ییہِ ہے ! بہٕ وُچھہَن اَکہٕ پھرِ نسیمہ ......

پنٛنز ہیٚن ہشٕ نسیمہ ۔ مگر سہ چھ ییٚتہٕ ژہران ۔ گمہٕ ڈٕہ چھُس بہ تہٕ بڈٕ نمبر اُٹھَن

سٟنٛز کھوژان ۔

:

وائے اُمِس آسہِ ہے نہٕ اَکھ کوٚنجس منٛز بڈ .... میہٕ چھ یہٕ

ژوٚن پہرَن اُچھَن تَل ۔ اُمی چھ پننہِ دارِ ہنٛدی پنٛجرٕ پَٹھ ٹھاوی متھ پانٔے

بنٛد ۔

خبر کیاہ کُھر چھ اُمِس گاشَس سیٖتھ ۔ اُمی زَن چھ ٹھاوی متھ

پَننِس وُجودَس تہٕ پنٛجرِ پٹھ پھیرِتھ ۔ سہ چھُ اَنہٕ گٹہٕ منٛزِ ژٕہکِ پاٹھی

پزٕل اَتھس کیٚتھہ ہیٚتھ تیٚتھ نژہ ناوان ۔ بڈ نمبر ژورٕن چھُ میہٕ وُنمُت زِ اُمِس

ووت داہ رِیتھ ییٚتھے پاٹھی بُنہٕ چاڑھتھ تہٕ دٔرہ کھاڑتھ بٔڈٕ سنٛجیدگی

سان اَکھ تماشَس سیٖتھ گِنٛدان ۔ پزٕل اَکھ شُری تماشہ ........ اَکھ

پلاسٹک ڈبہ یَتھ اندر ہیٚجہ کیٚجہ وَتہٕ چھ یِمنے منٛز چھُ اَکھ موٗختہٕ پھوٚل بنٛد ۔ یُس

یِمَو وَتَو پکناوتھ چھ آسان واتناوُن نشانَس پیٹھ ۔ دوٚی دوہس چھُ اُمِس

پھیپہٕ نیوان ۔ مگر میہٕ وُچھ نہٕ زِ ہیٚس اُمِس کامیأبی ہنٛز خوٚشی اُمِس اَچھَن

منٛز ۔ دیوٚہ یہٕ اَچھَن ہنٛد کوٗشِش کم لیہٕ ہے ۔

کُنہٕ کُنہٕ ساعتہٕ چھُ میہٕ اُمِس پیٹھ عار یوان ۔ زِ دوٚلتھ یِمہٕ ہیٚجہ کیٚجہ

وَتہٕ پھُٹراوِہ تہٕ یہٕ موٗختہٕ پھوٚل واتہٕ ناوُن نشانَس پیٹھ ۔ مگر خبر کیاہ سوٗنچتھ

چھُس دوہے صبر کران۔ ظاہراً ما آسہ نہٕ یہ نیوٚت تہٕ حل یوٚت بہٕ سوچان چھُس
تہٕ بہٕ چھُس خیال ڈالنہٕ خاطرٕ لگان وُچھنہٕ برونٛہہ کنہٕ ژینس کُن۔
کنیوٗ ژیوٚن یُس زن دہہِ داوِی ہیوٗ باسان چھُ ..... بہٕ چھُس سوچان اگر بڈ
نمبر اُکھ داٗر مرٛزرہ۔ دیوٗہ یمہٕ لبرین گاشہٕ سیتۍ چھلنہٕ۔ مگر مانیا سعہ؟ کوٚت!
دوہہ یتہٕ دوہہ اکھ پزلس گنڈان چھُ مےٚ باسان۔ نمبر اُکھ تہٕ
چھُ اکھ پزل۔ کھریو دار تہٕ وُٹھتھ۔ یوٚہے پزیژ ہیوٗ۔ مےٚ چھنہٕ اُمو سیٚتۍ اکھ
کتھ تہٕ فکرہ تران ...... نہٕ چھُ یہ بلان نہٕ چھُ ہسپتالس پیٚٹھ تلان نہٕ تہٕ
چھُ دواہ چوان۔ مےٚ وُچھ ہتہٕ پھیرہ پانہٕ یہ دارہ کنہ دواہ ژاوان۔۔۔۔۔ اکہ
دوہہ ییٚتھے اُمو دوا دارہ کنہ ژاونہ خاطرہ داٗر مرٛژ، مےٚ کھاٚد کھور نیٚٹھ
پیٹھ کتھ تہٕ ووٚنمس۔ "تلہٕ سائے یہ داٗر تھاوِیلۍ.... گاشس ہیوٗ پھیرہ...
وُچھ کیُتھ گٹہٕ زوٗل چھُ ییٚنہٕ"۔

سُہ ووٚتھ وانپس "میانی کنہ گژھنس اَمہٕ کھعہٕ نہٕ ژناٚیے
مےٚ کیاہ مےٚ گیہ وعنی تسلا۔ مےٚ چھا وعنی بلُن" تہٕ تھاوِن داٗر ماس
کٔرتھ پھیرتھ تہٕ بیوٚلھ اَنہٕ گٹس منز پزل گنڈنہٕ۔ نمبر ژورن چھُ مےٚ ووٚنمُت
زہ یینہٕ اُمس دود چھُ زیٹھیوٗمت تنہٕ اوس سُہ سارنے سیتۍ پزھے کتھ کران
...... بوزنہٕ تلے چھ یہ ہتہٕ پھیرہ موتس سیتۍ ڈب کرٕتھ دُبارہ دُنیاہس
آمت۔ زن زندگی ہندس اُمس پننس الوند اوس زورہ تھپھ کرٕتھ۔ زن خبر کس
پزاران چھہ۔ خبر...... مےٚ وُچھ نہٕ زنہے کانٛہہ اُمس نش یوان۔ دیوٗہ
نہٕ آسہ ہے کانٛہہ۔

سارے مریض چھ بڈ نمبر اُکھس کھوژان۔ یہ زن چھُ بدلے ذاتھا

زن چھے تہٕ اَسہٕ منٛز اکھاہ .... اوترٕہ شیہلیوو اکھ رائِل ہیوٚ جوان اَمی سے اُچھن تَل ...... اَمی کرٕ ورٕچھنہٕ ہَنا تہٕ پرٛاژوٚ منٛزی اسہٕنا تہٕ شوٚنگ ...... بیڈ نمبر ژورس چھُ دِلس اوپریشن ۔ سہٕ چھُ دِگہ سیٹھا کرٛایہ گرٛنہٕ سنٛدی پأٹھۍ چھعٕرٕہ چھعٕرٕہ کران تہٕ بیڈ نمبر اَکھ چھُ کھرٛشہٕکھ ماران .... تہٕ نمبر ژورس چھُ باسان زن سہٕ تمیٚ سنٛدِس دادِس پیٹھ ٹھاہ ٹھاہ کرٕتھ اَسان چھُ ۔ سارنٕے چھہ اَمیٚ سٕنٛز سکھ نفرت ۔ سأری زانَن تَس بیڈ نمبر اَکھ کرٕی تھے اگر سہٕ جاے بدلاوٕہ سارنٕے گژِھ سہٕ مُشتھ ۔ تمیٚ سُند سوٚرُے وٕجود چھُ بیڈ نمبر اَکھٕے ۔

خبر کیا زٕہ چھہ مےٚ اَمِس وٕچھت سعہ وِیر یاد پیوان ۔ یوٚسہٕ مےٚ اکہٕ ہٕرٕدٕہ تھجمرٕش تہٕ پَنٕنہٕ پنہٕ اَمِس کرٕ ہٕرٕش ۔

وائے یہٕ دأرِ ریٛیہٕ ہے مُژٕرٕنہٕ !

بہٕ دِمےٚ ہا لرٕہ لرٕہ تایہٕ ہَنا ۔ مےٚ چھُ باسان وارڈٕچ یہٕ یَخ تہٕ سیٖل چھہ مےٚ اُڈی جِن منٛز شیٚٹھے ہٕرٕش ۔ وُزٕہ وُزٕہ چھُ مےٚ گژھان زٕہ پرٛأنی پأٹھۍ روزٕ ما وٕژھِہ دار پیٹھ بیہتھ ژیرتانٕ ہبرٕ وُچھان ۔ دِیوٚہ مےٚ یہٕ روومت شاہ واپس ییہٕ ۔ راتھ صُبحس رٕوٚدُس بہٕ پنجرٕہ زالیو منٛزی ژیرتانٕ ہبرٕ وُچھان ...... ہسپتالہ اپارٕہ اَس پارکہٕ ہندین پوشہٕ ڈوٚرین منٛز ٹیوٚلپ زَن نٕیندرِ وٕتھتھ کاڈ ہیوٚ کڈان ....... ژھہ پأری اَسی تاپہٕنٕس پھوٚلی آمتی وہراونہٕ ..... لوٚکھ اَسی کارس بارس دٕژامتی ۔ کانونٹ گژھن وٕنی شُری اَسی وعہ زجہ تہٕ سبز وردیہٕ منٛز زن نٕنٛزی نٕنٛزی پکان ۔ مےٚ گعہو گعہ ڈٕہ برٛونٛہتھ ۔ مگر یٚتہٕ پرٕزٕہ نأوٕم پننہٕ لعہ کٹ نسیمہٕ تہٕ اَس اَکس شُری چھعہ کہٕ سیٹھا خوش خوش زن ہکٹ ہٕش کران ۔ بہٕ

بہ گُس خوش زِ تمہٕ وُچھنہٕ پیپرکُن نتہٕ کھوڑ ہا ہسپتالچ یہ بنٛد دٲر وُچھتھ ووٗنُ
پٔتٕھ اکھ موٹر پوشہ مالوٗ سیٖتؠ سجیتھ۔ ظٲہرا آسہے مہرانزٕ مہریٖنز۔ خبر کیازِ آیہ
مےٚ نوٚہ سٕرٕ انہٕرٕ خواب اُچھن منٛز۔

بڈ نمبر ستَن ژٕہم دوٚرٕ گژھہ ہیٚتھ۔" ژٕ کہو چھکھ آدٕ پیٚٹھ وُچھان؟
رٕکھو لرٕٹاےٚ گےٚ آ اتہٕ؟" مےٚ ووٚنمس "نا"

"تیلہٕ کیاہ اکسیڈنٹ گوٚو؟" تہٕ سُہ لوٗگ آرٕ کتہٕ ہتھ پھُمبرٕ زنگہٕ کُن
وُچھنہٕ۔ یوٚسہٕ اکسیڈنٹن ناکارٕ اُس کٔرمُت۔

"نا خداے رٔچھن"

"یِتھ کتھ چھکھ مُدٕے گنٛڈتھ"

"وُچھو کیُتھ توٗت ناپہٕ چھُ....."

تہٕ مےٚ وُچھ تمیٚ اوس کےٚ حال لرٕ پھرٕن دِیتمُت تہٕ شوٗنگمُت۔ بڈ نمبر
ژور اوس ٹین کپ بورڈس منٛز کیاہ تانی ساران۔ مےٚ زوٗن تمس چھ اَز بٮ۪یہ
نیوٗمُت برارٕ دوٚہ دِچیتھ۔ تمس اوس تکھٕ طیش کھوٚتمُت..... تمس ہے
پلہٕ ہے سُہ گٔرہ ہے نمبر اُٹھنہٕ اُمس برارٕ نمن تل زٕو..... ہیٚرٕ اُس
براُر روشندانس منٛز ماے لاگِتھ یتھ پأٹھو زن نہ کہیں زانہ ہے۔ تہٕ تمیٚ
ووٚن نمبر اُٹھس کن پأوی پأوی "وُچھ سأ یہ اُمس پٔتھٕ یہ تھاوِتھ آسہ
پتےٚ" مےٚ چھےٚ پانس اُمس برارٕ ہنٛز نِکہتھ..... سُہ کیاہ گوٚو کرگنٛدنو
ہنا گٔنہ ساعتہٕ برارٕ سیٖتؠ۔ ادا یہ پأٹھ؟ نمبر اُٹھن چھ یہ ہلراو مُرشنداوٕ
دوہ تہٕ گٔیہ نہٕ اُمس آمتس۔ اَدٕ اکھ دوہ تہٕ گوٚو نہ خأری ییلہٕ تہٕ کانہہ نتہٕ
کانہہ روہلہ وڈھ۔ فساد پھُٹ۔

مےٚ چھُ واریاہ یاد۔ تمہٕ دوہہٕ آسہٕ شیٚپنہٕ رٕزہٕ پیوان۔ نمبر اُٹھ اوس وگہٕ سیٹھاہ پسرہ آمُت۔ دوا نہٕ چینٕس پیٚٹھ ژٕون ژٕسہٕ سیٹھا تہٕ اوس ژوٚلمُت۔ دوہس پھیوٚر ییٚتہٕ آسہٕ سارٕنی رٕزہٕ یتھ تیٚرہٕ منٛز مرہٕ بچور وُتہٕ پیٚٹھ۔ نمبر ژٕدرس تانی آو اُچھن اوٚش تہٕ مےٚ مُژراو تمُو سیٚنز بند دار لوٚتہٕ پاٹھو۔ مگر ساموٚ شلی آو نمبر اُٹھ واپس تہٕ کھوٚنہٕ کیٚنژ اُسُس پہٕ نیٚتہٕ موٚہنز ہشس براٚر۔ سوٚے چھُ فسادُک گوٚڈ۔

مےٚ اُس تمہٕ ساعتہٕ سکھ دگ تہٕ بہٕ پھیوٚرس وُتھنہٕ۔ راتی راتس رٕژ پہٕ آمہٕ براٚرِ اکھ زوٚل تہٕ کٔرنہٕ۔ سہٕ روٗز پھیانگان تہٕ بڈ نمبر اُٹھ روٗدتس للہٕ ناوان۔ نمبر اُٹھن اُس پہٕ تمہٕ دوہہٕ داٚر تہٕ بند کٔرمژ زٕن مُشِتھ اُس گٲمژ۔ تہٕ بڈ ژور آو مےٚ نِش تہٕ وونُم ــــ "وُچھان چھکھہٕ کمن سیٹھا چھُ اُمس کھوٚوے؟ پہٕ براٚرزٕن چھیس ژٕ"

مےٚ وونُمس نہٕ کہیں۔ تریٚیمہٕ دوہہٕ گیہٕ براٚو زندہٕ ہشس تہٕ نمبر اُٹھن اُدٕ گتہٕ تانی دوہنہٕ پھلی پوٚنژہٕ تہٕ ژھنہٕ نٕس ٹالی۔ تہٕ رٕٹن سوٚ وُچھس سیٹھا تہٕ وونُن مےٚ کُنُ۔ "وُچھِو ییمو سٕنز پہٕ انھرِش شرم۔ پہٕ ہا چھےٚ مےٚ منٛد چھان" مےٚ وونُس نہٕ کہیں۔ مےٚ پھیُر بُتھ۔

اَکہٕ دوہہٕ پٔرزل گِندان ووٚتھ سہٕ ووٚہٹ کھیتھ تہٕ آو مےٚ نِش۔ موٚختہٕ پھوٚل اوس نِشانہٕ خانٕس منٛز۔ تمِس اوس اُچھن مُہند گوٚٹش کمکیومُت۔ بہٕ اوہشس سونچان کُنُ زٕون تہٕ چھا کانٛہہ موٚختہٕ پھوٚل نِشانس واتان۔ سہٕ روٗد ژیر تانی بارہٕ سیٹھا گِندان۔ ووٚنی آسہٕ ہا سوٚ براٚر۔ سوٚ اُس شاچہٕ ہشس قداور تہٕ مازہٕ بٔرژ۔ سوٚری ژٕمہٕ آسہٕ تٕس کاژرہٕ ٹیٚچہٕ۔ باسان اوس

زن تَس جایہ جایہ آیڈین چھکہ آسہٕ پے مژہ۔ نبر ژۄرس اوس تَسند سُہ کھوکھس سکھ کھران۔

پگاہ اوس تَس سپنس اوپریشن تہٕ سُہ اوس پسترس منز ارہ مرہ ہی کران۔ سوزے وارڈ اوس سنجیدہ ساریوے اُس ژھوہ پیہ۔ کانہہ اوسنہٕ زن شاہ تہٕ ہیوان۔ مگر برأر زن اُس ووسہ اکرش۔ سہ اُس گرا زیٹھان تَس الاُتز گزھان تہٕ گرا بھمبہ ڈیوٹنگ ہش ییوان وٹنہ۔ تہٕ زن اُسان تہٕ نمبر ژور ووتھ۔ بُچھ ژکرائوتھ نمبر اُٹھس "تلہ سائے کتھ ٹُلھ ژہ گیور۔ ژہ ژھکھ ناوُچھان کیاہ چھ ییتہ؟" بڈ نمبر اُٹھ رود وُچھو منز اسان۔ " مہ کیاہ کوُرمے ژہ۔ ژہ ووتھے بیٹیہ تتر۔" تہٕ برأر روز پیھتے پاٹھو زژان۔ تہٕ نمبر ژور رود وُچھ ژاپان۔ شامس باگی ووتھ نمبر ژور یوہے ییوس ہیوٗ ٹھوٗد زن سُہ زاگہ اوس بہہتھ۔ تمی رُٹ سہ تہٕ لجہ رٹھتھ گُڈی نَس ٹاس ژوہبرہ سپنس پیٹھ تہٕ دژن رگوتھ نمبر اُٹھس بُچھس دأرتھ "تو تہٕ روزِ بس ہین ہیوٗ! برارہ کوُڈنہ کرتھ تہٕ۔ ژایہ کوٗرہ کوٗرہ نمبر اُٹھس۔ مگر کھوژہ مژہ اُچھ آشنس ژرہ نبر ژورس کُن۔ زن تَس یہ آش اُس نہٕ۔

نمبر اُٹھس تہٕ چھوٗر نہٕ اکھ کتھ۔ سُہ گوو نیتہ موٗمن تہٕ لوگ برار زخمن سارنہٕ۔

سارِنے ییٗن موتہنز ژھٹ ہش پھیرتھ۔ نصف راتھ آسہ ہے تہٕ مہ لوٗم کُو تانی وُری نس تہٕ بہ گوس ہشار۔ مہ کھیٹیہ ووتھ ہش شاندس تَل اُمس برأر۔ اُچھ آشنس تیمبرہ ہشہ زوتان۔ مہ دوٗپ وُزنیہ ژریس پینجرہ زالیو منز کہ اُمس راتھ کرہنو دپاہش باسان تہٕ مہ پییہ نظر۔ نمبر اُٹھ اوس

کھمان۔ تس اوس شیہی رووُمت۔ مُشکل سان آو تس مُیجکرِ موقہٕ شاہ واپس۔
بہٕ رٲوُدس تس وُچھان۔ تہٕ گومُٹی ژھاٲنڈ تمہٕ برٲر۔ یوسہٕ اُرکرِتھ تس ناگہٕ
اُس بہِتھ۔ نمبر اُٹھن ہیرٕ سعہ کھوٚنہٕ منز تہٕ تونگس زخم عارنہٕ۔
بہٕ اوشُس سوچان برٲر نئے آسہٕ ہے، نمبر اُٹھ آسہٕ ہے موکلیومُت۔
اَمہٕ دوہہ پتہٕ ہیوتُن بڈ نمبر اُٹھ وارٕ ہے موکھُن ..... سُہ زَن اوس
ژہریومُت۔ واڈس منزٕ ہے کاتہہ تہٕ مرٕ ہے سُہ اوس نہٕ تس برٕنٕرِس تہٕ زٕر
ناوان۔ پانٕے وُچھتھ اوس سُہ تس کپر ژادرٕہ وُلتھ ژالی پیبھ نیبر واتہٕ
ناوُن۔ تہٕ پتہٕ برٲر تیرٕ مائے براں نہٕ زن نہٕ بتیہٕ وُچھ ہے ہے۔
شاندس تل چھہٕ دٲر میہٕ اَز تہٕ تِھے پاٹھو بند!
بوٗزُم رٲودہٕ چھکہٕ ہنا بتیہٕ تہٕ سٲری سے چھہٕ رام رام بدرٕنی دوٗنی
وَہرِتھ۔ بعہٕ نہٕ بازرس منزٕ زَن چھہُ گرٕز. کتہٕ تانی چھُہ کُس تانی گرم معاملہ کنان۔
ککوٗماز۔ مگر بہٕ چھُس نہٕ ہیکان کہینہ وُچھتھ ..... واے۔ یہٕ دٲر آسہٕ ہے
نہٕ بند۔ بہٕ نہٕ ہیمہٕ ہا رٲودہ چھکلی میتہٕ ہواٲہ اکھ شاہ۔ حرف اکھ شاہ۔
میہٕ چھُہ مَنتھ گرٕژھان نہٕ اُسہٕ ہمون سٲری یہٕ دٲر پھُٹرِتھ۔ مگر
کانٕسہٕ رِچھینہٕ تیتو زور۔ سٲری چھہٕ اَندی پکھو آوسے مترٕ تہٕ بُس نیمتو۔
اَکہٕ دوہہ ییتھے برٲر آیہٕ۔ نمبر اُٹھ آو میہٕ نِش۔ تہٕ عارہٕ کتہٕ
مُبِتھ توگمُ زن راز باونہٕ۔ "دوہنی ہا چھہٕ یہٕ وقتس"
بہٕ گوس عارٲن "کہ سہٕ؟"
تمہٕ ہوو برارہٕ کنُ "ژہ چھکہٕ نا وُچھان۔ کاٲژاہ فرق چھہٕ اُمس
چالہٕ آمرٕ، اُچھ کاٲژاہ مایہٕ بَرژہ چھُس"

تمس اُس پزٕنہٕ پاٹھو یڈ برٛٹے مژ۔ بہٕ گوس حیٲران زِ نہٕ از تانی

تہٕ اُس میہ وُچھمژ۔ نمبر اُٹھ زن اوس رووُمت ہیوٗ۔ تمس پوٚت ژھاین وُچھان

مگہ میہ اُس کل نمبر ژوٗرس کُن۔ یُس دگہ سیٹھا زوٗ اوس ژلان نمبر ہتھ۔

تمہ دوہہ وُزہ راتہ کیٚنژھ بیٚنیہ ہول ہالے۔ بہٕ گوس بیٚنیہ ہُشار۔ میہ گوو

شاندس تل سودر سودر ہیوٗ۔ میہ کڈ دوہ ٹھ۔ نمبر اُٹھ اوس میہ شاندس تل کیاہ تانی

ساران تہٕ ہیٚرِ اُس روشن دانس مژ برٲنہٕ پھیانگان۔ تہٕ نمبر اُٹھن ووٚن

اُسان اُسان "کھینو نہ ٲپہ پیاپہ نا یہ بڑٲر۔ یہ یوس اکھ بڑارہ بجہ کتھ

وسو۔ وُچھ کیٚنژھ توت چھُ" خبر کیازِ گیہ میہ سوٚ ہو چھمژ ویر اُچھن برونہہ

کنہ۔ مگر از باسیہ یہ میہ تتھ اُسی بامُن دزاہتو تہٕ زن اُسس کنہ دوٗر آویزان

پیٚتہ کھوت سُہ دودرہٕ ہٲٹیاہ ہیتھ روشن دانس پیٹھ تہٕ لوگ ساریہ۔" تہٕ تہہ

بہ کیتھا چھس زاہتو۔ تہہ ہا گو وسکھ پھرژ" برٲنہٕ اُس زورہ زورہ چکہ

دِوان۔ سورسے وارڈ گو مژ نیندرہ ہُشار۔ کہو تانی کہو تانی اُس تمن دگ

مُشتھ نیندرٕ پے مژ۔ تہٕ شورہ سیٹھا گیہ ساری ہُشار۔ ساری کھوژنہ تہٕ نگو

دٔچھنو کھووریہ وُچھنہ تو گنزریکھ بیمار۔ پیٚتہ یُتھے سارے ژوٗان۔ یہ ہے

اوس بڑارہ ٹلمت۔ تمن پھوٚشو نمبر اُٹھنہ سکھ۔ یمو یہ بدٕکھ اوس تھووُمت

نوٗو راٲوِتھ۔

راتس کیٚہ نہٕ کانہہ زوٗل تہٕ۔ برٲنہٕ اُس دوہنی مژرِ مژرِ چکہ

دِوان۔ نمبر ژور اوس پھیرِ پھیرِ دوہ تھان۔ "وُچھ سایہ اوس اُسہ پتہ

برٲری وُدُن ہیانہ پھیرِ۔ خدایس خبر کیاہ چھُ دُنہ وُچھن۔"

یِچھے بڈ نمبر اُٹھ دزاو۔ ساری بیمار لگو دگ مُشتھ ژھہ یہ کرنہ۔ نہٕ

تہ بلاے رکھتہ کنہ گرنہہ دفا نمبر ژور ووتھ ڈگ للہ دائنی تہ کھوت ولہ منہ، مگر
سہ پھیوٗر ژھرِ وِرے اُتھو۔

"میہ ناریوان وہندے۔ ییم ہا چھ سرسرارے کران۔ ییم چھ زالیو منزہ
گژھان نیرِ نیرِ" تیمس اوس سائری سے پانس اَلہ اُلہ۔ ساری رے اوٗسُس
وُٹھُر منز۔ نمبر ژور کھوت بنیہ کنہ دِل کرِتھ۔ وائلن ترِ شہ وِرے برارہ بوہ کتہ
تہ اُچھ وِ ٹھتہ دِتن کش کڈِتھ دارہ کنہ دائرِتھ۔ نمبر ستن ووٗن پانہ سے ستو
دِوہہ ہا تُلہ تھپھ۔

شامہ سُلہ آیہ برار پوٗت کلی واپس۔ مگر طاقچہ اوس ژھوٗرے
سہ لُجہ ژھہ پائری وُنی دِنہ۔ سہ گیہ ووہ پھل وائلی ہش۔ تہ لُجہ اکھ اکھ چکھ
دِنہ۔ پوہ سر کنن اُس ترِتھ گژھان۔ سہ گیہ اُکی سے اُکی سے بڈس پیچھ تہ لونُن
تمن وری نس۔ تہ پتہ ہیژن ژھوٹر ڈُرمن مُشکھ تہ لُج پنجوٗ سیتو لبہ تچھنہ
نمبر اٹھ دڑاو دِٹھ ژایان۔ تیمرِ تہ ژھٹہ منز۔ باغس تھیپہ تھیپہ ژھاندان۔
مگر سُتہ آو ژھرِ وِرے اُتھو۔ تھوکمت تہ پنز پنز گومت۔ اُتھ راتس روز
برار پھیانگان۔ میہ باسیوو برارہ ہنزہ چکرِ تہ سانہ رگہ منز بوے اُس
سائری سے ماحولس زہر بناوان۔ واے دائر آسہ ہا سے نہ بند! مگر نمبر اٹھن اُس
بنیہ تھاؤ مرش پنجو دار ژروپرِتھ تہ اوس اَتہ گتس منز یوٗ سے بانبرومت ہیوٗ
پزل ژرِہ ناوان۔ سہ اوس از تھوکمت تہ پنہ پنہ گومت تہ تمہ پتہ ہیژ تمی کلانلہ
ژادر۔

پتہ میہ پہرہ گوو نمبر ژور کھوژی کھوژی نمبر اٹھس نِش۔ مگر از زَن
اوس نمبر اُٹھ رِوشتھ ہیوٗ۔ تہ لوگس رسہ رسہ وزہ ناونہ۔ پتھے تمی ووٗن تُل

گمہ ڈرٕ پیوٚ پٕزل پٔتھر تہٕ تِھہ گٔیہِ ہارٕ پھٔلی۔ مۄہ ختہٕ پھوٚل آد نہٕ بوزنے کیاڑ کر
روو۔ نمبر ژورن ڈُلہِ نوو سہ۔ مگر نمبرٕ اُٹھس اوس نہ جٕسیے۔

دوٚیِہ اُمس پٔتھر ژیرتاڈ لیلہٕ کرٕکہ کرٕکہ وَدان۔ سوٚتہ سوٚت اُسی
ساری وَدان۔ مگر بہٕ اوشس سوچان اُمس چھا تہٕ کانْہہ واُرِش۔

[ "سون ادب" منٛزٕ ]

# غلام رسول سنتوش

ساننہِ اَز کالُک عقود تہٕ باکمال مُصوّر غلام رسول سنتوش چھُ ۱۹۲۹ عیسوی یَس منز چھینہ کرال محل سرنگرِ ژھنہٕ پیومُت۔

سنتوش چھُ شار تہٕ وَنان تہٕ نثرِ تہٕ لیکھان۔ یُتام نثروُک واٹھ چھ یہ چھُ اُردوٗ تہٕ کأشرِ زبأنی منز نظرِ گژھان "سمندر پیاسا ہے" چھُ اَمی سُنز اُردو ناول۔

سنتوشن لیوٗکھ تہٕ کأشرِس منز وُنیکھ تام زیادہ نثر کینژھہ تہٕ۔ یہ چھُ صرف کینژن افسانن تہٕ کینژن ریڈیو تخلیقن تام محدوٗد۔ سنتوشُن ذوق و شوق چھُ ہوان دِہ کأشرِس منز چھُ اَمی سُند توجہ زیادہ تہٕ شأعری سیتۍ۔ یتہٕ پتہٕ من دون وَریَن منز لیوٗکھ سنتوشن "گُل ریز" ناوُک اکھ اوپیرا۔ یہ اوپیرا چھُ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأرِہ سٕنزِ موشوٗر مثنوی "گُل ریز" کِس مرکزی ایحساسس پیٹھ بہانٛچلان۔ ۱۹۶۵ کِس ڈرامائی تحریرن

ہِندِس مُقابلَس منز آو اَتھ دوٚیِم بہترین یِنامہ دِنہٕ۔

گوڈنِیُک کٲشرٕ فلمہٕ "مٲنزِ رٲژ" اٚسہِ سنتوٗشنِہ باپتھ
پیٚکھو میٚتو۔ یُتھ مہ وٕرِی یہِ بیٚیہِ وٕت سنتوٗشس۔ کٲشُر ادب
ناوُک اَکھ رِسالہ پننِس خرچس بیٚیہِ کڈان۔ ہرگاہ یہِ
رِسالہ زِندٕہ روٗد تہٕ صحت مند طریقن بیٚیہِ بُرونٛہہ بُرونٛہہ
پکان روٗد۔ یہِ دِیہِ بے شکھ سیٚٹھا کٲم انجام یعنہٕ سیٚہ "کونٛگ
پوشس" "گگریزن" اُڈرے ترٲو۔

# حسرت صاب

کردار :۔

(۱) حسرت صاب (۲) جانٛز ۔ حسرت صابنٕز زنانہٕ (۳) شمیمہ حسرت صابنٕز کوٗر (۴) مال دِید ۔ محلچ اکھ بُڈٕ زنانہٕ (۵) رحمانہٕ ۔ حسرت صابُن دوس تہٕ زُوٕنہٕ ہُند بوے۔



حسرت صاب :۔ (پانٛی پانس سیتی) ٹُکھ کران واہ واہ۔ وُچھ حسرت صابُن کیاہ افساناہ چھُ لیوٗکھمت۔ کریکٹر چھس زندٕ جاوید باسان۔ باسُن نہ۔ یہ کیاہ خٲلی مغزُن ہنٛز تخلیق چھا یتھٕ منٛز سورُے کینٛہہ اُستھ نہٕ کمی آسہٕ باسان۔ خوشک۔ یتھ نہٕ کانٛہہ اثر آسہٕ (برٛونٛہہ ژم دِتھ

تہٕ و			بکس چھُ خبر یہٕ ہا چھُس بہٕ پننہٕ زندگی

ہِندی ، ، ، ، ،			یھان ۔ کُس اُکس چھُ خبر ......

کینٛہہ نہٕ ...... یہ تام چھُکھ نہٕ خبر ز میون تخلص حسرت چھُنہٕ محض تخلُصُے یوت ۔ یہ چھُ پنٛزی پاٹھی میانہٕ زندگی ہُند حسرت ۔ سُہ اکھ حسرت یُس مے ہمیشہ ہمیشہ خاطرٕ للہٕوُن کیٛتھ روٗد......

رُٹھ تہٕ ہنٛز چھُ وَندہٕ۔ اُمی چھےٚ دٲر بند کرٕمٕژ۔ تاپہٕ کراے چھ۔

ژۄژھ پیٹھ چھیٛیہٕ پکنس منٛز اینٛدرٕ واڈ کیہٕ ہا کھتہٕ چھِس عرقہٕ سٔران گومُت۔ دپیومُس یہِ

کٔرہ زورہ بہٕہن کتھ۔ کٔرہ خدمت جاینٛ تِمہٕ کہِ پکنہ ژٔر ژٔکھ شٔرۍ وُزہم تہٕ

ہُنٛد زۄٹہٕ۔ بیاکھ کٔرہ کیاہ ژھیٛزہ۔ کرتن بیاکھ گٔژھہ وۄنہم تہٕ

رحمان ژھۄنا سٕۓ اَز۔ مُشراوُن ستیہِ ستیہِ وقتس مہ پِہو تہٕ خیال

کرم تہٕ زندگی ہنٛز زۄنہٕ۔ کوٚر کیاہ مہ چھُ ہیوان ژٔرٕ اَتھن یُس

تھونٛس دأر یہِ چھُس دپان ......... اُسہِ تھٕوِ گٔیہِ میٲنی خراب

زانہٕ خۄدا۔ بند کران یہِ۔ دِتھ مُشراہ تھوِہ بہٕ۔ کٔرِتھ ٹینگہٕ ساعتہ اَکی

( ژاوان ژٕھ وُز چھُ دأر تہٕ ) بیٹھ اوترہٕ ہووُنس کباژہ کُن اَتھو

ہیے شمیمے ( کورہ آلو دِتھ ) .... ہیے شمے !

شمیمہ :۔ ( دۄورہ ) رکھو زہ ٹاٹھیا ؟

حسرت :۔ تلے تیوٚنگل کھال چلمہ کیٛت۔

شمیمہ :۔ بیہ رکھو کھاے۔

حسرت :۔ ( پانٛژ پانس ستیہِ ) اَز چھُ ظاہر زٕہ دأہ ہیم سون .... . وونی

نئنہٕ زۄنہٕ تلہٕ ( پانٛژ پانس ستیہِ ہوٗں ہوٗں کران ) کیاہ چھُل ژُندرہٕ ہش

زۄناہ کھٔرٕ بالہٕ پٮ۪تو۔ زَن دٔرایہ زوول مالاہ یارہ ستہٕرہ برأنٛثرتس

وٕنی دِنہٕ۔ وُچھ کیاہ چھُ ہمن اوبرہ لنگن ژھایہ رٔگتو کران۔ زَن چھ

اَنہٕرٕ شاہ ماج ہنٛدرہٕ ہمہٕ رلیو تہٕ ترٕ یہِ رکھٕ کس تام یارس اشارہ

کران۔

[ ہیرہٕ کھۄسہ نیچ آواز تہٕ دروازہ مُشراو نیچ لوٗت آواز ]

جانہٕ :۔ ( پانٛژ پانس ستیہِ ) اَمی چھا بٮ۪نیہ یہِ دأر مُشراوُمژ۔ اَز چھُس بٮ۪نیہ

وائراگ ہیوٚ آمُت ۔

حسرت :۔ ( پانٔسے پانٔس سیتی ) کیاہ حُسناہ چھُ بے نقاب ۔ زوٚناہ ۔ نوٚن حُسناہ ۔ بے نقاب ۔ زوٚن ۔ رٕژ زوٚن ۔ موصُوم تہٕ پاک زوٚن ۔

جانہٕ :۔ اَدٕہ جان ۔ مےٚ کتہٕ اُمس خبر اوٚت پیٹھ چھُ نوٚبتھ وائژمژ ۔

حسرت :۔ ( پانٔس سیتی ) زوٚن ، رٕژ زوٚن ..... ہے شُمعے کھو لیچے یتھ نٕگل ہانہ ! ژٕہ کیاہ اُتھتھ دروازس پیٹھ کران ۔ ژٕہ کیاہ نہ کیہہ کران ۔ دلیل چھا کینہہ ۔ ژٕہ وَنان کونہٕ چھکھ ۔

جانہٕ :۔ ( کیتھ ژٕ رٹھتھ ) وونی کیاہ روٗدُم پرٕہ تہٕ تی وَنہٕ ۔ مےٚ چھا خبر ژٕ ہہ پچھے نہ زٕہ زبیٹھ نہٕ وُنہٕ ییم کھوڑٕ فیچھ مُشان ۔ مےٚ اوس ژٕہ زبیٹھ یی وُچھُن ۔ اَتھ کیاہ کرٕہ ۔ مےٚ ہے اوترٕہ پیٹھ اُچھ اُمس پھوران ۔ بٕہ اُسیس زانٔی تھے ۔

حسرت :۔ ژٕہ کیاہ چھکھ یہ وَنان ؟

جانہٕ :۔ کیاہ گژھس وَنہنی ۔ ییلہٕ ژٕ ہہ یی پچھے کرن ، تیلہٕ کرٕ گوڈٕ رمیون چارٕہ ۔ اَدٕہ یہ خوش کری تہٕ کرٕ ۔

حسرت :۔ یہ کوٚسہ پریشانی چھکھ ژٕہ وَنان ۔ مےٚ چھنہٕ فکری تران ۔

جانہٕ :۔ ہے ۔ ژٕہ کتہٕ تری فکرٕہ ۔ ژٕہ ہے ستہٕ زاوٚ شرٕ چھکھ ۔

حسرت :۔ ژٕہ کس بکواسا یہ کران ؟ ( شرارتہٕ سان )

جانہٕ :۔ اَدٕہ ییلہٕ نہٕ ریبانہٕ کیتھ خوش پچھے کران ۔ تیلہٕ اُنتی بیاکھ ۔ سو آسی گیوٚن تام بوزٕہ ناوان ( بانٕ ہُند ٹھس چھُ گرٕنھان )

شمیمہ :۔ ( بانبرٕ ہیٛژ ) موجی ! گُو ہے دِیتِنے دودٕہ گلاسہ دامٕ رٕتھ ۔

جانہٕ :- ہے کیاہ گوم - یہ اوسُم رٕسیر ہیوٗ - ظاہرا وُژھس پھسرہٕ -

( ہیرہٕ وٕسان )

حسرت :- ہے دٕوتٕلی ( دوہہٕ دے بأژچھ وٕسان دانہٕ کھٹس کنُ )

جانہٕ :- ہے شمیمے - ژٕہ ونیوی نے مہ یہ بوے ہے رٕدٕٹٕزِن کھوٗ منز - ہے کھیتہٕ ڈٕہسری - صرف چھُے کھیٚنس کنُ - دوہ ہُتی دٕتلی

ہیم بانہٕ - دوہ ہتی ( لابان چھُس ) تہٕ شمہ چھہ وٕدان -

جانہٕ :- ہیے دم کری - نتہٕ ہے لاگے بہ کریوژھ تنژرتھ -

حسرت :- تُل امہ بچارہ کیاہ کُوزنے - شُرِ چھہ ہیتی آسان - اَدہ ہٕہلے کوٗر خوداین -

جانہٕ :- ہیم چھا گوڈہ شُری ہیم چھہ کھُری پانس کِتھ

حسرت :- دوہلہٕ شیر دوہ ٹی میونڈا ییتی - ژٕہ شیر بٕتہ بہ کرہ ہیٚنہٕ ہے کالس سرانہٕ غسطاہ - گوڈہ چھا کم گرم اَز ( بانَن ہٕنز ٹھسرارٕے )

[ وقفہ ]

حسرت صاحب :- ( کاڑاکشاہ کڈان پانٕے پانس سیتھ ) اَز گوو بہٕ کینہہ تہٕ دفتر گژھنی از کرون یہ افسانہٕ پوٗرہ - ریڈیو والی اُسم راتھ تہٕ وَنان یہ ماو نوٗ افسانہٕ - اَزٕ شامَن چھُہ براڈ کاسٹ دوہلہٕ کرُن ریکارڈ...... خیر ........ ( زاماکران ) ( دارہٕ کنہ بُچھتھ چھلیٚنچ آواز ) ( کاغذَن ہنز آواز ) ہیے شمیمے - شمی - گوڈہ چھا ییتہ کانہہ چیزاہ دارہ روزان - آسہ قلم تھتھ اُسہ نہٕ پیوتے - دواتہٕ آسہ نہٕ میلے - سوہ آسہ وٕگوین چھکیتھ - ہے شمے ؟ .....

شمیمہ :- رِکھو زِہ ٹاٹھیا ؟

حسرت :- یہِ رُمی دِرژ مرژ دوات دأرتھ ۔

شمیمہ :- اُمی گگُنڈ

حسرت :- وَنتہِ ووٕنی کیاہ وَنہِ اِنسان ۔ گژھہ لگےٚ ہمہ کُٹھ منزِہ اَن فوٹی پیٹھ

شمیمہ :- کنتیوٗ چھےٚ ٹاٹھیا ۔ یینہِ چھی پوٗنسےٚ بأتی ( پونسن ہنز آواز )

حسرت :- اَدِہ بی لتھو بہٕ وُچھ پانےٚ ۔ ژِہ اَن چلمہٕ تیوٗ ثنگُل ۔

شمیمہ :- ہیو ٹاٹھیا ۔ یہ پونڈ ہا گوو میہ ۔ بہ ہا اَنس مصالحہ ۔

حسرت :- اَچھا گژھ ۔ ماجہ وَن جَل جَل چاے اَنہِ ۔

[ کاغذن ہنز مژراوِنچ آواز ]

حسرت :- ( پانس سیتی ) اَں ۔ یہِ آسہ ظأہِر یتیم صفحہ ۔ گوڈِہ چھُ میہ صفحہ نمبر دِیُن مُشتھ گژھان ۔ ہوں .... اوٗہ یوٚہے چھُ ۔ کیاہ چھُ میہ یہِ لیوٗکھمُت ۔ ہوں ۔ زوٗنی ۔ اَوہ ..... زوٗنی چھَیہِ یاد ییلہِ ژِہ اَکھ میہ دوہہس دَہہ لَٹہِ وُچھتھ تہِ بے قرار آسان ۔ ذرا ہےٚ بہٕ اورہ یور اوسُس نیران ۔ ژِہ اَسکھ دارِ پان اَدیزان ثرأوِتھ سڑکہ گُنۍ وُچھان آسان ۔ ہنا اوسُے نہ قرار یِوان ۔ سوہ ماے کوٗت گیی اَز ۔ زوٗنی ۔ اَز وُچھکھ میہ ژِہ برابر اَکہ وُہہ[۲۱] .... یۆرہ اَکہ وُہہ وُہرِ ۔

[ مَحلچ بُڈِہ زنانہِ مال دید چھہٕ دَروازہ اَژان ۔ کھژاوِہ ہُند صَداہ چھہٕ وُبران ]

مال دید :- رِکھو زِہ گوٗبراہ ۔ دَفتر چھکھہ نا کھوٗتمُت ؟

حسرت :- ( پأنی پانسے سیتی لوٗت لوٗت ) توبہ تقصیر آیہِ بچأر خبر کیاہ زال

ہیتھ ( پُتہ کُنھ کرِتھ ) نہ دی یہ اُسم دفترِچ کأم گرِہ وأجہ رِش۔

مال دید:- اَتھ قلمہ گَلِس تھوٗہرنے وارہ مِیون نبض۔ یہ چھا خوش ییٚنتھ؟

حسرت:- اوہ اُتی چھے ( پانس سیتی ) جان گوٚو تام لگہ ہیو اُمِس سیتہِ کتھن

دیوہ بہ معہ کلاوہ یہ افسانہ پٔرِہ کرِتھ۔

جانہ:- اسلام علیکم۔

مال دید:- وعلیکم۔ ژٕہ ہے ڈیکہ بوٚڈ۔ یہ ڈیکہ رٕوزی نے پھولہٕ وُن میانہٕ ن

کورِن سان۔

جانہ:- وارے چھکھ دی مال دیدی

مال دید:- آہنی ژٕ یہ ہے وارہ تھوٗن مِیون خودا یمن پہ ترن سان ......

بہار ہأورنے خودا میانین سان ...... یہ امین صاب کیا زِہ از

گری ہیوٚ رٕہِتھ۔

جانہ:- اوہ دی میہ چھا خبر۔ پٕرژھن چھا بُنان۔ کتھہ کرنس چھم ییتھ

لانج پیوان۔ اوترہ بیہتھ ووتُس یہ دأر رٕٹِتھ بیہتھ۔ رٕچھٕتھ

لیکھان۔ خبر چھمہٕ دی کس ٹأٹھو دٕگہٕ چھم مأٹھٕ دگ ژھنہِ رِش۔ یوٗہ

کل چھس کڈان ( وٗدان وٗدان ) وأتھ اُمِس برس تُل بوزان۔...

زٕوٗن۔ زوٗن۔ زوٗن۔ زوٗن اوس کران۔ سوہ ٹأٹھ کھاول اُمس

میأنی ہے گرس وندنی رِش۔

مال دید:- میہ ہے دوپ اوترہ وٗنے یہ امین صاب کیاہ آسان وونی دارہ

پیہٕچھے بیہتھ۔ دُنی ژٕ ایس بہ اوہ تہ یہ وُچھُم زوٗنی زوٗنی کران

گوڈہ کیاہ گوو ییتھ وقتس کوٚر اُمس وأرٕ منزہ مرِتھ نیران

یہ چھہٕ کالہٕ تہٕ پگاہ ییٚنہٕ آسان۔ اَمِس چھا کانٛہہ شرما تہٕ کانٛہہ حیاباہ ووٚنکِس تہٕ اُس دارہٕ کھسِتھ کتھ کران۔ اَتھ دارہٕ چھُن پان اَلوند تروومُت آسان۔ ہورہٕ اُس زوٗن تہٕ یورہٕ اوس اَمِس صاب۔ میہ ژھُن کلہٕ بوٚن کُنُ۔ یُتھۍ نے یِیتھ ہیٚو گژھی۔ اَتہٕ رٕوٗدُم تہٕ میہ دوٗپ پننہٕ ژٕ ہش کتھاہ گژھ۔ یم شرُک ہیٚتھ ہیٚیی واو۔ اَتھو لگٕتھ کتھ یم نکہٕ نکہٕ ہیٚتھ۔ یِمنے ہیٚۍ بیانِن سان سگ دی خودا گوڈہٕ چھا بی یِمَن اَزکۍچِن یِمن رنگہ ژرِن کانٛہہ حیاہ یا کانٛہہ شرماہ گژھان۔

جانہٕ :۔ ہتہٕ دی ژہٕ کیاہ وَنہٕ ہَم مال دیدی (وَدان وَدان) یہ گیہٕ پنہٕ نِس بُچِھس کانٛگہٕ ژہنی۔ ژہٕ ہشہٕ ماجہ بقی یمہٕ کتھ کرہٕ۔ رات تہٕ اُس یہ ٹاٹھ کھاول دارہٕ سیٚتھ پان دِتھ بلایہ لگو ہش۔ میہ نےٚ پننہٕ یہٕ نصیبہ بَد آسہٕ ہے۔ تیلہٕ آسہٕ ہیمہ یہ حالِ بَد۔ ژھوٗٹ وَنے پننہٕ کہٕ کرنے بَد آسہٕ بیٚیہٕ بندس مرِس کیازہ ژاوہ لھوٗل ( شرارتہٕ سان) تمہٕ ہہ دی چھس راہہ۔ بہٕ تھوِہ نسہٕ یہ اَمی سارہ۔ پیٚھ وُچھو تن اَمی شند یہ بہٕ مَنٛد چھ بوے کالہٕ تہٕ پگاہ چھُہٕ یِیتھ جائہٕ نِس راۓچھ دوزان۔

مال دید :۔ ہۓ یہ چھۓ تتہٕ تہٕ پژھے واٗرِ وِس منز۔ بوٗزُم راٗنی چھہ نے ژاٗوِتھ ژھنہ ہش (حبان چھُہٕ وَدان)

ہۓ مے وَد۔ تلۓ کر ژھوپیٚر۔ وُچھی یم شرُک ہۓ گیہٕ آرہٕ کرٕنیٚز بیچاٗرۍ۔ کری ژھوپیٚر۔ ناوے بُنہٕ مرۓ۔ میٚیے زَن ژکھ ہوٗٹ

کرِی ژھـوپہٕ ( جانہٕ چھُ ژھـوپہٕ کران ) اَدٕہ بی بہٕ نیرَے ۔ یہِ آسیم عمہٕ آمُت اورٕہ ( نیران نیران ) ژٕہ ہیٚے دِیی پننہٕ سبزرٕہ ینٛن وسگیر

یانےٚ نار ۔

حسرت صاحب :۔ دوٚپ مےٚ ۔ میہ گوٚو ژیر ۔ ووٚنی کھیمہٕ بہٕ بتہ وَتہٕ کینہہ ۔ میہ چھُ بانبرٚ ۔ کانہہ ہیٚے ژھانڈنہٕ ییہ ۔ دِپُو زِیٚس سُہ کھبوٚت وہٕ توٚرکہ ۔ اد تہٕ بِنیہٕ اَکہٕ ناوُتھ شامس سِتہٕ باوا چان پہٚکن ۔ خبرَ یہٕ رحمانہٕ ما کھیٚتیہ بتہٕ ییتو شامَن ۔ وَنان اوس ریڈیو بوزنہٕ ییمہٕ تہٕ چھکراہ بوزو ۔

جانہٕ :۔ ( لوٚت لوٚت یانس سیتو ) اُمس رحمانس ژھنزمےٚ رسرِتہٕ بسر بِنیہٕ ژھنہٕ میہ اُمس زوٚنہٕ مُنزپلو وَتہٕ ییھٕ ۔ اُمس میون خودا اُمہٕ کھوتہٕ تہٕ قبر کرُن ۔ اُمس نہٕ کُنہٕ اَتھ کھور لگن ۔ یہ دوہ ہیٚے وأران آسیو ۔ یوسہٕ میأنس گرس بلایہٕ تہٕ رَتہٕ چھکیہٕ چھُ بجَہ مژہ ہیمیے ووہتی شیمیٚے یہٕ زنبی بوے نبرٚ ۔ دِیاہ سیتو ہیٚے گیٚس اُچھ کانہٕ ۔ اُمس دِژمےٚ یہ زوٚن بلایہٕ تہٕ رَتہٕ چھکیہٕ ۔ تانو کرتھ

[ بانَن ہنز ٹھسراے ۔ تہٕ دانس پھوک دِنیچ آواز ]

( وقفہ )

حسرت صاحب :۔ ( یانس سیتو ) اُمی چھ بِنیہٕ یہ دأر بند کرہٕ مژہ ۔ اُمس زَن ہیوُن اُتھو کُنُ ۔ زَن چھس نامحرمَن ہنز نظر اورٕہ پیوان گگہٕ بجولہٕ ( زورٕہ دأر مژ راونیچ آواز تہٕ جانہٕ چھُ لوٚت لوٚت دروازہ مژ راوان تہٕ وُچھان )

جانہٕ :۔ ( یانس سیتو لوٚت لوٚت ) کھاوُل چھ بجَہ مژ دَرس اَتھ دارِہ بیٹھ

اَد (حسرت صاحب تھوک چوان تہٕ جانہٕ چھہٕ دَروازٕ ٹاس دِتھ مژراوان)

یہٕ آسہٕ ہی اُمِس ٹاٹھ کھاولہٕ بُچھ ہاوُن توٗرے زاہ چھنہٕ بجلی۔

حسرت صاحب:- ژہٕ ہے وارٕ تہٕ کارٕ بوہژ اُسکھ وُنی۔ ووُن کیاہ گوٚے۔ وُنہ آسہِ کُنہٕ ژیٚہ ہیوٚتھُم دٕلہٕ واتُل لاگُن۔ آخر ژہٕ بنی کیاہ۔ ژہٕ کرِ پیٖسی عقل۔ ژہٕ ہووُنے کہتہ کُن۔ ژیٚہ گوٚے کیاہ۔

جانہٕ:- ووٚنی کیاہ گوٚ۔ ژُھم گژھن اُمہٕ کھوٚ تہٕ۔ ژہٕ آسی خبر ژہٕ کرکھ میٚہ پتھے کُنو سلہٕ تہٕ بہٕ مرٕ۔ ژہٕ گژھی دِتھ موٚکج۔ تِم چھے راپہٕ۔ اُمِس گژھے وگلہٕ اوٚری تہٕ اَتہٕ والنہٕ کھاکھرٕ مستہٕ رُٹھتھ۔ ژہٕ آسی خبر گوٚش دِمہٕ۔ بہٕ سوٚمبرے محلہٕ۔ بہٕ لاگے پینچاٹھ۔ میون چارٕ کرِ۔ یمن شُرِن ہُند چارٕ کرِ۔ اُمِس کھاولہٕ میون خودا دارٕان تہٕ حالِ حاران کرُن۔ اُمِس نہٕ اَتھ کھوٚر کنہٕ لگُن۔ اُمِس میانہٕ ماجہ ہنز بامُش گژھنو۔

حسرت صاحب:- ہتے محلہٕ کھتے پیٹھ ہیوٚتھُن مژراوان روٚنلہٕ۔ ژہٕ ووٚہوان کس چھکھہٕ یہٕ؟ ۔

جانہٕ:- کس گژھس ووٚہوٚنی۔ اُمی سے یوٚسہٕ میانِس گرِس بلایہٕ تہٕ رَتہٕ چھپہٕ لجُ مژ چھہٕ۔ شیٖہلیوٚیہٕ دِل۔ کرٕ کتھ پوشنہٕ۔ وچھو تھپہٕ بُچھتہٕ۔ زوٗنہٕ واتہٕ رِچہٕ۔ ہیٚر ہوٚکھے اوترٕ پیٹھ زوٗنی زوٗنی کران۔

حسرت صاحب:- زانہٕ خوداہ۔ ژہٕ کتھ کُن ہووُنے۔ خبر کوسہٕ پریشانی چھکھہٕ وَنان۔ ژہٕ گوٚے کیاہ۔ ژہٕ کمہٕ کتھ چھکھہٕ کران۔ زوٗنہٕ ہُند قصہٕ کیاہ سعہ کتہٕ تام وارُس منز ژہٕ کتھ کُن ہووُنے تسِ کُن۔ گوٚدٕ دِہٕ ونتم

مہ تہٕ تمِس کُس واٹھ چھُ۔ سو پننہٕ گرٕ۔ ژٕ ہٕ تھوُنےٚ مِنگ دِگ۔

جانہٕ:۔ سہٕ ہے گرٕ! تمِس ہے اُٹھ کھور لگِہ تتیٚہ اُمہ بُجھٕہ۔ بدمعاش بُجھٕ۔ بہ سوٚ ہبرس محلہٕ صُبحے۔ اُمِس چھا خبر وو لاہو۔ بہ ہے پنچاپٹھ لاگس۔ ہمیون چارٕ کرِن۔ میانِن ہمن شرٕہن ہُند چارٕ کرِن۔ وٕنزٕ مہ ہیمن لَنجہ کڈِتھ کھاوِل۔

حسرت:۔ کیاہ گوٚے کمہ سہٕ دِوٚتھ واٚجی قودرتن میانی۔ کیا زٕ چھہس بگوناہ تہٕ ہمہ تقصیر دوہ دوہ تہٕ لیکہٕ لیکھ کران۔ یہ وٕننم زٕہ زٕوٚہ زیتھ چھامہ وٕنہٕ یہ پرٕے۔

جانہٕ:۔ ہے وٕنٕ کیاہ چھُ۔ ژٕ زانکھ کینہہ زٕہ۔ ژٕہہ ہے چھےٚ دہ کچار یاد پیومت۔ مہ چھُنا فکرٕ تران۔ چارٕ تہٕ ہے کاژاہ۔ ہیمن اُچھن کیاہ سوٚرٕ موٹھ ژھنا۔ ہیمو دیدو ہے اوترٕ ہیتھ ووتم وچھان۔ ژٕ کم ژھایہ گتو چھکھ آسان کران۔ اُمِس زٕوٚنی زٕوٚنی کرٕتھ نینڈرٕ پاوان۔ زٕوٚن۔ حُسن۔ بے نقاب۔ مہ چھُنا فکرٕ تران۔

حسرت:۔ اَدٕہ ژٕے بیہہ۔ ژٕہہ سیتو کُس چھ ہیکتھ۔

جانہٕ:(وٕدان وٕدان) یہ اوس میانِس ہٲلس ماجہ ناوٕن۔ ہیمو بہٕ یتھ ناوٕنس لاٚجی ہس۔ اَمہ کھعو تہٕ آسہ ہیم زینہٕ وٕکھتے ہوٚرٹ چوٚرمُت۔ یہ ناوٕن ماہیہ ہیم وٕچھُن۔

[ رحمانہٕ چھُ دروازٕ اُژان ]

رحمان:۔ کاک دید کیاہ چھُ ژھعو یہ دم کرٕتھ بیہتھ۔ ریڈیو تہٕ چھُ بند خبرٕ کیازٕ۔ ظاہر چھُتھ ژٕہہ حسرت صابس سیتو بکواس کوٚرمُت مہہ

چھُ تمی فِکرِ ترٛان ۔ ادٕ گرٛھان پکان ۔ اَتھ گرٛھیا سنٛن ۔ باگرٛن دون
گرٛھان اُتمی مژکری ۔ اَدٕ چھا دوٚنٛی اُتھ کُن گرٛھان ۔ وٕ چھِ یِم شری
بچارٕ کھتہٕ تام ہی گمتۍ ۔ وَلے شمہٕ کوٗری ریڈیوٕ ہے بوزوٗ ۔ ژٕ بوزِتھ
دِی جانۍ ۔ ازٕ ۔ مےٚ گوٚو مُشتھ وَنُن ۔ اَز چھُ حسرت صابُن پروگرام ریڈیو
پیٹھ (رحمانہٕ چھُ ریڈیو ژٔاوان)

انونسر :۔ یہ چھُ ریڈیو کشیر ۔ دوٚنٛی بوزِو تہٕ حسرت صابُن افسانہٕ ۔ حسرت
صابنہٕ زیوِہ ۔

حسرت صاب :۔ زُوناہ ۔ نوٚن حُسناہ ۔ بے نقاب (ریڈیوکِس آواز چھ بند
گرٛھان)

حبانہٕ :۔ (پانَس سیتی) اَما یہ کیاہ ۔ یِہے تمی سُنٛز پے آواز چھ ۔ افسانہٕ
زوٗن ، حُسن ، بے نقاب ۔ ظاہر ما اوس سُہ یُوز وَنان .......
(حبانہٕ چھ یِی وَنان وَنان ہیرِ وَسان تہٕ لبہٕ تہٕ کُٹھس دروازٕ
مُژراوان تہٕ حسرت صابَس ہُشار کرِتھ وَنان ۔)

دوٚپ مے وُچھ گرمہٕ سیتی چھُے عرقہٕ ہران گومُت ۔ دوٚپتھ
ہیرِ ہیہہ دارِ پیٹھ ہواہمہٕ ۔ بنیہ آسہٕ یہ سیُٚن تہٕ سرد گومُت ۔
.......... تُلِ دوٚنٛی ژراو مہٕ اَتھ بینیلہٕ ۔ ژٕ شہلاو
دارِ پیٹھ عرق تہٕ بہ شیرٕ بتہٕ ۔ صُبحک تہٕ ژھکھ فاقہٕ ۔

# سوم ناتھ سادھو

سوم ناتھ سادھو چھُ ۱۹۳۵ ہس منز فتح کدلہ سرینگرہ زامُت۔ ہرگاہ یہِ وَنو سادھو بنوو ریڈیو کہِ کارِ خاص ماحولن پکھاڑس کانٛہہ غلطی سپدہ نہٕ۔ سادھوین یہِ کینژھاہ وُنیکھ تام لیوکھ تتھ منز چھُ سہٕ حصہ زیادہ یُس اَمہِ بیچن ہندہِ خاطرہ لیوکھ۔

سادھوین لیکھی وُنیکھ تام ریڈیو خاطرہ کینہہ کھیل یمو منزہ چھ کینہہ یمن پننہِ تہٕ کینہہ ترجمہ۔ رہرسل جانکی تہٕ آولن ناوکی یم ریڈیائی کھیل نشر سپدی، یم چھ صاف پانٛچھ ہاوان زِ سادھو سُند اتھ چھُ ووٹی روانی زبان تہٕ فنکاری ہندس منزلس کُن لمان۔

# یؠلہِ مےٚ نِکٕٹے لٲجی

کہٕ ناہ مٲری موٚنِد ناو چھُہ "نِکٕ ٹے" اَکھ وَر دٕپھِھنز بِیاکھ کھوٗرٕ، بِیاکھ پیٛٹھ کِنہٕ۔ تَمہ پَتہٕ پیٛٹھ کِنہٕ۔ پَتہٕ بِیاکھ۔ آ۔ تہٕ وُچھو تُوٚ اُنس مُنٕز بُجھہٕ۔ ہَٹٕکِس نَقشس آسہٕ بدلیومُت۔ یُس ہوٚٹ ہٕرِ گوٚ گَلہٕ چھ تُونٹِتھ اوس بہٕ شوٗب بنوومُت۔ سُے چھُ ٹے لاگِتھ گوٚ ندامُت گوٚ ندٕر ہیوٚ باسان۔ یِزٕر چھُ ہِیی زِ یوٚتام سے ٹے انسانس نٲلی چھُ آسان تیٛمس چھُ کیا ہتام فرق ہش بوزان ینَن پان نہٕ اندر پکھٕ دُنِیاہ لوٗبہٕ روٗن تہٕ مٲری موٚنِد باسان۔ قُدرتی کتھ چھ یُس سے ٹے لاگِہ تیٛتھ سیٛتہٕ گژھِس سوٗٹ ہٕمن تہٕ جان آسن۔ پتلوٗنس کریز ہا تہٕ۔ بوٗٹس پٲلِش تہٕ آسن۔ قمیض کالر صاف تہٕ چندس چھِچھرٕ روٗمال تہٕ گژھ آسُن۔ وُچھو اُتی چھُ انسانہٕ شنز ہیٛتھ بدلان۔ چندس مَتہٕ آسہٕ تن نیک دیلہٕ مگر اَمہ نیٛبرِمہٕ ہاوہٕ باوہٕ سیٛتہٕ چھُ تیٛتھ تہٕ سرپوٗش روزان۔ لوکن گژھان راے خبر کُس پوٗشہٕ ووٚلے آسہٕ۔ مگر ٹیہٕ ووٚلے چھُ زانان تیٛمہ وِزہٕ کہٕ سہٕ قیامتھ چھُ گژھان۔ یَیلہِ نہٕ پان کھینس سوٗنٕب پٲٹھہٕ ژور چندہٕ نیرِنس۔ مےٚ چھُ پانہٕ اَکہ دوہہ ٹے گنڈ مژ۔ او صرف اَکہ دوہہ۔ کیازِ؟

——— او سفرنامے چھُ تیٛتھ یُس نہٕ وَنُن لایقے چھُ....

——— خاًر تہٕ ہہ سیٚتھ ووٚپراًزی کیاہ ۔ مہ تہٕ ہہ نِش
دِل مُرتاڑتھ کنھہ کیٚرنی کانہہ عائب چھُنہٕ ۔ خاًر بہٕ زِو ۔ بہٕ چھُس اکہ دوہہ دفترہ
برٕہتھ تہٕ ووٚتھ خیالاہ ۔ ہیو بہٕ کیازِ نہٕ ٹےٚ گنڈان ۔ میاًنی تِم یار باًے ہیمن
مِیانہٕ کھوتہٕ کم تنخاہ چھِ چھہ ٹےٚ گنڈان ۔ مہ کُس عائب چھُ ؟ یوٚہے خیال
گوو مہ ثنان تہٕ اکہ دوہہ ہیُر مہ رنگہ وار ٹےٚ مُلہ ۔ سوٗٹ اوسُم ڈرے
واش کرِتھ اوٗنمُت تہٕ اِرادہ کوٚرُم بہٕ تہٕ کھسہٕ دوہنی ٹےٚ لاًگتھ دفتر ۔ کڈ
دِلن دوہنٹھ ۔ اتھ کیاہ کرو ۔ لاًجم مہ صُبحن دوہہ دراو قمیض تہٕ تنتھ پیچھٹہ نکہ
ٹےٚ ۔ پیٹھ چورمس ڈرے کلین سوٗٹھ تہٕ دراس دفتر ۔ وُنہٕ چھُس بہٕ مَنڈچھو
مَنڈچھو پکان ۔ یُس کانہہ زاًنی کاراہ سمکھان ۔ سُہ گوڈہٕ ٹیہ کِنہ وُچھان تہٕ
پَتہٕ ایزُے اُسن بتھس پیٹھ اَنہتھ وَنان ۔ "اَچھا ۔ ٹھیک ۔ جان کوٗرُوہ
...... بڈہ جان" بہٕ بہٕ چھُس اندری سوچان خبر پزی پاًٹھی مہ ما کوٚرُ یہ
جان ۔ مگر سیٚتی ہیٚیم تِم یار یاد یِم مِیانہٕ کھوتہٕ کم تنخاہ اُسی نوان ۔ تہٕ
رنگہ دار ٹےٚ اُسی گنڈان ۔ امہِ سیٚتی گیٚیم ییٚہے سمجھ ہِش ۔ تہٕ چھُس بڈہ چِمہ خمہ
پکان ۔ بجرس چھہ کنگنو کرِتھ ۔ پتلوٗنس چھُ زہر زمرود ک ہیو کرِیز تہٕ بوٗٹ
چھُ پاًلشہٕ سیٚتھ نبہٕ نبہٕ کران ۔ کنہ مزس منز چھُس پکان ۔ یوٚتام بڈی بارہ
موڈس تل ووتُس ۔ اتہٕ پییم نالہِ دندرہ پیٹھ نظر ۔ دِلن کڈُم دوہنٹھ ہش ۔ اتھی
نالہِ دندرہ پیٹھ دُ ر وہیں نوٹہاہ پیوٚمُت ۔ اُچھن ہند طماہ ۔ یتھے مہ نوٹ
شیچھلے باًڑ وُچھم ۔ مہ پھیوٚر اکہ رنگہ بیاکھ رنگ ۔ اوٚنام اوسُس کمہٕ مزہ پکان
دوہنی زن لجہ زنگن قہ ورنی ہریک ۔ نظر دِژم دُ چھنو کھوورِ ۔ اَتہٕ وُچھم
ساًری پننِس کاروبارس منز مشغول ۔ سوچاہ کوٚرُم ۔ یہِ ٹُلنُ گرٕشھیا جان

کینہہ نہٕ - مگر ییلہٕ نہٕ کأنسہ اَتھ کنؠ نظرٕے چھہٕ تُلنس منز حرجے کیاہ ؟ اَمہٕ وزہ
آیم نہٕ کینہہ اَتھ وَتھاہ تُلنس. زٕہ ژور قدم برونہہ پکتھ پھیورُس بیٚیہ پوٚت
نہٕ ووتُس نزدیک تتھ جایہِ ییتِھ یہ نوٹ پیوٚمت اوس - بیٚیہ سوٚچُم - ٹےٚ چھم
نَمٕے - نجر گژھیا یہ حان تُلنُن - نوٹس کنؠ کرُم نظر - یہ وُچھُم کمو آرہ کرنہٕ چشمو
زَن نہٕ ہیے کنؠ وُچھان نہٕ وَنان -" بہٕ او تُسے ژہے پرٲران تُلان کو نہٕ
چھُکھم - " کاغذ وُرق اَکھ کوٚڈُم چیندٕ منزٕ نمبر نہٕ سہٕ ژُوٗوُم نوٹس نزدیک - بیٚیہ
دِژُم دَچھنہِ کھوورِ نظر نہٕ ہاہیزٕ میہ نوٹ تُلنج سکھر کرنہٕ - پھوٚر چھٕ داہ داہ
گز دوٗر ژٕلان - اَتہٕ پیٹھ کھوٚرہ ٹینڈٕ تام پھیورُم سأری ہیے پَچھ - بُتھس
کھوٚت وُہ شُلنؠ - زنگن ژایہ نُٹنہٕ - ڈیکس پھیپر گمہٕ ژھٹھ - نہٕ اَتھی ووہلہ ہرشہ
منز لوگ میہ اَتھ نوٹس اَتھ - میون اَتھ اَتھے لاگن زٕہ ژوٚ پأرِی بیٚیہ ٹھاہ
ٹھاہ کران اَسن کھنگالہٕ - پتھ کنؠ دِژُم نظر - اَتہٕ وُچھم سأری وانہٕ وأل رکھو
لوکٕٹ شُری اَسان اَسان دَب دِوان - اَدٕ مَتہٕ بوٗزی تو - میونےٚ پان زانہٕ -
میہ کہٕ یہ قیامتھ چھ گأمٕژ - اَچھن سوریوو گاشن - دوہلی ہیٚتِن میہ تارکھ
بوزنہٕ پیٚنہٕ - زیٚن نہٕ زنگن گیہٕ لگہٕ - چرشٹھ گوٚو ہوٚل - بُتھس ژھنکھ لیدرہ ہریاہ
زَن پھرٕتھ - کنن زَن ناگہ من جوراہ - دُ روپین نوٹ زالین دوٚن منز رٕٹتھ گوس
ہیٹہ رٕٹہٕ اَکی ہیے جایہ کھڑا - سوچان چھس یا الٰہی یہ کیہ غأبی بلاے پیٚیہ
میہ ؟ منشاہ گوو یمو منزٕ ڈراو، یا واہ اکھ نہٕ اَسان اَسان ووٚلتھ میہ کنؠ —
" اَسہٕ گژھ مأفی دِنی - تہٕ یہ لوگ تکلیف - یہ اَسہٕ یمو شُرؠو جنٕ ہنا کرٕمژ " یہ
وَنان وَنان نیوٚ اَمی میہ یہ دُ روپین نوٹ زالہٕ منزٕ کڈِتھ - بہٕ چھس نہٕ اَمِس
وَنان - صرف چھس مُدے گنڈِتھ بُتھس کنؠ وُچھان - یہ چھ اَسان اَسان

دۆگٕن گژھان۔ تہٕ اُتھو منز وۄتھ میہ کُن۔" اُسہ چھ پَزِ پاٹھو شرمندہٕ
اُسہ اُہسے نہٕ راے تہٕ ہیہٕ ہیوس سوٗٹیڈ بوٗٹیڈ جنٹلمینس پتھیہ اَتھ نالہٕ دۄندرہ
ییھٹہٕ نظر۔"

ساری (Sorry!) - ہاے کیاہ گوم۔ گوڈٕ یہ اوس سورُے
بجنہٕ۔ ووٗنی ہیوتُن میہ جبس ہیوٗ پھیرُن۔ ونہٕ کیاہ سہ بہٕ۔ کلان کلان
ووٗنمس اَچھا..... کیٛنہہ پرواے چھُنہٕ...... ٹھیک..... تہٕ یہ وُنان
وُنان ییھتے بہٕ نیرُن ہیوٗتنس اَدہٕ وۄٹھ بتیہ نارہٕ کرِنکھ ہشں۔ زیادہ گوم نہٕ
بڈہِن ہُند یاٹ ییمن بِکھین شرُین ہند گوم۔ ییم بیچھم سیٹیہ وایِنہ تہٕ ژرہ پیچ کرنہٕ
رینٹس سوٗنہہ شُر جوراہ ییٹھو کرِنکھ دِنہٕ۔" جنٹلمین۔ ہاۓ۔ ہاۓ" ——
" جنٹلمین ہاے ہاے" " نِک ٹۓ سوٗٹس زٹ زٹ"۔" نِک ٹۓ سوٗٹس
زٹ زٹ" اَندرِ چھُس ژپنہٕ ہیوان۔ گُو چھُس مۄران۔ سوچان چھُس " ہتا
ژوٗہ وارہٕ کارِ یِکان اوشکھ کیاہ گوٗے۔ کتھ بڈ میوکھ ییمن روٗہِن دوین
گرٕ ہیے دژاکھ وارہٕ کارہٕ۔ کیازِ گوکھ ہٹہٕ ہٹہٕ یتِیتِن روٗزتھ۔ موٗختصر بوٗزو
ییم ووٗہو میہ آیہٕ تم چھُس اُڈی پانس گڈان۔ اُڈی ییمن لوٗکن۔ ییمو بہٕ
ٹاوٗس تلکھس۔ ییمو ڈاج میہ ییپرٛاہ اَناہرہٕ زٕ میہ باسیو زِ یُس یِکان چھُ سہ چھُ
میہ کُن وُچھان۔ میہ اوس لگاو کِدلہ کھووِرِ کُن پھیرُن۔ بہٕ گوس لال چوک
وائتھ اَتہٕ ترُووُم پھِرِ کھاہ۔ نظراہ دِژم ژوٗہ پارِ۔ اُچھِن آم گاش ہیو۔ ووٗنی
ووٗنی نیم شکنج بِہِن گلاس جوراہ چیٚنتھ۔ مگر یہ چیٚنتھ تہٕ باسیوم اَندرِ الاو زِن
خارِ ییتھ تیتھ ووٗنس دفتر۔

" اُہنِ سہ از کنہٕ کرِکھ اُسہ سیٛتی کتھ" ووٗتھ اَکھ یاراہ

" خۄدایس پتھ از چھکھ ہیرو ہیو گومت اُمہِ ٹیہ سیتۍ " یہ دۄرِ

دۄیم یارَن راے ۔ مےٚ کرُ ژھعہ پر ۔ آرہ گڑہو چشمو چھُس گرا اُکس کنۍ

وُچھان تہٕ گرا بییس کنۍ ۔

" نا کتھ کر ۔ یا گوو اُسہِ گیہ ناخوش ۔ یَس ازروُن تَس بلاے "

" ہا کتھے کتھ چھےٚ زیادہ کرنہٕ " بیاکھ وۄتھ مُنزر " چھکھ ناوُچھان

نۄٹے ، نوو سوٗٹ ، اَتھ ییم لوازمات شوبن تم سپدن کنٹینہٕ منزے پوٗرہ ۔

پکو پتہٕ آسہِ صحب پکان ۔ " ییم کتھ مانہٕ ہَن ۔ بہٕ اَندری ماز ژاپان ۔ مگر ییمو وانہٕ

نووُس نژن ٹھیچھ کرتھ کنٹینس منز ۔ یہ ییمن خوش کوٗر تہٕ کھیوکھ اُسان

اُسان تہٕ گندان گندان ۔ بہٕ کیاہ کھیمہ ہا ؟ مےٚ زن اوشکہ ہرہ گمہ گلہ بوہن گنڈ

دِیتمُت ۔ چایہ گوٗل اَکھ اَکھ چھس چیوان ۔ تتھۍ سیتۍ چھُم بڑی یارِک اَکھ اَکھ

سپن اُچھن دریشٹھ پیوان ۔ بڑہ مشکلن نیا مےٚ چایہ پیالہٕ اَکھ چیتھ ۔ اَتہٕ

سمکھو بییہٕ تہٕ واریاہ زانۍ کار ۔ تم چھ فقط اَتھ میانہٕ ٹیہ تاریف کران

اُڈی چھ وَنان ۔ یہ چھ جرمنی ہنز ۔ اَڈیہ وۄن سویٹزرلینڈچ ۔ بہٕ چھُسکھ

سارے ٹھَلہٕ ٹھَلہٕ وُچھان تہٕ کلہٕ سیتۍ بلۍ اون چھُنا ۔ اون چھُنا ، کران ۔

دوہس آم تہٕ قرار کیتھہ تہٕ دفترہ ۔ گرِنہٕ ہندی یاٹھو چھُس ژھرِٹہ

ژھرِٹھ کران ۔ اَکہ کمرہ نیران ۔ تہٕ بییس کمرس اَژان ۔ شام وقتس دزاے ساری

پنُن پنُن گرہ ۔ وَنہٕ پکان پکان آم خیال گرہ چھُم بڑی یارہ کنہٕ وُسُن ۔ پییم تتۍ

صُبحکیو منزہ کانہہ بُتھ ۔ مےٚ کوسہ قیامتھ گژھ تمہ وِزہ ۔ چھُنا صلاح گھنٹن

دوہن ترین پھیرو امیراکدلس منز ۔ یہٕ تام اَنہٕ گوٹ ہیو گژھ ۔ اَدہ کیاہ تی گوو

جان ۔ کوٗر مےٚ پانس سیتۍ فاصلہٕ ۔ مگر گژھ کوت ؟ ییمی سوچان سوچان بییم

انگریزی فلمہ ہندِس اکِس اشتہارس پیٹھ نظر ' دیری گُڈٹا '۔ وُچھنہٕ کیاہ گوٚو
سجان۔ روٗپیہٕ چھُ چندس منٛز۔ مٔرِس منٛز ژھٔنوس فِلِم وُچھنہٕ۔ یوٚتام فلِم موکلیہ
توٚتام آسہ اَتھ گٔنڈ نہٕ گاٹٕرٕ۔ اللہ اللہ خٲر صلاح۔

یوٚتام فِلمہ ہُند وقت ووت توٚتام نی مےٚ لال چوک تانۍ زٕ روٚنڈٕ
مٲرِتھ۔ سینما گھرِچ گھنٹی بجیہٕ۔ ٹِکٹہٕ گیہ شوٚروع۔ بہٕ چھُس بڈٕ اطمینانہٕ
سان اندری مس چندس اَتھ ژاوان۔ مۆدُس! مےٚ ژٕج کنی کٔڑتھ نیرتھ
اَتھ چھُ چندس منٛز۔ چکھ گیہ ہواہس منٛز غائب۔ اورٕ یور دِژم نظر۔ مگر
شُکر ساری اُسہ ٹِکٹہٕ کڈنس کُن لگہٕ مِتی۔ یہٕ میأنی زاوج چکھ گیہ نہٕ کانٛہہ
کنن۔ لوٚٹ لوٚٹ ہیٚوتم پوٚت۔ سڑکہ پیٹھ بوٚن وُسیتھ کوٚڈم چندٕ منٛزٕ
اَتھ نیبر۔ موٚچھ منٛز چھُس وُچھان ژونہٕ زٕ۔ موٚہڈ وُٹھم جل جل تہٕ چھُس
ژہیتھ دِوان۔ مے وارٕ کارٕ ڈھُنڈن روپیہٕ ہُند نوٹ چندس تھوو۔ اَتہٕ کیازٕ
اُتھئ آو؟ اُتھ آو کوٚت گیہ؟ —— ہاں —— اوٚ ٹھیک گوٚو۔ کیا سہ
میأنس مُشرفس۔ مے ڈھُنڈنے ہیٚم ترٕیشہ گِلاسہ جوراہ چھیٚنہٕ۔ تمن دِمہٕ نہٕ
بہٕ پونسہ۔ گوڈٕ کہٕ زانہٕ ہا بہٕ دفتر کھسنہٕ وقتہٕ نیم ترٕیش چھینہٕ۔ مگر یاپ پنٛنہٕ
خبر کتہٕ اُسم ییم وَنہٕ راوکھ پوٚروٚ زنہٕ مٲرِ مِتی۔ ییمو بہٕ ڈھُنڈن پھرٕڑ وارے
کوٚرمس۔ وونی؟ یہٕ سوچان بجیہٕ ترٕییم گھنٹی۔ تہٕ دَروازن آیہٕ کرِتھ
پردٕ چارنہٕ تہٕ فِلم گیہ چالوٗ۔

" چھُنا صلاح تھرڈ کلاس ٹکٹ ہیمو۔ وُچھ کس ییتھ رِشتس منٛز۔"
چھُس بہٕ یہٕ پانس سیتی مشورہ کران۔ اَدٕ کیاہ۔ یہٕ اوس ٹھیک۔ مگر ییتھ ٹیہ
کُن وُچھتھ کیاہ وَنن لُکھ؟ ہاہ نہٕ سہ گیہ بلی پانس زٕٹ کرنۍ۔ تیلہٕ؟ ہاں

کَرِو ناکام ۔ یِہ ٹےٚ تھاوَن مُژرِتھ چِھنڈس منٛز ۔ پَتہٕ چھُ برابر فسٹ کلاس
اُسہِ تَن یا تھرڈ کلاس ۔ کانٛہہ ہیٚکہِ نہٕ کینٛہہ وَنِتھ ۔ ییٚی سوچان سوچان گوس
بہٕ ژٔورِ ژٔورِ سینما ہالس نِش کُن ۔ وُچھنم کھوٚرِ کھ نظر دِتھ نیم جل جل ٹےٚ
مُژرِتھ یہٕ تھاوِم دُوان دُوان چِھنڈس ۔ ٹِکٹ ہیٚتِرم تہٕ پانس ڈَکھ ژانِتھ
گوس تھرڈ کلاسس منٛز داخل ۔ شہمتہٕ کارہٕ اَتہٕ نہٕ اکھ جایہ پَکیچ نہٕ خٲلی ۔ تہٕ
تہٕ کُس پکہِ ہیے بروٚنٛہہ کُن ۔ شرمہ دادِ گوس بہٕ وَسِتھ وُنئے اکِس ہیٚرِ پاوس
پیٹھ بِہتھ ۔ لوکچارس اوسس بہٕ دوہہ ترِیہہ پھِر تھرڈ کلاسس ژامُت ،
مگر اَندکُن ہیٚرِ پیٹھ بِہِتھ فِلم وُچھنُک اوسُم نہٕ گوڈنیک موقعہٕ ۔ ژہان
بہانے دِژ مےٚ سکرینس نظر ۔ مےٚ کُڈ وۄہ لٹھ ہِش ۔ مِیانہٕ پروردگارہ یہِ کیاہ
مےٚ چھ انسان کلہٕ پیٚمٕتؠ خربوزہ کلہ ہی باسان ۔ اَچھن دِژم مۄرنا ۔ دوٚیِم نظر
مےٚ ما آیہٕ گاشس کینٛہہ فرق ۔ مگر مۄرنہٕ سٟتؠ بدلیوو نقشے سورُے ۔ دوہنی چھم
اکہٕ بدل دۄ کلہٕ باسان ۔ دلیل ؟ یہِ ما چھُ اکھرِ لےٚ مُتھ ؟ زانہٕ خوداہ
— ہاں مےٚ یُس وُچھنو رنِز بِہِتھ اوس تَمِس دِژم کھونہٕ وٹہٕ سٟتؠ لوتی زیر
تہٕ وُ لٹھ تمی پرژھمس ۔ "ژہ کیا شخص چھُکھ لَبنہٕ یِوان ؟"

"کہیں نہٕ" شہٕ دوٚپھتھ دِل پھٹِتھ ہانیو تورہٕ ۔" مےٚ چھُ باسان
دونکھے لوٚگ ۔ کھیل اُس اوترِج ۔ اکھ اکھ ڈانس یُوہ ہیس لچھ پچھ
روپیہ ۔"

"پوز چھُ ۔" بہٕ وۄتھس وۄہ شِش ژٲوِتھ ۔ مےٚ پرژھیوس کیاہ نام
اُمی وُذی نم بدلے رشتیتھاہ ۔ خٲر فلم چھ کیاہ نام چلان تہٕ مےٚ چھُ کیاہ نام
بوزنہٕ یِوان ۔ موٹر آسہٕ پکان ۔ مےٚ باسان زِ پیٹھ گاڑی ہِش کیا ہتام ژلان ۔

گۆ ہیڈلانگ کرِتھ باسان۔ سائیکلس زۆ[۲] وِہِل آسان بہٕ چھُس یک وِہِلی سائیکل
وُچھان۔ بانسس سیتھ چھُم اُسُن تہٕ ییوان تہٕ وَدُن تہٕ۔ دوٚیُم ہنا زوٚہ کیٚتھ
لوٚگُکھ۔ خاَر ییٚتھ رتھ تہِس منز پنٛژھ گھنٹہ ڈاے کڈِتھ۔ شو گوٚو ختم۔ تہٕ
منز کڈ گنی لانکھ پاوِن ترٛین تہٕ نہک کوٚڈُم نیٚبرٕ کنہٕ۔ چَندن چھُس ژھانٛڈ
دِوان۔ ٹےٚ ندارد!! ڈجیٚم اُناسپرٕ۔ وُنہٕ چھُس بہٕ چنٛدَن ژھانٛڈ دِوانی
یار زوٚ[۲] ترٛیہ[۳] گیہٕ جمع۔ ییم بیٹھو فلمہٕ مُتلِق بحث کرنہٕ۔ اکھ وَنان جان اُس
بیاکھ وَنان موٗمٕلی اُس۔ بیاکھ کیاہتام وَنان تہٕ بہٕ چھُسکھ بُلہٕ اوٚد اوٚد کران
بہٕ چھُس اَندری مُرِژ ژاپان۔ مگر وَنہٕ کٔس۔ یُسے بوزٕ سُہ کیاہ وَنہٕ۔ ییٚتھی
دوس چھ فلمہٕ مُتلِق کیاہتام وَنان زہ منز گیہٕ پُتھ کنہ کیتھ کیٚتھ ہش کنہٕ
گردَن پھیرِم اکھ نفراہ وُچھم ژادراہ وُلتھ بٔنِس کُن وَنان۔ "وُچھ سائٕ
اُمہ کھعو تہٕ آسہٕ ہے بٔنِیہ کینٛہہ لو بمُت۔ لگہٕ کیٚتھ بہٕ رنگ دار ٹےٚ"
———

دراصل ناخبرکٔس شِکس لد ژامُت ٹےٚ گنڈِتھ فلم وُچھنہٕ۔ ووٚلا اَسہٕ چھِ گرٕ
ہونہٕ بچہٕ ہنا تمو سِہ لگہٕ کالِہٕ بدلہٕ۔ جانے گمہٕو آنہٕ زوٚ پانژھ آیہٕ نفع "
یِہ وَنان وَنان کھوتھ تِم دوٚشوٗے سائیکلس تہٕ بائِتھ وَنان وَنان
دزایہٕ دُرہٕو گجِن کُن۔ بہٕ چھُسکھ مُدٕ سے گنڈِتھ وُچھان توٚتام یوٚتام تِم موڈِ ہٕ
ڈالی۔

# ٹاکہ زینہ گیری

ٹاکہ زینہ گیری چھُ ہردۄ شیوہ زینہ گیرۄک روزن وول۔ اُمی سُند پۄرہ ناو چھُ عبدالخالق تہٕ وابستہ چھہ مشیر مال سِندِس محکمس سیتی۔

ٹاکہ زینہ گیری سِنٛز کتاب "کاشریک علاقہ داد پھیرہٕ" چھہ اوترہٕ اوتمیٚ بازرس منٛز چھپتھ آمٕژ۔ یہٕ کتاب چھہ ۵۱۹ ہن صفن پیٹھ پھیلتھ۔ ٹاکنہ چھہ لفظ سونٛبراوان سونٛبراوان اکہ جایہ پیٹھ دۄیمہ جایہ گژھان کیٛٲژ محنت کٔرمٕژ۔ اُمی سِندی وَنُنہٕ۔ "دسمبر ۱۹۶۰ء پیٹھ دسمبر ۱۹۶۶ تام شپن وَریَن کوٚر میہ تحقیقات۔ ژۄن وَریَن رۄدُس علاقن تہٕ تحصیلن منٛزی پھیری پھیر کٔرمٕژ معائنہ کران تہٕ پھیرہٕ دِوان ....."

اُسی چھہ یقین اُمی سُند اکھ مضمون پیش کران یُس ریڈیو پیٹھ نشر سپدیومُت چھُ۔

# کأشُر زبان

## کینہہ خیال

کأشرِ زبأنی منٛز کم کمٕ پٔژر چھہ؟ اَتھ کتھہ سام ہینہ خأطرٕ تہٕ ویٚرشھنہٕ کَران چھُ یِہ ضٔروٗری زِ اَسہِ وُچھو مُحقِق کیاہ یٚژھ رٕچھ اَرٕچ تھاوان۔ مُلکی مُحقِقن ہُنٛد یِہ وَنُن زِ یِہ چھُ اَکھ پٔژ تہٕ بٔڈ وُسعت دار زبان یۄس وَنِنہ زِ یِہ گَرِ وٕ یأزٕ پانٕے پَنٛنہ زور گَنٛزراوٕنی۔ یِتہِ چھُ بنان زِ پنُن چیز چھُ ہمیشہ ژٕلہ آسان۔ اَمہِ کِنہٕ ہیٚمو اَسہِ غأرٕ مُلکی مُحقِقن ہٕنٛدِ ِس دٕنِس سام زِ تِمو کیاہ چھُ اَتھ زبأنی مُتعلِق لیوٗکھمُت۔ بُہلَر اکھ یوٗرپی مُحقِق چھُ لیکھان زِ:

"کأشُر زبان چھہ سیٹھاہ پرأنی تہٕ پرٕنی لایق زبان۔ گرامرٕچ پٔژ تہٕ وَزن دار ویٚرشھنہٕ آسنہٕ کِنہٕ چھہ یِہ ہنٛدوستأنی زبأنین منٛز سیٹھاہ بوٚڈ یِزت تہٕ مرتبہٕ تھاوان۔ تِکیازِ اَتھ منٛز چھہ گردانُک ہیٚنزٕ نَیہ ضٔروٗرژ پٔرانیو اصوٗلو کِنہٕ ترتیب دِنہٕ آمژٕ۔ یِہ ترتیب چھہٕ بییَن ہنٛدوستأنی زبأنین ہنٛدِ خأطرٕ بٔڑ مُشکِل۔"

جی، ٹی، ڈیِن بیاکھ اکھ یوٗرپی مُحقق چھُ وَنان زِ :-

" کاشُرِ زبانَ منٛز چھُ انگریزی تہٕ عربی زبانَن ہندی پاٹھی لفظن ہُند بڈٕ وُسجار۔ یِمن لفظن ہندِس تلفظس منٛز چھ یِیِیرِ برتٕرٕ آوازٕ نیران۔ یِہ تہٕ بتیِین زبانَن منٛز مُمکن چھُ اکھ حرف چھُ کٕرٕو تانی آوازٕو سیتۍ وَننہٕ یِوان۔ تہٕ اکس لفظس چھ واریاہ معنہٕ نیران۔"

ڈاکٹر نولَن پھیر کشیرِ منٛز واریاہَن جایَن تہٕ کٔرِن دلیلہ جمع۔ کاشرِس منٛز دلیلَن ہُند سوٗدُر وُچھِتھ گوو سُہ حَیران۔ پننہٕ کتابہ " فوک ٹیلز آف کشمیر" ہنٛزِ گوڈٕ کِتھ منٛز چھُ سُہ لیکھان زِ :

" خالی آسہ دُنیہچ کانہہ زبان یتھ یوٗت پوشحٕ تہٕ بوڈ لوک ادب چھ یوٗت کاشرِ زبانَ چھ۔ مگر یہ دِلاو تہٕ انتام دِگیاہ کَمِن لوٗکن بروٗنہہ کُن دیوٗ وجہو کِنہ۔ اکھ یہ زِ کاشر زبان چھ ہندوستانچو باقے زبانیو کھوتہٕ جادٕ مُشکل تہٕ دوٗیم یہ زِ کشیر چھ کوہو تہٕ بالو سیتۍ وُلِتھ تہٕ سیکھ وَندٕ آسنہٕ کِنہ چھُ یوریُن گژھُن مُشکل یَہَن۔"

ڈاکٹر سٹیِن۔ یِیمو کاشرِ زبانِ ہنٛزٕ دلیلہ " ٹیلز آف حاتم تیلی" ناوٕ لیچھ۔ تہٕ چھُ یِیرِ یِرٕ تھ نقادان۔

جارج گریرسنَن یِیِیرٕ شاہ کاشرِ زبانِ خدمت کٔر، تیِیرٕ شاہ کرِ تہٕ وُنیکٕ تام کانٛسہ کاشرہ تہٕ۔ اَمی لیچھ کاشرِ زبانِ خاطرِ واریاہ کتابہٕ۔ یہ چھُ پننہٕ کتابہ لنگوسٹک سروے آف انڈیا ہَس منٛز وَنان زِ :-

"ماہرِ لسانیات سندہِ خاطرٕ چھُ کاشُر زبان سیٹھاہ

اہم زبان۔ بکیازِ یہِ چھ آرین زبانیو منزٕ کُنی مثال

یمہٕ سٕہ دُنیہ تہٕ پلہٕ زبانی پیٹھ اَلہٕ زبانی ہنز صوُرت پراوان

چھ۔"

مُحقِقن ہنز یہِ ویرشھنے چھُ اَکس تحقدِ زبانی مُتعلق یوسہٕ رُکنہ

بنینہٕ پتہ لگ بھگ ہمیشہ بیکس تہٕ بے بس روُز۔ اگر اَتھ بڈشاہ تہٕ یوسُف شاہ

ژکنس وقتس منز کم زیادہ اَتھ روٹ سپُد۔ مگر تمہ پتہٕ یا تمہ برونٹھ میوُل

نہٕ اَتھ کانہہ تیُتھ سرپرست یُس اَتھ کُنہ نتہٕ کُنہ رنگہ سرپرستی کرِہ ہے

یہٕ چھُ اَمی زبانی ہُند طاقت زِ یُس اَتھ منز وُنی کین رنگہ رنگہ ادبی سرمایہ

چھُ سُہ آو پانی پانے وجودس منز۔ مقبوُل شاہ کرالہ واری کوُر ضیا نخشبی

سُنزِ فارسی نوشس لیہ کاشرِ پاٹھو ترجمہ کانٗسہِ ہنزٕ تحریکہ پیٹھ یا کُنہ لالچہ۔

نہٕ اُمس وہاب حاجس کانہہ لالچ زِ تمہ کوُر شاہ نامس تہٕ سام نامس

ترجمہ۔ تہٕ اَکھ شارٕ انبار ھٕووُن اَسہ برونٹھ کنہ۔ یہٕ کیٚنژھاہ کرنہ آو تمہ

اوس نہ کُنہِ اداروک یا حکومتک ڈوکھ۔ یتھِ بے بسی منز اگر اَتھ رٕکھیں

ادبی سرمایہٕ آسہ ہے نہٕ۔ تمہ تکلہ تہٕ رییہ ہے نہٕ وَننہ زِ یہِ چھُ خالی تہٕ کھوکھر

زبان۔ مگر اَمیک وُسچار تہٕ اَکھ بٔڈ زبان آسنک ثبوت چھُ یہی زِ

اُمی کوُر بے سرنتہٕ بے ڈوکھ اُسچھ تہٕ پننہِ زندگی ہُند سامانہٕ۔

جی، ٹی، وینن یہِ وَنُن زِ اَکس لفظس چھ واریاہ آوازہ

نیران۔ نی تون لفظ "تر"

(۱) تر۔ بمعنے مُحکم کُنہ کوٚلہ یا نالس یا بٔییہ کُنہِ چیزس ترنک

(۲) تُر - بمعنی کُنہ کتھہِ ہُند پے پتاہ

(۳) تُر - بمعنی سوہ زنانہٕ یوسہٕ کُنہٕ کوٗلہٕ یا نالس تر

(۴) تُر - بمعنی مُجہ یا بُبیہٕ کُنہٕ کُلیک سُہ حِصہ یتھ پوش چھہِ آسان۔

(۵) تُر - بمعنی کپُر رِل یا رِژھہ

(۶) تر - بمعنی مخولہٕ

(۷) تر - بمعنی سردی

(۸) تیر - بمعنی کاٗشہِ جانورسٕنٛز زیچ جنگھ

(۹) تیر - بمعنی گبہٕ کتھہِ یہُند یکہ وَٹہٕ ناو۔

یتھی چھہِ داریاہ لفظ۔

کاشرِ زبانی ہندی علاقہ واد پھیرِ لیکھنہٕ پتہٕ ووتُس یہٕ اَکھ نتیجس پیٹھہٕ زِ کاشر زبان ہیکہ کانہہ تہٕ صنوورتھ پوٗرِ کرِتھ یتھ باٹھو عربی یا انگریزی زبانی منز کُنہ چیزس داریاہ ناو چھہِ۔ اَکھ مثال تہٕ چھہِ۔ نی تون شہ لوکٹ کیوم یس اُردو باٹھو مینڈک، وَنان چھہِ تس کُنہ ناو چھہِ کاشرس منز۔ (مأن، منز، نُنز زِنزہِ موٗنڈٕجِہ، ہِنہٕ موٗنڈجو، مینہ ڈاڈہ، منہ گوڈ، منہ گگر، مانہِ وَٹ، موٗنڈٕلوک) گاو ییمس وِری کھنڈ آسہ گومُت پیامُتہ تس چھہِ وَنان بٲچھنو، بٲکھو، نوٗپیاوٗل کھاٗنگرٕ، بٲنچھ۔

مکایہٕ وُچہٕ یُس پھلیو اَندرہو چھُ آسان - چھوٗر، تکہٕ، کُشُر، شُٹھُر زنبگ موٗہ یُس ہردہ لُکھہِ منز کہ چھُ آسان۔ بانگھ، چونچرٕ، بانگھ، وُنرا گُرِو میچھ، زنبگ موٗہ - شستر ژاٗن۔ مایا - موو۔

پننہٕ کتابہٕ کاشریک علاقہ واد پھیرس منز چھہِ مے یتھو داریاہ لفظ

سوبراوی ہیو۔ غرض کأشر زبان ییمہٕ رنگہٕ رٔٹمون۔ سہٕ نظم آسہِ تَن یا نثر۔ افسانہٕ آسہِ تَن یا ڈراما۔ مثنوی آسہِ تَن یا مرثیہ۔ رباعیات آسہِ تَن یا قطعات۔ اَمیُک ہُم چھُنہٕ کُنہِ تہٕ صنفہ نِشہِ خالی۔ یہ چھُ علاحدٕ سوال زِ کوتاہ کیاہ چھُ اَگہ کیمے سکیمے چھُ۔ مگر چھُ۔ ییٚنہٕ وول زمانہٕ چھُ نِشانہٕ اُتھی پیٚٹھ ہاوان زِ ییٚنہٕ وأنِس زمانَس منز کأشرِ اَکرہ تہٕ وُسعتہٕ دار بنیہ زبان آسہِ یہ۔ اَتھ سیٚتھ سیٚتھ چھ اَمہِ کین لیکھن والین پیٹھ تہٕ بٔڈ ذمہٕ وأری زِ تمہٕ وُچھن زِ اَتھ منز کمہِ کمہِ چیز چھِ کمی چھ سہٕ انفرأدی حیثیتہ چھا یا اجتماعی رنگہٕ یتھہٕ وٕ تتھہٕ صورتَس منز اگر دُور کرنہٕ ییہِ۔ کأشرِ زبأنی چھُ وُنی کیٚس لیکھارن ہُند تیوٗت سرمایہ ییمن پیٹھ سہٕ ہیکہِ فخر کٔرِتھ۔ ییمہِ کُنہِ تہٕ رنگَس منز۔ سہٕ تحقیقاتی مواد چھُ، یا تنقیدی محرکہ چھُ۔ نظم، نثر، ڈراما یا بییہ کانٛہہ صنف چھُ۔ قلم کار چھ پرٛتھہ رنگہٕ قلمچ جولأنی ہاوان۔

# شمس الدین احمد

خموش پوش تہ خوش گُفتار۔ شمس الدین احمد چھُ زینہ کدلس
نکھہ اکہِ محلک روزن وول ،نگر وسہ ذِ چھ ،یُتہ میو کینژہ وری یو
پیٹھ بال گارڈنہ بان۔ ماٲلہ صابُن ناو چھُ خواجہ محی الدین
جان۔ تہ تاریخ پٲدایش چھُ ۱۹۳۱ عیسوی۔

شمس الدین صابُن یہسہ ایراٴنی ادبکو نثری شاہکار
پھرنیچ کاٲم شورو کرمژ چھےٚ سۄ چھ سیٹھاہ مُبارکس
لایق۔ییم چھ وُنی کیس کاشرِ ادبُک اکھ نثری شاہکار
"پیامبر" کاشرِس منز پھران۔ یہ کتاب چھےٚ پیغمبر اسلام
حضرت محمدؐ سندہ زندگی مُتلق۔ یہ کتاب چھےٚ مُلہ تلہ فرانسیسی
ادیب ہینری میسی (Henry Masse) سُند
ترجمہ۔ اَمہِ برونٛہہ چھُ شمس الدین صابُن "حاجی بابا"
ترجمہ کرِتھ معہ کلو وُمت۔

●

# حاجی بابہ

## (۱)

## زیوُن تہٕ پرٛہُن

میانِس مألِس اوس ناو حسن کربلائے یُس اصفہانُک اکھ ناماوار
نأوِد اوس۔ بیٛلہِ سُہ سدا اُہُر ووت تمُو کرُ اَکِس شمع کٔنِنَ وأجِس ہمسایہ داپہٕ واٹی
سِرِشنہٕ کوٗر نیٛچھر۔ اَما پوٚز سُہ بٔنیہ نہٕ تَس پھرپیٛٹھ کیٛنٛہہ تہٕ۔ سُہ اُس ہانٛٹھ
تہٕ بابہٕ صٲبنہٕ تہٕ اُس تَس کُن کمے پٔہن ماے۔ پننہٕ ووستادی تہٕ ناماواری رٕنہٕ
اُسو اُس تِتھو خریدار خاص کُرِتھ بٔڈی تاجر ییوان نہٕ ۳۰ ( ترٛٹھہ ) وٕری کوم کسب
کٔرِتھ گیس بیاکھ زنانہٕ کرنیچ خاہش پأدہٕ۔ اَکِس دیارہٕ وأجِس صرافَس
مُنٛجن کوٗر تہٕ ووت پننِس مقصدس۔ ژھکھ بازہٕ بابہٕ صٲبُن اوس تس صرافس
تسندِ کوٗرِ مس کو سِمت۔ تمُو ہیٛوکنہٕ اِنکار کٔرِتھ۔ اَوہٕ موکھ زہٕ کینٛشرا دوہن
موکلہِ ہے گمہٕ ڈانٛچہ زنانہٕ ہندہ وہندِ مزرِ نیشہ۔ تہٕ نوٗس ہاہرِ بابس، یُس
اصلس کھوٹ کرنَس تہٕ کھوٹ ورتاونس منز ووستاد اوس۔ نفقکہ ہے
پننہٕ پر ہیز گأری دزاو کربلا کُن۔ نوٚ زنانہٕ تتھن سیتہٕ۔ یہٕ سفر کرنہٕ بروٚنٛہہ
اُسو میانِس مألِس صرف حسن نأوِد ونان۔ مگر اَمہٕ پتہٕ دِتھہس کربلأیی لقب

پنٕنِس دِلَس تسٔلیاہ کرنہٕ خاطرٕ چھنوو مےٚ ماجہ یِسندٕ دٔسی بٔنہٕ زانہٕہٕتہٕ تہٕ مےٚ
رٕٹہٕ تربیتاہ ٔہٕ اثر حوتج ناو۔ یُوہَے ناوِیُس بیت اللّٰہ وُچھنہٕ پنہٕ والین پچھ
آسان۔ یہ رۄد مےٚ سارے ہے وُمرٕ سہتر تہٕ اَمہٕ سہتہ بڈیو مےٚ سیٹھاہ
ییژت یتھہ لایق بنہٕ بہٕ اوسُس۔

سفرس نیرنہٕ برونٛہہ اوس بابہٕ صاٰبن پنُن وان ژٕٹس ژاٹن حوالہٕ کۆرمُت
مگر توۄرٕ یتھہ ییلہ بابن کامہٕ ہُند بازار گرم وُچھ تہٕ ہیوٚتُن تَس وان کربلا کٕہ ناوٕ
کہٕ برکتہٕ بنیہ پننہٕ پرہیزگاری ہاوی ہاوی زیادٕ زیادٕ بڈُن۔ تمی ژھنی ووٚنی
بڈین بڈین خریدارن علاوٕ مولوی ین تہٕ عالمن تہٕ تھنچھ۔ میانہٕ تربیژ ہُند
اصلی مقصد اوس زِ بہٕ گوژھس کھوار چلاونس منز وۄستاد بنُن۔ تہٕ ییتھ
پٔر گژنہ یژھے آسہٕ زہٕ دعاے خاراہ تہٕ نمازا گژھم تگنی پرنی۔ خوش قسمتی
وُچھتھ زِ بہٕ کورنس بابہٕ صاب نیو خریدارو منزٕ اکس اوخن صاٰبس حوالہٕ
یُس سائنس وانس سیتہ مشیدٕ منز سبق پرٕ ناوان اوس۔ بابہٕ صاب اوس
پننہٕ دینداری ظاہر کرنہٕ خاطرٕ اُمس اوخن صاٰبس (بابہٕ صاب بنہٕ ونٛنہٕ کینہٕ) فی
سبیل اللّٰہ یُس کاسان۔ اُمی اوخن صاٰبن وُچھس بہٕ وانس منز تہٕ بابہٕ سنٛزٕ
نیکی ہُند ہیٚون دِنہٕ خاطرٕ ہیوٚتُس بہٕ اُمی مُفتے پرناوُن مۆٹ۔ اُمی سنزٕ محنژ سیتہ
لاریو مےٚ کم کینہہ علم دۄن ورین منز۔ مےٚ ہیوٚت قرآن مجید روانی پرُن تہٕ صاف
پانٛژھو چھتو دِتھو لیکھنی۔ چھیر بہٕ کین دوہن اوسُس نہٕ بہٕ بہتھ کینہہ تہٕ دوزان
مٲلی سنٛدِس وانس منز ہیوٚت مےٚ ناؤدِ کار چوب کھیو کھیو ہیچھُن تہٕ ییمہٕ
دوہہ خریدار گژھلی آسہن۔ تمہٕ دوہہ اوس مےٚ خروالین تہٕ وۄنہٕ ٹہ والین مَس
پیوان کاشن۔ پوز گوو یہ زہٕ بہٕ کیاہ کاسہٕ ہا تمن مَس۔ تمن بچارین اوسُس

بہ ڈراٹھتی ناپڑ کران۔ مگر مۄزوٗری اوسکھ پۄرہ پۄرہ ہیوان۔

ییٚلہِ بہٕ شہرٕ وُہر ووتُس مشکلی سان ہیکہ ہے کانہہ ونِتھ زہ بہٕ اوسُس بہ کھۄر چلاونس منز ووستاد کِنہٕ زبان چلاونس منز۔ ناٹوِد کامہ منٛز اوسُس بہٕ بڈہِ نرمی سان مس کاسنہٕ، رُت اصلاح ہینہٕ، وُکٹنہٕ دار ریٖش ہُمن تیلہٕ کنہٕ وال، کنن ہندی وال، جان پاٹھو کاسنہٕ بتیہ حمامس اژنہٕ بُرد ٹھیٹھ تہٕ حمامس منز اژتھ سارِنے کامیو ورائے اوسنہٕ مالِش کرنس منز، صابن مقصدس منز تہٕ ٹیس کڈنس منز ییٚمیک رواج زیادہ مشرقس منز چھُ ہیٚوہیٚہ کانہہ تہٕ ووستاد۔ ییٚلہِ بہٕ خریدار سِنزِ نرِہ زنگہ رٹان اوسُس۔ پتھرِ پاٹھوِ تس پیچھ کھٹھ مالِش کران اوسُس۔ ٹیس نیرِ ہیچ آواز اوس بوزنس لایق آسان تہٕ میانین اتھن تہٕ اونگجن ہند پکھن اوس اکھ دُبہ چھِنس لایق تماشاہ آسان۔

اوخنن صائبنہِ برکتہٕ کوٗر مے پنٕنِس کلامس منز بڈین گمہٕ مانٛن خاص کر شیخ سعدیؒ تہٕ خواجہ حافظ شیرازیؒ سِندی شار ژیتس تھاٗوِتھ میچھر یادِہ۔ کُنہٕ کُنہٕ ساعتہٕ اوسُس لوٚت لوٚت گیوٚہنا کران۔ ہیمہٕ سیٚتھ گیوٚ میانین وصفن ہُرہُر۔ بہٕ بنیوس خریدارن ہُند دوست کاٗمِل تہٕ ساندٕہ پیشہ اَسہِ مے زانان پنُن رفیق۔ اَدہٕ تم حمامس منز آسہن یا کُنہٕ باغس منز۔

بابہٕ صائبن وان اوس شاہی سرایہ سیتہٕ ییٚنہٕ لُکن ہند اژدہام اوس آسان۔ اَمہٕ کنہٕ اوس سون وان اکھ اکِس سمکھنچ ییٚنڈا ہِش بنیومت۔ ساری خواہ تم شہرکی آسہن یا بیٚکہ مُلکہٕ اَسہِ اَتی سمکھان۔ کُنہٕ

وِزِہ اُسہٕ خرید‌ار میأنؠ مخول تہٕ حاضِر جوأبی وُچھِتھ مہِ موٗزوٗرہ کھوٗتہٕ زۏرٕ

پٔہن دِوان ۔

خرید‌ارو منٛزٕ اوس اَکھ تاجراہ اَکھ بغدادُک ۔ ناو اوسس عُثمان

آغہٕ ۔ اَمِس اُس میأنؠ صوحبت پسند تکیازِ ترُکی ٹٕکن سیٹھاہ لین دین آسنہٕ

سببہٕ اوسُس بہٕ تہٕ بُلی ترُکی زَبان چلاوان ۔ اَوے اوس اَمِس میأنِس

ہٕلی سیندِ اَتھٕ مَس کاسہٕ ناونہٕ کھوتہٕ میأنؠ اَتھٕ مَس کاسناوُن پسند ۔ اَمہٕ

شخصَن کٔرِ تِمَن مُلکن ہیٚم اَمہٕ وُچھِتھ تہٕ ہیٚمَن پہٕ پھیوٗر مُت اوس تِتھہٕ بجرہٕ تہٕ

ٹھٔزرٕ سان تأریف زِ مہٕ گیہٕ سفرس نیرنُچ سۆنچ ہاُٹھ کل بأدہٕ ۔ ییمہٕ نے

دوہَن اوس اَمِس پانَس سفرس نیرُن تہٕ اَمِس اوس حساب وساب لیکھنہٕ خأطرٕ

اَکِس مُنشِہ سُند ضرورتھ ۔ بہٕ اوسُس قلم تہٕ کھوٗر چلاونس منٛز کأملی ۔ تہٕ اَمہٕ

کورُس بہٕ پانَس سیٛتؠ ٹٕلنس پیٛٹھ مجبوٗر ۔ تِتھہٕ سبزباغ ہأوِ نَم زِ بہٕ گوس راضی

ییٚلہِ مہٕ یہِ کتھ بابہٕ صأبس بأو ۔ پتھ فأیدٕ زِ ہأنٛدِتھ کورُنَم اِنکار تہٕ وۄننَم زِ مۆہ

فأیدٕکہ خأطرٕ پنُن کوم کار گٕژھِتھ ژٕٹراوُن تہٕ وارٕ کارٕ خطرس منٛز اَژُن چھُنہٕ

گاٹہٕ جار ۔ مگر اَتھ بُرونٛہہ کُن نظر ترأوِتھ تہٕ بیٚیہِ ہیوٚن معقوٗل تنخاہ وُچھِتھ

گوو راضی تہٕ ییٚتہٕ برٕ تھ دعایہِ خأر کٔرِتھ تہٕ نوٚن کھورِن ہنٛز اَکھ گیٛڈرا

دِتتھَم رُخصت ۔

اَگر میأنہِ ماجہِ اوس نہٕ اَکھ سوٗد ہِس منٛز کانٛہہ نفاہ ۔ بوزنہٕ یوان ۔ زِ

سوٗ اُس نہٕ ہیوٚن دوٗرہٕ کأنٛچھان ۔ بیٚیہِ اَمِس زِ سوٗد مہٕ ہاوُس شٕتی سُند اَکھ ہے

سۆنچیس سیٛتؠ سفرس نیرُن رٕت زانان ۔ مگر ییٚلہِ تِمہٕ ہیوٚن پرادٕ مضبوٗط اوٚچھ

تہٕ توروس فِکرِ زِ بُتھ ماگرٕ ضیم نیٚچو آباد ۔ گیہٕ سوٗ تہٕ راضی ۔ ڈٔنبی دو چھ ماجہ

آسہٕ وُنُے۔ اَمہٕ دژنَم ژھوٚچہ دُجاہ تہٕ بٔنیہ دژ نَم اَکھ دَوا ڈٔبہٕ ہَنا تہٕ دوٚپُنَم یہٕ دَوا

چھُہ اُڈِج گُنٹَس، داگہٕ تہٕ دُگہٕ وزِہ تہٕ بٔنیہٕ سارِنُے اَندرِمِین تہٕ نیٚبرِمِین

بیمارِین بیکار یوان۔ سیٚتی کوٚرنَم تاکید زِ نیبرِ نہٕ وزِہ اُتھی زِہ۔ بٔنیہٕ واپَس یِتھ

وارِہ کارِہ سفرِ پیٹھ واپَس پھیرِکھ۔

(۲)

# حاجی بابہٕ سُند گوڈنیُک سَفَر

### یتہٕ

### تسُند ترکمانن ہِندِ دُسرِ قادُ سپدُن

عثمان آغہ دژاو خراسان کُن یہٕ سوداگرِ ہٕنہِ خاطرِہ زِ مشہدَس

منز بُخاراچہ کھٹِہٕ بستہٕ مُلہٕ ہیتھ کَنیہٕ استنبولَس منز۔ یہٕ زٲنی تون اَکھ شخصاہ ویوٚڈھ

پوٚتھرِ، ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ، کلہٕ سیٚٹھاہ بوٚڈ تہٕ گردَن فِکِس منز زَن سنیمِرِتھ۔ ریش

سیٚٹھاہ گوٚژن تہٕ کرٕہُن۔ بُتھِ شُتٕلی مُسر۔ وٕنِہٕ نستاہ کُرِتھ یوسہٕ ہمیشہٕ

پرِیٚڈان اُسِس آسان۔ یہٕ اوس نیبرِ کِنہٕ مگر اَندرِ کِنہٕ اوس پاک مُسلمان

نِمازن تہٕ روزَن ہُند پابند۔ چال چلَن اوسُس سیٚٹھاہ رُت۔ ہرگاہ ایرانس

منز رُوزِتھ اوسنہٕ فِکرِ تران مگر اَندرِ کِنہٕ اوس شیعَن ہُند دُشمن۔ دُنیہس

منز اوسُس نہٕ پوٚنُس ہیٚنہٕ ڈوٚکھ کانہہ چیز۔ راتھ کیٚت یوٚتام نہٕ پوٚنُسہ

بڈِہ رژھرِتھ گَنہٕ جایہٕ تھاوسے توٚتام اوسنہٕ شونگان۔ پانہٕ زن اوس ژوٚرِہ

ژھٔبیہ شوراب چھوان مگر نہٕ وانہٕ شوراب چینہٕ والین اوس لعنت کران

مگر اَمہٕ پتہٕ تہٕ اوسُس تسُند کھین چین ژٕلو پوشاک سیٚٹھاہ جان۔ بتہٕ دیگہٕ

آسہٕ دہ ہے گرٕ کأنی تہٕ چلم اُس پٔتھ وِزہ چلہٕ وٕنی روزان۔

یونِس بہارَس منز اوس قافلہ نیرَن وول تہٕ اُسی تہٕ لگہٕ سفرٕچ
تیأری کرنہٕ۔ عثمان آغن ہیوت پننہٕ خاطرٕ اکھ زٕدار اوٗر تہٕ دوٗر قاطرٕ مُلہٕ۔
تہٕ ریبانہٕ خاطرٕ ہیوتُن اکھ ٹوٗلہٕ۔ یَسہٕ گیجہٕ بار بیگار یعنی ٹھیلہٕ، انگیٹھو، مشک
تہٕ بٔیہ اورکۍ یورکۍ چیزٕ وَرأے بہٕ تہٕ آسَس گنڈنہٕ۔ اکھ لونڈٕ ہنانہٕ اُرٕسس
یُس نوکر اوسُس تہٕ وازہٕ تہٕ۔ سُہ اوس سامانہٕ کھانَس والنَس تہٕ لگان۔ اُمی
سٕندہٕ خاطرٕ اوٗنُن خچرٕ اکھ کرایہٕ پیٹھ۔ اُمِس خچرس پیٹھ آو اَسہٕ بسترٕ، گدیلہ
شاندٕ گنڈٕی، قالینہٕ تہٕ رٔنٕ بانہٕ۔ تہٕ بٔیِس خچرس لَدٕ بڈٕی صندوق جوراہ یمن
منز خرچہ تُند سوٗرُے داشٕ نداشٕ اوس۔ بس یہٕ اوس سون ساز و سامانہٕ۔

سَفرس نیرنہٕ برٕونٹھہ کُٹرٕاو عثمان آغن پننہٕ عرق چینہٕ یہ سہٕ سُہ
دستارس تلہٕ اوس کلس وٕوان۔ تمہٕ تھاوٕ اکھ منز پنژاہ اشرفی زہٕ خبر چھا
تنگی وِزہٕ مأین بکار۔ اَمہٕ پیرج اُس نٕ تُس تہٕ مہ وَرأے بٔیِہ کأنسہٕ خبر۔
باقے رٕہ بیہٕ تھاوِن سفید چیرٕ کین بٹوٕن منز پننین پلوٕن اندر صندوقس منز ژورٕ۔
بٔیلہٕ قافلہٕ تیار سپد اکھ منز اُسی زہٕ ہتھ وٕنہٕ، پانژہٕ ہتھ
گُرٕ تہٕ قاطر یمن پیٹھ عراق گژھن وول مال تہٕ اَسبابہٕ لَدٕ تھٕ اوس۔ قافلَس
سیتھٕ اُسی تاجر، مالدار گُرٕ وألۍ تہٕ سائیس۔ یم یُتھ ڈٕہ ڈ ہتھ نفر سمان
اُسی۔ یمن وَرأے آے نفر پنژاہ مٔرہ بٔیِہ یمن حضرتِ امام رضاؓ سٕنز زیارت
کرنہٕ اوس گژھن تہٕ یمن زیارت کرَن والین ہندہٕ سیتھ لوگ سأنس قافلَس
اکھ مذہبی رنگ تہٕ لگہٕ زون سون قافلہٕ یُہے اکھ توبرٕکھاہ ہیو۔ یتھَس موقس
پیٹھ سلح سامانہٕ گنڈُن زون اَسہٕ واجب۔

عثمان آغہ یمِس بندوقہٕ ٹاس بوٗزِتھ واٗرلیج اُمس راوان تہٕ تلوارِ ہنز چمک وُچھتھ اُمس نیندرِ راوان۔ تمہٕ تہٕ گوٚنڈ رلیح۔ اَکھ زیوٹھ بندوقاہ ژوٗون دُچھنہٕ کھووٗرہ چھپکین اَلونڈ۔ کرتھو بوٗن کنُ گنڈِتھن اَکھ پیچھ پیتھ منز گولہٕ تہٕ شورہ نقاونیچہٕ کیٚہ آسہ۔ کارتوٗس مال ترٛاوِن نالی تہٕ بندوٗق صاف کرنٕک اَکھ سیخ ٹھکن پیٹہ منز تہٕ پستولہٕ جوراہ تہٕ ترٛاوِن آویزان تہٕ کمرس گنڈِتھ اَکھ ہیچ تلوار۔ تہٕ زَن گومُت سلحس منز غرق۔ مےٚ تہٕ کوٚرسی۔ صرف اوس مےٚ اَکھ بوٚڈ نیزاہ اَتھس منز علاوہ یتھ آغس تہٕ نوکرس منز فرق روزِ سون سُہ نوکر لونڈا تہٕ ژاو چھٹمٕژ تلوار ٹوٹکاہ تہٕ نقلی بندوقاہ اَتھس کیتھ ہیتھ قافلس منز تہٕ دژاو بُرونٹھ بُرونٹھ۔

دوہہ اوس رٕت تہٕ ساعت تہٕ اوس جان ییلہٕ زیارتس گرٛتھن والین ہندیو نقیبو پرٛیتھ طرفہٕ نکارہ وایتھ "نیرِو وو ..... نیرِو وو" چھ کرِتھ درٛژہ تہٕ اُسی دژایہٕ گاش پھعلہٕ وُنۍ شہرکہٕ ڈیڈہٕ کنہٕ۔ اُتھ گوڈنکس پرٛاوس پیٹھ رٕلیہٕ اُسی ساری گنڈتھ اما پوز اُسی اُسی شریف تہٕ سیدی سادہ یوان بوزنہٕ۔ بہٕ اوسس سفرس نوٚوُے نوٚوُے دژامُت۔ اَندی پکھ پہٕ تماشہ وُچھتھ گوس سینٹھاہ خوش تہٕ اُتھ خوشی منز چھس گرِس کھوٚر کران۔ تہٕ چھُس سُہ ووہٹر پونشہٕ تکہٕ نادان۔ عثمان آغن ییٚلہٕ پہٕ میانۍ یہٕ حرکت وُچھ سُہ گوٚو ناراضہٕ تہٕ گرِس پیٹھ دوران وٕوران آو مےٚ نِشہٕ تہٕ دوٚپنم "حاجیا! اگر ژہٕ پتھے پاٹھو گرِس ووہٹر روٚدِک تلان یاد تھاوِو زٕ نیٚلہٕ واتکھ نہٕ منزِ لِس تہٕ بوٚت۔" خاطر یارن دوستن سیتھر ورتووُم یتھ لول زہٕ گوڈنکیس پرٛاوس پیٹھ کوٚسُم وارِیاہن مس۔ خوش کرُم زیادے خدمت۔ سُہ اوس گرِس پیٹھ

ژھوکمٕت تہٕ ژھیونمٕت۔ تِمَس کرٕم ترٛنٛھ بٲدشاہ تہٕ مۄہ بٹھاہ بڑزٕن گوٚو مۄہ ردٕ
زندٕ۔ چشمِ زخم لگنہٕ ورٲے واتہٕ اَسہٕ طہرٲن۔ پانَس نٕہ گژھن آرام واتناوٕنہٕ
خاطرٕ تہٕ نفری منٛز ہرٕ ہر سَپدنہٕ خاطرٕ پیٹھٕ اَسہٕ اَتہٕ دٕہن دوہن۔ خطرناک پڑاو
اَسو نٕہ ووٚنی اَتہٕ پیٹھ دوٗر کینٛہہ تہٕ۔ باقی ترکمانَن ہندہٕ اَکی قبیلَن اَسَس
مسلہدٕچ دَتہٕ رٹمٕژ۔ تہٕ اَمی دوہہ اوشکہ اَکِس قافلس پیٹھ حملہ کٔرِتھ تہند
مال و اسباب لوٗٹِمٕت۔ ژکھ اَسکہ قاتل کرٕہ مٕتہٕ۔ یہٕ ہیبتناک خبر بوزِتھ کھوٗو
سارِوے تراس تہٕ ساری سگے پریشان۔ خاص کر عُثمان آغہٕ یَس زوٚوِ کرٕ لرزہٕ وُچھان
وُچھان خوشکُن اوس گرٛھان تہٕ بستَن ہُند کاروبار تراوُن پیٹھ تہٕ تیار سپدان۔
مگر دَپان "یِیلہٕ دَتہٕ کعبس کُن آسہٕ گژھان تیلہٕ چھُ تژہٕ سیٹھہٕ پیٹھ پکُن سہلے"
سیتی یِیلہٕ یہٕ استنبولہٕ پیٹھ یہٕ خبر بوزُن زٕ کیٛٹھہٕ بستہٕ چھ واریاہ دُرہٕ گامٕژ
اَمہٕ سیتی گیَس سٔتھ ہش تہٕ بیم ژوٗلُس ہیوٚ۔

طہرانَس تہٕ اَندر پَتہٕ علاقَن منٛز روٗدی یمَن کینٛژَن دوہن نقیب
زیارتَس گژھن والین لُکن جمع کران۔ تہٕ اَکھ بڈ جماعتھاہ رلیے یہٕ اَمہ سیتی
بنیہٕ۔ نقیب ووٚنہٕ۔

" پٔری تو حمداہ خوداَیس کُن۔ مۄہ یوسہٕ یہٕ جماعتھ اَدٕ موٚہ یہٕ گیہٕ
نوٗرن عَلا نوٗر۔ ووٚنی تراوِو خوف تہٕ روٗزِو بے وسواس۔" یہٕ نقیب دیم گوناہ
اَمی سپٕزٕ گردنہٕ) اوس دپان زٕ اَکہٕ دوہہ اوس اَمی مشہدٕچ وَتہٕ پیٹھ
اَکِس موٚمتِس ترکمانَس نِکھہٕ نیٚعمت رٹٕمٕژ۔ تِنہٕ پیٹھ اوس یہٕ بہادری
تہٕ بے بیم آسنَس منٛز مشہوٗر گومٕت۔ یہٕ اوس شکلہٕ ہیبتناک تہٕ پوشاک تہٕ
اوشس دیو کھتے۔ قدٕ اوس تھوٚد۔ شانہٕ اَسس کشادٕ۔ بُتھ اوشس

تاپہ سیتھ کرٕہن کال ہیوٚ تہٕ ژُھتہ لبہٕ آسس پھٹِتھ دٕرامژہ۔ اُچھہ آسس
زن اَورٕ ژاامژہ۔ ریشہچہ جایہ اُسس ہونگنہ پیٹھ ژھاولِ سنِدر پاٹھی
وال تارہ۔ بنین ہاوِنہٕ خاطرٕ زہ بہٕ کیاہ چھُس نہٕ کانٛسہِ کھوژان۔ کَلس
اُسس فولادٕچ ڈباپیاہ تہٕ شانَن تام شُستٕرٕ سِنٛز بندا لوگمُت۔ ہیٚچ شمشیراہ
آویزان تہٕ شانَو پیٹھ چمرٕچ اَکھ سپر الٲنٛز ژٲوِتھ سہٕ زَن اوس بلایَن
تہٕ موتَس سیتھ بوٚزِتھ کھینہٕ دٕرامُت۔ گُرِ تہٕ اوسُس نہٕ ناکارہ۔ تَس اوس
برووٚجرد کہ تُنتضرٕچ گُنہٕ پیٹھ۔ تہٕ کنوٚ وراٲے اوسنہٕ تَس کینٛہہ تہٕ بوزنہٕ یِوان۔
سینہ بندس تہٕ تنکہِ اُسِس گنٛدِر تہٕ رفہ نہٕ الاشژہ۔ لوٗٹ تہٕ گرٕدَن اُسِس
مانژہ سیتھ رنٛگِتھ زن تہٕ اوسُس وارہ کارہ ذوالجناح ہیو۔

یہٕ نُقیب اوس یہٕ ٹوٗٹ ہیتھ یِتھی لاف دِوان تہٕ ٹھٔرِ ہاوان
تہٕ ترکمانَن اوس ترٛاہہ حقارت کران تہٕ نِہچہ نظرٕ وُچھان زعثمان آغن زون
یہٕ نرہ گنڈان لایِنہٕ تعویذہ۔ زن تہٕ اوس تسِندرہ یِہِے دُعا یہٕ خاٗرٕچ کنا ہمِش
یِس یہٕ سیتھ سیتھ روٗد۔ دپان اوس: "کیاہ کرٕن سمندرٕکی مُلخ تیتھ ناوِ یتھ
حضن نوحؑ آسہِ پانہٕ چلاوان"۔ نوروزس اُسی ہفتہ جوراہ گٲمتی مُشکِہ ژھٹہٕ
ژاوِن وائلِ ہوٚمن اَنی بہارٕچ خوشخبر۔ ہرُد تہٕ وندہ ژول۔ باغَن تہٕ چمنَن
دٕرایہ پوشس پھوٚٹ پھوٚٹ۔ پھلے تہٕ گُلہ ڈارِ ہیتِن پھولن۔ باغو تہٕ چمنو ہشرہ
گیہ کاو غائب۔ ہزار داستانَن تہٕ بُلبلن ہند بول بوشِش ہیوٚتُن کنَن گرٕژھن۔

# ساقی

موتی لعل ساقی چھہٕ ماہنوٗر (رٲنگر) بڑگامہٕکۍ روزن وول
۵ ستمبر ۱۹۳۶ م. پاہس منٛز زامت. مٲلِس اوسُس
پنڈت مدسیدن رازدان ناو. سُہ اوس پولیس منٛز
سارجنٹ. بہ زانہٕ نہ پنُن مول کینٛہہ تہٕ تکیازِ نیلہِ سُہ
سورگہٕ واس گوو بہٕ اوسُس صرف دوٚن ورییَن ہُند.

پنڈت تاراچند بسمل واتہٕ ساقی یَس مام. ساقین
لیکھو پتہٕ مین دوٚن ترین وٕرییَن منٛز کینٛژن گمُ نام شاعرن
پیٹھ کینٛہہ جان مضموٗن۔

کلچرل اکادمی ہیم "گکہٕ باٹھ" ناوٕ کتابہٕ ہنٛدی
ترییہ جلد چھاپی تمن منٛز چھ ساقی نہٕ محنتُک ہُند وارِیاہ دخل.

موتی لال ساقی

# عارض ـــــ اکھ یاد

"غلام نبی عارِض گوو رحمتِ حق" ......

"میہ چھُ وارِیاہ دُبہ پھیران" ........

"غلام نقشبند تہٕ خورشید عالم گوو یتیم" ....

"اکھ ڈیکھو جُل گرہ گوو بے سر"

"کاشرِ زبانی ہُند اکھ نغمہٕ گر گوو جانہٕ مرگ"......

"ٹاٹھین ہُند ٹوٹھ تہٕ میون دوس گوو سورگہ واس"

"تمو بڑی زمانس پوشہٕ ہلم، مگر پننہٕ دامانہٕ روُد سُہ خالی"

عارِض زاو ہن بہ ۱۹۵۲ء پیٹھ۔ میٹرک امتحان پاس کرتھ اوسُس بہٕ سرکن پھیران۔ شاعری ہُند جنوّن تہٕ اوسُم کلس پیٹھ سوار سپدمُت۔ پھیرِ تھوٚرِ ہندِس اُتھو عالمس منز سمکھ میہ اکہِ دوہہ عارِض۔ قدآور تہٕ زاوُل شخصاہ۔ میہ بیوٚٹھ نہٕ یقین زِ یوٚہے کیاہ آسہِ عارِض۔ تکیازِ تمہِ سندِ شخصینک کانہہ زاوِیہ اوس نہٕ تمہِ میچھرِ تہٕ مُرژیچ نشان دِہی کران یُس تمو سندِ شاعری منز موجوٗد چھُ۔ مگر یوٚہے اوس عارِض۔ پردس تُل کھُٹتھ اوس اُتھو میترٕ مُرس

منز۔ شاعرانہٕ دِل دُب دُب کران۔ دستار گنڈتھ اکھ سیٹھہٕ سادٕہ انسان ییمہٕ سندٕہ
بُتھہِ پیٹھ اکھ گیٚنو اکھ داستان وَنان اوس۔ تمس اوس اکھ ازلی سنجیدگی تہٕ
سوٚکوٗن بُتھِس پیٹھ۔ زَن تہٕ سُہ کانٛہہ سَنز یاسہ اوس۔ اکھ ازلی سنجیدگی تہٕ سوٚکوٗن
زَن تہٕ ییمہ دوہہٕ شُرے تمہٕ سندکہ ہم زاد آسہٕ۔ زَن تہٕ سُہ اوس زمانٕہ رو پیٹھ کمن
تام سنجیدہ سلن دِل دِوان روٗدمُت۔

تمہٕ سٕنزہ یہٕ سنجیدگی تہٕ سادگی اوس نہٕ بے سوز بلکہ اوس باوقار
اکھ منز تہٕ اوس پننہٕ کشش تہٕ جاذبیت۔ یہٕ رنگ نہٕ اوس تہٕنزہ شخصیتہٕ ہُند
اکھ شوخ رنگ۔ مگر اکھ رنگس داد دِنہٕ تہٕ معنہ ژارُن اوس نہٕ سہل۔

سون گوڈنیُک ملاقات اوس سیٹھاہ موختصر۔ اکھ ملاقاتس منز
کیہٕ تہٕ آسہ خاص کتھہٕ۔ نہ آو کانٛہہ سنجیدہ مسلہٕ زیرِ بحث۔ امہٕ دوہہٕ دِتی مےٚ
عارضی صاٖبن کینہہ مشورٕہ تہٕ بس۔ سون گوڈنیُک ملاقات سپد سانہٕ پائیدار
دوستی ہند کنٛ ثابت۔ پتہٕ کنٛ ییتھ نہٕ پتہٕ مِن ژُداہن وری ین نانٛہہ تہٕ الہ ڈلہ
گوو۔ اکھ ملاقاتس منز ییمہٕ کتھہٕ بہٕ متاثر گوٚڈس سو کتھہٕ اوس عارضی صاٖبنز
بُزرگانہٕ شفقت تہٕ مخلصانہ مشورٕہ۔

امہٕ پتہٕ آے آسہ اکھ اکس نکھہٕ۔ تیوٚت نکھہ زِ آسہ آسہ اکھ
اکی سندِین دوہہ کتھ دادِین، شادِین تہٕ غمن منز شریک سپدان۔ ییلہٕ تس کانٛہہ
ضرورٕری مشورٕہ کرُن آسہ ہے، سُہ اوس ضرور میانی راے معلوم کران۔ یوٚتام
میون تعلق چھُ بہٕ اوسس ہر ہمیشہ تہٕندِین بُزرگانہٕ مشورن قدر کران تہٕ ییمن پیٹھ
عمل کران۔ پزر گوو یہٕ زِ بہٕ اوسس نہٕ عارضی دوس بلکہ شفیق زِ ییٹھ بے
گنتر راوان۔ دوہ نی اوس نہٕ سمکھن تہٕ سانی ملاقات کنہٕ خاص جایہٕ یا مقامس تانی

محدود روزان ۔ سانین کتھن تہٕ اوس نہٕ کانٛہہ انڈ گنڈ روزان۔ شعرو شایری پیپھٕ وارِ منز تقل رُونس تام۔ پیمن سارنی کتھن پیپھٕ اوس بحث سپدان تہٕ پننین پننین راین ہُند اظہار سپدان۔ کتھن تہٕ مسلن پیپھٕ اوس اکثر اختلاف ووتھان مگر یہ اختلاف بنیوو نہٕ زانٛہہ تہٕ اَسہِ دوٚن درمیان تنازک تہٕ نصناوک باعث بلکہ اَکھ اَکس سُند نوقطہ نظر زانٛنہٕ آے اُسہ دوٚنوٚن کھوتہٕ دوہہٕ نکھ تہٕ سون اَکھ واس سپُد مستحکم۔

عارف صابس اوس نہٕ دِل اَکھ تہٕ زبان اَکھ۔ تُس یہ وَنُن آسہ ہیے تہٕ اوس سہ صفائی سان وَنان اَدہٕ بوزن وول خوش گژھہ ہیے یا ناخوش، کھٹُن تہٕ ژوٚر تھاوُن اُسس نہٕ تسنز خصلتھ۔ چنانچہ تمی یہ موحسوس کوٚر تہٕ شد تہٕ سان موحسوس کوٚر تھ دِژن نغمن ہنز شکل۔ میچھر کہ تہٕ مٹی ہندِ جامہ وٚلی نکھ، صاف گوئی تہٕ کھُٹتھ نہٕ تھاوُنچ تِلہ نوو سہ کانٛہ مُشکلات مگر تمۍ تراو نہٕ پننۍ وَتھ یس سنہ ۵۲-۱۹۵۱ ہس منز ییلہ مجبوٗرک ظُلم اُنتھس ووت، عارف صابُن حساس دِل وِہگلیوو تہٕ رتموٚ ریوکھ سہ

کوٚت سنگیس دِل سپُدمُت باغوانس بلبلو
شور و شر وُوتھمُت زمینس آسمانس بلبلو
ہائے تحصیل دار چانٛی رامہٕ ہونٛین تو تہٕ عمار
ٹُکرہٕ کرۍ کرۍ پوس وولتھ کم زبانس بلبلو
شیرہٕ باپتھ موسمن کیٚت تھوۍ زہے اکھ پانزداہ
دوٚن دوہن سوٚنب وۍ گرس منز کس جوانس بلبلو
بان ژاپتھ لالہٕ روین لور پژاژن ریمون خوٚن
منگ توے رژ آلہٕ وانس زعفرانس بلبلو

یہ بٲنھ گوو عام لُکن منز خدہ کھوتہ زیادہ مقبوٗل۔ یتیلہ حاکمن امہ
بٲتک گُریز کٔرتھ گوو۔ سرکٲری مشینری آیہ حرکتس منز۔ عارفن تُلکھ رٲیتھنہ تہ
سوٗزکھ اکھ چھہ وٕل۔ اَتہ روٗد سُہ لگ بگ ترٛین ورین ہگہ تمی کوٚرنہ تیمن حاکمن
برونٛہہ کُنہ زانہہ تہ مرحم یمو شہ اور سوٗزمت اوس۔ مگر یہ تبدیلی ییٚیہ تس کٲفی
دُرٛوٚچ۔ زیادہ دادِ چ شکایت اُس تس بروٗنٛہہ۔ اَتہ لوٗب امہ بیمارہ بٔنیہ ہٮ۟ن
پوٚچھر تہ کرٕن السرچ (ulcer) شکل یختیار۔ تس سپُز واریاہہ لٹہٕ بلیک موشن
مگر سُہ روٗد پوٗز وننک سزا ژھوپہ دھوپ کرِتھ بیترٛاوان تہ دوہہ دوہہ کلِ ٲنی
۱۹۵۵ء کین ہرُدٕ دوہن منز کوٚر بخشی صٲبن سُہ اَچھرٕ وٕلہِ پیٚٹھہ واپس تُرارٕ
شریف تبدیل ییٚتہِ سُہ اوترہ تام آفیسر انچارج اوس۔

۱۹۵۳ء پیٚٹھہ روٗد عارفن صٲبُن صحت اکثر ناساز۔ جنگلن منز لکڑ
ژھالہِ مارن وول عارفن اوس دوہہ نی پادل پکنک ناوے دوہہ نی دوہ شلن میوان
مگر سُہ سنیوو نہ زانہہ تہ ییمن کتھن۔ تمی دیُت نہ اورکُن توجہ۔ سُہ روٗد مُشغول
مانداوان۔ اَکس شیر مرد انسانہ سِندی پٲٹھی برونٛہہ برونٛہہ پکان۔ مگر تمی سُند جسمٲنی
ڈھانچہ روٗد ودارہ گرٛھان تہ کمزوری گیہ جاے لبان۔ ۱۹۵۷ء ہس منز سپُز
تس بیٚنیہ بلیک موشن مگر علاج پتہ کرنہ پتہ گے تم جلدے ٹھیک۔ تیمن
دِیُت دوستو واریاہہ لٹہٕ میاٚدس اپریشن کرنک مشورہ۔ تم گیہ امہ بابت
واریاہہ لٹہٕ تیار تہ مگر خبر کیا زہ آیہ نہ تیمن اتھ مشورس برابری۔ میہ اوس
پننہ جایہ ایحساس زہ میون مشورہ پھِرِ نہ سُہ زانہہ مگر ییٚتہِ سہ میانی باقی مشورہ
مانان اوس۔ میانِس اتھ مشورس پیٹھ عمل کرنس سٕید نہ سُہ زانہہ تیار۔ میہ
برونٛہہ کُنہ اوس سُہ آپریشنس پیٹھ تیار سپدان۔ مگر میانہ نیرنہ پتے اوس

شہ ہنٛز پٕرادٕہ بَد لاوان۔ دراصل اوس تٔس پریم ناتھ پردیسی صاٮ۪بنہٕ موتُک
المناک انجام اُچھن برونٛہہ کنہٕ۔ اَمیُک تصور کٔرِتھ بقے اُسو تٔس کم عُمر نقشبند
تہٕ خورشید عالم اُچھن تَل یِوان۔ زندگی ہنٛدِس سفرس اُس عارفٕن صاٮ۪بن مستقل
مزاجی سیٹھا مصیبتن لٔتہٕ موٗنڈ کٔرمٕژ۔ مگر صحتہ کِس معاملس منٛز اوس تٔس امیُک
دامانہٕ اَتھہ گومت۔ یتہٕ مہ اکہ وٕریہ پیٹھہ اوس تٔس صحت دوہہ کھوتہ دوہہ
آدٕہ سان تہٕ کمزور گژھان۔ چنانچہ اَمہ موکہ ہیٚتر تمہ چھٹی تہٕ آو گرٕہ۔ اَتھہ
اَکِس وٕریس رُوٗد شہ مسلسل علاج کران مگر دود اوس نہٕ کُنہ رنگہ پتھ ہیوان
بُلکہ ریتہ گوو موٗل دِوان۔ کمے کال گوو مہ پرٛژھس نہٕ نوکری نسبت کیاہ سوچُنہ
ژھہٕ۔ تورٕہ وونُکھ۔ "دٕ چھتہٕ کوہ سہ فکر چھےٚ ژٕہ۔ مہ وول نوکری ہنٛد بار ووٚنی
نکھہ پیٹھہ۔ تہٕ کرِتھ چھا خبر زٕہ بہ بچاتہٕ کُنہ نہٕ......"

پیمن کتھن پیٹھ وونُس درجواب "تلہٕ حقن مہ آس یمہ کتھہ کران۔ یژھ
کتھہ کرٕہ نہٕ شُرتہ۔ یتھ دود چھ لوکہ تَل یُدِس دوہ بَتھرتھ ژراوان۔"

" ژٕہ چھےٚ میانہٕ دادِیُک بڈٕہ غلط اندازٕہ کورُمت
مہ نسائی چھےٚ نہٕ رُمس یا ساتس تہٕ قرار یِوان۔ باسان چھُم
مہ چھُم کوہ سہ تام بلاے اندری کوران۔ مرنُک غم چھُم نہٕ
مگر......"

شہ وونُم تورٕہ بڈٕہ اطمینانہٕ سان۔

عارفن صاب نِن کتھن پیٹھ آو نہٕ مہ تمہ ساتہٕ یقین۔ یکیازِ تمہ
ساتہٕ تہٕ اوس تمہٕ ہنٛدِس بُتھس پیٹھ سُے سوکُون تہٕ سُے سنجیدگی موجود، یُس
مہ ہمیشہ نظر گمژ اُس۔ مہ اوس اندازٕہ زٕہ ریتس دوٚن ریتن تام گژھہ شہ

بلکل صحت یاب، مگر میون اندازٕ دٕراو غلط ..... مرنہٕ برٕونٛہہ ژٕ زور دوہہ
گوٚسس بہٕ خبر۔ اورچہِ یورچہِ کتھا کرٕتھ ووٚنُم۔

" مےٚ پتہٕ آسکھ ژٕ یور نظر گذر دوان۔ گوڈٕ کتہٕ
یارس مائج مےٚ پہٕ گنڈ ساسا، یار موٚد تہٕ گنہٕ نہٕ کانٛہہ ....."

" وُچھ عرض کیاہ چھکھ وَنان۔ ژٕ پہہِ اَز واریاہ
سندورمت چھےٚ .......؛" مےٚ ووٚنمس۔

" نسائے باخود چھےٚ مےٚ مرون۔ اَدٕ از پگاہ، ریٚتھ
پیٚچھ۔ یہِ وِز چھہٕ دوہٕ نچھ نچھ یوان؛" سُہ ووٚنُم توٚرٕ
اعتمادٕ سان۔

یہِ وَنان وَنان تہٕ اوس تس بُتھس پیٹھ سےٚ سوٚکوٚن تہٕ سوے
سنجیدگی۔ تمہِ سٕنٛزن کتھن منز اوس نہٕ کُنہٕ رنگہٕ تردُد یا ٹھرٕ ٹھرٕ۔ مےٚ باسیو
زٕ امِس چھہٕ موتُک پان ہووُمت۔ یہِ چھہٕ نفسیاتی تہٕ ذہنی دوشوٚیے طرفٕ مرنہٕ باپتھ
تیار۔ مےٚ پھٔٹ تیر کنڈٕ تہٕ دِلس گوو تلواس مگر مےٚ توگنہٕ اندازٕ کرُن زِ یکیاہ
گرٕژھ یوٚت جَل الٕکس ژنڈٕ دِتھ تہٕ کانٛسہ اَکس تہٕ ٹھاوِ نہٕ خبر۔

۲۶ اکتوبر دُپہرن شمکھ مےٚ عارفن صابن بیمہٕ غلام نبی شاہ ژودٕرٕی
کٕدلس پیٹھ۔ خار یا ٹھا کرٕتھ ییلہٕ مےٚ تس پرٕژھ زِ ژٕ کوت گژھکھ۔ تمہِ
ووٚن تمہٕ توٚرٕ عارفن صاب چھہٕ بیمار تہٕ بہٕ گژھ تس خبر۔ مےٚ دِژ نہٕ اَتھ کتھہٕ
اہمیت تکیازِ تُہُنٛد بیمار آسن امس نہٕ کانٛہہ نوٚ کتھا۔

۲۸ اکتوبر صُبحن ییلہٕ مےٚ بوز زِ راتھ شامن دوٚنہٕ نوٚ بجہ گوو عارفن
رحمتِ حق۔ مےٚ ژٕج پدٕو تلہٕ زمین نیرتھ۔ رگیوٚ دآم۔ اَچھن گیم اَنہٕ گٹہٕ۔ زنگہٕ

نٹیٖم۔ پھوٗر لوٗگ سۭتھ سۭتھ گژھ ژٔلنہٕ۔ مگر سیٖتی پیوم تمۍ شند یہ شار یاد ۓ

قسمتن ٹھوٗو پوشہٕ وتھرن پیٹھ لیکھتھ تقدیر میون

قدرتن کٔر دۄن دِلن ہنٛز ترجمٲنی چانہٕ سیٖتھ

مے تور فکرِ زِ قسمتہ کُس سانگہ گٔرتھ شند سانگ آو بارسس۔ تقدیرکۍ
بے رحم تیٖر اندازن کوٗر پنُن زہریلہٕ تیٖر عارفہٕ نس جانس تہٕ شاعرانہٕ دِلس منٛز
پیوست۔

بہٕ ییٖمہٕ ساتہٕ رانگر دوتس عارفن اوسکھ آزادس کرِ ابدی نیٖندرِ
سووُمت۔ تہٕ ڈاے گژھ میٖرژہ تِل اُس تمۍ سنٛز مدٲ تۍ لۓ ہمیشہ خاطرِ دفناونہٕ آمٕژ۔
عارفن اوسنہٕ یار باشس مگر یار پرور اوس۔ سُہ اوس نہٕ پرٛیتھ کانٛسہ
زانِ کارس دوس مانان۔ زندگی منٛز ہیٚتر نہ تمۍ زانہہ تہٕ جلد بٲزی کام تہٕ یہ اوٗصوٗل
اوس تمۍ دوستن ہند انتخاب کرنس منٛز تہٕ پانہٕ نوومُت۔ تمۍ سندس اتھ انتخابس
تہٕ اوس اکھ گوہ ہیر تہٕ وزن آسان۔ جلد بٲزی منٛز دیُت نہ تمۍ زانہہ نہٕ کانٛسہ
اکس دوس آسنک درجہ۔ دوست بناونہٕ برونٛہہ اوس سُہ انسانس پرکھاوان تہٕ
پرزہ ناوان، وزن کران تہٕ امہ پتہ پانہٕ ناوُنک یا نہ پانہٕ ناوُنک فٲصلہٕ کران۔
ییٖمِس انسانس سُہ دوس آسنک درجہ دِیہ ہے۔ تس اوس پتہ پننہٕ شفقتہٕ تہٕ
مروتہٕ سیٖتھ مالامال کران۔ دوس پروری تہٕ دوس نوازی منٛز یوٗدوے سُہ
جورِ روٗس اوس نہٕ، مگر سیٖٹھاہ کم لوٗکھ ہیکن تمۍ شند جورِ بٔنتھ۔ کھاندرِ
وزِ یُس مدد تہٕ اتھ روٗٹ مے عارفن کوٗر تیمیک ایحسان ہیکہ نہ بہٕ زندِ زوٗہ
زانہہ نکھ واٗلتھ۔ مے چھ کالک پتہ ژہتس۔ ۱۹۵۹ ہک سہلاب اوس آمُت
اُتھو منٛز گوو مے کھاندر صحی۔ پانسہ ٹینکی رنگر گیہ مے کانٛی سختی۔ سوٗنبرمُت

سودمُت تہٕ اوس نہٕ کینٛہہ ۔ بہٕ اوسُس سخ پریشان ۔ کھاندرس اَسو صِرف
اَکھٕے دۄہ ۔ کانٛہہ اَکھ وکھ اَسِم نہٕ پوان ۔ اَتھی منٛز سمکھ مےٚ عارِضَن اکہٕ دۄہہ
وَتہٕ پیٚٹھ تہٕ پگاہ دۄپہِم دُبارٕ سمکھُن ۔ بہٕ اوسُس آولٕنس منٛز ہیٚنہٕ آمُت ۔ اوہ
مےٚ کھ ہیٚوک سُس نہٕ دُبارٕ سمکھِتھ ۔ شہٕ آو رِیون گرٕ دوران دوران میانہٕ
غٲر حٲضری منٛز دِتُن میانہٕ ماجہِ دِلاسہٕ دۄپنس یہٕ کھاندر کرِ بہٕ پانٔے پانٔے تہٕنٛز
گرٕشھ نہٕ کانٛہہ فِکرٕ ہیٚنِو ۔ گرٕ پیٚٹھ سوٗزِن پونسہٕ بتیہِ اکھ چِٹھ ۔

" آپ کو ذرہ بھر متفکر نہ ہو جانا چاہیے ۔ ہر چند کہ پرسوں
سرِ راہے ملاقات ہوئی ۔ راستے مسدود ہونے کے باوجود
اسی خیال سے میں کل واپس رانگر آیا ۔ یہاں پہنچکر معلوم
ہُوا کہ آپ کی جانب سے کسی قسم کی اطلاع نہیں آئی ہے
بہر حال آپ کی عمر ابھی کتنی ہے ۔ اس لیے آپ اس تقریب کو
ایک ذمہ دار بزرگ کی عدم موجودگی میں ایک دِقّت تصوّر کریں گے
لیکن حقیقتاً یہ بھی زندگی کے پیچ و خم میں ایک ادنیٰ سا موڑ ہے
اس شدّت سے محسوس نہ کیجیے ۔" عارِض

عارِض صٲبنہِ یہٕ چِٹھ چھےٚ تِمہٕ دوس پروری تہٕ دوس نوازی ہنٛز اکھ
زِنٛدٕ یِتھ نِسبت مےٚ برٕونٛہہ اِشارٕ چھےٚ کوٚرمُت ۔ اَتھ چِٹھ منٛز ییٚمہٕ شفقتُک تہٕ
بُزرگی ہنٛد اظہار سُدمُت چھےٚ ۔ بہٕ چھُس تِمو خوش قسمتو منٛزٕ اکھ یُس ییٚمہٕ پیٚٹھ تِمو
پننہِ شفقتُک تہٕ مہربٲنی ہنٛد روٗو اَند وَند کوٗر ۔ بہٕ ییٚلہٕ تہٕ تِمس بُتھ پیوس یا ملاقاتس
گوس شہٕ آو مےٚ تِمی شفقتہٕ تہٕ مہربٲنی سیٚتی پیش ، یِمہٕ سیٚتہٕ تِمس رگن رگن منٛز
بٔرِتھ اُس ۔ مےٚ وُچھو نہٕ زانہہ تِمو سٔندہٕ مُروتُک تہٕ شفقتُک ، لولُک تہٕ مایہ ہُند

سرمایہ چھونان یا گرٕہہان ۔ تمۍ سُند اَتھٕ رۆٹ کرنُک مأدان اوس سیٹھاہ وسیع
وارِیاہ ضۆرۆرت مند آسی تمِس نِشہٕ یوان تہٕ حاجت روأیی اُسکھ سپدان ۔ مُروّتُک
تہٕ شفقتُک یہِ سرمایہ اوس نہٕ صرف یار دوستَن تامے محدۆد بلکہ آسی اَتہٕ زانٛی
کار تہٕ ہمسایہ تہٕ مُری تہٕ کُلم بُرِتھ نیران ۔

وارِیاہن دوستَن اُس اکثر شکایت آسان زِ مجلِسہٕ منٛز چھُ عأرِضن حسٕبہٕ
کھوتہٕ زیادٕہ سنجیدٕہ روزان تہٕ لۆر کران ۔ مگر یہِ خیال چھُنہٕ دُرست ۔ دراصل اوسنہ
سُہ ہنگامُک بلکہ اوس تنہأیی ہُنٛد انسان ۔ سنجیدگی تہٕ سۆکۆنہٕ کس پرٕدس پتھ
کُنہِ اوس زِندٕہ دل ، خوش اخلاق تہٕ دوس نواز عأرِضن موجۆد ۔ منتخب مجلِسن منٛز
اوس سُہ اَسن کھنگالہٕ ترٛاوان تہٕ دوستَن ہِنٛدی دِل میچھو میچھو کتھو سیتہٕ دولساوان
تہٕ گرم گفتارٕہ سیتہٕ وُشہ ناوان ۔ اصل تہٕ حقیقی عأرِضن اوس ییمہٕ رِنے منتخب مجلِسن
منٛز نون نیران تہٕ پننۍ اصلی جلوٕہ ہأوِتھ رونق ہُرراوان ۔ مےٚ چھُ وارِیاہن یژھن
مجلِسن منٛز عأرِضن صأبس سیتہٕ شریک سپدنُک موقعہٕ آمُت تہٕ تِہندِ حأضر جوأبی تہٕ
شیرینٛ کلأمی داد دِیمُت ۔

عأرِضن رۆد لگ بھگ وُہن اَکہٕ وُہن ورٕی ین سرکأری ملأزِم ۔ اَتھ
وَقتس منٛز کرٕ بے شُمار مُلازِمو تمِس ماتحت کأم ۔ تِمو مُلازِمو منٛزٕ سٕمکھی مےٚ
وارِیاہ ملأزِم مگر اَکی تہٕ کٔرنہٕ تمۍ سٕنٛز شکایت ۔ اَتھ بدل کرٕ سارِوے شکر گذأری
تہٕ مُروّتکۍ افسانہٕ رِپھرکھ ۔ ییمہٕ کتھِ چھُ عأرِضنہٕ نہٕ شخصیتکین وارِیاہن انٛدن
ننیر کران ۔

اَز ییلہٕ عأرِضن اَسہِ منٛز چھُنہٕ ۔ ییلہٕ تمۍ سُند مُرشہ مۆر قبرٕ ہِندِس
اَنہٕ گٹس منٛز چھُ ۔ ییلہٕ تمۍ سٕنٛزٕ حُسن پرست تہٕ حُسن شناس اَچھ ہمیشہ خأطرٕ

وُٹھنہ چھے آمژہ ۔ تمہٕ سُند دوٗرہِ تہٕ جُدأیی چھے تمن سارِنٕے وأرِنجہ پیٹھ تیوٗگُن ہشس پیمن تِمس نکھہ ڈکھہ روزنک موقعہٕ اوس آمُت ۔ عارفن اوس ہنہٕ کانٛہہ اَکِس دُشمن زانان یا گنزران ۔ مگر تمہٕ سُندی دُشمن تہٕ چھ اَز تِہندِس مرنس پیٹھ وَچھم وَچھ دِوان ۔ تِمن تہٕ چھُ ہاسان کیاہتام گوو کُس تام گوو وِپھ ۔ یُس پأنی پانٕے اکھ جماعت اکھ دُنیاہ اوس ۔

عارفن اوس ۱۳ ستمبر ۱۹۱۶ء ہس منز رانگرہ زامُت ۔ یتھ گرس منز عارفن صاحب زامُت اوس ۔ تمہٕ گرِچ زان گژھہ یتھ کنٛژہ سہ زاو آزاد صاٮ۪بنس سایس تَل ۔ لوہ کپار گزروٗن تمہٕ سرِنژہ کنہ چھ منز تہٕ اَتھ باوقار شخصیتکس شیٖہجارس تَل گوو جوان ۔ ابتدأیی تأليم کرِن گرٕی آزاد صاٮ۪بس نِش حاصل تہٕ پرائمری کوٗرُن زوٗہامہ سوٗکولہِ منزٕ پاس ۔ پرائمری پاس کرنہٕ پتہٕ سوٗزِس آزاد صاٮ۪بن غلام محمد ( عارفن صاٮ۪بن زیٹھ بوے ) تہٕ سرینگر پرنہٕ ۔ غلام محمدن کوٗر اَڈوٗتی پرنس روخصت ۔ مگر عارفن یُس وُنہٕ صرف غلام نبی اوس کوٗر ایف اے پنجاب یونیورسٹی منز پاس ۔ اَمہٕ پتہٕ پیوٚ تس کینٛژو حالاتو رکھ پرُن ترأوُن تہٕ سرکارکر نوکری ہُند دامانہٕ رٹُن ۔

عارفن صاٮ۪بنس بابہٕ صاٮ۪بس اوس عبدالغنی بٹ ناو ۔ سہ اوس سیٚود سادٕ زمین دارٕ پیشہ اِنسان ۔ بذاتی اوس گنڈٕ رجبک روزن وول تہٕ آزاد صاٮ۪بنٛ بابہٕ جنتیٖن ( خواجہ سلطان ڈار ) اوس گرہٕ پیٹھ اوسمُت ۔ یتھ پأٹھو چھے یہ کتھ نَنان زہٕ عارفن صاب اوس رانگرہٕ ماجہ وراثتس پیٹھ بسان ۔ تأليمہ سیتو دلچسپی ہُند سبب اوس یہندِس بابہٕ صاٮ۪بن آزاد صاٮ۪بنِس خاندانس سیتو گنڈٕ تہٕ وابستگی ۔ آزادس بروٚنٛہہ تہٕ چھ اَتھ خاندانس منز پرنک لیکھنک

رِواج رُوودمُت۔ خود سلطان ڈار تہٕ اوس پانہٕ فارسی زبانۍ ہُند بہلہٕ پایہٕ عالِم
سۆخن سنج تہٕ سۆخن شناس۔ یتھ ماحولس منز عارِفنن اُچھ مُژراوۍ تہٕ جوان
سپُد سہ ماحول اوس علمُک، ادبُک تہٕ صوفیانہ لیہ ہُند ماحول۔ اکہِ طرفہٕ اُسی
شریعتکۍ تہٕ طریقتکۍ مسلہٕ اُنزراونہٕ یوان تہٕ بٮ۪یہِ طرفہٕ اوس شاعری ہِندین
زاوُلین نوقطن دل دِنہٕ یوان۔ آزاد صابنس گرس سیٹھاہ وُن وۆہ پرن تہٕ تعلق
رُوودمُت چھُ تمن منز چھُ ازتہٕ مذاقِ سۆخن تہٕ سۆخن شناسی ہُند رنبہ رٔن جذبہٕ
موجود۔ اتھ مقابلہٕ بیٚیمہ شخصن اُتھی گرس منز زنم ہیوتمُت آسہ ہے تہٕ بندس
اعلا مذاقس تہٕ سۆخن سنجی منز کیاہ شک اوس۔ بٮ۪یہِ بیٚیلہٕ سہ شخص اکہِ شاس
دِلکہ مالِک تہٕ ذہین آسہ ہے۔

آزاد صابنس صوحبتس منز اُس شاعری ہنز تمبر عارِفنس
لوکچارے منز پے ہٕرِ۔ وُمبرِ دوہ دوہ گٔژھنس سیٹھاہ گیہ یہ تمبر بسان
تہٕ وُسعت یختیار کران۔ باقاعدہ پاٹھۍ اوس تمو شاعری ہُند ابتدار لُکری یہ
زولانہٕ ناٹلی ٹراونہٕ پتہٕ کٔرے کال کورمُت۔ آزاد صابنہٕ زندگی منز آو تس یہ موقع
نتہٕ پاٹھۍ لُکن بُرونٹھہ کُنہٕ رِینکُ موقع۔ یکھیازہٕ تم اُسی وُری وادن گرہ دلِ تھٕد
تہٕ کشتواڑہ کین جنگلن پھیران۔ ۱۹۴۸ہس منز آیہ ییم نمہٕ وانہٕ لُکن نکہ یہ
کلامیٚس یہندہِ پیٚختہ کار ذہنُک تہٕ مشاہدُک نتیجہ اوس سپُد "وُزِل" ناد چیہ
بیاضنہٕ منز ترقی پسند مصنفین انجمنہٕ ہندہِ طرفہٕ شامل کٔرتھ چھاپ۔ امہٕ پتہٕ ہُد
یہند کلام باقاعدہ پاٹھۍ "کونگ پوش" "گُریز" "ہمپوش" بیترِ رسالن منز
چھپان تہٕ لُکن نام واتان۔

۱۹۵۳-۵۴ہس منز لیوکھ عارِفن صابن یہ غزل سہ

ہی مالہِ ناگِراے یارِہے رووُم یارِہے رووُم لوکچارِ ہے رووُم
سنٛز یاس لٲگِتھ گرٕ بار نِرووُم یارِہے رووُم لوکچارِ ہے رووُم

یہِ بأتھ تہٕ یٲژ مقبوٗل زِ کھٕلن تہٕ کھٕہن، دٕجن تہٕ ڈوٗرِین، بازرن تہٕ سڑکن، محفلن تہٕ ہنگامن منٛز اُس اَمِچ لَے کنَن گژھان۔ پننہِ زندگی منٛز یوٗسہٕ مقبوٗلیت عارِض صٲبن حٲصِل کرٕ۔ مہجوٗرس وَرأے چھُنہٕ زِندٕ زُوہ کانٛسہٕ اَکِس تہٕ شُہرت بأگہِ آمٕژ۔ عارِض صٲبس یُس قبوٗل عام حٲصِل سپُد۔ تتھ کُن وُچھِتھ اوس میہ اکثر اُردو شأیر اسرارالحق مجاز یاد پیوان۔

پننہِ زندگی منٛز چھُ عارِض صٲبنہِ کلامُک کینٛہہ حِصہٕ "کلام عارِض" ناوٕ چھپن پانٛژن بیاضن منٛز شایع کوٗرمُت۔ یہند باقے کلامہٕ چھُ وُنہ غٲر مطبوٗعہ حالتس منٛز۔ کأشرِس منٛز طباعتکو مناسب ذرایع موجوٗد نہٕ آسنہٕ کِنہٕ ہیٚزٕ کلچرل آکادمی یہند کلامہٕ چھاپ کرٕنِچ کأم دردِس رٹنہٕ۔ نتہٕ چھُ اَتھ کینٛہہ بُزِ گژھنُک خطرٕ۔

گریلو زندگی تہٕ روٗز نہٕ اَمِس زانٛہہ خوش گوار۔ جوأنی ہندین دوہن رووُس شُر آسنُک تماہ تہٕ ییٚلہِ شُری زاس تمہٕ وِزِ اوس صحتس وَدان۔ قدرتن کوٗر تمِس دوہ یہِ رنٛگہِ ظُلم۔ جوأنی منٛز شُری سٕند ارمان تہٕ یِتھٕ اَرٕ جانٛکُ خاب، شُری دادِ کری عارِض صٲبن ترٕ یہٕ نیتیجہٕ۔ اَکھ زوٗہا رٟیِکِش۔ دوٚیِم نمیلؔ ہارُک تہٕ تربیم ناگمکیش۔ گرٕڈِنچہِ زٕ زنانہٕ پیٚیہِ تَس اَوٕ موکھ ترٲوِنہٕ ہکیازٕ تِہمَن زاو نہٕ اولاد۔ ناگِچہٕ زنانہٕ زاس ترٕ یہٕ لڑکہٕ۔ اَکھ لڑکہ مودُس تقریبن پانٛژٕ وُہُرٕ وُنی کین چھِ عارِض صٲبس زنانہ تہٕ زٕ لڑکہ وأرِث۔ اَکِس چھُ غلام نقشبند ناو یُس کہہ وُہُر چھُ تہٕ دوٚیمِس خورشید عالم یُس پانٛژٕ وُہُر چھُ۔ ہانٛگن زُرُر اَژنہٕ پیٚتہٕ شُری زِندس نسبت چھُ تمی بانٛے یتھ سارِس منٛز

اِشارٕ کوٚرمُت سہ

پیمانہ پھِران ساقیَس پیوٚ نِصف شبَس یاد
نوٚو عارٕفنَن افسانہ جانانہ کتیوٚ آکھ

عارِفَن صاحب اوس ۱۹۳۴ء ہَس منٛز محکمۍ جنگلاتس منٛز بحیثیت فارِسٹر ملازم سپُدمُت۔ ضروٗری ٹریننگ بنٛدٕ پورٕ حاصِل کٔرِتھ پتہ سوٗزُکھ محکمَن یِم کیرَن علاقَس۔ کینٛہہ کال گژھتھ کوٚر یِمو محکمَن کِشتواڑ تبدیل۔ بێیہِ واریاہَن ورِیَن روٗدی۔ کِشتواڑٕ پتھ روٗدی تِم ساری سے وقتَس کشیرِ منٛز مختلف جایِن پیٚٹھ پنُن فرض نِبھاوان۔ سنہ ۵۷-۱۹۵۶ء ہَس منٛز دِژکھ تِمَس ترقی تہٕ بنیوو رینج آفیسر تہٕ ژرارِ شریف سوِل کنزرویشن رینج کوٚرہَس سپرد۔ تَتہ پیٚٹھ پرِس تام روٗدی تِم اَتی تعیُنات۔ صحت خراب سپدنہٕ کِنہِ آسہِ تِم رِٹگ الگ اَکہِ ورِیہ پیٚٹھ چھُٹی پیٚٹھ۔

تِم آسہِ بڈٕ جان خوشنویس تہٕ مالہ فہمی منٛز آسہِ بڈٕ ہُشار۔ تِمو اوس زندگی ہُند سفر صِفرٕ پیٚٹھ شروع کوٚرمُت۔ مگر اونٛتہٕ یێلہِ تِم سعوَرگہ واس گے۔ تِمہ ساتہٕ آسہِ تِم اَکھ بجاتہٕ پایدار جاگیرکی مالک تہٕ سربراہ۔ زندگی ہندیو تنیو تہٕ وگنیو آسہِ تِم سنٛبھالاہ معہ ہتاط تہٕ کفایت شعار بناوِتھ۔ اَز یێلہِ عارِفن میہ نِشہ چھُنہٕ میہ چھُ باسان میہ روو ڈوٚکھ۔ میہ رووُنہ صرف اَکھ دوس بلکہ شفیق تہٕ ہمدرد بوے۔ یِمو سٕتی میہربانی ماے، محبت تہٕ لول میہ پرٕیتھ موڑس پیٚٹھ معہ یسر اوس۔

[’شیرازہ‘۔ فروری سنہ ۱۹۶۶ء]

# غلام نبی بابا

بابا ہَن ہیٚتھ پٮ۪تہٕ میوٗ کینژہو وٕری یوٚ بییہٕ
کاشرِس منٛز خاکہٕ تہٕ افسانہٕ لیکھنہِ۔ یِمَہ کِتابہِ
منٛز چھہٕ اَسہِ اَمہِ سُنٛد سہٕ خاکہ پیش کران۔ یُتھ "رنٛگو
منٛزٕ بدرنگ" ناو چھُ۔ یِتھ خاکَس منٛز چھہٕ اَکھ تٔلخ
حقیقت رٔٹِتھ جان پأٹھی وَہرٕتھ ناوِنہٕ آمٕژ۔
بابا چھُ نیٚبہٕ (نوہٹہ) نمدٕ ساز محلٕس منٛز
روزان۔ پوٗرٕ ناو چھُ غلام نبی، ذات بابا۔ ولدیت
خواجہ غلام علی باباہٕ زاسنہٕ ۱۹۲۷ عیسوی۔

•

غلام نبی باآبا

خاکہ

# رنگو منٛزٕ بد رنگ

کریم خوجہ ، شاہ صاب ، رام ناتھ ـــــ تقریبن چھ ساری بڈی بڈی
تاجر اکھ مجلسہ منز۔ یمن ورأے بیٚیہ تہٕ کینٛہہ نفر۔ شلن کریم خوجن زامتر یُس
حال حالے یوٚرپہ پیٹھ تھوٚز تالیم پٔرتھ اوس آمت۔ شاہ صابن سوٗزٕ علی پرٕ
علی پرٕ اوس اَمِس انگریزی مہمانس کُن تھلہ تھلہ وُچھان یمن سبز زوتہٕ وِنٛن
سبز چشمن سیتۍ اوسُس پننہ ژھمطیمرٕ تہٕ دوزجہ نار ہشہ اچھہ رلہ ناوان۔ انگریز
اوس انگریز دِل لقاونہ پتہٕ تہٕ منٛد چھت ہیوٚ کنہٕ ساتہٕ ہورکُن اچھ پھیران۔ سُہ
آسہ ہے پننہ جایہ سوچان زِ اَمِس کیاہ گوو۔ یہ چھُ میہ مُدے گنڈِتھ وُچھانٛ؟
اُمو زن یمہ اچھ زانہہ تہٕ چھکنہ وُچھمژٕ؟ مگر علی پرٕ نہٕ کیاہ مانہ ہیٚس۔ انگریزس
ڈٲج ہورکُن نظر۔ علی پرٕ ہیوٚتھ امو سندین سفید شین ہوٚین لوکٹین لوکٹین
مازٕ ہو مندین کنن پتہٕ تہٕ بُروٗنٛٹھ وُچھنہ۔ تمۍ پتہٕ پننین وٲتھٕین وٲتھٕین کنن
اکھ سیتۍ سارنہ۔ اَمہ پتہٕ لوگ انگریز سندس سوٗزرکر مستس آرہٕ برٛزو چشمو
وُچھنہ۔ اَمِس زن اوس اکھ کُن وُچھتھ آب ہیوٚ ییوان۔ یہ اوس اکھ نظر
اَمی سندس سوٗزرکر تہٕ خوشس ہاوٕنس مستس کُن ژھوان تہٕ لوٚتہٕ لوٚتہٕ پننہ
معہ چہ زنگہ پیٹھ یے زارہٕ نوٗر ہیوٗر پہن کھٲرتھ ریاکھ نظر امہ زنگہ ہندین

والَن کنٛ۔ تِمہٕ کَدٕڑی پننہٕ زنگہٕ ہندی کرٕہنۍ کہٕڑ کال، مأمِلہٕ تہٕ گنٛز وال وُچھمتہٕ
ژأنگہٕ تار ہیوی بریڈٕی۔ زیوٕہٹھ وۄہشاہ ترٛووٗن، تَس ہیۄژن پانَس پیمٕے موٗرنہٕ
ہشہٕ لگنہٕ۔ انگریز سِنٛز تیز تلوارٕ ہشہٕ نستہٕ کنٛ نظر پیہٕتھ رٕٹ تِمہٕ پننٛہِ نَس موٕچھ
منٛز، یِوٕسہٕ پۄرٕ موٕچھ منٛز وأژہِس۔ اَمہٕ ساتہٕ ترٛووٗن کمرٕ پتہٕ کنٛ، زَن ژٕتیرٕ
کُنٛدٕڑی پھٕپٕٹس تہٕ غوٕطن ہیوٚ لوٚگ۔ ہنا گرٛٹھمتھ پیوٚس کیاہتام یاد تہٕ ژَلٕ ژَل
پیوٚہٹھ سیٚود۔ سٕدرٕ پٕچھٕن چھُ دٕچھنہٕ کھوٗفرٕ ژٕلٕ ژٕلٕ دِوان تہٕ ہٕنہٕ ہنہٕ چھٕس
بُتھِس رنگ پھیران۔ نیٚبرٕمین پٕچھنٕ پتہٕ یِم بُرٕتھ باسیس ترٛووٗن اَندرٕمٕن پٕچھنٕ
دوٚچھٕن کھوٗفرٕ اَتھ۔ اَمہٕ ساتہٕ نیہٕ اسٕنٛ شرٛی سنٛدی پأٹھی اُمی سٕنٛدِین وُٹھن
پیہٕٹھ ژھالہٕ۔ یہ سوٗرٕے اوٚسُس بہٕ ژٕنیتران۔ یٕیمہٕ ساتہٕ تِمہٕ سُدرٕ ہندِس
اَندرٕمِس چندس اَتھ ترٛوو بوٚڈ وُہٕزُل بُٹوٗہٕ آو مےٚ صاف پأٹھی لَبنہٕ۔ علی پٕرن
ترٛوو بٕنیہ بُٹوٗہٕ چندس۔ ژٕلہٕ ہٕن دِژٕنٕس تہٕ اُتی ترٛأوِن انگریزس کُنٛ حقارتٕ
سان نظر۔ انگریزٕ سٕنٛدِین وُہٕزلین وُٹھن سفیدشین ہیوٚن زأوٕرلین زأوٕرلین
کنن۔ تیز تلوارٕ ہشہٕ نستہٕ تہٕ سعہٕ رنگہٕ مستٕس نظراہ ترٛأوِتھ گیہٕ اُمِس
نکہٕوارِن مٕنٛز مٕنٛزی رٕتہٕ ہٕے وُپھراے پٕرٛتھ کأنٛہہٕ سُنٛخ اشتعالہٕ یا کأنٛہہٕ حقارت
کرٕن وِزہٕ گرٛٹھ۔ اُمی سٕنٛدِین وُٹھن ہندی بریڈٕی تہٕ یِمن ہُنٛدٕ ژٕہسہٕ تہٕ یورکنٛ بُتھ
دِتھ پھیرٕن۔ انگریزس کُنٛ نفر کرٕتھ رٕٹھ اوس یِی ہاوان زہ اُمِس چھُنہٕ انگریز
پنٕنِس نفس برابر تہٕ باسان۔ یورکُن پھیرٕتھ لوٚگ علی پرٕ کریم خوجہ نِس زامترٕی
شُند تہٕ میرا اینڈ کو شُند انگریزی گفتگوہس کن دأرٕتھ بوزنہٕ۔ رٕژھ کھٕنٛجہ بوزٕتھ
آس نہٕ کہٕ سٕنٛدی پأٹھی یِہٕ ہٕے وُتارٕ ہیوٚ۔ یٕیلہٕ نہٕ کینٛہہ تہٕ ہمکہٕ تورُس تہٕ کیاہتام
ہیوٚ سوٗچت کوٚڈُن پرأنہٕ وقتہٕ کِس پونڈٕس ژہٕچہٕ وُرِس سوٗتٕب گرٕ چھٕٹٕرٕہ منٛزٕ تہٕ

اورکُن یورکُن نظرادِتھ لۄگ اوٚنگجہ سیتھۍ واپہ واپہ نمبر گنٛزرنہٕ۔ اکہ نمبرٕ
پیٚٹھہ چھہِ اوٚنگجِ ٹۄلان تہٕ بیکس پیٹھ ژاوان تہٕ پانسے سیتھۍ اکھ کران توٚ پتہٕ
زہٕ۔ باہَن[12] تل ووت بیٚیہ ژُوون یوٚہے ٹھکِتھ ژھینت زٕن کمہٕ بیٚیہ زٕن
پھٹس تیٚر کنڈۍ۔ اَمہِ ساتہٕ گوو زیادٕے غوطن یتھ زہٕ گرٕ گییس اُٹھی کھوفرٕ بس
اُٹھس کیتھ مُشتھہ تہٕ لۄگ ختم بند تالوِ چہ ہچہ اکھ زہٕ، ترٛیہ، ژور کرِتھ گنٛزراوِنہٕ
یوٚتام پانژونزاہَن تام (میٚہ باسیو) گرٛہند ہیٚیِژن۔ اُتی سوٚچ میٚہ تہٕ رٕژھ ہنا
زِ یہ کیاہ سنا؟ اَمِس کیاہ گوو پانژہ ونزاہہ ہیوٚر کُن گنٛزرنہٕ اَمی یمہٕ تالوِ ہچہٕ
اَمی سِندِس پانس کُن ژاٗوُم نظراہ۔ اُتی ووٚنُم پانسے سیتھۍ زہٕ اَمہِ کھتہٕ تہٕ
اگر یہ پان وِیِٹھراوِہ تہٕ بُجھہ صاف ہتھاوہ توٚتہٕ ماوٕنہٕ نس سٕتھرٕ ڈُہر۔ توٚتہٕ آسہ
پانژونزاہ۔ یِتھےٚ میٚہ غاٗر شعوٗری ہندِس عالمس منٛز پانژونزاہ ووٚن۔ اُتی
دژایہ کنھہ گیٚنٛز۔ بہٕ چھُس یہی سوچان زہٕ اَمی نیوٚمُت بیٚیہ یمَن چندَن کُن
اُتھ۔ اَمہِ ساتہٕ اوس یہ سٕدرہٕ چنٛدرس اُٹھس پیٹھ تول ہیوٚ کران تہٕ مارِنے
کُن اکس پنٛجو سُنٛزِ نظرِ وُچھان۔ پننہٕ عقلہِ باسیوم یہ آسہِ وٕنان توٚلو وِہ یمو
رِوہ پیوٚ سیتھۍ زٕن تہٕ تیٚر۔ اُتی پھیوٚر علی پرہ۔ بیٚیہ یمہٕ نیے کُن ییم انگریزی پاٹھو
کتھہ اَسی کران۔ توٚ پتہٕ لۄگ کریم خوجہ نس زامٕترس وَننہٕ ۔" ہتہ حفن! نیرہٕ
کتھہ کرو ژرِ مگر کاشرِ پاٹھی تاکہ بہٕ تہٕ بوزہ کینٛہہ۔ زٕن توٚہی ولایتہٕ چھوِہ
زامٕتو" کریم خوجُن زامٕتُر گوو یہ بوزِتھ یوٚہے ششدر ہیوٚ روٗزِتھ۔ میر
اینڈکو چھہٕ تسندِس بُچھس کُن وُچھان مگر سیتی زٕن آو تس کیاہتام خیال
تہٕ مصنوعی اَشنا کرِتھ ووٚنُن نس" فرماٗوِو حفن کیاہ گژھو بوزہ ناوٕنی"، علی پرہ
ووٚتھس بدٕلِتھ تہٕ بوٚلِتھ ———

ژٕ ہے نیٚرٕ پیٚٹھ تعٔلیٖم پٔرِتھ آکھ۔ ژٕ وَنتہٕ مےٚ امہِ کٕہ
فٲیدٕ کیاہ اوے۔ ییٚتہِ وٲری کٔرِتھ صنایہِ۔ ییٚرِژٕ روٗپیہٕ لیکھے۔ ییٚتِس کانٛس
اگر روپیٚن دٕہَن سائٕس تجارٕتھ کوٗرمٕت آسِہٕہ تٕہ تِمن پیٚٹھ آسِہٕکھ۔ مٕرژٕ
وانگن یا اٲلوٗ بایارٕ اگر کوٗرمٕت آسِہٕہ۔ ورگوی ٹھیکہٕ اگر کوٗرمٕت آسہٕ
روپیہٕ روپے آسہی پھیرٕ گٔرِتھ۔ اَدٕ اگر تٔرمٕلہٕ بایارٕ کوٗرمٕت آسِہٕہ
تیٚلہٕ اٚسِ نہٕ کینہہ۔ مٲرک تہٕ ایمے جماژ پٔرِتھ آسہٕ ہٕنے مٕنِش۔ ژٕ
ہیوٚ ہجان گوٗژھ اَدٕ عاینک لاگِتھ اچھَن۔ یہٕ چھِ سورے امی پٔرِنک
سوچِتھ......"

یہٕ بوٗزِتھ ژٕدو کرٕمہٕ خوٚجہٕ زامترِ ٹھٕہٕ ٹھٕہ کران اُسن۔ سُہ
آو نہٕ پہرس ٹھٔٹھو یُتھ زٕ، سارِے مجلِس لَج حٲران گژھنہٕ امِس کُن
وُچھنہِ۔ انگریز چھُ امی سٕندِس پتھَس اَسنَس پیٚٹھ اُسان۔ ہُہ اوٚرٕ تہٕ انگریز
یورٕ۔ اَتھ منز گوٚو تَس نہٕ نارٕ ٹھَس تہٕ اَسنَس نہٕ گوٚو بَس۔

علی پٔرٕ لوٗگ لوٗگ پنٕنِس پانَس سَنبھالنہِ۔ یہٕ زنگ یورکُن تُلنہٕ
تہٕ ہوٚ زنگ دوٚیِو اَتھو وٕٹِتھ تھاوِنہٕ تہٕ ژٔوٗرٕ ژوٗرٕ ییٚلہٕ ٹھاوِنہٕ۔ علی
پٔرٕ رٔود توٗتام وُچھتھ ہیشان یوٚتام تَس نار اَسہٕ نِش وٲژ۔ ییٚمہٕ ساتہٕ
اَمو تَشتہٕ منز نَس دِژ۔ سارِنے گیہٕ ژھوپہٕ۔ اکھ اَکس لگو ژِچہٕ ہیٚننہٕ مگر
انگریزس پتیہٕ نہٕ اَتھ کُن نظر۔ اَتھ منز پتیہٕ رِکابہٕ لوٚکچ تہٕ بٔجہٕ، چھُچہٕ
تہٕ کانٹٕ تہٕ نافکین وٲتِتھ، اکھ اکھ بٔڑ رکٲبی اَتھ سیٚتو سَتھ سَتھ لوٚکچ
لوٚکچ رِکابہٕ تھاوِتھ پٔرِتھ کٲشنہٕ۔ پوٚلاو تھاوُن گوٚو انگریزس پیٚٹھ
دٔرچھنہٕ دٔرچھنہٕ شوٗروع۔ انگریزن تُل امہٕ چینی چمچہٕ پیٚٹھ پوٚلاوکی چمچہٕ جوراہ

تہٕ ترٲوٕن رکابہٕ پیٹھ۔ وازٕن لھوٚپس سُتۍ سینہٕ ستۍ رکابہٕ بٔرِتھ۔ علی
پٔرِس چھِ اٲرِ کُن اَچھ۔ ییٚمہ ساتہٕ انگریزن زٕ پیٚچھہ پُلاوکی تُلی، علی
پٔرِن ژٕہ کھرو ڈیکہٕ۔ مہ باسیوٚ اَمِس کھوٚت تہٕ اَمو شُند ہیادہٕ فِکری
یوٚتام پُلاو اَمِس نِش ووت توٚتام چھُ یہ مُتلقہٕ ہشہٕ کران۔ گرا وٕٹھس تام
وٲژمِژ لال شُرٕ تھ کرِتھ بیٚیہ اندر نوان۔ گرا ہٹس کشان۔ گرا کھمہ تہٕ
نزٕہ وٹان تہٕ اَمِس پُلاو مجمہٕ ہیتھ پھیرن وٲلِس کُن دٔرِتھ نظر نظر
دِوان۔ تمہ وزٕہ زن وُزھ اَمِس ڈٕہ کیچ دٕژہہ۔ ییٚلہ اَمِس نِش پُلاو مجمہٕ
ووت۔ علی پٔرن رٹ رکٲبی مجمہ دٔندرٕ تل تہٕ دولہٕ اَتھہ رٹِتھ وولن کھکھرٕ
اَمہ پیٚٹھ پُلاو یوٚتام رکابہٕ تال درٕن۔ وازٕن برٕ اَمِس تہٕ ستھ رکابہٕ۔ علی
پٔرہ چھُ انگریزس کُن ژوٚرہ نظرٕ دِوان زٕ یہ کِتھ پاٹھۍ چھُ کانٹہ ستۍ
ماز کھیوان۔ اَمہ تہٕ تُل کانٹہٕ تہٕ لوگ طبق ماز پھوٚل ژٹنہٕ۔ پننہٕ کنہٕ کرنی
ستھاہ زور۔ مگر کانٹہٕ تلہٕ اوٚسس یہ طبق ماز پھوٚل وتھ ہِش تُلان
آخر تمجنس کِتھ تام پاٹھۍ لِش کھنڈ مگر یہ لِشہ پوٚنت وُچھتھ گوو ستھاہ
بے ستھ ہیوٚ۔ تکیازٕہ اَمِس اَس یہ ژٹنُس منز ستھاہ محنت لجمِژ۔ ییٚژ
زٕہ پوٚنژ تام گوس طبق ماز پھلس ستۍ دٔلہ حمل کران الوند۔ کِتھ تام پاٹھۍ
پننِس کُن ہس تہٕ جل جل نیوٚن دُجو ژھانڈِتھ خاطرٕ جیٚنِس کُن اَتھ۔ اتہٕ
گوس روہ پین بٔڈرٕ شرٕشہ ڈی۔ یہ شُرٕشی بوٚزِتھ زن ژوٚلِس ماز ژٹنک سورے
تھکن۔ نسا وُتھراوٕن زورٕ زورٕ شُرٕشی کرِتھ تہٕ سارنی کُن نظراہ
ترٲوِتھ ترووٕن کانٹہٕ اَتھہ منزٕ تہٕ اَتھو ستۍ توٚدٕن ہُرمُر کرِتھ کبابہٕ
اَمِس۔ اَدٕ کوٚرٕن یہ سارے سے۔ یوٚتام ستھ رکابہٕ تہٕ پُلاو وچھان وچھان

موہ کلوؤن۔ اَدہ پتہ کوٚرُن وازَس دوٚری آلَو "ہے وۄہستا اُمہ یِتھنہٕ مٔنزٕ دِیتہ
لَچہٕ ہِنا یوٚزی۔ اَمہ ساتہٕ زٲن گیہٕ سارِنٕے اَتھَن مَنز کانٛٹہٕ مُشتہ ہِوی۔ پیٚٹھے
پٲٹھو گیہٕ تقریبن اَکس منٹس ژھوپہٕ پَتہٕ پیٚتھ پٲٹھو کٲشرِ ہِندِس بادسَس مَنز
کُنہٕ ماتمی اجلاسَس مَنز ژھوپہٕ چھہ کران۔ علی پَدَّرس تہٕ باسیوو مےٚہ کوٚر
کیاہ تام امو بۆ ہیوٚ۔ مگر یَنہِ ساتہٕ وازن ژامہ پیٚٹھ لَٹ ترٲوِس۔ تَمہِ ساتہٕ
زٲن گوس یِہ سوٗرُے کوٚرمُت مُشتہ۔ اَتھ پٹھٕ اٲوِتھ پھیوٚر علی پَدَّرہ ڈَنٛڈی
تِہُنْدا کرَان کرَان انگریزس کُن تہٕ اَمِس کُن پھیران پھیران زٲن گیوٚس پیٚٹھے
بوکٹ موہ کٹ گگراے ہش۔ مےٚہ تہٕ وۄتھ اَمو شُندِ پِہ ڈاکرُ بوٚزِتھ شَرمہ سیٚتی
گُمہِ ٹھینچہٕ۔ مےٚ زِہ یِہ انگریز کیاہ آسہ وَنان۔ میانہِ پانہٕ کٔمتھ بد رنگَس
لوٗگُکھ۔ یَہ چھُس یِی سونچان علی پَدرن تُل پَنُن پَر ہیوٚ اَتھ تہٕ زورہ انگریز
سِندِ پھیکِن پیٚٹھ ژاٲوِتھ وَون تَس "آیا ناٹیش؟"

●

# عباس تابش

زاسنہٕ :- ۲ دسمبر ۱۹۳۵ء

عباس تابشن رلیوٗکھ ہٕ وُنہٕ خاص کینٛہہ۔ اُمی سٕندۍ ژورَے چیز چھِ وُنہٕ چھپے متۍ۔ اُردوُکس منٛز افسانہٕ لیکھنٕچ کینٛہہ ناکام کوٗشِشہ کرِتھ پتہٕ پھیوٗر یوٗ ہے سنہ شیٹھس منٛز ہیوٗ کاشرس کُن دہن ژون وَریَن لیکھِن کینٛہہ خاکہٕ تہٕ افسانہٕ پتہٕ آونہٕ بیٚیہ نظرۍ۔ اَمیُک وجہ چھُ روزگارُک سِلسِلہ تہٕ جان روزگارٕچ تلاش بیٚیہ نہٕ کینٛہہ۔

خاکہ

عباس تابش

# کینٛہہ کتابن نِش نجات

کٲنٛسہِ انسانُس یا چیزَس مُتعلق ییٚلہِ نہٕ اُسہِ نُنہٕ پٲٹھۍ پننہٕ دِ یہٕ
ہُنٛد اظہار ہیٚکان کٔرِتھ۔ اُسہِ چھِ اَندری اَندری دُھٹ بیٚیٹھان۔ مغز ژایان تہٕ
نَس مۄران۔ بعضے چھِ کینٛہہ مُنٛزی اشارہ پٲٹھۍ تُس ژیٚنہٕ وُنۍ دِوان زٕ ہیے
یور چھکنہٕ چانہِ کتھن ہنٛز شرٕیت۔ بۄلِ چھکھ ووران۔ وۄنۍ ہرگاہ سہٕ زیادٕے
پٲہن ستیجہ نُلہ۔ تیلہِ چھِ دندی مۄرنہٕ کران۔ دٕچھنۍ کھووری اُچھ ناٹہٕ کران زٕ
گژھہِ یس نا انصافہِ خۄداہ۔ مگر کوٚت سا۔ سہٕ چھُ زیادٕے کھۄرنہٕ کھسان تہٕ
لھڑوان گُفتار جاری۔ سہٕ تہٕ گُفتار یُس پروردگارن عقلہِ رنٛگۍ مۄچھے آسہ
ترووُمت۔ تیلہِ چھُنہٕ۔ ژھوپہٕ، چھِنے رۄہ یہ سٕنٛز دَم کرنَس نہٕ کانٛہہ چارہ
لگان۔ چارہ ناچارہ چھُ اِنسان مجلس گنڈنہٕ ییوان یوٚتامت سہٕ شخص پوٚرہ پاٹھۍ
بوٚس ژھانٛژھوہِ تہٕ بوزَن واٲلِس پہ دُپی زہ تہٕ موٕمنأ وِلتھ ژراوِ۔ قیمتہٕ
کارِ ہرگاہ وَنن وول شخص کانٛہہ بُزرگ یا میون مطلب چھُ بُزرگ آسہ مُرید یا دَم
آسہِ تیلہِ چھِ حالتھ بِلکُلے نوٚزُک سپدان۔ توٚہہ کرٕہ زہ کأژاہ دٕچھنۍ کھووری
ژٕلنٕچ کوٚشش مگر تِم حضرت چھِ سہٕ گُنہٕ طریقہ یٚنچن منٛز رٹان۔

یُتھے اکھ مہربان چھُ شبلہ جُرمن۔ جرمن چھس ظاہرا اوٚرہ کنہ

وَنان زہ سُہ چھُ جرمن وارس منز ٕ نگروٹے ادسمت۔ سُہ ییلہ واپس آو

تَس اوس دٕچھنو کھوورٕ جرمنے جرمن وِندٕ یوان۔

" جرمنکۍ فوج۔ اُف۔ اُف "

" جرمنکۍ جہازٕ۔ توباہ، توباہ "

" مگر جرمنو چیز الاہ۔ الاہ "

" گرٕ گرٕنٕھ جرمنو آسنۍ۔ اَدٕ وُمرٕ وُمران پوشیس۔ ہتہ یکیاہ

سُہ چھُ چندس اُتھٕ ژھنان تہٕ پرٕانہٕ کالتھٕ ہُند شراکہٕ بیچ کرٕان"۔

" یہ گوو جرمنو چیز۔ کُنہٕ لاے تُن۔ برابر کرس زٕ جھہ۔ اَدٕ چھُنہٕ

بییہ کُنیچ کیتھے۔ یہ چھَ اکس جرمنو دوستہٕ سُند نشانہٕ"۔

" جرمنی دوس؟"

" اُہَن سائے اَدٕ کیاہ۔ نجر زندٕ مورِدٕ کتہٕ آسہ "

" تمو کتھ پاٹھو دتے ژٕہ اُتھ؟" ـــ وہنی چھ سأری شراکہٕ

بچس تلہٕ بیٹھ وُچھان۔ ییمہٕ خیالہ جرمنس منز تہٕ چھا شراکہٕ بیچ آسان۔

اُمیک بجر تہٕ کھجر وُچھتھ یہ خیال سیدان ظاہرا آسن تمن سانہٕ کھوتہٕ دوگن

اُتھ کھوور۔

" ہاے کیاہ وَنے " سُہ چھُ سُرون ووہشاہ ترٕاوان۔ یہ چھُنہٕ جگرٕ

ترٕاوان، تَس چھا کینہہ یاد پیوان کُنہٕ جنگہٕ کہ ہابتہٕ چھُ وُنہٕ کانپان۔

" مصرٕ اپورہا داریاہ نیکھ اُسو اُکس محاذس" سُہ چھُ وَنُن

شُرُوع کران۔

" وہنی چھُنہٕ میہ ناو ژہتس۔ مگر بیٹھ پاٹھو جان جایہ ہَن۔ اُکس

دٔرہ یاوس یپارٕ اُسی اُسی تہٕ اپارٕ توٗمتیٚ۔ بلکُل نکھہٕ نکھہٕ۔ خبر اپارٕ یپارٕ کیاژٕ

اوسُکھ نوٗجاہ وہرووٚمت۔ تکیاژٕ لڑأے سپہٕز نہٕ زانہہ"

شُبلہٕ جرمن چھُ جنگ چلہٕ وُن تہٕ امن قائم تھاوان۔ ہاے ہاے

پرٕیژھن ما ژٕ کتھ پأٹھٕ۔ بچوکھ اَمہٕ کلہٕ ژٕنیچہٕ تلہٕ۔

"اکہٕ دوہہ گیٚہ کأما"۔ شہ چھُ بیانہٕ جأری تھوان تہٕ بوزن وألی

میٚترٕ بُتھو ہیوٚ وُچھان۔

بہٕ دراس اُتھو دٔرہ یاوس پیٹھٕ گاڈٕ رٹنہٕ۔ تتھ آسہٕ بے شُمار

گاڈٕ۔ یُتھُے مےٚ بلأے چلاو تہٕ یک بار پھسیہٕ یہٕ کتھ تام مٔژ۔ مےٚ دوٗپ آسہٕ

زٕنی موٗنڈاہ یا بیٚیہ کینہہ تہٕ ووٚنی موٚکلاوٕنی چھ مُشکل۔ پانژھ اُٹھ دٔرہ کرٕمس

مگر کینُہہ تہٕ کیاہ۔ بلایہٕ پنس آو ریتیُتھ جار زٕہ یہٕ گوو یوٚہے شستر کھنڈ ہیو۔

مےٚ تھوٚو پنٕہ ڈیوٚگ کھورس تل تہٕ ہیتُم پلو کڈٕنی زٕہ آبس مٔژ وٚسیتھ موکلاوٕ

بلاے۔ اُتھو مٔژ گوو پنس یُتھ زبردس دٔرہ زٕہ بہٕ آس یتھ تر امینہٕ۔

اَتھ ہنٕۓ تٔرکھ تارٕ گاڈ پھسے مٔژ۔

"یہٕ اوٚرہ لٔمان تہٕ بہٕ یورہ۔ کھینچوان کھینچوان نیوٚنس اَمہٕ گاڈٕ

نیصیف دٔرہ یاوس۔ مےٚ کرٕ جواں جہالت تہٕ اُنم بُتھس تام"! ووٚنی اگر اُمس اَمہٕ

ساعتہ کانہہ پرٕژھہ۔

"ہیے تہٕ گژیو پوٗزُے مگر ژٕ چھکھ یوٚہے ہیٚنٛدٕ کانہہ ہندٕ ترایہٕ

انساناہ۔ یہٕ کیاہ چھکھ وُنان۔ ہُسی دٔرن نہٕ واوٕ تہٕ بجہ سوٚبرٕ کیٚس"

مگر تہٕ چھ سأری اَندری سوچان۔ خداصأبس چھُ صبر پیوان

منگن۔ "چھکھ سأم کو تاہ موٚختہٕ چھکھ پانس تام چھےٚ"

مگر سُبلہ جرمن چھُ پمو کیتھو زِنشہ بے نیاز۔ سُہ چھُ رہدار پکان تہٕ وَنان
سو اُس عجب گاڑا۔ کیا ہتام سرٕ خوداہ۔ مےٚ زون نہٕ مناسب سونِس نبس تل
اَنہنز۔ اوہ کینز ترٛووِمس ڈورِہ تہٕ دور یِہ بنیہ نصیحت دری یاوس تام۔ بہٕ تہٕ پوکس
بتھو بتھو پوٚتامت اُسی اَکس شاٹس تل وائتی۔
اُمِس گاڑہ وُچھم کنن زہ سونہٕ کنہ وائلی۔ ییم اُسی دوشہ وَرے
آبہٕ تلی تہٕ پرنزلان۔ پوٚز گوو یی بہٕ تہریوس پانہٕ تہٕ۔ مےٚ زون پوٚہے گوو گاڑہ
پاچھا۔
سونچان چھس کیاہ کرہ۔ دِلس منز دائیرووُم جان گوو یِہ یَیلے ترٛاوِنی
مگر کوس اوس بِسلایہٕ ہُند۔ سینس تھووُم پل دولہٕ تہٕ ووتھس آبس منز
مےٚ اُس نہٕ پانس پتاہ بہٕ کیاہ چھس کران۔ اوڈ میلاہ نیوٚنس آبہٕ منزبی۔ بہٕ
اوسُس اَتھو کھرِ کانگرِہ ستو زہ خبر کپاڑی گوو اَکھ جرمنو سپاہ ظاہر۔
شُتہٕ آومیہٕ نِش۔ مےٚ ووٚنمس یِہ سورُے مالہٕ کیاہ اوس۔ ییٚمہ
جوانن بنیہ مےٚ بِسلاے اَتھ منزہ تہٕ لوٚگ بتھِس کُن پکہ ناوہ نہٕ۔ اُمن بتھس پیٹھ
چندہ منزہ کوڈُن شراکہٕ تہٕ چیج تہٕ نیوٚنس کھش کرِتھ۔ پتہ کرہونس زہ حقہٕ تہٕ
اَکھ دِتن مےٚ۔ بنیہ دِتنم یِہ شراکہ پیچ۔" سُبلہ جرمن چھُ اَمہ پتہ زھووہ کران
دم ہیوٚ دِوان۔ ظاہراسام ہیوان تلابوزن والین کیاہ اثر آسہ پیوومت تہٕ پوٚہے
وودشاہ ہیوٚ ترٛاوِتھ کتھ زھوٹراوان" یِہ دُنیاہ چھُ عجائبا تھاہ" ووٚنی
اگر کانہہ یکہ دوٗر کرِتھ پرزھیس۔

"اَمن سائ عجائبا تھاہ۔ گوو زِ یہ اوسے جرمنو تگان؟"
سُہ چھُ تیز ہیوٚ جواب لایان۔

"اٰہن سائے۔ یوٚہے ڈٲڈی پھوٚٹی"

"اَدٕ سائے تِہمَن سونٕہ کنہٕ والین کیاہ ۔ پئیٚزِ ویوٚد؟"

سُہ چھُنہٕ عاجِز یِوان۔

"سونٕہ کنہٕ وٲلی۔ یوٚہے چھُنہٕ عمجائبات۔ یُتھُے اَسہٕ سون گاڈٕ بڑٕ لاجۍ۔ تَس سِندی کن اٚسۍ ہِلگُل ژٕھرۍ تہٕ کنَن اوٚسُس رٕلتھ وُسان۔"

"اَما یہٕ کیاہ سُناو؟" بوزَن وٲلۍ چھِہ حٲران گژھان۔ تہٕ تِہمو سِندِس جوابس وومیدوار روزان۔

"یُہَے چھہٕ کَتھ۔ دَپان یِتِلہٕ گاڈٕ پانٕچھاہ زاٚلس لگہٕ تہٕ کانٛہہ موکلن پانے روزیس نہٕ۔ سُہ چھُہ سونٕہ کنہٕ وٲلی آبر بُزۍ کرِتھ خوٚدکشی کران۔"

وونی ہرگاہ پرٕژھیوس۔ ہتا یارٕ۔ ژٕہ کتہٕ سِندِ مولوام۔ خودا زانان سُہ کیاہ جواب دِیہِ۔ اَدٕ کُنہ ژھوپہٕ چھِکے روزہٕ سِنٛز کرِنۍ پیوان۔ توٚہی کاژاہ ژیٚنہٕ وُنۍ دی توس۔

"ہے بَبا۔ اگر وُنہٕ نُے چھُے۔ ژھوٚوٹی ژھوٚوٹی بائٹھو وَن۔" مگر تِمس چھُنہٕ یِمَن کتھَن ہُند پرواہ۔ تَس سِنٛز کام چھِہ کیشرٕ شاہ وَنُن۔ جادٕ کھوتہٕ جادٕ ہیکہٕ اِنسان وُچھتھ تہٕ نیرِتھ۔ مگر دوٚیمہٕ ساعتہ چھُہ اوٚرے آلو کران تہٕ تِمو چھِہ بیاکھ لَنڈٕ آسان تیار کرِمُت۔ چُنکہ بُزرگ چھُہ اَمہٕ کِنہٕ ہیکوس نہٕ مُبتِس پیٛٹھ موکھ پرٕیتھ دلِتھ۔ مجبوٗری وراَے کیاہ چارہ چھُہ۔

انسان چھُہ رومٕت گژھان۔

اَکھ پیٛٹھ پیوم بیاکھ اکھ مہربان ژٕتس۔ بہٕ آس یورٕ تہٕ سُہ اورٕ پکان۔ نکھہ ووت تہٕ گوو ایستادٕ بجلی کوٚاٹ ہیٚوٚ دوٚرِت۔ وارٕ پائٹھو

زانن۔ ییوان گرٛزھان چھُ۔ سلامالیک کرنٕس چھُنہٕ کانٛہہ چارٕ لگان۔ سُہ چھُنہٕ
جواب دِوان۔ بُرٛنٛزا ٹھَلہٕ ٹھَلہٕ وُچھان تہٕ پرٛزھان۔

کیاہ بۄزٕ وہٕ ؟

تٔس بٔنہٕ نہٕ وَنُن "کُنھ مُتلق" ہرگاہ تہٕ وۄن تیٚلہٕ گمہٕ ہٹک۔ سُہ
مارٕ کاٚرتمہٕ ژاپہٕ نہٕ انسان چھُ گابران۔ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ پۄز اُپرٕ ضورۄر بیان
کرُن۔ ییٚلہٕ نہٕ ٹارٕ کھیٚس سُہ چھُ یکدم نال بدلاوان۔

"یتھ چھُم کھورس شٔہہ"

وۄنی کیاہ وَنہٕ انسان جواب۔ کُنھ کُنھ دِپہٕ والھٹ۔ یۄت یۄت چھ
واتان وَننس۔

"اُہن حفص۔ شٔہہ کری نہٕ اُدٕ کیاہ گُل پھولہٕ نیہٕ۔ ہٹرٕ ہٹرٕ
چھکھ پھیران" مگر وَننُک چھُنہٕ کانٛہہ وِستارا۔ یورٕ چھ یتیمہٕ سِندی پاٹھی کاٚر
نِمرا ٲولتھ وُچھن ہیوان۔ کاٚرژاہ مجبوٗری اُسی تَن۔ سُہ کیاہ مانہٕ۔ ملک الموت ژادہٕ
مگر سُہ ژادہٕ نہٕ کینٛہہ۔ اُتھو سِتو چھُ بیاکھ کتھ تُلان یا کینٛہہ بۄزمُت آسان
سے دۄہراوان۔ کرتاہ کرہِ تَن انسان۔

"ہیے۔ مہٕ کیاہ کورمے۔ مہٕ چھُ مجبوٗری۔ سیٚٹھاہ ژیر گوم"

مگر سُہ ماجہ ہُند گۄبر کتھ مانہٕ۔

وۄنی اگر خوش قسمتی کنہٕ نیبرٕ شمکھہ تہٕ تیٚلہٕ چھُ تمہٕ ساعتہٕ گرہ
حاضر سپدان۔ ییٚلہٕ زَن زہٕ پَن مہٕ کٔڈ آسہٕ نٔس یا آسہٕ خلوکھ رۄزن پٔژھانہٕ
سُہ چھُ جَل جَل ییوان تہٕ گرٛزھان ژکھ ہیوٗ بہھتھ۔

"اوہٕ - اوہٕ - کلہٕ دود ژاس چھُ" دِبان چھُس کرٛکھ دِتھ وَنس۔

"اَمِن سٕنہٕ یور کوٚت لوٗگمُت۔ حکیم وان ہیٚے نزدیک او سُے۔" مگر وٕنہٕ کُس سُہ چھُ اَتھس کیٚتھ کتاب تُلان تہٕ پرٕژھان۔

"کیا حفض چھوٚرِ پران؟" یہٕ چھُ آسان ابتدا۔

"یہٕ حفض چھِ اَکھ ناولہٕ ہَن" پنٕنٕہ کنہٕ کران انسان ژٕنہٕ ہِوُنے کلام۔

"تہٕ کیاہ گمُت"

برداشت ضبط تہٕ تحمل کرٕنِتھ پیوان وَنُن

"یہٕ حفض چھُ اَکھ زیٹھ کہانی"

"کُتیٚچ؟"

"رُوٗسیٚچ"

"اچھا۔ تیلہٕ آسہٕ جان۔ اما کیاہ سُنا لیکھان؟" اَتھ چھُنہٕ یورہٕ کانہہ جواب لبھوران۔ بے غرضی سان اِنسان وَنان۔

"کہیں نحفض۔ لیکھان خبر کیاہ"

"کہیں نہٕ۔ اَدٕ چھا ہیٚرِ کتاب خالی"

ووٚن کُس ٹھوٗرِ دِمو اَتھ سَہلا بَس۔ چارٕ ناچارٕ چھُ پیوان وَنُن۔

"دَپان حفض یہٕ اوس اَکھ جاگیردار۔ تَس اوس ناو نکولائی برو برووِچ"

"اوللاہ۔ یہٕ چھا ناو کِنہٕ بمباری۔" سُہ چھُ اَچھ وہرِٲوِتھ پرٕژھان۔ وٕ پہَس اَہن سائتہٕ یہٕ گوو رُوٗسیٚہ والین پرٕژٕھن۔ مے کُتھ۔ اَوٚنا میتھ ہرگاہ موٚہ کلَن باے چھُ آسان۔ مے چھ سیٚٹھہٕ سوران۔ ہُشیار چھِ پیوان ژاوِنی تہٕ ژادٕر وہراوِنی۔

"چھکھ سائے کوتاہ موٚہ خیتہٕ چھکھ۔ ہَم چھے حاضر"

["سون ادب" ۱۹۶۴ء]

# حلیمؔ

شمبھو ناتھ بٹ حلیم بیچھ اکمہ جلے ۱۹۲۱ءہس منز

کوہلہ گامہ اَرہ ناوہ کس گامس منز زامُت ۔ حلیمؔ چھُ آل

انڈیا ریڈیو ہس منز نوہ ؔدلہ کام کران ۔ یم چھِ کأشرِس منز

شار وُنان ۔ نثرس منز چھےٚ اَمِ سٕنزٕ ہ ییمہ کتابہٕ چھاپ خانہٕ

منزٕ دَرامژٕ ہ :-

(۱) "بالہٕ یار" شُرِین ہندہ خاطرٕ دلیلن ہُند مجموعہ ۔ مرکزی وزارت تألیمن چھُ اَمِس اَتھ پیٹھ ۱۹۵۹ءہس منز پانژٕ ہَتن روپین ہُند گوڈنیُک اِنامہٕ دِیتمُت ۔

(۲) (۱) جھلکاری (ب) شنکر آچاریہ (ج) گوداوری ۔ ہندی پیٹھ کأشرِس منز ترجمہٕ کرنہٕ آمژٕ ہ ۔

(۳) "رُت شہری" ۔ انگریزی پیٹھ کأشرس منز ترجمہ ۔ یہ کتاب چھےٚ پبلی کیشنز ڈویژنَن چھاپمژٕ ۔

حلیمؔ چھُ اُردو تہٕ ہندی زبانَن منز تہٕ لیکھان ۔

(۱) للیشوری (۲) پرسیشرم (۳) چور وِدیارتھی چھےٚ یہنٕزٕ ہ کینہہ ہندی کتابہٕ ۔

مضمون

شمبھو ناتھ بٹ حلیم

# کتھ تہٕ شُری

دوہس پٔژھ لیکھتھ، گنٛڈتھ دٔرو کتھ تہٕ اُلمہٕ تمین کھسِتھ ییلہٕ
شُری مالِہٕ پٲگی گرہٕ پیان چھہٕ۔ گژھن وُچھن کمہٕ تاشوقہٕ چھہٕ تم بچہٕ دیدہٕ ذرٕ پاوی
اُلنہٕ ولنہٕ پیان۔ اکھ چھُ فرمایش کران " دیدی۔ اَز ہاے بوزو اُسہ شالہٕ کاکنٕو
کتھ " بیاکھ چھس وَنان " ناے۔ بہٕ بوزہٕ کاوہٕ کُتھ " اُتی چھُ چُرگیش
دوہتھان مگر دید یُتھے وَنُن چھہٕ ہیوان۔ " اَدبا۔ بُوزِو سہٕ اوس اکھ شالہٕ
........ !! اَدہٕ مَتہٕ بُوزی توٚ شُری کوتاہ خوش چھہٕ گژھان۔ ماے لاگِتھ
چھہٕ کتھ بوزان۔ جمال چھا کانہہ کرہٕ ٹھَس یا ہٕٹس۔ کتھ بوزان بوزانی چھُ
اَڈین نِنٛدرہٕ ہیٚنزہٕ وِگنہٕ دُور تُھتھو شالہٕ واتہٕ ناوان۔ ییتہٕ شالہٕ کاکن
مٲشترہٕ سیتر گاسہٕ پٔہرہٕ محل بنومُت چھُ آسان۔ اَتہٕ چھہٕ تم زن تہٕ پانے
شہزادہٕ بٔنِتھ ماسہٕ پاٹھو باغس اَژان تہٕ پٔریہٕ وُچھان۔ تمہٕ پٔریہٕ
چھہٕ اَسہٕ وُنہٕ تہٕ وُڈوُنہٕ پٔریہٕ آسان تہٕ نِنٛدرہٕ مَوت موصوٗم بالکُ چھُ تمن
سیتر سیتو آسان تہٕ اسمانٕ وُڈان۔
ماسہٕ بدیو وَری یو پیٹھ چھہٕ کتھن ہیٚنزہٕ پٔریہٕ یتھے پاٹھو مامُلم
لالہٕ پھلین ہُند دِل رٔنزہٕ ناوان آمژہ تہٕ اَز تہٕ چھُ شُر طوطس تہٕ وَن ہارہٕ

سپنہٕ کُنی وُفہٕ خبر کتھ دُینہٕس واتان۔ شاید اوٗہ موجوٗب زہٕ انسان چھُ
بالہٕ پانہٕ پیٹھے زندگی ہندِس سنٛرِس لگان۔ تس چھے زوٗنہٕ تہٕ تارکن تام
واتنچ کَل ازلے گنان۔ تُر ہرگاہ کُنی وُفہٕ اکہ لُنجہٕ بیٚیس لنجہٕ واتان
چھ۔ شُرکیا سنازہ روزہٕ پتھ۔ شہٕ تہٕ چھُ اُسنہٕ اندری وُف تلان تہٕ
دوٗر بالوٚ اپور۔ خیالی شدرہٕ اپور پننہٕ ژیرِ وِنہٕ تہٕ ڈیرہ وارہٕ اپور خبر کوٗت
واتان۔ ظاہر توتے یوٗت وانکہٕ انسانن زیٛنہٕ پیٹھے قصد چھُ کوٗرمُت۔ لوکچارس
منز چھُ انسان یہ منزلہٕ کِتھہٕ سپنہٕ کڈ نکہٕ پانے پانہٕ ناوان۔ مگر بوڈ وٕاتھ
چھُ تَس سے منزلہٕ اتھوٚ تہٕ کھوٚرو کڈن پیوان۔

شُرِ باو چھُ انسانہٕ سُند اصلی بالہٕ یار۔ اُچھ دارہٕ تہٕ زوٗن تہٕ گجہٕ
زوٗنہٕ ہندی پاٹھی ادنکہٕ سپنہٕ بوج۔ یِس دوٗرہٕ روزتھ اسہٕ وُنہٕ ہیوٚ رنجہٕ
انسانس ٹھاٹھا کران روزان چھُ۔ امی بالہٕ یارس رَنٛزرہٕ ناونہٕ تہٕ زندگی
ہند عزم موٗرہ پاٹھی فکرہٕ تارنہٕ خاطرہٕ چھُ انسان کتھن ہندِس میراثس نوٚو
نوٚو جامہٕ وَلان تہٕ دوہ لاسہٕ کران۔ یہ چھُ اکھ پرم پدا۔ یوٚسہٕ از تہٕ موجوٗد
چھ تہٕ شاید روزہٕ ابدس تام چلہٕ وُنی۔

بڈین ہندہٕ خاطرہٕ چھُ کتھن ہُند میراث فی ذات شہٕ زا پھیرن
یُس پتہٕ ناولی چھُ نہٕ یوان۔ مگر یُس ادنکو میٹھو تہٕ رُسل دوہ ساتہٕ ساتہٕ
ژینس چھُ باوان۔ دیان امی مارہ منتہٕ کوٗر انسانن ہُند سہٕ سرمایہ تیار یُس
ازی کہٕ ادبک گہنہٕ چھُ بنیومُت۔

ہیمہٕ وہے کتھوٚ موجوٗب چھُ از تہٕ دوہ ہنزن شالہٕ کتھن سے
بجرُیس تمن ہتہٕ بدی وری یو بُرونہہ اوس۔ زمانن چھ دوہ نی سیٹھا

ترٚقی کرٕرِتھ۔ لہٰذا چھُ کیتھَن ہنٛزِ کتابہٕ اَز کل اَثبرٕو اَثبرٕو چھپان۔ مگر کأشرِ
زَبان چھِ وُنہِ اَمہِ رنٛگہٕ کھسہٕ کھیجی کران۔ شُکر چھُ زِ شرٛین لایق کأشرِ
کتابہٕ لیکھنَس نِہ ووتھ دَس۔ اَمہِ خأطرٕ گژھن پٔریتھ کأنسہٕ کأشرِ ہنٛزٕ
شانٛز وِہ گنٛنۍ۔

[ 'گوڈٕ کتھ' "بالہٕ یار" ]

# نوٗر محمد بٹ

نوٗر محمد بٹ چھ سانِہو تِمو ذہین نوجوانو منٛزٕ یِم سیٹھاہ کم لیکھان چھِ۔ یِہندۍ کینٛہہ مضموٗن چھِ "گُل ریز" تہٕ 'سون ادب' منٛز اَزتام چھَپان روٗدۍ مِتۍ۔ 'شاعِری تہٕ حقیقت' چھُ یِمو منٛزٕ اَکھ یُس زَن اَسہِ یتھہٕ انتھولجی منٛز شامِل کران چھِ۔

بٹ صاحب چھِ پانٛچھلہِ یہٕ کلچرل کانفرنس کِس سایَس تحت۔ یِم چھِ اسمبلی منٛز کامہِ کران۔ تہٕ کینٛژھو وریو پیٹھٕ جواہر نگرٕ روزان۔

نورٛ محمد بٹ

# شاعری تہٕ حقیقت

حقیقت کیاہ گیہٕ ؟ اَسہِ دٕچھنہِ کھوورِس پٮ۪ کینژھاہ چھُ سۅ
چھُ سأرۍ حقیقت۔ اَدٕ سہٕ رُتھہ آرٕک گریز اُسہٕ تَن یا جبہٕ پٮ۪ ہُند سۅت سۅت
ساز۔ آرہ وٕلہِ ہُند سوختہٕ بدن اُسہٕ تَن یا گمہ لابہٕ کہٕ رویکٔ ووزٕ جار۔ مُلتانی
طوطہٕ اُسہٕ تَن یا وَن ہأر۔ انسانہٕ سندِس دِلس منز نژہٕ وُنی یا ٹھولہٕ ٹھولہٕ کرہٕ وُنی
اَرمان اُسہٕ تَن یا لاشعوری حسرت تہٕ پریشانی۔ غرض پٮ۪ کینژھاہ بیٚہ دُنیہس
منز چھُ تتھ سأری ہے وَنو حقیقت۔

شاعیر چھُ اَتھ حقیقژ نقل تُلنہٕ خاطرٕ پننین لفظَن ہندین خزانَن
ہٕتھان تُلان۔ یہ چھُ اَتھ چُھمبہٕ سیتۍ نٔرٕ نٔرٕ لفظ کڈان۔ تہٕ کلا بہٕ ہکہٕ
پأٹھۍ زمانٕکس نالس چھاوان۔ یہ چھُ پانےٚ نقش گر تہٕ آسان۔ کلا بو تہٕ چھاوٕت
وول تہٕ۔ یوٚت اُمو شُند یہ نقش ہوٚل ہوٚل تہٕ طرح دار آسہِ تیوٚت گژھہٕ تو اکُن
یہ خوش مگر خأمی نقشُک یوت کرہٕ نہٕ کار۔ ہرگاہ تلہٕ دوز ناماہ پھیرٕ آسہِ نہٕ کلا بوٚتیج
نار ٹھیک آسِس نہٕ۔

یٔیلہِ اَسی مانو زہٕ شاعیر چھُ حقیقژ نقل پٔرٕھان کرُن۔ اَسہِ چھُ
پیوان لازمٕ من یہ کتھ تسلیم کرٕنۍ زہٕ کُنہٕ چیزُک نقل چھُنہٕ تمہٕ کِس اصلَس

رٕژہ رٕژہ برابری ہیٚکان کٔرِتھ ۔ مثلن اُسہِ چھِ کیٚنہہ وَقتہٕ بازرس منٛز اَکِس نقلی
کوٚکرُ وٲلِس وُچھان ۔ اُسہِ چھِ وُچھان زِ اَمہِ چھِ آسان چھیٚنہِ کٔرِ کاکدٕکی یا بیٚیہِ کیٚنہہ
چیزٕکی نقلی کوٚکر یا باقے جانوَر بناوِتھ ہیٚتہٕ ۔ تمہِ وَقتہٕ ییٚلہِ اُسہِ اَمِس کوٚکرس رَنٛنہ
سیٚٹھاہ چھوٚٹ تہٕ بے اثرٕ لگنہٕ یِوان ۔ پزر تہٕ چھُ تی ۔ مگر یہِ فکرہٕ ترٛاوتھ تہٕ چھہ
اُسہِ کاکدٕ وِہے کوٚکر وُچھِتھ خوش گژھان تہٕ کوٚکر بناوَن وٲلِس تٲریف
کران ۔ یوٚت اَمہِ کوٚکر بناوَن وٲلی اصل کوٚکرس نقل کرنس منٛز تقٕرز ہیٚوٕنہ آسہ
ہاوِمٕژ ۔ تیوٚت چھہ اُسہِ اَمِس تٲریف کران ۔ ییٚتھے کٔنہ چھُ شاعرٕ تہٕ پننیٚن شارَن
منٛز کانٛہہ حقیقت وونہہ پداونہٕ خاطرٕ پننہ ہیٚوٕنہ ہاوان ۔ مگر اَمہِ سٕنٛز ہیٚوٕنہ چھہ
کوٚکر وٲلی سٕنٛزہ ہیٚوٕنہ کھوتہٕ سیٚٹھاہ کھٔرٕ دار آسان ۔ ہمِس کوٚکر وٲلِس
چھُہ آسان کوٚکرُ بناوِنہٕ خاطرٕ کوٚکرٕ سٕنٛز نیٚبرِم چال ڈھال یا رنگ روغن وُچھُن
مگر شاعرس چھیٚنہ آسان ۔ ییٚتہِ یوت وُچھُن تمِس چھُ پیوان کوٚکرٕ سٕنٛز ژھالہ
تہٕ وُچھنہ ۔ اَمہِ سٕنٛزٕ دِلہِ چیٚن رایہِ تہٕ گراین سیٚتو پکُن ۔ وٲلِنجہ ہنٛزٕ دُبہ
رایہِ سیٚتو کن دیُن ۔ تیٚلی ہیٚکہِ یہِ اَمہِ سُند اَندرِیُم نیٚبرِیُم حال پننیٚن ہاوِتَن منٛز
سمہِ نبرٲوِتھ ۔ یوٚت یہِ شاعر کوٚکرٕ ہنٛزٕ دِلہِ چیٚن رایہِ تہٕ گراین سمنہٕ تہٕ ییٚمہ
دِلچہ رایہِ تہٕ گرایہ پننہِ اَچھِ کاش زٲلِتھ پننیٚن شارَن منٛز وَنیٚپراونہٕ تیوٚت آسہ
اَمہِ سُند شار قابلِ تٲریف تہٕ حقیقژ نکھہ نکھہ ۔ یوٚت یہِ ژھوٚر تہٕ حقیقژ دوٗر
دوٗر آسہ تیوٚت آسہ یہِ بے مزہ ۔ اَمہِ خاطرٕ کرِہ بہٕ اَلمستہنٛی زِ شار پیش ۔

حُسنہ کہوٚچہ پیٚٹھ عبث پرکھوو دِل

سنگدِل کرِ ہے اثر کیاہ لوو دِل

گُلہ وُسرے رِکنہ نِی اوّتام اُسہ چھوو دِل
نیٚندرِ ہوٚت کمہِ سُنا وُزہٕ نوو میون دِل

حُسنس تہٕ عَشقس چھُ یِتھُے واٹھ یُتھ نمس چھُ مازس سیٖتۍ
اگر حُسنَس عشق پتہٕ آسہ نہٕ حُسن چھُ تیلہٕ بے کار۔ سُہ لال یُس کنہٕ منٛز بند کنہٕ
پہاڑس پیٹھ پیوُمت آسہ۔ یِتھے کنٛز روزہٕ عشق بے معنی۔ ہُنہٕ مشیدہٕ ہٲنسد
جِن ہیوٗ۔ اگر حُسن اُمِس سیٖتۍ آسہ نہٕ حُسنس چھُ عَشقہ سیٖتۍ معمول تہٕ عَشقس
حُسنہٕ سیٖتۍ۔ حُسنس چھُ بظاہر سیٖود سادہٕ مگر خمہ داہ رُچھن اُمی سِندیو ژھلو تہٕ
وِہیو نِشہٕ ییمہٕ وُقتہٕ یہٕ وَرہ ہوٗل لاگان چھُ۔ اَدہ چھُنہ رِکھینو ہماشما وُچھان۔
عشقس بچارِس چھُ نِژہ ناوان، دربدر کران ژھایہٕ گتہٕ کران۔ لارک چھُس وَنان
دار تہٕ دارک لار۔ عَشقس چھُ دِل آسان نرم تہٕ لوو۔ اُکھوے کینہہ مشغالس
سوٗنب کینہہ اَتھہ اَتھ چھُنہٕ قرارے پِوان۔ حُسنَس تہٕ چھُ دِل آسان مگر شُشتر
ہیوٗ۔ الَمستَن چھُ پننس شارس منٛز اَمہٕ کے حال بیان کوٚرمُت۔ اُمی چھُ معشوقہ
سِندِس دِلَس کہہ وُچھ سیٖتۍ تشبیہہ دِژمژ۔ کہہ وُٹھ چھ کنٛز آسان۔ کہہ وچھ پیٹھ
دِل پرِکھاوُن تہٕ پتہٕ کنہٕن پیٹھ چھاوُن۔ اَمہ سیٖتۍ چھُ اُمی سِندِس شارس منٛز
حُسن سِندپوٚمت پادہٕ۔ تہٕ اُسی چھ یہٕ وُچھتھ واہ واہ کران۔ ہرگاہ اُسی اَتھ
سُنوٚ اُسہ تہٕ پانے فِکرہ زہٕ یُس عشقہ نارن ژوپمُت آسہ تہٕ ییمسن یہٕ بَنہتھ
آمُت آسہ، تمی سِنٛز حالت آسہ اَمہ شارہٕ کھعہ تہٕ سیٖہشاہ پُر اثر۔ راٰہی سُند
اَکھ شار نمون سہ

زردپوٚ معکھ آفتابس ووشلیوو گُلاب ساقی
چھُنہٕ کائنسہ چاینہٕ حُنکُ بھوران جواب ساقی

شاعِر چھُ وَنان زِ معشوق میون چھُ رتیوٚت حسین یُس نہٕ دُنیہس

منز کانٛہہ جورٕ ے نیرِ۔ اَمی رنگہٕ چھُ یہ پننِس شارس منز وَنان زِ یُتھۍ پہ پننِس

پرتو تراوان چھُ۔ آفتابس چھ بُتھِس زردی پھیران تہٕ گُلابس چھُ دوٚشلُن

کھسان۔ آفتابس چھُ رنگ زرد اَسیو تھے تہٕ گُلابس تہٕ چھُ رنگ ووزُل

آسان۔ مگر شاعِر چھُ وَنان زِ یِمَن سیٚپنِہ یہ حالَت محض میون معشوق وُچھتھ

تکیازِ تِمَو سندِ حُسنک تاب ہیٚوکہٕ نہٕ یِموٚ اَنتھ۔ شاعِرس چھُنہٕ پننِس معشوق سندِس

حُسنس برابر کانٛہہ پیوان بوزنہٕ۔ یہ کرِ ہا اَمِس کُنہِ تِتھِس چیزس سیٚتۍ مقابلہ یُتھ

تِم ساری صِفَت آسہٕ ہَن۔ یِم اَمی سندِس معشوقس چھِ مگر تِمس چھُنہٕ کانٛہہ چیز

تِیُتھ اَتھہٕ یِوان۔ وونۍ چھُ یہ وُچھنُن کھوٚرِ وَنۍ دِوان زِ رتھ کُنہٕ ہاوِ یہ

اَمی سندِ حُسنک بَجر۔ اَمی چھُ گرا تارکن گژھان تہٕ گرا گُلابس نکھ گژھان۔

اَمہ بَرونٛہہ زِ بہٕ کرِ اَمہ کتھہٕ تہٕ زیادِہ پرٛاژ شار پننِس خیالہ

کس حقس منز پیش۔ یہ چھُس دَپان زِ بہٕ رٕٹ انسانہٕ سنٛزِ سرگرمی ہنٛز بیاکھ

اَکھ شاخ سو گیٚیہ تَوارٕیخ۔

مےٚ چھُنہٕ یاد یہ کُس تاریخ دان اوس یُس یہ پرٛژھیوو زِ بہٕ لیٚکھ اَکھ

تَوارٕیخ مگر سو لیٚکھ میٚی تہٕ پَیِز۔ اَکِہ دوہہ اوس یہ تَوارٕیخ دان۔ اَکِہ دوہہ

اوس یہ تَوارٕیخ دان پننہِ گرِ بہِتھ۔ نیٚبرِ رنگہٕ سَیِدٕ گیا ہتام واقہٕ۔ اَمی پرٛژھ

کینژن تِمَن شخصَن یِموٚ یہ واقہٕ وُچھمُت اوس زِ یہ کیاہ دلیل اُس۔ سارِوۍ

وِرِس پننہِ پننہِ طریقہٕ تراوِتھ کتھ یِمَن اَکھ اَکس سیٚتۍ کمے ہشر اوس۔ اَمی

وُون پننِس دِلس سیٚتۍ یا باری تعالےٰ یہ گیٚیہ موٚمولی کتھ یُس سہ سانِہن اَچھَن

ڈالیشمان سپد یہٕ۔ یتھ منز چھُس بہٕ حاران زِ کوٚسہ ہیٚش کتھ چھِ پَیِز۔ وونۍ

ہیکہ بہ یہیٚر بڈ تواریخ صحی تہٕ پزٕ لیکھِت۔

اکبر بادشاہ اوس ہندوستانس منٛز راج تاج کران۔ اَمہِ وقتہٕ اوس
اَکھ شہنشاہ اَکھ اَمی اوس پننہٕ نس پانس باز بہادر ناو کوٚرمُت۔ یہ اوس
مالوٕہُک سُلطان بنیومُت۔ اَمی کوٚر اَکہِ دوٕہہ پننہِ فوج جمع تہٕ ہیوتُن بیہِس
اَکِس ریاستس پیٹھ حملہ کرُن۔ اَمہِ ریاتُک مہاراج اوس موٗدمُت تہٕ اَتہٕ
اُس اَمی سِنٛز رانی تختس بِہتھ۔ اَمِس اوس ناو مہارانی درگاوتی۔ درگاوتی
اوس تیہٕنٛز فوج زہ باز بہادُرن ہیوٚکہٕ اَمِس مُقابلہ کرِتھ۔ یہ آو ژٕلان ژٕلان
تہٕ ووت پننِس مُلکس واپس۔ اَتھ منٛز گیہِ اَمِس واریاہ بہادر جرنیل تہٕ سپاہ
اَتھ۔ اَمیُک سُیٚد اَمِس سکھ صدمہ۔ اَمہِ پتہٕ یوٚژھ اَمی زہ میہ گژھہِ دِلس
خوٗشی واتنٕز۔ یہ اوس دوٕہس راتس عائش و عشرتس منٛز آسان۔ سیتارن
ربابن تہٕ باقے سازندرن منٛز اوس دوٕہ نی دوٕہ گُذران۔ اَتھ منٛز کوٚر اَمی اَکِس
زنانہِ سیٚتھہٕ نیتھر۔ اَمِس اوس ناو روٗپ متی۔ یہ اُس ساز تہٕ وایان۔ گیوان
تہٕ شاعِر تہٕ اُس۔ نرٛن تہٕ اوسُس تگان۔ یمو صِفتو علاوہ اوسُس لہٕ کچار تہٕ
حُسن۔ دپان حُسن اوسُس تیٚتھ پکہٕ وِنی لُکھ اَمی رُوزِتھ گژھان۔ ییٚہے کرٕ باز
بہادُرن نیتھر۔ اَمِس اوس روٗپ متی سیٚتھ تیٚتھ محبتھ گومُت زہ اَمِس
ورائے اوسُس نہٕ میوٗنٛڈ تہٕ وسان۔ اکبر بادشاہ ییٚلہِ واریاہ علاقہ زینان زینان
گوٚو کمہٕ تام دوٗنہٕ نس مالوہ چھُ اَکھ ریاست ییٚتہٕ باز بہادُر حکوٗمت کران چھُ۔ اکبرن
بادشاہن سوٗز پننٕ اَکھ سالار اَدہم خان اَمِس سر کرنہٕ۔ باز بہادُرن ییٚلہِ یہ
وُچھ زہ بہٕ نا ہیکہ ژٕ کینٛہہ کرِتھ یہ زوٗل۔ سلطنت رنیہ ادہم خانن۔ اَتہٕ آو
اَمِس واریاہ مال دولت اَتھ۔ یہ گوٚو اَتہٕ مست۔ اَمِس تہٕ پئیہ روٗپ متی پیٹھ نظر

دِل تنبلیوس شیٖنچھو سۆزنَس " وونی گیٖکھ ژٕ ساٮ۪نی " اَمہِ سۆزِس واپَس
شیٖنچھو زٕ یِمَن دِل وُچارٕ آسہٕ گومُت ۔ تیمَن کیا زٕ چھُکھ ناحَق ستاوان ۔ باز
باز بہادر تہٕ گوو تہٕ زندگی ہِندِ پاٮ۪راو پَنٕنیہ پَتھر ۔ دِلہٕ چین تارَن یُس مضراب
دِیہٕ ہا یِیلہِ نہٕ سُے تیلہ کیاہ ؟"

اُدہم خانن سۆزنس پَنٕنیہ شیٖنچھو زٕ یہٕ گوو نہٕ جان تہٕ دوٗ پَنٕنس
فلاٮ۪نی دوہہٕ گرِہ زٕ مےٚ سیٖتھ مُلاقات ۔ یِیلہٕ وونی سمکھنُک دوہ آو ۔ اَمہٕ لاٮ۪گی
نوٕ نوٕ پلو ۔ یِمَن مَژھِن عطر ۔ مَتس مَنز ہٕقاوِن گولاب پوشن تہٕ روٗز
بادشاہی پلنگس پیٹھ پَتھ کُن لرٕ ترٲوِتھ ۔ اُدہم خان آو وَقتہٕ بَرونٛٹھے ہَنا
بیٹھے اوت نَس دوت اُمس تلِمٕ کلہِ پیٹھ ڈیٛڑ یہٕ وُچھن مُمُژ ۔ اَمہٕ اوس
زہر کھیومُت ۔ یہٕ اُس نہٕ یَژھان محبت تہٕ لول پَنٕنِس باگراوُن ۔ اَمہٕ دوٗپ
یِیمہٕ عاشِقہٕ زندگی ہِندِ کھوتہٕ چھےٚ موتیچ تلخی بہتر۔

یہٕ چھُ اَکھ تواریخی واقعہ ۔ اَمہِ کِنہٕ چھِ اَسہِ وَنان زٕ یہٕ آسہٕ
پوز ۔ مگر یِیمہٕ وقتہٕ یہٕ واریاہ دات سپدیومُت آسہٕ تمہٕ وَقتہ کوتاہ زوٗدار آسہے
یہٕ بوزنہٕ یِوان ۔ تیٚکیازِ یوسہٕ اَسہٕ یِیمہٕ بَروٗنٛہہ اَکِس تاریخ دان سٕنٛز مِثال
دِژٕ تمہٕ تلہٕ چھُ ترٲن فِکرِ زٕ تواریخ تہٕ چھِنہٕ کُنہٕ حادِثس یا واقعہَس صحی
پاٮ۪ٹھۍ لیکھِتھ ہیکان۔

وونی دِمہٕ بہٕ بیاکھ مِثال ۔ اَکہِ دوہہٕ گوو مےٚ کنَن یہٕ مصرعہٕ

دِل پھُٹان چھا کُل پھُٹان ژٲس گرٛہِس

بہٕ سینوس اَتھ مصرس ۔ مےٚ تور نہٕ فِکرِ یہٕ چھا کانٛسہِ شاعِرن دوٗ نمُت
رٕکنہٕ لوٗکہ چھُ یانہٕ گوزمُت یا ٹھرمُت ۔ مگر بہٕ گوس حَیران زٕ وُچھتو دِل پھُٹنس

کتھ سیٹھہ چھکھ واتہٕ دِیتمت تہٕ اُتھ کوتاہ ہشر چھُ باسان۔ مہٕ دوپ اکھ قدر

زانہٕ سٕے یِیمس پانس دِل پھُٹمت آسہ یِیمس دُنیہکیو لوکو تہٕ وقتن ژٕکمٕژ زانٛمتو

آسن۔ یِیمس اُزلہٕ لأنٛ ڈٕکہ چھِپن رِکھن پیٹھ تہٕ خندق آسن بناوِہ متھٕ آسن

تہٕ وٕدی وٕدی اَنیو ہیومُت آسِہس۔ یِیتہٕ نُس چھُ تُران اُسہ فکرہ زہ شأیرہ

سُند تخیئل کوتاہ تھوٗد چھُ۔ اُمی کأیناتہٕ طرفات چھ ژھأنڈی متھٕ تہٕ اُتھی لنجہ پیٹھ

چھُس قرار آمُت۔ اُتہٕ نُس چھُ شأیرس سیٹھاہ تھوٗد شرف مگر یِہ سہ حالت دِل

پھُٹِن وِزِہ کأنسہٕ شخصس گژھہ تہٕ یِہ سہ ژھرٕ ژھرٕ ژھرٕٹ تمہٕ سندِس دِلس گژھہ

تہٕ یِہ سہ آواز تھوٚد تمہٕ وقتہٕ نیرہ تتھہ کنہٕ ہیکن شأیرہ سندر لفظ یا بےبس

فنکارہ سندر طریقہٕ رٹنس منز یِنہٕ شتھ۔

ووٚں کرہ ہے کانٛہہ اعتراض زِ ہے شأیر چھُنہٕ نقال آسان۔ سُہ

چھُنہٕ کُنہٕ واقعس ہو بہو بیان کرُن یژھان۔ تکیازِ زندگی ہِندی ییم واقعہٕ آسان

چھ تِم چھ آسان سیٚدی تہٕ سادہ۔ شأیرس چھُ قُدرتن تخیئل تہٕ وجدان دِیتمُت۔

یہٕ چھُ ییمو دوٚیو نعمژو سیٹھہ حقیقتکین سیٚدین تہٕ سادن واقعن تیتھہ کنہٕ گران

شیران تہٕ موختہٕ جُران زِ ییم واقعہٕ چھ اصلی زندگی کھوتہٕ زیادہ حسین تہٕ دلکش

بنان۔ اتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ شأیرس چھُ قُدرتن اکھ برکت آسان دِژمُژ

سُہ گوٚو اُمی سُند تخیئل۔ یِنلہٕ یہٕ تخیئل وُڈٕو کران چھُ۔ اَدہ چھُنہٕ اتھ ہیکان

کُنہٕ پیو پِنٛہ شتھ۔ یہٕ چھ لامکانکو سأیل کران۔ مگر پزر چھُ یہٕ زِ یِنلہٕ شأیر

کانٛہہ واقعہٕ یژھان چھُ بیان کرُن۔ تمس چھُ مدِ نظر زندگی ہُند کانٛہہ تھوٗد واقعہ

آسان۔ یُس اُمی پننہٕ نیو اَچھو سیٹھہ وُچھمُت یا بوٗزمُت یا پوومُت چھُ آسان

یہٕ چھُ یژھان۔ زندگی ہُند کانٛہہ سیٚود واقعہٕ یا حادثہٕ تھدِس واقعس ہیو

بناوُن تہٕ تخیّل تہٕ فنہٕ کہ وٕ تہٕ سیٹھاہ کُنہٕ جایہ رٕبہٕ رٕژھ ہٕن کُنہٕ جایہٕ توہہ پھٕلی ہٕن یا
کیٚتسرٕ پھٕلی ہٕن تہٕ کُنہٕ جایہٕ گاسہٕ کوٚٹ سوٗنبرِتھ اَنُن تہٕ اکھ اول بناوُن۔ یہِ ہے
چھُ اُمی سٕنٛز ہونر۔ ییٚلہٕ اکھ عام انسان اُمی سٕنٛز یہِ ہونر تہٕ حرفت وُچھان چھُ
سُہ چھُ حٲران گژھان۔ یا ییٚلہٕ اکھ شاعِر بیٚیِس شاعرٕ سٕنٛد تھوٚد کمال وُچھان
چھُ سُہ چھُ حٲران گژھان۔ اَتھ اُمی سٕنٛزِ ہونرٕ چھِ یوان تارٕیف کرنہٕ۔
تارٕیف چھِ اَمہٕ کنہِ یوان کرنہٕ تکیازِ یہِ چھُ آسان انسانہٕ سٕنٛز ہونر۔ اُمی سٕنٛد
کمال۔ اَتھ چھُ یوان اَمہٕ کنہِ واہ واہ کرنہٕ زِ اَتھ منٛز چھُ اُمِس انسانہٕ سٕنٛز
محنت تہٕ کسب آسان۔ یہِ محنت تہٕ کسب چھُ اُمِس ییٚلہٕ رٕتھ کھسان ییٚلہٕ
اُمِس ییم شار لیکھنہٕ یا وَننہٕ خٲطرٕ آسن رٲژ راوٕ مٕژٕ۔ اُچھن ہٕنٛد تیل آسیس
دوٗدمُت۔ قوہ دٔرنکین رنگا رنگ تماشن سَننہٕ خٲطرٕ آسنس خبر کٲژاہ گرٕ
راوِمٕژٕ۔ بیٚنہٕ نِس دِلبرس سوٗدرس ووٗنت ژھانڈان ژھانڈان آسہٕ نس
تخیلہٕ چہ نَرٕ زنگہ ژھیٚنِتھ ییمٕژٕ۔

# ایس، ایل، سادھو

پروفیسر ایس، ایل، سادھو۔ زاے سنہٕ : ۱۹۱۷ء
زینہ جاے، ہلہٕ پورہ سرینگر کشمیر۔ چھہ وُنی کیٚس وَرِہٕ
کالجکۍ پرنسپل۔ سائنس لۆکہٕ اَدبس مُتلق چھہٕ یمٚہنز
کتاب "فوک ٹیلز فرام کشمیر" انگریزی ییٚس منز چھپیمٕژ
تہٕ اَتھ پیٚٹھ میوٚل یمن ریاستی اکادمی ہُند ایوارڈ ۱۹۶۵ء
ہس منز۔ کاشرِس منز چھہٕ یمٚہنزٕ زٕہ کتابہٕ چھپیمژٕ۔ اکھ
ڈراما "بیربل" تہٕ دۆیِم سائنس ایجادَن مُتلق اکھ کتاب
ییٚتھ "وُزٕچہ پرِنگ" ناو چھُہ۔ یمہٕ دۆشوٚے کتابہٕ سپزٕ
پَتہٕ مہٕ وَری یہٕ چھاپ۔ ڈراما بیربلس پیٚٹھ چھُہ یمن سائنسی
تحقیق تہٕ کلچرل معاملن "سیٚنٹر وابستہ وزارژ طرفہٕ
ینامہٕ میوٚلمت تہٕ "وُزٕچہ پرِنگس" پیٹھ یونیسکو ادارٕ
طرفہٕ۔

سائنٹفک مضمون

پروفیسر ایس، ایل، سادھو

# انسانن ہنز ترقی

انسانس گوو کمے کال یتھ زمینہ پیٹھ پاتھ میتس۔ انسٲنی تہذیبس آسن نہ وُہہ ساس لچھہ تہ زیادہ ؤری گٲمتۍ۔ اَمہ برونٹھ اُسن نہ سٲری بزرگ ہیکان دِماغس خاص کٲم کٕرِتھ ہیتھ۔ وَنہ چھُ پوان زہ پٕنٕزی چھنہ ہیکان گنزرِتھ دہ یہ ہیور کُن تہ تِمن چھُنہ باسان کانہہ فرق ژٕ دون یا پانژن منز یا اَمہ کھوتہ تہ ہیور ہیور۔ دپان چھِ اگر زہ زٕنی کُنہ باغس منزاژن یتھ پٕنٕزی آسن پھل کھیوان تہ اکھ ژون نیرہ وانس۔ پٕنٕزی چھِ ہیکان سونچتھ زہ بیاکھ چھُ اَتی تہ گژھان چھِ تمن تھوتھ۔ اگر ژور زٕنی ریِن باغس منز زٕہ نیرن وانس تہ زٕہ روزن اتہ ژور۔ پٕنٕزِ ین باسہ اتہ چھُنہ کانہہ کھٹِتھ تہ ہین تِم پھل کھینہ۔ ہیپارہ نیرن تِم زہ زٕنی تہ یا مارن یمن پٕنٕزِ ین یا ژٹنکھ۔

تہذیب ژھانڈان تہ بناوان چھُ انسانن سیٹھاہ زیوٗٹھ سفر کوٚرمُت اَتھ سفرس منز چھِ بڈی بڈی پڑاو۔ تیر کمان بناوٕنی۔ نار زالُن۔ ہگرٕ بناوُن، بیول وَوِتھ فصل وۄدۍ اوُن تہ پتس علم رٕچھنہ باپت اَچھر گرٕنی۔ کُنہ دۄہہ اگر توٚہۍ برٕزٕہ ہوم گژھوٗ یُس شالہ مار پیٹھ ترہ میل دوٗر چھُ، تۄہہ ترٕوِہ فکرہ

پانے زِ اَمیُک مطلب کیاہ گوو۔ گوڈِ گوڈِ اوس انسان اَن ہیچھرے تہٕ اوس
پہاڑَن بڈین بڈین پَلَن تَل۔ پَتہٕ ہیوٚن گوفہٕ بناوُنہٕ۔ اَمہ پَتہٕ ہیوٚتُن نار زالنہٕ بابت
چوٚلہٕ بناوُن۔ سیٚتہٕ سیٚتہ بنیٲوِن چاروایے اَڈُم جَن تِم اوزار یِم تَمہ وقتہٕ
شرا کہٕ تہٕ ٹھنگرِ یچ کٲم دِوان اَسے۔ وُنہِ کین تہٕ چھَ اَتہٕ اَڈی چھ ہنزِ بنے مژ سرِٛشان
اَمہ پَتہٕ ہیٚتھ اَمہ کنہِ اوزار گرنی یِیمکہ نوٚموٗنہٕ تہٕ چھ۔ پَتہٕ ہیوٚچھ اَمہ پیٚین تہٕ
بنے پہٕ کترٕ بانہٕ۔ سیرٕ تہٕ بیٚیہ بیٚیہ چیز۔ اَمہ پَتہٕ آے گرنہٕ دھاتکہ ہَتھیار۔
یِیلہٕ کانٛہہ چیز آسہ بروٚنٛہہ کنہٕ اَسہ چھنہٕ اَمیُک قدر زانان۔ مگر
یِیلہٕ اَسہ خیال کرو تَمہ زمانُک یِیلہٕ نہٕ کتھٕ زانہٕ ہے کانٛہہ تہٕ پَتہ آیہٕ کتھ بناونہٕ۔
یہٕ ایجاد کرنس منٛز کوتاہ کمال ہوو یِمو لوکو؟ یہِ چھُ تیوٚت کمال یوٚت ہوٲیی
جہاز بناونس منٛز ہوو کھ۔ بلکہ تَمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادے۔ کانٛہہ انسان چھُ ہیٚچھان
گمہٕ ڈٕ سَہل کٲم۔ دارٕ دارٕ چھُ مشکل تہٕ پیچدار معاملہ اَنزراوان ینہٕ
عملہٕ تہٕ گاڑٕ جارٕ کنہ ییس رَسہٕ رَسہٕ اَمہ ہندِس دیماغس منٛز چھُ وۄتلان بتھے
پاٹھو ماٹنی تہٕ زِ انسٲنی نسلس اوس ہمیار دہ ساس وَری بروٚنٛٹھ تہٕ سأنی
تَمہ وقتکہ بزرگ زانہان شکار کرِتھ یڑا برنی۔ اَمہ پَتہٕ سپٕز اکھ زبردس ایجاد
یوسہٕ انسانہٕ سندیو ایجادو منٛزٕ چھ سارِوے کھوتہٕ بڑ۔ شہ گوو زراعت۔
اوٚتانی اوس انسان حیوانَن ہُنٛد مانٛز یا جنگلی پھَل کھیوان۔ ووٚنی ہیوٚتُن اَمس
جتہٕ راژ سیٚتہ اکھ نوٚوُے رشتہٕ قایِم گژھن۔ تہٕ اَمہ منٛزٕ ہیوٚت اَمہ پنُن
غذا وۄپداوُن۔
اَمہ بروٚنٛہہ کُن ہیوٚل انسٲنی ذہنس دوٚہہ کھوتہٕ دوٚہہ زیادہ
ووٚنہٕ ژار تہٕ اَمہ ہیٚتھ مکانہٕ بناوِنی۔ کپرٕ وونٕ۔ بانہٕ بنٕ گرنی۔ لَبن شکلہٕ

بناوٕنۍ بیترٕ۔ بٔنِہ یِہ اُچھر ترٕ لوٗگ لیکھ پٔرٕ ہُنٛد کُنۍ۔ اگر اُچھر آسہٕ ہٕن نہٕ آمِتۍ گرنہٕ۔ اِنسان ہیکہِ ہٕن نہٕ زیادٕ علم دیماغَس منٛز رٔچھتھ تہٕ سأنۍ تہذیب آسہٕ ہے سیٹھاہ پَتھ۔ اوٚتانٛ اوس ممکن زِ یِیہٕ سہٕ ترقی انسانَن کرِہٕ۔ سۄ گژھہ ہے مُشتھ حالات بدلنَس پیٹھ۔ مگر یِیلہٕ برٛزٕ وٚتنن پیٹھ کتابہٕ آیہٕ لیکھنہٕ۔ یہِ علم آو رٔچھنہٕ تہٕ پوٚک برونٛہہ پیٚر درپیٚر۔ علمُک گاش روٗد دوہہ پَتہٕ دوہہ ہُران تہٕ ژٕران۔ سۄن، رٕوپھ تہٕ دیار چھ پٔشان دوٚن ترِین پیٚرِن۔ انسأنی نسلِچ دولت چھُ سُہ علم یُس دٕہو ساسو وَرِیو پیٹھ دوت اُسہٕ سمہٕ ژٕراوان تہٕ ورتاوان۔ یِہ علمی دولت پیٚرِہ ساسو بزرگو اُس سمہٕ ژٕرِ مٕنز سمہٕ تہٕ روٗز محفوٗظ تہٕ بٔنیہِ بٔنیہِ ہٕن تہٕ نوٚو بیہِ اُمہِ پیٹھ اگر یِہ دولت آسہٕ ہے نہٕ محفوٗظ روٗزمٕژ۔ پرٛیتھ پیٚرہٕ اوس نۆوٕ سرٕ کھوج کڈُن زِ دادِن کیاہ دوا کروٗ یا کوٚلہِ کیتھ کٔنۍ ترٛاوٚ اپور۔ یِتھ پأٹھۍ چھُ اَکِس اَکھ خیال یِوان تہٕ بیاکھ چھُ اَکھ پوٚچھر دِتھ بٔنیہِ ہٕن برونٛہہ پکناوان۔

یۄہے علمی سرمایہٕ گَو ہُران ہُران ہیٚتِن ہوأیی جہاز بنُن۔ ریڈیو ٹیلی وِجن بنُن تہٕ ایٹمی قوت انسانہٕ سٕنٛزٕ بجأیی تہٕ پأیِرجأیی بابتھ ورتاوٕنۍ یِنۍ۔ انسانَن کٔرِ یِہ ترقی رٔسہٕ رٔسہٕ۔ یِہ کھوٚت ہیُور ہیُور پاوٕ پاوٕ۔ اَتھ منٛز ہیٚژ وارِیہو لگو ژھیپھ۔ وارِیاہو دِیت پنُن پان چھیٚنِہ۔ ہوأیی جہاز تہٕ بٔنیہِ بٔنیہِ چیز بناوٕنُک فخر چھنہٕ اَکِس یا دوٚن نفرن۔ یِہ چھُ ہَتہٕ بٔدِ لُکن۔ یِمو کُنہِ نَتہٕ کُنہِ رٔنگہٕ ترقی ہِنٛز کام برونٛہہ پکناو وِزہٕ وِزہٕ۔ بَلکِ چھُ انسأنی نسلِس اَمیُک فخر۔

ہوٚہَس منٛز وُڈٕو کرنُک شوق چھُ انسانَس اوسمت آدنہٕ پیٹھے۔ یِنہٕ تَمۍ ہیوٚت سوٚنٛچ کرُن تہٕ وُچھن جاناوار وُفان۔ قدیم یوٗنانس اَکھ رِوایت چھ زِ تٔتِکۍ

اَکھ پادشاہن یمِس ناو اوس مناس (MINOS) کرِ زہ ماٗلی پوٗتھر ڈاڈیلس

(DAEDELUS) تہٕ اکارس (ICARUS) بند تھٕکِس زندانس منٛز ییتہٕ

تِمن اوس صرف اسمانے یوت بوزنہٕ یوان۔ دِہان تِمو گونڈ کمبر اَسمانٕز ژٕلنس پیٹھ

موم سیتہٕ ٹھوٗکھ پانس پکھ وانٹھہ تہٕ ژلکھ وُف۔ وُڈان وُڈان کھوتٕو تِم

سیٹھاہ ٹھود تہٕ سرہِیہ کہ تٕژرٕ سیتہٕ وِگلیوکھ موم۔ پکھ گیکھ بتون بیون۔

تہٕ پییہ تِم سمندرس منٛز۔ اَمہ کتھہِ سیتہٕ چھہ زِ مطلب نیران۔ اَکھ یہ زِ انسانن

اوسہ برانٛٹہٕ گژھان وُڈنکھ تہٕ دویم یہ زِ وُڈنہٕ باپتھ اوس نہ کانٛہہ طریقہ دریافت۔

قدیم ہندوستانس منٛز تہٕ چھہ سیٹھاہ کتھہِ اَمہ قسمٕچہ۔ رامائینس منٛز

چھہ راوُن سیتایہ ہنوان زورہ لنکایہ کُن اَکِس وِیمانس یا اسمانٕز جہازس منٛز یِتھ

پُشپک (PUSHPAK) اوس ناو۔ اَمہ پیٹھ دِتی سیتایہ رَسہ رَسہ پننٕو گہنہ تُرِس

دارِتھ تہٕ پیلہ رامن تہٕ لچھمنن وُچھ یِم پتھر پییہ متی، تِمو زون کیاژھ چھہ آمژ

سیتا ہُکنادِنہٕ۔ رامائینس منٛز چھہ وننہٕ آمت زِ ہنومانن تاٗر سمندرس اپور وولھ تہٕ

لنکایہ۔ بیین بیین مُلکن منٛز تہٕ آسن پرٛژھ کتھہ ہاوان انسانٕنی دِرِچھ وولھہ زِ یہ

تہٕ کرِہ ہا وُڈوٗ۔ چونکہ یہ اوسُنہٕ باسان ممکن کینٛہہ وُڈنُن اوس باسان وولھ ہیوٗ زَن۔ وُنہٕ

چھہ وُنان اَسہ طنزن کانٛسہ مینٛگ ترکِس زِ مغز چھس وُڈان۔

ساسہ بدِین ورِیِن آونہٕ کانٛہہ قدم تُلنہٕ یِیمہ سیتی ہوائی وُڈنس

منٛز پکہِ ہا برُونٛہہ پہن انسان۔ اَمیک چھہنہٕ تاجب تہٕ کانٛہہ۔ یکیا زِ یُس ذہنی

ماحول اَکھہ مُدتھ دِیہ ہیے۔ سُہ اوسُنہٕ کُنہٕ مُلکس منٛز۔ توہماتن آو مذہبی رنگ دِنہٕ تہٕ

رُود اَمہ سیتو انسانٕنی دِماغس کنہ گنڈُن کرِتھ۔ اگر کانٛہہ سائنس کین اصولن

پیٹھ کُنہٕ قسمک تجربہ کرِہ ہا، تِمس اَسہ وَنان کافر تہٕ شیطانُن سُند پیرو کار تہٕ

زالان اُسس زِندے۔ برُونوٗہَن (BURNO) وَنیو زِ زمین چھ حرکتھ کران۔ مذہب کیو علمبردارَو کھوٗرُس رَٹِتھ زِ اَمہِ سیتؤ چھُ مذہبَس مخالفت سپدان۔ قاتُلَس منز کوٗرہَس سکھ عذاب تہٕ موٗرُکھ پوٗتُس۔ یَیلہِ دوٗربین بنےیہِ اَتھ دوٗپکھ آلہٕ شیطان۔ یِمو بدتوٗرَ اوسنہٕ ہیکان انسان سائینسی کھوجس کٲنہہ کل کٔرِتھ۔

برُونوٗ شہید گژھنہٕ دوٚہَے ڈاییہ ہَتہٕ وُہرِ تہٕ اُمِس پتہٕ نوٚن کَڈُن وٲلِس زٕصت۔ کھوژان اوس توہینِ مذہبُک بہانہ کٔرِتھ ما مارن یا ہوٚز راوُن رنگہ زِندانس منز۔ کُنوٗہِمہ صدی منز اوس فرانسُک لوئی پاسچر (LOUIS PASTEUR) اَتھ سنیومُت زِ شراب کیازِ چھُ ٹُہٹان۔ تجربہ کٔرِتھ تہٕ سوچان سوچان ووت یہِ اَتھ نتیجس پیٹھ زِ ہوا اَس منز چھ سیٹھاہ زٲولی کیٖمہ آسانہٕ۔ یِمو سیتؤ شرابس کھمبہ چھُ کھسان۔ اُڈرا و متین چیزَن چھُ لاوٕ لگان یا چھ تِم ہیوٚژان۔ تمی کوٚر یتہِ ثابت زِ یِمے کیٖمہ یا جراثیم چھ بیمٲری پھٲلاوان۔ یِمو کتھو سیتؤ لوگ کھوٚلۍ زٕن تِمن خیالاتن۔ یِم پتھ کالہٕ پیٹھ اُسکھ مٲنی یِتہٕ زٲنی رٕتہٕ۔ یِمن منز اُسی مذہبی رنگس منز توہمات تہٕ۔ مثلَن گُکن اُس پٔرِتھ زِ پرٛیتھ کٲنہہ چیز چھُ ہیوٚومُت خودا صابن۔ تمی سٕنزِ مرضی وراٲے چھنہٕ پنہٕ برگس تہٕ حرکتھ گژھان۔ اَتھ اُسی وَنان پانی پانے وۄپدا [۱] یَیتھمیکِس مطلب گوٚو زِ خودا صابنہٕ مرضی وراٲے اَو نہٕ بٲتیہ کانہہ مادی ذٔرہ یِمن چیزَن وۄپداوُنس منز بکار۔ پاسچرَن کوٚر تجربو سیتؤ ثابت زِ اگر جراثیم پننہِ کٲم کرن تہٕ قدرتکو سیٹھاہ کار روزن اَڈہ لیکرٕ۔ ژھوٚٹمین لفظن منز کوٚر اَمی تردید پانے پانہٕ وۄپدا گژھنہٕ ہندس عالمس۔ اَمہِ تلہٕ آو یتہٕ مطلب

۱۔ SPONTANEOUS GENERATION OF LIFE

ژادرِ زِ جاندارَن تہٕ گُلین کتھن ہُند نوٚو راوُن چھُ سیٹھاہس حدس تام اختیارِی عمل۔ مذہب کیو اماموٚ تُل سیٹھاہ شور تہٕ کرِکھ پاسچرس سخ مخالفت اگہ لیوٗزٕ پتہٕ آسہ ہے کانہہ سُہ پھیرِ ہے یوت مگر اُمی کرُ مخالفت تہٕ پوٚز پُنزٕ روٗن۔

سائنسس چھُ ہاوان اُسہ سعہ وُکھ۔ پیارِی پکنہٕ سیتہٕ سیتہٕ ہیکو کائیناتچ زان وارٕ پاٹھۍ کرِتھ۔ ساٚنۍ توہمات تہٕ روایتی خیالات لابدی ییتھ پیتھ تِمو کھوٚٹکہ سائینسی اصوٗلن سیتۍ۔ تنۍ پتھ گوو تِمن زٕعن مگر مذہبک رائچ دائرِ تھ کرِ یمو رُکاوٹ علم تہٕ سائنسچہ ترقی۔ بے شُمار آسہ ہٲن تِتھۍ توٗکہ یم سائنس کین اصوٗلن پیٹھ تجربہ کرِتھ کرِتھ پُزٕ رچ زان کرِہاو ہن دُنیہس مگر تِہندِس دیماغس پیٹھ روٗد فرسوٗدہ خیالاتن ہُند گٹہ زوٗل تہٕ دِلس منٛز مذہب کین اماموٗن ہُند بیم۔ لہذا ہیچ نہٕ سائینس تیوٗت جلد ترقی کرِتھ ییوٗت یہٕ کرِہ ہے۔ چارلس ڈارونن (CHARLES DARWIN) ییمہ وزِہ ثابت کوٚر زِ لوکٹو کیمو پیٹھ چھِ دارِ وارِ بٔڈۍ بٔڈۍ جاندار بنے متۍ تہٕ اُتھ ہیرِ منٛز چھِ اکہ مُنزِل گاڈِ ہند۔ یمیہ واریاہ منٛزِ نژاوِتھ چھُ بیاکھ پننِس شند۔ تہٕ امہ پتہ چھُ انسانہ سُند ارتقار سپدمُت۔ امہ وزِ نہٕ دوٚلتھ بٔڈِ ہے مذہب کِس ناوس پیٹھ۔ مگر وُگہ وارکو پاٹھۍ سعہ تنیہ یہ مخالفت تہٕ پزر سپُد تسلیم۔

یتھس ماحولس منٛز اگر کانٛسہ پزرک کھوج کڈان کرِ تجربہ تمن چھُ شاباش۔ ہواہس منٛز دُپہ تُلناوکس علمس منٛز چھُ یوان گوڈنیتھ راجر بیکن (ROGER BACON) سُند ناو۔ اُمس انگریز کیمیاگرس اُسی

وَنان رٕتھ جانٛورٕ پیٚر یمَن تہٕ اُمو سٕنٛزٕ کامہٕ ہُند کانٛہہ اندازٕ اوس ۔ تجربٕ ٹلہٕ توٚر
اُمِس نِکیہٕ زٕ یوٚدوٕے بَستَن منٛز ییہِ وُشُن ہوا بَرنہٕ ییمہٕ بَستہٕ چھ پانے تھوٚد
کھسان ۔ اَمہٕ پتہٕ وَری ہَتھ جوراہ گٔژھتھ ووٚتھ اِٹلی منٛز اَکھ مشہوٗر اِنسان
یَمِس لیونارڈو ڈاونچی (LEONARDO DA VINCHI) اوس ناو ۔ یہ اوس
عٲلِم تہٕ گوٚنہٕ مانہہ تہٕ اُمی سٕندِ اَتھکی تصویر تہٕ بُت چھ لافٲنی ۔ اُمِس آو خیال
زِ اگر انسانس آسُن جانٛورَن ہِندی پأٹھی پَکھ پتہٕ ہیکہ ہوا اُکس منٛز نٕرٕتھ
پھیرِتھ ۔ دٔپان اُمو بنأوی یِمَن پَکھَن ہِندی نقشہٕ تہٕ بناوِن رٕتھی ۔ اَما پوٚز
ہوا اُکس منٛز کھٔسِتھ وُڈُو کرنس تام اُسو وُنہٕ ہَتہٕ بَدی وَری کڑٕنی ۔

راجر بیکنن یُس تجربہ کوٚر تمیُک اصوٗل اوس زِ ہوا اُکس منٛز ہیکہ
تی کھٔسِتھ یہٕ ہوا کھوٚتہٕ لوٗت آسہِ ۔ مگر کانٛہہ جانٛدار چھ بَڈی تہٕ گوٚبی تہٕ
توٚتہٕ چھ ہٕکان تہم وُڈِتھ ۔ گالیلو زون زِ لوٗت آسہِ نَے یوٗت چھُنہٕ وُڈِتھ ہٕکٕ
سٕرٕ ۔ لیونارڈو ڈاونچی تہٕ اوس اَمی خیالُک ۔ بُروٗنٛہہ بُروٗنٛہہ کُنُ ییم تجربہ آے کرنہٕ
تِمَن منٛز روٗدی ییم دوٚشوٕے اصوٗل نظرِ تَل ۔

[ "وُڑُھ پرنگ" کتابہٕ منٛزٕ ]

# کأشرِ اخبارٕ تہٕ بلٹنٕ منزٕ

(۲۶ اکتوبر ۱۹۴۷ء پیٹھ وُنیکِس تام ڈٲرا پہٕ)

## وطن

اَمہِ کأشرِ اخبارُک گوڈنیُک پرچہ آو ۵ اپریل ۱۹۶۵ عیسوی دوہ یہٕ مارکس منز۔ پرنٹر، پبلشر تہٕ ایڈیٹر چھہ غلام نبی خیال۔ یہ چھُ ہفتہ وار نیران۔

## چمن

فیلڈ سروے محکمُک یہ "بُلیٹن" اوس "فوک کشیر پبلی کیشنز سرینگرہ" ذٔریعہ نیران۔ گمہ ڈُہ اوس یہ خبر نامہ پنچھ وارٕ نیران۔ پتہ ہفتہ وارٕ۔ اَمیُک گوڈنیُک پرچہ آو ۱۶ اگست ۱۹۶۵ عیسوی یَس منز مارکس منز۔ ایڈیٹر اوس اختر محی الدین تہٕ کأتب تہٕ اسسٹنٹ ایڈیٹر الحاج فاضل کشمیری۔ یہ بُلیٹن روٗد اَکہِ پٔتہٕ یوٚہے وٲریس کھنڈس زِندٕ۔

# "گاش"

محکمہ سوشل ایجوکیشن سرینگرُک ترجمان۔ پرنٹر پبلشر دینا ناتھ نادمؔ۔ ایڈیٹر (۱) رشید نازکیؔ (۲) محمد یاسین منظرؔ (۳) پرتھوی ناتھ کول سائلؔ۔ اَمیُک گوڈنیُک پرچہ دژاو جنوری ۱۹۶۷ عیسوی ہس منز۔ یہ چھُ ہفتہ وارِ نیران۔

•

# (۱) کاشُر اخبار کیازِ ؟

کأشُر زبان چھہ کأشرِ قومہِ وۄجوُدُک اکھ لأکارہ ثبوت۔

سون قوم تمدنی رنگہ بُرونٛہہ پکناونس منز یُس حصہ اَسہ زبأنۍ ادا چھُ کوٚرمُت

تمتھ چھہ توأریخ گواہ۔ بدقسمتی کِنہِ اگرچہ یہ زبان پتمو ۵۰۰ ہو وری یو پیٹھ

سیأسی حأدثن ہنٛز شکار روٗز سپدان تہِ اَز تہِ چھہ بےکسی ہنٛدِس

حالس منز پےمرُت، مگر یہ چھہ قوتہِ زِندہ تکیازِ اَتھ منز چھُ زندہ روزنُک

تہ ترقی کرنُک قوٗت موجوٗد۔ نتہ چھہ تأریخی انقلابن سیٚتہ سیٚتہ رتہ زبانہ تہ

مران ییمن تہ باقے روز نیچ سکت چھہ آسان۔ کشیر اُس ہتہ وین وٕری یِن

غلام مگر کأشُر زبان ہیٚچ نہ محکومی ہندِ غلیچ شکار سپدتھ۔ تمہ ساتہ تہ

روٗز یہ زبان زندگی تہ موتس درمیان پنُن دم کڈان۔ زندگیہ لب فتح تہ ساننی

زبان روٗز موجوٗد۔ پننین کأشرین ہندِ کھأترہ۔ تمن کُن وُچھان تہِ تہنٛزہ

دلبری ہنٛد ارمان کران۔

اَز تہِ چھہ یہ سأنۍ ذمہ وأری زہ اَسی کرَو اَتھ خدمتھ تہ واتناوون

عروجس۔ یہ چھُ سون قومی فرض تکیازِ کانٛہہ قوم ہیکہِ نہ توتام مُہذب بنتھ

یوتام نہ پننیچ زبان پاپرجا تہ پھولان آسہ۔ ہرکانٛہہ شُرچھُ کأشرِ قومُک اکھ

ہیچھ ژھنہ تواریخ تہ قوم سورُے اَتھ مُشراوِ تیلہ ۔ مُشراو زبان پننہ اگر تُہٕ ۔ وِد

عظیم جُرم زانِتھ مُعاف کران۔

[ اڈیٹوریل ۔ ۵ ، اپریل ۱۹۶۵ء ]

# سوشل ایجوکیشن

کاشُر زَبان چھُ کشیرِ ہِندین لُکن ہِنز مادری زَبان۔ مگر اَز تام یِہ پیٹھ چھُ یہِ زَبان مختلف حکمرانو کِنہ معہ بُجہ کرنہٕ۔ یِمو زَن کاشرین لُکن ہِندی صالح جذبات کُلو گژھن تہٕ یِمو زَن یِمہٕ قومُچ جینیس ہرہمیشہ پامال روزٕ۔ مگر حکمرانن تہٕ رجعت پرستن ہِندِ دباوٕ باوجود روزٕ یہِ زَبان زِندہ تہٕ اَتھ منز سپدی وِزٕ وِزٕ ٹھۆدٕ پایہٕ گۄنہٕ ماتھ تہٕ شاعر پادٕ۔ ہمو پننہ کلامہٕ سیتۍ کاشرین ہِنزِ فکرِ پیٹھ اَکہ رُت تہٕ جان اثر ترٛوو۔ چنانچہ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ روۆدی اولہٕ پیٹھے ملزارک تہٕ بائے بند تِک سبق دِوان۔ حبہ خوتونہِ تہٕ ارنہِ مالہِ دِتی بییہ چُن زنانن ہِنزِ سماجی ابتری ہِندی ویداکھ۔ محمود گامین تہٕ خصوصیتہٕ سان رسُل میرن دِیت سانہِ لولہٕ مَزہٕ جوانی خوش پوشن ہِلکہ گلابی رنگ۔ مہجورٕ صابن تہٕ آزاد مرحومن دِیت سانہِ آزادی ہِنزِ تحریکہِ بجرٕ تہٕ ٹھَزر۔

کاشُر زبان چھُ سیکیولر خیالن ہِنز حامل۔ اَتھ منز بولن وایلس پیٹھ انسانس چھ زِہ کہتھ وراثت— تنگ نظری خلاف نفرت تہٕ صالح قدرن حمایت۔ چنانچہ پرٛیتھ کانٛہہ کاشُر چھُ یمے تہٕ یِتھی رِتی خیال ہاوتھ

مستقبلس کُن حوصلہ سان پکان۔

یژھ زبانٕ منز تعلیم دِنۍ چھُ اَمہ کنہٕ کینژ تہٕ اہم زِ سانہٕ خاطرٕ
گژھ محض اَکھ اندر علم لبُن آسان۔ یوت کال کانٛہہ انسان نوٚ زبان ہیچھنس
پیٚٹھ وقت خرچ کرِ تیوٚت کالٕ ہیکہِ پننہِ زبانٕ منز سیٹھاہ نوٚ کینژھ ہیچھِت
تہٕ علم زانِتھ سیٖتۍ چھُ نظرٕ زیادٕ وسعت بنان۔

سانہِ حکومتن کوٚر فٲصلہ زِ کشیرِ ہندِ ترِم بالیغ انسان یمو نہٕ
علم پٔرِتھ ہیوٚکمُت چھُ، تم گژھن عِلمہ کِ نورٕ سیٖتۍ منوّر سپدنۍ۔ یتہٕ سپد
فٲصلہ زِ تٲلیم ییہِ کٲشرِ زبانٕ منز دِنہٕ۔ یہ چھُ مبارکس لایق کتھ۔ اَمہ سیٖتۍ
سپدِ بلکُل کم وقتس منز بے علمی ہند گٹہٕ زوٚال ختم تہٕ علمک گاش پھٲلہِ۔
اَمہ علاوہ میلہِ کٲشرِ زبانٕ تٲریخس منز گوڈنیچ لٹہٕ سُہ مقام یُس اَتھ اَتھ
موٚرِتھ زنہٕ آمُت اوس۔ سانہِ حکومتہ کہِ اَمہ فٲصلہ سیٖتۍ بدلہِ سانین لوکن ہٕنز
کائنات واریاہ، توہمات تہٕ فضوٗل رواج گژھن ختم۔ ییم وزِ وزِ خودغرضی
مفاد بتھاوَن والیو یادٕ چھِ کرنہٕ میتۍ۔

سانہِ حکومتُک یہ فٲصلہ چھُ اکھ تٲریخی فٲصلہ۔ تہٕ آیندہ
تٲریخ لیکھن وول ییتہٕ یمہ حکومتکۍ واریاہ کارنامہ گنزراوِ۔ تتہٕ سپدِ یہ
فٲصلہ تہٕ عظیم کارنامن ہندِس شمارس منز شٲمِل۔

حکومتن چھ یہ سکیم عملہ منز اَننہٕ خاطرٕ اکھ محکمہ تشکیل دِژمُت۔
یتھ سوشل ایجوکیشن ڈیپارٹمنٹ وَنان چھِ۔ اَتھ محکمس تحت ییٚن مختلف علاقن
منز یونٹ قایم کرنہٕ تہٕ یمن یونٹن منز ییہِ بالغن تٲلیم دِنُک انتظام کرنہٕ۔ وومید
چھ زِ یمن یونٹن اندر یکھہٕ روزن وٲلۍ لوکھ کرن تٲلیم حاصل کرنہٕ چہٕ نیٚر

حسب پروگرام شمولیت۔

یَتھ پَتھ چھُ یہِ کتھ وَننۍ لایق زِ ریاستی حکومت چھِ اَمہِ پیٹھ منٛز درج ساریٖنی زبانیٖن ہنٛزِ ترقی ہنٛدِ جتن کران۔ چنانچہ جموں علاقس منٛز پیٚیہِ ڈوگری زبانۍ منٛز تالیٖم دِنُک بندوبست کرنہٕ۔

اَمہِ علاوہ چھُ یِمن زبانیٖن ترقی دِنہٕ خاطرٕ کائم ریاستی کلچرل اکادمی تہٕ کران۔ تہٕ وۄمید چھےٚ زِ یِمن ترٕ پیٚھٕنِس محکمَن ہنٛدِ اشتراکہٕ سیٖتۍ ریاستس اندر ثقافتی تحریک سیٚٹھاہ پوٚچھر!

[ "چمن" ۱۶ اگست ۱۹۶۵ء ]

●

# باپو — انسانیتُک شہید

ہفتہ وار "گاش" مُنٛزہ

نیکی تہٕ بدی چھہٕ اَزلے اَکھ اَکِس ٹھٕلہٕ۔ پرٛیتھ ابراہیمس چھُ
بُتھہِ نمرُود۔ پرٛیتھ کرشنس چھُ کنس۔ پرٛیتھ موٗسس چھُ فرعون تہٕ پرٛیتھ رامس
چھُ راون۔ نیکی ہٕنز وَتھ چھےٚ سیٹھاہ گُنٛڈ تہٕ سیٹھاہ سخ۔ مگر اَمہِ وَتہِ پکَن
والین چھےٚ سکوٗنچ تہٕ سنتوشچ سُہ دولت حاصِل یُس سورُے دُنیاہ کِنِتھ تہٕ
مولہٕ نیِتھ ہیٚکہٕ نہٕ۔ اُصوٗل چھُ اَکِس اُصوٗل پرستس زِندگی ہُند بوٚڈ سرمایہٕ۔
تہٕ اگر تس یہِ سرمایہٕ اَتھہٕ گژھہِ نہٕ چھےٚ زِندگی فضوٗل زانان۔

باپوٗ چھُ ساٲنہِ مِلتہِ ژاٲنِج تہٕ سیکولرازمُچ بٔڈ بارٕ علامتھ۔ باپوٗ
چھُ بذاتِ خود اَکھ عہد۔ اَکھ صدی۔ یُس سایِنس تاریخس مَنٛز بٔڈ نوٗرٕ مثالی
چھُ۔ زِندگی ہُند کانٛہہ گوشہٕ چھُنہٕ یُتھ نہٕ باپوٗ جیٚنی نوٗر بخشُن۔ سیاستُک یہِ بابہٕ
آدم چھُ ساٲنہِ تمدنی زندگی ہُند رازہٕ۔ ساٲنہِ تٲلیمی نظامُک آگُر تہٕ ساٲنہِ تہذیبُک
تہٕ مذہبی زندگی ہُند راچھدر۔ ۳۰ہمہِ جنوری چھُ باپوٗ جیُن یومِ شہادتھ یوان
مناونہٕ۔ اَمی دوہہٕ گو وُشہ پزرُک پاسبان تہٕ کُنِرُک راچھدر تہٕ اہنسایُک
پُجٲری تشدُدُک شکار۔ تہٕ شہادتُک پیالہٕ روٗٹُن نالہٕ مَتہٕ۔

باپوٗ سٕنٛز شہادت چھےٚ ساٲنہِ کُنِرچَن تہٕ پزرچَن قدرَن ہٕنٛز

رٲچھو در۔ تِمو کوٚر پٮ۪ٹھ نوٚو انسانٮ۪یتکِس تہذیبی معیارن نشار تہٕ یِم معیار قٲیِم تھاوٕنۍ تہٕ برٛونٛہہ پکناوٕنۍ چھُ سون فرض۔ گاندھی جیٚون آدرش چھُ سون میراث۔ اَمہِ چھہ تیٚلی وارِث در ہیٚیلہٕ پزٕرُک تہٕ پانیارُک یہ آگرہ سانِین پراون تہٕ خیالن ہُنٛد مرکز روزِہ۔

یِخلاص، برادری، میلہٕ ژار، پزر، عدم تشدد تہٕ انسانٮ۪یتُک پرٛژر کانٛچھُن چھُ سانہِ زندگی ہُنٛد کنٛ مقصد تہٕ یہ مقصد پراوُن چھُ باپوٗ جیٚس سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ خراج۔

[ 'نگاش'، ۶ فروری ۱۹۶۷ء ]

